# مٲج

دوٚن حِصَن منز اکھ ناول

کارخانیچ سیٹی ٲسۍ دہ ہیتھ مۆزدوٗرن ہٕنٛزٕ بستی ہندِس
ہیٚیرِ کنہٕ گٔژھِس باچھرِ لدٕ تہٕ تکریٖس فرینہ ہٕنٛس منٛز تھٕکتھ رارٕے کٔرِتھ دہ ٹلان۔
تہٕ اَتھ آلوٗسس لبیک کٔرِتھ بایتھ ٲسۍ دہ دہ ٲسۍ تہٕ بیزار اِنسان زوٗ
بخشن واجنہِ ہندرِ منٛزٕ بروٗنٛہہ ٹھۆکھ دہ ٹھان تہٕ پَتہٕ نیوٗ لوکچوٗ لوکچوٗ
میٚنٛژٕ پہرٕ مٕنزٕ کھوٗژۍ میتین کیٚمین کریڈن ہندۍ پاٹھۍ نیران۔ ژٕنِس تہٕ
گٔگلس فرینہ ہٕنٛس منٛز ٲسۍ تمہ کچہ وَنہٕ بیٚنٛٹھو تمہ کارخانہٕ چھَن ہتھرَن کنہٕ کوٗٹھرن
کُن گژھان۔ یُس کارخانہ زن تہٕ اکِہ ہٕندرٕ تہٕ خوٗشک خوٗد اعتقٲدی سان
تمن پٕراران اوس۔ تہٕ یُس زن پنہ نیو درجن واد روغنی چشمہٕ سیتھ
سٹرکِہ گاشہٕ ناوان اوس۔ تِہندین کھورَن تَل ٲسۍ رَب پرژھ چرچھ کران۔
تم ٲسۍ بیگریو ہٹھو تہٕ نندرِ ہرژہ آوازہ کرٕ یکہ دِوان۔ تہٕ نٕنٛنی نٕنٛنی ناسزاہ
پٔرۍ پٔرۍ فرینہ ہٕنٛس ژٔرٹت نوان۔ اَتھی سیتی آسہ تِہندین کنَن بٕیہ تہٕ
آوازِ گژھان۔ مشینن ہند کھرٕ وُن گیس گیس تہٕ سٹیمکٕ شی شی
زیچھ کرہٕ ہنہٕ چمنہٕ آسہ موٹین گیلن ہندۍ پاٹھۍ اکِہ ہیبت ناکھ اندازٕ

بٔستی پیٚٹھ الانٛزٕ گامٕژٕ ۔

شامہ ژھنبرِن یٔلہِ لوسہٕ وٚن آکھتابہٕ مکانَن ہٕنٛزَن دارِن منٛز لوسہٕ مژِہ ژھاپہٕ اوس وُچھان ۔ کارخانہ اوس گُلکن پَتہ نیو کنہ دوہ تہٕ خانوَ منٛزٕ یہِ ذٕپی زِہ تہٕ ڈرمہ کھ دِلتہ نبر کڈان ۔ زَن تہٕ تِم محض لَرٛژھ تہٕ ژھوٚہہ ٲسی ۔ تہٕ تِم گَکھ ٲسی بیٚیِہ اَکِہ لَیٚڑ سرٛکن پیٚٹھ واتان ۔ تِہِلہ سیٚتھو تَرِک گامٕتو ، ماچھری دار تہٕ کرٛہٕ ہٲرِ بُجھتھو کرٕی کرٕی ۔ تہنٛدی بوچھ ہٮ۪تھ دنداٰ ٲسی پرٛیزلان ۔ تہٕ تہندیو بدَنوَ منٛزٕ ٲس تیلچ دوہ ماد ہش نیران ۔ دوہ نی آسہٕ تہٕنٛزٕ کرٛیکہٕ زیادَے ٹھنٛڈٕ ، جوشہ ہٲرٕژٕ بٔلکہِ خوشی ہنٛز باوَت ہٲیتھ تہٕ آسان ۔ بیٚیِہ اَکِہ ڈٕ ہیچ کام واٲژ اَنٛد ۔ گرٕ آسہٕ کھیٚن چیٚن تہٕ آرام تِہِمَن پٕژاران ۔

کارخانَن نیٚنگلو دوہ ۔ تِمہ چھِ مشینو بیٚیِہ پَتہ نہِ ضروَرَتہ موٲجوَب موزوٗرَن ہٕنٛزٕ محنتھ ژٕہت ۔ اَکھ موموٗلی نشانہ پتھ تراوِتہٕ وراٲی مہٕ کلیوو دوہ ۔ تہٕ انسانَن کوٚڈ بیٚاکھ اَکھ قدم پَتہ نہِ قبرِ کُن ۔ مگر دوہ نی اوس سُو آرام دِنہٕ واٲلِس تہٕ دِرہمودار شوٚغلَس آشہ ہیٚوت پٕژاران ۔ تہٕ قیٚس اوس قرار ۔

آتھوارِہ تہٕ بیٚیِہ چھُٹی ہندِن دوہَن ٲسی موزوٗر صُبحہ جَن دٲمَن بجَن تانی شونگان ۔ تہٕ پَتہ ٲسی بایزت تہٕ کھاندرٕ دژاوِی گکھ بیٚنِھو سارہٕ وِرے کھوتہٕ زبرَ بلوَ لاٲگِتھ یَبادَ لتہ کرِنہِ گرٛژھان ۔ تہٕ تِم ٲسی مذہبہٕ نِشِس بے پرواہ آسہٕ نَس پیٚٹھ نوجوانَن لان تان کران ۔ یَبادَ لتہ کرِتھ ٲسی تِم

گرٕ یوان۔ پیرٕدگی° کھیوان۔ تہٕ بٮ۪یہِ اکہٕ پھرٕ دٕہ ہیٚو لوسہٕ نس نام شونگان۔

وٕرۍ یہِ وادٕن ہندۍ تھکنن اَس یِمَن بہٕ چھےٚ کأژ جِمرٕ۔ اوَے اٚسۍ نِم شٕراب چیٚتھ بہٕ چھ وُنتِس دِ رنیچ کوشش کران تہٕ ودٕ دکایہِ° ہندۍ ژِٹنہٕ دٕسن وألی کھأسۍ چیٚنۍ چیٚنۍ پنہٕ نِمن میادٕن گیتہٕ رگیوٚر تُلان۔

شامنس بأگ اٚسۍ نِم ہواہ چیٚنہٕ باپتھ سرٕکن پیٚٹھ نیران یِمَن ربڑٕوۍ بوٚٹھ اٚسۍ۔ یِم اٚسۍ تیٚمے لاگان۔ اَدٕ وٚلتھ کونہٕ آسہٕ ہے ہوٚچھ تہٕ۔ تہٕ یِمَن چھٹرٕ آسہٕ نِم اٚسۍ تیٚمے ہیٚتھ نیران۔ اَدٕ نبہٕ دوٚرُے کونہٕ آسہٕ ہے۔

دوستن سٕمکھنہٕ وِزٕ اٚسۍ تِم اَموب کارخانیچ، مشینن ہنٛز تہٕ پننہٕ نس فورمینہٕ سٕنزِ کتھ کران۔ تہٕ تِہُنس گیٚنہٕ چیزس پیٚٹھ اٚسۍ تہٕ کتھ باتھ کران۔ یِمیکہٕ واٚلٹھ تہٕ تِہندِس کامہِ کارس سیٖتۍ آسہِ ہیٚ مُنزٕ مُنزٕکہ آسہٕ ڈٕلمل یقین تہٕ گٹٕھن خیالَن ہنٛزِ ہورٕ یور چھکہ رٕنہٕ آمرٕژ ننبہٕ رِتہٕنزٕ زندگی ہنٛزٕ سادٕ روٚس تہٕ بیرنگ یکأژی ہیتَس منٛز ٹھٕکہٕ ماران۔ مرد یٕیلہِ گرٕ ییہٕ ہیین۔ رتم اٚسۍ پننِمن زنانن سیٖتۍ ژُوان۔ تہٕ زیادہ تر اٚسۍ رِتمَن چوب دِوان۔ نوجوان اٚسۍ شٕراب خانَن منٛز

---

° پیرٕدگی۔ اکھ روٗسی سموسہ یتھ منٛز ماز، ترکاری یا موٚ ربٕ برٕتھ چھ آسان۔

° ودٕدکا۔ اکھ تیز روٗسی شٕراب۔

یا دوستن نِشہ گژھان۔ یِتہٕ تٕم اکورڈین دایان غلیظ تہٕ بچھ بأہتھ گیوان، نژان، لیکہ ژاران تہٕ بدمس گژھان آسی۔ کٔڈر ہچھنتھ کرنہٕ کنہٕ آسی تٕم ژھینتھ آسان ہیمہٕ۔ اوہ کنہٕ اوس یِمَن شعورا یکُے نشہٕ زیری کھسان۔ تہٕ اکھ وٕیکھیش تہٕ فکرٕ نہ تِمن واجنہٕ بینز آرتھ تہٕ ژرنی ہش یہِندین وَچھَن منز دگ ہش وۄتہٕ تلاوان۔ تہٕ یِہ دگ آس وَچھہ منزٕ نیرِ نیچ دَلہٕ ژھاران۔ اَوَے آسہٕ تٕم احساس ڈٕنجہ تھاونہٕ کانہہ لمہ کنہٕ کھسنہٕ لوکٕٹ وز تہٕ اکھ دِوان گژھنہٕ۔ تہٕ یِہے اشتہال کھیتھ آسی اکھ اکس ہیٹھ پوشہ کرٕوٕدہ سان حملہ کران۔ امیکُے پھل اوس خوٗن ریزی ہنزٕ شکلِ نیران۔ تہٕ باقٕے آسہٕ یِمہ لڑایہ وُلہٕ زخمن تہٕ چھوکن ہیٹھ اندٕ واتان۔ تہٕ باقٕے مار گژھنس ہیٹھ تہٕ۔

یِہنزٕ پانہٕ وأنی زائنی اوس سوٗن سوٗن بیہ غصن تہٕ دُشمنی ہندِ احساس ھانڈ تھوٗمت دِتھ۔ تہٕ یِہ احساس اوس تِتھے پردن ہیٹھ زِن یِہندٕ بدنہٕ کہ تانہٕ تاکُے بیٚہ یلاج نکھٕن اوس۔ لکھ آسی پنہٕ ہین رُحَن ہنہ یِہ دود ہیٹھ تھنہٕ پیوان۔ یِہ دود اوس تِمَن مألی میراث تران۔ تہٕ یِہ اوس مرن دمس تام اکہ انہٕ گنہٕ ژھایہ ہندی بأگتھ تِمَن سیتی روزان۔ امہ کنہٕ آسی تِم ژرتھہ حرکتھ کران۔ یِمہ زن پنہٕ نہٕ وُچھانہٕ بے رحمی کنہٕ سیٹھاہ نفرتس لایق باسان آسہٕ۔

---

۵ اکورڈین - اکھ مغربی ساز

آٹھوارِ دوہ آسی نوجوان سیٹھاہ ژیرِ گرِ یوان۔ ژعینہٕ
زَتہٕ پلو، کھورن شوٗرہ میٚنژٕ تہٕ کَنژھ وُلِتھ، رَبہٕ بَرِتھ، اَچھ ہیٚنہٕ کَرِتھ
نستہٕ کِنۍ رَٹِتھ وَسان۔ کُنہِ وِزِ آسہٕ نِم شِشترٕ زٔت سان ہٕتھ ژھوٚکِتھ وَنان
زِ تہمو ہیوٚو پنہٕ نِیِن دوستن مَزِ۔ تہٕ کُنہِ وِزِ آسہٕ ہَتک سپدنہٕ کِنۍ
دِل ملولہٕ، گَتہٕ میتہٕ یا اوٗش ہاران یوان۔ تِم آسہٕ نَشس منز ختم
گامتۍ، افسوس ناک، رحمس تہٕ نفرتس لایخ بنیمتۍ آسان۔ اکثر مالی
ماج آسہٕ پننہٕ نِین نیٚچو وِین کُنہِ دوہ سیٚہ ژھاپہٕ، یا شعراب خانہٕ کِس فرشس
پیٹھ بدمس گامتۍ ژُلان۔ اَتھ حرکژ پیٹھ آسہٕ تِمن پنٕنۍ زِٹھۍ سیٹھاہ
بدرد وَنان۔ شعرابہٕ سیٹھا ہرسہٕ متین تہندین بدنن آسہٕ زبردستۍ
چوب دِوان۔ اما پوٚز یہ اوس گنٕجنن تانی اوت۔ تکیا زِ کارخانچہ سیٹھی
منز کُنہِ یلہٕ نیہہ گٹہٕ ہندِس وَحشس اَکہِ سیاہ دارٕ ہندِ پاٹھۍ ژهان
ژهان اندر آس وَسان۔ تِم آسہٕ ولی ولی وزہٕ ناوِنہٕ یوان۔

یِتھہٕ کِنۍ آسہٕ یِم لُکھ پننہٕ نِین شُرین بند روۍ سان شکلہٕ کران
تہٕ نوٗز بزان۔ مگر نوجوانن منز لڑآسی تہٕ یِہُند شعراب چوٚن اوس
اَکہِ بزرگی پاٹھۍ تسلیم آمُت کرنہٕ۔ یِکلہِ مالی جوان آسہٕ۔ تِم تہٕ آسہٕ
لڑایہٕ ژُوان تہٕ بدمس سپدان۔ تہٕ تہندۍ مالی ماجہٕ نہٕ آسہٕ تمن یِتھہٕ کِنۍ
شکلہٕ کران۔ زندگی اوس دوہ ہیٚتھ گُتھۍ وطیرہ رٔودمُت۔ سو آس
وَرِیہٕ وادو پیٹھ یِتھہٕ کِنۍ اَکہِ گرٕژہٕ تُرٕٹھۍ پاٹھۍ وَسان۔ سوٗرت سوٗرت

تہٕ کُنی ناتہٕ نانہٕ۔ تہٕ دٕہ ہیٚے وہ ہیٚے تِمے ہیٚشے، بیٚیہِ رنگ کھٕتیٕر سہ تُچینگ
تہٕ کرٕ نکھہ عادتھ۔ یِمیکو مۆل سیٚٹھاہ شُنز تہٕ دٔری آسو، اوس سارِنی
چیزَن مضبوٗطی سان اَکِ بیٚیہِ ٹھکِ لیٚس گنٛڈِتھ تھوان۔ تہٕ کانٛسہ اندر
اوس نہٕ زانہہ تہٕ بیٚیہِ اَتار دٕوہٕ تلان۔ زٕہ کنہٕ تٔریچ کانٛہہ تبدیلی کرٕہ ہیٚے
پاگٕرِ ہ۔

باقی آسی بیٚین علاقَن ہندکی نٔوی لُکھ کارخانن بستی
منٛزٕ روزٕنہ باپتھ یِوان۔ گوڈٕہ گوڈٕہ آسی تِم تھٕکھ پینہٕ تہٕ نو آو آسِہ کینہہ
لُکھن ہُند توجہ پانٛس کُن پھِران تہٕ بیٚیہِ اُس اَکھ اَپزٕ بے دِلچسپی
ہیٚش۔ تِہنٛدِ یِن تِمَن علاقہٕ چَن کِھتَن ہندٕ سببہٕ روزان۔ یِتھہٕ تِم اَمہٕ بروٗنٛٹھ
کانٛم کار کران آسی رٔودی ہیتھ۔ اما پۆز یِہ نٔو پر اوس دٔلی دٔلی میٚہ کلان۔
لُکَن آُس یِہ تِہنٛزٕ حال ہیٚش گژھان۔ تہٕ تِمَن کُن تِہنٛد توجہ تہٕ اوس
میٚہ کلان۔ یِم نو آو یِہ کینٛژھا دُنان آسی۔ تِمہٕ تلہٕ اوس نِشان زِ تِہنٛدِ
متوٚزٕ ورکرٕن والین ہنٛز زندگی چھُ پریتھ شایہٕ ہیٚشی۔ تہٕ ہر گاہ یِہ
پُزٕ اوس تیٚلہِ کیٚتھہ موضوٗعس پیٹھ کرٕ ہا انسان کتھہ؟

مگر یِمو نو آدو منٛزٕ آسی کینٛہہ لُکھ تِتھی چیزَن ہنٛز وکھنے
تہٕ کران۔ یِم زَن بستی والین ہندِ خاطرٕ نٔوی آسی۔ یِمَن سیٚتھ اوس
نہٕ کانٛہہ تہٕ بحث کران۔ مگر تٕریتھ اَکھاہ اوس تِہنٛزٕ کتھ شکہ شُبہ سان
بوزان۔ کینٛژن لُکن آس یِمَن نو آدن ہنٛزٕ کتھہ سیٚتھ تٔس تالہٕ
کھسان تہٕ کینٛژن آس بَلکہ تمام خطرٕچ ژینہٕ وُزٕ ہیٚش باسان تہٕ کینٛژن

اُس دوہ میزِ ہیٚنز اَکھ موہوم ژھاے ہِش فِکرَن تہٕ پریشٲنی یِنہٕ منز ترٛاوان ۔ اَوَے اُسہٕ تِم زیادَے شوٗراب چوان ۔ یُتھہٕ زَن تِم تِتھہٕ ہوِ کھرِ وِنی وَسواس دِلو منٛزٕ کَڈِتھ ژھِنت ہیکہ ہٲن ۔ یِم زَن زندگی وادَے کھُرکِر لد بناوان چھُ ۔

ہرگاہ بُستی والین کٲنٛسہِ نو آوس منٛز کانٛہہ غاؠر موزوٗلی کتھاہ ہِش درینٛٹھ پیہٕ ہے ۔ تِم اُسہٕ تتھہٕ شکایتھ وکاتہٕ ہیناوان ۔ تہٕ تِم اُسہٕ پزٕ پٲٹھ تمیٚس شخصس نِشہٕ وایہِ بَران تہٕ حیسہ سان روزان ۔ یُس زَن تمیٚس نِشہٕ بدوٗن ہیٚو باسہٕ ہے ۔ باسان اوسہٕ زَن یہٕ تِمن پہٕ پھِرہ پٹھ پھِرہ پٹھ اوس زہٕ ہے ہیے یہٕ شخص گوژھہ نہٕ تِہنٛزہٕ زندگی ہنٛزہٕ دوہہٕ اُسہٕ تہٕ کُنی لیچہ یکَن واجنہِ باقاعدگی پٔزہٕ پرٛیٚن کرِتھ نیٚن تہٕ یۆدوَے تِہنٛز زندگی کرِ ہیٚٹھ اُس ۔ مگر تو تہٕ اُسی ژھوٚپہٕ سان تہٕ وۄہژہٕ راؠٹھ وراے ۔ لیکن اوس یہٕ عادتھ گومُت زہٕ زندگی گژھہِ تمیٚک اَکی اَنہٕ ہانہٕ پیہنی ۔ تہٕ بیٚلہِ نہٕ تِمَن رِژرِچ کانٛہہ آسنہٕ اُس رُوزِ مرٕ ۔ اَوہٕ رِکنو اوس تِمَن پَنہٕ نہٕ جایہِ بِہِتھ زہٕ پرِ پھِر کانٛہہ تبدیلی کرِ تِہنٛدِ ہُشکِلن منٛز ہیٚر پھیر ۔

بُستی ہنٛدی کامگار اُسہٕ ژھوٚپہٕ دَم کرِتھ تِہنٛدین لُکن نِشہٕ لوٗب ہیوان ۔ یِم زَن نَوی خیال ورتاوہٕ ہٲن ۔ اَمہِ کِنہٕ اُسہٕ نو آو لُکھ اکثر

اَتہٕ واپس گژھان ۔ تہٕ ہرگاہ تِم کُنہٕ وِزِ تیٚتھۍ کأم کرن بِہن تہٕ ۔ تِم اَسہِ تیٚلہِ یاتےٚ وارہٕ وارہٕ پَنہٕ نیٚن یِمہٕ تِیٚ کامہٕ باجن ہیٚندۍ ہوسہِ بَنان ۔ یا اَسہِ یِمَن لوٚب لوٚب زندگی مُہند لوٚہ لنگر چَلاوان ۔

یِژھ زندگی ہٕندۍ کم جادِ پنٕژاہ وُری کڈتھ پَتہٕ اوس اتسان یِمہِ دُنیاہ گژھان ۔

# ۲

میخائیل و لاسوفنس زندگی تہٕ اُس اَکھ نٔہج پیٹھ پکان۔ سُہ اوس اَکھ تروش مزازہٕ تہٕ ییچھ خصلتُک مِستری۔ تَس اوس سوٗرِ بدن والہ بوٗزتھ۔ لوکچہ لوکچہ اچھ آسس بُتھِس گنہ رٕ تلٕ شکہٕ تہٕ کینہہ پٔرٕ نفرژ سیتھ پرٕ بزلان۔ سُہ اوس کارخانُک سارٕوِے کھوٗتہٕ جان مِستری۔ تہٕ بستی ہُند سارٕوِے کھوٗتہٕ زوٗردار مرد ہنیو۔ مگر پانَس کھوتہٕ بڈین سیتھ اوس بڑہ بدمزاژی وَرتاوان۔ تہٕ اَدے اوس سیٹھاہ کم کمأے ہیکان کٔرِتھ۔ پریتھ چھٹی دوہ ہس اوس سُہ کأنسہٕ نہٕ کأنسہٕ شلکود نوان کٔرِتھ۔ تہٕ اَوے اُسہ تیمس سأری کھوژان۔ تہٕ اَہشژ اُس سارٕ نہِے دِیے۔ اُمس بُرونٹھ کَنہٕ اُس دوگس دوگ تہٕ مُشتہٕ مُشہ لایہ رَنج پریتھ کانٛہہ کوٗشِش بیکار گژھان۔ یَنہٕ نہہ ولاسوفس فکرہٕ تریوو زہٕ لُکھ ہا چھ ہلہ کٔرِتھ تس رَٹنہٕ یوان۔ سُہ اوس بوٗڈ کنہٕ پل، اکرہٕ ہُند تختہٕ یا شٕشٕتُرٕ و سلاخ تُلان۔ کھوٗر وہراے وِتھ دوہ دنہٕ روزان تہٕ دُشمنس پژاران۔ اہنٛزہ جُرژدار نَرہٕ نہٕ اَوہند بُتھ، یتھ اُچھو پیٹھے گردنہٕ تام گنہ کرہنہٕ دأر اُس وہرادنہٕ آمٕژ، اوس ٹکن ٹھوٗژ ناونہٕ

باپتھ کافی۔ مگر تمہ اوس خاص کرتھ اہنزن اچھن کھوژان۔ ییمہ لو کچہ لو کچہ تر تیز آسہ۔ تر ییمہ انسانہ بندس ہرنس اپارہ یپور زن تہ ترتھ آسہ گژھان۔ یمس اکس انسانہ سنزہ چشمہ اہنزن روٹہ گامژن نظرن کُن وُچھان آسہ۔ تس اوس باسان زہ سو چھ اکس وحشی قوتس برونٹہ کنہ کھڑا۔ یُس زانہ تہ واے برنے تہ ترمہ روس حملہ کرنہ باپتھ تیار چھُ۔

"ہونی نسلو! دفاہ گژھو وُویترنس۔ بوزوا؟"

سو اوس ژِکہ سان وَنان۔ تسندی وَیٹھو ویٹھو لیدرہ دنہ اسہ تہنزہ دارہ گنزی پرہِزلان۔ تہ لکھ اسہ پُرزی پاٹھی لٹ ہیوان۔ تہ ژلان ژلان کھوژہ گژن ہندی پاٹھی تس لیکہ فاش پران۔

"ہونی بچہ!"

سو اوس کرتھ دِتھ تمن کُن میتھ اوت وَنان۔ نظرِ سیتہ آسہ تہنزہ اچھ خنجرِ کی پاٹھی تیز باسان۔ تہ پتہ اوس تمہ کلہ پتھ کُن دآرتھ تمن پتہ لاران۔ تہ بیلہ گژھتھ کریکھ دِوان:۔

"دلو دو۔ کس چھوِہ مرن؟"

مرن اوس نہ کانہہ تہ یژھان۔

تمہ اوس کنھ کم کران۔ "ہونی بچہ" اوتمس زبوہ بیٹھے ژلبہ والین افسرن تہ کارخانہ کین حاکمن اوس سو یپائے لیکھ ژاران۔ سو اوس پتہ تہ زنانہ اموب "ہونی" وَنان:

"ہوٗنی - بوزِ نہٕ چھُے نےٚ ریوان - پتلوٗن ہے چھُم ژھینۍ نمت۔"

اُموٚ سُند نیچوٚ پاوٕل یَلہٕ ژھَنہٕ دٲو وُہراوس - تسُند ہیٚر شوٚد سوٚمٕتھ رٔٹِتھ تھوٚوُن تلِتھ - مگر پاوٕلَن تُل اَکھ ہٲرٕچھ ڈٔنڈٕ تہٕ ہۆڑن بد خلقی سان دوٚپُن تس !

"خبردار چھُے !"

"یہ کہو ؟"

پننہٕ نیٚس تھٔدِس مگر زٕ نٔگٕنہٕ ہُنس نیچوٚس کُن پکان پکان دوٚن تِمَو تسنز کنٕی - یِتھَے زَن اُدبرٕچ کرٕ ٹٕ کال ژھاے اُکِس وِرِہ ماوِہ کُن دَدان چھہٕ -

"دوہ نی گوٚ حد" پاوٕلن دوٚپُنس " دوہ نی ہیکہٕ نہٕ برداش کٔرِتھ ۔"

نہٕ تِمو تُل ڈٔنڈٕ تھوٚد -

تہندِس مالِس کٔرُن تس نظر - نہٕ خبردار اُکھ نین پُشتس کُن -

"اَچھا زبر گوٚ" تِمو نٔروو اُشناہ - اَمہٕ پتہٕ ترٔوُن دوٚپُن تہٕ دوٚپُن :

"ژٕ چھکھ ہوٗنی بچہٕ"

کینہہ برٚزٕ پتہٕ دوٚن تِمَو پننہٕ زنانہٕ کُن !

"دوہ نی نیٚ اَزہٕ میہٕ پوٚشہ منگان - اُزِ کہٕ بیچھہٕ کماوی پاوٕل نہٕ ژٕ کھیکھ ۔"

"تہٕ تُرِ مۍ کالٕو کھ ہیٚنٛ سوٗرِ سے تنخاہ شہرابس پیٹھ ۔ زیبا ؟" تمہِ
کرٕ ہیمَتھ تہٕ پرژھنَس ۔

"ژٕ یہٕ کیاہ چھے تِمتھ سیٹھاہ ہیٚوٗ نی ؟ اگر ضرور زوٗرتھ پیوم بنیا کھ زنانہٕ کیٚنہ"
تِمی گوٚو نہٕ بنیاکھ زنانہٕ ۔ مگر آمہٕ یورکنیٚ ، یانے مرٕ تہٕ بروٗنٛہہ قبرہِ ہیٚن
دوہلا وزہ بیٚن تام منسوٗدَن نیچوٗ تہٕ تَس سیٹھاہ کرنَن نہ زانٛہہ تہٕ کیٚنہ ۔

تَس اوس ہیوٗن ۔ تہندی پاٚٹھی ویٚوٚہار پوٚٹھ تہٕ جرٕ دار ۔ سُہ اوس دوہے صُبحَنَس تَس سیٹھاہ کارخانَس تام گژھان ۔ تہٕ شامہ نَس ؟ گژھ تَس کارخانہ چہ پھاٹکہ نیبرہٕ کنہٕ پراران ۔ چھٹی دوہَس اوس وولاسوف شہرابخانَن پھیرِ پھیرِ کرِتھ راوہ راوان ۔ یتھین موقن پیٹھ اوس تہٕ سُہ کانٛسہ سیٹھاہ کتھ باتھ کران ۔ تہٕ کُنی ہندین تُھتھین اوس نظراہ تراوان ۔ زن تہٕ کانٛسہ ژھاران اوس ۔ تہٕ ہیٚوٗن اوس پَرنَس والہ بزرٕت بُتھہ لِہندٕ وان لیتھہٕ وان پننِس مالکَس پَتہ پَتہ پکان ۔ یِلہٕ وولاسوف کھوٚتکھ لاٚرتھ شہراباہ چیتھ گرہ اوس یِوان ۔ سُہ اوس کھانہٕ کھینہٕ بہان ۔ تہٕ پننہٕ کھاسہ منزٕ سے اوس ہیٚوٗنس تہٕ کھیاوان ۔ سُہ اوس تَس نہٕ لیکھے ژاران تہٕ نہٕ لایانی ۔ مگر زانٛہہ اوسُس نہٕ لول تہٕ بَران ۔ کھینہ پتہ ہرگاہ تیشرہٕ زنانہٕ میچ صاف کرنَس برنٛز تہٕ ژیر گژھہ ہے ۔ سُہ اوس ساری بانہٕ بتھرِس ژھاسان ۔ آمہٕ پتہٕ اوس دوہَکا شہرابچ بوتَل پانَس بروٗنٛہہ کنہٕ ژٹان ۔ لہٕ سیٹھاہ ڈوکھ دِوان ۔ اَچھ وٹان تہٕ اُمس مژہ راٹھ ہم ناکھ آوازہ منزٕ کانٛہہ دنہ کھ لَد باتھ گیوان ۔ دوہ کھ لَد ، ونیکھ آواز اُمس آہنزٕن گونٛژھن منزٕ پھسیتھ

گژھان۔ تہٕ تتہٕ اُس والِن لارے ہیتھ ژٕ۔ پُھلو ھقوٗد نِوان تُلِتھ بِسترَس
اوس پننہِ نہٕ دارہٕ نہٕ گونٛژھن معچہٕ معہچو اونٛگجو سیٖتہٕ پھش پھش دِوان
نہٕ گیوان۔ اَہندہٕ باگِہ لفظ اُسو مُبہم نہٕ ییمے چھکہٕ رَنہٕ ہیو آمیتہٕ۔ نہٕ تَوہند
گیوٗن اوس، وندس منٛز یِہائے شالہ کُٹنگ رارے ہِش باسان۔ یوٗتانۍ نہٕ ووٗدٕ
معہ کٕہ ہے۔ سُہ اوس گیوان۔ تہٕ تمہٕ پتہٕ اوس یانہٕ ہنٛجس پیٹھے پیوان۔ نَتہٕ
ہیجس پیٹھ کلہ تراوان۔ تہٕ کارخانچ سیٖٹی ہِنٛس نام اوس شونگان۔ ہوٗن
تہٕ وس تُس نکھے کلہ تراوان۔

سُہ موٗد کھا یہ ہہنہٕ رِچہ بِمارہ سیٖتہٕ۔ بانٛژن دوہَن رُود بسترَس
منٛز ژھرٛٹہٕ ژھرٛٹ کران۔ تُس اوس ہُچھتہٕ کرِ ہیہینو مُت۔ اَچھہٕ آسَس
بند۔ تہٕ دند اوس ٹکان۔ منٛز منٛز اوس سُہ پُشرنہٕ زنانہٕ وَنان :-

" میٖہ دِیو شیٖنکھو یا رَژھا۔ میٖہ دِیو زہر "

ڈاکٹرَن دِیُتھ گنڈنہٕ باپتھ مَہلاہ۔ مگر ییٖمی دوٗن زٕہ میخائیلس
چھہ اپریشن کرُن منظور ووٗری۔ تہٕ سُہ گژھِ اُمی دوہَن دواخانس پیٹھ
داخٕل ناوُن۔

" تُہیٖہ جہنم یِن۔ بہ ہیکہٕ چانہٕ مَدتہٕ دراگۍ مرِتھ۔ ہوٗنۍ بچہٕ! "
شانٛتہ ہوت میخائیلس ووٗتھ۔

ڈاکٹرہ سِندہٕ گژھنہٕ پتہٕ برٛو تس نِرٛہ زنانہٕ اوٗش ٹارِتھ تہٕ مٹھا رہ
کٔرِتھ کرِہ دوٗن تس زٕہ۔ اپریشن کر۔ تہٕ تمہٕ ہاوِس تورہ مُش تہٕ ووٗنُس :-
" اگر بہ ٹھیک گوسے۔ کینیا وَت! "

سۆ مۆد دوہ پھولہِ نَس باگی۔ بل گُل تِمی ساتہٕ بیٚلہِ زَن کارخانیچ
سیٹھی وَزان اٲس۔ نوبدَس منٛز وَسیٖتھ تہٕ اوس تَس اٲس یَلے۔ تہٕ ڈِکس پیٹھ
اٲسیس درٕ ہاش۔ زن تہٕ کاٗشِہ پیٹھ ناراضِہ اوس۔ زنانہٕ، بٔچو، ہوٗنی
تہٕ اُکی پراٗنی ژٔورَن تہٕ شور آبی (ییٚس زَن کارخانہ منٛزٕ کڈِتھ اوسکھ ژٔھنمُت
تہٕ یَس وسوف شکوف ناو اوس) تہٕ بَسنی ہیٚندیو کیٖتھو۔ بیچھ دہ میو
ڈُڈہ رووشو۔ زنانہٕ ہورٕس رَژھ کھنٛجہ اوٚش۔ مگر سیٹھا لوٚت لوٚتاٗی پاٗٹھو۔
پاولن وودِنہٕ بل گُل۔ بَسنی ہیٚندیو ٹکو، ییمو آمہ لہ کیٚڑ موکیٚڑ جنازُک جوٚلوٗسِہ
دُچھ،' ینو نَسپنس پیٹھ صلیبُک نِشانہ

"پلاگیا آسہِ سیٹھا خوش زہ وولا موٗدھا۔" تِمو وۆن

"ہوٗنے اوس تہٕ ہوٗنی سنٛدی پاٗٹھی موٗدتہٕ۔" بێیو وۆن۔

توبدہ وڈہ راٗوتھ ذرایہ لگھ۔ مگر ہوٗن بیوٗٹھ اَتی تھے ساٗدرواہ
بیٚترِ پیٹھ۔ قبرِ مُشکہ ہیتہٕ۔ کیٚنٛہہ دوہ گژھتھ مور سۆ خبر کمہ۔

# ٣

مٲلِسِنٛدِ ہرٛنہٕ پتہٕ اَکہِ پچھہٕ آو پاوِل اَکہِ آٹھوارہِ بدٕ مَس گژھِتھ گرٕ۔ سُہ ژاو گیٖران گیٖران اندر۔ کھکھرہِ کھکھرہِ ووت تِمِس نِش تہٕ اَندرٕ مہ کُرسی پیٹھ بیوٹھ۔ تِتھٕ تِمس لٲین زورٕ مُشتاہ۔ یِتھہٕ کنہٕ زَن تَسنٛد مول لایان اوس۔ تہٕ ماجہِ لٲین کٔنہ بِکھ۔

"کھین!"

مٲج بیٹھ بِچُھن نِکھے۔ پنہٕ نِزٕ تراوِن اُمس گرٕ دِنہٕ الاٗ نِزٕ تہٕ کلہ روٗٹھِنس وَچھس سیٹھاہ۔ مگر تِمہٕ تُل کلہٕ اوٗکُت کن۔

"مٲجی۔ وٕلی وٕلی ہے سیٹھا جُمل!"

"چارہ!"

تہِنزٕ ماجہِ ووٗن افسوسہٕ سٕتۍ لولہٕ سان۔ تہٕ تِہندِس اُکھ کَرِن پانہٕ رِنشہِ دوٗر۔

"بٕنیہٕ چِھ تہٕ پاپی تہٕ۔ مٲلِسِنٛز پاپی دِہی مے۔"

پَنِنہٕ منہٕ چِھ زیٖوٕ مُشکلن حرکت کرِتھ ووٗن پاوِلن۔

سۆ اوس گوڈٕ نِچہ لٔٹہِ شوٗرا بس منٛز بٔدَس گومُت ۔ وۄہ دکا یہ اوس اَڈٕ ہنٛد جِسم کمزور بنوومُت ۔ مگر تسُنٛد شوٗعوٗر اوس یہٕ موکلیومُت ۔ یِنٛز اَہنٛدِس ذہنَس منٛز اوس وِزہ وِزہ یہ سوال وۄتھان:

"کیاہ بہ چھُسا نَتَشس منٛز؟ بہ چھُسا نشس منٛز؟"

پننہِ ماجہِ ہنٛز نرمی تہٕ شفقت وُچھِتھ گو سُہ ترِپتہٕ تردا اَکا ہس۔ تہٕ تسنٛزن اَچھن منٛز وۄہ تلے ہُش ذگ وُچھِتھ گو تَس شکھ ۔ سۆ اوس وَدٕن یژھان ۔ پنُن یہِ جذبہٕ کھٹہٕ نہٕ تہٕ اوٚش ٹُکہِ اَندری شوٗہراونہٕ باپتھ ہیوٚت نِتھٕ پزہٕ کھوہ تہٕ زیادٕے بدٕمس لاگُن ۔

تسنٛز ماجہِ رٔٹ تسنٛدِس اَدرِس کُھرہ وار مَستس پَھش دِتہٕ ۔

"ژٕ بہٕ نا پزٕہ ہی تہٕ یہِ کَرِن ۔" تمہِ وۄن لہٕ ژہٕ آوازِہ منٛز ۔

تَس ہیٚتزن ذٕرہ کھ پیٚن ۔ ڈُلیِٹہٕ ذرہ کھا کٔرِتھ ترٕو سۆ ماجہ بسترس پیٹھ ۔ تہٕ تہنٛدِس لیٚدرٕے ہیتِس ڈٕیکَس تھوٚوِن اَدرٕ تۄالیا پیٹھ ۔ اَمہ سیٚتی آو سۆ رژھ کھنڈ ہوشس منٛز ۔ مگر کلہ اوشُس تُرتہٕ گیران ۔ ماژہو اَسِس تیٚتھ گوہ بے ہیتر ۔ ژہٕ اَچھ آسَس نہ ہُش رٕہنہٕ بَنان ۔ اَکھ سادٕہ رٕوس میٚزہٕ مَزہ ژیٚنہِتھ وُچھ تمہِ اَڈہ وٕڈھو اَچھو سیٚتی پننہِ ماجہ ہٕنٛد لوٚدٕ بُتھ تہٕ لوٚگ سوچنہِ ۔

"باسان چھُم بہٕ چھُس وُنہِ شوٗرا بہ باپتھ آمُت ۔ باقی تہٕ چھ جوان رٕنہمن چھُنہٕ اَلہ گزارہ تہٕ گژھان ۔ مگر میہ چھُ طبیعت خراب سپدان۔"

زٔن تہٕ دوٚرہ پیٹھ آیہ تسنٛزہِ ماجہ ہنٛز نرم آواز :

"ہرگاہ ژٕ یِہ بچوٚن ہیٚوتٕھ ۔ میون خرچہ کیاہ رٕ ہیکہِ وینہٕ راوٕتھ؟"

"سارٕی چھہ چوان" اُچھ زورٕ وٕٹِتھ وَنٛن تمہِ۔

تہنٛزِ ہاچہ نرٕ وترٕن ووٚش۔ پۄژٕ چھےٚ وَنان۔ تَس اُس پانَس تہٕ خبر زہٕ شوٚ راب خانٕی چھہ سعہ جاے۔ یمنہٕ لکہٕ مُشکلن فرعتکر کینہہ پھیرِ لبتھٕ چھہ ہیکان۔

"مگر ژٕ میہ ہیہ چوٚن۔"

تمہِ وَونُس۔

"چانٕی مالِ چھےٚ پنہٕ ہٕ تہٕ چانہٕ سعہ کھونٛزِ زیادٕے شوٚ راب تہنٛدِ وٕسی ٹلامیہ کم دوہ کھہ؟ ژٕ یِہ چھُے نہٕ ماجہ ہنٛد رٕژھ تہٕ ترس گژھان؟"

ییم دوہ کھہ لدٕ تہٕ نرم لفظ بوزان بوزان پیٚیو پادٕرین خیال زٕ پننِس مالِ سٕنٛزِ جائی منٛز ہیٚنٛد تس مُشکلن زانہہ کالہ پننہٕ ہٕ ماجہ ہنٛدہ آسنہٕ کُنہ احساس۔ نکیا زِ تمہِ اُس ہمیشہ لوٚنٛ پاٹھو تہٕ چوب کھینہ کِس اموب کانہِ تل زندگی گزٲرٕ مژٕ۔ تہٕ پادٕرین یوٚ ناو پلہ ہیے سوٗ اوس گرٕ نیبرٕ رۄزان۔ یتھ ہٕ مالِس سیٹھاہ لاگہ سیدِ ہینس۔ اوے کِنہِ اوس شوکُنہ حدس تام ماجہ نِشہ دوٗر یومُت ہیٚو۔ وارٕ وارٕ وۄتھ اُمس نِشہِ تہٕ اُمہ ہیٚوتٕھ خوٗرِ سان ماجہ کُن وُچھن۔

سعہ اُس کھٕنٛزٕ تہٕ کینٛژھاہ ڈوٗہ کھہ گژھتھ۔ تہنٛدِس بدنس بیچھتھ اُمی گُدر میحنژٕ تہٕ رینٛخ سٕنٛدین چربَن ہنٛدی آکھ موٗجود۔ سعہ اُس بڑٕ وارٕ وارٕ تہٕ کینٛژھاہ ہیچ ہیکان، زَن تہٕ بے اوٚسُس زٕ کُنہٕ چیزَس سیتھ گوٗڈٕ ہم

نہ ٹھوٗنکرٕ لگنٕ ۔ اوٚہنٛد دیوٚٹھ ویوٚٹھ گینہٕ دار تہٕ ٹھوٗلر چالہٕ بُتھ اوس اٰہنزٕ کرٛیہہنٛد اُچھو سیٖنہٕ پرٛینزلان ۔ تٔمہ اُچھ ہمَن منٛز ہیم اوس ۔ دۄہکھ اوس ۔ رٔتھکے کنٛو یمہٕ کنٛی زَن اَمہ بسٔتی ہٕنزن جادہٕ تہٕ زنانَن ہٕنزن اُچھَن منٛز اوس ۔ اٰہنزہ دٔچھنہٕ بُمہ ہیٚورکنۍ اوس اَکہ سینہٕ جیچھہٕ تِک آکھ ۔ یمہ کنٛو اُمی سِنٛز بُمب ہیٚورکنۍ کھٔرشِرٛ اُس ۔ اَمی سببہٕ اوس اوٚہنٛد کھوورکنۍ دٔچھنہٕ کنہٕ کھوٚرِ تہٕ بوٚن پیٚہن باسان ۔ اوٚسے اُس اٰہندِس بُتھس پیٚٹھ اُکس رٔتھکس اِنسانہٕ سِنٛز ہش کیفِیت ہیٚتھ یُس زَن خکرن منٛز بوڈتھ تہٕ یڈہٕ جیسہٕ سال روزان آسہِ ۔ اٰہندِس کرٛہنس تہٕ گٔنِس مٔتس منٛز آسہ سفید رکھ ہشہٕ پرٛینز لہنہٕ لجہٕ مرٛنہٕ ۔ سہ اُس کھورِ شورہٕ نرم دلی ، وۄدٕ بُمی غمچ تہٕ تسلیمہ رضاہِچ موٗرٕژ باسان ۔

تہنزَو بُتھو کیٚو پیٚٹھ اوس دارہٕ دارہٕ اوٚش وَسان ۔

" وَدَے " تہنٛد کرٛیچھو ووٚن تٔس دارہٕ دارہٕ " میٚہ دِتے تریشہٕ داماہ "

" بہ ہا اَنے ٹشنہٕ ووٚنی ۔ "

اَما پوٚز تیٚلہِ سہٕ واپس آیہِ ۔ پادٕلۍ اوس شوٗنگمت ۔ تٔمہ کرٛ تٔمِس برٛنٛزس کھنڈس نظرٛا ۔ پان ڈونگہ اوس تیٚندِین اُکھٕن منٛز نٔٹان ہیٚو ۔ تہٕ شیٚن اوس بافس سیٚتی چھاوہٕ پوان ۔ تٔمہ تھٔوو ڈونگہ ییٚجس پیٚٹھ ۔ تہٕ پاک شکلَن برٛونٛٹھ کنہٕ ہیٚٹھ ژھعہٕ پہ دَم کرِتھ کہ ٹھین ییٚٹھ یٔبرہ بدٔمس زندگی ہنزٕ آوازہ آسہِ دارِن سیٚتی کلہ ٹھاسہِ نادان ۔ ہرِدہِ شامہ

کِس اَتھ اَنہٕ گینٹس منٛز دِژ اَکی اکورڈین باجن کرِ یکھ۔ بٔگرہٕ آوازٕ ہیوٚت کمٕ تام گیوٗن۔ بٮ۪یہِ کمٕ تام ہیٚرِ لیکھ ژارنہٕ۔ زنانن ہٮ۪زرٕ تٔھچہٕ مٔژہٕ نٮ۪ ژکھ دار آوازٕ آسہِ یوان۔ بیمہِ آسہِ بڈٕ پریشان کرن واجنہٕ آوازٕ۔

ولاسوف خانہٕ دانہٕ کِس لوکٕٹس گرٕس خوٚژ ہیوٚت۔ زندگی گوڈنِکہ لٔھوتہٕ جادٕ ے سوٚکوانہٕ تہٕ ژھوٚہ یہ دَم کرٕتھ تہٕ بٮ۪یین گرن نِشہٕ ہنا بٮ۪یٮ۪ی اندازٕ یکُن۔ پٮ۪ہٕنٛد گرٕہ اوس بٔستی ہندس اندس نکھ نمبلہٕ کوٚن گژھن وٲلِس لبہٕ رٕس ہیٚرِ کنہٕ۔ یُس ھوٚد تہٕ اوس نہٕ مگر ٹاٹھُر اوس۔ گریک ترٛیٚیُم حصہ اوس چوکن تہٕ اکی لوکٕٹہِ کمرٕن آورُمُت۔ کمرہٕ اوس ٹھوٚر دِتھ چوکہٕ نِشہِ۔ بیوٚن آمُت کرنہٕ تہٕ مٲج آس اُتی شونگان۔ یتہٕ اوس اَکھ ژُکٕونجل کمرٕ زٕہ دارِ کرِتھ بچان۔ اَتہٕ اوس اَکِس کوٗنجس منٛز پاوٕل بُند وَتھرٕ وُن۔ تہٕ بٮ۪یِس کوٗنجَس منٛز اَکھ میٚچ تہٕ زٕ بٮ۪نٛچ۔ باقی گرٕ ہیچھ آس کینٛہہ کُرسی یہِ۔ اَکھ لوکٕٹ اَنہٕ دار سِنگار میٚچ، پلوٕ صوٚندوٗق، لبہِ سیٚتہ الماری اَکھ گاٮ۪نٹہِ تہٕ اَکِس کوٗنجس منٛز ہتھوٕ مٔژہٕ زٕ پاک شکلہِ۔

پاوٕلن کوٚر تہٕ سورُے کینٛہہ یہ زن اَکھ نوجوان گرٕ ہے یتھٕ اوٚن اَکھ اکورڈین مُکی۔ مایہ دار قمیص اَنٛز بازرٕ۔ نیہ نیہ گرٕ دِنی ٹےَ، دبٕ ٹوٗ بوٗٹھ تہٕ اَکھ چھرٕ ٹہِ تہٕ ہٮ۪یٚرٕن۔ تہٕ یتھ کُنہٕ گوٚ پنہٕ مین دہرِ باجن منٛز شامل۔ شامس بٲگی اوس سُہ دعوتن پٮ۪ٹھ گژھان۔ پولکا تہٕ بٮ۪یہ بٮ۪یہ ناچ ہیچھان آٹھوارہِ دوہ اوس پوٗرٕ پاٹھو چیتھ گرٕہ واتان۔ نگہ دوہ دکاچنہٕ کنہٕ اوس اَمِس طبیعت ہمیشہ خراب گژھان۔ ژٔنٛدرٕ وارہِ دوہ صُبحن بیلہِ سوٚنہِ تندرہ

وۄنھِتھ ہے۔ تَس اوس کلہِ دود آسان۔ سیٖنہ اوسُس وۆتھان تہٕ بُتھِس پیٹھ اُسیس لیٖدرِ ہیٖرِ علاوہ بوادرِکی آثار ہیوٚکھ وۄنھ تلان۔

"کیہو ناتھ دزاوا جانہٕ وَکھ ؟"

اَکہِ لَٹہِ پرژھُس ماجہِ

"وَنہ بابہ!" تِمَو وۆن بۄڈٕ ژُرِکھ تہٕ بیزٲری سان۔ "اَمہِ کھۄتہٕ جان چھُ گاڈٕ شِکار کرُن۔ نَتہٕ اَسہِ نَے بہٕ اَکھ بندوٗق تہٕ تیٚکرِیَس گژھہٕ۔"

سۄ اوس بۄڈٕ تَن دِتھ کٲم کران۔ تَسُس اوس لُکُو ژانہہ تہٕ ناغہ گژھان۔ تہٕ نہ گوٚ تَسُس کٲہِل کَنہ ژانہہ جُرمانہٕ۔ سۄ اوس بۄڈٕ ژھوٚپہٕ کم کتھہٕ کرن وول کٔرِکہٕ۔ تہٕ اَمہِ سِرٛزٕرن وٕنیچھن نیچِن اُچھن منٛز یِمہ زَن اُمِس ماجہِ ہشیٚے آسہٕ اُس اَکھ بے اطمینٲنی تہٕ بے قرٲری ہِشس ژھایہٕ گَنتھ کران۔ یِہنٛزِ نہٕ خٲطرٕ تہٕ اوٚن تِمَو بندوٗق تہٕ گوٚ گاڈٕ شِکارس مگر سیٹھا جلدٕے نیٚو زِ سۄ چھُ تِمہ وَتہِ نِشہِ لوٚب ہیوان۔ یتھ پیٹھ پرٛیتھ اَکھ ہیکان اوس۔ سۄ اوس وۄنھ ذٕ سیٹھاہ کم سالَن گژھان۔ تہٕ بوٚدوٕے سۄ پرٛیتھ اَکھ وارٕ اوٚرِی اوس روزان۔ مگر اورٕ اوس یہٕ ژانہہ تہٕ چیٚپیتھ یا بدمَس گژھ مصتہ یوان۔ ماجہ ہنٛزٕ تیز نظرٕ ژیوٚن زِ تمہ ہند کاژُر بُتھ چھُ وۄنھ ذٕ وارٕ وارٕ ژھان ہیوٚ۔ تہٕ تیمٕنزٕ اُچھ پھِژ سنجیدٕ بنان۔ وۄٹھ اندرکُن ژمہ یہٕ سببہٕ اُس اُمِس اُتیٚ اَکھ دٕرٕ پرکھ ہِشِ وۄنھ تلے بِہِتھ۔ سۄ آسہٕ خنوٗرٕ وٕر دِلہٕ اَندرِی کانٛہہ ملالہٕ لٕلہٕ وان۔ نتہٕ

آسہٕ کُنہٕ بیمارہٕ کنۍ گلان۔ بُرونٹھ اُسۍ تِسند۪ دوس تَس سمکھنہٕ یِوان۔ مگر وۄنۍ ییٚلہٕ نہ سُہ پانہٕ نہٕ زیادہ تر گرٕ آسان اوسُے نہٕ۔ تِمَو تہٕ ژٕو وتِمَس نِش یُن گرٛیُھن۔ تِمَس مٲج اُمس خوش زِ تِسُند بچُہ چھ کارخانَس منٛز کٲم کرٛن والین باقی نوجوانن نِشہ الگے۔ مگر تِمَس ژاو تِمہِ وِزِ اکھ بٔڈ خوفاہ دِلَس منٛز ییٚلہِ تِمہِ ژیوٗن زِ سُہ اوس آندرٕ پٔلھمۍ زندگی ہندٕ پرٛو رٕ نہٕ سِیاہ پانہٕ منٛزٕ پینہٕ نہٕ زندگی ہُند روخ پھِر نِچ۔ یپٔژ زبردَس تگہ دوگران۔

" پاشا۔ ژیٚہ چھُیا بِہتھ زِ ژٕہِ چھُکھہ وارٕے؟"

سہ اُسس منٛزٕ تِمَس پرٛژھان۔

" بہٕ ہے چھُس بِلکُل ٹھیک۔" سُہ اوس نورٕ وَنان۔

" تیٚلہٕ کیا زِ چھُکھ ژٕہِ یوٚت بکیوٗمت؟" سہ اُس دوش نٲدان۔

تِمہِ ہیٚرٕ گرٕ کتابہٕ اَنہٕ نہٕ۔ سُہ اوس تِمہِ ژوٗرٕ ژورٕ پرٛان۔ نہٕ پُرٛتھ کھٹِتھ تھوان۔ کُنہِ کُنہِ اوس کُنہٕ کتابہٕ منٛزٕ کینٛہہ تاران تہٕ۔ پیٚتہٕ کاگد ژوٗرٕ تھوان۔

تِم دوشوَے اُسۍ سِیٹھا کم کتھ باتھ کران۔ تہٕ سِیٹھاہ کم کالَس اکھ اکِس سمکھان۔ صُبحن اوس سُہ ژھیٚپہٕ دوپہرٕ کرِتھ چایہ چیوان۔ تہٕ کامہِ نیران۔ تہٕ کانٛچھ اوس کھانہٕ کھینہٕ یِوان۔ امہِ وِزِ اُسۍ تِم دوشوَے بلکہ اورِچ یِیہِ رِچ کتھا نٕلان۔ تہٕ امہِ پتہٕ اوس سُہ بیٚیہ دِگرِس تام اکۍ روزان۔ شامنَس اوس سُہ مزان کران۔ کھانہٕ کھیوان۔ تہٕ سِیٹھاہ کالَس پران۔ آتھوارٕ دوہن اوس سُہ صُبحٕے گرٕ نیران۔

تہٕ بتہٕ اوس ژٕہرِ رانتھ گژھتھ توٗرٕ پھیران۔ ماجہ اُسس خبر زِ سُہ چھُ شہر گژھان۔ تہٕ باضے تھیٹر تہٕ۔ اما پوز شہرٕ پیٹھ اوس نہٕ تَس کانٛہہ ہتہ سمکھنہٕ یوان۔ تَس ہیوتُن باسُن زِ تسُند لڑکہ چھُ دوہ پہ کھوتہٕ دوہ پہ کم کتھ کرَنہٕ لوٚگمُت۔ مگر رژھا سنِتھ باسیوس زِ سُہ اوس دوہ ؤ نوٚو نوٚو لفظٕ ورتاوٕ کران۔ تہٕ یمَن لفظَن ہُند مانہٕ مطلب اوس نہٕ تَس فِکرِ تران۔ برونٛہہ کالہِ یتھی پھُٹہٕ پھرٲی تہٕ اوگرِ تھوٚگرِ لفظ سُہ ورتاوان اوس۔ رَم اُسہ دوہ ؤ تہٕ ہُند کلامہ منٛزٕ مُلے ڈرامہ تو۔ پاوِل سنِدی اندازَن تہٕ دوہ تتھ بیٹھ ہنٛزَو یمَو نوٚو تفصیلو کرِ سہ پانَس کُن متوجہ۔ تمی ترٲوی شوٗخ پلَو۔ تہٕ دوہ ؤ لوٚگ پلوَن تہٕ جِسمہ چہ صفٲیی کُن زیادے یہٕ پَن۔ اَہنٛزن حرکژَن تہٕ دوہ تتھ بیٹھِ منٛز ہیٚژِن دوہ ؤ زیادہ آزادی تہٕ بھرٕتی یِنہٕ۔ طورٕ طریقَن منٛز آس زیادٕ سیرُر۔ تہٕ مزاژک ترنہٕ شر گوس کمٕ۔ مگر تَسنٛز ماجِ اُس فِکرِ نہٕ تَران واجہ نیو یمَو نبدلیو رکنو فِکرِ تہٕ پریشٲنی منٛز بوڈے مرِ۔ کُنٛزِ کُنٛزِ اوس گرَس ڈوٗان رتہٕ۔ آتھوارِ دوہ ہَن اوس پنٛن بسترٕ پانے تُلان تراوان۔ تہٕ اکثر اوس تَس کامہ منٛز تہٕ اَتھ روٗٹ کران۔ بَستی منٛز اوس پتہٕ کاٗنٛسہ تہٕ مرُدن اَزتام یہ گوٚڑٕشت۔

دوہ پہ اَکِہ اڈن تمُو اَکھ تصویر نَر ژوٗن لَبہ الونٛد۔ اَتھ تصویرس منٛز اوس یہٕ ہاونہٕ آمُت زِ ترِپہٕ زٕنی اُسہ دِنہٕ پکان پکان بڈٕ سُنِتھ ہوکہ پانہٕ واٲنی کتھ باتھ کران۔

"دُبارٕ حیاتی پراوٕ نہٕ پَتہٕ چھہ عیسا ایماس کُنُ گژھان"۔ پاوٕلن تور تَس فِکرٕ۔

تصویر وُچھتھ گَیہٕ مأج سیٹھاہ خوش۔ مگر تمہٕ سُنٛد پانٕ رٕہے سیتو۔

"ہرگاہ ژٕ یہٕ مسیح بوٗزتھ ژُھٹھ پَچھے۔ تیلہٕ کو نہٕ چھک گرجس گژھان؟"

مأری مَنٛزٕ المارٕ ہندِ خانَن مَنٛز، یمہٕ سٕتہٕ پاوٕل سٕنٛدی اَکہٕ چھانہٕ دوستَن بناوِمژٕ آس، ہیوتُن کتابَن ہُند تیداد ہُرُن۔ مگرٕ اوس وۄنی زیادٕے آرام دِنہٕ وول باسان۔

سۄ اوس تَس عۆمومَن مأج وَنان۔ مگر کُنہٕ کُنہٕ اوسُس زیادٕے ٹالتھ نبارٕ سان وَنان۔

"دِیدی ہیُھنہٕ اَورٕی تہٕ یۄرٕی ہِش روزَکھ۔ بٕہ ہےٚ یمےٚ اَز ژٕہٕری گرٕ"۔

تَس اوس یہٕ خوش کَران۔ پاوٕل سٕنٛدین لَفظَن مَنٛز اوس دٕرہر تہٕ سنجیدگی باسان۔

مگر تٕہُنٛزٕ پریشأنی یہٕ نہٕ فِکرِ ہیٚژٕن دۄہ پَتہٕ دۄہ ہُرٕنہٕ۔ پریشأنی ہُنٛد سبب تۆرُس نہٕ وارٕ پأٹھۍ فِکرٕ۔ مگر تو تہٕ زَن ہیوتُن تٕہنٛدِس دِلَس وَتھ ہیو گژھن۔ ژکیا زِ تَس باسیوو زِ عام دۄہ دِین چین کتھَن بدُون چھُ کیا ہنام سپدان۔ باضے اُس سہٕ تَس بیٚچھ ناراض تہٕ گژھان

تہٕ سوٗنچان ؛

"آخر یہٕ کوتہٕ چھِ بیٚیَن ہُکَن عام ہُکَن ہندی پأٹھی روزان؟ یہِ ہیٚ پوٗرٕ پادری بنیوو۔ یوٗت سنجیدہ ! اَتھ واُنس منٛز چھا یِمہ کیٛتھ شوٗبان زِہ ؟"

اَمہٕ پَتہٕ اُس سُہ سوٗنچان :

"بنان چھُ کأنٛسہٕ کورِہ سیٖتر ما آسہِن یارانہٕ لوگمُت۔"

مگر تِمہٕ بابتھ گژھِ پوٗنٛسہ ٹوٗٹھک آسُن۔ سُہ اوس پنٛنُن سوٗرُے تنخاہ تَس حوالہٕ کَران۔

یِتھہٕ کٕنٛہ دزایہ ہفتہٕ واد، ریتہٕ واد، یوٗتام زِہ وَری تہٕ گیہِ ازأنٛز خیالو تہٕ دوہہ پَتہِ دوہہ بڑٕ وِنٛہ فِکرَو بُرِتھ، عجیب و غریب تہٕ ژھوٗپ ژھہٕ پأٹھی زندگی ہنٛدی زِہ وَری۔

●

# ۴

اَکہِ رأژ کھانہٕ کھینہٕ پَتہٕ ترووٕ پاولن دارِ پردٕ تہٕ پیٚنہٕ کُرسی ہیٚرِ کینہ چھِ لَبہِ ہندِس کَلِس پیٹھ تھاوِن ٹینچ بَتہٕ تہٕ کوٗنُس منٛز بِہِتھ لوٗگ پرٕنہٕ۔ باتہٕ برتن چھلہِ نہ پَتہٕ درایہ مأج چوکہ منٛزٕ۔ تہٕ وارٕ وارٕ وأژ تَس نکھہ۔ ہُمہ تُل کلہ تھوٚد۔ تہٕ پرٕژھِ وِنیو چھِتِمو لوٗگ تَس کُن وُچھنہٕ۔

”کِہہ نا پاشا کِہنہ نہ؟“

تِمہٕ وَنٛ لعہ تہٕ لعہ تہٕ۔ تہٕ یوٚت کھوری دٕرایہ واپس چھ کَس کُن۔ تَتھ منٛزٕ چُھنہٕ آسہٕ بیقرأری کِنہ دوہ پِٹہٕ کڈان۔ مگر پیٚنہٕ مِن خیالن سیتہ اَکھ لعہ کُٹ معہ کُٹ ہُرٛ کرنہٕ پَتہٕ پیٹھ رأوی تِمہٕ اَتھ تہٕ بیٚنہ اَکہٕ اَکہٕ وأژ نیٚچوِس نِش۔

”بہٕ ہا چھس ؤپان۔ ژٕ کیازٕ چھکھ اموب پرأنی آسان؟“

تِمہٕ پرٕژھنَس قرارٕ سان۔

تِمَو وُٹھ کتاب۔

”رِبہی مأجی“

ماجِ بیہِٹ لوٗسیہ مَتہٕ اندازٕ نیٖچوِس نکھہ ۔ کمبرس کوٗڈِن وٕ اشارٕ تہٕ کوٗسیہ تمام ضوٗرٕ ورٕی کتھہٕ بوزنہٕ باپتھ سپٕز تیار ۔

پَنٕنہٕ ہٕنٛز ماجہٕ کِن اُچھ تُلنہٕ ورأے لوٗگ پاوٕل وَنٕنہٕ ۔ تٔہنٛز آواز اُمس لوٗرٕ تہٕ خبر کمہٕ وجہٕ کِنہ گُڈٕر تہٕ ٹیٖٹھ ۔

" بہٕ چھُس تِمہٕ کتابہٕ پَران ۔ یِمَن ہٕنٛز ممأنی ہیٚتھ کرٕ نہٕ چھہٕ آمٕژ ۔ یِمَن بیہِٹ چھُ اَمہٕ کِنہ ٹھاک تھوٗنہٕ آمُت ۔ تکیازِ یِمَن منٛز چھہٕ کامگارن ہٕندٕن مُشکلن ہٕنٛزٕ کتھہٕ لیکھتھ ۔ یِمہٕ کتابہٕ چھہٕ ژٕدٕرٕ پانٛژھ چھاپنہٕ یِوان ۔ تہٕ ہرگاہ بہٕ یِمہٕ کتابہٕ پَران رۄٹٕ ہٮ۪س ۔ میہٕ زَن جیل جیل اَدِ کِنہ زِ بہٕ چھُس پَزٕر زانٕن یژھان ۔ توٗرِ بے فکرٕ ہٕ "

یکایک ہیوٚتُن تَس شاہ ہیٚنٛس منٛز تکلیف سپدُن ۔ اُچھ وہراوِتھ لَج سہ پنٕنِس نیٚچوِس وُچھنہٕ ۔ تہٕ باسیوس زِ سہ اوس ووہیَر ۔ تٔہنٛز آواز اُمس بدلے ۔ زیادٕے سَخ تہٕ پۆرٕ پۆر ۔ لوٗرٕ تہٕ شروعٕہ دار ۔ تٔہنٛدِ نیٚچوِ ہیوٚت پنٕنہٕ نِین لمہٕ کہ چِیٚن تہٕ نرم گونٛژھن اَتھہٕ سیٚتہٕ پھَشہٕ دِیُن ۔ ماجہٕ گَیہٕ تَسنٛدٕ باپتھ واہ دٕ سِتھہٕ ۔ تہٕ تٔہنٛدٕ باپتھ ہیوٚتُن تسُند دِل داأدی لد بنُن ۔

" ژٕ کہوزٕ چھُکھ یِہ کران پاشا ؟ " تِمہٕ پرٕژھس ۔

پاوٕپِن نٕلُ کلہٕ تھوٗد تہٕ تَس کرُن نظراہ ۔

" اَدِ کِنہ زِ بہٕ چھُس پَزٕر زانٕن یژھان ۔ " تِمہٕ ووٚن خاموشی تہٕ سنٛجیدگی سان ۔

اُہنٛزِ آوازِ منٛز اُس نرمی مگر پٔختہ گی تہٕ۔ تہٕ اُچھن منٛز یوٚت نہٕ ہیٚنیٖ چمک۔ ماجہ ژیوان زہ تیٚندی نیٚچوی چھہ کمہٕ تام پوٚشیدٕ تہٕ ہیٚم ناکھ چیزہٕ بایتھ ہر ہمیشہ خاطرٕ پننہٕ زندگی وقف کٔرمٕژ۔ سۄ اٮ۪س زندگی منٛز پریتھ چیزَس بٔنیہٕ وُن زانٛہتھ مانان۔ تہٕ اَتھ کیٚنٛہہ وَنہٕ نہٕ کرنۓ پانہٕ ناوان۔ اوَسے کیٚنہہ لٔج سۄ دوہٕ نی ژھعہ پہ دَم کَرِتھ اوٚش ہارنہٕ۔ داٮ۪ی دَگہٕ وۄل تَس نال۔ تہٕ کہتھ کرنہٕ بایتھ سۄمے پہٕ نہٕ تَس اُچھرِ۔

" وَدمے " پاوٕل وۄنُھس لیپزمی تہٕ مایہ سان۔ مگر تَس باسیوو زَن تہٕ سۄ تَس رۄخصت اوس ہیوان۔

" ہَنا کری سونٛچ۔ اَسہ کرِتھ زندگی چھہ کٔڈان؟ ژٕ زنتہٕ پننٕے پان۔ ژتہٕ چھہو وَری گٔبیی زندگی منٛز کیاہ پروٚوتت؟ میأنی مأجی دِنی ژٕیہ ہمیشہ جواب۔ دوہٕ نی چھُ میہٕ فکرِ ترأن زہ سۄ اوس پننہٕ پریشأنی پننہٕ زندگی ہندِ کرٕ ہچھرچ ژکھ ژیہ بیٚپٕٹھ چھانٛنان۔ سۄ اوس کمہٕ " تام چیزَن تَل رَدٕ ٹھُت۔ یُس تس اوٚرہ ٹھاسان اوس تہٕ تَس اوس نہٕ فِکرِ ترأن۔ زِہ پہٕ کُس چیز اوس۔ تمہٕ کرٕ ترٔہن وَرہیَن موٚز ورِ۔ تمہٕ وزِہ کرِن کام شورُوع۔ ییٚلہِ کارخانَس منٛز زرے کھانتہٕ اَسہ۔ دوہٕ نی چھہ سَنتھ!"

تمہٕ بوزِ تَسنٛزِ کتھ دِلہٕ کیو کنو مگر ہمہٕ کِہ اَکہٕ احساسہٕ سان۔ اُہندِس نیٚچوی سنٛزَن چشمن منٛز اُس اکھ لوٚبرِ وِنی چمکھ ہیچَس پیٹھ وُچھکھ بار ترادِتھ تہٕ تَس کُن نُمتھ آو سۄ تیٚندِس اوٚش بَرِ تَس

ہُچھس نزدیکھ، تہٕ تتھ پرزرس نسبت، یُس تمِس فِکرِ اوس تور مُت، کوٚرُن پتھ گوڈنیکُھ تقریر۔ پننہِ ہہٕ جوانی ہُند سورُے قوٚت تہٕ اکس تمِس طالب علمس سٕندِ ساری وَلولہ ہیچھ، یمِس پننِس علمس پیٹھ فخر تہٕ پننِس پرزس پیٹھ پوٚرٕ پزٕھ آسان چھ۔ تمۍ کرٕ تِھہِن چیزن ہنٛزٕ کتھ۔ یمہٕ زَن تَس پیٹھ ظاہر آسہٕ سپٕز مُژٕ۔ تمۍ یمہٕ تہٕ کتھ کرٕ۔ تِمن ہُند مقصد اوس تہٕ تیوٚت ماجہ ہنٛز پَژھ تہٕ پَژھ تِمن پیٹھ ہرٕ راوِنی۔ یوٚت زَن تمِس پانس ازٕ ہایِش کرِنی آس۔ باضے اُسہٕ تہٕ تَس لفظ سمان۔ تہٕ سُو اوس روٗزِتھ ہیوٚ گژھان۔ تہٕ پتے اوس تَس احساس سپدان۔ زِ تَس بَرونٛٹھ کنہٕ چھُ تیتھ اکھ بُتھ۔ یتھ ڈَگ پھے ووٚہ تلے مرٕش۔ تہٕ یمہٕ چھ مایہ ہرٕ ژٕہ چَشمہٕ آسہٕ تَس کُن وُچھان۔ تُسندِ دِل آو ماجہ ہندِ بابتھ افسوسہٕ تہٕ دادِ ہینٛز برنہٕ۔ تہٕ آدہ یِلہِ تمۍ دُبارہ کتھ تُج۔ سہٕ اُس تسنٛزِ ماجہ تہٕ تہنٛزِ پنہٕ نہٕ زندگی ہنٛز کتھ:

"ژیہٕ توٚبہ بتھے زانہہ کانٛہہ سہٕ کھا؟" تمۍ پرٛژھ "یتہ کالن کُس سُہ چیز آ، دِتے ژیہٕ یُس ژٕہ یاد تھوٚوَ کھ؟"

تمہٕ بُوز سورُے کینٛہہ۔ تہٕ تم ناکھ اندازِ دِتُن کانہہ۔ تَس اوس کَم تام لوٚہ تہٕ اداکی چیزٕ کِ، یہٕ تام خوش پِیَنہٕ تہٕ دردِ ہرٕیو تہٕ چیزٕ کیٛاہ احساس ہینٛز گژھان۔ یُس زَن تہنٛدِ داد وزلہٕ دِلہِ بابتھ بلغارٕ اوس بنان۔ ازٕ گوڈنیچ لٹہٕ بوز تمۍ کانٛہہ ہنٛزٕ زِیرٕ پانس تہٕ پننہِ زندگی ہنٛز کتھ۔ تہٕ یمو لفظو وُزِہ ناؤمیرٕ تم مُبہم خیال دُبارٕ، یم ازٕ یُرٕ کالکو شوتگی ہیتہ اُسےٚ د۔ یمو

لفظو کرتھ کمہِ تام اندازٕ زندگی زنشہٕ لوٗب ہیٚنہٕ واجنٕز بیٚہ اطمیناٗنی راوٕ مژٕ جواٗنی ہنٛدِ خیال تہٕ احساس بنیہٕ اکہِ لٕکہِ زنٛدٕ۔ جواٗنی ہنٛدین دوہن منٛز آسہٕ تمہٕ پٔنٕنین ویٚسن سٔدرٕن سیٹھا زندگی بیٚیٹھ کتھ کرِ مژٕ۔ اما پوٗز تہنٛزٕ و سارِ یے ویٚسو تہٕ بانہٕ تمہٕ تہٕ اُس دوہے شکایتھ کرٕ مژٕ۔ تہٕ پٔنٕنہٕ زندگی ہنٛدِ دوہ لایکھ وجہ زانہٕ رٕچ اُسکھہٕ زانہہ تہٕ کوشش کرٕ مژٕ۔ مگر ونکین اوس تسٕنٛد نیچو تس برونٛہہ کنہ بیہِتھ۔ تہٕ تہنٛزٕ و اُچھو، تہٕ تہنٛدین لفظن ہنٛدِ اثرٕ سیٹھا اُس سعہ دِلہٕ کین سنہ رٕن تام بانہ وگلنہ آمژٕ۔ تسٕنٛد دِل اوس پٔنٕنِس نیچوس پیٚٹھ ناز کران۔ سُہ نیچو یُس زن پٔنٕنہٕ ماجہ ہنٛزٕ زندگی اُمہ اَنہ مانہٕ فِکرِ اُس تتھ مژٕ۔ تہٕ یُس یاٗنی یانہٕ تہنٛدین دوہکھن دادین ہنٛز کتھ اوس کران۔ تہٕ یمہٕ سُنٛد دِل اَہنٛدٕ بایتھ دوہکھ لد اوس۔

ماجِن پیٚٹھ چھُنہ زانہہ تہٕ ترس یوان۔

تس اُس یہ خبر۔ پادیلن یہ کینژھاہ زمانن ہنٛزٕ زندگی پیٚٹھ دِژٕن۔ تہٕ اوس سارِ نیٚے درینٹھو ینہ وول کریوٹھ پھٔزر۔ تہٕ ماجہ ہنٛدِس وٕچھس تُل قسمہٕ قسمہٕ کیو اَکھ اَکس پتہٕ دوہٕ تلن والیو جذبو گتہ گیوٚر۔ یمن جذبن ہنٛدِ نوٕ رٕن تہٕ نرمی اَہنٛدِس دِلس وُشہ نیر پھیوٗر۔

"اَدٕ باژیہ کیاہ چھےٚ کرُن ؟"

تسٕنز کتھ چلہ ورٕ تھوٚرہِتھے پرٕژھ تمہٕ پادیلس۔

"گودٕ ژٕ پانہٕ پرُن تہٕ اَدٕ باقی پرٕ ناوِنی۔ اَسہٕ کامگارن پرٕنہ پرٕنہٕ اَسہٕ پرٕژہ یہ زانُن تہٕ دریافت کرُن زٕ سانہِ زندگی کیازِ چھےٚ یپھر کریٹھٕ۔"

تسٚندِس نیچوِس سٮ۪ٹھہٕ نیچہِ اَچھ، یِمہ زَن اموب، ترکرٕ ہٕ تہٕ گمبرِ
آسہٕ روزان، آسہٕ ونکین اَکہٕ لاوٕ تہٕ نرم گاشہ سیتی لبولب بَرِتھ۔ یہ ڈیشِتھ
سپُز سُہ خوش۔ تہٕ ہمیشہ وُٹھن پیٹھ ہیوتُن اَکھ لوٗت اَسُن پھولُن۔
حالانکہ تسٚندِ بُتھہٕ چھِہ گیٚنٛنٕیِن منٛز اوس وُنہٕ تہٕ اوٚش پھیرِتھ بھٕٹھ رائے
نیرِ ہٕ۔ سُہ اَس اَکھ اَکس کھٕسہِ یِنہٕ والین دوٚن احساسن منٛز
بوٚڈے ہُہ۔ اَکھ اوٚس تَس پننِس نیچوِس پیٹھ فخر، یِمو زَن
زندگی ہنٛد کریچھ یُتاہ جان پاٹھی بَرٕ اوس کوٚڈمُت، تہٕ دوٚیِم اَنٛدٕ
اوشس احساس زٕ سہ چھُ وُنہٕ وائنٛبہٕ کمہ۔ تہٕ اَکس بییس مقابلہ چھُ
بَلے کٕتھہٕ کران۔ بییہٕ اوس تِمو کُنہ زَنہٕ تیتھہٕ اَکھ زندگی بُتھہٕ یِنہٕ خاطرٕ
کٕبَر گوٚنٛدمُت۔ یِمہٕ زندگی ہنٛز سارِ نیٚ مُکٕنہٕ ہاَل اَس گاہُہ۔ تہٕ یِمہٕ زندگی
ہنٛز سُہ پانہٕ تہٕ عادی اَس۔ سُہ اَس تَس وُنُن یِرٕ ہان بہٕ

" میانہٕ ماٹھہٕ ، گٕنٛز زوٚن کیاہ ہٮ۪کِھ کرِتھ زٕ ؟ "

مگر سیتی اوشس یہ احساس زٕ یہ کُنہ کرِتھ مرحبا
کرِنکٕ تہٕ قدرداٗنی ہنٛدِ سہ جذبہ کمہ۔ یُس زَن سُہ پننِس نیچوِس سٚنٛبتھ
موٚحسوٗس اَس کران۔ پننِس تَس نیچوِس متعلق یِمو زَن آتِ خانہٕ منٛز
ہیوٚمُت اوس زٕ سُہ کوتاہ چالاکھ چھُ۔ تہٕ یُس پوٗرٕ پاٹھی زانُن تَس
تانی اوسنہٕ۔

پادلین وُچھہ ماجہ ہنٛد پھولہٕ وُن اُتھ۔ سُہ وُچھنُن گوٚتُن
گاہُہ۔ تہشرٕ بَن چشمن منٛز وُچھن مائے۔ تہٕ تَس باسیوو زٕ سوٗ چھُہ ماجہ

زِتس سُہ پٔنٕنہِ بادٕتس منٛز کامیاب سَپدِ مُت۔ یِمٕے سُہ وِکالتھ اوس کران۔ پَنٕنہِ لفظ کارگر سپدنس پیٹھ سَپدِ تس فخر۔ تہٕ اَمہِ سیٹھاہ ہُرے یِمس پانٔس پیٹھ وارٕے پَژھ۔ تہٕ وونی اوس سُہ جوشہ سان بولان۔ گراہ اَسان۔ گراہ ڈیکس درِہ لَدان۔ تہٕ بامٕنے اُمس اُہندین لفظن منٛز دِیہ ہٕنٛز گگہِ راے ہِشہ باسان۔ تہٕ یِم لفظ گٔڈ رِی تہٕ گرہِٕ وونی لفظ بوٗزِتھ ژاو ماجہ ہندِس دِلس منٛز خوف۔ تہٕ کلہِ گِلہ نائٕ وِتھ پرِیژھ تٔمہ لعہ تہٕ پأٹھو قس

" پاشا! یٔنٛہی پأٹھو چھاپی سَپدان؟"

" اہنی۔ بِلکُل یی!" تٔمہ دیُت دٔری پأٹھی جواب۔ تہٕ تٔمِس لکن ہُند حال بوٗزِتھ یِم زٕن انسانن مَدتھ کَرِنہ باپتھ بیقرار اُسی۔ تہٕ یِمَو انسانن منٛز بٔڑ رک بیول وۄمُت اوس۔ تہٕ یِمہِ کِنہ زندگی ہِندِ جۄ سُٹترو یِمَن ٹھٹھِلی گاڈٕہ آسہ کرِہ مَژٕہ۔ زِتھی کِنی یِتھ کُنٛزن پۄشن ہُند تِسکار چھ کران۔ تِم بٔرِکھ قادٕ خانن منٛز۔ تہٕ تِمَن آو فاقٕ بامشقت دِنہٕ۔

" مٔہ چھ یِتھو لِکھ وُچھمِتی" جذباتن منٛز بوٗڈِتھ وۄن تٔمی "تِم چھ سُبتہ راٗژ ہِندی بہترین گبر!"

یِمَن لکن ہُند باس کَرِتھ کھوٚت ماجہ۔ تہٕ آوِ سے اُمس صعہ بِیہِ اکہِ لٕٹہِ نیچوِس پٔرِ ژھن یَژھان۔ زِہ کیاہ یِہ سورُے چھاپٔنٛہی پأٹھی یِیہِ۔ مگر تس سَپدِ نہ یِہ پرِژھنک جُرأتھ۔ سُہ اُمس گیہ تن گۄژھتھ تِمَن لکن ہٕنٛز داستان بوزان۔ یِم نہٕ تَس فِکرِ اُسی تران۔ مگر یِمَو تسُند نیچوٚ یَژھ ہیم نالہٕ کھتھ کرِ نہٕ نہ سۄ تجبہٕ ہنیچ نومُت اوس۔ اٰخرس وۄن تٔمہ پنٕنِس نیچوِس

"دوہ ڈی ہا چھُ گاش پھہلنس تیار۔ تراوۄ پتھ کنؐ تہٕ رژھ کھنٛجہ شونگوٗ"۔

"یہٕ کیاہ دراس"؟

تیمو ماٗجی یہ کتھ۔ مگہ ماجہ نکھ پتھ پرژھن تس۔

"مگر یہ کینژھاہ میہ وونیٔ۔ تہٕ تورِیٔ فِکرِ ؟"

"آ"

تس ژوٚل ووش نیرِتھ۔ اوٚشس لجس بنیہِ دار۔ تہٕ ہنگہ منگہ خبر کتھ تاڈی جذبس لاینہٕ پتھ دِژن کرِ پھ:

"ژہٕ ہا گرٛشھ کھ بوہ رباد!"

سوٗ ووٚتھ تھوٚد۔ تہٕ کمرِ کِس بیٚیِس طرفس کُن دراو۔

"خاگر۔ دوہ ڈی تورٕ ژیٚہ فِکرِ زہ بہ کیاہ چھس کران۔"

تیمو ووٚن۔ "میہ بوٗے ژیٚہ سوٗرُے کینٛہہ۔ تہٕ ہرگاہ ماٗجی ژیٚہ میون مرہیہ چھےٚ دِلس۔ میون در خاص چھےٚ یُتھ تہٕ میہ اُتھ کامہِ مُتھ پکھ"

"میانہٕ گوٚبرا! ٹاٹھیا!" تیمہٕ ہور اوٚش۔ "ژٕ گرٛشھ ہے ہرگاہ ژہٕ میہ سوٗرُے وَنہٕ ہا کھ تہٕ"۔

تیمو رٹ ماجہ ہندس اَتھ تہٕ زور ڈینگھ چیٚر۔

"ماٗجی!"

یمہٕ چاوِ اُمی "ماٗجی" ووٚن۔ تہٕ یمہٕ عجیب تہٕ خاص انداز اُتھس چیٚر دِتنس۔ تیمہٕ سیٚتو پیوٚ سو سیٹھاہ متاثر۔

" بہ ناوِتہٕ یِتہٕ کہیتھ " تمہٕ ووّن ٹھہرِ ٹھہرِ۔" او۔ ژٕ ٹھوٗرٕ
زٕہ پانَس حِس۔ حِس ٹھوٗرٕ زٕہ ! "

تَس باسیوو زٕہ تَسُند نیٚچُو اوس کُنھ تام خطرَس منٛز پیٚیہٕ
دوّل۔ اَہنِک اَکھ اَزاٗنی احساس سُپدِتھ وُٚژھہ سعہ دردبند آیَس منٛز:۔

" ژٕ ہا چھُکھہ دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ زیادٕ ے ہوہ کھان "۔

تمہٕ بوٗر یہ دُپُو زٕہ تہٕ ، پاوٕل سُند دوٗر یِتہٕ قد اوار بدن پیٚیہٕ ہین
مایہٕ ہرژن چیٚشمَن منٛز۔

" ژٕ پتھ کُنُو زندگی کڈٕنی یژھُکھہ۔ کڈٕ۔ بہ پیٚسے یِتہٕ زانٛہہ تہٕ
ٹھرِ۔ مگر اَکھ کُنھ چھےٚ۔ یہ اَزٕہ وارٕہ سَرِہ کھرِہ کران زٕہ کُنھ کُس سیٚتہ
پیٚزہ کرِنی۔ تہٕ کَس سیٚتہ پیٚزہ یِتہٕ۔ لیکن اَزٕہ کھوژان۔ یمن چھےٚ اَکھ اَکس منٛز
دِہے۔ یِہنٛز زندگی چھہ حسدَس تہٕ طمہ ہٕ َس منٛز نیران تہٕ یم چھہ اَکھ اَکس
دوہ کھ واتہٕ ناوتہٕ سیٚتہ خوش گژھان۔ ژٕ دِتہٕ اَکہ لٹہٕ یمن ہِنٛز اصل صوٗرت
ہاوِتھ۔ یمن پیٚٹھ کھارتہٕ راہ۔ پتہٕ وچھکھ یم کاٗژاہ نفرتھ کرنے۔ تہٕ ژٕ
ختم کرِنہ بَیٚتھ گنڈٕنے ہوٗل "۔

اُہُند نیٚچُو اوس دروازَس پیٚٹھ دوہ دِنہ اَہندی دوہ کھ ہٕتہٕ لفظ
بوزان۔ یَتہٕ تمہٕ کُنھ معہ کلاٗو۔ تمِس پھوٗل اَسُن۔

" ژٕ ہیٚے چھکھہ پوٗز وَنان۔ لُکھ چھہ یَیرِ ی پاٹھی خراب۔" تمی
ووّن۔

" مگر پیٚتھے میہ زون زٕہ دُنی یِہٕ َس منٛز چھہ اَکھ تیٚتھ چیز تہٕ یَتھ

حق تہٕ پوز وَنان چھہ۔ میٚہ ہیٚتھن پم گٔژھہ رٕٹۍ باسنۍ!"

تمہٕ کوٗر بٔنیہ اُسُن تہٕ وَوَنُن :۔

"میہ چھنہٕ پانَس تہٕ خبر زہٕ یہٕ کیتھہ کٔنۍ سَپُد۔ لوکہ چارہ اوسُس یہ سارِنٕے کھوٗژان۔ تہٕ یُتھۍ بہٕ بوڈ گوس بہٕ لوٚگُس سارِنٕے سیٚتۍ ڈیٚپے ورتاونہٕ۔ باقۍ لُکَن سیٚتۍ اوہ کٔنۍ زہٕ تِم اُسۍ کمینہ۔ کیٚنژَن سیٚتۍ خبر کیازہٕ۔ شاید بٔلۍ۔ مگر وونہٕ تہٕ چھُ میٚہ پرٛیتھ کانٛہہ چیز نٔوۍ اتھ ماپہٕ بوزنہٕ یوان۔ شاید ما اوہ کٔنۍ زہٕ میون دِل چھُ لُکن ہِندہٕ باپتھ دادہٕ سیٚتۍ کریشان۔ یُلہٕ میہ زون زہٕ پنہٕ تہٕ کمینہ گی باپتھ گٔژھہ نہٕ لُکن ہر ہمیشہ راہ لدٕن۔ اَوَے سَپُد میون دِل تہٕ موم"

وَنان وَنان کوٗر تمہٕ قرار۔ زن تہٕ پانہٕ اَندرٕم کانٛہہ آواز بوزان اوس۔ پَتہٕ لوٚگ دارہٕ دارہٕ تہٕ سۄرٕنٛج وَنہٕ نہٕ:

"یہٕ فرق چھہ تبٕدیلی یوان۔ یُلہٕ زَن انسان پَزر زانُن لگہٕ!"

"میانہٕ مسیحاہ! ژٕ یہٕ ہا چھے اکھ بٔڈ تہٕ بیم ناکھ تبدیلی آمژ!"

ماجہ ترٲوس اکھ نظر۔ تہٕ آہستہ پاٹھۍ ووٚن نَس:

یُلہٕ شہ شوٗنگ ماج وٕژھ لوہ تے بسترہ منٛزہٕ۔ تہٕ واٲرٕژ اَمِس نِشس۔ پاوِل اوس بُتھہ ہیٚور کٔنۍ کٔرِتھ شوٗنگِتھ۔ سفید شاندہ گنڈِکِس پٮ۪ٹھ منظرس منٛز اُسۍ اَہندہٕ کاژرہٕ بُتھکۍ گٔمبرِکہ تہٕ سرکٔشس خولہ خط پٮ۪ٹھۍ دزارِتھ۔ اَہنٛز ماجِ اُس روت پلوٗن منٛز نیٖرِ واٲرِے نٔرہٕ زہٕ یِنٛس سیٚتۍ ژھوٚپہٕ تَس نِشہ آمژ۔ اُمہِ سٕندہِ وُٹھ اُسۍ آواز وَوہ پداونہٕ ورأے

ہِلان۔ تہٕ ویوٚلہٕ ویوٚلہٕ اوٚش اوشُس ژھُمتھ لَبہٕ پیٹھٕ وٕسِتھ وٕسِتھ بوٚن پیوان۔

تِمَو ہیتٕر بنیہِ اکہِ لٹہٕ زندگی لوٚت پأٹھۍ کڈٕنۍ۔ اکھ اکِس نِشہِ دوٗر دوٗر۔ مگر اکھ اکِس سیٹھاہ نکھہٕ نکھہٕ۔



# ۵

گرٕ نیران وۄن اکہ ہفتہ مُنزٕ چھُٹی دوہَن پاوٕلن
ماجہ کُنؠ پھیرِتھ:

" بٹہٕ وارہ دوہے ین کینٛہہ لُکھ شہرٕ پیٹھٕ مینہ سٕمکھنہٕ۔"

"شہرٕ پیٹھٕ؟" ماجہ وۄن تہٕ سُہ کھ متہ کھ رٔچ ہِکہ کھارِنہٕ۔

"کیٛہہ زہ ماجی؟" پاوٕلن پرٕژھ ژلِہ سان۔

تمہٕ وون تہٕ رود اینہ پرنہٕ سپتو اوٗش۔

"خبر" تمہٕ ترٛوو وُشہ۔ "کہنو نا۔ خاص نہٕ کہنو۔"

"کھوژان چھکھے؟"

"اہن۔" تمہٕ کوٚر آنکار

سۄ نمیوو تس کُن۔ تہٕ ینہٕ زٕنس ہٲلِ سِندی پٲٹھو وونُن بُتھ
ژُکہ رأوِتھ:-

"اُمی کھوژُنہے کرٛی اُسی بوہ برباد۔ تہٕ یم لُکھ اُسہ پیٹھ راج
تاج چھہ کران۔ تِم چھہ اُمی کھوژُنک فائدہ تُلِتھ اُسہ پیٹھ وارٕے ظُلم کران۔"

" خبرہِ ماگژھم!" ماجہ دوٚن دوہ کھ لد اندازس منز۔ "کھوژہ یہ کیازہ؟ وُمبرہِ رۄزہِ یہ کھوژان۔ ہیاٹِس ژھس بیچھ چھ خوفچ پیٚنہ کھ وہراوی ہیتھ۔"

" ماجی میہ دی ماٗنی۔ مگر وُتھ چھ یہاٗسے۔" تمہِ دوٚن نرمی سان۔ تہٕ دژاو۔

ترین دوہن رۄدتس دِل وُسی وُسی گژھان۔ یِلہِ سہ سونچان اٗس زہ کینہہ اجنبی تہٕ ازاٗدی لکھرین تو ہند گرہ۔ سہ اٗسس دوہ ٹھ زن گژان۔ تہٕ دِل اوسُس وُسیتھ گژھان۔ ہیموٚے لکوٚ اٗسس تیندرِس ینچوِس سہ وَتھ ہاوِمژ۔ یتھ بیچھ سُو یکان اوس۔

بٹہ وارہ دوہ یہ آو پاوِل کارخانہ بیچھ واپس گرہ۔ اَتھ یتھ چھوٚلن۔ پَلو بَدلاوِن تہٕ بٚییہ ہنیوتن نیرن۔

" اگر یہے کانٛہہ اوسے۔ دُپی زہس بہ ییمہ وِنی۔" ماجہ کُن وُچھنہ ورأے دوٚن تمہِ: " بٚییہِ خودایہ سِندہِ پانہ کھوژ متے زہ۔"

پھٹہِ متیو کوہ ٹھیو بیچھ سہ بنجس بیچھ۔ پاوِلن وُچھ تس کُن کیتھ تانی باٗھی۔

" بہ گژھہ ماجان۔ اگر زہ ازکانٛسہ ہُند گژھہ ہاک۔" تمہِ کوٚر تجویز پیش۔

یمہِ لفظو سیتی لوٚگ ماجہ دِلس۔

" کیازہ۔ بہ کیازہ گژھہ؟"

نومبرکۍ ہیتھ دوہ آسی۔ دوہہ ہار اوس لگہ بہتس زمینس پیٹھ
زیٹھ زیٹھ تہ خوشک شین پیوٚمت۔ تہ یتھ تُہند بتہٕ دراو۔ تمہ بوزٕ شینہ
پیٹھ پکہ رنٛچ تُشنٛز آواز۔ اَتہ گوٚٹ اوس دارِ سیتۍ لارِتھ دِلس منٛز
بہٕ غُشن ہیہتھ ژَن تہ کاژ تبہ زاگان۔ دمہ شوبے اَتھۍ سیتی بنیٛج رتٕت تہ
پہیٛتھ یژ سۍ دروازس کُن مدے کھنڈرتھ وُچھنہ۔

تُس باسیو ژَن تہ اَتہ گٹہ منٛز پہ ہتہ طرفہ کھتھ تام لکھہ اوٚرٕ
ڈیٛرہ یلہ لاگتھ، ککھرہ یکان آسی۔ اَمہ پتہ وتلیوگرس اَندی پکھ
لوٚت لوٚت پکہ نک صداہ۔ تہ اوٚنگجو سیتۍ لیٚن سار رنٛج سۍ سیٚر رائے ہشس
نہ وھٹیہ۔

تمہ بوزکس تام اوس شُربہ منٛز کُنہ تام ژُن دایان۔ اَمہ
آوازہ سیتی وُژھ ژھوپہ اَکھ لقتھ رائے ہش۔ دوہ کھلہ تہ ہیٹھ آواز
یُژ وانالکہ اَتہ گنٛٹس منٛز راونہ۔ ژَن تہ کاژ تبہ ژھاران پریشان
اُسی۔ پتہ آیہ سۍ آواز ناکھ۔ تہ اُتھۍ دارِ نکمہ وائتھ گیہ یکایک بند۔
ژَن تہ لبہ ہندس دارس منٛز شرٕتھ پتتھ گیہ۔

ڈیٛڈہ منٛز گو یکنگ صداہ۔ مائج گیہ ختوٚد و [illegible] تُس آیہ
ہمسہ چار بیٛر۔

دروازہ گو یلہ۔ گوڈہ ییرٕ؟ اَکھ کلہ کھا بہر نظر ہیٛر۔ یتھ پیٹھ نہ
جٕنٛتہ دار ٹوٚپی اُسی۔ اَمہ پتہ ژاو برنہ منٛز اَکھ قدآور جسم نَہ تھ ہیوٚ تہ دوٚکھ
بروٚنٹھ کُن۔ یہ نظر روٚد اَمہ پتہ سیٚتو دوہ دنہ۔ سلامہ باپتھ تُلن دچھُن اَتھ

تہٕ ترٛوٚن ووٚنِتھ ترٛاوِتھ وَدنَس ؛

"آداب !"

ماجہ ووٚن نہٕ کُنہٕ کِہنہٕ۔ مگر تمہِ تھ دِتُن سلامہٕ جواب۔

"باوِل چھا گرِ ؟"

نو آوُن کوٗٹھ سا برُک جا کیہہٕ۔ کوٗٹھ تھوٚد تُلتھ دِتُن اَتھ ٹوٗپہِ سیٹھا شین۔ پَتہٕ دِتُن دوٚیمہِ زنگہ تہٕ پیٚٹھے پاٹھ شین۔ ٹوٗپی تھجِن نہٕ دِژن اَکس کوٗنجِس منٛز دائرِتھ۔ تہٕ ویٚلی ویٚلی دراو بیٚیِس کوٗنجِس کُن۔ کرٕسی اَکس کَرِن نظراہ۔ ژَن تہٕ ورٕچھان اوس زِ یہِ ہیٚکیاہ تسند بار کٔرِتھ نہٕ۔ تہٕ اَمہ پَتہٕ بیٚوٗٹھ۔ اَسِس پوٚت اَتھ لاگِتھ کرِن ژامَن۔ تسند کلہٕ اوس گول ماشرٕ منٛز اوسُس ژھوٚٹ۔ اصلاح اوسُن کوٚرمُت۔ مگر گونٛژھ آسِس تہٕ پیمَن ہندی فوکہٕ اَسِس بوٚن کُن نمبٕتھ۔ پَتہٕ نیو ویٚچھکو ویٚچھکو وبرے مٔژو کاژہٕ رَو اَچھو سیٚتھ ہیٚنٛز تمہِ بٔڈٕ سنتھ کٔرِس سام ہیٚنٛز۔

"یہِ چھا توہہ پنُنٕ پانٕہ۔ کینٛہہ کرایہ چھوٗہ روزان یِیِتھ ؟"
زنگہ پیٚٹھ زنگ تھوٚوِتھ نہٕ کُرسی منٛز پانس اَلہ گوٚ راہ کٔرِتھ پریٚتھ تمہِ۔

"کرایہ پیٚٹھ" ماجہ ووٚن۔ سہ اُس تَس بُرونٛہہ کنہِ بیہِتھ۔

"زیادہ جان جاے چھِنہٕ کینٛہہ تہٕ" تمہِ کَرِ راے ظاہر۔

"باشا آسی یِکان۔ رُژھا پرارٕس۔"

"نی ہے کران چھُس" اَمہ قدادار انسانَن دِیُت جواب۔

اُہندِ سۆلوٗکہ تہٕ اطمینانہٕ، نرم آوازہ تہٕ سیدٕ سادٕ بُتھ سیتھ بڑیوو ماچہ حوصلہ۔ اَمیٚنزٕ نظرِ آسہ پَزٕ دِلکش تہٕ یار انکھ پَرتوٚ تراوان، تہٕ اَمیٚنزٕ صاف چشمَن ہندِس شیشہٕ رِس منٛز اُسی خوٚشی ہندی لمبکھ دِوان۔ اَتھ رِنگس، نٲوِی لبس، تَمِتھ تہٕ زنگاداز بدٕنس منٛز اُس اکھ کشش۔ تَمہِ اُس نیٖلہِ رنگہ کُرتہٕ تہٕ کھُلہ ڈٕ لہِ کرٕ ہِن پوٚتلوٗن لوٚگمت۔ تَمہِ دوٚپ نہٕ پرٕ ژھس نہٕ ژٕ کُس چھکھ؟ کتہٕ چھکھ آمُت۔ تہٕ کیاہ توٚ ہند بیچوٗ زانہٕ ہٲنا واریاہ کالکھ؟ مگر سُہ نیمبوو سعہ کھ موہ کھ بُروٚنٛہ ٹھ کُن۔ تہٕ تَسُندٕ پرٕ ژھنہٕ بُروٚنٛہ ٹھے لوٚگ وَنہٕ نہٕ۔

"ننکو۔ ژٕ یہٕ کَمی چھے ڈٲکس پوٚت زورٕ چھیوٕ کھ دِیتمُت؟"

تَمہٕ پرٕ یُژھ۔

تَہَنزِ آوازِ منٛز اُس ہمدردی۔ تہٕ تَہَنزَو اَچھو منٛز اوس اُسُن پریڈان۔ مگر اُہندِ سوالہ سیتھٕ لوٚگ ماچہ دِلس۔

"ژٕ یہٕ کیاہ چھے تَمِتھ سیتھو؟"

تَمہِ ووٚن وُکھٹ ژوٚمہ راٲوِتھ۔ شائستگی سان۔ مگر اَکھ شائستگی منٛز اُس سنگدِلی کھٹِتھ۔

"خَفِہ مے گژھ۔" سُہ نیمبوو ماچہ کُن وارِسے۔ "میہٕ پرٕ ژھ اَدَے۔ تکیازِ میانہٕ دمہ دہ ماجہ نہٕ اوس بنٛتھے چھیوٕ کھ۔ یُتھ ناژ بہٕ چھے تَس اوس رینٛز لوٚیمت۔ یَس سیتر سعہ روزان اُس۔ سُہ اوس

---

ہ ننکو۔ یوکرین چینہٕ بٲڑٕ منٛز چھ ماجہ وَنان ننکو۔

موٗج - تہٕ تِمو اوس تَس مِیچھٕ قٲلبہٕ ٹھوسمٕت - سہ اُس پانہٕ دٕپی باے خبر کیتھ سَمکھُس - سہ رۆز دِہ ہِیے وَہرٕ تہٕ دراہِے کران ہُکیا زٕہ سُو اوس یِکہٕ شیٚہ رٲبی - یہٕ سورٕے سِپُد تیٚلی بَلِہ بہٕ تِہُمو مَنگتہٕ رٔنبوٗس - اِنٛہِہ اِنٛہِہ سُو اوس تَس بیٚیہ دایہ مار دِوان - تہٕ بہٕ اوسُس شرُک نین اَژان"

اُہِندِس اعتمادَن کرٕ مٲج لاجواب - تہٕ سُو کھوٚژ زٕہ یِتھ کٕنۍ ژکھ سان تِمَن جواب دِتم سیٚتہ ماگرٕژھ پاوِل تَس ناراض .

" نابہٕ ناگیٚس نہٕ خفہٕ " تِمہ دوٚن کینژھا شرمندگی سان تہٕ کینژھا اَسُن کرِتھ ." ژیٚیہ پرٕژھتھ نا یکدَمے - خودا کرِ نَس جنتس منٛز جاے . میٚیہ تہٕ اوس پیٚنٛژہ ھانہٕ دارِپنے لوبمٕت - اَدٕ با ژٕ چھکھ تاتارِہو ؟"

تِمو دِژ کھہٕ رَن دِہَن - تہٕ دَنٛد وہرٲوِتھ لوٚگ تِتھ کٕنۍ اَسنہِ زٕہ کیٚنہِ پھیشِرَن تام گیٚس دِنَن .

" ناے - ؤِپہٕ نہٕ "

" چاٲنۍ کِتھ باتھ چھَنہٕ رۆسی بَنِ ہِشی " ماجہ تۆر تَشند مذاکھ نِکرٕہ - تہٕ اَسان اَسان تور نَس پَتُن مطلب خَبکرٕہ .

" میٲنۍ کِتھ باتھ چھہ رۆسیٚن ہِندِہ کھیٚو تہٕ جان . ٹھٹھ کرَان کران دوٚن پَژھ : " بہٕ چھُس کانیٚف شہرُک روزن دول - اکھ خوخولْ "

---

۵. تاتارِہو اُسہ پرٲنۍ بلوٗکِنَن والین جندٕہ گرِن وَنان .

۵ - اکتوبر انقلابہٕ برونٛہہ اُسہ یوکرینَن کِین لُکَن خوخول وَنان .

"یٖتہٕ ووٚت یا وار یاہ کال زٕ ؟"

"شہرس منٛز گوم ووہنی ورٕہی کھٔنڈ۔ دٕچھ یٖتھ کارخانس منٛز ووتُم ووہ نی رٕیتھ کھنڈ کأم کران۔ یٖنٛتِس لکھ چھہ پرٕتی۔ چون نیٚچُو تہٕ بٮ۪نِیہ گیٖنٛہ لکھٕو۔ تُہٕ کٔمہ مارو زٕ بہ یٖتھی۔"

گونٛشُہ کھن وٕر دِوان دِوان ووٚن تٔمۍ۔

تٔس باسیوو پٔرُت سہ ہیٚوٚ۔ تہٕ تِہنٛدِس نیٚچِوِس مُتعلق یِم پرٕتی لفظ تٔمۍ وٕنۍ ہتۍ آسۍ۔ سہ آس نمیٚک ماوجنہٕ دِیُن پٕژھان تٔس

"چایہ پیالہ نہٕ چکھے ضرور ؟" تٔمہ پریژھس۔

"ہوٚوے اوٚت گیا زٕ چمہٕ ؟" تٔمۍ کٔر شانٛ درسیہ ہنا۔ "بٮ۪نِیِن تہٕ دِیٖنہٕ۔ پٮ۪نٛد کرٕ تہٕ اٚمہٕ ساریہ سٕنِے خاطرٕ"

اَمہٕ سٟتۍ لٔج مأج بٮ۪نِیہ اکھ لٹہٕ کھوٚژہ نہٕ۔

"ووہ ہے آسن نارتم تہٕ اٚمی سِے ہوکہ" تٔمہ سٟتۍ پانس سیتھ ڈیڈہ منٛزہ گوٚ بٮ۪نِیہ اکھ لٹہٕ یکٮ۪نٛک صداہ۔ دروازٕ آو کھریتھ گرہتھ مُژرنہٕ۔ تہٕ مأج وُژھ بٮ۪نِیہ اکھ لٹہٕ ہتو۔ یہ ڈیٖشتھ آیہ سہ حارتس لایہٕ۔ یِلہ کٕٹاہ اکھ جوٚکس منٛز ژایہٕ۔ سہ آس لأو۔ بتھ اوشس گریسی بایہ ہندی پأٹھۍ سیٚود ساد۔ تہٕ سہ نہٕ ہٲرۍ سٔتس اوشن اکھ ویکھٹ لٹہٕ پورٕمت۔

"میٚہ مأ گوٚ ژیر ؟" کورِہ ووٚن ترمی سان۔

"نا، ژیر نٕے گوٚو" خوشحول ووٚن پرس کُن نظر دِتھ۔

"پہچانِتھ آیہ کِنے ؟"

"آدہ کیاہ؟ تہُند چھُوہ باوِل مینا نِکو وِچ بیشِر داگِج ؟ آداب
بہ چھُس نستاشا۔"

"تہِ مأنی ناو کیاہ چھُے؟" ماجہ پرٕژھُس۔

"واسی لیونا۔ تہِ تُہُند ناو؟"

"پلاگیا نِلوونا۔"

"دِمہ ژِ سیٚیر اَسہِ پانٕہ وأنی تورُف۔"

"آ" "کوریہ کُن نظر کرٕتھ تہِ اَسان اَسان دِتُت ماجہ جواب۔
اَمہ وِزہ اُس تِسنٕزِ آوازہ منٛز شکرٕ شکرٕ ہیش۔

"تیٚر سِے لگیم؟"

کوٗرہ ہُند چھہِ غ کڈان کڈان پرٕژھُن خوشولن۔

"خبر روٗس - نیٚبر تہِ کیہٕ چھِ کھَھِس منٛز طُفانَس ہوا چلان"۔
تہُنٛز آواز اُس شُتھ، مگر تہِ صاف۔ اُس اوسُس لوکٕٹ تہِ وُٹھ وٹھ تیٖٹھ
وِنیٖٹھ۔ گل ہُند پاٹھو اوس اُہُند بدن ژۄنٛژکہ پاٹھو سادروار، گول تہِ
نرم۔

کوٗرِ بیٚترہ کُٹھ وِتھ ہیوٗت تمہِ پٔنہ نیو لُکٕٹ لوکٕٹ آلتھو سیتی تھٔم

---

۵۔ روٗسی ناون چھِ ترٕیہ حصہٕ آسان۔ اکھ گوٚو پنُن ناو۔ مأنی سِندہ
نِسبتہ بیاکھ، ترٕیِم خانہ دانُک ناو۔

زَن تیٚہرٕ سیٚتۍ ہٕنٛنے مہتہٕ اُسے، پٮ۪نٛزٕ ہِن پوشہٕ رنٛگہٕ گُلَن پھَش دِیَن۔ بوٚڈٕ جیٚوہ
کھوٚرِ یوٚ سیٚتۍ فرشَس ٹاسہٕ رارَے تکِھتھ ژٲیہٕ سۭتۍ وٲلہٕ وٲلہٕ بیٚیِس
کرِس مٔنٛز۔

"آما آمہٕ کونہٕ سنا رَبرٕڈٕ بوٚٹھ لوگمُت ہے" ماجہٕ سوٚنٛچ پانَس
سیٚتۍ۔

"اوہ — " کورِ ووٚن نٹان نٹان "بہٕ ہا گٔییِس تیٚہرٕ سیٚتۍ
لٔگِتھ زَن"

"ٹھہرتہٕ۔ بہٕ لاگے وۄنۍ سماوارُک آب۔ اکِس برٛٮ۪نٛزِس مٔنٛز"
وٲلہٕ وٲلہٕ چوٚکس کُن گژھان ووٚن ماجہ۔

تَس باسیوو زَن تہٕ سۭتۍ اُمہِس کورِ وارِیاہ کالہٕ بیٚہتھ زانان
اُس۔ تہٕ اکِس ماجہ ہٕنٛزِ لولہٕ ہارِ تہٕ دردِ بنٛد شفقتٕ سان لَج سۭتۍ تَس
لولہٕ مٔتہٕ لاسے کرٕنہٕ۔ دوٚیِمِس کرِس مٔنٛز لیٚہ سیٚہ کٔمتھ باتھٕ چیلان اُسۍ
سۭتۍ بوٚنہٕ تھٕ وۄتلیوو تَس وۄٹھن بیٚہتھ اُٹھن۔

"ژٕ کیٚہو سوٚنٛچان نخُردِکا ہے" کورِ پرٛیُژھ۔

"خاص نے کِہنھ" خوخولن دِیُت آہستہ پٲٹھۍ جواب۔ "ییٚمِس
ماجہ ہٕنٛزِ چشمہٕ چھےٚ بڈٕ زبر۔ تہٕ بہٕ اوسُس سوٚنٛچان ژٕ ہیٚیا نہٕ ماجہ ہٕنٛزِ
چشمہٕ تہٕ ما آسہٕ ہٲن پٔژھے۔ بہٕ ہے چھُس اکثر یتہٕ تہٕ ماجہ ہٕنٛدۍ سوٚنٛچان
آسان۔ تہٕ باسان چھُم ژٕ سۭتۍ آسہٕ زندٕ سے۔"

"مگر ژٕ ہے وَنان اوسکھ ژٕ سۭتۍ چھےٚ موٚرمُت؟"

" میاںٛز دۄہ دۄہ مأنٛج چھ مۄمرٕ ۔ بہٕ چھُسَے پَنٕنہٕ ماجہ ہُنٛد وَنان ۔
شاید آسہِ سۄ کیف شہرٕچ سڑکن پیٹھ ہیٚچھان ۔ بیٚیہِ ما آسہِ وۄدٕ کا
چوان ۔ تہٕ یِیلہِ زیادٕ چوان آسہِ ۔ پُلیسہِ وألی آسِہنٕس شاید دَگہ مارکران "

" وۄہ ہے بچور ! " وۄہ شاہ ترأوِتھ سۄ نچھ ماجہ ۔

خبر کۄسہ کنٕتھ وَنٕز نتاشایہ ۔ بڑٕ تیزی ، نرمی ، ملائمژ تہٕ جوشہ
سان ۔ خوخول سٕنٕز آواز لٗج بیٚیہِ اکِہ لٹہٕ گرزنہٕ ۔

" ژٕ چھکھ وِنہٕ شُر ۔ ژیٚہ چھُکھ نہٕ وِنہٕ دُنیاہ وُچھمٕژ ! اِنسان
زیٚوٕ رادُن چھُ سبھٹاہ کریٚاہٹ ۔ مگر اَمہِ کھۄتہٕ مُشکل چھُ شرافت
ہیٚچھ نادُن "

" واہ ہے بچور ! " ماجہ وۄن پأنٕز پانَس سیٚتۍ ۔ میٚتھ گوس زٕ
سۄ گژھہٕ ہا اَمِس خوخولس نِش ۔ تہٕ تَس سیٚتۍ ورتاوٕ ہے ہمدردی ۔ مگر
بر آوھرٕ نہٕ ۔ تہٕ مجبٕر ژۄر وانیلوسٕند نیٚچوٕ نکولائی وسوف شیکوف ژاو
اندر ۔ سۄ اوس حارس پیٚہ بستی منٛز یَنہٕ نہٕ دَزہٕ بزٕ کنہٕ مشہور ۔ سۄ اوس
اموب پَنہٕ نہٕ بد مزاژی منٛزٕ روزان ۔ اَمہِ کنہٕ اُسۍ اَمِس لُکھ بلٹہٕ اوس
ٹلان ۔

" نکولائی ۔ رُکھو زٕ ؟ " ماجہ پرٕژھ حأرأنی سان ۔

" پاول چھے گرٕ ؟ " ہنٕز کھُلہِ ڈٗلہٕ تہٕ شُتُلو آکھ دار بُتھ
وۄہتھ راوان تہٕ سلام بند یکھاہ کرنے پرٕژھ تمۍ ۔

" نہ "

کرس منٛز نظر ترٲوِتھ ژاو سوٚ اندر۔

" رفیقوٚ سلام بوٗزو۔" تمہٕ وُون۔

" یہ نیا؟ " پھوشان پھوشان سوٚ پُچھ ماجہ۔ تہٕ بیٚلہِ تمہٕ دُچھ زہ تماشا یہِ کوٚرِتھ سیٚتھ تہِتھ کنٛہ اکھ واس زن تہٕ تَس وُچھتھ خوش آس۔ ماجِ گیہِ وارٕ سے حارتَن۔

نکولائی ہَس پَتہ آیہ بنیہِ زہِ زٕ۔ دوشوٚے آسہ وہٕ نو بالیغ نٕرکے۔ ماجہ اوس یہمٕ منٛزٕ اکھ ویٚود۔ یمہٕ سیندِ خولہ خط ترہِ شرہ سان مُس واٚنگی دار تہٕ ڈیکہ کھوٚل اوس۔ تس اوس فید ورناو۔ تہٕ سوٚ اوس کارخانہِکِس موٚزوٗر سیٚز وٕٚٹَن بابتھ۔ دوٚیُم اوس یہوٚے مندچھ بُڈ پہیوٚ۔ تَس اوس مَس صوام تہٕ کلَس سیٚتی یہوٚے لاٚرِتھ ہیٚو گومُت۔ ماجِ زانہِ ہے زٕ تَسٕ مگر تہٕنٛدِ سیٚتی تہٕ باسیو نہٕ تَس کانٛہہ خوف یا پریشانی۔ چھیکرس ووٚت پاویل تہٕ۔ اَمِس سیٚتی آسی کارخانکو زہِ نوجوان موٚزوٗر۔ سعہ زانٛہے تِمَن تہٕ۔

" ژٕ نہٕ چھُت سماوار لوٚگمُت تہٕ۔" پاویلن پرٛژھ نرمی تہٕ فیرٛزمی سان۔

" شکریہ، سیٹھاہ شکریہ!"

" بہ آنا دوہ دکہ زَرٕژھ کھنڈ مُلہٕ؟" تمہٕ پرٕژھس۔ تَس اوس فِکری ترٛان زہِ سعہ کیتھ کنٛہ کرِہ ہے تمہٕ ازٕ اَنٛز بچرٕ بابتھ شکریہ ادا ییٚس نہٕ تَس لفظن اَنٛد پھرٕن اوس تکان۔

---

٥ رفیق۔ سیٚتھ بٲج

"نائے اَمسۆنتے چھِنہٕ شعوراب چوان۔" پاویلن وۆنُس خوش یوٚہ وُن اَشناہ کرِتھ۔

تَس باسیوو زِ تسِندی نیٚچوِ ادس ٹھَھٹہٕ کَرنہٕ باپتھ اَمہٕ جمائژ هِندِ خطرٕک ضروٗرت تہٕ کھوتہٕ زیادٕے ووٗنمُت۔

"ییمے چھا تمِ نفر ییمن قونوٗن خطرناکھ وَنان چھُ با" تمہِ پرُیژھ دنٛد ٹُوی ٹُوی۔

"آ۔ ییمے چھ۔" پاویلِ ووٚ ہقُس درجواب۔ تہٕ ژاو دوٚییمِس کمرس منٛز۔

"کیاہ پُزی پائٹھا!" تَس بوزِ ناوان وُنٛدہ سٕوہ شفقژ سان۔ تَمِ بزرگانہٕ مہربٲنی سان لجِ سوچنہِ:

"یہِ چھُ دُنہِ بلکُل شُرٕ!"

# ۶

آب ئیلہٕ گرِیکنہٕ لوٚگ۔ ماجہ ژوٗن سماوار کرس منٛز۔ پٔژھۍ اُسہ میچس اَندی اَندی لوٗکٹۍ موکٹ آلہ کرٛنڈٕل کرٕ تھہ بہٕتھہ۔ نتاشا اُس اَکِس کوٗنجس منٛز کتاباہ مُژرأوِتھہ۔

"یہٕ زانہٕ بہٕ باپتھ زِ ژکتَن ہنٛز زندگی کیازِ چھہٕ یِیٛوٗژ ہ بےرحم تہٕ کُٹھُر؟" نتاشایہ وَنٛن۔

"تہٕ بہٕ کیازِ چھِم تِم یِیتھ بے رحم تہٕ کُٹھرِ ی؟" خوٗخول ووٚتھ تھہٕنزکنہٕ ژُہٕٹھ۔

"یہٕ وُچھُن چھُ ضروٗری زِ تِمو کیتھہٕ کنۍ کوٗر یِمنہٕ زندگی ہُند دٔسلابہ؟"

"وُچھو میانیو ماٹھیو۔ وارہ پأٹھۍ وُچھو!" چاے تیار کران کران وَنٛن ماجہ آہستہ پأٹھۍ۔

سارہٕ وٕسے کرٕ ژھعہ پہٕ

"ماجی۔ کیہہ دلیل ماجی؟" ڈایکس درہٕ لدِتھہ ووٚتھ پاوِل۔

"ڈلیل؟" کلِہ ہیور کُن ٹلیتھ وُچھ تمہٕ۔ تہٕ اندازٕ کورُن رٕزٕ پٔریتھ اُکھاہ اوس تَس کُن وُچھان۔

" ہا۔ یہِ ہا اُسس پأنی پانَس سیٖتۍ کتھ کران۔" بانبرِتھ ووٚن تمہٕ لہٕ تہٕ لہٕ تہٕ۔ " سونچان اُسس زِ یِژ دوِسے تٔہۍ یِیِزِ پأٹھۍ وُچھِن چھٕژٕ یِژھان۔ تہٕ کیاہ زِ یہٕ؟"

نتاشایہ تٕروو زورٕ اُسُن۔ تہٕ پاوٕلن اَندرِ اَندری۔

" ننکو۔ چایہ باپتھ شکریہ!" خوشول ووٚتھ۔

" گوڈٕ چھ چاے۔ شکریہ گوٚ تمہٕ پتہٕ۔" سٕہ وٕژھ تہٕ پتہٕ تراوُن پینٹرِنس نیٖچوِس کُن نظر تہٕ ووٚنُن: " بہٕ ما چھُس بٔلۍ تھٕہ تھٕہ کران تٕہ یہٕ؟"

" پَرژھو دول چھا زانہہ پرژھین ہنٛزٕن کتھن ٹھوٚر کران؟"

نتاشا وژھس درجواب: " مگر میٚہ دِتے چاے ڈٕلۍ ڈٕلۍ۔ میٚہ ہے چھُ کھورٕ کو پیٹھٕ تالِہ تام تیٚرِ اَلِہ اَلِہ ژونمُت۔ کھورِ چھم لگیتو زَن گأمِتو!"

اوٚہنٛد لہجہ اوس کینٛشہ فرٛز یاد کرِ سٕنہ ہیوٚ۔ تہٕ کینٛشہ شکایتھ کرٕ ونِس ہیوٚ۔ بلکُل شُرٕ کہ لہجہ ہیوٚ۔

"کیا بی دِنی چھ تہٕ۔" ماجہ ووٚن ڈُلۍ ڈُلۍ۔

نتاشایلِہ چاے چیتھ موٚکلے یہٕ۔ تمہٕ تٕروو زیوٹھ ووٚشِس مَس لوٚٹھ تُروون پتھ کُن۔ تہٕ لیوٚدر جلدٕ کرٕ تھ شکلہ دار کتاب رٕچ یرٕنہٕ۔ مأج گییہٕ چاے بناوان۔ نہٕ کتاب بوزان۔ اَمِہ وِزِ کرٕ تمہٕ کوشش زِ بانٛتی ہنٛز ٹماسہ دارِ سے گرٛنٛدھ نہٕ وتہٕ بلیو۔ نتاشایہ ہنٛز رٕدہ نہٕ دار آواز رسلے یہ

سماوارچ فلسفو سٮ۪ٹھہ رار یہِ سیٖتۍ۔ تہٕ کُنٹھس منٛز آیہِ وحشی انسانَن نِشیٖتھ داستانَن ہِنٛز ییٛنہٕ تہٕ ووٚتنٕ وَہراونہٕ۔ یِم زَن کرتام گوہِ پھَن منٛز روزان اُسۍ۔ تہٕ کینٛہہ وسیٖتۍ اُسۍ شِکار ماران۔ سارِے کٔرتہٕ اُمس بیہنٕے پٔرکِتہٕ کھتہٕ ہِشِس باسان۔ تہٕ عاج اُمس بروٚبدٕ پٔنُنہٕ نِس نیٚچوٚس کُنُ وُچھان۔ سہٕ اُمس تَس پریشُھن یژھان۔ زِ یِمَن داستانَن منٛز کوٚہ سہٕ کٔرتہٕ ہیکہٕ ٹاکس لایکھ اُسِتھ۔ مگر سٮ۪ٹھاہ جلدٕے تٕچ سہٕ کتاب بوٗزِتھ بوزِتھ۔ تہٕ تِمہٕ ہیٚنٛزٕ پٕژھین سام ہیٚنٛہٕ۔ مگر ژوٗرہ ژوٗرہ۔ یُتھ زَن نہٕ تسند نیٚچوٚ تہٕ باقی نظریہِ ژینہٕ ہٲکن۔

پاوِل اوس نتاشاپہٕ نکہٕ بیہِتھ۔ تہٕ سہٕ اوس یِموٚ سارِے وِچِے منٛزٕ نِندرِ بون۔ نتاشا اُمس کتابہِ بیٚہِتھ نِمہِتھ۔ تِمہٕ کِنہ تَس وِزِ وِزِ مس لنگ پَنٕتھ کُنُ اوس پیوان تراوُن۔ سوٗ مَس ٲیس وِڈان وِڈان تَس میٚنگن بیٚہِتھ وَسان اوس۔ باضنے اُمس سہٕ کتاب وُچھنَے ژوا پاٹھ لگن کُنُ مایہ ہٲرژ نظر دِوان۔ تہٕ کلس درساہ دِتھ لہ ژہٕ آوازہ منٛز بینیٚوالے وَنان: خوخول اوس میچِ کِس دوٚیِمس کوٗنس بیٚہِتھ بڑٕ پانہٕ نیارہ سان زنگہ وَہراوِتھ بیہِتھ۔ تہٕ اَچھ ژوٚمراوِتھ اوس فسٕتہٕ بوٚنی کِنہٕ گوٚنژُھن کُنُ وُچھان۔ تہٕ تِمَن وَر وَر دِوان۔ وسوف شیکوف اوس بانٛتکی پاٹھۍ کُرسی بیٚہِتھ بیٚود بیہِتھ۔ تِمَے اُسۍ کوٚلہٕ ٹھین بیٚہِتھ اَتھہٕ تھوٚوِتھ مِتۍ۔ تہٕ توٚہہ ہنٛد شُتلی مُشُر تُمبوٚ روٚس تہٕ زاوِلی وُلہٕٹ وول بُتھ اوس اَکہِ مہٕ رٕدٕ موٚرژہ ہندِ پاٹھۍ جذباتُو نِشہ چَلِتھ تہٕ چھوٚکِتھ۔ نیٚپہ نیٚپہ کرونِس سٕرتلہ سماوارس بیٚہِتھ بوزنہٕ

پننہٕ واٲلِس عکسس کُن اوس سُہ اَچھ ٹٔٹ وہر کرنے وُچھان۔ باسان اوس زَن یہِ شاہ تہٕ کھالان والان چھہٕ۔ ژھعہ ٹینگہ فیٖدٕ ور اوس کتاب بوزان بوزان وُٹھِن حرکتھ کران۔ زَن یتہٕ تِمے لفظ ژٕہتس اوس ٹھوان۔ یہٕ تسُنٛد دوس اوس بلکل بوٚن کُن نٕمتھ بِہِتھ۔ تِمو ٲسہِ کھعہٕ نہٕ وَٹھ کوٚٹھین بیٚہٕتھ ٹھوٚوی میتر۔ بُتھِس لبہ آسُن اَتھن منٛز رچھ مژرہِ۔ یہٕ تِہنٛدین وُٹھِن بیچھ اوس ہِکرہٕ بوٚزُت اُسُن ہیوٚ۔ پاوِلِس سیٚتھ یِم لَڑکہٕ آمتہٕ ٲسی۔ تِمو منٛزیٚہٕ اوس اَکھ وۄہ زٕہ جار سان واٲنکرس، یہٕ اَسہِ ونیٚہٕ اَنِجہ رہ سان اَچھ کرِتھ۔ سُہ اوس بیقرٲری منٛز ٹھرُن دِوان۔ زَن یہٕ کینٛہہ وَنُن اوسُس۔ بیاکھ لڑکہ کِرِ بُس نیک نِیک کاٲسِتھ سعہ یہٕ ہاری مَس کرِتھ اوس، اوس گرٕہ گرٕہ کلس اَتھ لاگان۔ یہٕ تِہتھ کُنہٕ بٕتھرِس کُن وُچھان زِہ تسُنٛد بُتھِس اوس یہٕ لبنہٕ یِوان۔ کَٹھس منٛز اوس اَکھ بَڈے آرام واتہٕ ناوُن ووَل فِعِنہٕ ہا پادٕہ گوٚمُت۔ یتھ منٛز کیاہ تانِ ہِشس وہ پراَزی یہٕ ٲس۔ ننا شایہ ہِنٛزٕ آوازٕ ہِنہٕس پوٚت منظرس پیٚیسے ماجہ پننہ یہٕ یاونکر ہنگامہ بٕنتھ شام ژٕہتس۔ لَڑکن ہِنٛزٕ وُلِنہٕ کنِتھ یہٕ کنِتھ تام ٹھٹھ۔ تِہنٛدٕ ٲسہٕ اُس ہمیشہ وہ دکایہ ہِنٛز بوٚسے نیران۔ یہٕ ییٚلہ یہ سوٚرُے ژٕہتس بیوٚو۔ پننہ یہٕ یاپتھ رُکھگو یہٕ ہمو سِکی جذبن چھیٚر تسُنٛد دِل۔

تِمس پیوٚو ژٕہتس زِہ تِس کِتھ کُنہٕ گوٚہ نزک خانہ دارس سیٚتھ یہتھ یہے اَکس سالس منٛز ٲس سعہ تِمو اَکِس اَنہٕ گیٚٹہ ڈیڈٕہ نکھ لبہ سیٚتو دُہتھ چھیپر مٔژ۔

" ہیہ سیٹھو کرہ کھے خاندہ؟" تمو اوس تہ کہ جایہ تہ بے رحمی سان پریژھمُت . تمہِ ووت تکلیپھہ تہٕ تہ سیٹھی اَسی تسندی جذباتن تہٕ چھکہ لگ گامژ ہیتی . مگر سو رؤد پتھے کنہٕ تس تکلیپھہ وانہٕ ناوُن وآلِس اندازس منز تسند وُچھ بریکان تہ تسندِس بُتھس پیٹھ پنِنہ وُشنہ تہ آدری شاہ تراوان . اَہنزہ تھپھہ تل موکلنہ باپتھ اُس سہ اوکت کنہٕ ژٕج مژ .

" کوٚنے گژھکھ؟" تمی اُس کریکھ دِژ مژ . " بوزی . جواب دِتھ نیری ؟"

تمہ ووٚن نہ کانٛہہ جواباہ . دگہ تہ شرمہ سیتی اوس نہ تس شاہ بنان کھالُن . مگر تام اوس آمہ بِزہ ڈیڈہ ہُند بَر مژ رووُمت . تہ تمہ اُمیِس تھپھہ وارِہ دارہ یلہ ترآو مژ .

" بہ ہیٚے سودرہ سنے آتھوارہ دوہہ منز م یار ریٹھو" تمو اوس ووٚنمُت . تہ سپُد تہ تی .

ماجہ وُچھ اُمہِ تہ زیوُٹھ شاہ کھڈلن .

" بہ چھُس یہ زانُن یژھان زہ گکن کِتھہ کنہٕ پزہ روزُن . نہ زہ یہ تمہ کِتھہ کنہٕ اُسی روزان ." وسوف شیکوفنو ایتراجہ بَرُتھ آواز آیہ .

" بلکل صحی چھُہ ." دوہ زِلی مستہ وآلی کوٚڑ کنہٕ ووٚن تھوٚد ورِتھہ .

" بہ تہ چھُس تمہندی طرفہ ." فیدورن ووٚن تھدرہ ہیٹھ .

دٕتھہ پیٹھ لوگ بحث . لفظ اُسی نارہ لمبکو ہِو کرو دوہ تھان .

ماجہ اوس نہ فکرہ تران زہ یم کِتھہ پیٹھ اُسی کرنکہ ناد لایان . سارہ نیٚے ہاٚرِی

بُتھو اُمسہ جوشہٕ سیتۍ ودیشہٕ سلے مِتیٖ۔ مگر یمٕ نٕسہ کھٔرشنہٕ ژٕ رکھہِ۔ تہٕ نہ ورتاوۍ کٲنٕسہٕ تِم ٹکرۍ لفظے، یِم بوزنٕس تٔس ہٲل اُس گٲمُت۔

"خبر کورہٕ کھٔتی ما آسیکھہٕ ٹکرۍ لفظ بولنٕس مَنٛدچھہ گژھان"
تمہٕ داپُیر بانٕس سیتۍ۔

تماشایہٕ ہندہٕ بُتھٕچیک گمبرۍ انداز کھوٗت ماجہ ٹارہٕ۔ یِم بیہ زٔن سارہٕ نیٖ وارہٕ پاٹھۍ وُچھان اُس۔ زٔن تہٕ سارۍ اُسیس شرٛۍ بِہ ہوٗ باسان۔

"رفیقو! اکھہ منٹ کرِو قرار!" بہ یکبارٕ دِژ تمہٕ کرٛیکھ۔ سارِنٕے کُرٕ ژھوٗپہٕ۔ تہٕ لگۍ تٔس کُن وُچھنہٕ۔

"تِم لُکھ چھہٕ یِنزٕنس بیٚہِتھ۔ یِم زٔن وُنان چھہٕ زِ اَسہ گژھِ یِہِ تِہِنز کُنزٕ چیزٕ جٕک پیٚے آسٕن۔ اَسہ یِزِہ پنٕنۍ دیماغ زٕ انکٲرۍ، عقلہٕ تہٕ فہمہ سیتۍ شولہٕ ناوُن۔ تہٕ تِمن لُکن کاش ہاوُن، یِہندِین دیماغن بیٚہِتھ بیٚہِ علمی ہُنٛد اَنہٕ گوٗٹ ڈٲپھ چھہٕ ترٲوِتھ۔ اَسہ گژھِ سارِنٕے یِنٛزِرُک تہٕ سارۍ اَپہٕ زیٛگ پیٚے آسٕن۔"

مُحخول اوس تِہندۍ لفظ بوزان تہٕ تٔس آیہٕ آیہٕ کرِنہٕ با یِتھہ اوس کلہٕ سیتۍ آنکار کران۔ وسوف شیکوف، وِمہ زُل مٔس کرِتھ لرٕکہ تہٕ بنٛیہٕ سۍ اکھہ یِس پاوِلس سیتۍ آمُت اوس، تہٕ کارخانٕس منٛز کٲم کران اوس۔ اُمسہ ہیوٗن ٹھوجرٕ منٛز۔ تہٕ خبر کیازِ کرِکھ یِہِ ماجہ تِم خوش۔
یِلہٕ تماشا کھتھ کرِتھ مِہ کٔلے یِہ۔ پاوِلی وَوٗنتھ تھوٗد۔

"کیاہ اَسہِ گژھیا بَس یڈ بَرِتھ ژۄڈُے یاگژ آسنی؟ نہ نہ چھنہ کہتہ۔" یمن تریشہِ وٕنی زمین کنُ وُچھتھ ووٚن تمہٕ بڈہ قرارہ سان۔" اَسہِ چھُہ تمن لگن یم زَن اَسہِ اَڑ بادہ چھ، تہٕ یمو سانِمن اُچھن پچھ چھ گنجہ مژہ۔ یہ باوُن زہ اُسہِ چھ سوڑُے کینہہ وُچھان۔ اُسہِ نہ چھ چارٕ ہ تہٕ نہ چارہ وائے۔ یتھ زَن اَسہِ یڈ بَرِتھ گھینہ وراُے بنیہ کینہہ آسہِ نے گژھ نہٕ۔ اُسہِ چھ ترٛشہ زندگی بساوٕنی یژھان۔ یہ سہِ انسانَن شوبہِ۔ اَسہِ پزِہ پننہِ مٕن شرٛین یہ ہاُوِتھ دیُن زہ غلامی ہِنز یہ سہِ زندگی تمو اَسہِ پیٹھ کھاُج مژ چھ۔ سہ ہیکہِ نہٕ اَسہِ تمَن برابر اوت بلکہ تمن تھدِہ تھوٚد تہٕ بڈہ پایہ بنہِ نس منز بڑہ یتھ۔"

اَہنز کتھ بوٗزِتھ حیرت ماجہ ہندس وُچھس منز فخرٕ ن کاڈ ہیوٚ کڈ ن۔

کیاہ زبر اوس بولان سوٗ!

"تمہٕ چھ واریاہ گکھ یمَن زَن کھینہ اپت سہ لبہ سہ لبہ چیز پچھ دَسی یاب۔ مگر تمہٕ چھ سیٹھاہ کم۔ یم زَن ایمان دار آسہِ ہیٚن۔ خوخولن ووٚن۔"

"یتھ نگرہ زندگی ہندس ڈنبس چھ اَسہِ اکھ تیتھ کڈل تاڈن۔ یُس اَسہِ تھد میش کالس کنُ واتہٕ نادہ۔ یتھ انسانی برادری ہند راج آسہِ۔ رفیقو! اَسہِ چھُ یہو سے فرض پالُن۔"

"یلہِ زَن اکہِ لٹہِ لڑائے کرنچ وزہ واتہٕ تیلہِ کیاہ نیرہ نرہ مژہ ورٹھتھ بینہ سیتہٕ؟ وسوف شیکوفن کوز ژکھ کھاُرِتھ ایتراض۔

اَجہ راتھ پیتہٕ موکلے یہٕ سَب۔ وسوف شکوف تہٕ وودزل ہستہٕ دوال لٔرٕ کہ دراے سارہٕ نیٚبر بُروٚنٹھ۔ تہٕ ییہ لوٚگ ماجہ دِلس۔

"یِمَن کوس سَنا بانبر اُمس؟" تِمَن بٔلی بیٛٹھی بیٛٹھی روٛنچھتھ دِتھ سٔنٛبچ تِمہٕ۔

"نخودکا۔ ژٕہ یِچھا میٚہ گُرہ تام سٔتی؟" نتاشایہ پرٛیژھ۔

"کیا زِہ نہٕ؟" خوخول ووٚنتھ درجواب۔

"یَتھ موسمس منٛز شوٚبہ نہٕ یوٚت توٚن موزہٕ لاگُن۔" ماجہ ووٚن نتاشایہ کُن۔ تِمہٕ وِزہٕ یٔلہ سہ چوکٕس منٛز کوٹھ بینٛزہٕ لاگان اوس۔

"بہٕ ووٚنیے پیٚیرٕو موزہٕ؟"

"شکریہ پلاگیا نلووٚنا۔ دِچھ میٚہ ہے چھُم پیٚیرٕ موزہٕ کھران۔" اَسان اَسان وٕنٛژھ نتاشا درجواب۔

"نامے بہ ووٚنیَے تِتھو ییم نہٕ ژٕیہ کھرٕ سنٛے۔" ماجہ ووٚنُس۔

نتاشایہ ترٛاوٕ ماجہ کُن اَڈٕہ وَژھو اَچھو نظر۔ اَہنٛدِہ ییتھ کُنو دٔر نظر تراونہٕ کنہ سپنہٕ ماجہ ییہاے پریشان زَن۔

"یُتھ نے میانہٕ بے قرارٕ زی ہُند ییتھے گژھ۔ میٚہ ووٚنیُو سہ دِلے۔" ماجہ ووٚنُس بڈہٕ نرمی سان لہٕ تہٕ لٔہ تہٕ۔

"ژٕہ کارٕزاہ رِژ چھکھ!" نتاشایہ وُنٛژھ اَمی نرمی تہٕ آہستگی سان۔ تہٕ بیکبار ماجہ ہُند اَتھ پننس اَتھس منٛز زورٕ رٔٹتھ۔

"نِشکو! ربہٕ خُدایس حوالہٕ۔" نتاشایہ پیتہٕ پیتہٕ ہیوٚرہٕ نہٕ وِزہٕ

تہٕ ہنا نٔمِتھ دروازہٕ کِنۍ نیران نیران وۆن خۆخۆلن ماجہِ کُن دٔر نظراہ کٔرِتھ۔ ماجہِ تراو پننہِ نٔسہٕ، نیچہ وِس کُن دٔر نظر۔ سۄ اوس دروازس نکھ دۄہ دِنہ رٲوزِتھ آسان۔

"آسان کیاہ زہٕ چھکھُہ؟" رٲژھا بانبرِتھ ہیوٚ پرٛژھُس ماجہ۔

"کیاہ نے۔ دۆپی سورُے چھُم رُت باسان۔"

"بہ زٲنِ چھُس بُڈٕ تہٕ نیراٲنی۔ دۆپھ ہرتی چینٕ چھ میٚیہٕ تہٕ فِکرہ تران۔" تِمہٕ دوٚن ہنا خفہ گٔژھِتھ۔

"نیٚتے گوٚ بُڈٕ جان۔" سۆ دوٚپھس تورہٕ۔ "مگر جان گوٚ دۄہہ فٔہرٕ گاہ ژہٕ شعنگکھ وَکھ آدیور۔"

"یِیکیاہ بہ دراییس۔"

تِمہٕ ہیٚتھ بیقرٲری سان میچہ پیچھ بانہٕ وٹِنہ۔ ازٲکس سۄ اُنتہِ رۆس خۄش۔ ییٚژ خۄش زہٕ تَس گوٚ پزِہ پاٹھۍ ہیٚرہٕ بۄن گمرِ سٔرژان۔ سۄ اُکس نہ ویٚژان کُنہ زہٕ سورُے کینٛہہ سٔگِدٕ برٛتی پاٹھۍ۔ تہٕ کٲم تہٕ واَژ وارہٕ وَتہٕ اَندٕ۔

"پاتشاہ یِہ ہا کوٚژٕ رُت جان۔" ماجہِ وۆن۔ "خۆخول چھُے بڈٕ رُت تہٕ سۄ کوٚر۔ کاژاہ تیز آچھ دارِہ ہَن ہش چھ سۄ۔ چھُہ کہ ساپِہ؟"

"ماشٹر بایہٕ۔" پاو لَن وۆن ژٕٹہ وِنۍ پاٹھۍ کُٹھِس منز چکر دِوان دِوان۔

"غریب آسہِ۔ پلوٚ کِتھ اوٚرہ نہٕ لوٚرہ اُسِس۔ ییٚتھ کُنہِ ہے

تیر لگ نس تار چھنہ لگان. اُمس کتیوٗ مول موج ؟

"ماسکوہس منز" پاوٕلن دیت جواب. اَمہ پتہ رُکیو ماجہ برونٹھ کنہ۔ تہ نرمی تہ سنجیدگی سان ووٚنُن "اُمس ہے چھُ مول پوٚنسہ وول شتسترٕک کارہ بار کران. تس چھ وارِیاہ مکانہ. مگر یہ کرٕ مائلی اَزل نکیازِ اَمہ رٹ زندگی ہنز یہ وَتھ. یہ چھ آرامس تہ آسائشہ منز پلے مژ۔ یہی حکم اُسن کران تی اُسس حاضر تھوان. مگر ووٚنی چھ کُنہ زُنی راتہ اَنہ گنٹس منز ژور پانژہ میل ووٚہ کھلی پکان."

یہ بوٗزِتھ گو ماجہ کیاہ تام. سہ منز کمرس منز گیہ سعہ ہے بنگہ ہِشس روٗزِتھ. بُمہ ژرکہ رائوِتھ وُچھ تمہ نیچوِس کُن. پتہ پرژھنس:

"یہ گیا ووٚنی شہر؟"

"اَہنی"

"اٲہہ اٲہہ. کھوژاں تہ چھنا یہ؟"

"پانے وُچھی. ماچھ کھوژاں؟" پاوٕلن ژوٗد اُسن.

"اہنوٗ کیازِ. راتس روزِہ ہا یتھے. میہ نِش شعہ نکہ ہا؟"

"تہ اوس نہ جان. بَنان چھُ صُبحس ما وُچھ ہیس کانہہ. اُسہ چھینہ نہ پرژھان."

خیالن منز بوٚڈِت لُج سوٗئٕے گنڈِت دروازہ نیبر کُن وُچھنہ۔

"پاوٕل! میہ نا چھُنہ فکرہ ترٲن زِ اَلتہ منز کہ سہ خطرناکھ یا ٹھاکس لایکھ کتھ چھَ؟" تمہ پرژھ آہستہ پاٹھوٕ تہ ہوٚنے چھوٚہ

نہ کہِنہٕ تہٕ اوٗرٕکۍ یوٗرٕکۍ وَنان . کیٛاہ ؟"

اَمہِ خیالَن اَمِس سۭتۍ وۄلیٛٹ پاٹھۍ اَڈرِ مژٕ . تہٕ تۄہِ اَمِس سۭتۍ پانَس اِطمینان کَرُن یَژھان .

" ناسے اوٗرٕکۍ یوٗرٕکۍ ژھینہٕ کیٚنہہ تہٕ کَران ؟" تمہِ تراوٕ پۆرہ پیٚژھ سان تِہنٛزَن چَشمَن کُن نظر . مگر تۄ بیٚتر تہٕ یِہِ سۭتۍ وٕز یِیٚلہِ اَسہِ سارہ سِنیے جیلَن منٛز بَرَن . یِہ تھوٚو سَے وٕ زنیِتھ ؟"

ماجہ ژاپہِ اَکھِس نٕنٛٹھو .

" ہرگاہ خۄدایِن یۄژ . تیٚمہِ تہٕ پَچھٕ وِسے کُنہٕ نتہٕ کُنہِ پاٹھۍ . کِناہ ؟"

تمہِ پریٚژھ لۄتہٕ پاٹھۍ .

" نہ " نیٚچِوۍ دوٚپ نرمی سان " بہٕ چھُس پَر ژٕ دونٛکھہ دِیُن یَژھان . اَسہِ پَچھ تہٕ ؟"

تمہِ کوٚر اَمِس ہیٚژ .

" گٔژھی شعٔنگ . تیٚژ مژٕ ہیٚے آسکھ . گٔژھی خۄدایَس حوالہٕ "

یِیٚلہِ سۭتۍ کُنی نٕ ژٕ رۆز . سۭتۍ گیہِ دارِ نکھہ . تہٕ وۄدٕنہ رۆزٕ تھ بیٚپھٹھ دارِ نیٚبر کُن وُچھنہٕ . نیٚبرٕ اوس فِضا ترُن تہٕ اوٚبرِ ہوٚت . شۄنگ ہیٚتین لوکٕٹین مکانَن ہِندیو پَشو پیٚٹھ اوس ہوا شیٖنہ تھوٚسین نیٚژہ ناوان . بانٛے لبُن سیٚتر کلہ تھٕاسان . تہٕ بانٛے ژٕکہِ ہۆرت ہیو شسرہ گَسرِ ہیٚشہ کَران . زمینہٕ پیٚٹھ واشِس کَڈان . تہٕ خۄشکہ شیٖنہ تھوٚسین ہِندین لوکٕٹین ڈیٚرَن ژٕلہِ لارِ کرٕ تہٕ تِمَن سرٕکہ پیٚٹھ دِہراوٕ تھ نیران۔

"یسوٗع۔ کرساپٕنٕ رحم "۔ ماجہ ووّن لوٚتہٕ آوازِ منٛز۔ اَہنٛدِس وٕچھس منٛز ہیوٚتُن وۄن طوٗفان وۄتھُن۔ تیٚمہ پیٛٹہٕ والہِ حادِثُک پَیہ یِتھ کُتاق تیٚہنٛدِ نیٚچوِ اَمہِ ستو کانہٕ تہٕ پٔژِھسان ووٚنُت اوس۔ لۆگ تیٚنٛدِس سینَس منٛز تیتھے کَنہٕ ژٕھرٕ ژٕھرہٕ ڈ کرُنہٕ۔ یِتھ کَنہٕ زَن پوٚنپُر دالتھ کیٚتھ کران چھُ۔ اَہنٛزَن اَچھَن برونٛھ کنہٕ ووٚتلیوو اَکھ نیٚتھ شیٚنہ صحراو یَتھ منٛز زبردَس واوِ طوٗفان کریکھ تہٕ چکہٕ دِتھ کلہٕ ٹھابہ ناوان اوس۔ صحراوس منٛز باگ اُس اَکِس کورِ ہِنٛز لوکٕٹ موکٕٹ تہٕ کِہنو ژٕھاے فلوٲے گژھتھ ہِشِس بھیران۔ داو اوس اَہنٛدٕنہِ پاٚدَن اَندی اَندی گَتھ کران اَمہ سُند لباس ووڈِہ ناوان۔ تہٕ اَہنٛدِس بُتھس ہِنٛدَس تہٕ دِژٕ شیٚشہ تھو سہ ٹھاسا سعہ اُس بٔڈہ مُشکلن پکان۔ تیٚہنٛدی نِکی نِکی کھوری اُسی شیٚنس منٛز اَڑی بوٗڈی بوٗڈی گژھان۔ تھرٕچ تیٚمہ تہٕ ہیم ناکھ ژٕھوٚپہ اُس۔ تسُنٛد پان اوس ہرٕ ووٚنُٹھ کٕنہٕ نمیو مُتھ۔ تیتھے کَنہٕ یِتھ کَنہٕ زَن ہردوکہٕ تیٚز تہٕ زبردَس واوِ سیتہ اَکھ لوکُٹ کُل اوٚرِ یور نمٕتھ لاینہٕ چھ یوان۔ تَس دۄچھنہِ طرفہ اوس ڈِینبس نکہ جنگل دیوار بنِتھ کھڑا۔ یِتہٕ زَن اَوی لیٚن بُرزٕ کُلین تہٕ نَنہٕ سِنی پھٕرِ لستن لاچارٕی منٛز ہکہ اُسی گژھان۔ دوٚرِ اوس شہرُک گاش نگاہ تراوان۔

" اَسہ بچاوتھ دِنہٕ والہِ عیساہ رحم ! "
خوفہٕ سیتہ ترہرتھ ووّن ماجہ لوٚتہٕ ہیٚتھ



دوہ آیہ اَکھ اَکِس پتہٕ تسٕندِ بیج پھلین ہنٛدی پاٹھی ۔ تہٕ چھفتن
تہٕ ریتن منٛز رلے یہ، پرپھتھ بٹہٕ وارہٕ اُسی پاوِل سٕندی دوس تسٕندہٕ گرٕہ
سُمان ۔ تہٕ پرپھتھ پٔتھ مجلس اُس تتھ تھزِ ہیرِ کھسہٕ نٔس کُن لانٛچھ بنان۔
یِمہٕ بینٛیٹھو لگِھ کھتہ تام دٔرِہ منٛز لُس وانتہٕ تہٕ بابچتھ وارہٕ وارہٕ پٔدی اُسی
تراوان ۔ پرانین سٕیتہٕ رلے یہ نٔوی گِکھ تہٕ ۔ ولوسوف خانہٕ دانگ یہ لوگُٹ
گُھٹ اوس لگو سٕیتھ بَرنہٕ یوان ۔ نتاشا اُس تھکِت ژھینٛیت تیرہٕ سیتھ
ہانے مرِتھ واتان ۔ مگر سعہ اُس ہمیشہ اُصان گِندان آسان ۔ پاوِل سٕنٛزہٕ ماجہ
وٕنٛن تس کیٚتھ موزہٕ تہٕ پاٹے لوگنس نکین نکین کھوٕرن ۔ نتاشا یہ ترٕدو
گمہ ڈٕہ اُسن ۔ پتہٕ سپٕز ہنگہ منگہ خاموش تہٕ سنجیدہ ۔

" میٚہ اُس اَکھ داے ۔ سعہ تہٕ اُس اَکِس بیٚنِس کھعہٕ تہٕ یِژھے
مایہ ہیٚژ تہٕ نرم دِل "؛ تمہٕ وٕنٛن وارہٕ وارہٕ : " پلاگیا نلووٗنا ۔ کٔتھ عجیب
کتھا چھہ یہ ۔ مِحنتہٕ مزدوری کرن والین ہنٛز زندگی کاژاہ گنڈر تہٕ کرپھٹ
چھہ آسان ۔ مگر تو پتہٕ تہٕ چھہ تِم "ہُمن" گکن ہنٛدہٕ کھعہٕ تہٕ زیادہ لولہٕ واٗلی

آسان۔" تٔمۍ وونُن سیٹھاہ دۄرٕ کِنۍ، پانَس نِشہٕ سیٹھاہ دۄرٕ کِنۍ لٔکِن کُن اِشارٕ کٔرِتھ۔

"ژٕ کیاہ پانہٕ چھکھہٕ ناکارٕ زٕ؟" پلاگیا یہ وونُن تَس پتہٕ پتہٕ مٲلِس ماجہ، اگرٕ بارٕ، پرٛیتھ کانٛسہٕ نِشہٕ ژھینہٕ . . . ۔" تٔمۍ ژٕ دوو وۄتھ تہٕ باوُت کرنہٕ باپتھ یِلہٕ نہٕ لفظے سمیس۔ تٔمۍ کٔر ژھوپہ۔ نتاشایہ ہندِس بُتھِس کُن وُچھتھ ووتھ تلیوٚ خبر کمہٕ چیزٕ باپتھ تسندِس دِلس منز شکر گُذٲری ہُند جذبہ۔ سہ بیٹھ تَسۍ ناکھٕ پتھرِ بیٹھ۔ نتاشا بیٹھ کٔلہٕ بوٚن کُن تہٕ اوٚش کیا ہتام سوچتھ اسیہ تہٕ۔

"مٲلِس ماجہ نِشہٕ ژھینہٕ گژھتھ ہا" تٔمۍ وونُن۔ "یہ چھنہٕ تیٚژ بٔڈ کتھاہ۔ میون مول چھُ سختی ورتاوُن وول شخصاہ۔ تہٕ میون بوے تہٕ چھُ تٔمۍ سے ہیو۔ اَمہ ورٲے چھہ سُہ شوہداٛوی تہٕ۔ میانۍ زِٹھ بینہٕ چھہ دوہ کھ زد بچاری۔ تَس چھکھ تہِندِس اکِس شخصَس سیتۍ کورمُت۔ یُس تَس کھوتہٕ وارِیاہ وانٛسہٕ چھہ، سیٹھاہ پونٛسہ وول۔ دۄیِم سیٹھاہ کمینہٕ تہٕ کونٛڈ۔ وومۍ گو۔ مٲج چھم ژٕ تَس پیواٛنی۔ سہ چھہ سیٹھاہ سادٕ زنانہٕ۔ اَمِن تہٕ گاٛمن ژیپے ہش۔ لۄکُٹ بدرٕ نوٚجہ ہیوِن ہش۔ تِتھے کُنۍ دٲلۍ دٲلۍ تہٕ پکان" تہٕ تِتھے کُنۍ کھوژان تہٕ۔ کُنہٕ چھم نتہٕ گژھان تَس سمکھہٕ ہا۔ بڈٕ سکھہ چھم نتہٕ گژھان!"

"بِچارٕ شُر!" افسوس سان کٔلہٕ ہِلٲوِتھ وونُن ماجہ۔

کورٕ تتھ فورن، کٲر تھوٚد۔ تہٕ اتھہٕ نیوٚن بُرونٛٹھ کُن۔ زن تہٕ

کٔس تام چیز پانس نِشہِ دوٗر کرٕنۍ اُس یژھان۔

"ناے ناے! کُنہِ کُنہِ چھُس بہٕ تیٚژاہ خۄش آسان۔ یتھ نہٕ کانٛہہ حد حساب چھُ۔ سیٹھاہ ہیٚے خۄش!"

تس ڈوٗل تُہنٛدِس رنگس تہٕ تیٚمِس اَچھ ہیرِ ژٕ نَس پیٚٹھٕ لۄنہِ۔ تٕمہٕ تھوٚو ماجہِ ہنٛدِس شانَس پیٚٹھ اَتھ۔

"کاش۔ ژٕ یِیہِ آسہِ ہیٚے پیٚٹھ! کاش ژٕ یِیہ تِتھہِ ہیٚی فِکرِ زہ اُسی کانٛژاہ تھدٕرِ شانہٕ کامہٕ چھِ کران!" تٕمہٕ ووٚن نرمی تہٕ یژھِ تہٕ پیٚٹھِ ہسان۔ پلاگیا ولاسووا سِندِس دِلس منٛز موجہِ تلیو اکھ بدلے جذبہٕ یتھ منٛز ژٕن رشکُک مِلہٕ مِش تہٕ اُس۔

"بہٕ چھُس سیٹھاہ بُڈے مگر تُہۍ آسِو پَرٕ۔ تۄہیہِ تہٕ مۄ پُژھسو رُسے فِکرِ!" پتھرِ پیٚٹھ تھوٚو دٕ تھپھ ووٚن تٕمہٕ ہسو سہٕ سان۔

. . . . . پاوِل اوس دوہہٕ نِ زیادٕ تہٕ بحثن منٛز شرکت کران تہٕ بَرٕ نھٹُر مہ کھوتہٕ اوس زیادہ ژھیر تانۍ ہٕ زیادٕ زورٕ تہٕ سرٕ سان بولان۔ سوٚگوہو کھان۔ ماجہِ اوس باسان زِ یُلہِ یُلہِ سو نتاشا یہِ سمکھان تہٕ تس سیٹھو کنٛڑہ باتھ کران اوس۔ تیٚمِس زَن اَچھن ہٕندِ ترکہ جار اوس کھلان۔ آوازِ منٛز آتشس زلہٕ شِ تُرزان۔ تِہٕ اندازَس منٛز وارَنہٕ نرمی دِتھ لان۔

"اَدٕ خوداِ بۄزنہٕ تُن تی!" تٕمہٕ سوٚنچھ تہٕ کوٗرِن لوٚتت اُمیٚنا۔

پیٚہنٛزِ مجلسہِ منٛز یُلہِ کُنہٕ بحث تیزان تہٕ تُندان اوس۔ خرخوٚل اوس تھوٚد ووٚتھان۔ تہٕ گنڈاپہِ ہنٛدِ ناگہ پھٔلکہِ پاٹھۍ اوس اورٕ یور

نمرِ ہتھ تِتھی لوٗڈ تہٕ سنّدی جُملہٕ وَنان۔ زِہ پرٕ ہتھ کانٛہہ اوس ژھعہ پہ کران تیتھُل وسوف شیکوف اوس پرٕ یتھ وِزِہ باقی گکھن کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرنکھ ہیس دِوان۔ دوہ زُل مستہ دول مہ ہینیوٗ یس سموئلوف اُسی وَنان۔ تہٕ سوٗ اُسی بحث ٹلان۔ یِمن آنہٕ آنہٕ کرن دول اوس ڈلائمو کلہٕ دول ایوان بوکِن۔ باسان اوس یہ زَن اوسکھ ورٛنی ورٛنی سیتہٕ وانہٕ سیتی سِران کرِتھ کوٗڈمُت۔ ہمیشہ صاف تہٕ پاکھ روزَن دول یا کوٗف سوموف اوس سیٹھاہ کم کتھہٕ کران۔ مگر یہ کینٛژھاہ وَنہٕ ہے۔ تہٕ اوس بڈٕ سنجیدگی سان وَنان۔ سوٗ تہٕ بوٗڈ ڈیکہ کرِتھ فیدور ماژن اُسی بحثس منٛز ہمیشہ پادلیس تہٕ خوخولس پکھ کران۔

کُنہ وِزِہ اوس نتاشایہ ہندِہ بدلہ بیاکھ اَکھ شخصاہ یِوان۔ یس نکولائی ایوانووِچ ناوٕ اوس۔ سوٗ اوس عائنکھ لاگِتھ تہٕ کاژرِ رنگہ ریشہٕ خطہٕ ہنا کرِتھ۔ سوٗ اوس یکہٕ نام دوٗرِ علاقکھ۔ اوِ کُنہٕ اوس دُ اُچھر ورٛیبہ اندازس منٛز لمہٕ لمہٕ وَنان۔ کُل ہم پاٹھی اوس سوٗ یہو سے "بدن" ہیوٗ۔ سوٗ اوس دوہ دِہن کین موموٗلی چیزَن ہنٛز کتھہ کران۔ گرِن ہنٛزِ اَندرمہ زندگی، شُرین، کارِ بارَس، پُلسس، مازہٕ تہٕ ژھہ چہ ہندِ باوِچ کتھہ۔ غرض سوٗ اوس پرٕ یتھ تتھِس چیزَس نسبتھ بولان۔ یِمیُک واٹھ لگن ہنٛز دوہ دِہن چہ زندگی سیتی اوس۔ مگر سوٗ اوس تمہ انہ مانہٕ کتھہ کران۔ یِمہٕ سیتی تمن سارِنے اَیہ زین، عقلہ بدُون، وَہمہ یا تتھ تہٕ ٹھٹھن لایکھ چیزَن ہُند سورُے اول وانگن نوٗن اوس نیران۔

یِم زَن عام ٲسِن دِدارٕ واتہٕ ناوان چھِ۔ ماجہ اوس باسان زِ سُہ چھُ سیٹھاہ دوٗرٕ کٔرِ کمہِ تام مُلکہٕ پیٹھ آمُت۔ بُجِ کٔرِ ترٛٲوِ اکہِ جایہِ پیٹھ یِتہٕ پرٛیچھا اکھاہ آرامہٕ تہٕ ایمان دارِ سان دوہہ دِن گُذران چھُ۔ یِتیٚک پرٛیچھہ اکھ چیز اوس تِہندِس خاطرٕ عجیب غریب۔ اوے اُس نہٕ تَس "یِمہٕ" زندگی ہِنٛز ہاٮ۪ل گژھان۔ تہٕ سُہ اوس نہٕ اوے اَتھ لاحالہٕ پٮ۪ٹھ زانہہ تہٕ بوٗل کران۔ تَس اُس یہِ زندگی کھران۔ تہٕ اُمی کھرٕ نَے اوس تِہندِس دِلس منٛز پینہٕ ہٕر حسابہٕ زندگی بدلاونٛک اکھ پوٗرٕ پوٗر تہٕ سُہ کوٗنہٕ ہوت جذبہٕ وۄدپد ووُت۔ تَسُند بُتھ اوس لیٖڈریٖرٕ سان۔ تہٕ اَچھن اَندرٕ اَندرٕ آسس نیچہٕ نیچہٕ گینہٕ پییمٕژٕ۔ آواز آسس سیٹھاہ لوٚت۔ تہٕ اَتھ آسس پرٛیچھہ سان تہٕ گرم روزان۔ یێلہٕ زَن سُہ پلاگیا ولاسو وایہ سیٹھہ دُسی پوٚسی کرٕ ہیے سُہ اوسن ~~تَسنٛد~~ سوٚرے اَتھ پینہٕ ہێن اَو تکجن منٛز ژھان۔ تہٕ ماجہ اوس اُمہٕ سیٹھہ ہمیشہ آرام تہٕ سُہ کوٗنہٕ ہیوٚ واتان۔

یِمَن مجلِسَن منٛز ہیتِن شہرٕکی بیتیہٕ تہٕ کیٚنہہ لُکھ واتنہٕ۔ اکھ زاموٚج کوٗر اُس عومۆمٕن یوان۔ تَس آسہٕ لیٖڈرس بُتھس پیٹھ وٮ۪چھ وٮ۪چھ چشمہٕ۔ اُمِس اُسو ساتشاونان۔ اَنہٕ ہارہٕ تہٕ وۄدتھ بیٹھِ تێلہٕ اُس سعہ مردہش باسان۔ سعہ اُس یِنہٕ نہٕ گنہٕ بُنمہٕ ژکہٕ سان چاران۔ تہٕ یێلہٕ کیٚنھہ اُس کران۔ بھرٕ نستہٕ ہندرکہ واٮ۪رِ آسس وُنھو وُنھو گژھان۔

سارٕ بنے برونٛٹھ اوس تمی پینہٕ نہٕ تیز تہٕ بھرٕ آوازٕ منٛز ایلان کوٗر مُت:۔

"اُسہ چھہ سوشلسٹ!"

ماجہ ییٚلہِ یہِ بوٗزُسعہ لجٕ ژھعہ پیٚہ دَم کرٕتھ تہٕ خوفہ سان اُمس کورِہ کنُن وٕچھنہٕ۔ پلاگیا یہِ اوس بوٗزمُت زِ سوشلسٹو اوس زارِ قتل کوٗرمُت۔ یِہ اُس تیٚلیچ کتھ ییٚلہِ سعہ لوکٕٹ اُس۔ تیٚلہِ اوس یہِ قِصہ تہٕ پھیٚلیومُت زِ نوابو تہٕ جاگیردارو، یِمَو زِنشہ زارَن کمکہٕ غعہ لام آزاد اُسہ کرِہ ناوٕکر میتھ، اوس تَس آنچ ہورنہٕ باپتھ قسم کھیومُت زِ توٚتام کانسہ اُسہ مَس یوٚتام نہ زارِ قتیل کرون۔ تہٕ توے اوس تِمَن سوشلسٹ ناوٕ پیومُت۔ پلاگیاہ تَرٕ نہٕ یہِ کتھ فِکرِ زِ تسند نیچوٗ تہٕ تہہِندِ دوس کیازِ اُسی پانَس سوشلسٹ وَنان۔"

ییٚلہِ سارِی دٔرا یہِ سعہ گیِہ پاوٕلس نِش۔

"پاشا۔ ژہٕ چھکھا سوشلسٹ؟" تمہِ پرٕژھ

"اہنی! تمہِ وٕوٚن۔ سوٗ اوس ہمیشہ کی پاٹھو تَس بروٚنٹھ کنہ سیود تہٕ طاقت ور پاٹھو وودینہٕ "ادِہ یکہِ زِہ؟"

تہہنزِہ ماجہ تروو وو ش۔ تہٕ اُچھ تراوین بعن کنُن۔

"پاوٕل یہ پرٕژھ پاٹھی ہا؟ دَپہ تمہ کھہے چھہ زارَس خلاف۔ تھوٚہے اکھ نزار مور تہٕ؟"

پاوٕل نوٚگ کمرَس چکر دینہٕ تہٕ پیٚنہٕ مین مُبتو لبَن لوٚگ اَکھ سیتو پھش پھش دِنہٕ۔

"اَسہ چھِنہٕ تہٕ ژھعہ ہیٚش کانہہ حرکتھ کرِنچ ضروٗرت۔" تمہِ وٕوٚن

اَسنہٕ ہیٚنا کَرِتھ۔

تَمۍ تور پَنٕنۍ ماجہِ وارِیاہَس کالَس بَڈٕ زٕمی تہٕ سنجیدگی سان نَظرٕ ماجہِ کرٕس تَمِس کُن نظراہ تہٕ خیال آس:

" یہِ کیٚہہ نہ زانہہ تہٕ غلط حرکَتھ۔ زانہہ تہٕ نہٕ!"

اَمہِ پَتہٕ آو یہِ ہیم ناکھ لفظ پھِرِ پھِرِ وَنُنہٕ۔ یُس تام زَن اَمِچ تیز دار موہنڈے یہِ۔ تہٕ ماجہِ گَیہِ اَمہِ لفظٕچ تٔرِ ژھے ہٕل۔ یِتھ زَن تمِس دِرِ عین واد لفظن ہٕنٛز اَسِیس۔ یِم تِم درتاوان اُسِی۔ مگر تَس کھَرٕ نہ ساشا طارہٕ تہٕ تَسٕنٛزِ موجودگی منٛز اُس سُہ اَوری نہ یوٗرِ تہٕ یِہاُے کھوژُن ہاشِس روزان۔

دہ ہہ اَکہِ کرٕ تَمہِ اُمِس کورِ مُتلق خوخولَس سیٹھو کتھ۔ تہٕ تِتھ کَنۍ ژوٗمہِ راوٕن وُٹھ زَن تہٕ تَسٕنٛز سَکھ دِرے اُسِس۔

" اُمہہ۔ کاژاہ کڈر چھہ یہِ کوٗر! پرٕتھ اَکِس پیٹھ حُکم چلاوان۔ یہِ کرِو، ہو کرِو!"

خوخولَن تُرٕو اُسن کھنگالہِ۔

" ننکو۔ پوٗز ہے وَنٕت۔ بلکل پوٗز۔ کیٛہہ پاولِ؟" اُچھو سیتو ماجہ کُن ہاوِتھ وَن تَمۍ۔ " یہِ گو اشراخٕن ہند طاقتھ!"

" سوٗہ چھہ سیٹھاہ پٕژ کوٗر" پاولِن دِیُت کورہ جواب۔

" ٹھیکہ چھہ" خوخول وَونُس درجواب " دَپہ تَس چھُنہ اَکھ کتھ نَکرٕ تران۔ سوٗ چھہ وَنان 'کرُن پزہ'۔ اُسو چھہ وَنان 'کرِتھ ہیکو' تہٕ

یُڑھان چھہ‘‘۔

تہٕ تِم لگُو تِتھِس اَکِس چیٖزَس پیٹھ بحث کرٕنہٕ۔ یِیُس نہٕ ماچہ نِکرِہ توٗر۔ ماچہ اوس یہِ تہٕ ژیٖوٚنمت زِہ ساش اٰس بیٚین مقابلَس پٲو تس سیٚتی جادے سختی وَرتاوان۔ تہٕ مَنٛز بر مَنٛز بر اُس تَس خفہٕ تہٕ گژھان۔ اَمہٕ وِزِہ اوس نہٕ پادِل کینٛہہ تہٕ وَنان صرف اوس اَسان۔ تہٕ تیٚندِس بُتھِس کُن اوس تِمی نرم تہٕ لولہٕ ہٕتہٕ اندازہ نظر تراوان۔ یِتھہ کِنہٕ بُرونٛٹھ تماشایہٕ کُن وُچھان اوس۔ ماچہ اوس نہٕ یہِ تہٕ خوش یوان۔

یلہٕ گیا اُس یہِ وُچھتھ حٲرتَس گژھان زِہ کُنہٕ وِزِہ اُسس ہِنگہٕ مَنگہٕ تِمَن اَنٛنہٕ رَستہٕ خوٚشی ہِنٛز حالتھ نالہٕ مَتہٕ رٹان۔ یہِ اوس عوٗمون تِمَن دِہ ہِن سیدان۔ یُلہٕ زَن تِم اخبارَن مَنٛز بیٚین مُلکن مَنٛز موٗزوٗرَن ہِنٛزِ تحریکہٕ ہِنٛزِ خبرِہ اُسی پَران۔ اَمہٕ وِزِہ آسہٕ یِمہٕ ہِنٛزِ اُچھ خوش آسنہٕ سَببہٕ گاہ تراوان۔ تہٕ تِم اُسی اکہٕ عجیب اندازہ شُرین ہِنٛدی پاٹھی ویٚژان۔ یِمہِنٛد اُمٕن اوس صاف شوٗد تہٕ موصوٗم آسان۔ تِم اُسی اَکھ اَکِس سِندِس کنبرَس دٔژہ لولہٕ سان مَٹہٕ مَٹہٕ دِوان۔

’’ساٲنۍ جرمنٕز رفیق زندہ باد!‘‘ اکھاہ اوس کرکھ لایان تہٕ تہٕ پننہٕ نہٕ خوٚشی ہِنٛدِس نشس مَنٛز مَسہٕ اوس آسان گومُت۔

’’اٹلی ہِنٛدس موٗزوٗر زندہ باد!‘‘ بیٚیہ اکہٕ وِزِہ دِیت تِمَو نارٕ۔ یُلہٕ تِم پننہٕ نین دوٗرِہ کِین اذاکی تہٕ بدلے بوٗلی بولن والین رفیقن ہِنٛدہٕ ناوہٕ نارِہ اُسی دِوان۔ پاسان اوس زَن تہٕ تِمَن پننہٕ جایہٕ پَرژھ چھیٚ

زِ تِمَو ادٲنؠ لَکو بوٗز تِہنٛزٕ آواز ۔ تہٕ تِہنٛزٕ خۄشی ژٕپنِک ۔

"کیاہ رٕت گژھہ ہرگاہ اَسہِ تِمَن خط لیکھو!" خوٗخولَن وۄن۔ تِہنٛزٕ رَن اَچھَن منٛز اُس اُمنِتہٕ روٗس خوشی ہِنٛز چمکھ۔ "یِمہٕ زَن تِم زانہٕ ہؠٚن۔ زِ یِتہٕ رٔوٗسس منٛز تہٕ چھہ تِہنٛدی دوس۔ یِمَن تِتھو مذہبس پیٹھ یژھ تہٕ پَزھ چھہ۔ تہٕ یِمہٕ تِم تبلیغ نہٕ کران چھہ۔ یُس تِہنٛد مذہب چھُہ تہٕ یِہنٛزِ زندگی ہُند مقصد تہٕ چھُہ تی۔ یُس زَن تِہنٛد چھُہ۔ تہٕ یِم زَن یِمو کامیأبی یَو تہٕ کامرٲنی یَو سیتہٕ وٲلِنٛس چھہ یِوان۔ یِمو سیتہٕ تِم وٲلِنٛس یِوان چھہ!"

یِلہٕ زَن تِم فرانس۔ اَنگلستان تہٕ سویڈن کِہن مُلکَن ہِنٛز کتھ اَسہِ کران۔ تِہنٛدین وُٹھَن پیٹھ اوس سۄے اَسُن تہٕ سعہ ے چمکھ وٲتلان یوسہٕ زَن یِنہٕ مین دوستَن ہِنٛز کتھ کَرنہٕ سیتہٕ وٲتلان چھہ۔ یہٕ اُس تِمَن مُلکَن ہِنٛز کتھ۔ یِم تِمَن ٹاٹھ اَسہِ۔ یِمَن تِم یِنز کتھ اَسہِ کران۔ تہٕ یِہنٛدِس دوہ کھس سعہ کھس منٛز تِم شریک چھہ۔

اَکھ لوکٹس موکٹس دم گژھن وٲلس کٹھس منٛز اوس بہمت سارِ دُنیہ ہِنٛدین کامگارَن سیتہٕ روٗحانی پانہٕ نیابرکی اَکی احساسُن وتُم لو۔ اُمہِ احساسُن بوٗز ماجہ ہُند پھوٗر تہٕ۔ تہٕ سارِی وٲرُٹھن اَکس پایہٕ یُڈس جذبہ کِس پانہٕ نیارُس سیتہٕ۔ یِدوٕنے اَمہِ احساسک پوٗرہٕ مانہٕ توٗرِ نہٕ تَس نِکرِہ۔ مگر توتہٕ اوس تَس اَمہِ احساسکہ پوٗرہٕ پوٗر قدٕ ونٛکھ اَندٕ مان۔ یہٕ قدٕ اوس اُمنِتہٕ روٗس خۄش یِوہٕ وُن۔ اُمارہ بوٗرُت تہٕ مدہٕ مأنی کَرُن دوٗل۔

"عجیب کتھاہ چھ !" اکہ دِتہٕ وۆن تمہٕ خوخولس ۔ "ساری
مُلکھ چھ تہندی سیتؠ بأچ ۔ یہوٗدی ، آرمینی تہٕ آسٹرین ۔ تِہنٛد چھِو ییمن
سارِنٕے ہِنٛدہٕ بایتھ گراہ رٔوان ۔ گراہ رٔوان ۔"

"سارِنٕے ہِنٛدہٕ بایتھ ماٗجی ۔ سارِنٕے ہِنٛدہٕ بایتھ ! خوخولن
وۆن ۔ " اَمہٕ گژھہ نہٕ کانٛہہ قبیلہ ، کانٛہہ قوم آسُن ۔ لُکھ چھ یا تہٕ سأنۍ
سیتؠ بأچ نتہٕ سأنۍ دُشمن ۔ محنتھ کرن وألؠ چھ سأنۍ رفیق ۔ ساری
امیر لُکھ ییمو حکوٗمت چھ سأنۍ دُشمن ۔ ژٕ کر تہٕ ییتھ سارہٕ بُتراتھ کُن
نظر ۔ ژٕ یہ ترس فِکرِ زِ اَسی کامگار کِتیاہ چھ ۔ تہٕ اَمہٕ منٛز کوتاہ طاقتھ
چھ ۔ اَدہٕ ووتلہ چأنس دِلس منٛز تِدرہ رٔوس خوٚشی تہٕ شاد ماٗنی ۔ ننکو
فرانسکؠ روزن وألؠ یا جرمن ییٚلہٕ زندگی سام چھ ہیوان ۔ تِمن تہٕ چھُ سی
باسان ۔ اطالوی تہٕ چھ یی موٗحسوٗس کران ۔ اَسی چھ ساری اکی ہیوی ماجہ
ہِنٛدی گبر ۔ سارہٕ دُنیہکین کامگارن ہِنٛدِس بأیی بنٛدتس چھ یہ اژھینٛی
پٔژھ ۔ زٕ تہٕ زبتہٕ دِوان ۔ یہأیی پٔژھ چھ سانِن دِلن وُشہ نیر دِوان ،
یہ چھ عدلہٕ تہٕ انصافہٕ کہٕ نبکھ پرٕ پزلوٗن آکتابہٕ ۔ تہٕ یہ نبٕ چھُ کامگارہٕ
سِندِس وٕچھس منٛز ۔ کانٛہہ تہٕ اَسی تن ، کُنہٕ نہٕ ناوُک ، اکھ سوشلسٹ چھ
وُمرِ وُمرانس سون رُوٗحأنی بوے روزان ۔ یگاہ ، از تہٕ ہر ہمیشہ خأطرہ !"

یہ موٚصٲم تہٕ دَر پٔژھ ہیٚرِن وزہٕ وِزہٕ تِمن منٛز ٹاکارہٕ بأگُنٛنۍ
نیرٕنۍ ۔ یہ لھدے یہ وارے تہٕ وارہ وارہ یہ ٹھأنٛٹھ ٹان ہیٚرِن اکھ لھدہ
شانہٕ کِس قدہ وقتس منٛز بدلیٚنہٕ ۔ تہٕ ماجہ ییٚلہٕ یہ قدہ وقتہٕ ژیوٗن ۔ ہنگہ مت گ

بٲسیوس زَن تہٕ دُنۍ یہِس اَکھ تیٚتھ چیز اہ ٹھٲنہٕ پیٚو۔ یُس اَکھتابکو پٲٹھۍ ٹھَدٕ شانہٕ، پوٗز تہٕ رُت اوس۔ تہٕ یُس تَمہِ پَتہٕ نیو چشمو وُچھمٕت چھُ۔

تِم آسہٕ باضے گیوان۔ ٹھَدٕ خوش تہٕ خوش حال ہَیٚنہٕ آسہٕ تِم یِنہٕ سادٕ بٲتھ تُلان۔ یِم سارٕے نِے زٕہتس آسہٕ۔ مگر باضے آسہٕ تِم نوٚی، سنجیدہ بٲتھ تُلان۔ یِمَن منٛز لۆبہ وُن ترٕنمُن اوس۔ مگر یِہنٛزٕ لے بدٕلے آس آسان یِم بٲتھ آسہٕ تِم گرجا گرٕ کِن بٲتَن ہنٛدۍ پٲٹھۍ لوہ تہٕ ہٲٹہِ گیوان۔ گیوَن والین ہنٛدۍ بُتھۍ آسہٕ گَہ ہٮ۪تھ تہٕ وٕنہ زٕلۍ گژھان۔ تہٕ گرٕ ہنٛزٕ وٕنۍ لفظ آسہٕ پوٗرٕ پٲٹھۍ قٕہ وُتھ باس دِوان۔

ماجہِ گوٚو خاص کٕرِتھ اَکھ نوٚو بٲتھ سیٚٹھاہ تَسنٕتھ۔ اَتھ بٲتس منٛز آس تہٕ تھ چھِہ کہ لَد رٕوٗح کہ دِہ کھ دادی سو تَنِیج وُہ کھنٕے آہٕش کٕرِتھ۔ یُس زَن شک تہٕ ہراس کِس راہ چٲکی تہ خانس منٛز گَژھۍ زوٗن وَتہٕ وِہلٲے یِہ آسان گومُت۔ نہ آس اَتھ بٲتس منٛز تِمَن ٹُکٕن یِیٚٹھ ماتم تہٕ مَرٕتی آہٕش کَرِہ۔ یِم زَن یِنٛہِنہٕ آسہٕ تِن یِہُتھرٕ آسہٕ پٲدٕ کٕرِتھ۔ خوفَن منٛز آسہٕ کِیٚہ یِتھ تہٕ یِیٚندِ رنگ تہٕ رُوپ بِنِہ کردار اَتھ مۆرٕتھ زِنہٕ اوس آمُت۔ اَتھ بٲتس منٛز آسہٕ تہٕ تَمہِ قوٕت تہٕ ترٲنی وٕنہ شَس۔ یُس قوٕتھ اُچھ مُچھ وٕرِٹھتھ یِتھ آنہٕ زٕمہ تُس تہٕ یِس منٛز خبر کیاہ ژھانٛڈان ژھانٛڈان دربدر چھُ گومُت آسان۔ نہ آس اَتھ بٲتس منٛز تَمہِ یِتھ بُروٗ نِیٹھ نہ وُچھَن والیہِ حبرٕ شیج زٕلایہ گرٕ چھِہ۔ یُس زَن ریٚتِن تہٕ بَدَن دِہ شوٗنۍ اَکی اَنٛہٕ ماہٕ ژٕ پنجہ بیٚیٹھ پیٚنہٕ خاطرٕ تیار آسہٕ۔ اَتھ بٲتس منٛز اوس تہٕ دِہ گھِک تہٕ آنٛچ ہورنٕک

سوٗ ازاٗدۍ احساس تہٕ۔ یُس زَن پرٕ پیٚٹھ چیٖزَن پھُٹنہٕ پھاک کرِہ۔ مگر یمہٕ اند نہٕ تامیر کرنٕچ صلاحیت آسہِ۔ غرض آمہٕ بأتہٕ تلہٕ اوس تمہٕ پراینہٕ غمہ لامانہٕ دُنۍ یہکہٕ کُنہٕ تہٕ چیٖزٕک باس میلان۔

ماجہٕ کھٚتو بہٕ آمہٕ بأتکو تروش لفظ تہٕ وَنکھِرۍ ٹارہٕ۔ مگر لفظن تہٕ لیہٕ ژھایہٕ اوس کُس تام بوٚڈ میوٗ چیٖزا۔ یِمو زَن لفظ تہٕ لۍ پوٚت چھارہٕ تہٕ اُدر میتھٕ آمہٕ۔ تہٕ دِلس منٛز اوسُن کمہٕ تام تیتھہٕ چیٖزٕک احساس ووہ پیوٚمُت۔ یُس پتہٕ بہٕ بجرہٕ تہٕ اَنتہٕ روٗس آسنہٕ کِنہٕ خیالہٕ چہٕ کدمہٕ منٛز اوس بہٕ پیوان۔ تمِس اوس یہوے چیٖز یمن نوجوانن ہنٛزن چشمن تہٕ بُتھن پیٹھ تہٕ درینٛٹھو آمُت۔ تہٕ باسیوٚمُت اوس زِہ سوٗ چیٖز پژھ یہنٛدین وَچھن اندر جاے کرِتھ۔ تمہٕ نوٚمہٕ رود یمن کلہٕ تھٕچھو اکِس قدوتس بوٚوٕنٛٹھ کنہٕ۔ یُس زَن بہٕ لفظن منٛز وَنیِت ہیکہٕ نہٕ تلۍ کُنہٕ لیہٕ منٛز۔ بیٚنیم بأتن مقابلس اُس سعہ یہٕ بأتھ زیادٕے کَن دِتھ تہٕ بڈٕ جوشٕ تہٕ جذبہٕ سان بوزان۔

تِم آسہٕ یہٕ بأتھ بیٚنیو بأتو کھعہ تہٕ اُدرِلِس سعہ رس منٛز گیوان یگر اَمیک اثر اوس پوٚرہ پوٚر آسان۔ تہٕ یہٕ اثر اوس سارہٕ نیے لگن۔ مارچ ریتہٕ کہٕ ییٚنہٕ والہٕ بہارکہ گوڈنکہٕ دُہکو بأتھو آلہٕ نہٕ تہٕ وَلہ بہٕ پیوان۔

" ووہ ۂ وائژ سعہ وِز یُلہٕ آسہٕ یہٕ بأتھ وَتن پیٹھ گیوٗن پزہٕ! " وسوف شکوف اوس تیشہ سان وَنان۔

یُلہٕ اُمہٕ شندمول بیٚنہٕ اکہٕ لَٹہٕ ژوٗرہٕ ہنٛدس جرمس منٛز جیل

لوٗکھ۔ وسوف شکوفن وۄن پننہٕ نین سیتی باجن آہستگی سان،

"وۄنی ہیکو تُہۍ ہیانہٕ گرٕ سمکھتھ۔"

کامہٕ پتہٕ اوس کانہہ نتہٕ کانہہ دوس قریب پرٛچھنہٕ شامہ پاولس سیتی گرٕ یِوان۔ تہٕ تِم اٲسہٕ یکہ وٕٹے پَران تہٕ نوٹ لیکھان۔ تِہندِ اُس تیپٔرٕ بانبرٕ آسان تہٕ کامہ منٛز اٲسہٕ تِہندۍ لین آسان گامتۍ۔ زٕ اکھ بُتھ چھَلنَس تُنَب تہٕ اٲکھدٕ بہٕ موہلتھ میلان۔ اَتھن منٛز کتابہٕ ہینے ہینے اٲسہٕ تِم کھانہٕ تہٕ کھیوان تہٕ چاے تہٕ چَوان۔ تہٕ ماجہ ہندہٕ باپتھ اوس دوہہ پتہٕ دوہہ وۄنی یہٕ زانُن کریٛوٕ ہٹہ بنان زٕ تِم کمن چیزن پیٹھ اٲسہٕ کتھہ باتھ کران۔

"اَسہٕ پَزٕ اکھ اخبار کڑُن" پاوٕلٕ اوس اَموب وَنان۔

زندگی منٛز وۄتلے یہٕ زیادہ تیزی تہٕ تٔژر۔ تہٕ لُکھ لگو دٕلی دٕلی اکس کتابہٕ پتھ بیاکھ کتاب پَرنہٕ۔ یِتھ کنہٕ زَن ماچہ تُلرٕ پوشَس پوشَس ویٛور تُلان چھ۔

"سانی شوہے ہا ساچھ گاٹُہرٕ" دوہہ اکہ وۄنُتھ وسوف شکوف "سانہٕ گرفتاری لگہٕ جلدٕ ہے گوڑٕ۔"

"گاڈ چھ زالَس منٛز پھَسہٕ نہٕ خاطرٕ زیوان" خوخولن وۄن۔

ماج ہیٛرٕنہٕ دوہہ کھتہٕ تہٕ دوہہ اُہس نکھہ یِنہٕ۔ یِلہٕ زٕن سُہ نَس نِنکو" وَنان اوس۔ تس اوس باسان زَن تہٕ کُس تام موحُکم شرٕ چھُ پَنہٕ نیوِ اَتھو سیتی تَسنٛزن بُتھو لبن ساران۔ اگر ہے کنہٕ آتوارہٕ پاوٕلٕ

آوُر آسہ ہے ۔خوخول اوس زیٛن پھالہٕ وان ۔ اَکہٕ دوہ ہن اوٚن تمۍ کھس لَدِتھ تخناہ اَکھ تہٕ بکرِ ٹھِتھ لوٗگ بڈٕ تیزی تہٕ کاریگری سان داسہ باپتھ تختہ بناوٕنہٕ ۔ تہٕ دوہ دریمتہٕ داسہ بَدلہ لوکُن سٕے دروازس ۔ بیٚیہ اَکہٕ لٔٹہِ شوٗرُن بڈٕ ژھوہ یہ دوہ پہ کرِتھ جنگلہ کام کرَنہٕ وِزہ اوس سُو ہمیشہ کوسہٕ تام مونیٛس کرَن واجنوٗ تہٕ مارۍ منٛزلے شرٛنہٕ منٛز وایان ۔ خوٗخوٗل کوٚناہ ھٕنوٗن آسی پَتہٕ نہٕ گرٕ دانگچ ؟ " اَکہٕ دوہ ہٮ۪ن ووٚن تمہٕ نیٚچوس : تہٕ ہاروزٕہ تھوہہ دوہ شوٗنی ہندہٕ باپتھ جان ۔ تہٕ اکھ اَکس گرٕ ییٚنہٕ گژھینہٕ نِش معلو ۔"

" ہیٚنہٕ پانَس بُلہٕ تفریقاہ ۔" پھیکیٛن دزساہ دِتھ ووٚن پادہٕ بلن " ٹوٹوٗل ما آس کران ۔" تمہٕ ووٚنس : "میانی ساریے وانس چھ تفریقیٛن منٛزے گُذرے مرٛ ۔ تہٕ سوہ تہٕ نہٕ کُنہٕ جان سببہٕ رٕکو ۔ ہرگاہ ییٚخس ہوٚس اِنسانہ ہندہٕ باپتھ رُژھ کھنڈ موٚجبتھ تُلُن تہٕ پٮ۪یہ ۔ توٚ تہٕ کیاہ گوٚ ۔"

" یہ ژہٕ وَنکھ " نیچوۍ ووٚنس ۔" تہٕندہٕ ییٚنہٕ سیٚتوٗ گژھہ بہٕ خوش ۔"

تہٕ پتہٕ کِنوٗ آو خوخول تہٕندہٕ گرٕ ۔



۸

بستی اندرِ کینٹیک پیٚ لوکٕٹ مکانہٕ ہیوٚتن لگن ہندِ توجہک مرکز بنن۔ درجن وادشکہ بٔرزٕ، بے پناہ کڈٕن واجنہٕ اُچھ لجہ نظروٚ سیتھ اَمہٕ چھِن لبٕن تہٕ برن زٕدی زن کرنہٕ۔ شُروٚین ہنٛزٕ تمہٕ پکھ لجہ اُتھ مکانس ہیٚرِ کنہِ اَکس جوشہٕ ہیٚتس اندازس منٛز ٹاسہٕ راسرے گلنہٕ۔ تکھ لگو نالہٕ بَجِٹہٕ کہٕ اَمہٕ گرِ منٛزٕ تتھ خبر کتھ تام چیزس کھرکہٕ ناوِتھ نیبر کڈنہٕ۔ یُس چیز زن تِمَن اَتھ اندر ژھینچھ دِتھ بِہِتھ اوس باسان۔ واتھ کیٚت اَسی تم دار پوٚ منٛزی اندر وُچھان۔ تہٕ باضے شیٖشن ٹھک ٹھک کران تہٕ کھوٚژتھ یکدمے لٔٹ ہیوان۔

شوٗراب خانکو تایکھ بگینتسوفن ٹھہراو تاج دوٚہہ اکہِ ہیے منٛز سَرٹکہٕ۔ سُہ اوس جان شکلہِ بڈٕرِ ہنا۔ تس اُس پریتھ ونٛزہ ووٗنزج چھنٛدٕ نالِ تہٕ ڈیٚلے مرزٕ ووٗنزج گردنہٕ کرِ مہنو رُمال گنٛڈِتھ آسان۔ اَمہ سنٛزٕ زاڈیٚ جہ زوتہٕ وِنہٕ نستہٕ بیچھ اوٗس ٹچھوہ دالک ڈانکھ لاگِتھ۔ یِمہ کنہِ اُمس " اَڈٕی جہِ اُچھ" ناو اوس دراموٗت۔

جوابس پرارہ ستئے وَنہ تِمو ماجہ کُنی شہَہ کینہہ خمہ ٹیکھ تہ ژوریہ
کیتھو۔

"پلاگیا نلوۄ نا چھا وارِ سے ؟ تیچپۄ چھُپہ وارِ سے ؟ کھاندر کوٗرنا کینہ ۄنہ چھُ نیرِ سے کران ؟ میاُنی کِنو چھ یہاُسے وانس کھاندرس لایکھ ڈُکن یُیت وَلی وَلی کھاندر سپدِہ۔ مالِس ماجہ کیُت چھُ تیوٗ ستۍ جان روزان۔ انسان یتھہ ٹھہرس منز روزِہ۔ اَتی چھُ سو جسمانی تہ رۄحانی اینباریہ پرتی پاٹھو روزان۔ یتھہ کُنہ زَن ہرکسس منز ہیڈرہ۔ بے چارِہ جایہ آسیہ ؟ میہ آسیہ ؟ اُمس کَر تام کوٗرمُت۔ وکھ چھُ یی منگان زِ پریتھ اکس مُتلق پیہ سَرِہ کھَرِہ کرہ تہ زِہ سو کیاہ چھُ ازکل کران کراوان۔ وۄنی چھُ ٹکو پنہ نی مرضی حسابہ دۄہ دۄہ وین کڈُن ہیُو ہمت۔ تِم چھ پنہ نیو کاروبہ خیالو رنگو زیادے بیہ گنڈ گامتو۔ لوہ کیرٹھ چھنہ ازکل عبادتھ کراُنی۔ تہ عام جایہ نِشہ چھ لوٗب ہیوان۔ اُتی کھۄتمِن منز چھ زوٗرہ پاٹھو بینہ سر باوان۔ آخر میہ تہ وۄنی تۄ زِہ یم لکھ کیا پھس پھس چھ کران آسان ؟ یم کیازِہ بینین نِشہ لوٗب لوٗب روزان ؟ سۄ کوہ سیہ کتھ چھ یُس زَن کانہہ اَکھا ہ بینین نِشہ مِثالہ بایتھ شہ راب خانس منز ہاو نِکل کھوژان چھُ ؟ ہرا ! ہر بادہ ہیچ کُنو حباسے چھ سون گرجہ۔ باقی ساری ہر یم کوٗ چھ تہ مکھۄتمِن منز باوہ نہ وین چھ دیماغ پریشان گرِ چھنہ کینہ تھنہ پیوان۔"

تا ئظیمہ بایتھ واُج تِمو ٹوٗپی۔ تہ بُڈہ اندازہ سان نرِہ ناوتھ کوٗرن سلام۔ تہ ماجہ ہے رُنگہ کرِتھ دزاو۔

بٔنیٖہ دۄہ ہَن پیٚچھ تَس پٔنٕنۍ ہمسایہٕ بایہٕ ماریا کارسو نووا بازرس
منز۔ سو اُس اَکِس کھارہ سٕنٛز موہنڈ زنانہٕ۔ تٔتہٕ کارخانہٕ چہ پھاٹکہٕ نِش
اُس کھین چینکہٕ چیز کٔنان۔ تَمہ ووٚن :-

"پلاگیا۔ اُمس ہیٚے کیٛہہ زہ نیچو وٕہر ماہس !"

"مطلب ؟" ماجہ پرٕژھس۔

"شووےَ ہیٚے چھہ گامُرٕ" ماریایہٕ ووٚنُس ہیرہ پأٹھۍ "میأنۍ
مأجی۔ بڑہ وُلٕٹہ شووےَ ہیٚے۔ دٔپان ہیٚے چون نیچوٗ چھُ اَکھ ژوٗرہ او نٕچِمَن
بناوان۔

خلستی٥ ہِش۔ یِہُنٛد یرادہ چھُ اَکھ اَکِس کٔچھکہٕ پأٹھۍ گرٕہ والنہٕ۔"

"یہ چھُ صرٕ حَسن بکہ واس تِہٕ جأرۍ گی۔ ماریا!"

"اَہنی یٔلہٕ مارگہٕ۔ تٔلی ووٚچھتہٕ دٕہ تہٕ" خانچہ واجنہٕ ووٚن۔

ماجہ باوِہ سارنۍ گنٛتہٕ نیٚچو وِہن۔ تَمہٕ دِیت قورہٕ پھیٚکِس
دَرساہ۔ تٔہ خوخول لوٗگ پٔنٕنِس خاص اندازَس منز لوٚتہٕ تہٕ سوٚن اُسُن
اَسہٕ نٕہ۔

"کورہ تہٕ چھہ تُہُنٛدہ دَزان" ماجہ ووٚن "تُہیٚ چھِوہ سیٹھاہ٥
برٕتی لکہٕ کرٕ۔ کانٛسہ تہٕ کورہ ہنٛدہ بایتھ ہیٚکو تُہۍ جان جوٗرہ بٔنِتھ۔ ہمیشہ
چھوٕہ۔ شوراب چھیوہ نہٕ چوان۔ مگر یِمَن بچارٕن کُنہٕ چھِوہ نہٕ اُچھ تہٕ

---

٥ خلستی۔ خلست چھہ روٗسی پأٹھۍ کٔچھس وَنان۔ تِہٕ یِہ ماوٗ اوٗسکہ اکس
جنوٗنی مذہبہ ٹولس دِیتمُت۔

ٹلان ۔ تِمہ چھہ وَنان زِ شہرٕ پیٹھ چھہ یِژھہ ترٛژھ کورِ تیٚہ پٮ۪ہ نِشِس ییوان گژھان۔

" ہٲ ہس ۔ اَدِ کیاہ!" ڈیکس دِرِ لَدِتھ وۄن پادٕلن نظر ژٕ سان ۔

"یَہ منٛز چھِہ یِرہِتھ کُنہٕ چیز ہ پھکھ دِوِہ تھان ۔" وۄپش ترٛاوِتھ وۄن خوخولن :

" ننکو ۔ کیاہ رُت گژھہ ہے یُتھ وَتے ژٕ یِمن چارِن فِکرِ تارِ ہٲکھ زِ کھاندرِ پتہٕ مےٚ زِنٛدگی ہِنٛد مانہٕ مطلب کیاہ گو۔ شاید کرِہ ہاکن یِہ تِمہ اَوچھ پانس کیٛتھ مۄصیبت آیہ نس منٛز پیش تٲ چھی؟"

" تھو تھو!" ماجہ وۄن۔ " تِہ چھہ سارِی وارِ یِتھی زانان یِہ فِکرِ یہ چھکھ ترٛان ۔ مگر اَمہ علاوٕ کیاہ چھہ یہنٛدِس لاگٕنس لیکھِتھ؟"

" ہرگاہ یہ ترٛٲوِتھ فِکرِ ۔ اَدِ لیَن وَنتہ۔" پادٕل وۄنتھ۔

ماجہ ترٛاوٕ تسنٛدِس ژٕکرے میٚتس بُتھِس کُن نظر۔

" ژٕ کونا چھکھ یِمہ پرِ ناوان ؟ ژٕ اَنتھ چالاکھ پَہٲنی کورِ یور؟"

" اَمہ سیٚتی آندِ نہٕ کینٛہہ ۔" تسنٛدِ نیچہِ وۄنتھ خوشکے لہجس منٛزٕ ۔

" مگر کوشش کرنس کیاہ ہرج چھُ؟" خوخولن پرِژھ۔

جواب دِنہٕ برونٛہہ رُود پادٕل خاموش کٔنۍتھ۔

" سارِی لُکھ گژھن جورِن منٛز تبدیل ۔ کینٛژن سپدِ کھاندر

تہٕ سوٗرُے موٗکلیہ۔"

تِہنٛز مٲج رٕژ سوٗنچنہٕ ۔ پاوٕل سٕنٛزٕ پادرِین ہٕنٛزٕ سخت مزاٗزی کیٛو سپیٛز سۆ ہنا پریشان ہیکس۔ سۆ اُس یہ وچھان زٕ سارِی گمکھ، یتھ اَمت زٕ خوخول ہیٛوٚ پوٗختہ کار بوج تہٕ، اُسی تس مشورٕ پریٛژھان ہگٕ تس اوس فِکرٕ ژران زٕ تِم چھ تسٕندِس نیٚچوٗ وِس کھوژان ۔ تیٚتہِ اَمنٛزٕ اُمیہ سختی سبب اوس یہٕ کانٛہہ تہٕ تس محبتھ کران۔

اَکہِ رٲژ یٚیلہِ سۆ شۆنگنہٕ دراو ۔ تسٕند نیٚچوٗ تہٕ خوخول اُسی تمہٕ وزٕ پران۔ تنہٕ پردٕ اَپارٕ ہیٚیٚژن تِہنٛز لاژ لوٗژ کتھ باتھ تس تام واتنی۔

"میٚہ ما چھ سۆ نتاتشا یسند" خوخولن ووٚن ہنگہ منگہ پانٛہٕ

"میٚہ چھ خبر" دَژھا قرار کرِتھ ووٚنتھ پاوٕلن۔

تمہٕ پتہٕ۔ خوخول ووٚنتھ لوٚت پانٛٹی ھتوٚد۔ تہٕ تَمہٕ ووٚرُے لوٚگ فرشس پیٹھ پکنہٕ۔ تہٕ لہ تہٕ لہ تہٕ تہٕ کیٛہ تام اندازٕ لوٚگ شرُنی واینہٕ تمہٕ ووٚن بییہ اَکہ لٹہٕ:

"خبر چھا تمہٕ چھا ژیوٗ نمت کرنہٕ نہ؟"

پاوٕلن دیت نہٕ کانٛہہ جواب۔

"رٕکھو پاوٕل۔ ژٕ کیاہ چھکھ وَنان؟" خوخولن پریٛژھ لہ تہٕ ہیٚتہٕ

"آہنو، ژیوٗ نمت چھُس" پاوٕل ووٚنتھ درجواب نٕ توٚے ژٕدو تمہٕ یورٕیٛن گژھن۔"

خوخولن مۆر زورٕ فرش۔ تہٕ بٔیمپہ اکہٕ لٕٹہٕ وٕتلےیہ تھٕہٕنز لوٗتہٕ شرٕدٕ

کمرس منٛز۔

" ہرگاہ بہ وَنٛس تیٚلہِ ؟" تمہٕ پرٕژھ۔

" کیاہ وَنہٕ ہٕتس ؟"

" وَنٛس ۔ زٕہ بٔہ " خوخولس ہیوٗت نرم اندازس منٛز وَنُن۔

" ؟ ہیکہٕ کیاہ چھُ ضروٗری ؟" پاولین کرٕ ژٕٹہٕ وٕنی کتھ۔

ماجہ بوزٕ ۔ پکان پکان گوٚ خوخوٗل رٕوزتھ ۔ تہٕ تٔمۍ باسیوو زِ تہٕ

سو لوٚٹ اُشن اوس کران۔

" میانِ کنہٕ ہرگاہ کانٛسہ کورٕ سیٚٹھاہ محبت گژھہ ۔ تٔس وَنُن

گوٚژھ ۔ نتہٕ چھُنہٕ اتھ کانٛہہ نتیجا نیران۔"

پاولین وُٹھ تماس کرٕتھ کتاب۔

" ژٕ کمہٕ نتیجس آش چھکھ ؟" تمہٕ پرٕژھس۔

دعہِ شٔنٛتے رٔودی وارِیاہن کالس خاموش۔

" بہتھ آدٕ ؟" خوخولن پرٕژھ

" آمدٕرس ۔ ژٕ یٔنٛزی گرٕژھ پانس سیٚٹھاہ تیرٕ کھری گرٕدن ۔ زٕہ

ژٕ کرٕن کیاہ پیٚچھ ؟" پاولین دوپٕن تہٕ تہٕ ۔ " موٗن ۔ سہٕ چھُ ژٕ سیٚٹھاہ

محبت کران ۔ مینہ چھُ شکیے ۔ ژمہٕ مانوَ تہٕ ۔ آدٕ ساگوٗدوٗدہ تعہٕ کھاندٕر۔

وٕاہ ۔ جوٗرٕیاہ چھُ ہاوٕنی باونی لایکھ ! وُچھتوٗ سہٕ چھُ دانِشمند ۔ تہٕ ژٕ موٚزوٗ

شرٕمہ زیوٕ نوٕ ییہنز ییٚڈ پالنہٕ باپتھ بیٚنی وٕ تعہٕ دعہٕ ہتس راتس خوٗن جگر

کڈُن۔ ساڑی واٹس بَنہٕ ژھ رِچھ باپتھ، شُرٕ و باپتھ تہٕ کرایہٕ باپتھ اکھ گرٹھ سانہٕ ہتھدِہ پایہ کہٕ مقصدہ باپتھ بنکہٕ ژہ ہکار۔ تھٕہی دوہ شوٗے۔"

کمرس منز وہ تلی پیہ ژھوپہٕ۔ اَمہ پتہٕ لوٗگ پادل بتیپہ بولنہٕ۔ وہ فی اُس نہٕ تمی سینز آواز ہیُر ژھ سکھ۔

"یہٕ خیال ترٛاوُنے گوٚ جان آندری۔ سہ بچار کیا زٕ لاگہ ہُن تاوُنس۔"

ژھوپہٕ۔

سیکنڈن پیٹھ داتہٕ نہٕ وزہ اُس ساعتہٕ کہٕ پنڈورلچ آواز وارہٕ پاٹھو کنن گژھان۔

"میون نیصف دِل چھُ ماپہ بوٚرت تہٕ نیصف ردیہ ہوٚت۔ اکھ چھ دِل وُنان!" خوخوٗلن وَون۔

کتابہٕ ورق پھرنک عداہ گوٚ۔ پادلن آسہ بتیپہ کتاب بَرِنی ہیتہٕ ہرٕ۔ تسنز ماج اُس اَچھ وَٹِتھ ڈاف ترٛاوِتھ تہٕ شاہ کھالنہٕ تہٕ اُس کھرژان۔ تس اوس خوخوٗلن کیا ہتام گژھان۔ مگر اَمہ کھوتہٕ زیادٕے پننہٕ نِس نیچوی سند۔

"بچور!" تمہ سوٗ پُژھ۔

"گوٚ اَدہ یِزہ نہٕ تس جاۓ کِنہ کینہہ تہٕ باوُن؟" خوخرلس ژوال بے وایہ ہیُر رتھ۔

"ایطان وازی گیہ نی" پادلن وَون وارہٕ وارہٕ۔

"اَچھا تی کَرَو"، خوخولن وَوَن تہٕ باوِل۔ اگر ژٕ یہٕ تہٕ پییہِ پرٕژھے
گرٕ پشیس۔ زان سُو تام کرٕ ڈیٹھ وَکھ آسہِ سُو۔"

"میانہٕ خاطرٕ چھ سۄ کٕمہٕ پھٹہٕ گرٕ آمٕژ۔"

واوٕ دِکہ آولبَن سپتمہ چھاونہٕ۔ سائنٹسٹ پیڈولم اوس
پابندی سان وَکھ نیرنک ایلانہٕ کران۔

"یہ چھا گفنہٕ کٕنتقاہ" خوخولن وَوَن آہستہ پأٹھۍ۔

ماجہ ژٕھن شانہٕ گنڈِس منٛز چھٕ نٕنہٕ۔ تہٕ لعہ تہٕ لعہ تہٕ لۍ اوٚش
ہارنہٕ۔

سُبحن پاسیو توس آندری نکیومٹ ہیوٚ۔ تسنٛز شخصیت اُس
بٕڈنٕھے مہ کھوتہٕ زیادٕ لوٚیہ ؤرٕ ذی یٕنے مٕژ۔ تو ہندٕ نیچوٚ اوس ہمیشہ پأٹھۍ
سیوٚو، ذأوِل تہٕ خاموش۔ از تام اُس سۄ خوخولس ہمیشہ آندری انی
سیمیونچ وَنان۔ مگر از ژٕولُس یکہٕ نیر تٕھ :۔

"آندریوشا۔ کھوٚر بانہ کونا چھکمہ شیہرٕ ناداں۔ ننٛہٕ یلہٕ
لگی تیر۔"

"چھہ تنخاہ بیٚ آنہٕ نوٚو دیے۔" سُو دوٚپھ اُسان اُسان۔ تہٕ
پنٛزٕ نیچہ شٕڑتس آلونتہٕ ووٚنُن آدہٕ۔

"کیاہ پٕتہٕ ژیبے تا چھکمہ میانی ماجہ۔ آوٕ عٕنی کو ژٕ چھکھٕ
پننہٕ زیوٚرٕ یہٕ باوُن پرٕژھان۔ یہ چھس نایوٚت بدحوٗر تہٕ۔ یکنہٕ ماجی؟"
زیوٚرٕ کینہہ وَننہٕ ورأیی لۍ سۄ قبندی اتھس منٛز

# ۹

بُستی منٛز ہیٚتھرٕ لُکو اشتہار کِہن ہنٛزٕ کتھ کرٕنہٕ۔ یِم زٔن
پنیچہ میلہٕ سیتھ لیکھو مِتۍ اشتہار بٲگران ٲسی۔ یِمن اشتہارن منٛز
ٲس کارخانکس انتظامس تہٕ کارکردگی پیٹھ زبردس تنقیٖد چھپن یوان
کرنہٕ۔ پیٹرزبرگ تہٕ جوٗنوٗبی روٗسہٕ کین ہرتالن ہنٛزٕ خبرٕ تہٕ آسہٕ یِمن
منٛز نیران۔ تہٕ کامگارن اوس دِنہٕ تہٕ یوان زہ تِمن پنٕنۍ پنٕنۍ مفاد
رٔچھنہٕ باپت یکٕمُت گژھُن۔

اَڈٕ ورٕ گُکھ یِم زٔن کارخانس منٛز جان پوٗنسہٕ ٹوٗنک زینان
ٲسی۔ سیٚدۍ نارہ نار۔

" فِتنہ گرٕ ی! " تِم وٕنِہ " یِمو کتھو باپتھ پزن یِمن کلہٕ
کھانرٕ پھاٹہٕ نادِنہٕ "

تہٕ یِمو لُکو رٔٹۍ یِم اشتہار یِنہٕ نیٚن مٲلکن نِشن۔ نوجوانو
پٔرۍ یِم اشتہار وٕژھ وٲنچھ۔

" بلکل پٔزٕ چھکھ لیوکھمُت " تِمو وٚن۔

تِمو اکثر متوزٕ وٲنو ہو دبٕ بیٚہ دلی۔ یِم زٔن دہ ہس محنتھ

تُشدید ادس دِڑزہ اُمہ - لفظ ہنتی لولہ واریاہ ہے سعہ بادِہ - دِبِڑ مَسٹہ
بِڑ اُسی پتقس - مرشہ تنج ہِش دگ گی غلبہ چِہ رحم منز وَچھس
لفظے سمان -

کُنِہ ژھ تھٕیٚت ژھیٚنٕت اُسی پے میترٕ۔

" اَمہ سیٚتۍ اَندٕ نہٕ کینٛہہ۔ پتہٕ چِنٛدٕ سیٚتۍ چھا کام اَندان؟"

مگر اشتہارو سیٚتۍ وُزٕ چھ کھٔل بٕلو۔ تہٕ ہرگاہ کُنہٕ ہفتہ اشتہار نیران اوسنہٕ۔ موزور اُسو اکھ اَکِس پرِژھان:

" باسان چھُ پتہٕ کرٕ اشتہار چھاپنہٕ بند۔"

مگر اَمہ پتۍ اوس ژٔنٛدٕ وارٕ دوہَن نوِو اشتہار بٲگرنہٕ یِوان تہٕ موزور اُسو بیِیہٕ اکہٕ پھیرِ پتہٕ پیٚٹھ یاتہٕ واگنی کنھ بالھ کران۔

کارخانَس تہٕ شعرابِ خانَس منٛز ہیٚتِن تِتھی لکھ نفرٕ گژھنہٕ۔ ییم ہر کاٗنٛسہٕ وِیدی اُسی۔ ییم لکھ اُسو سرٕ سرٕ پھیران تہٕ قسمہ قسمہ سوال پرِژھان۔ پرِتھ کاٗنٛسہٕ ہندِس دلَس منٛز زنگ ژھنہٕ نہٕ تہٕ یانس زبردس جیس کرنہٕ معرکھ یا پنُن پان ہیٚتِن پیٚٹھ سوار کرنہٕ کنی اُسو ییم لکن ہندِن دِلَن منٛز شکھ دوہ بڑاوان۔

ماجہ تٕرِیوٗن زہٕ اَمہ ساری دُز گٔگاھ ذمہ وار چھُ تسنٛدِس بیچوی ستھرِ کارکردگی ہیٚ۔ تمہ دُچھ زہٕ لکھ کتھ کنہٕ اُسی تسَس کُن دوان تہٕ دوران یِوان۔ تہٕ ماجہ ہندِس دلَس منٛز اُس نیچوِس پیٚٹھ فخر تہٕ تہندِ بچاوہ چہ فکرِ ہنٛزن جذبن ہنٛز ملہٕ مش۔

اکہٕ دوہہ ہَن دِگرس بٲگی آیہ ماریا کارسو فوواتہٕ ولاسوف خاندان چہ وارِ کوٗرُن ٹھگ ٹھگ۔ تہٕ پیٚلہٕ ماجہ دارُ مُژر۔ تمہ باوس ٹھدِ ہمتہٕ ہیٚ کُنُ شیچھ:

" پلاگیا! حیٚہ ہے رُوزی زہٕ! پتہٕ ہے چھُ ہاٗنی پانس

مۆصیبتَھ اوٚنمُت۔ اَز راتھ کیٚنٛژھ ہے پیٚیہ تمہ بہ تہٕ مازَن پٮ۪ٹھ وسوف شکوف
سٕنٛدِن گرٛان تلاشی کرٕنۍ۔"

ماریایہ ہٮ۪نٛدی ویٚتھو وٮ۪نٛھہٕ ووٚتھ آیہ جلدٕ وَٹہٕ نۍ۔ تہٕ پٮ۪نہٕ بنہٕ مۆچہٕ
نَستہٕ سٕپٮ۪تو کوٚرِ تمہٕ سوٚن سوٚن تہٕ اُپھ ٹٮ۪ٹہٕ وہرکرٕ تھٕ لیٚج اوٚرہٕ یورٕ وچھنہٕ
زن تہٕ سرٛکہٕ پٮ۪ٹھ کانٛسہ زُرژان آس۔

"بٮ۪یہ تھوٚو زہ ژیتَس زہ مٮ۪یہٕ چھَنہٕ کُنٛہ خبر اَتر نہ بوٚزٕ مٮ۪یہٕ
ژیٚیہ نِش کینٛہہ۔ تہٕ نہ سمکھے سہ بہ ژیٚیہ اَز یِتہٕ!"

دٲرِ دِتہٕ یِتہٕ گیٚیہ مٲج وارٕہ وارٕہ کرٕ سی منز بہٕہتھ۔ مگر یہ زاَنتھ
زہ تیٚسنٛدِس نیٚچوِس چھُ خطرہ دَرپیٚش، وۄتھ سہٕ فورَن تھوٚد۔ وُلی وُلی
بہ لاگوِن پلو۔ کلس وۄلُن شال تہٕ دورے یہٕ فیدور مازن شٕندگرٕہ۔ سۄ
اوس بیمار تہٕ از اوس نہٕ کامہٕ گوٚمُت۔ بیٚلہٕ سہٕ اندر ژایہ سۄ اوس وارٕہ نکھ
بہٕہتھ کتاب پَران۔ تہٕ دٕچھنس اَتھس اوس پھَش پھَش دِوان۔ اَمہٕ اتھک
نیٚتھ اوس تَس وُریہٕ پاٹھو نیبرٕ میٚچ دٲمُت۔ خبر بوٚزتھ زرد یوٚو سۄ تہٕ
تھوٚد گو وۄتھِتھ۔

"گو ناوَن پتیوو!" تمہٕ ووٚن وُٹھو منزبی۔

"اَسہٕ کیاہ پزہ وۄنی کرُن ؟" تھانتھ ریمتہٕ اَتھ سٕپٮ۪تی ڈیکس
عارق ووٚتھ راوِتھ پریٚشھ تمہٕ۔

"ہناکہٕ قرار۔ بانبرٕ نیٚچ چھَنہٕ ضوٚرٕ وُرتھ!" پٮ۪نہٕ نہ ٹھیک اَتھ
سٕپٮ۪تو ڈیکہٕ پٮ۪ٹھ واٹنکہٕ دارِمس یِتھ کُنَ گَڈِتھ ووٚن فیدورَن۔

"ژٕ ہا چھکھ پانہٕ بانبر یومت۔" ماجہ دوٚپن۔

"با، مند چھ سیٹھاہ ووشلیوو سُو۔ تہٕ کیٚتھ تام گژھتھ کوٚرُن لوٚتہٕ اُشن۔

"ہوں۔ لانتھ اُٹھ بیٚنی۔ اَسہِ پیٚزِ پاوٕلس شینٛچھ سوزٕنی۔ بہ سوزَن کانٛہہ۔ مگر ژٕ نیر گرِ۔ تہٕ ییٚتھ کینٛہہ مہ بانبر۔ تم لایِن نہٕ اَسہِ۔ کینٛہہ؟"

گرِ دأپتھ سوٗنبہٕ راوِ تمہِ سارِیے کِتابہٕ۔ تہٕ تمہِ وُچھس سیٚٹھاہ زورِ ژھٹیتھ لیٚج فرشس پیٹھ اوٚرِ یور کرنہٕ۔ سہٕ اوس گراہ دانس ہیٚورکُن، گراہ بوٚن کُن تہٕ گراہ یاں مٔٹس کُن وُچھان۔ تَس اوس راے زِ پاوٕل ہیٚیہِ لاران تہٕ بتھاران کارخانہٕ پیٹھ گرِ واپس۔ مگر سُو آو نہٕ۔ ٹھکیتھ ژایہِ سہٕ اخرس چوکس مَنز۔ تہٕ کِتابہٕ پانس تل ژھٹیتھ پیٹھ سہٕ ہینچکل پیٹھ۔ پاوٕل تہٕ خوخول سٔندِس واپس ییٚنس تام رُوز سہٕ ناچھے پاٹھو ہیٚچھے ییٚکیا زِ سہٕ اوس ٹھوٚد وونتھ نس تہٕ کھوژان۔

"تمہٕ پُزند؟" تم ورچھتھ ژوٚل تَس ہکہ نیرتھ۔

"آ ہنی بُزنہے۔" پاوٕلن کوٚر لَب خندِ۔ "کھوژکھے؟"

"حدِ روٗس!"

"نامے کھوژُن لگہ نہٕ۔" خوخولن دوٚپن۔ "اَمہِ سیٚٹھاہ کیاہ نیبرِ؟"

"وُنہِ چھُتھ نہٕ ژٕ سمادارس تینگل تہٕ ترُوومُت۔" پاوٕل دوٚپتھ

"یمہِ معہ کھ۔" ٹھوٚد وٕ تھتھ ہوو ماجہ کتابن کُن۔ نہٕ تیتھ کینٛہ

دوٚپنُن زَن تہٕ دنٛہہ اتہٕ اوسُن کوٚرمُت۔

نٔہندی نیچوی تہٕ خوخولَن ترٛوو ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اَسُن۔ اَمہٕ سیتۍ آیہٕ سوہ رٕژھا ہوشہٕ ہِش۔ پاوٕلَن ژارِہ کینٛہہ کِتابہٕ تہٕ رِتمہ کھٔٹِت تھوٗیہٕ بایتھ دٔراو حاطَس منٛز۔

”ننکو۔ اَتھ منٛز نَے چھیٚنہٕ بانبرٕ ژیچ کانٛہہ کَتھ“ خوخول وۄنۍ سماوارس پھوہ کِھ پھوہ کِھ دِوان۔“ دٔپہ مَند چھہ ہِنٛز کَتھ چھہ تہندہٕ بایتھ یِم زَن ہِمَن فوٗضوٗل کَتھَن پیٚٹھ وکھ چھہ رادہٕ ران۔ وائنسیٹھ لکھٕ یِن ۔۔لور۔ کھمبرَن تلوارِہ گٔنڈی گٔنڈی تہٕ بوٗٹن مہمیٖزٕ لاگر لاگ۔ تہٕ سارۍ سپٕے کرُن تلکھ پیٚٹھ۔ بِسترس تہٕ دافَس تَل دِن ژھأنڈ۔ ہرگاہ کانٛہہ تہٕ خانہ آسہٕ۔ تور تہٕ واتَن۔ تہٕ ہیٚرِ کمس کمَرس تہٕ دِن نظر گٔذر۔ ژھتین لارِتھ زلہٕ زائج۔ نفرٕ ژ سیتۍ ووہٕ نکھ نکھ دأری تھوٗد تھوٗد۔ ژکھ کھسِکھ، کِتہٕ تام گژھن۔ تہٕ آمی سیتۍ ہاوَن پننہ کنہٕ زِہ تِم کأتیاہ گُنٛاہی تہٕ میٖشل چھہ۔ تِمَن چھہ پوٗرہٕ سپٕدیۍ زِہ تِہنٛز کأم کأژاہ چھہ نفرتس لایکھ۔ اَکہٕ دفہٕ ہِہ دِژ یِمو تتھ کُنو میانِس سامانَس دوٗنۍ زِہ جیٖرہٕ پیٚتھ تراوِکھ تلاشی اَڈہٕ لیچی۔ تہٕ ژھوہٕ پہ دم کرِتھ ہٹیٖرِ کھ لٔٹ۔ بٔییہ اَکہٕ لٹہ نیوٗہس پانس سیتۍ تہٕ لوٗرہس جیل۔ تہٕ تقریبن ژوہٕ ن رتیَن تھوٗوہس تھٔکھ۔ جیلس منٛز چھیٚنہٕ بیہنہ تہٕ پرارنہٕ ورائے بٔییہ کینٛہہ تہٕ یوان کرنہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ چھہ عدالتس منٛز نوان۔ سپاہ چھہ سرٛکَن پیٚٹھ ہوشہ سان پکہ نادان۔ کانٛہہ بوٚڈ افسر چھہ پرژھہ گار کران۔ یِم افسر چھیٚنہٕ خاص کینٛہہ تھٔپ آسان۔ بڈہٕ جأری کتھہ کران۔ تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھہ یِم سپہ ہِمَن حُکُم دِوان زِہ قیٖدی وانہٕ ناوی دوٗن دُبارہ جیل۔ راتھ کُنو چھہ اُمس اورہٕ یور تہٕ

ہورِ یور کرِ ناوان ۔ آخر تِم گژھ ہیم تنخاہس ہیپھڑ پلان چھہ ۔ تِمن پزٕی ریہ حلال کرٕنہٕ باپتھ کینہہ نتہٕ کینہہ کرنٕے ۔ چھیٚرس چھہ قیدس یلہ تراوان ۔ نہٕ آیہ گیہٕ کتھاہ ۔“

” اندرلؤشا ! چانہٕ کتھہ کرنک اندازٕ ہا چھہ بدلے ! “ ماجہ ووٚن ۔ سماوارس پیٹھہ کھہ دِنہٕ پتہٕ ژٕل تمو ہنٛز وِدٕرٕل نیٚک ہیوٚ بُتھہ تھوٚد ۔ تہٕ گوٚنٛزٕ چھن چھیٚش دِتھ پرژھن :

” کتھے انداز ؟ “

” زَن تہٕ نہٕ ژٕیہٕ کانٛسہٕ اَز تام اِذٕ ہے واتہٕ نووٕمٕت چھے “ ۔

” سُو کُس فرد بشر کرٕی زِن دٔنی ییٚہس منٛز ، یس نہٕ اِذاہ آسہٕ ووتمُت “ ۔

تمو دِژ کلس ژلن تہٕ وُٹھن گمہٕ جار کرِتھ ووٚن :

” میہٕ چھکھ تیوٚت اِذاہ واتہٕ نووٕمٕت زِ دٕمہٕ ڈی چھس نہٕ امیکھ واسے تہٕ بران ۔ دٕمہٕ ڈی زَن کرِ تہٕ کانٛہہ اکھاہ امیکھ خیال ۔ تمیکھ نتیجہ چھہ یہ نیران زِ کامہٕ کارس چھُ کھُر ییوان ۔ تہٕ بئیہٕ تکلیف ژٕ لِتھ اَتھہ پیٹھ وانٛج زالِنہٕ گوٚو کھ حضایہ کرٕن ۔ یہاٗے چھہ زندگی ہنٛز زوٗشاہ ۔ بہ اوٚسس یمن ٹکن ہندی کارِ کرتوٗت وُچھتھ مُتان ۔ مگر یتہٕ تور میہٕ فِکرِ زِ یہ گوٚ نہٕ جان ۔ پرتھ کانٛسہٕ چھہ نٔٹھ زِ تہند ہسلے چھہ تَس شکلہٕ کرٕنس زاگان ۔ آوَے چھُ تَس برُونٛہہ ہِنٛز چیر نیچ کوٗشِش کران ۔ میانٛی ماج ! زندگی ہند چھُ یہوے وطیراہ ! “

” ہندی لفظ گیہٕ قرارٕ سان وَسَن والہٕ آبجو باٗٹھو چلان ۔ نہٕ تلاشی ہُند بیم گوٚ ماجہ ہِندِ دِلہٕ منٛزٕ کمٕ کمٕ گژھان ۔ تسٕنٛزن وِنٛچھن وٕنٛچھن چشمن

مٔنز وقتہٕ ٹلیوو اُسٕن ۔ تہٕ ماجہ باسیوو زٕ وُریہ ہیوٚ اُسِتھ تہٕ کوتاہ تیٚلنگہ چھُ سوٚ۔

ماجہ تُروو ووش ۔

"اندریوشا ! خوداہ تھَوِیو نٔے خوش تہٕ خوش حال !" تمہِ ووٚن بُڈٕ

سوہ دِلہٕ ۔

خوخۄل گو سماوارس نٔش ۔ تہٕ بیوٚلۍ اُتھو تھٔے پھَٹر ۔

" ہرگاہ میٚیہ خوشی مٔنز اَکھ زمِش تہٕ دِتہٕ ییہِ ۔ بہ کرٕ نہ رٔٹِتھ نٔس نکار ۔" تمو ووٚن لہٕ تہٕ لہٕ تہٕ ۔ "مگر اَمہِ باپتھ دارٕ نہٕ بہٕ زانہہ تہٕ اَتھر !" پادیل آو حاطہ مٔنزٕ پھیرتھ ۔

" زانہہ تہٕ لبن نہٕ ۔" تمو ووٚن پٔرٕ پٔرِتھ سان ، تہٕ بیوٚلتھ اَتھہٕ پوٚتھ ڈھرادیہ ۔ اَتھ ووہتھ راوان دوٚہتھ ستہ ماجہ کُن ۔

" ہرگاہ ژٕ تیمَن باس دِکھ زٕ ژٕ چھکھ بانبرے مرش ۔ تم سونچِن زٕ یُتہِ گژھ کینہہ نتہ کینہہ ضرور اوسن ۔ نتہٕ ما آسہِ تِکھ نفانتھر ریمرش ۔ ژیہ چھےٚ خبر زٕ اُسہ چھینہ کانہہ ناکارٕ کام کران ۔ انصاف چھ سانہِ طرفہ ۔ تہٕ اَسہ تھَووٚ پننہ زندگی اَتھ آیہ تنَ ۔ ہرگاہ یُتھے اوت چھُ اَسہِ اتھ کورٕ یُت تینلہِ کیاز ژٕ کھوژو اُسو ؟"

" باشا ، بہ ہا سنداریٕ پانے ۔" تمہِ دِیت وعدٕ ، مگر اَکھ ژیہہ گرتھنہ پیٚتے ووٚن تمہِ بُڈٕ دردناک اندازٕ : " ییہِ ہٕن وٕلی وٕلی اُسو تہٕ معہ کلہِ ہاگو ۔"

تمہِ داژ آیہ نہ تم ۔ تہٕ دوٚیمہ دوہ ہٕن سکلہِ باسیوو ماجہ زٕ

شُرمو کرَن تَس ٹُسَنر۔ اَمہ زِنشِہ بجینہ باپَچھ لجَ سعہ یاُڈی پانَس ٹُسَنرِ ژِٹِڑبِز۔

"خطرِہ بُرو نیطے کھوژِ رَس بہَ" تَمہِ دوَن۔

# ۱۰

تَمہِ ہِم ناکھ راٲژ پَتہ قریبَن اَکہ رٮ۪تہٕ پَتہٕ پیلسہٕ وٲلی وٲتھ نِکولاۍ
وسوف شِکوف اوس پاوٕلس تہٕ آندری ہَس سمکھنہٕ آمُت۔ تہٕ تِم ترٛیشوٕ وَے
اُسہٕ پیٛنہٕ نِس اخبارس مُتعلق کتھہ باتھ کران۔ وَکھ اوس یِر آمُت۔ قریبَن
اَڈرا اتھ اَس۔ مٲج اُس شوٗنکنہٕ تہٕ رَمرٕ۔ تہٕ پتھاے زِپ گرٛژھنس سیتھی بوزٕ
تَمہِ تہنٛزٕ لٔے ژٕ تہٕ ٹھکرہ ہنٛزٕ آوازٕ۔ اَمہ پَتہ ووٚتھ آندری تہٕ پنجوٕ پیٛنٹھوٕ پَکہ
پکہِ دراو چوکہ منزٕ بر تہٕ دروازٕ کوٚرُن بند۔ نوٚٹ وسی پیٛنکٕ صداہ آو۔ دروازٕ
گو یَلہٕ۔ تہٕ خوخول ژاو پوٚت کھوری چوکس منز۔

" مہمیرِن ہنٛزٕ آوازٕ چھہ یِوان۔" تمہِ کوٚر زورٕ پھسہ راسے
مٲج گیہٕ وُتھ برنہٕ منزٕ تھوٚد ورتھتھ۔ تہٕ نٲتھ ریٚتیو اَتھو
دِژِن پلون تھَپھ۔ مگر پاوٕل آو برس نِشن۔ تہٕ قرارہ سان ووٚن نس:۔

" ژٕ شوٗنگی۔ ژٕ نے چھکھہٕ ٹھیک ۔"

نیبرِ کنہِ گو صداہ ہیۓ۔ پاوٕل گو برس کُن۔ تہٕ یہ یلہٕ ترٲوِتھ
پریژھن: " کُس چھُوہ ؟"

دُچھان دُچھان گَو اَکھ ٹھوٚد لانکہ ہیوٚ موٚہنیوٚ سوٚرِ رنگہ پوشاکس منٛز ہاگرِ . اَمس پتہٕ اوس بیاکھ نفر تہٕ . تہٕ خُفیہٕ پولیسہ کیوٚ دوٚیوٚ نفرو دیُت پاوٚلس دَکہٕ تہٕ ژوٚدۍ تَس دَچھنس کھوورس وہدنہٕ .

"کیٛاہ آسو چھنا تُہۍ یِمَن پراران آسو وُہ ؟"

ٹٕسہ ژٕٹن واجینہ اَکھ گوب آواز آیہٕ .

یِمو نفرن پیٛہ وۄن . سُہ اوس زِنہ نگلیوٚمُت ہیوٚ اَکھ افسر تہٕ گوٚنٛزِ ھٕ آسَس تَنہٕ تہٕ کرہٕ ہانہٕ . اَتیک اَکھ سِپاہ فید پاکن وونِتھ ماچہ ہندِس بسترس نکھہٕ .

" حوٚضوٗر یِہ گیِس ماج ." اَکِہ اَتھہٕ سلام کران تہٕ دوٚیمہٕ اَتھہٕ پلنگیہٕ کُن اِشارِ کٔرِتھ وۄن تِمو . "تہٕ یہٕ گوٚ پانہٕ " یِہ وۄنُن پاوٚلس کُن ہاوِتھ .

پاوٚلن کوٚر کلہ سیٛتھ انکار .

" میہ چھِہ حکمٕ نس مکانس تلاشی کرٕنۍ ." گوٚنٛزِ ھن ور دِوان دوان وۄن افسرن ." ہتہ بی ٹھوٚد ووتھ . تہٕ ہُتہٕ کُس چھُو ؟" دروازِ منٛز کر نظراہ کٔرِتھ ژاو سُہ بیٛیس کمرس منٛز .

" تُہنٛدۍ ناو ؟" تَہٕنزٕ آواز آیہٕ .

زہٕ گواہ پییہٕ اندر اَژِتھ . اَکھ اوس شِقار خانک پرون موزور

---

٥ صقارخانہ . پینہٕ شُشتر بیترِ کارنہ پتہٕ قالبہ حچہ پوان کڈنہٕ .

توریاکوف تہٕ دٔوٕیم گژھ ژالٕنۍ وۅل زٔبین۔ سۄ اوس وۄنۍ تہٕ پانٕہ گیٚتھو افسانہٕ
تہٕ توریاکوفن سٕندہٕ گرٕہ اوس کمرس اَکِس منز کراپہٕ روزان۔

"ملاقاتہٕ آداب" تِمو وۅن ماچہ کٔن بٔڑہ تیشہ تہٕ گوبرہ سان۔
بِلو لاگان لاگان اُس سعہ پانَس کوٚٹھو دٔرِتھ راوِنہٕ باپتھ پانٕنۍ
پانٕنہٕ پیٚٹھ سیٚترٕ نان:۔

"یہ چھا ژانہٕ وُچھمُت۔ نیٖچیفہٕ راٹٕن یِتھ کنۍ اندر اَژتھ گژھن
ٹُکھ شونٛگو ہیتھ۔ اَدٕہ ییم چھس تونہٕ اندر اَژی اَژی گژھان!"

کمرٕہ اوس ٹکو سیٚتھہٕ بٔرِتھ۔ تہٕ تیٚمہِ کیاژہٕ اُس ساڈرِ پیٚٹھ کرس
منز بوٚٹِن ہنٛزٕ پالٕشہ ہنز بوے پھٔہلے مژ۔ دہ یو خفیہٕ پولیسہ والیو
تہٕ مقامی پولیسکو عہدٕدارو ہیٚژٕ وارٕہ وارٕہ المارٕہ منزٕ کیٚتھہ کڈنہٕ۔ تہٕ
بڑیس افسرس بروٚنہہ کنہٕ کورُکھ چیٚٹھ۔ باقی دوٚیو نفرو ہیٚتھ لٔبی ڈٔگ لایِنۍ۔
کُرسی پیٚن تل وُچھکھ۔ تہٕ اَکھ زوٚن کھوٚت بٔڑہ وٕریہِ پانٕٹھو دانس پیٚٹھ
تہٕ۔ خوخول تہٕ دسوف شیکوف اُسہٕ اَکِس کونٕجس منز اَکھ اَکِس نکھے کھڑا۔
شتلِمش نِکولائی گو نارٕہ تیٚکھہٕ ہیوٗ۔ تہٕ تِمو تِژھ بٕہ اَکہِ ٹھٹھس تہٕ پینہٕ
رنٛچہ رنٛچہ سۄدرِ رنگہ اُچھہ افسرہ سٕندہٕ بُتھہ پیٚٹھ تھٔوٕد۔ خوخول روٗد گونزن ہن
دٔر دٔر دیوان۔ تہٕ یٚلہ مأجہ کُٹھس منز ژایہِ۔ تَس وٕزتیجہ دِنہٕ راونہٕ باپتھ ہیچ
نہٕ سعہ اَمہ وزٕہ ہیچ ہیچ بلکہ ہیچ سیٚتھو سیٖنہ نیبر کڈِتھ۔ اَمہ سیٚتھو دوہہ پولیسو
تیٚنٛدِس بدنس منز پانَس خوش یوٚن تہٕ لوٚبرو ون انداز۔ سعہ اُس طاس
طاس کرِتھ پکہٕ تہٕ سیٚتھہ پٔتہ ہیمتکہٕ ایلانہ کران۔ مگر تِمن اَتَس پھوران۔

اَفسرَن رِچہ کِتابہٕ پٮ۪ٹھ نیٖن سفید اوٚنگجن مۄر۔ یِمہٕ لۄگ وٕلِدٕلی پھِرِنہٕ۔
تہٕ وٕلی وٕلی دِژٲن یِمہٕ اوٚکھ کٔنۍ داغ رٕٹتھ۔ کینٛہہ کتابہٕ آیہٕ پُتھرِس ژھاونہٕ۔ کانٛہہ
کھوٚل نہٕ شاہ تہٕ۔ خفیہ پُلیسہٕ والین اوس عاٗرقہٕ سران گومُت۔ تہٕ شانٛس
اُسکھ کھوٚژ مژ۔ ہہمینزہ آسکھ وزان۔ تہٕ مُنٛزٕ مُنٛزٕ اُسی تم پرٕژھان یہ

"یِتہٕ تہٕ وُچھوا ؟"

مأج اُمس پاولیسس نِکھے لبہٕ سیٹھاہ وٕدنہٕ۔ تِمہٕ تہٕ آسہٕ نیٚچوِ
بیندی پاٹھو سیٚپنس بیٚیٹھ رٕژ گنٛجہ مژٕژ۔ تہٕ افسرس کُن اُمس مُدے گنٛڈتھ
وُچھان۔ تَس باسے یہٕ کوٚنٛہ گمہٕ بان ہوکہ۔ تہٕ ہعہ کھوٚاوٚش قطروٚ سیٹھاہ
بیٚیٹھس اُچھن ژھانٛپہ ہش۔

"کتابہٕ کیازِ چھوِ یتھ کنٛز داگہٕ داگہٕ دِوان؟" نکولائی سرنٛز
کرٕ ہٹھ آواز وٕتہٕ تیلے یہٕ۔ نہٕ تہٕ وُچھان وُچھان لوٚگ ژھعہ یہٕ ژھینہٕ۔

ماجہ گٔڈ ونہٕ لٹھ۔ توریا کوفن دِژ کلس دِنہٕ ناہ۔ زَن تہٕ تَس کانٛہہ
دُکھ اوس دِیتمُت۔ ریبنن کوٚر آوازِ سیٹھا ناراضگی ہُنٛد اظہار۔ تہٕ نکولائی
ہُس کرِن دٲ نظر۔

اَفسرن ژوٚمہ رادِ اُچھہ۔ تہٕ نکولائیٚ سِندِس بےٚ حرکتھ تہٕ
وُکرِس شُتلِو مُتقس کُنہ لوٚگ خشمہ سان وُچھنہٕ۔ تِمَی ہیرٕژ وٕنی زیادٕ وٕلی
وٕلی کتابہ پھِرہٕ نہٕ۔ باضے اوس یہٕ افسر پیٛنہٕ ونہٕ ژھچہ سوٚرہ رنٛگی اُچھہ یتھ
کنٛز وہراوان۔ زَن تہٕ سکھ دود اوسُس۔ زن تہٕ کُنہِ تہٕ دِزہ پلو ژٹفس
داٗرتھ کرِکھ دِنہٕ دول اوس۔

"ہے سِپہٕ ہا" وسوف شپکوفن وۄنُن دُبارٕ "کتابہٕ تُلو تھۄدٕ!"

خفیہ پُلیس کیو ہارِ وِپے نغرِ ترٲو اکھ نظر تَس کُن تہٕ بیٛاکھ
افسرس کُن - افسرن نٕل کلہٕ تھۄد - تہٕ نکولائیَ سِندِس کھۄلہ ڈٲلہٕ بدقَس
کٔرن حقارژ سان نظراہ -

"ہوٗں" سۄ وۄنُن نَستہٕ مَنز "کتابہٕ تُلو!"

بعدٕ کُن ٹیمتھ ہیرِٛ اکی سِپہ ہَن چھکرٕ ٲنہٕ آمژٕ کِتابہٕ
تھۄدٕ تُلنہٕ -

"نکولائیَ یۄدوے ژھوپے کرِ ہا۔ جانے اوس"

ماچہٕ کرٕ پاوٕلس کنہٕ دان -

تمہٕ دیٖت ہِچیکین درساہ - خوخولن نۄٹمہٕ رۄو کلہٕ

"یہٕ انجیل کٔس چھوُ پَران؟"

"بہٕ چھُس پَران" پاوٕلن وۄن -

"ییمہٕ کہنہٕ کتابہٕ چھہٕ؟"

"میانہٕ" پاوٕلہ وۄنُن درجواب -

"اَچھا"

کُرسی مَنزٕ ہیتھ کُن پان، ترٲوِتھ وۄن افسرن - سۄ لوٗگ پننین
فوژک اَتھن ہنزٕن اوٚنگجن ٹھپس کَڈنہٕ - میچہ تَل کِنہٕ دہراوِن زنگہٕ - گوٚنژھن
دِتن پھشاہ تہٕ نکولائیَ ہَس وۄنُن -

"ژہٕ چھکھہٕ آندری نخود کا؟"

"آ" "نکولائی ہَن دۄن ہپناہ برۄنٹھ کُن پیٚھ۔ خوخولن وۄتھ شانَس ٹھیچھ۔ تہٕ کوٗڈُن ہتھ کُن۔

"یہ چھُوہ غلط وَنان۔ آندری چھُس بہٕ۔"

افسرن تُل اَتھ تھوٗد تہٕ وسوف شیکوفس کُن ہاوِتھ وۄنُن:

"ہبا حدہ ماتیر!"

اَمہِ پتہٕ ہیوت تمیٚ کاگدن پھیرُ دِیُن۔

نوٗنہ کاشنَس منٛز سران کرِتھ دزامِرٛ تُرٛگن تہٕ بیےنیاز راتھ اَمِس دارِہ رٕکنہ وُچھان۔ گوٗس نکھے پوٗک کُس تام لعہ تہٕ لعہ تہٕ۔ تہٕ تہہندِ یکٕہٕ سیتی گو شیشن چرٕچھ چرٕچھ۔

"نخود کا۔ ہۄں۔ آ تہٕ ژٕ سیہے چھُکھ یمہٕ سیاسی جُرمن منٛز جیل چھ کوٗڈمت۔" افسرن پرٕژھس۔

"آ۔ اَکہِ پھیرِ ووستوفس منٛز تہٕ بییہِ پھیرِ سارا توفہِ۔ فرق چھ پرٕژھے یاژٕ ژٕہ تیتگی خفیہ پُلسہٕ وأل اَسہِ زیادہ شائستہ۔"

افسرن کرٕ دِ چھنٛز اَچھ بند۔ تہٕ اَتھ کرِن موٗر ناہ۔ تہٕ پینٛزِ نکہ نکہ دنہٕ کڈِتھ ووٗتھ پتہٕ:

"ژےٚ زانہٕ ہا کُکہ تمہِ ڈیپل لگہٕ۔ یم کارخانَس منٛز مجرمانہٕ اشتہار بأگرٕ ران چھِ؟"

خوخولن کوٗر زہرخند۔ نیٚٹھن پیٚٹھ رُود وُنہ دنہٕ۔ تہٕ جواب اوسُس دِنے نٕہ نکولائی سیٚنٛز آواز وۄنہ تلے یہ بییہِ اکہِ لٹہِ۔

"ذلیل مکھرٕ چھ اَسہِ اَز گوڈٕنچہ لٹہٕ؟"

سارِوٕی گو ژھعہٕ پیٚٹھ دَم۔ یِہٕ تِمن کھنڈھرٕ ووٚن یِہٕ کاڈنہٕ تہٕ کینہہ۔ ماجہ چھتیوٗ ٹھیکیٛ آکھ۔ تہٕ دٔچھنہٕ تِمن لوٗکس پیٚنورکُن دَرہٕ۔ رینِہنٕہ کرہٕنہ دأرٕ لٔج عجیبی پأٹھی وعہٕ ٹیٚ وعہٕ بٔڈ کرنہٕ۔ تِمَو ہیوٗت اڈٕنگجو سیٚتی دارٕ کنگوٗ کرٕن۔ تہٕ پانٕہٕ لوٗگ بعٕن کُن وُچھنہٕ۔

"یِہٕ ہوٗن کٔڈٕمہٕ ووٗن یتہٕ نٔنٔس!" افسرن دِژ کرکھ۔

خفیہٕ پولیسکو زٕ سِپاہہ وُتھی تہٕ نکولائیٛ یَس تٕہٕ ٹھینکی نیرہٕ تھٲپھ۔ تہٕ دَکہٕ دِوان دِوان واتہٕ نوٗکھ چوکس نِشس۔ اَدٕ تِتھ دأرٕ تِتھ ڈکھرٕ وٕکھ تِمَو بِنٕہ کھور پِتھرِس تہٕ یِم دعہٕ شوٚرے زٕنٛ گیہ ٹھہرنہٕ باپتھ مجبوٗر۔

"ٹھہرِو!" تِمَو دِژ کرکھ۔ "میٛہ دِیو کوٹھ لاگنہٕ۔"

پولیسک عہدہ دار آو حاظہ ہٕنٛزِ دائیَس۔

"تِتہٕ چھنہٕ کینہہ۔ اَسہٕ وِژ ساریوٕی نظر۔"

"تہٕ گوٚو اَسہِ یتھے!" افسرن کوٚر طنز۔ "اَسہِ چھ اکس پرأنِس تجربہ کار مینٕدِس سیٚتی کأم گأمژٕ!"

ماجہ بوٗز تِمسٕنٛز کمزور تہٕ ترٛوٗش آواز۔ تہٕ کھوٗژ ژٕھتہٕ لٔج تِتھ دِس پتھِس کُن وُچھنہٕ۔ تَس باسیوٗ زٕ سوٗ چھ بُڈہٕ بے رحم تہٕ ظُلمگار انسان یِمَو سِندِس دِلَس ہٕنٛز عام لُکن ہِندِ باپتھ رٔٹِمٕژ ہٕنٛز ہیٚش نفرت تہٕ برٛٔژ حقارتھ چھَ۔ تہٕ بیٚییہٕ تِہٕ کینٛہہ۔ ماجہ اُس یتھین لُکن سیٚتر کیٛہ کأم گأمژٕ۔ تہٕ اَمہِ اُسہِ تِم پیٚہ دٔپی زٕ تِہٕ مُشتہ داگوسہ رستہ۔

” گوَ ہیمے گٔیہٕ تَم لکھ۔ ہیم اشتہارو سیتی پریشان چھہ گژھان“ تِمہ سۆ نٕچ پانٕس سیتی۔

” آندرہی اونی ہیمپوف، زَناہ ناوِہ یسٕ نخود کا وَنان چھہ۔ چھہ گرفتار یِوان کرنہٕ !“

” کمہ بایتھ ؟“ خوخولن پریژھ قرارہ سان۔

” تہٕ نہنی ژِیہ پیتہٕ ؟“ افسرن دیت میچہ رزالکٕ سان جواب“۔ تہٕ ژِہ چھکھے پُرمژ لیچھہ مژ ؟“ پلاگیاپیکُن جونٹھ پھرِتھ ووٚتھ سو۔

” نہٕ یہ چھہ اَن پُر“ پاویلن وِقُس جواب۔

” یہ چھسے نہٕ ژِیہ پریژھان“۔ افسرن دوٚن سختی سان: ہمتے جواب کوسنے چھے پھوران ؟“

اَمِس نفرس خلاف ووٚتھلے یہ ماجہ ہندِس دِلس منٛز اَمنتہٕ روٚس نفرتھ۔ دِ چھاں وِچھاں ژاپہ قٕس نحٹھ۔ زَن تہٕ ژُرنس آبس منٛز اَمِس ووٚہ لٹھ لٲسے مژ۔ یِیتہٕ روٚز سعہ سیتوو ووٚہ وتہٕ۔ اَہندِس آکھس گوٚ ووٚہٕ نی سۆرِ رنگ۔ تہٕ بُتمہِ لِجہ نخشمہ ہاوِنہٕ۔

” چکہ کیا زِہ چھکھ دِوان ؟“ تِمہ دوٚن نرٛ گلہ ناگوِتھ: ” وِنہ چھکھ لوٚک۔ توٚسے چھے نہ فکرِہ ژاں زِہ کرِ یٕلٹھ کتھ چھہ وَنان۔“

” ماجی۔ ژ کھ ژاپی“ پاوِل ووٚتھ ماج پتھ رٹِ نہٕ کہ غرضنہٕ۔

” ٹھہرِو پاوِل !“ تِمہ دِژ کریکھ۔ تہٕ میجسں کُن ہیٚن دوٚ“ تَمہ ہہ کتھ پیتھ رٹِ وکھ یِم ؟“

"دم کر! ژٕ یہ کیاہ چھُے تمہٕ سیٖتھ!" افسرن ووٚن ختوٗد ووتھان ووتھان۔

"وسوف شیکوف ژاٗنی وٕنۍ اندر۔ سُہ چھُ حراستس منٛز!"

اَمہ پَتہٕ ہیٚتھ تمہٕ کاگز پَرٕنۍ۔ یِم زَن تمہٕ فسترہ سیٖتھ رُٹۍ ہیتھ اٲسۍ۔

نکولائی ژوٗنکھٕ اندر۔ گُرن اَڈرِ وَتی ترٲوِتھ دِژ اَفسرن کرٕکھ!

"ٹوٗپۍ وال پھتٕر!"

ریبین آو پلاگیا نِش۔ تہٕ پھیکہٕ سیٖتھ دِژُن تَس لوٗتہٕ دَکہٕ۔

"مٲجی۔ پیٚٹھے ہیٚش سے گرٛند!"

"یہ کیتہٕ کَنہٕ والہٕ ٹوٗپۍ؟ یِمو ہیٚے دۄشوے زَہ رُچھ مَرٕنہٕ چھِم؟"

کاروائی ہِندۍ کاگز پَرٕنۍ آوازہٕ پیٚٹھو ووتلے یہ نکولائی تنز کرٕکھ۔

"یتھ کرِو دستخط"

کاگزِ میزس وَرکاوِتھ ووٚن اَفسرن۔

ماجہ پیٚلہِ تمہٕ کاگزس دستخط کران ووچھ تَس ہمیوو شرارتھ دِل لوٗگس وٲسی وٲسی گرٛ تھینہٕ۔ تہٕ تمہٕ سِندۍ ٹاٹھۍ آیہٕ اَمہ بیچھ اِنصافی تہٕ پَننہٕ مجبوٗری کِنہِ اوٚشہٕ سیٖتھ بَرِتھ۔ تمہٕ اوس کھاندرٕ پَتہٕ دُہن وَرین پیٚٹھے کُنہِ اوٚش ہورمُت۔ مگر کینہہ وَری یور اوس تَس تمِس اَمہ وَدٕنہٕ نِش کرٕ تیٚچھر مَشقہٕ ہیوٚ گومُت۔ افسرن ترٲو تَس کُن نظراہ۔ تہٕ بلی اَستہٕ

کرِتھ وۆنُن :

" ہچتے ہمیے ۔ وِندِ سۍ وَد ۔ یُتھ نۍ روزِی بِہ ہُجھِ وَدِہِ نَس

تَنَے اوٚش ۔"

پتیہ اَکہِ لَٹہِ لج تَس اَندرِ رِکھ ژٔکھ وُزِ ہِ نہ :

" ماجہِ نِشِ چھِہ پریتھ وِزِ ہِ ، پریتھ چیزِ خاطرِ اوٚش موجود

آسان ۔ پریتھ چیزِ پانچھ ! اگر ژیٚ تہِ ماج آسِہ تَس آسِہ یہِ خبر ۔"

افسرن دوٚد وٗلِ وٗلِ کاگذ تہِ بَرِنی اَکِس فوٚس ٹھیلس منز ۔

یُمیکھ گُلُف پہ پیٚزلان اوس ۔

" ٹھیکہ !" تمہِ دیت حُکُم ۔

" خۄدا حافِظ آندریی ۔ خۄدا حافِظ نکولائی ! " تمِس ستہ اکھ

داس کران وۆتھ پادِل بیے آواز گرم جوشی سان ۔

" فِکرِ نہ تھۆر شمکھو جلدے اکھ اکھ ۔"

اَفسرن وۆن اَسناہ کرِتھ ۔

وسوف شپکوفن کھۄل دیوٹھ شاہ ۔ سورُے رۆتھ کھۄتِس

معہ چھِہ گرِ دنہِ منز ۔ تہٕ اُچھن عقرِ وہ تلِہ یس زبردس شرار تیچھ تیمبرہ ۔ خۆخولن

شولہ تو دینُن وُٹھ گمہٕ چار ۔ کلہٕ ژیٚرہ نوۆن ۔ تہِ لوٚتہ پانٹھ دوٚن خبر کیاہ

ماجہ ۔ ماجہ کۆڈ اَتھ ستہِ تَس پیٹھ صلیبک نِشانہ ۔ تہٕ وۆنُن :

" خۄدا چھُہ زانان زِہ پَزِ ہِ س پیٹھ کُس چھُم !"

اَمہِ خرِص گۆیہ سوٗرُ رنگہ وردی لاگِتھ سارِی تکہ ڈیڈہ تکھ بجاہ ۔

تہٕ اَمہِ پتہٕ درایہِ ہمیٖرہٕ وایان وایان۔ سارہٕ سٕتی پوٚتُس دراو رہیٖن تھمو
کہٕ پاویلس کُن حسرتہٕ سان نظراہ۔

"اَچھا خدایس حوالہٕ" فِکرہٕ سان ووٚن تمہٕ۔ تہٕ ژاس کران
کران دراو بَرہٕ نیٖبر۔

پاویل لوٚگ اَتھہٕ پتھہٕ کُن تھوٚوِتھ چھکرنہٕ آمژٕ کتابو تہٕ پلوٚو
پیٚٹھ اورہٕ یور پکنہٕ۔

"دِچھان چھکھ کیاہ چھہٕ ہم کران" کیتھہٕ تانی پاٹھی ووٚن تمہٕ۔
تسنزِ ماجہ کرٕ اَتھہٕ سارِنی ڈبہٕ ڈاس کُن رتھہٕ کنہٕ نظر
ژٕن تہٕ پیٚنہِ اُسٕس بہان۔

"نِکولائی ہس پرٛزہ ہے تہٕ بیٚیہ تیزی ہاوِنی" ماجہ اوس پھیرُن

"میٚنہٕ چھُ تران فِکرِ سہ کھوٚژُن" پاویلن دیٖت جواب۔

"اورہٕ آیہٕ لگھہ نیکھ تہٕ درایہِ پانس۔ وُچھان وُچھان
سٔپدِ سوٗرے" ماجہ اوس اَتھہٕ ہوران۔

توٚہہ ہُند نیچوٚ او شکھ تہٕ دٔٹھتھ رُنمُت۔ اَوہٕ کِنہٕ اوس تس
وٲنِج ہنا ڈٕنجہ ہُشس۔ مگر فِکرہٕ نہٕ ژٕنن وٲلہِ یِم حالاتھ ثابت تس دیدِہ مان
سپدِ مۍتہٕ اوسی۔ رتھمہٕ اوس تسنٛد ذہن بیٚیہ حِس کوٚرمُت۔

"یہ لیٛوٚدُر بُجتھ کرِتھ معہ ہنیوٗ ہا اوس اَسہٕ کُن نفرتہٕ سان
وُچھان۔ اَسہٕ کھوژہٕ نادان بنہِ کنُو"

"اچھا ماجی" پاویلن ووٚن فوٗری عزمہٕ سان"۔ دوہ لگے بیٚیہٕ

وَنوٗ یِیتو نَس ۔"

تمہِ دوٚن تسٕنس ماجی۔ وَنہٕ نکھ وندانٕہ اوس سُے یِتھٕس زٕن ماجہ سیٹھاہ نکھ یِنہٕ، ورزٕہ تسٕنس منز دہ تلان اوس۔ سہ گیہٕ تسٕنس نِش، تہٕ گبھِتھس ترٲوِنس نظر۔

"زٕہ ماگوکھ اَمہ سیٹھو پیٚتھٕے ہیٚنو با" تمہِ پرٛژھس وارٕہ وارٕہ۔

"اَہنی" تمہِ کوٚر آنکار "زیرٕ دٕس پیٚتھٕے ہیٚ گوم۔ جان گوٚیوٚ ہرگاہ تِم ہیٚتہٕ تِہنٕز سیٹھی رنیہ ہیٚن۔"

تِمَن باسیوو زَن تہٕ تِہنٕس اوشہ ٹارِی اُسی بَرِتھ۔ تِہنٕز شند تکلیف ہُنا لۄزراوِنہٕ کہٕ اماّرٕہ ترٛاوِ تمہِ وۄنُش۔

"تِتھہ چِھٹنہٕ دوہ نی تار۔ یِم ینٕنہٕ ژیٚیہٕ تہٕ۔"

"تہٕ چھُ بنہٕ وُنے۔" تمہِ دِتُس جواب۔

برٛونٛزس کھنڈٕس کرٕ تمہِ ژھوپہٕ۔

"زٕہ کوتہٕ ہو گُدرُ چھُکھ پاوٕل۔" چھیکرس وَژھ سہ "زانہہ آسہٕ نکھ ماجہ تسلاہ دِوان۔ میٚنے بدشگوٗنی ہنٛز کتھ کرے یِہ۔ پیٚیٹھ چھکھ زٕہ تہٕ پٔژھ کرہٕ نچھ کتھ کران۔"

پاوٕلن تُجہ چشمہ مُتھوٚد۔ تہٕ تسٕنس نِش یتھ وَتھ:۔

"ماجی بہٕ کیاہ کرٕہ۔ میٚہ چھنہٕ کانٛہہ تسلاہ دِنے تکان۔ نُہٕ پَنہِ اَتھہٕ ہال کرِنہٕ۔"

تمہِ ترٛوو وَنُش۔ تہٕ اوشہ اوٚرِ شروٚپراونہ بایتھ دوٚن دُرٛاہ

ہنا قرار کرِتھ :

" کہہ ییم چھا اِذاہ تہٕ دِوان ؟ مُسلہِ والان ؟ اَڈمرِ چھ پھُڈٕہ
راوان ؟ یِلہٕ بہٕ یہٕ سوچان چھس ۔ مینٛانہٕ گوٚبرٕ ہیتہٕ چھ تیٚرٕ گنڈِتھ پھٹان
" ییم ہے چھ رُوحس اِذا واتہٕ ناوان ۔ تیمہٕ وِزہٕ چھ زیادٕ سے
تکلیپھ واتان ۔ یِلہٕ ییم انسانٕ زُکھن ہیٹھ پننہٕ تکرہِ اَتھٕ تراوان چھ ۔"

# ١١

دوٚیمہِ دۄہ پٮ۪ٹھہٕ نٮ۪یوو نہٕ یورکِن سموٗلوفن، سوموفن تہٕ بیٚیہِ پانٛژھ نفر چھِ گرفتار آمِتۍ کرنہٕ۔ شامس بٲگۍ آو فیدور مازِن تہِمس تہٕ اُمسِکھہ گرٛیمن تلاشی کرنہٕ۔ سُہ اوس تہٕ ویرٛان گۆمُت۔ تِکیازِ تَس اوس پتہٕ پان تہٕ ڈولہِ ویراہ پاسان۔

" فیدور۔ ژٕ چھُکھ ما ژٕ تہٕ؟" مٲجہِ وۆنُس۔

سُہ لٮ۪در رُود۔ خۄلہِ خط گومن وارِسے نوٚن۔ تہٕ نکہ وارِن گیٚیس ترٛٲوِتھ۔

" کھوٗتہِس اَتھہٕ یوت نہٕ پۆ افسر گوژھہٕ بُہ شوٗکھس لٲگِن" سُہ اوس بُڈہِ متۍ۔ کرہنہٕ داڑِ تہٕ جُرُت دار اوٚنگجہٕ کرتھہٕ۔ نستہٕ پیٚچِ کرہٕ گن عٲنکھہِ اہ چِیارتھہٕ۔ زَن تہٕ اوٚن اوس۔ سہٕ کریکھ لٲجِن تہٕ زمینس درژن اَتہٕ نہٕ حد حسابے چھُچنہٕ۔ "کولہ جیل تَرتھہٕ!" سُہ وولیوو۔ میہٕ چھُنہٕ اَز تام زانہہ تہٕ شکھہ لگیومُت۔ گٲلہِ ڈٲج تہٕ لوسے بہٕ میہٕ زانہہ۔ تِکیازِ بہٕ اوسُس تہِمن کِنہٕ اولاد۔ تہٕ تِمن اُس میانِ سکھ مارے۔"

رٲژھ کھٔنجہ کرٕ تمہٕ ژھعہ پیٚہ رتہٕ وُٹھن دِتُن اندرکُن چیر. دہہ شۆپے
اَتھو سیتہ دِتُن کرٕہنس مستس پتھ کُن چھشاہ. یتہٕ لۆگ سۆ دہہ زچہ
اَچھ کرٕتھ پاوِلس وَنُن ہِیُن:-

"ہرگاہ میٚہ کانٛہہ الہ. تہٕ پھچُس تلوارہ ہنٛدی پاٹھۍ پیٹھہ
وندو سیتہ ژٕٹس مازٕ! یۆڈ بۆڈ پم کرن میٚہ قتل. اَدٕ دنٛدٕ دگیے مہ کلہٕ!"
"ہنا یۆت تنو کھ چھکہ پانہٕ". مٲج وَژھس "ژٕ کسو ووشکھ!"
"لَڈٕ تہٕ صنوبرٕ!" فیدورن وۆن لمہ تہٕ ہَٹہٕ.
فیدور ییلہ دراو. مٲج وُژھ پاوِلس.
"ساوہ وپے بُرہ ونٛھٹ کیا باپہ یہوسے آن."
پاوِل رُود خاموش.
کینٛہہ برٛنٛزٕ پتہٕ گو چۆکس دروازٕ دارہ دارہ یِلہ. تہٕ ریٚپن
ژاو اندر.

"رَڈٕتو" سۆ وۆتھ اُسان اُسان "تہٕ آس بنیہ. واتھ اوفس
رتمو. اَز آس پاگز پاسئے". تمہٕ کوٚر پاوِلس سیتہ دۆر اَتھ واساہ. تہٕ
چلاگیاہ تھوون شانس پیٹھ اَتھ.
"کیاہ رُت گژھہ ہے ہرگاہ چایہ گلاساہ بنہ ہے." تمہ دوٚپ
پاوِل لۆگ خاموشی مگر سنجیدہ پاٹھۍ اَمہ سنٛدین تھِتھ مُکھلہ ڈاگلہ
تہٕ بُرتس بُچھتس وُچھنہ. یتہ پیٹھ کرٕہُن ریشس تہٕ کرٕہہنہ چشمہ آسہ
تہٕنزن قرارہ ہرٕژن نظرن منٛز اَمس کہہ تانٛز خاص تہٕ صنوبرٕی گژھتھ

مأج ژٲیہ چوکس منز سماوارس تیوٚنگٕ ترٲوٕ۔ زمین ہیؤٹھ میجس سیتی کھٕہ نہٕ وٕلِٹھ ڈٲکہ رٲوِ ٹھ۔ تہٕ لوٚگ پاوٕلس وُچھنہٕ۔

" اَچھا تہٕ پتہٕ۔" تمہٕ ووٚن رتھ کنو۔ زٕنہٕ تہٕ کلامہ بُوزِتھ پکہ ناوٚن اوس بٕرٕ ھان۔" بہٕ ونٕے ژٕیہٕ پوٚز پوٚز۔ بہ اوسُس سٕے ژٕیہٕ کینژٕہ کالہٕ بیٹھ ژٕر ژان۔ اُتھ ہمسائے پھٔسے نا۔ بہٕ گُس دٔوریک چھُس۔ میہ وُچھ چون گرٕ اُسہ واریاہ پوان گژھان۔ مگر نہ اُسہ تم شعورابے چوان تہٕ نے لڑایے کران۔ یہ گیہٕ گوٚڈٕ نیچ کنتھ۔ اَدٕ ساتہٕ ییم شرافرشان دوہہ دِین کڈان۔ تمن بیٹھ چھ قدرتی نظر پیوان۔ اِنسان چھُ سوچاٲنی زِہ اَمایہ کیاہ سُناد لیل۔ گُکن چھ میاٲنی ژراٲنی۔ یکیازہ بہٕ چھُس تمن نِشہ دٔور دٔور پے ہیوان۔"

پینہٕ نِس کرہٕنس ریشُس پھِش پھِش دوان دٔود شُہ پاوٕلس وُچھان۔ اُمی سٕنز زِن کٕھتھن منز دٔود دوان تہٕ تُندی بروبر جِلاوٕنی۔

"گکھ چھ چون ونان۔ مثالہ باپتھ میون مأکہ مکان سٕوچھے وَنان زِہ ژِہ چھکھ نہٕ مذہبس پیٹھ پکان۔ یکیازِہ ژِہ چھکھ نہٕ گرجس گژھاٲنی۔ بہٕ تہٕ چھُس نہٕ گژھان۔ یتھ دٔود دوا اشتہار۔ سعہ تہٕ چھا چاٲنی کٲم؟"

"آ" پاوٕلن وونُس۔

"کیہٕ چھکھ وران؟" ماجہ کوٚڈ چوکہ منزٕ کلہٕ نیبر تہٕ تھوٚنتھر زٕ بیٹھ وُچھہ" ژٕبے اوت ما چھکھ تو تہٕ کران؟"

پاویلن تہ وو اَسُن تہٕ ریبن تہٕ لوٗگ اَسنہٕ۔

"آدہٕ جان گوٗ۔" ریبن ووٚتھ۔

ماجہ کھَرٕ فس تالہٕ۔ تہٕ دراہ پانسَ۔ تہمو یِمہٕ اندازہٕ تتھینز کتھ زنتہ بوٗزکھۍ بہٕ۔ تمہٕ سیٹھو گوٚتُس پیٹھےٚ میوٗ۔

"یِم اِشتہار کَڈُن گوٚ جان۔ یِموٚ سیٹھہ چھُہ نکن منٛز جوش دمہٕ تلان۔ کُن وُہ اَسونا؟"

"اَہن" پاویل ووٚتھ درجواب۔

"اَیکہ مطلب گوٚ میہٕ پَرِو سارۍ۔ کینٛہہ کتھ آسہٕ نہ یمَن منٛز صاف تہٕ کینٛہہ آسن ہیے فوٚضوٗل۔ دَپہ یِیلہ وَنُن کینٛچھہ داریاہ آسہٕ۔ بٔہ زوٗر کتھہٕ ہُر ہیمانۍ وَنہٕ نہ روٗس چھِنہٕ دارِ پان۔"

ریبن لوٗگ لہ تہٕ اَسہٕ نہٕ۔ تَسنٛدۍ دَرۍ تہٕ سفید دند اُسۍ صاف بوزنہٕ پان۔

"اَمہٕ پَتہٕ سینٛز تلاشی۔ تہٕ اُمی چیزَن ہنٛدوٚس بہٕ تہنٛد طرفدار ژیہٕ خوخوٗلَن تہٕ نکولائی ہَن۔ تہٕ بہٕ دپِت دِہٕ ہاوِتھ ...."

لفظ نہ سمہٕ تہٕ کِنِ کرٕ تمہو ژھعہٕ پیٖ۔ دارِہ کِنہٕ نظر ترٲوِتھ اوس سوٗ اوٚنگجو سیٹھی اِیچ دایان۔

".... ہاوِتھ دپِت وِہ نہٕ تہٕی کیشاہ چھوٚہ یَژھان۔ تہٕ بہٕ ووٚن وِہ تمِی نہٕ خوٚشگوار الا۔ تہٕی کرِو بنیز کام تہٕ اَسہٕ دِیِو بنیز کام کرِ نہٕ۔" خوخوٗل تہٕ چھُہ زِٹ اِنسان۔ یِیلہ کُنہٕ کالۍ بہٕ کارخانس منٛز

تسینز ہ کہتھ بوزان چھس بہ چھس پانس سیتی وننان زہ یمس شخصس ہیکہ نہ کانہہ تہ پاؤ وتھ۔ موتئ اوت ہنیکس ہارہ ناؤ وتھ۔ یہ چھ بلکل کنیزٕ۔ پاؤ ول ژٕ یہٕ چھیا میہٕ ہیپھ پرٕتھ؟"

" آ میہٕ چھ پرٕتھ" پاؤیلن کوٚر کلہ سیتی آنکار۔

" گوڈٕ بٕر۔ میہٕ کٔر وُچھوٕ۔ بہ چھس ژٕ تیجہی وٕہٕر۔ چانہٕ کھعہ تہٕ دوہ گنہ واٹنہ۔ تہٕ چانہٕ کھعہ تہٕ وُہ گنہ دُنیاہ تہٕ چھُم وُچھمُت۔ ترین وٕرین ژٕوُس یہ فوجس منز کاٚم کران۔ وہ یہ پھرہ کوٚرُم کھاندر۔ گوڈٕنیچ زنانہٕ موٚیم۔ دوٚیم ترٲوُم۔ کاکیشیاتہ ووتُس۔ دخور بورژیؔ تہ وُچھم۔ تمن چھنہ زندگی ہشی وگ رٔٹنکھ وطیرے۔ بلکل نہٕ۔"

مأج اُس دِل دِتھ آہنی وٕنکھیرِ آوازٕ بوزان۔ سعہ اُس نہٕ وہیژان کنٕہ زہ اکھ اَڈٕہ وٕر اِنسان اوس تیٚندِس نیچوٕس برونٹھ کنہٕ ییتھ کٔنی مژرٕنہٕ آمُت۔ مگر تٔس باسیوٕ زہ پاؤل سُند انداز اوس خوشکے یہ وہیژٕسے پرٕہ وٕنہٕ باپتھ ہیتِس تمہ پرٕتھی لأنز کرنہٕ۔

" میخائل ایوانووِچ۔ ژٕہ ماکھیکھ کیٚنہہ؟" تمہ پریژھ۔

" ناسے مأجی۔ مہربأنی۔ بہ ہےٚ چھس کھیتھ آمُت۔ اَچھا پاؤل گوٚ چون وٕنُن چھُ زہ زندگی چھنہ ترٕتھ یِتھ زٕن آسنہٕ گژھ؟"

پاؤل ووتھ ھقوٕد۔ تہٕ اکھ یتھ کٔنی ژٕمیتھ لوٚگ کمرس چکہ دنہٕ۔

---

٥۔ دخور بورژی۔ اکھ مذہبی فرقہ۔

" زندگی ہیٚوٚت وارٕ وٕتہٕ لگہٕ نٕہ کٲنٛہہ سٕتۍ گٔژھن " تیمۍ وون۔ " تُہۍ واتِو نوونکھ وٕژِھ وٲنٛجہ میٚہ نیشہِ۔ وارٕ وارٕ چھہ سعہ اَسہ کامگارن اَکھ اَرکس نکھ اَنان۔ تہٕ سعہ وِنہ تہٕ واتہٕ۔ یُیلہ سعہ اَکہِ سارٕ تٕمی کامگارن پانٕہ وٲنۍ کُن کرِہ! زندگی چھہ سانہِ باپتہٕ کٔہنٛژھ۔ بیہِ رحم تہٕ بیہِ اِنصاف۔ مگر یہ چھہ پٲنۍ پانٕنۍ پٔتھ کرِتھ پزٕر اَسہ باوان۔ تہٕ سمجھی چھہ وٕنان زٕ تٕہ اَکھ تیلہِ کِتھہ کٔنٛژِھ یِن دُلِ دُلی اَنٛز راونہ "

" حق تہٕ پوٚز !" ریبٕن وون۔ " لیکن چھہ پوٚزٕ تبدیلی ہیٚنٛز ضرورت۔ ہرگاہ کاٗنٛسہ کٕلہ پیٚٹھ نٕلس تام زٕ دِہ آسہ دِو ژٕھ مرٕژ۔ سو نی توٚن حماقس منٛز۔ جان پٲٹھۍ کرِو توٚہۍ سران۔ صاف پلو لاگِو توٚہۍ پتہٕ وُچھِو تہٕ سو کیٚتھہٕ سعہ ندر بنہِ۔ چھُنا پوٚز؟ مگر کاٗنٛسہ ہُنٛد اَندریُم کُل کِتھہ کٔنۍ یہِ کاسنہٕ؟ اصل کتھ چھہ سعہ سے!"

تیمۍ کوٚر بیٚیہ اَکہِ لٹہِ اَتھۍ تہٕ لعہ تہٕ ہٕٹہِ وٕوٕنٕ:-

" زٕ چھُکھ وِنہ شُر۔ لُکھ چھِ نہٕ تِژھن پرٕنٛ نادٕقی "

" لُکُٹ بوٚڑٕ آسہ نکھ چھُنٕہ سوٲلے " ریبٕن دِوتھ سنجیدگی سان تٕہ ریبنس نکھ دٲرتھ ٹھہرِیو " وُچھُن چھُ یِہ تہٕ کٔہنٛدٕ خیالاتھ چھہ یُزٕ "

" گو چون وَنُن چھُ زٕ خدایس نِسبتھ تہٕ چھُہ اَسہ تادٕ نہٕ یوان؟ بہ تہٕ چھُس پی سعہ گیان زٕ سون مذہب چھُنہٕ کُنہِ کامہ ہُنٛد "

وُنۍ ہیٚوٚت ماجہ تہٕ بولُن۔ یُیلہِ زٕ انٛہہ کاٗلی تیمۍ سُنٛد نتیجہٕ خودٲیس مُتلق کیٚنٛہہ اوس وٕنان۔ یا کٕنہ تہٕمس چیٖزس مُتلق یَمِیُکھ واٹھ ماجہ ہیٚنٛزہ

یُژھ تہ پُژھ سیٹھاہ اوس، یایُس چیز ماجہ ہندِ باپتھ پاک تہ ٹوٹھ اوس تہ سہ اُسس تمۍ ہندِس بُتھِس کُن وُچھتھ تَس خاموشی سان زادہ پارہ کران۔ نہ تَس پَزہ تہ پَتہِ نہ لامذہبی ہند ہو کُنڈ ریو لفظو سیٹھاہ ماجہ ہُند دِل چھوکہ لَد بناوَن۔ مگر تَسیندِس اَتھ لامذہب آسنہ تَس پَتہ تہ اوس تمِس اعتقادنظرِ گژھان۔ یمہ کِنۍ تَس دِل ڈنجہ اوس یہان۔

"میہ کتہ تُمَن آہندی خیالاتھ فکرہ؟" سہ اُس دِلہ مَنزٕ سوچان تَس باسیو زِہ اُمس اَڈٕ ورُ معہ ہنویس تہ آسہ تہنٛدی پاٹھۍ اُمی سٕنٛدی نیٚچِہِ سٕندیو خیالو سیٹھاہ دٕہ لکھ ووتھمت۔ مگر یٚیلہ ریبن بڈہ اطمینانہ سان پاوِلس شُہ سوال کوٚر۔ ماجہ دٕژو نہ آب تاب۔

"یٚیلہ نہ انٛہہ کاگلی خودایہ سٕنٛز کنٛتھ اُنیو کرٚان۔ کینٛہہ وَنہ تہ بَرِوتھ گژھ وارہ پاٹھۍ سوچُن۔" تمہ ہیوت زیوٚٹھ شہہ۔ تہ ہیٚنا جوشہ سان رُچ وَنِنہ "تہنٛدۍ سوٚنٛچ تہ خبر کیاہ تہ۔ اَما پوٚز اگہ تمہ خدایس منسوون۔ میہ ہشِہ بُڈِہ زنانہ کَس گژھن پننۍ دادی باوَنہ؟"

تَس اوس اَوش پھٹان۔ تہ بانہ چھلان چھلان اُسس تمِس اَوٚگجن تَھٹھ ژاہرِ۔

"ژٕ نیہ سے تورُسے فکرہ۔" پاوِل ووٚتھُس نرمی سان۔

"ہا جی۔ ژٕ نیہ سے گژھی نہ پتھے ہیو۔" ریبن وَوٚتھ پَنہ نہ لہہ تہ گوہ بہ آوازِ سان۔ ژھا اَشناہ کرِتھ وُچھن پاوِلس کُن "میہ اوس مُشی رودمت زہ زہ چھکہ تیژھا بڈے مژ۔ زہ کانہہ تبدیلی

گژھہ چانہٕ خاطرٕ مُشکل۔"

"بہٕ تےٚ اوسُس نہٕ تَس رحم کَرَن وٲلِس مہربان خدایہ سُند وَنان۔ یُس پیٚیٹھ ژٕیہٕ پَژھ چھےٚ:" پادِر لوگ وَنِنہٕ "بہٕ اوسُس تَس خدایہ سٟتۍ کَتھ کران۔ یِمَس نِشہٕ پادرِ اَسہِ تِتھہٕ کُنہٕ کھوژان ناوان چھہ۔ زَن تہٕ سُہ کانہہ لوٗٹھ چھُہ۔ یِمہٕ سٕندِس ناوَس تَل یِم پادرِ کینژن فرد بشرن ہنزہ مجرانہٕ خاہشہ بُرونٹھ کنہٕ اَسہِ سجدٕ کرناوُن چھہ یژھان"۔

"حق تہٕ پوٗز" میچ وایان دٲرِ ریبنن کتھا ہُرلِتھ: "تِمو چھہ اَسہِ اَکھ اَپُز خداہ اَٹھ بارہ کھورمُت۔ تِم چھہ یِ یژھان تِمہٕ چیزہٕ سٟتۍ اَسہِ خلاف لڑان۔ یُس تِمَن اَتھہٕ یِیہِ۔ یِناکرِ سوچ مٲجی! خدایَن بنوو انسان پانَس ہیوٗ۔ اَمیُک مطلب گو یہِ زِ ہرگاہ انسان تِمو سٟتۍ ہیوٗ چھُہ۔ تیلہِ چھُہ خداہ تہٕ انسان ہیوٗ۔ مگر اَسہِ چھِنہٕ دیوتا ہوی۔ بلکہ چھہ وحشی جانور ہوی۔ کلیسا تہٕ کلیسا وٲلی چھہ کھہ کھہ برٲری ہیتھ اَسہِ نِش ییوان۔ مٲجی۔ اَسہِ پَتِیہِ پٔنُن خداہ بدلاوُن! یِمو لُکو چھُہ سُہ اَپُزہ تہٕ فریبہٕ سٟتۍ وولمُت۔ سون روح لٔبِتہٕ معجزٕ کرِتھ یاپَتہٕ چھہ یِمو خدایس مَسخ صوٗرژ کٔرمٕژ!"

سُہ اوس بٔڈ نرمی سان کتھ کران۔ مگر تو ہند اَکھ اَکھ لفظ اوس ماجہ گیوٚر گُمان۔ یہٕ تسٕندِس کرہنِس ریشِس تَل تِمو شُند ماتمٕ زدجہ وُچھتھ تہرےٚ پہ سو۔ تِمہٕ ہیوٚک نہٕ تسٕندٕژن کرہنین چشمن ہُند پوزٕ لُن برداش کٔرِتھ۔ اَمہِ سٟتۍ وقتہ تلیوو تسٕندِس وَچھس منز اَکھ دردٕ ہوٗتہ

خوش۔

"بہ درایس" کٔرِ گلہ ناوِتھ وۄن تمہٕ: "یمہ کتھ بوزنس
شٔکس چھِنہٕ میٚنہ حگ رہ؟"

ٹھیکہٕ ژٕ ریمین پاوِلس وَنان اوس سہٕ درایہِ یکہٕ سان چوکس کٔرِ:

"ژٕ چھکھ پاوِل؟ دِماغ ناگرِکہ چھُ دِل پرتھ چیزٕک مرکز
آسان۔ اِنسانہٕ سندِس حس ہنز چھِ دِلس اکھ خاص جاے دِنہٕ آمژ۔ یتہٕ دِلہٕ
چھ جبانہٕ گژھان نہٕ بنیہ کانٛہہ چیز پادہ۔"

"عقلیٚ یاوٕ پیٚکِہ انسانس مہٕ کلاوِتھ۔" پاوِل وۄنتھ دٔریہ پاٹھۍ

"عقل چھنہٕ کانٛہہ طاقت دِوان۔" اصرار کٔرِتھ وۄنتھ ریمین
تقدیر ہیٹھ۔ اکھ ژٕ تہٕ کٔرِ وُن احساس اوس تٔمس دِلہٕ آمُت۔ گوڈٕ
باسیوو تٔمس ریمینہٕ بٔڑی توٗک تیز۔ دپہ وۄنہٕ نہٕ ہیوتنس امیس
نیسبتھ شتر اکھ جذبہ بیدار گژھن۔

"لاحول! کیہ چھ!" اَ ہنز کتھ بوزِتھ لوٗج ماج سۄکھتہ۔

"یہ کیاہ ژٕ آو ہسے لیور؟"

دٔیتہ شہ گو ٹمی پژھ سان وَنان۔

"پاکھ جاے گژھنہٕ وُژھ فقوٗز۔ یہ سہٕ جاے خۄدایس
دِلس اندر چھُ رسہٕ چھ سابۄد پے کھمہ تہٕ نوزُک جاے۔ یہ دوے خۄدایہ
شمسہ خیال انسانہٕ سِینہٕ دِلہٕ ہنزِ ہ ذٔلت بیہ کٔڑنہٕ۔ اکھ بۄڈ چھمہ گھکہ
پاوِل! اَسہ چھہ اَکہ نۄوہ اعتقادٕ چھ، نۄوہ پٔرژھ ہنز عنورۄرتھ۔ دراصل چھ

اَیمہِ کِتھٕ ہِنٛز ضروٗرت اوس ۔ زِ تِیُتھ خۄدایاہ گژھِ پٲدٕ کرُن۔ یُس انسانَن
شُند دوس آسہِ؟

"عیسیٰ مسیح اوس یُتھُے؟" پادرِیَن وَون۔

"عیسیٰ ہَس منز اوس رُحٲنی جوٗرُک زُہر بریومُت۔ تِمَو اوس
وونمُت: میَہ بُرد تٮ۪ھ کیٚنہٕ تِلو پیالہ تھوٚو۔ تِمَو اوس قیصرَس تہٕ موٗنمُت
پننہِ مَن بنٛدَن پیٹھ کِتھٕ کَنہٕ کرِ خۄداہ کانٛہہ انسانَن شُند اقتدار قبوٗل؟
سۄ ے یانہٕ قادرِ مُطلق چھُہ! سۄ ہیٚکہِ نہٕ پننِس آسنَس چھٔلہ تہٕ چھٔلہ
کٔرِتھ۔ زِ چِگِیہ خۄدایہِ سٕنٛز کھۄنٛجہ ہَن تہٕ ہِوا انسانہٕ سٕنٛز۔ مگر عیسیٰ ہَن موٗن
تٲرٕ تھ۔ کھاندر تہٕ کوٚرُن تسلیم۔ انجاوٕ گُلس دایہِ بَد کرِتھ کرِ کہ غلطی۔
ہرگاہ تِتھ میوٕ دِزاو۔ تِمِ منٛز داری اسا گُلس؟ اَن تہٕ فانٛی بوزُ تہٕ
تٕیتھے کتھاہ۔ انسانہٕ شُند رُوح یوٗد وَنے نیکی تہٕ جانٛی دِوہ پٲدٕ اوٚس ہیٚکہِ
نہٕ۔ تِمہِ بابَتھ چھا تِتھ راہ لَدُن روا۔ یِہ خرٲبی چھا میَہ رُحس منٛز رُوزِتھ؟

دوہ شٕچِنہٕ ہِنٛز آواز اوس زَن تہٕ گنٛٹس اندر دَبہ دَب کران۔ تہٕ
تِم تاوس پیٹھ اَکھ اَکس ٹھُلہ کَڈان۔ پادرِی سٕندرہ پکہ نہٕ سیٚٹھا اوس
فرشس پیٹھ گُرِ منان۔ تہٕ یِکَلہِ سۄ بولان اوس۔ باقی سارِسے آوازہٕ
آسہِ بوٗزان۔ مگر ریمن یِکَلہِ پنٕنہِ نہٕ گَمبرِ تہٕ سَنہ وِنہٕ ہیٚٹھ بولان اوس
نُچ اَسِس پینٛڈو پیچ تہٕ تِمہِ شِشرِ چ آواز تہٕ بوزِتھ ہیکان۔ یُس

---

قیصر: رومُک پادشاہ سیزر

نیمبرِ کنۍ لَرِ ہندین دیوارَن نِلان زَن اوس۔

"بہ ؤَنے یہ پنِنۍ پاٹھۍ۔ یانے زَن اَکِس بُجھِ ژالُن وٲلۍ سینُک پاٹھۍ۔ خُدا چھُہ اَکھ نارِ برہِہ۔ تہٕ سۄ چھُ دِلَس اندر جاے کرِتھ۔ انجیلِ منز چھُ آمُت۔ گوڈٕ اوس کلامہ تہٕ کلام اوس خُدا۔ گوٚ کلامہ چھُہ رٕزح؟"

"کلامہ گوٚ عقل" پاولن کوٚر اصرار

"گوٚ جان تِمیٚکہ مطلب گوٚ خُدا چھُ دِلَس تہٕ عقلِ منز۔ مگر گرجس منز چھُنہٕ۔ گرچہ زانتہٕ ژٕ خُدایہ سٕنٛز قبرٕ۔"

مٲج شوٚنیج۔ تَس چھُنہٕ یہ تہٕ خبر زِ ریبن کر بٲگ دراو۔ مگر اَمہ دوہہ پَتہٕ ہمیوت تمۍ وِزِ وِزِ اوریُن گرٕچھن۔ یُودوے کُنہٕ ساتہٕ پاولَن شُند کانٛہہ سیٚٹھاہ بوج اَتہٕ آسِہ ہے۔ ریبن اوس کوٚشِش اَکِس منز بہان۔ تہٕ اَکھ کِتھ تہٕ اوس نہٕ کران۔ او۔ مَنزِ ژٕ مَنزِ ژٕ اوس بیٚچھتے اوت وَنان؛

"حق تہٕ پوٚز!"

دوہہ اَکہِ تراوٕ تمۍ سارِنے میچھٕ پیٚنِنۍ کرہہنیہ چشمو سٕتۍ نظارہ۔ تہٕ پتہٕ لَس پیٚتھ ووٚنُن:

"تمن چیزَن ہُند وُنُو ہیم چھِ نہ زِ ہیم آسُن۔ آیندہ کالُک کَس چھُ خبر؟ ہرگاہ لُکھ اَکہِ پھِرِ آزاد سپدن۔ تم کرن پانٕے فاصلہ زِ تِمن سارِنے ہندِ باپتھ کیا روزِ رٕٹ۔ تمن بادشہ دراٹی چھِ ممکن

ہندِس کاڈِس منز خبر کیاہ بلایہ ٲس ہیتھ بَرنہٕ آمٕژ۔ وُنۍ چھُ اَمُت زِ ہمن ہیہ پانے بوزشوز کرنکھ موقہ دِنہٕ۔ یہ تہٕ چھُ بنان زِ تِم ما کرن پریتھ کانہہ چیز رَد۔ سارِے زندگی تہٕ سارِے عالم۔ ممکن چھُ تِم ماڈین زِ گرجہ کس خوداہ سندِ پاٹھو چھ یِم سارِی چیز تہٕ تہندی دُشمن۔ یمن دِیو اُتھن منز کتابہٕ لکھ ژھانڈن پانے جواب۔ اصل کنہ چھ سعہ ے۔”

یمہ وزہ پاوِل تہٕ سوٗ، کنٕہ زٕ آسہ ہن، تِم اُسہ زیٹھ زیوٹھ بحث لاگان۔ نہٕ کانٕسہ نہٕ اُس نہٕ ژکھ کھسان۔ مٲج اُس پیٚنٕزہ کنہ بڈہ دِل دِتھ بوزان۔ اَکِس اَکِس کتھ پیٹھ اُس بوزشوز کران تہٕ یہ کتھ زانہٕ نیچ کوشش کران۔ زہ یِم کیاہ چھ وَنان۔ باقے اوس تس گمانہٕ گژھان زِ کھلٕہ شانہٕ تہٕ کرتھو دٲر کرِتھ یہ شخص تہٕ تسند قدآور تہٕ دوٗر نیچو دمہ شوٗرے چھ اَنۍ گامِت۔ یِم زن وَتھ ساران ساران گراہ اَکِس طرفس کُن نیران اُسہ تہٕ گراہ بییس طرفس کُن۔ تِم اُسہ وَتھ ژھاران پریتھ کانہہ چیزس نہٕ مضبوط گرہ اُنین اوٚنجن منز ژٹان۔ جایہ جایہ پھیران، چیز پتھر دِوان برِتھ تہٕ تِمن لَتہٕ موٗنڈ کران۔ تِمن اُسی بُتھہ پینہٕ والین چیزن پیٹھ دَب لگان۔ پَتہ اُسہ تِمن ساران، تہٕ اَدان تہٕ یہ سورُے کران کران اُس نہٕ تِہنٚز پرٛژھ یا ووٚمید تِمن اَتھہٕ گژھان۔

تِمو دِنو شوٗرے زِ نیو کوٗزاچہ منز ترٛژھ کتھ بوزنکھ حوصلہ پاٛدہ یمہ زن پنٛنہٕ سینزہ تہٕ جگرتہٕ کنہ تس لرزہٕ آسہ ژانان۔ مگر یُہ نیٛٹھی پاٹھو آسس نہٕ یمہ کتھہ تلہ واس گلان۔ تِمہ اوس یمن کتھن ہند مقابلہ

کرٕن ہیٚو چھُٹ۔ خۄدایہ سٕندِس آسہٕ نَس پیٚٹھ نکار کرن واجبن پیٚٹھ کھتَن منز اوس تَس کُنہِ وِزِہ خۄدایَس پیٚٹھ پۄختہ اعتقادُک جذبہٕ ہیٚو باسان۔ اَمہِ وِزِہ اُس سُہ اطمینانہٕ سان لوٚت اَشن کران۔ زَن نہٕ سارِنٕے بخشان اُس۔ نہٕ اُمِس پَیہِ دوٚے رِیبن خۄش اوس نہٕ کران۔ مگر دِلس منز اوشس نہٕ تَس خلاف دُشمنی ہُند جذبہٕ تہٕ دوہ تلان۔

پرِبھ ہفتہٕ اُس سُہ خوخول سٕندِ بابَتھ کتابہٕ تہٕ چھکلہٕ ہتھ پلو ہیٚتھ جیل واتان۔ اَکہِ لٹہِ دِتُکھ تَس خوخولس سمکھنُک اجازت تہٕ۔

" اَکھ رٕژھ تہٕ چھُنہٕ بدلیومُت۔" توٚرِ پیٚتھ ووٚن تمہٕ بڑٕ شفقتٕ سان۔

" پرِبھ کانٛسہِ سیٚتھ رٕت سلوٗک کران۔ سارِی تَس سیٚتہ اَسان رگندان۔ پانٕہ سیٚتہ تکلیفس منز۔ مگر کانٛسہِ نہٕ اَمیکھ باس تہٕ دِوان۔"

" حق تہٕ پوٚز" رِتیٚن بیٚوٹھ رایے دِنہٕ۔" دوہ کھ چھُ اَکھ بَرِدہ پُتھ پتہٕ کُنہِ لُکھ روزان چھُ۔ آسہٕ چھ اَمہِ پیٚٹھ شاکھ ہال گاٚمُت۔ اَتھ پیٚٹھ یٚزہ نہٕ فخر کرُن۔ پرِبھ اَکھا ماچھُ اُچھن پٹ گنڈِتھ۔ کینٛہہ لُکھ چھِ پانٕے پیٚنِہ اَچھ بند تھوان۔ اصل کتھ چھ سُہ ے۔ ہرگاہ اُسہ جابر چھِ۔ اَسان اَسان یہِ سورُے ژالہٕ نہٕ ووٚدا گُے ماچھ تیٚلہِ کانٛہہ چارہ !"

# ۱۲

ولاسوف خانہٕ دانکٕ یہ لعٕ کُٹ موٕ کُٹ سوٗرے رنگہ مکانہٕ کھوتہٕ بٔستی ہِندین لُکن ہِنزن اُچھن پیٹھ۔ اَتھ منٛز اوس کینژھا تسکُک تہٕ کینژھاہ دُشمنی ہُند جذبہ تہٕ۔ مگر سیٖتی اوس اَکہِ پَژھ دار تلاشُک جذبہٕ تہٕ وارٕہ وارٕہ وتہٕ پدان۔ کُنہِ وِزِ اوس یاوِلِس نش کانٛہہ ازاٗنی یِوان۔ تہٕ ہوٕرہ یور ژوٗرہ نظرٕ دِتھ پَتہٕ اوس وَنان۔

”بوزسا بابا۔ ژٕ چھکھ کتابہٕ پَران۔ قونوٗن تہٕ زانکھ۔ میٚہ تارتہٕ فِکرٕ۔“

اُدہ پَتہٕ اوس یہِ سائِل پولیس چہٕ یا کارخانہٕ کِین زِٹھین ہِنزٕ کُنہِ بیِہ انصافی ہُند قیصہٕ وَنان۔ یِم مالہِ کھُرےِ لۍ آسہٕ ہین۔ تِمَن مُتعلق اوس یاوِلِ شہرٕکِس کاںٛسہِ نامی کار وکیلہٕ سِندہ ناوٕ چِٹھ پَتر دِوان۔ مگر یِیلہِ یِلہِ ہیِس۔ یانےٚ اوس نیائے اَنٛز راوِنہٕ بہان۔

لُکوٚ ہیوت وارٕہ وارٕہ اَمِس سنجیدہ نوجوانَس پَزتہٕ سان وُچھن۔ یُس اَمہِ سیزرٕ تہٕ جوٗرتہٕ سان کنٛتھ اوسہٕ کران۔ یُس پَنٕنہٕ اُچھ وَژھ

اوس ھٕوان ۔ تہٕ پرٕیٹھ کنھہ اوس کٔنہ ھوٗرھٕ بوزان ۔ یُس بڈٕ درہ بیان پرٕیٹھ تنازعہ کٕس شکلس تام واتان اوس ۔ تہٕ پرٕیٹھ وِزہ تہٕ پرٕیٹھ شاپہ اوس پانہٕ نیارُک سوٗہ پُن ژھاران ۔ یِمہ سیٹھو سارِی لکھ اکھ اکس سیٹھہ گنڈِتھ چھ ۔

" نمبل کو پیک " کِہ قصہ پَتہٕ ہُریوو پاولس وارِسے بیرزھ ۔ سروہ تہٕ بیرزہ گلبو سیٹھہ بٔرٕژ اکھ نمبل اُس کارخانس ژُ طرفا نہ وہرٲوِتھ تہٕ کارخانہ زٕن تہٕ اکہِ چھوٗ لکھ پاٹھو امہِ نمبلہِ منز س اوس رد ٹمت ۔ ربیتہٕ کالہِ اوس امہِ نمبلہِ منز گوٗن لیٖوڈر بہاوہ ھان ۔ تہٕ مُہی فوج اوس وقتہٕ تلیتھ پوان ۔ یِمہ سیٹھو سارِی بے بستی منز تیٖہ پر بہمارِی پھہلان اُس یہ نمبل اُس کارخانہٕ کس قبضس تَل ۔ تہٕ نوٚو ڈائریکٹرن کوٚر فاصلہٕ زہ نمبل پیٖیہ خوشک کرنہٕ ۔ یِتھ زٕن امہِ منزہ کولہِ ژرنہٕ کڈنہٕ ین ۔ تہٕ امہِ زمینک فایدہ پیٖیہ تُلنہٕ ۔ حیلہ آو یہ کرنہٕ زہ یہ کام پیٖیہ موٗزورن ہنز زندگی وارہٕ وَتہٕ لاگنہٕ پاپیٖتھ دَردس نینہٕ ۔ اوٚے ڈِیت ڈائریکٹرن حُکم زہ موٗزورن ہندہٕ تنخاہ منزہ پیٖیہ پرٕیٹھ روبلہ منزہ اکھ کوپیک ژٹنہٕ ۔ یِتھ زٕن نمبل خوشک پیٖیہ کرنہٕ ۔

موٗزوٗر آیہ طیشس لانہٕ ۔ تِمن ژرسے یہ یِمہ کنھہ ہنز زیادے زہ دفترس منز کام کرن والین ہندہٕ تنخاہ منزہ آیہ نہ کینہہ ژٹنہٕ ۔

---

۵ ۔ رٗوسی سِکہ ۔ ہتھہ کوپیک گو اکھ روٗبل ۔

کوپیک ژٹہٕ ناوٕ بٕنک ایلانہٕ آو ڈائرٮ۪کٹرٕ سٕندہِ طرفہٕ بٔلۍ وارہ دوہ
لَبَن مَرنہٕ ۔ ناٹھیک آسنہٕ سببہٕ اوس بیٚہ اَمہ دوہ ہٕن پادٕ لِ کامہ گومُت ۔ لہٰذا
اوس بیٚہ تِمَس اَمہ قِقعِک پیٚ پتاہ کینہہ تہٕ ۔ دوٚیمہ دوہ ہٕن آو صفار خانہٕ بنک
سپِرزوف، یُس اَکھ بوڑُد بار موٚہنیوٗ مانہٕ بہٕ یوان اوس، تہٕ تھوٚو میکنِک
محنوتین تس سمکٕھنہٕ ۔ تہٕ تِمہِ وٕپے بوزہٕ نوٗد سُہ ڈائرٮ۪کٹر سُند فٲصلہٕ ۔

" اُسی پٕرٲنۍ پرٲنۍ سے یہٕ " سپِرزوف ووٚن ستہِ ورِس
اندازس منزٕ ۔ " اَتھ مامَلس پیٚٹھ سپِرٕ کَتھ باتھ ۔ سیٚتو باجو کوٗر فٲصلہٕ تہٕ
اُسی سوٗزِکھ ژٕ یہٕ سمکٕھنہٕ ۔ خبر ژٕ یہٕ ما آسی پیٚ زٕ تِتھ کانہہ قونوٗناہ ما
چھُہ ۔ یِمہِ کنہ ڈائرٮ۪کٹر سانیو کوپیکہ سیٚتہ ہٕہن سیٚتہ جنگ کرنُک حق آسہ
تھوان ۔"

" نہٕ سا سونٛچس لایکھ کتھاہ چھہ " محنوتین ووٚنتھ ۔ تسنٛزہ زیچہ
زیچہ چَشمہ آسہٕ پہِ پیزلان ۔ " ژورواَرۍ بُڈنٛھ ہیٚوت یِمو کوٗنجاسو آسہ
حمام بناونہٕ باپتھ رقماہ اَکھ ۔ تہٕ یہٕ ساس اُٹھ شٕتھ روٗپیہ سعہ نبہ راوِکھ
حمام ؟ سوٗکِتہٕ ؟ اَسہٕ وُچھ بیٚہ اُچھو زانہہ تہٕ !"

پادٕ لین تور تِمَس فِکرِہ زٕ تنخاہ منزٕ یہٕ پونٛسہ ژٕٹن کِتھ کنہ
چھُہ انصافس خلاف ۔ تہٕ تِمَن خوشک کرنہٕ سیٚتہ کوتاہ ثُعبٲید داتہٕ
کارخانس ۔ ڈیکس ژٕرہ لَگتھ دراپہ تِم دوہ شوٗے زٕ ژٕ تُر یِیلہِ مانج تِمَن
دروازس تام رو خصتھ کرِتھ وایس پھیر ۔ تمہِ وون اُسال اُسال
پادٕ لِس کُن :

"بڈٕ تام چھی وونی ژیتے پیٹھ وائتی ہتی۔"

جواب دِنہٕ وراٴی بیوٚٹھ باوِل پتھر۔ تہٕ بیوٚٹھ لیکھنہٕ۔ کینہہ کالہٕ پتہٕ ووٚن تٔمۍ:

"ماجی۔ میانی اکھ کأم مانکھ نٕے۔ یہٕ چھٹھ وایتہٕ نادکھ شہر۔"

"خطرناکھ چھا زٕ؟" تٔمہٕ پرٛژھس۔

"اہن۔ بہٕ چھسہٕ ژٕ تتھ جایہٕ سوزان۔ یتہٕ سون اخبارہٕ چھپان چھُ۔ یتہٕ وألس بہٕ چھس منٛز گژھِ نمبلہٕ کوٚپیکھ کہانی نیرٕنی۔ یہٕ چھُ سیٹھاہ ضروٗری۔"

"اچھا" تٔمہٕ ووٚن۔ "ٹھیک گو۔"

یہٕ اُس گوڈنیچ کأم یۄسہٕ نیچوِ تٔمس منٛز تھوو۔ سۄ اُس اتھ کیتھ پیٹھ خوش۔ زٕ تٔمۍ اوس تسٕ ہیرہٕ بیرہٕ وراٴی یہٕ پتھ کانہہ چیز نکرہٕ تور مُت۔

"باشا۔ میہٕ ہا چھُ فکرہٕ تران" پلوٚ لاگان ووٚن تٔمہٕ۔ "ییم لکھ ہا چھ اسہٕ بزی پاٹھو لوٚٹھ کران۔ اُمس کیاہ چھُ ناو۔ یگور ایوانووِچ؟"

راتھ کیتھ وأژسہٕ شیچرٕ ہش گرٕہ۔ مگر اُمس خوش۔

"میہٕ ہا سمجھ تاشا" تٔمہٕ بووٚ نیچوِس۔ "سلام ہا چھنے سوزمٕژ۔ سۄ یگور ایوانووِچ ہا چھُ سیٹھاہ سادہٕ اَسہٕ وٕنۍ انسان باسان۔ بڈٕ گرٕکی اندازس منٛز کتھ کران۔"

" بہٕ گوس خوش زِ ژٕیہٕ کھٔتِتھی تِم ٹارٕ۔" پاوٕل وَدٕ لِھ نرمی سان

"پاشا بڑٕ سٮ۪ٹھہ نکھ ہا۔ خوش چھُ کران یٮ۪لہٕ کانٛہہ بٔلی تھٔوِ۔ تِم ہا چھُ چوٗن رُت بِچھراں۔"

ژٔندرٕ وارٕ دوٕہن تہٕ رٔود پاوٕل گرٕی۔ یکیا زِ سُہ اوس نہٕ وٕنہٕ وارٕ پانٛٹھ بلیوٗمُت۔ کھانہٕ دِژِ آو فیدور مازن دوان تہٕ شانٛتہ ہوٗت۔ سُہ اوس خوش تہٕ جوشس منٛز تہٕ۔

" پکو نیرَو۔" تٔمی دِژ کرٕ یکھ۔ "سورُے کارخانہٕ ہا چھُ وٕدٕلیوٗمُت۔ مُزدوٗرو ہا سوٗزِس بہٕ تٔرِ اٛنِتھ باپتھ۔ سیزدف تہٕ مُحوتِن چھہ وٕنان زِ تِمن مقابلس ہیکھ ژٕ پرٕ پتھ اکھ کٔتھ وارٕ پانٛٹھ فِکرٕ تارٕتھ۔ ووٗلا وُچھو کیاہ چھُ سپدان!"

وٕنہٕ نہٕ کرٕنے بیٚہٕ تھ پاوٕل یلو لاگٕ نہٕ۔

" زنانہٕ تہٕ ہا چھہ سٔمے مٔژٕ۔ تہٕ تِمو تہٕ چھُ ہیوتمُت شور لاگُن۔"

" بہٕ تہٕ ہا یِمے۔" مٲج وٕژھ "وُچھو کیاہ چھہ کٔران یِم۔ بُرتہٕ بیہودٕ!"

" اَدٕ یِہے " پاوٕلن وٕنٛن۔

تِم گٔیہ ژٔھوہ پہٕ دوٕ پٮ۪ٹھ گٔژھتھ مگر تیزی سان قدم تُلِتھ۔ مٲج اُس نہٕ جوشہ تہٕ وگرٕ سیٹھہ شاہ تہٕ ہیکان کھٲلِتھ وٲلِتھ۔ تس اوس باسان زِ کُنہٕ سپہ تام بڈ کٔتھ بِچھہ سپدن واجنٕ۔ کارخانہٕ کِس دروازس پیٹھ اُس زنانو بِھڑ لٲج مژ۔ تِمہٕ آسہٕ کرٕکھ دِوان تہٕ لڑایہ ژُوان۔ یٮ۪لہٕ

ہِم ترٛنیش وَسے حاطَس اندر ژٲیہ۔ رتھمٕن باسیوو پنُن پان وُرٕہ تاوُس آہستِس اَکِس لُکہِ اَرساتَس منٛز۔ ٹُیس ژٲکھ سیٖتہٕ گرٛیکان زٔن اوس۔ ماجہ وُچھ پرٛیتھ اَکھاہ اوس صفار خانہٕ کِس دیوارَس کُن مُدٕ ے گنٛڈِتھ وُچھان یِتھٕ نَس سیرٛوف، مخوتیٖن، ویالوف تہٕ بانٛژ شِشہٕ اَڈٕرور تہٕ اَتھٕ واٲلی موٗزوٗر پرٲنِس شٔسٕتر ڈیرس بیٹھ وہ دِتھ آسی۔ اَتھٕ پیٚتہٕ کنہٕ اُس سیٖرٕہ دہٕ س۔

" زٕٹو ولاسوف تہٕ آو۔ کٔر نام درٛژ کرِکھ۔

" ولاسوف ہا یوردی وُس پتھ !"

" خاموش گرِو !" وارِیاہو جایو بیٹھ گیہٕ کرِکھ۔

نکھہ بیٹھ آیہٕ ریبن سنٛز تو وزُن دار آواز۔

" اَسہِ چھُنہٕ کو بیکہ بانٛیتھ لَڈُن۔ بلکہِ الفافہ بانٛیتھ۔ اصل کَتھ چھ سوے۔ اَسہِ چھُنہٕ بنٛزو کہ بیک ٹاٹھی بکیازہ تمہٕ چھِنہٕ بیٚئَن کو بیکن ہنٛدٕ کھوتہٕ زیادہ گول۔ اگرچہ گوٚبز چھ۔ مگر یمن منٛز چھ ڈارٕ یِکرٕ بیندٕہ رٗوبلہ کھوتہٕ زیادٕہ انسانٕ سُند رَتھ شٲمِل۔ معٕ دل چھُنہٕ کو بیکس۔ معٕ دل چھُ انسانٕ زَتَس، انصافَس !"

تسنٛزٕ کَتھ واتِہ لُکہ ارساتَس نام تہٕ تَس اوس داد یوان دِنہٕ :

" حق تہٕ پوزٕ ہا ووٚنتھ ریبن !"

" اسٹوکرا۔ پرٛژ کَتھ ہا وُنتھ !"

" یکیاہ ولاسوف تہٕ آو۔"

انسانی ہنٛزٕ آوازٕ رٕلے یہِ اَکس شورٕ طوفانس سیتؠ۔ یتھ
منٛز مشینن ہند گرگر، بہکٹ ہر ہر تہٕ تارن ہند گیس گیس بوٗدِتھ گوٚو لکھ
اُسہ ژؠ پاسے پوان۔ نہٕ نزٕ ناوان۔ نہٕ ٹھہ یہِ دِیہِ وائلی لفظ وُنی وُنی اکھ
اَکس ہیس دِوان یسہ بےاطمینانی یسہ لوٗسہ ہتین وَچھن آندری اندری
وزان اُس روز ہنٛز۔ اُس وُنی زندہ گرٛھتھ ژھٹ کڈِتھ نیبر نیرن یژھان
سہ اُس وُنی کہِن فتح مند آیس منٛز ہوٕ ہُس منٛز پکھ وایان۔ پنٛنہ کرٕ ہنٛز
پرٕ پھہلاوان، وارٕے وہراوان، لٔکن ییٚچھ پنٕنی اثر زیادہ مضبوط بناوان
تہٕ تمہ پانس سیتؠ رٕٹِتھ پکٕناوان۔ سہ اُس پانس اکھ نوٚو روٗپ دِتھ
انتقارچ اکھ نارٕ بریہہ بنٕنتھ لکن اکھ اَکس خلاف وُزٕ ناوان۔ لکہ ارسانتہٕ
پنٕیٹھو وہ تلے یہِ گرٕدٕ تہٕ سوٗرچ زانڈ۔ گمہ ہُتہِ بُتھو لگہِ جوشہٕ کہٕ ووٗزجارٕ
سیتؠ پرٕ ہزلنہٕ۔ بُتھو لیہٕ آسہٕ کرٕہہنیو اوٗش پھیرٕ سیتؠ داغی گاٗمرٕ
مل برٕتین بُتھن منٛز آسہٕ اَچھ تہٕ دنٛد پرٕ ہزلان۔

پادِل کھوٚت تتھ شٔشتر ڈیرس پیٚٹھ۔ یتھ پیٚٹھ سپزٕ وف
تہٕ مخوٗتین وہ دنہٕ اُسہ۔

"رفیقو! " تمی دِژ کرٕکھ۔

ماجہ وُچھ۔ تسند بُتھ کوتاہ لیڈر یومُت اوس۔ نہٕ وُٹھ اَرسس
نشان۔ پرادٕ ورائی درایہ سہ لُکو منٛزی منٛزی تہٕ تمن دٕکہ دِوان دِوان
دائژ بُرونٛٹھ گٔو۔

"یہِ کسو چھُ دٕکہ دِوان؟ " لُکو دِژٕ ژٕکھ سان کرٕکھٕ۔

تَس تہٕ آو دُکہٕ دِنہٕ۔ مگر سۄ ٹھہرٕ یہِ نہٕ۔ پننہِ نِس نیچہٕ وِس نِشِس ووُدِنہٕ روزنہٕ چھِہ خاۓہِشہٕ تَل داۓژ سۄ پھیکیو تہٕ کھوںہٕ دُٹو سیٖتۍ وۄلتھ کڈان کَڈان تَس نِش۔

یُلہٕ پاوٕلِن پننہِ نہٕ سپنہٕ مَنٛزٕ سۄ لفظ نیبرٕ ژھوٚلُٹ۔ یُس تہٕنٛدہٕ خاطرٕ اُمنہٕ روٗس اہمیت اوس تھوَان۔ حدٕ روٗس خوٚشی ہِندٕ سیٖبہٕ باسیوٚ تَس ہوٚٹ ہیٚوکھان ہیۆ۔ تَس مَنٛز ووتلیوٚ اَکھ زبردس جذبہٕ۔ زہ سوٚ کڈِہ ہا پنٕنۍ دِل نیبرٕ تہٕ تھاوِہ ہا یمَن لُکن برٛونٛہہ کنہٕ۔ وُچھِس تَل نارٕ بریہہ ژٕھٹِن ووِل دِل۔ یُس زَن انصافہٕ تہٕ عدلہٕ کِہ خابوٚ سیٖتۍ لبالب برِتھ اوس۔

"رفیقو!" اَمہِ شُبدٕ سیٖتۍ طاقت تہٕ خوٚشی پرٛاوِتھ وۄن تمۍ:

"اُسہِ چھِہ تِم لُکھ یِم کلیسا تہٕ کارخانہ بناوان چھِہ۔ اُسہِ چھِہ زنجیرٕ بناوان تہٕ روٗپیہِ تھٕران۔ اُسی چھِہ سۄ زندٕ طاقت یمہِ چھِہ مہربانی سیٖتۍ ساری لُکھ مَنٛز لیہہ پیٹھ اندٕ مزارس واتہٕ تَس تام یِنٛدٕ برٛان تہٕ زندٕ روزان چھِہ۔"

"حق تہٕ پوٚز!" ریبِنن دِژ کرٛیکھ۔

"پرٛیتھ وِزِہ تہٕ پرٛیتھ شاے چھِہ اُسہِ مۄحنتھ کرن والین برٛونٛہہ برٛونٛہہ آسان۔ تہٕ سون خیال چھُ سارِنۍ پتہٕ تَس یوان کرنہٕ۔ سون پرواے کَس چھُ؟ سانہِ ہِژِہ باپتھ چھا اَز تام ذانہہ تہٕ کانٛہہ کامہِ

رٕژھ تہٕ کرٕ مرٕ؟ کانٛہہ اَکھاہ چھا اَسہٕ انسان زانان؟ کھنہٕ تہٕ!"

"کھنہٕ نہ!" اَکھ آواز آیہٕ زٕن تہٕ گرٕ تیز لگہٕ واپس۔

یُلہٕ زٕن تقریر بٔرٕ ونٛہِہٕ ہیٛوتُن پکُن۔ پادٕل لوٗگ ییٛدرٕ سیٛود تہٕ وارٕ وارٕ بولنہٕ۔ تہٕ تمِکھ ہیٛتِن وارٕ وارٕ اَمِس نکھہٕ ییتہٕ تمِس اَکس ساسہٕ کلہ وائلِس کٔنِس بدنَس منٛز تبدیل گژھنہٕ۔ یُس زٕن پننہٕ نوٚ ساسہٕ بٔرٕ وٕژھو چشمو سیٛتہٕ اَمہٕ پٔندِس تُمتِس کُن وُچھان اوس۔ تہٕ اَمہٕ سُند لفظ لفظ زٕن تہٕ ژٕہت اوس رٕوان۔

"سانہٕ پٔرژھہ وَتہٕ نیبرٕ تہٕ تُہٕ ناَم یوٚ تام نہ آسہٕ یہٕ باسہٕ زٕ اَسہٕ چھہٕ ساریٛ سیٛتہٕ باج۔ یارَن ہُند اَکھ تیٚتھ ٹبرِلِس پنٛژمین حوٗقوقَن ہندٕ بابتھ جدوجہد کرنچہٕ اَگر بے خاہش ہندِس پٔنس گٔنڈِتھ چھُہ۔ ہے اصل کتھ وَن ساہے!" ماجہٕ نکھے ووٕ تہٕ کمہٕ تام ووٚن بگرٕ ہُنٛد کرِکھ دِتھ۔

"تلہٕ ساہے گرٕ برٛ مہ کرِو!" ہورٕ یور ووتلے یہٕ زٕ آوازٕ۔ ماکہٕ بھقین پیٛچھ اَمس شکٕچ ژکھ۔ مگر وار باہ اَچھ آسہٕ بڈٕ غورٕ سان پادٕل سٕندِس بُتھس سام ہیوان۔

"یہا چھہٕ سوشلِسٹ۔ مگر چوٗر چھُنہ" کمہٕ تام ووٚن۔

"مگر بہلان چھُ جوٗرتہٕ سان۔ پکِنے!" ماجہٕ کھُنہٕ کُل دِتھ ووٚن اَکھ کاٗنہ موٚنز وٕرَن۔

"رفیقو! اَسہٕ پزٕ زانُن زٕ سوٚ وَکھ آو۔ یُلہٕ اَسہٕ پانئے پانس

اَکھ رۄٹ ہیکوٚ کرِتھ ۔ اَکِس آیہٕ تَنہٕ ستأرہی ۔ تہٕ اَکھ سارہٕ نِے آیہٕ تَنہٕ ۔ اگر اُسہ پرٛعان چھ زِ اُسہ دِسو دُشمنَن شِکس ۔ تیٚلہِ پزِہ اَسہ پننٛ تہٕ اوصول زانُن ۔"

" ہہے بایو ۔ بیہ پُزٕ ونان چھُ یہٕ !" ہوٚہٕہس منز منز بگلہ ناگوٛتھ وۄتھ تھوٚپتھ بڈٕ ہٹہٕ ۔

" ڈائریکٹرس سوٗزی وۄن کانرٛ ھا نادس ۔" پاوٕلن تھوٚو تقریر چلاوُن ۔ باسیوو زن تہٕ اَکھ زبردس واوہٕ دُکہٕ ہتو جوٗمس چھاوٕنہٕ آو ۔ یہ لوٗگ اُلیزِ یہٕ ۔ تہٕ دریٛہٕ واد آوازہ وۄہٕ ستِلے یہ :

" ڈائریکٹر اُزٕ وۄن !"

" اَکھ وفد سوٗزی وۄن تَس نِشہ ۔"

ماچ پیچ بینیہ کناہ برٛونٹھ پیَن ۔ تہٕ نیٚچوِس لُگ مدیہ وُچھنہٕ اَسہ وِزہ اوس ماجہ ہُند بُتھ تِرٛزہ سیتی شولان ۔ توٚ ہند پادِل اوسس یُتہٕ نِس پراہن موزز موزُوٚرن منزہ باگ وۄہدہٕ ۔ نِہٕ پر یتھ ز کھاہ اوس تسنٛز کنہٕ بزان ۔ تہٕ تس سیتھ انفاق کران ۔ سع اُس ییمہ کنتھ کنہ زیادٕ ے ویتران زِ تمس کھوٚت نہٕ شرارتھ ۔ تہٕ نہ ژارِن اَکِس بینیہ سِندی پاٹھو لیکے ۔

لیکن اَکِس تہٕ تُند تہٕ گنڈرِن لفظَن ہُند شور وۄتھلیوو ۔ رتھتھ کنز زن تہٕ ٹِھنہٕ پتس ڈوٗٹھ پیوو ۔ پاوٕلن تراو لکن کُن نظر ۔ باسان اوس زن تہٕ سکو پنہ نو وُٹیچھو وُنیچھو اُچھو سیتو کیاہتام ژھاران اوس ۔

" نمایندہ !"

"سپزوف!"

"ولاسوف!"

"ریبین۔ تسں چھِ دۄنٛنیز!"

وُچھان وُچھان لجِ ہۆجوٗمس مَنٛز شُسرِ گُسرِ گژھ نہٕ۔

"سۆہ آو یاسنے!"

"ڈائریکٹر!"

ہۆجوٗمَن تراو تِتھِس اَکِس تھۆدِس انسانَس وَتھ۔ یَس نوک دار ریش تہٕ زیوٗٹھ رۄہ سے اوس۔

"تَلا وَتھ تراوِو میٚہ"

پان رٹھا ژوٚمِہ راوِتھ تہٕ تَمہِ اندازہ مۆزورَن دِکہِ دِتھ زِ تَس گژھ نہٕ تِہنٛز جی لگنٕی۔ وۄنٛ تَمۆ۔ اَمِس آیہ تِمہِ جاگہِ تھۆ۔ تہٕ تہٕ او انسانٛی مالِکَن ہِنٛزَن ژیٖرہ وِنٛو نظرو مۆزورَن ہِنٛدِین بُتھَین سام ہیوان تُکو واجہ وُلی وُلی ٹوٗپہ۔ تہٕ سلامہ باپتھ بیٚہِٹھو ہَنا تَمنہ ہۆیہ۔ مگر تِہنٛزِ سلام جواب دِنہٕ وراٲیِ پوٚک سۆ پانَس۔ تہٕ تکن مَنٛز وۄوُن خاموشی تہٕ پریشانی ہُند بیول۔ تکہ اَسو مِلو بُتھین پیٹھ اُکُن پھوٚلہ راوان۔ کھوژِ تہٕ کنو شُسرِ گُسرِ کران۔ تِتھۍ کنو پتہٕ کنٛز زَن کانٛہہ شُر اَتھ کران رُٹہ تہٕ ییہ تہٕ کیتھ تام گژھ۔

سۆ یوٗتہ ماجہ بُرونٛہ کنو تہٕ تس تہٕ تراوِن سہ ے تیز نظر۔ تہٕ اَخرس ووت سۆ شستر ڈیرس نکھ۔ ڈیرس پیٹھ کھار تہٕ باپتھ

پَتہٕ نوٗدُس کمیٔ ناوٕ اُلتھ۔ مگر تمیٚ کوٚر اِنکار۔ سُہ کھوٚت کُنی ووٚتھِتھ ہیوٚر۔ تہٕ پاوٕل تہٕ سیرٛوفس سیٚتی رٛوٗد ووٚتھِتھ۔

" یہِ کیٛتھہٕ ہؠوٚ جوٚاب چھُہ۔ تہٕ ہہ کیازِ کرِو کأم بند؟"

کینٛژن برٛژین رٛوٗز ژھوٚپہٕ۔ کیٛن ہندی کلہٕ رٛوٗدی داں ہیلین ہنٛدی پاٹھی نژان۔ سیرٛوفن کھأر ٹوٗپی ہیوٚر کُن۔ پھیکین ڈیٹھ درسال تہٕ کلہٕ نومرٛووُن۔

" میانہٕ سوالُک جواب دِیِو!" ڈائرٛیکٹر لوگ گرٛزُن۔

پاوٕل آو تَس نزدیک۔ تہٕ تھدِ ہٹہٕ لوگ سیرٛوفس تہٕ ریبنس کُن ہاوِتھ وَنُن:

" سانہِ سیٚتی باوجوٗد اَسہِ ترٛین ہتہٕ اختیار دِتھمُت۔ زِ اَسی کرِو نہٕ یہ مطالبہ۔ تہٕ تِمہِ رٛیٛو کوٚہیٛک ژٛژرٕنُک فیصلہٕ وأپس۔"

" کیازِ؟" پاوٕلس کُن وُچھنے پٕریُژھ ڈائرٛیکٹرن۔

" تِکیازِ اَسی چھِنہٕ یہِ ٹیکس انصافہٕ ہدٕون زانان۔" پاوٕل ووٚتھ تھدِ ہٹہٕ۔

" کیاہ چھوٚ وُنی چھا زِ تمبل خۄشکہٕ کرنس منٛز چھِہ متوٗزورن ہُنٛز زندگی وارٕ وَنتہٕ لاگنہٕ بجایہِ تہنٛز لوٗٹھ کرنُک جذبہ؟" تِی چھا؟"

" آ" پاوٕلن دوٚپ۔

" ژٕ تہٕ چھُکھا تِی وَنان؟" ریبنس کُن وُچھتھ دوٚپ ڈائرٛیکٹرن۔

"اَسہِ سارِنے ہُند چھہ یہوے خیال۔"

"ژتیا۔ چون کیاہ خیال چھُ؟" پرٛژھ ڈائریکٹرن سپنزوفس۔

"مےٚ ون تہٕ چھُ یہوے خیال۔ جان گوٚ ہرگاہ اَسہِ کوٚیِک دِنہٕ یِیہٕ"

سپنزوف نمیووُ بنِیہِ اکہِ لٹہٕ نیرن کُن۔ تہٕ خطادار یانٛٹھ لوٚگ اُسُن کرنہٕ۔

ڈائریکٹرن ترٛاو وارٕہ وارٕہ ہوٚجوٚمَس پیٹھ نظر۔ تہٕ شانٛنۍ دِتُن درساہ۔ اَمہِ پتہٕ پھیوٚر سُہ پاوٚلس کُن۔ تہٕ تَس کٔرن دٔر نظراہ۔

"ژٕہ چھکھ ژٕ ژھا پوٚرمُت باسان۔ ژیٚیہٕ چھیٚنا اَمہِ کامہِ ہنٛدِ فائدٕہ فکرِ ترٛان؟"

"تمبل اگر کارخانہٕ کہٕ خرچہِ سیتۍ خوشکھ پییہٕ کرنہٕ۔ تیٚلہِ ژانہٕ بہٕ سیٚتھ کانٛہہ زِہ فائدٕہ چھُ۔" پاوٚل ووٚتھ تھٔدِ ہٕٹہٕ۔ یُتھ زَن سارٕی بوٗزِتھ ہیکہٕ ہَن۔

"کارخانہٕ چھُنہٕ کانٛہہ خَیرٲتی انجمن۔" ڈائریکٹرَن ووٚن خوشکھ لہجَس منٛز۔ "بہٕ چھُس حُکم دِوان زِہ تُہۍ سارٕی نیرِو یِنہٕ یِنہٕ یِنہٕ کامہِ پیٹھ واپس!"

اُمہِ ہیوٚت لبہٕن وَشُن۔ سُہ اوس شٔشتٕر ڈیرہٕ بیٚیتھ بٔڑہٕ لبہٕ نہٕ لوہ تہٕ کھوٚہ ژٕلیتھ کاغذہِ کُن تہٕ چھینہٕ وراگی پکان۔

ہوٚجوٚمہٕ منٛزٕ ہیوٚرن بے اطمینٲنی ہِنٛزٕ آوازٕ یِنہٕ۔

"دلیل؟" پیٚنہٕ نہٕ جایہِ ٹھٔہرِتھ پرٛژھ ڈائریکٹرن۔ سارِوے

کرٕ ژھعہ پیٛ ۔ صرف آیہِ اَکھ آواز ۔ یَمہٕ زَن خاموشی پھٔٹرٕ راوٕ ۔

"گژھہ پانے کرٕ کأم !"

"ہرگاہ تہٕ تُہۍ لُکھ ینہٕ اُہَن منٛٹن اندر کامہِ پیٹھ واپس گژھن ۔ بہٕ کڈٕ وٕ سارِنٕے جُرمانُک حُکُم !" ڈائرکٹرن وَوٚن ژٕکہِ سان کتھہ پیٹھ زور دِتھ ۔

تمہٕ ہیٚنٛز بٔنیہِ اَکہِ لعٹٕہٕ ہوٚ جوٚ مہِ منزٕ وٚتھ کٔڈنی ۔ اُمس پتہٕ پتہٕ اوس گٕنگٕرٕ رایہِ ہُند شور دوہٕ تلان ۔ یوٚت یوٚت سُہ بُروٚنٛہہ پکان گوٚ ۔ شور تہٕ گوٚ تیوٚت تیوٚت تیز آنی ۔

"ہا اُمِس سیٹھا کتھ کرِنی چھا سٔہلے !"

"یہِ گوٚیہ انصاف ! کیاہ زندگی چھہ !"

زٕنہٕ لُکھ چھیریہ پاولس کُن ۔ تہٕ کریکھ لأیکھ پرٛژھہس ۔

"پروفیسر ۔ وونی کیاہ ساکرو اُسہہ ؟"

"تقریر تہٕ کوٚرُن جانے ۔ وٕنہِ یِلہِ مأکھ آو ۔ تہٕ اَمہِ تِلہ کیاہ دراو ؟"

"ولاسوف ۔ اَسہِ وَن ساکرُن کیاہ چھُہ ؟"

یِلہِ زَن زِہا دَسے کرِ کُمہ وُژھ ۔ پاوٕلن ووٚن ۔

"رفیقو ! بہٕ چھُس تجویز کران ۔ زٕ یُوتام نہٕ ہم کوٚپیکہٕ ژٕٹانک فأصلہٕ واپس نن ۔ اَسہِ پزٕ نہٕ کامہِ پیٹھ واپس گژھن ۔"

جوشہ ہٕنٛز کٔتھ ہیٚنٛزٕن شورُع گژھنہٕ ۔

" اَسہِ چھِوا چارِہ زانان زِہ ؟"

" اَمیُکھ مَطلب گوٚو ہَرتال !"

" کیٚنژن کو بیکن ہندِ خاطرٕ ؟"

"ہَرتال کیا زِہ پیٚ ؟"

" اَدِہ کٔس کرِیکھ کأم ؟"

" یِمَن ہا سابَنٕ وادیاہ کأم کَرٕن ناألی ۔"

" کَمہ سُنا ہرتال پھُٹرہ راوَن وألی ہا زِہ ؟"



# ۱۳

پاوِل ووٚتھ جِلدٕ تہٕ ماجہِ نِشہِ رُود وٕمہٕ دِنہٕ ۔

ہیٚوٚ جوٚمبر اوس اِشتہارس لابنہٕ آمُت ۔ پریتھ اَکھاہ اوس بحث کران تہٕ کریچھہ ناد کران ۔

" ژٕ نا ہیکہٕ ہاگہٕ تہٕ یِم زانِنہٕ تہٕ ہیٚوٚ کالہٕ بایتھ آمادٕ کرِتھ ؟ " پاوِلس نِشہِ پیٚت ووٚتھ ریبن " یِمَن چھہِ جرمَن کلہٕ کوٚڈمُت ۔ مگر کوٚ ٹھو چھکھ نہٕ ۔ پۄزٕ ٹھا ، ژٕیہٕ سیٚتی ییٚکَن نہٕ ترٕیوٚ ہتوٚ علاوٕ ۔ یییرٕ ۔ بچہ گۄمہِ بنہٕ گۄنہٕ اَڑٕ دِیُن چھا سَہل کتھا ؟ "

پاوِل رُود خاموش ۔ ہیٚوٚ جوٚمُت زٕ کِہہِ ہیوٚت تہٕ ناراضن ۔ تِتھ اوس تَس اَچھَن برونٹھ کنہٕ نَژان ۔ تہٕ تَس اَکھ مرہٕ ساوٕ تہٕ بیٚہ صداہ منگ کران ۔ خوفہٕ سیٚتی ہیوٚتُن تَس پھوٚر زورٕ زورٕ وُتھتھ گرٛگھن ۔ تَس باسیوٚ زِ اَل ترٛیشہٕ کَرن واجنہٕ گِنترٕ اَژٕ بیٚیٹھ ہیوٚک نہٕ تھٔندیو لفظوٚ کینٛژن رُودٕ قطرَن ہنٛدی پاٹھی کانہہ تہٕ نِشاناہ ترٛاوِتھ تہٕ یِم لفظ گَیہ غائب ۔

ٹھکِت ژھینِت تہٕ پھِٹ میتیو کہ ہٹیو دراو سُو گرِٕ کِنۍ بٲج تہٕ سیپزوف اُس پَتہٕ پَتہٕ پکان۔ ریئن اوسُس پانس سیتی۔ تہٕ تہنز کتھ آسہٕ تہندین کنن گرِہز ٹلان۔

"تقریر ما چھکھ ژٕ جان کران۔ دپہ دِلس چھنہٕ اتھ گژھان کینہہ تہٕ۔ اصل کتھ چھہ سُہ ے۔ ژٕ پزی یہندین دِلن سیتی کتھ کرنی۔ تیمبر گژھ سہٕ مَنز مِس یئنی۔ منطق وَننتھ یکہٕ ما گھ نہٕ ژٕ کُکھ ماوز اوٕ کھہ ربانہٕ گژھیا کھعہ رَن واتنُ تہٕ۔ خاص کرِتھ بُلہٕ سُو ذائویل تہٕ سیٹاہ لوکٹ آسہ!"

"پلاگیا۔ اَسہٕ بُڈاَن بُڈاَن پَزِ وونی پنجن ینز قبرِ ہَن ژھانڈنی۔" سیپزوف اوس وَنان۔ "وونی چھہ نوِ قسمکۍ لُکھ نٹی نیران اُسی، یا نے اُسی تہٕ تُہی کتھ کُنہ اُسی روزان۔ دِہ ہے رُڈی کھعہ ونج کران۔ زمینس سیتی کلہٕ ہٹاسان۔ تہٕ پننہٕ نہٕ کھعہ نہٕ بہتر لکُن برُونٹھ کنہٕ سجدہ کران۔ مگر از کل چھنہٕ کینہہ تہٕ پے پتاہ لگان۔ بنان چھہ لُکَن ما آسہ عقل آمژ۔ یا یہ تہٕ چھُ بنان زِہ تُم ما آسَن دارِ ے غلطیہٕ کرَان۔ کینہہ تہٕ اُسو تَن۔ ہیم لُکھ چھنہٕ اَسہ ہوی۔ نوجوانے زنتکھ۔ ڈائریکٹرس اُسو تیتھ کنہ کتھ کرَان۔ زَن تس بروبد اُسی۔ ادہٕ سا پاوٕل میخائیلو وِچ۔ بنیہٕ سَمکھو۔ میانہٕ مایہ یہ گَو جان زِہ ژٕ چھکھ لُکن ہندِہ طرفہ وِہ ہٹان۔ خوداہ کرِ تۍ الکفرِ روٹ۔ مُمکن چھُ تُہی ماگُڈو کانہہ وَتھ۔ خوداہ کرِ نوِ ہنُن رحم!"

سٔو دراو۔

"گژھہ دفاہ نۆ مرٕ۔" ریبن لوگ وَننہٕ۔ "یِتھۍ لُکھ چھِنہٕ اِنسان تہٕ یِم بوزتھ زِین۔ یِہِنٛدِ سٟتۍ لَبَن ہِنٛزِ کھرہ پیٚہ چھہ بند پیوان کرنہٕ۔ پاویل۔ ژٕ یِہٕ وُچھتھاہ ژٕ نمایندِ بَناونہٕ باپتھ کمٕ دِژاہِ کریکھ بٕ تِمو لُکھو ہیم پہ ٹُھکرٕ بچہلاوان چھہ زہ ژٕ ہُکھ سوشلسٹ تہٕ ہنگامہ پسند آ۔ تِمے لُکھ! دِلہ منٛزٕ کر آسن دَپان زہ وِہلا نوکری منٛزِ کڈِہٕ نس۔ امس چھہ نی یلاج!"

"پننی کنہٕ کوٗر تِمو جانی!" پاویلن وَنن۔

"تہٕ رامہ ہوٗنی یِیلہ پننہٕ نینی بائے بندن تِسکہٕ چھہ کڈان تِم تہٕ چھہ جانی کران"

ریبن سِنٛدِس بُتھِس پیٚٹھ اُس پریشانی ہنٛز زانٛڈِ ہٕشس دِہراونہٕ آمٕژ۔ تہٕ اُہنٛزِ آوازِ منٛز اُس از بدلے مویوٗسی بریڈان۔

"لُکھ چھِنہٕ ژُھر ییٚتہ کَنہِ بوزنہٕ یژھان۔ تکلیف چھُکھ ٹُلَن پیوان۔ دَپہ پننی لفظ گژھن خونہٕ سٟتی چھلنہٕ کڈنی۔"

پاویل رُوٗد دوٗے دہہٕ ہس لُو سمتن نہٕ کُبتھ تام ہیوٗ ادرہ یور کران۔ تسٕو اوس بیترٕ اُزمی ہندِس اکس عجیبے عالمس منٛز بوڈِت اچھ آسس زوتان زَن تہٕ کُنہٕ چیزس ژھانٛڈان اوس۔ ماجہ توٗر پہ سورُے فِکرِ۔

"پاشا کِہو دلیل؟" تِمہٕ پریژھ ہنا دِند ٹوٗہر ٹوٗہر۔

"کلس ہے چھم دود۔" تمہ ووٚنس درجواب۔

"اَچھا ژٕہ تراو پَتھ کٔن۔ بہٕ اَنہٕ سے ڈاکٹر۔"

"نا سے ژٕہ مے بانبر!" سُہ ووٚتھ تورہ وُلی وُلی۔ تہٕ پَتہٕ لوٚگ لہٕ تہٕ لہٕ تہٕ دَنہٕ نہٕ۔ "بہٕ ہیٚے چھس واریاہ لوٚکٹ تہٕ کمزور۔ یی چھ مُشکل۔ یِمَن چھِنہٕ میٚہ پیٚٹھ بروسہٕ۔ اَمیُک مطلب گو یہٕ ژٕہ میٚہ چھِنہٕ کینہہ تکان کرنہٕ۔ میٚہ چھُ کینُہہ تام ہیوٚ باسان۔ میٚہ ہیٚتھ دیہ گژھن پانس سیٚتی۔"

ماجہ تراو تسندِس فکرہٕ ہیٚتِس مُنجِس کُن نظر۔ تہٕ تَس لٔج تسلاہ دِنہٕ۔

"ہتا پرارُو" تمہ ووٚن زمی سان۔ "یہٕ کینہہ چھا نہٕ از فکرہ تھوٚرکھ۔ تہٕ بیٚیکھ پگاہ پلہٕ۔"

"فکرہ تۄن چھ ضروری!" تمہٕ ووٚن۔

"میٚہ تام چھ باسان ژٕہ ژٕہ چھکھ پوٚز ؤنان۔"

پاوِل گو تَس نزدیک۔

"مائجی۔ ژٕہ ہیٚے چھکھ رِژ۔" تمہٕ ووٚن تہٕ پتہٕ پھیرُن مُنجہ ہور کُن۔ ماجہ کَڈ ووٚٹھ ہیش۔ زَن تہٕ اَہندِ نرم لفظو سیٚتی پتھرہ ہش پٔیِہ۔ تمہ کرُ پتہٕ وَچھس زورہ تھپہ۔ تہٕ تسندِ لوٚکٹ حظ لٔج تُلنہٕ۔ پتہٕ دراہ سعہ تیتنہٕ نس۔

تمہٕ شبہ بیٚیلہٕ سعہ شوٚنگِتھ اٚس۔ تہٕ پاوِل اوس بسترس منٛز بیٚہِتھ کتاب پران۔ خفیہ پولسہ وٲلی پیٚیہ وٲتِتھ تہٕ کمرس منٛز ژٲکھ گِہ کار۔

تِم سٕندی یہ ہیٚر کرس کرس تہٕ تٕہ حالتس منٛز تہٕ۔ لیوٗدر بُتھ کٔرِتھ اَفسرن منٛد
وٕطیرِ اوس از تہٕ نتیجے یُتھ بُرونٛٹھ اوس۔ اوہٕنٛد انداز اوس برداشتہ کہ حدٕ
نیبر مذاکھ کرِہ وٕن تہٕ سوٗ اوس دِلس لگن والی مذاکھ کرٕی کرٕی پانہٕ لُطفہٕ تلان
ہُج اُس اَکِس کونسَس منٛز بہِتھ۔ مگر چشمہ آسس نیچِو وِس گُنٛنے لگِتھ یُس سوٗ
اوس کوشِش کران زِہ تسنٛد حجبابِتھ گژھِ نہٕ تہنٛدِ بُتھِ تلہٕ ننٛنہٕ نیرِنی۔
دُپھ یٕلہِ اَفسرن اَسِن کھنگالِہ ترٛوو۔ تَس تر کرییِ اوٚنگجہ۔ ماجہ باسیوو
سوٗ اوس بڑِ ضبط کٔرِتھ اَکِس کھٕترٕ زِہ کتھ وَنہٕ نِشہ پانَس پٔتھ رُٹھان بلِکہ
والین ہنٛد سرٛاٹنہٕ اُسِ تَس سکھ اِذاہ واتہ نادان۔ گو ڈٕنکہٕ چھیرِ ییرِ شاہ
سعہ کھوٗژمرٕ اُس۔ اَز کھوٗژ نہٕ سعہ تیٚز۔ سوٗری رنگہ وردی لاگِتھ ییمن
روٗتلی پٔرٕ حیٚن خلاف اوس تسنٛدِس نفرتس منٛز ہُرِ ہر سٕیدمُت۔ تِہٕ اُمہ
نفرتَن زَن تہٕ تسنٛد کھوژَن نارِہ نٲلِتھ سوٗرِی اوس کوٚرمُت۔

" ییٚم ہے نِنے میٚہ رٕٹِت " لوٗت پٲٹھی ہیوٚک پادلین تَس نِشِس
تہٕ بٲدِتھ۔

" میٚہ ہا چھِہ خبر " کٔلہٕ نوٗمرٲوِتھ دوٚپ تمہ لعٕ تہٕ ہٕمٹِہ۔

ماجہ اوس زیوٗنمُت زِہ از صٕبحس یہ کینٛژھاہ تسنٛدی نیچوٚک
موٗزدرَن برونٛٹھ کنہٕ وٕنمُت اوس۔ تِمہ باپتھ یِکہٕ ناوَن تَس۔ دُپھ یہ کینٛژھاہ
تمہٕ وٕنمُت اوس تتھ اوس سارِے وٕے آمنا کوٗرمُت۔ اَمہ کنہٕ پٕزِہ تِمَن سارِنٕی
تَس ڈلکھ کٔرٕنہٕ باپتھ وتھ۔ اَمِ سٕتھ مطلب نیرِ یہ زِہ سوٗ ہیکہٕ نہٕ
زیادِہ کالس جیلس منٛز روٗزِتھ۔

تس اوس یوت یوت تام نیوان یہ تس نۆہ آوٕلہٕ کرِہ دۄہ ناہ بگہ
اُفسر اوس تس نکھے اُچھ ژۆمراوِتھ تس ژوران۔ تمۍ ہندۍ بُتھہٕ پیٹھ گوبرٕ جھ
زن تتھ وقتہٕ آسہ کڈان۔ تہٕ پلاگیایہ باسیوٚ زن تہٕ سۄ تہندِس کۄچہ تس
دِوِہ نس، ژارہٕ پارس بیترِہ پاران اوس۔ جگر دۄر گرٕتھ رۆٹ تمہٕ پننِس
نیچوِس سند اَتھ پننِس نِس اَتھس منز۔ آہستہ، نرمی سان، شاہ کھالنہٕ وراُیی
وۄنُن تس:

"پاتشا۔ خدایس چھہم حوالہ۔ حضور ورتھۍ سارۍ چیز نُنِ تھاو۔"

"آہنی۔ یتھ نے ہیمتھ ہارِتھ۔"

"گژھ خُداہ کرِ نے راچھو تہٕ راوٕرٕتھ۔"

یِلہِ سۄ تمو یکہٕ نوٚر، سہ گیہ اکس بنچس پیٹھ بیٹھ۔ تہٕ وارہٕ
وارہٕ لج ہکہٕ کھارنہٕ۔ سہ بیٹھ تمی اَتھہٕ مانہٕ لیبہ سیٹھا ڈُکھ دِتھ۔ یتھ کنۍ
زن تمسند خاندار آموت بہان اوس۔ آمہ وِزِہ اُس سہ دۄہ کھ کیس تہٕ بیکسی
ہندِس دِلس کھنجہ کرٕن والِس احساسس منز بۆڈ ٹاکار۔ کلہٕ یتھ کنۍ
دارِتھ نزدو تمہ اکھ زیو لٹھ تہٕ لوت ووش۔ یتھ منز تہندہ چھوکرلَد ژٕ رنج
سارۍ داگ وۄتھ نیتھ آیہ۔ امی ہندس ذہنس منز وۄتھ نیو سۄ بے حِس
تہٕ مو لڈن ہیو گومت یتھ۔ یمس ژاگرٕ جہِ گونٛزتھ آمہ۔ تہٕ یمو سینزن
ژمے پرٕن اُچھن منز خوشی زوتان اُس۔ اُہندِہ دلہٕ منزِہ دۄتھو تمن
لگن خلاف کر یچھر کٔو تہٕ دیہ ہندِس کرِہو اوبرِہ لنگ۔ یم زن حاجن ہنزِہ
کوہ چھہ تہندِ جگر گوشو نشہ حرف امہ کنہٕ خالی چھہ کران۔ یہ تہندِ جگر گوشہ

چھہ عدل تہٕ انصاف ژھانڈان۔

داتھ اُس ترٛیٚن۔ تہٕ رُودٕ پھیپھر اُسو دارین سیتی چھاونہٕ پیوان۔ تس باسیوٚو زَن تہٕ اَچھوٚر اُسی، وۄنہٕ زٕلی گژھی تہٕ نہٕ پھٹی اَتھ کٲری کٲری سوٗرٕ کی رنگہٕ جسم چھہ راز منٛز ہیمیرٕ ن ہنٛزہ لعٕ ژٕہ آوازہ وۄنہٕ یدٕ اَتھ تہنٛد سٕ گرس یِہٕ پیتھ طرف رونٛدٕ والین ہنٛدی پٲٹھی چکر دِوان۔

" وۄنہٕ ہے! میہٕ تہٕ نیہٕ ہین! " تمہٕ سوٗنچ۔

کارخانٕچ سیٖٹی اُس کامہٕ باپتھ لُکَن ناد لایان۔ اَز اُس اَمِچ آواز لوٚنٛڈ بگر تہٕ یہاُے اوٚرے تہٕ یوٚرے ہش باسان۔ دروازہ آو پھٕرنہٕ تہٕ رٕیبن پیٚیوٚ اندر واتھتھ۔ برونٛہہ کنہٕ وۄنہٕ رُوزتھ لوٚگ سوٚریش وۄنہٕ تھ داونہٕ تہٕ وۄنُن:

" نیوٚکھے؟"

" آ، نیوٗکھ۔ لانٛہہ تِمَن پیٚیوٚ!" وۄنہٕ ش تراُوِتھ وۄن تمہٕ۔

" تہٕ گوٚو اُسو بتھے:" تمو کوٚر لعہٕ تہٕ اُسناہ۔" میہٕ تہٕ کرِکھ گرَس تلاشی۔ یِہٕ پیتھ کُنہٕ چیزس دِژکھ ژھاٗنڈ۔ لیکن پھاش نوٚر کُھ۔ مگر زکھ واتہٕ فوٗرکھ کٔے۔ گوٚو تہٕ ادٕہ نیوٗکھ پاوٕلی! ڈائریکٹرن کوٚر اِشارٕہ۔ پُلسن کوٚر آنہٕ آنہٕ تہٕ بٔتیہٕ اَکھ شخص گوٚو! ہیم گکھ چھہ رٕلِتھ میلِتھ جان کٲم کران۔ اَکھ چھہ لُکن رٕڈ رٕڈ دِوان۔ تہٕ بیاکھ تہنٛدی جیٚبہٕ خٲلی کران۔"

" تۄہہ پزٕہ پاوٕلس ڈکھ کرن!" وۄنہٕ دنہٕ وٕ اُتھتھ وۄن مٲجہ۔

"یہ کینٛژھاہ تمہٕ کوٚر۔ تہٕ کوٗرٕن سارِوٕنی ہیٚندِ بایہٕ چھ۔"

"کَس پٔزِ ڈوٚکھ کرُن؟"

"سارِنٕے!"

"اَہن۔ گوٚ چھُن وَنُن چھُ یہ۔ مگر تہٕ اندٕ یہٕ زانٛہہ!"

سوٚ دراو اُسان اُسان تہٕ موٗیوٚس کرٕن والیو اَہنٛزٕ و کھتھٕ چھٕڑٕ روو تَس وارٕے دِل۔

"دوٚنی گژھس نہ لایِنہٕ۔ اِڈاہ دِنی!"

تَس باسیوو زِ ن نٕز تسٛند نیچو چھو کہ لدٕ گژھتھ نٕ مارٕ کھینہٕ پتہٕ رٔتہٕ داودی چھہ گوٚمُت۔ تمِس بیوٚلہٕ دِلس زبردس اَہرٕ۔ تہٕ ٹارِن دوٚ تھس تنتٕر۔

تمہٕ دوہ پیٚوو یٕز تمہٕ دانس۔ یہٕ کھیوٗن کھایٕ تہٕ نہ چیٚینٕ چایہٕ۔ دِگرس باگ کھیٚنٕ ژوٚ چھ ریٛژھاہ۔ تمہٕ راتٕ یلِہ سعہ شعہ نگنہٕ لج تَس باسیوو زِ اَمہٕ بروٚنٛہہ اُس نہٕ زندگی زانٛہہ تہٕ ییٚتر چھیٚنو تہٕ داداہ پٕنُنٕ میون کینٛژٕو وَری یوٚ پیٚہٕ اُس تمِس کمہٕ تام رٔتہٕ تہٕ اہم چیزٕ کِس پوشہٕ وِنس امارس تٕل زندگی کڈٕ نٕس ہاوٕل گاہرٕ۔ تَس اوٚندی کھوٗ آسہٕ نوجوانن ہنٛزٕ لوٚبر وِنہٕ تہٕ ہنگامہ ہرٕ سرگرمی یہٕ چیلِہ وِنہٕ رودزان۔ تَس اُس یِہنٛزٕ نِس نیچوی سُند سنجیدٕ تہٕ آمارہ بوٚزٕت یُتھ وچھہٕ نَس ہاوٕل۔ یُس زٕن اَمہٕ پرٛزٕ اماپوٚز خطری سیٚتو آدرِتھ زندگی دَس ژٕلن وول اوس تہٕ دوہ نی اوشکھ شُو یکہ نوومُت نہ تَس سیٚتو اوس پرٛیُتھ کانٛہہ چیز تہٕ مہ کلیوٗمُت۔

# ١٤

سُہ دۄہ گژھن نہٕ تمہِ رٲژ ہُند وُ نیٚندرِ تہٕ الگ گو تس گدٕر۔ اَمہِ پَتہٕ یُس دۄہ آو۔ سُہ نہٕ یِٹھیوٗ زِیادہ ۔ تَس آسہٕ وۄمید زِ کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ ییہِ۔ مگر کانٛہہ تہٕ آو نہٕ۔ شام تہٕ سپُد۔ راتھ آیہِ۔ تٔرِ نۆ رۄد تَس ترٛوو وۄشس تہٕ اَمہِ پتہٕ لوگ لبن سیٹھا پان ٹھٲسیتھ سۄرُس گریٚزیہ داو دراو چھمہٕ مٔنزی شۆتی کرِتھ۔ تہٕ فرشس پیٹھ لوگ کیاہ تام چیز ژھانڈنہٕ۔ یَتھس اوس وُسان۔ وۆنج وَسہ تُک صدا اوس گژھہ ہندِ سیٚن صدٕہس سیٹھاہ عجیب پاٹھۍ زلان۔ باسان اوس زن نہٕ سۄرٕٹے گژھ گرے۔ وارٕ وارٕ نیٚپنین اوس لوگمُت۔ غمہٕ سببہ اوس یہ پَتہ کانٛہہ چیز مُودمُت تہٕ بیکار باسان۔ وارٕ کوٗر لگوٗ تام ٹھک ٹھٲک۔ بییہ اکہِ لٹہِ گو صداہ تس آس اَمہِ صداہ ہیچ ہٲلے۔ سُہ آس نہٕ اَمہِ سیٹھا بانبران۔ مگر ازگیہ سُہ خوش گژھ ہٕتھ تھوٗد وۆتھِتھ۔ کٔمو تام ازٲنی اٲرو تہٕ آشو تٕج سُہ تھوٗد پھیٚکین شال وٲلِتھ ہۄژہ رۄد تٔمہِ بَر۔

سَمُو لوف ژاو اندر۔ اَمِس سیٹی اوس بٲکھ اکھ نفراہ تہٕ۔ اَمِ

اوس کوٚٹھِ کالرِٕ تہٕ ژٔھمَن تام واجہِ مرٕژہ ڈیٚہ سیٚمتھ بُجھتھ کھوٚٹمُت۔

"اَسہِ مےٚ وِزِہ ناگِرِ کھ ژٕ ؟" خاٗر پالھٹ کرنے پرٕ بیرٕتھ سموٗلوفن ٹ

اُہنزٕ آوازٕ منزٕ اوس دوہ کھر تہٕ پریشانی پَیدٕان۔ یہٕ اوس تہٕ اوہند کیتھ کرٕنکھ یٔنٕ خاص انداز۔

"بہٕ اُسٕس ہُشارے ۔" تمہٕ دِیُت جواب۔ تہٕ آیہٕ سان لُجِ تمَن وُچھنہِ۔ سموٗلوفنہ باُج کھول ڈاپیِ والان والان زیوٗلھ شاہ۔ تہٕ یٔنٕ لوٚکٹ مگر بوٚرُت بوٚرُت اَتھ پلہِ نووُن تَس کنُ؛

"ماجی۔ بہٕ پرزہ نوٚدٔ کھسے ؟" اُکس یہٕ اُنس دوستہٕ سیٚندر پاٗٹھو پریٚزھ تمیٚ۔

"یہٕ چھکھاہ ژٕ !" خبر کیاہ زٕ خوش گرِ ھیتھ وُژھ یلاگیا۔

"یگور ایوانووچ ؟"

"بِلکُل سےٚ !" یٔنٕ بوٚڈ کلہٕ نوٚمراُوِتھ ووٚلتھ سوٚ۔ اُرس اوس کلکُ ھس مناجاتھ خانہٕ سیٚندر پاٗٹھو زیٚٹھِ زیوٗلھ۔ بُجھس پیٚٹھ اوشس اَسُن۔ تہٕ نِچہِ نِچہِ اُچھ آسہِ نرمی تہٕ شفقژ سان ماجہ وُچھان یٔسو اوس اُن تہٕ گاٗن سماوارٕ کِ پاٗٹھو۔ گول تہٕ ژھوٚلھ۔ موہ چہ گرٔدنہٕ تہٕ نِکو نِکو اَتھ کرِلھ۔ تَس اوس بُجھتھ پرٕہزلان۔ تہٕ شاہ اوس وُلی وُلی کھالان۔ تہٕ تہنْدِس وَچھ کِس سینہِ رٕس منٛز اوس کُس تام چیز کھرٕ دٕن کھرٕ دٕن کرٕان۔

"نُہو اُژِو دوٚیمِس کمرس منٛز۔ ییٚتِس کالُس بَدلاوہ بہٕ پلوٗ۔" ماجہ ووٚن۔

"اَسہِ چھےٚ ژٕیہٕ کینٛہہ پرٛیژھُن" تس کُن نٔظر ٹارِتھ دُپ چھپتھ وۄتھ سموٗئلوف تعرٛہ تنٛیلی سان۔

یگور ایوانووچ ژاوٚ بیٚیِس کمرس منٛز۔ نٕہ تٔتہٕ بیٚہِتھ لوگ بولنہٕ۔

"ماجی۔ از صُبحَن کیا بی آوٚ نکولائی ایوانووچ جیلہ پیٹھہ۔ شاید زانہٕ ہٲن ژٕہ۔" تمۍ تنۍ کٔتھ۔

"اَدہ میٚیہ کتہِ اُس خبر ژٕہ سُہ تہٕ چھُ جیلس منٛز۔" ماجِ وۄنُھ مَنٛزی۔

"دۄن رۄتَن تہٕ کہَن دۄہَن ہِندِ خاطرٕ اوس۔ تٔتہٕ سمکھ تَس خۄخول۔ تمۍ چھےٚ ژٕیہٕ سلام سوزِمُت۔ اَکھتےٚ پاویلن تہٕ۔ تمۍ چھےٚ باند باند کوٗرمُت ژٕہ وُچھتھ نہٕ بانبرَکھ۔ تمۍ چھےٚ پہٕ شیچھ سوزِمُت ژٕہ تسندِ وَتہٕ پیٹھ پکن والین یِمہ کینٛہ ژُن دۄہَن جیلس منٛز چھِ ٹکڑہ نیچ مہربٲنی کرٕ نہٕ۔ ساہِن مٲلی کِن ہِنزِ مہربٲنی سیٚتۍ چھہ یہِ فٲصلہِ سپُدمُت۔ ماجی۔ وۄنۍ کرہ بہٕ اَصُل کٲتھ۔ ژٕیہٕ چھےٚیۓ خبر ژٕہ راتھ گژھِ نَفریکہ ناوُکھ؟"

"کیا ژٕہ؟ پاویلس ورأےتہٕ اوسا بیٚیہ کانٛہہ؟" ماجہ پرٛژھ۔

"سُہ اوس کُنُے۔ وَنِز اَہۄم" یگور ایوانووچ وۄتھ لعہ تہٕ ہَٹہٕ۔

"کارخانکہ مٹہِ دَر رٹہ ناون شاید بیٚیہ بہَن نَفرن۔ مثالہِ پاٹھۍ یِہ نوجوان"

"آ۔ میٚیہ تہٕ" ژھیتہِ گژھتھ ہیوٚ وۄتھ سموٗئلوف۔

پلاگیا یہِ باسیوٚ ژَن تہٕ تَس دَم ہیوتُن گژھُن۔

"ووٚلہ کٔن زوٚن تہٕ چھُنیہٕ توٚتہٕ" تمہٕ سٕو نٚیچ اَندری۔

یَلَو بَدلاو وِتھ واٚدٕ سعہ پٔرٛژھین نِشس۔ اَمہٕ وِزہٕ اٰس سعہ قرارہٕ تہٕ تیمَن کٔن وُچھتھ اٰس اَسان۔

"بٔلہٕ یتھ زٔنی رُوٗد رٔٹتھ چھکھ۔ تٔلہٕ دیوہٕ تھوٚوہٕ نکھ نہٕ زیادہ کالس۔"

"ژہٕ چھکھ صحی ونان!" یگور ایوانووِچن ووٚن۔ "تہٕ ہرگاہ اَسی پیٹھ ندیہٕ تماشہ ختم ہیکَو کٔرِتھ۔ یِم ہین پانے لوٚب۔ کتھ چھ یہِ۔ ژہٕ اگر اَسی کارخانَس منٛز اشتہار باگراوِتھ ہیکَو نہٕ۔ پُلسہٕ والین پیہِ بیاکھ بہانہٕ۔ تہٕ تِم وَنہٕ تاوَن پیہِ کتھ پاویل تہٕ دوٚی مین سٕتی باجَن خلاف۔ یِم زَن جیلس منٛز تکلیفہٕ تہٕ مُشکل ژالان چھ۔"

"میہٕ زَن توٚر نہٕ چون وَنُن فِکرہٕ؟" ماجہ پرٛیژھ کھوٚژِتھ ہیٕوٚ۔

"کتھ چھ سیٹھا۔" یگور ایوانووِچ دوٚپتھ آہستہ پأٹھۍ۔ "کُنہ وِزہٕ چھ پُلسہٕ واٚلی تہٕ منطقی آیہٕ سوچان۔ ژہٕ سَنی پانہٕ تہٕ کتھ۔ پاویل اوس یٔلہٕ۔ تہٕ اخبار تہٕ اشتہار اَسی باگراوان۔ پاویل نیوٚکھ تہٕ نہٕ رُودی اخبارے کُنہٕ تہٕ نہٕ اشتہارے۔ اَمہٕ تٔلہٕ نِنیوُ ژہٕ اخبار تہٕ اشتہار باگراوَنکھ راہ لدَن تِسَی۔ چھُنے یی؟ تہٕ تِم لگھ کَرن یتھ کٔنٛز تیمَن نینگلاونچ کوشش۔ خُفیہ پُلسہٕ والین چھ عادتھا لاریُمت۔ تِم چھ لگن تِمہٕ آیہٕ نینگلاوان ژہٕ ریزہٕ چھلیو دراٚے چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ باقی روزان۔"

"میہٕ توٚر فِکرہٕ۔" ووٚداٚ سرگٔژھتھ ووٚن ماجہ۔ "مگر اَتھ کیاہ کرَو اَسی؟"

" قریب قریب نیوٗ کھ پرٕ پتھ اَکھ ہ رٕ ہٹھ - کولہِ خۄداین کرِہ فناہ !"
چھکھ منزٕ آیہ سموٗلوفنۍ آواز ." وۄنۍ چھنہ اَسہِ صرف پننہ مقصدٕ خاطرٕ بلکہ پننیو سیتۍ بأجۍ بچاوُنہ باپتھ تہِ کأم کرنۍ ."

" تہٕ کأم کرٕن وول چھُنہٕ کہنی ." یگور وۄتھ لۄہ تہِ اَشناہ کرِتھ " اَسہِ نِش چھہ کینہہ جان اشتہار تہٕ اخبارہ - میہ چھُہ سورُے تیار کورمُت مگر سوال چھہ یہِ سورُے کینہہ کارخانس تام واتہٕ ناونکھ . تہٕ یہ سوال چھُنہٕ وُنہٕ اندأنی ."

" گہ ڈٕنیچہ پھاٹکہ پیٹھٕ چھہ تلأشی پوان کرنہٕ " سموٗلوفن وون . ماجہ ژٕیوان زہٕ تِمن چھہ اَمِس نِشہ کمہِ تام کیتھ ہنز آش .
" یہ کِتھ کنۍ پیہِ کرنہٕ - کِتھ کنۍ ؟ " وُلی وُلی کوٗر تِمہ سوال . سموٗلوف رُوٗد برس نِش کھڑاہ
" پلاگیا - ژٕہ زانہ ہأنۍ خانچہ واجنۍ کارسونوا ؟ " تِمو پرٕژھ .
" اہں زانہٕ . مگر تِمہِ سیتۍ کیاہ ؟ "
" تِمۍ ژٕہ کرتس سیتۍ کتھ . بلکہ سعوے نِیہ ییم اشتہار تورٕ ڈاکس درہ لدِتھ . کوٗر ماجہ کلہ سیتۍ نکار .
" ہانہ سا . سعہ چھہ کتھ کتأج . تِمن لگہ نہٕ یہ زانُن تہٕ تہٕ زہٕ یہٕ سورُے چھُہ تس نیتھ دیُتمُت . تہٕ ییم سأرۍ چیز چھہ تِمہ گرِہ منزٕ بیے درامتۍ ."

جیرِہ پتھ ہیوٗ ژٕوٗل پتہ تس یکبار نیرتھ ؛ " تہِ دِیو ییم چیز

میہ۔ میہ کرٕو حوالہٕ ! بہ کڈہ کانٛہہ سبیل۔ کانٛہہ وٕ تھاہ ژھانڈہٕ اَبہٕ ویتہٕ ماریایہ زٕہ سعہ رٔٹہٕ میہ کامہٕ کارس منٛز اَتھہ روٹ کرتہٕ باپتھ پانٛسہ بتہٕ سیٹھ پنُن اورزگہٕ تہٕ چھُ میہ کماوُنئے کنٛہٕ پاُٹھی۔ کھاترٕ کنہٕ نہٕ واتہٕ بہ کارخانس منٛز۔ بہ سنبالہٕ سورُے پانئے !"

وٕچھس بیپھٹ زورہٕ اَتھہ رٔٹت دِیُت تمہٕ تمَن وٕ لٕ وٕ لٕ یقین زٕہ سعہ کرہٕ پریتھ کانٛہہ چیز سیٹھاہ ٹھیک پاٹھی۔ تہٕ لگن ترٕہ بٕہ فکری چھیکرس وٕژھ سعہ وجدس منٛز بیتھ تہٕ خوشی ہندس عالمس منٛز:

" تمَن گژھہ فکرہٕ ترٔن زٕہ یادٕ ہِل سیٹھ نہٕ چھ جیلہ بیپھٹ یورتام پلان۔ تمَن گژھہ فکرہٕ ترٔن !"

تریشو وٕنی ہمنے یہ بوہکرٕ۔ یگور لوگ اَتھس پھش دِنہٕ۔ تہٕ وٕوٹھ گمہٕ ناُدِتھ ووٕنُن :۔

" ماُجی۔ واہ واہ ! ژٕ یہٕ نئے پھئے نہٕ خبر یہٕ کاُژاہ رٕژ کٔتھ چھَ۔ تھدہٕ شانہٕ کٔتھ !"

" ہرگاہ یہٕ سبیل کارگر سپدِ۔ تیلہٕ گژھہ بہ تتھئے کُنہٕ جیل۔ یتھ کُنہٕ زَن شوہنگہٕ چھُس گژھان" سمولوف تہٕ لوگ اَتھَن پھش پھش دوان وٕنہٕ نہٕ۔

" ژٕہ ہے چھکھ دُنیہ ہیچ سارہٕ وٕرے کھعہ تہٕ سعہ ندر زنانہٕ !"
یگورَن دِژ بیگرہ آوازہٕ منٛز کرہ یکھہ۔

ماجہ پھوٚل اَشن۔ تَس تور فِکرہٕ زٕہ ہرگاہ اشتہار کارخانس

مٔنز برابر بٲگرٕ نہٕ آسے۔ تیٚلہِ ہیٚکَن نہٕ کارخانچہِ چلاوَن وٲلۍ اُمیٖکھ راہ پادٕلِس لَدِتھ۔ تَس باسیوٚو زِ سُہ ہیٚکہِ یہِ کٲم کٔرِتھ۔ تہٕ خوش سپیدتھ ہیوٚرُن تَس ناپِڑ کھَسیہ نہٕ۔

" بیٚلہِ ژٕہ جیلس مَنز وٲتھ۔ پادٕلِس ہاوِنۍ زِ چاٲنۍ مأج چھےٚ سیٚٹھاہ بڑٕ" یگوٗرن دوٚپُن۔

" بہٕ ہاسمکھ تَس یوٚرہِ گژھ وُنۍ" سموٗلوفن اوٚنُس۔

" تیمِس ہاوِنۍ زِ یہ سہِ کٲم اندِ چھِ وانہٕ ناوِنۍ۔ سُہ کرِ بہٕ ضرور!"

" تہٕ ہرگاہ یموسولوف بکِرنوو نہٕ۔ تیٚلہِ؟" یگوٗرن پرٕژھ۔

" تیٚلہِ کیاہ کرَو؟" تیمہِ دوٚپُن۔

دوٚشوٕے زنیو ترٛوو ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ اَسُن۔ تہٕ بیٚلہِ تیمہِ بنیٖو غلطی ژینیو۔ سُہ لیُٚ کینٛژھاہ مند چھیتھ تہٕ کینٛژھاہ چالاکھ لاگِتھ اَسہٕ نہٕ۔

" پَنٕنِس گُذرنش برونٛہہ کنہٕ چھُنہٕ دوٚیمِس سَنٛد گُذرُن سَہل ہیٚل باسان" اُچھ نوٚمہ راوِتھ وٚژھ سُہ۔

" تہٕ چھُہ قوٗ درٛتی" یگوٗر دوٚپتھ" وچھی۔ پادٕلِ سٕندہِ بایتھے بیہ ژٕہ یوٗت۔ سُہ ہیٚے بیہِ جیلہ بیپھٹ رژٕہ کھَنٛڈ بہتر حالس مَنٛزے تِتہِ چھِ جان آرام واتان۔ تہٕ یَرنہٕ بایتھ چھِ فُرصتھ فرصتھ۔ تہٕ اَسہ ہوٚسو گکھ بیٚلہِ جیلہِ نمبر روزان چھِ۔ یمو دوٚشوٕے چرٛنزو منٛزہ چھُنہٕ اَسہ اَرکِس ژھٔنٛب تہِ مُہ کہ جار آسان۔ بہٕ چھُس اَز نام ترٛیٚیہ لٹہٕ جیل بوٚرمُت۔

ہنٛدوٕنے پیٚٹھ میانہٕ باپتھ جان کتھاہ آسہِ نہٕ۔ مگر توٚتہٕ ووت اَمہِ سیٚتؠ میانٛس دِلس تہٕ دیماغس سیٚٹھاہ فائدٕہ۔"

"دٕیہٕ کیہوٚزٕہ چھےٚ نہٕ شاہ بان کھالُن والُن؟" تیٚہنٛدِس بُتھس کُن نظر کرِتھ پرٕژھ ماجہِ۔

"اَتھ ہے چھےٚ اَکھ خاص وجہ۔" اوٚنٛگجِ لگ ناٗدِتھ ووٚن تمؠ۔

"اچھا گوو دہ ژ سیٚپد فاصلہٕ زٕہ سوٗرٕے کیٚنٛہہ سپدِہ؟ بہٕ اَنٛہ پلاہ تمہ ساٗری چیٖز تہٕ گاڈٕہ ہنٛد ہٕگرٕ لگہ بتیہ اکہ لٹہِ پکہ نہٕ۔ تہٕ ہتہ وادوٗرو ہنٛدِس اَتہٕ گنٛڈس زیٖہ پیہتھ۔ آزادی تقریر زندہ باد! ماجہ ہنٛد دِل پایندہ باد! اَچھا دِیہِ اجازتھ؟"

"خُدایس حوالہٕ۔" سموٗٹلوٗفن کوٗر تٔمس سیٚتؠ اَتھ واس۔ "پٔز نا ہیکہ اَنہٕ پیٚنہٕ نہٕ ماجہِ نِشہِ تہٕ پرٕژھ تجویز ہتھوٚتھ؟"

"دہ ہیہ اَکہ زانہٕ ساری۔" پلاگیا یہ ووٚن تٔمس حوصلہ دِنہٕ باپتھ۔

تمہ پیلہٕ دراےٚ۔ سہ واٚژ منٛز کٔرس تہٕ کہ مٹیٖن پیپھ بیٚہتھ لجہِ زٕدٕہ چھ آوازٕہ سیٚتؠ یِژھن دعا کرنہٕ۔ وُچھو کیٚنٛہہ کٔڈٕہ نےٚ بیٚٹھ سہ دُعا کرنہٕ۔ اَمہ وِزٕہ آس تٔمِس دِلس منٛز تیمن سارنٕے ٹکنہٕ ہنٛدٕہ باپتھ جمع گاٗمژ پریشانی۔ ییم زٕن یاد پلن تٔمس سمکھاو مہتو آسہِ۔ تٔمس باسیوو زٕن تہٕ ییم لکھ پاکھ تصویرن تہٕ تٔمس منٛز باگ نٕژان آسہِ۔ تمہ ساری سیٖدی سادٕہ اِنسان۔ ییم اَکھ اَکس یوٗت نکھہ آسہِ۔ مگر توتہٕ یوٗژ کٔنہ تہٕ کپول۔

صُبحن شلی دراےٚ سہ ماریا کارسو نووایہ سمکھنہٕ۔

خانچہ واجینو اُس دوہ دِشکھ پأٹھۍ ماچھر بولد تہٕ بکہ وأسو تمہٕ کوٗر بڈٕرٕ ہمدردی سان تَس استیقبال۔

"وُچھی کو تاہ چھکھ غمَن منٛز بہ ڈے مرٕ" ماجہ ہٕندِس پھٹیکِس پیٹھ بٕنٛس ماچھر دار اَتھہٕ تھوٗکھ وَدٕن تمہٕ۔ "دِل مے ہار۔ نیوٗکھ تہٕ توتہٕ کیا گوٗ؟ اَتھ منٛز کوہ سہٕ گال چھہٕ؟ گوہ ڈوہ اٗسو لُکَن ژٕرٕ ہانٛزٕ جیل نوان مگر ووٗنی چھُہ لُکَن حق ژھانڈنہٕ باپتھ قأد کران۔ چھُنا بنان زہٕ پاولین ووٗن نہٕ تی یہٕ زَن تَس کوٗنٕ پزٕ ہا۔ مگر یہٕ کینٛژھا ووٗنُن۔ نہٕ ووٗنُن سارہٕ نٕبے ہندٕ طرفہٕ۔ تہٕ پرٕ پتھ اَکس چھہٕ تہٕ خبرے۔ ژٕیہٕ پزٕ نہٕ توٗہ کٕنہ پران تراوُن۔ وُپٕٹھ مَتہٕ کَڈی تَن۔ توتہٕ چھُ پرٕ پتھ کانٛہہ زانان زہٕ رُت کیا گوٗ تہٕ خراب کیا گوٗ۔ میٛہ ہے دِیوٗ پانَے یہے سمکھنہٕ۔ اَدٕ بی سوہ کتہٕ آیم فُرصتھ۔ دوٚی دوہ ہس رٕنٛن پاکہٕ وُن تہٕ پتہٕ پھیر کرٕنی۔ دَپہٕ ژٕ تھوٚوی زہٕ بٕنہٕ تہٕ جاپہٕ لیکھتھ شوٗٹ مٕرٕ اَکھ فقرٕ رٔنیز ہش۔ بہٕ کھیَیس یموٗ عاشقو۔ وُلہٕ پأٹھۍ گراہ یتہٕ نس چھُل رٕنوان تُلِتھ تہٕ گراہ ہُتہٕ نَس۔ یہتھ کنٛزٕ ہے وُڈٕ لیہٕ ژوہ چھہٕ مَتان۔ داہ باہ رٕوٗبل چھم تہٕ وُنہٕ سوہ مے ہیتہٕ تہٕ آسان کُنہٕ زہٕ کانٛہہ حرامزداہ چھہٕ وأتتھ بیوان۔ تہٕ سوٗرُے رقم گرہ چھہٕ کرٕتھ نوانٕ زنانہ آسُن تہٕ چھُہ بوٚڈ تادناہ! خوداہ مہٕ اَنِنو کأنٛسہٕ زنانہٕ مَرِس منٛز! دٕیان چھس کُنو زٕنی روزٕ ہا۔ مگر کیا زہٕ؟ رُوٗن کرٕ تَی تہٕ خرچہٕ تہٕ مُوٗد تہٕ ژأبس تہٕ لوہ تے یہٕ!"

"بہٕ ہے چھسے یہٕ وَنہٕ نہٕ آمرٕ زہٕ میٛہ رٕٹتہٕ بنٛنو مددگار رٔنیز۔"

اوٚ ہنٛد بکہ واس آڈہ ژوٚٹ کرِتھ وٲژھ پلا گیا۔

"میٚہ زَن توٚرِ نہٕ چون مطلب فِکرِ؟"

یٔلہِ پلا گیا یہِ فِکرِ تورُس۔ ماریا سیپنزٕ رٲچھنی۔

"کیا زِہ نہٕ؟" تمہ ووٚن۔ "ژٕ یہِ چھُیہٕ یاد۔ یٔلہِ ژٕہ میٚہ تَس ناوَن زَدَس نِشہ بچاوِنہٕ باپتھ ژوٚرِہ اُسکھ تھوٗوان؟ دوہٕ نی بچاوِتھ ژٕہ فاقوٗ فقروٚ نِشہ۔ یِہ پتھ اَکِس پَژِہ ژِیہ اَتھہ روٚٹ کرِن۔ تِکیازِ چون نیٚچوٚ آدَ گُکَن ہنٛدِ خارٕہ باپتھ رَٹہٕ نہٕ۔ یِہ پتھ اَکھاہ چھہ یہِ وَنان۔ تہٕ اَتھہ پیٚپھ چھُس پھیران تہٕ۔ میانِ کِنِہ نیرِ نہٕ ہالکس پتھ کُنہٕ لُکھ رُڈٕ رُڈٕ رَنِہٕ سیٚتھ کینِہہ تہٕ۔ یاو چھکھ کارخانس کوسہٕ دِرِہ وِنی ناوَ چھہ گامِرِش۔ حالٕ بہ ہے حال بد۔ یِمَن ہالی کَن چھہ پَنہٕ نہٕ جایہِ رائے زِہ اگر یِم کامسہِ ڈوٗساہ دِن۔ تَس تِگہِ نہٕ اَدِہ دَوہے ٹھلِنیٚ۔ وَچھ بَنان کیاہ چھُ؟ بَہَن نفرَن چھہ شُلکھ کرَان۔ تہٕ ہیتھ شَتَھ لُکِ چھکھ پُرونٛٹھ کُن پیوان دٲرِتھ!"

اَمہِ کنہٕ باپتھ ہُنٛد پھِل دراوَ یہ زِہ دوٚہی ہہ دوہہَن بیٚیشنس باگی دٲرِ ہاجی ماریایہ ہنٛدی کھانٛکی خانچہِ ہیتھ کارخانس اندر۔ تہٕ خانچہِ واجنہٕ درایہ باپتھ بازر کھانہٕ کِنہٕ نہٕ۔

# ۱۵

مۆزۆرَن لَجۍ بَر نۆ خانٕچہ واجینٕ پرٕژہ ناوُ فَس تأرٕ تہٕ۔

"پلاگیا۔ وۄنی ہیتوٗت تھۍ یی کرٕن؟" کلہٕ رِگلہٕ ناوِتھ کرٕ تِمہٕ بٔنٕزٕ بٕہ خوشی ہٕشر باوَت۔

کینٛشوُ ذکوٗ زون قسَ یِہ بیہناوُن مۆزۆری بٕہ پادٕلٕ موکلہٕ چلیتے بٹینو کرٕ پٔنٕز بٕہ ہمدردی سیتۍ تیہندِس دِلَس مَنٕز جاے۔ تہٕ کینٛشو ژارہٕ گلَسَس تہٕ ڈائریکٹرَس نٕنیے نٕنیے لیکہ۔ زَن بٕہ سہ دِلہٕ مَنٛزٕ کی اَس پَرٕژھان۔ اَڈٕی اَسی تم بہٕ۔ ییم تَسَس کُنؠ اَمہٕ اندازٕ وُچھان اَسی۔ زَن تہٕ تہندٕہ حالہٕ سیتۍ خوش تہٕ مطمئن اَسی۔ ٹائم کیپیر ایسائی بورگوف وۄتھ دَنٛد بٕہ پکان بٕرپکان لہٕ تہٕ لہٕ تہٕ:

"ہے گورنر آسہ ہا۔ چانِس نیچوِس دِمہ ہا پھاَنسی! لٔکِن ہٕیس دِنکٕ چھُہ یہوے سزا!"

اَمہٕ ییم ناکھ گژھٕ سیتۍ ژاوٕ قَسَ بَدنَس اَلہٕ اَلہٕ۔ تِمہٕ وۄن بٕہ ایسائی ہٕسَس کینہہ تہٕ۔ اِلا کرٕن اَمہ سِنٛدِس لہٕ کَٹِس گولی کاژی جُھٹس نظراہ

تہٕ وۄہ شاہ ترٲوِتھ ژُدوٗن کلہٕ بہٕ ن کٔرٕن ۔

سارٕسے کارخانس منز اَس بیقرٲری پھٔہلے مژ۔ مزوٗر اَسہِ لہٕ کٔچن لہٕ کٔچن ڈٕھیرن منز جماہ گٔژھِتھ شسبرِ گسرِ کران ۔ بانبرٕ ریمتو فورمین اَسہِ دٔوان دوران ہورہ یورکران ۔ لیکن ہنزِ آوازٕ آسہٕ پیوان ۔ لُوٹ کرٕن وٲلۍ اَسن کھنگالہِ اَسہِ وۄہ تلان ۔

زٕ مٕیلسہٕ وٲلۍ درایہِ سموئلوف ہیتھ ماجہ برٕونٹھہ کنہِ تس اوس اَکھ اَکھِ چندس منز ترٕ بیتِہِ اَکھ سیتہٕ اوس پٔنٕن وۄہ زٕل مَس پٔتھ کٕٔن پھران پھران پکان ۔

اَلہٕ پَلہٕ ہہتھ شُتھ مزوٗر اَسہِ تِہمَن پَتہٕ پَتہٕ پکان ۔ لیکہ ژاران نہٕ تِہمَن طاوس تُلان ۔

" کہو سموئلوف ۔ چھُٹی ہیپھٕ چھُیا گژھن ؟ " کمہٕ تام وِژ کریکھ " اَز کل ما چھی یِم سانہِن سیتو باجن بڈٕہ یر بھ کران ۔" بیتِہِ کمہٕ تام ووٚن :۔

" یٕیلہِ اَسہِ چکرس چھہ نیران ۔ سنتریٚ چھہ تھوان اَردلس ۔"

اَمہٕ پَترٕ پوٚر اَمی نوٚنئے ناسراہ

" باسان چھہ اَز کل چھکھہ نہٕ ژوٚر رٕٹ ہٕ سیتی کینہہ تہٕ لاران ۔" اَکی تھدہِ کاٹیٚ مزورن کوٚر ٹسنہِ ۔" اَو سے ہیٚتکہ ایمان دار لکھٕ رٔڈ رٔڈ ما نِنو !

" اَسہِ اَسہِ راسے زہٕ یِمن منز چھہ وِنہٕ بیشِ ہٲن شرافت زہٕ راتھ کیٚتھ رن لگن رٔڈ رٔڈ ۔" تکن منز آیہِ آواز ۔" مگر یِم حرامکو چھہ لگن بہٕ منز

رٔژِت رِوان !"

پُلسہِ دالیو کھاأرنس تالہٕ ۔ مگر اوٚہ پتہ تہٕ رۄدی وٕلی وٕلی پکان ۔ زَن تہٕ کینٛہہ وِچھان اُسی ۔ تہٕ زَن نہٕ تِہم رُکسنے کنَن اُسکھ گرٛھان ۔ یِم زَن گلکھ تِہنٛدٕ ژٕکھان اُسی ۔ تِہنٛد موٚزوٚر آیہ شتسترٕ ژادراہ ہیتھ یِمن سٗتۍ ۔

"ہیا گاڑِہ ہأرزد ۔ وَنِتھ ترأوِوٕ !" تِہموٚ دِژ کریکھ ۔

یکہ وِزِ سموٚلوفن کوٚر کلہ سیتۍ ماجہ اِشارہ ۔

"مأجی ۔ اُسو ہے دراہ ۔" اُسُن پھوٚلرأوِتھ وۄنِتھ سوُ ۔

رٔژھ کھنڈٕ نیمے یہ سو تَس بروٚنٛہہ کنہٕ ۔ اُمہ سنٛدِس دِلس اوس تِہم ایمان دار تہٕ سنجیدہ نوجوان وُچھِتھ سیٹھا اَثر گومُت یِم عبیل اُسی گرٛھان ۔ مگر وُچھن پیٹھ اوسکھ اُسُن ۔ تہٕ اُمہ سُنٛد دِل آو اُکس ماجہ ہِنٛدِہ دِلکہ پأٹھۍ مایہ نہٕ رحمہ سیتۍ برنہٕ ۔

کارخانہٕ پیٹھ پھیرِتھ کوٚڈ تِمہ باقی دوہ ماریایہ نِش ۔ تَس کوٚرُن کامہِ منٛز اُتھ روٚٹ ۔ تہٕ تَسُنٛد بچہ واس گیٚیہ بوٗزان ۔ شامس بأگِداأتھ سعہ ژٕپرکہ پٔتہٕ نِس سرِد ، وأناکھ تہٕ دِیہ وٕنِس گرٕس منٛز وایس ۔ واریا ہَس کالَس رٔوز ہورہ یور چکر دِوان ۔ مگر دِل اوسُس نہٕ ڈنجہ بہان ۔ تَس اوس نہٕ فکری تران زہٕ کرہ کیاہ ۔ سعہ اُس یِمہ کتھہ کنہٕ تہٕ اوٚری نہٕ یوٚری ہِش زہٕ اَڈراأتھ نہٕ اوسُس نہٕ یگور ایوانو وِچ تِہم چیز ہیتھ آمُت ۔ یِم انہ تک وادِہ اوسن کوٚرمُت ۔

دارِہ نیٚبرِی کنہٕ اُسی ہردِہ کالکو گرٕڈ شِشنہٕ ٹھوٚسی بیوان ۔ تِہم

اُسۍ شیٖشہٕ پیٹھن لایِنہٕ یوان۔ تہٕ وۄنگلِتھ اُسۍ اَکھ بلاں رِکھا پانس پیٹہٕ ترٲوِتھ بون وَسان۔ تِمہٕ ہیٚوت نیٚچوِ سُند سوچُن۔

درواز‌ِس ڈیٖٹ کمۍ تام بٔڑہٕ جیٖبہٕ سان ڈکہٕ۔ ماجہ مۄژہٕ راوٕ ڈۄلی ڈۄلی ہنکل۔ اوٚرہٕ ژٲیہٕ ساشا۔ ماجہ اوس تَس وُچھنس یژ کال گومُت۔ تہٕ گوڈہٕ نیٚتھے باسیوو تَس زِ سۄ اُس وُریبہ پٲٹھۍ موٚٹے مژ۔

"آداب"

ساشاہ ووٚن۔ سۄ اُس خوش زِ کانہہ تہٕ آو تورٕ۔ تہٕ کم از کم رۄزِ تہٕ دۄنی سۄ کینژس کالس اَتھ راژہٕ منز گٲژ۔

"کہے واریاہ کال ووت ژیٚہ وُچھنس۔ کُن اُسکھے گٲمژ زہ؟"

"نائے۔ بہٕ اُسس جیل گٲمژ۔" تِمہٕ ووٚن وۄتھن بیٚہتھ اَسن پھۄلہ راوِتھ۔

"نکولائی ایوانووِچس سیٚتہٕ۔ ژٕ تس پتھے نے سۄ؟"

"اہمی کیا زِ بہٕ؟" ماجہ ووٚنس۔ "یگورا یوانووِچن ووٚن راتھ زِ سۄ تردوٗکھ جیلہ۔ دَپھ چون نئے اوسُم کینہہ تہٕ پے۔ کانسہ تہٕ نے ووٚن زِ ژٕہ تہٕ اُسکھ تہِتھو۔"

"اُدِہ تونہٕ کیاہ گوٚ۔ یگور ایوانووِچنہ یور واتنہٕ برونٹھے چھہ میٚہ بلو بدلاوِنی۔" ہورہ یور نظر دِتھ وَژھ سۄ۔

"ژٕہ ہے چھکھ مُرکہ گٲمژ۔"

"میٚہ ہے چھی اشتہار تہٕ اخبار اُنی مژ۔"

" اَنی یوٚرِہی ! دِمی یوٚرِہی ! " ماجہِ ووٚن بڈِہ شوقہ سان۔

کورِہ ژھُدوو کوٹھ رنٛھا یلہِ ہیوٚ۔ تہٕ بانسس دِژن دٕنٛ۔ تہٕ پتہٕ

وُٹھرن ہندی پاٹھی سپیٚر بعدہٕ کتہِ اشتہارن تہٕ اخبارن بنہٕ۔ تم سونٛبہ

راوان لجٕ ماجہِ اَسہٕ بہٕ۔

" بہ ہیٚ اٰسس پاتہٕ ہیے سپتو ونان زہ اَما ژہٕ کیاہ زہ چھکھ

بیٚپرِ مونہ ٹے مرٛ۔ سوٗ پچھم اَما کھاندر ماکورُتھ۔ تہٕ گوہٕ بہٕ کھوٗرِہ ماچھکھ !

اِنہہ اِنہہ کاٗرتہ ہیٚ اشتہار چھتہ ژیٚہ اَنی میتو۔ وونہ کھلی آیہ کھےٚ زہٕ؟"

" اَہنی " ساشایہِ ووٚن۔ سُہ باسے یہ بٔنیہِ اکہ لٹہِ تہٕ ژہٕ چھے

ٹھٔر ٹھٔر تہٕ فوٗژ کھ۔ ماجہِ وُچھ۔ تسند مُچھ اوس بٔنیہٕ ہَنا ژھیوٗت ہیوٚ۔

یتھہِ کنہٕ تسنٛدرِ چشمہ وارٔے ۔ بجہٕ بجہٕ بوزنہٕ آسہٕ یوان۔ تہ تمہٕ اَندہ اَندہ

اُسہ کرہنہٕ کرٛی ووتلے میتو۔

" جیلہ سپتھ پزہٕ ہی ژیٚہ آرام کرُن۔ تتھ ماوضہ چھکھ ژہٕ یہ

کران۔ " ماجہِ تٔرُوو تُرُن ووٚش۔ تہٕ کلہِ گلہِ ناٗوِتھ ووٚنُن۔

" ہیوان کرُن۔ " تیٚرِ سپتو نٹان نٹان وژھ سُہ۔ " پاوِل

میخائلووِچ چھےٚ وارٔے ؟ گرفتاری دِژہٕ آسہٕ ہیے بڈِہ پریشان گومُتھ؟"

یہٕ سوال کٔرتہٕ دِژہٕ ژاٗوِ ساشایہِ ماجہِ نظر۔ سُہ اُمس کلہٕ لبہٕن

کُن تہٕ ژاٗوِتھ نٹہٕ وِنیہٕ اُکھو سپتو مُس شیران۔

" مائے رتیوٗتھ نہٕ کینہہ خاص۔ " ماجہِ ووٚن۔ " سُو کتہِ چھم اَندرِم

حال نیبر ژھٹان۔"

"زُوِہ چھےٚ ٹھیکھے؟" تمہِ پرٛژھس لوٚتہٕ ہیٚتھ۔

"پیٚنہٕ نہٕ ڈُمبرِ گوٚنہٕ زاتھہ بیمار۔" ماجہ ووٚن۔ "مگر ژےٚ ہےٚ چھےٚ بٔنس نٹھنہٕ ژامرِ۔ ٹھٔہرِی۔ بہٕ ہےٚ اَنےٚ چانہٕ باپتھ چاے۔ تہٕ رَس برٛی ہُند مودٕ بہٕ۔"

"تیٚیے گو رُت۔ دٔپھ ژےٚ لگی نا ووٚنی کھٕکھر۔ یوٚت ژیر ہےٚ چھُ گوٚمت۔ ووٚلے بہٕ ہےٚ کرِہ پانے تیار۔"

"یوٚہتہٕ ٹھکِتھ ژھیٚنِتھ تیٚیے؟" سماوارس تیٚنکُل ترٛاوِتھ تہٕ تس راہ کھالنہٕ کہ اندازہ ووٚن ماجہ۔ ساشا ژایہ چوکس منٛز تہٕ اَتھ زِہ کلس ڈوٚکھِس دِتھ تہٕ ووٚن بٔچس پیٚٹھ یان۔

"جبیل چھہ انسانَس پٔنٕزی کنہِ ژٹھتھ ترٛاوان۔" تمہِ ووٚن۔

"کم بخت بیکأری! اَمہِ کھۄتہٕ بتر کیاہ آسہِ۔ یہ زأنِتھ زِہ اَسہِ کأژاہ کأم چھہ کرٕنی۔ جانورَن ہُندی پأٹھی پینجرس منٛز بند روزُن!"

"اَمیٚکھ ماوِنہٕ تہٕ دِیےٚ تۄہہِ کانٛہہ کِنہٕ نہٕ؟" ماجہ پرٛژھس پَتہٕ دِتُن پانےٚ اَتھ کیٚتھ جواب ووٚشا ترٛاوِتھ۔ "خۄدایَس یاد نہٕ کانٛہہ۔ مگر ژےٚ آسی نہٕ تَس پیٚٹھ پزٕ چھے؟"

"نہٕ" نکارَس منٛز کلہ ہلہ ناوِتھ دِیُت تمہِ ژھۄٹہٕ دٔسے جواب۔

"میٚہ نےٚ چھَنہٕ جانِن کٔتھن پیٚٹھ پٔرِتھ بہان۔" ماجہ ووٚن جذباتی اندازَس منٛز۔ پَتہٕ ووٚتھ رووُن اَپرٕ سیٚتھ کوٚلہ ژٔرِن ہُند تمٕن تہٕ ووٚنُن "تۄہہِ چھَنہٕ پَنہ نہٕ پَرِتھ منٛز تہٕ نجر۔ ہرگاہ نہٕ تۄہہ خۄدایَس پیٚٹھ پرٛژھ

آسہٕ ہے۔ تِہٕنزِ کِتھ کِنۍ ہیٚکہِ ہیو یِژھ زِندگی گُذٲرِتھ ؟

وُچھان وُچھان گوٚ کٕنٛس تام نیٚبرِ کِنۍ اندر اژِتھ۔ تہٕ لوٚگ لوٚتہٕ لوٚتہٕ کیتھہِ کرنہِ۔ ماجہِ کُڈ دٕمہٕ۔ تہٕ گوٚڈ تہٕ گیہِ بہ یکبار خۄد و بِتھِتھ۔

" یِمتہٕ سِنےٚ دروازٕ مُژراوکھ !" تمہٕ ووٚن لعتہٕ۔" ہرگاہ پُلیسہٕ وٲلۍ آسہن۔ وُنۍ ژیکھہ بہ ذاتن بٕنہٕ یہِ۔ اُمس آس اَنہٕ گٔنٛٹس منز و کھٕ ڈجمرتہٕ تہٕ برس نکھہ اُس بیہ ہوش گامُت۔ وٕنۍ ژیکھ تریہٕ بدلاوِتھ میہٕ پلو تہٕ اَتہٕ دراپہٕ ییم اِشتہار۔ توٚ ہیٚےٚ فکرِ ؟"

"ہیٚ کیاہ گوم ! کٕس موضوعہٕ مُتعلق ونہٕ بہ یہِ ؟" آرہٕ کرٕ گرٕژھتھ وُژھ ماج۔

" نٔلے ہٹہٕ ": ساشا یہِ دُیت دروازس کن ": ظاہر ہے پژھ یکور ۔۔۔۔۔"

یہِ اوس یکور رے۔ ہیٚترِ بیٹھ بوٚن تام آبہٕ آب گوٚمُت تہٕ ٹھکنہٕ سیتی پھریکان۔

" واہ ! گو سماوار چھہٕ چلان ! دم سنبالنہٕ بایتھ چھُنہٕ سماوارس کانہہ مقابلے۔ ساشا۔ ژٕ آیکھے ؟"

پنٕن گوٚب کوٚٹھ کڈان لوٚگ سُہ تم ہیٚنۍ بولنہٕ۔ چو کہٕ بیٹھ اُمس اُہندِ زورٕ شاہ کھالنچ والہٕنچ آواز یوان۔

" سرکارکین عہدہ دارن چھُنہٕ یہِ صاحبزادہٕ ہیٚن خوش کران۔ یِلہٕ جیلن اُمس جیرِ اوٚن - امہٕ تہٕ وو کھیون چوٚن۔ تہٕ تس ووٚن مٲجی

منگمُ ۔ برابر اُٹھن دوہن       لوٗدُن نہٕ آب تہٕ اُستس ۔ مرٕ مرٕ پھیر
وایِس ۔ تیتہٕ گوٗ جانہہ ۔ "کِنیٚ ؟ میانِ ہِشس یٔڈ تہٕ چھا کانٛسہِ ؟"

دوٚیِمِس کٔرِس منٛز اٰژ نہٕ وِزہٕ رٔٹ تتھی پنٛنِس نیبر ڈرامٕژ تہٕ رٔژھ
تامہِ ہِشس یٔڈ اُٹھن منٛز ۔ تہٕ دروازہٕ دِتھ نہٕ روٗد کھ کرٲن ۔
"کیہہ ژیہ کھیوتھ نے پٔزی پاٹھی اُٹھن دوہن کھینہٕ ؟" کریمانہ
کٔڈِتھ پرٛژھس ماجہِ ۔

"سو مأنی منگہ ناوہٕ بایتھ اوس کینٛہہ تہٕ کینٛہہ کرہِ نے ۔"
کورِ وۄٹھ پانس تھٔتھ ژاٰنتھ تیٚنہٕ لٔجِ سختی یہٕ تہٕ قرارس منٛز یاسہٕ تہٕ
تس طاقت ژھانٛپہ ہِشس ۔

"وُچھ کیاہ کورِ ہیٚن چھ یہٕ !" تمہِ سوٗنچ دِلہٕ منٛزی ۔ تہٕ پتہٕ
وُژھ بڈٕ بڈٕ "تہٕ ہرگاہ مرِ ہا کھ نیٚلہِ ؟"
"تتھ کیاہ کرِ ہاو ؟" کورِ دیُت آہستہٕ پاٹھی جواب "مگر مأنی
تہٕ منگہ نوٗدُم سوٗ ۔ لیکن ما گژھہٕ اجازتھ دِیُن نہٕ ساٰنی حق لٔنہٕ معہ نچہ کرِتھ رٹُن
رتم اسہِ پانس تل ۔"

"ہوٚں" ماجہ دوٚن لوہ تہٕ ہٹہٕ ۔ "ساری مرد چھ یی کرٲن ۔ ییم چھ
سارِ وأتسہِ ساٰنی حق لنہٕ معہ نچہ کرِتھ اسہِ دِیاوان ۔"

"میٚہ لوٗژہٕ روو پانس بوٗر" بۆرمژ پتھ دوٚن گیوٗرن ۔ "سماوار
گرمیو وسے ؟ تٔھر تٔھر بہ تلن پانے ۔"
سماوار دوٚیمِس کمرس منٛز واتہٕ ناوِتھ دوٚپتھ سوٗ :

"میون بابہ ٹوٹھ اوس دوہَس وۄہ ڈگاسہ جاے چوان۔ اُمی کنہ کُڈُمی تمی شونھٹھ ہی ترہ شتھ وُری جِہجت تہٕ رۄدُس ٹھیکھ۔ وزن اوسُس پۄنٛژہ زہ ہتھ تہٕ اَڈہ شیٚتھ پوٚنڈہ۔ سُہ اوس واسکری سینِک کِس قبضس منٛز نائب پادری۔"

"ژٕہ ما چھکھ پادری ایوان سُندُ کہ؟" ماجہ پرٛژھس۔

"اَہن بہٕ گوس تسُندُے نیٚچو۔ اَدہ ژٕہ کیتہٕ زانہٕ مأنٛز سُہ؟"

"بہٕ تہٕ ما چھس واسکری سینسک صوبہ چی۔"

"مِیانہٕ خطیٚچ۔ ژٕہ کہنزی کوٗر گیکھ تتہٕ؟"

"چائرس ہمسایہ بسریوگیتہٕ منٛز کوٗر"

"ژٕہ چھکھے نیلہٕ منگنو کوٗر؟ بہٕ ہیے زانن سُہ ٹھیکھ پانٛژ۔ تمی ہیے چھُ میہ واریاہ لبہٕ کتہٕ دُر تہٕ ہیٚنز ہیٚش!"

اَکھ اُرکُس نکھہ ووہ دنہٕ رُوٗزِتھ اُسو تم اَسان۔ تہٕ اَکھ اُرکُس سانسہٕ ڈدی سوالہٕ پرٛژھان۔ چاے بناوان بھول ساشایہ نبھس اُسن پیالن ہند صداہ بوزِتھ پھیر مأج واپس اُتھی ماحولس کُن۔

"میٚہ ہیے دِزہ مأنی۔ مِیانہٕ دِسماہٕ منٛزہ ڈرایہ پیپرہ کُتھ۔ پینہٕ نس کأنسہ وطن با جس سمکھتھ کأڑاہ خوشی چھُ سپدان۔"

"مأنی پَزہ میٚہ منگنو۔ ترکیا زہ میٚہ چھُ برہتھ جپرس پیٚٹھ قبضا کوٗرمُت۔ مگر ووہ زنبج یہ کاہ تہٕ میٚہ چھُ واریاہ دوٗر واتُن۔"

"کوٗتہٕ بہٕ شہر ہیے؟" ماجہ پرٛژھس تاجبہٕ سان

" اَہنی "

" مگر کیا زِ ؟ پرٛتھ اَنہٕ گٔنٛڑ تہٕ تیٚرِ منٛز ! پیٚتھٕ چھکھ ژٕ پیٚرٕ پچھٕرٕ راتس روزٕنی یِیٚتہِ۔ یگور شونگِتھ چوکس منٛز تہٕ ژٕ شونگ تہٕ یِیٚتہِ ۔"

" نا ے ۔ میٚہ پَزِ گژھُن ۔" کورِ وۅٚن یِیٚتھٕ اوت ۔

" بدنصیبی سٲنٛز ۔ دَپھ اُمِس نوجوان خوتوٗ بہٕ پَزِ گژھُنٕ ۔ تٕم زانہٕ اُمِس ۔ یِگاہ گژھہ بہٕ اُمِس کانٛہہ یِیٚتہِ وُچھُن ۔" یگورَن وۅٚن ۔

" مگر کیتھ کٔنہ ؟ کُنہٕ زٕنٛز ہے ؟"

" اَہنی ۔ کُنہٕ زٕنٛز ۔" یگور دوٚپھ اُسناہ کرِتھ ۔

کورِ پھیٚر پانَس کٔیت چاے گلاسا ۔ کرِہہٕ ژھ چھ کھٔنٛجِ لٲرِجن تُہٕ رٕژھاہ تہٕ یہٕ کھیوان کھیوان رُژ فِکرِ منٛز بۅدِت ہِش ماجہ کُن وُچھنہٕ ۔

" تُہُند کیتھا کٔنہ یِیٚت ہیکان ویتہٕ رِتھ ۔ ژٕ تہٕ نتاشا ؟ بہٕ ہیکہٕ نہٕ زانِتھ تہٕ یہٕ ۔ بہٕ ہے کھوژٕ تہٕ ۔" پلاگیا یہٕ دوٚن ۔

" کھوژان آسہ یِیٚتہِ ۔" یگور دوٚپھ ۔ "کہے ساشا ۔ چھکھ نے ؟"

" یقینن ۔ کیا زِ بہٕ ؟" کورِ دوٚن تورِ ۔

مٲج لٔج یگورس تہٕ تَس وُچھنہٕ ۔

چاے معہ کلاؤدِتھ گوٚو ساشایہ یگورس سیتہٕ لوٚتہٕ پایہٕ کھوٗر اَتھ واس تہٕ ژرایہٕ چوکس کُن ۔ مٲج ژرایس نیبر تام سیتہٕ ۔

" اگر پاویل میہٕ ناوٕ چ سمکھیوو ۔ میانٛی سلام وٲنِز یس ۔" ساشایہ دوٚن ۔ "یِتھ بہٕ مُشتہٕ گژھی ۔"

تمہ اوس دروازس کُن پٮ۪ٹھ بیوٚٹھ اَتھ تھوٚوِمُت۔ ییکبار پھیرِتھ پرٛژُھن تمہ ماجہ:

"یہ چھکے ژٕ یتہ معہ ڈی کرِتھ؟"

ماجہ رٔٹ سہ ژھوپہ پٮ۪ہ، دہ پٮ۪ہ کرِتھ نالہٕ مَتہ تہٕ لجِس لول برنہٕ۔

"شکریہ" گوٚر وُژھن، تہٕ کلس ہٮ۪نا دٔرسہ دِتھ دراپہ سہ۔

مأجِ ییٚلہِ دُ بارہٕ کمرس منٛز واٚژ۔ سہ لٔج فِکرَن منٛز بوٚڈتھ دارہٕ نیبر وُچھنہٕ۔ اَنہِ گٮ۪ٹس منٛز اٚسی اَدٕری شیٖشہٕ تھوٚوسی وُسان۔

"پروزوروف سُند خاندان چھیکے ژٕ ہتس؟"

یگوٗرن پرٛژھس۔

سُہ اوس زنگہ وہرأوِتھ بِہِتھ زورٕ زورٕ چھوکھ دِتھ چاے شِہلاوان۔ بُتھ اوسُس دہ زُل، اَوُدُر تہٕ قرارہٕ۔

"اَہنوٚ یادہٕ چھُم؟" میجس کُن ہٕلی ہٕلی ییکان تہٕ کیاہ تام سوچِتھ مأجِ درجواب۔ سہ بیٚٹھ تہٕ یگورس کُن لٔج بدٕہ دہ کھ لَدانہ اَزس منٛز وَنہٕ نہٕ۔

"دہ ہے واہے بِچارٕ ساشا! کِتھ کٔنہ واتہِ شہر؟"

نور واتان واتان پٮ۪نہِ وُسِتھ،" یگورن کوٚر ایتراف" جیلس منٛز گیہِ سکھ کمزور۔ گوہ ڈٕہ اوسُس جان صحت۔ آرامَس تہٕ آسایشہٕ منٛز پلے مٕژ بڈے مرٕژ۔ باسان چھُم اُمِس چھُہ شِشہ نور خراب گومُت۔"

"یہ کوٚسا گیہ؟" ماجہ پرٛژُھ آہستہ پأٹھی۔

"اُکس آسَن واٚلی سنٛز کوٚر۔ اَہندہٕ وَنہٕ نہٕ موٗجب چھہ اُمی سُند

مول اَکھ سوراہ۔ ژیہ چھیۓ خبَر ماجی۔ یمَو ہیرٛ دو خاندر صحی کرٛن ؟"

" کمَو ؟"

" پاویلن تہٕ اَمہ۔ دُپھ انداَنی چھٕنہٕ کینٛہہ۔ سۆ یٖلہِ یلہٕ آسہ۔ یہ آسان جیلہٕ۔ تہٕ یٖلہِ یہِ یلہٕ چھ آسان۔ سۆ آسان جیلہٕ۔"

" اَدٕ میہٕ کیٛتہٕ آسہِ اَمچ خبرٕ ے" ہتادم دِہتھ وۄن ماجہ:

" پاویل چھا زانہہ ییٛنہٕ کنٛھ باوان۔"

دوہ دِ ہیتو تٕ ماجہ اُمس کورِ ہندٕ کیٛاہ تانی کرٕ ٛھن۔ تہٕ بیہ یرادٕ ژکھ سان پھیر سوہ پرٛ ژھس کنٔ۔

" ژیہ کونا واتہٕ ناگوتھن یہ یانہٕ گرہٕ ؟" تمہ وۄن۔

" واتہٕ ناگوتھ تہٕ ہیکہٕ ہاکن۔" سو وۄتھ تورٕ۔" مگر میہٕ چھ یٔتہ وارباہ کام پزتھن سکلی چھُ میہٕ اَکہِ جایہِ بیہتھ بیٛیس جایہِ واتنٕ۔ بیہتھ چھُ میانہٕ بایتھ یہِ ہیرہٕ یور پھیرُن ژھورُن زیادے کریوٛتھ۔ میانہٕ میہٕ چھ ڈٔلی ڈٔلی شانٛش کھسان۔"

" کوکر چھَ رٕژ" ماجہ وۄن۔ اُمی سندِس دِماغس منز اَمی وُنہ تہٕ سوۓ کنٛھ ژٕزان۔ یہ بیہ دٕپی دٕپی یگورن باوٕ مژ اَمس پننس نیٛچوِس متلق اَکس دوہ یرہٕ سینٛزہِ زیوٕہِ یہِ کنٛھ بوزِتھ گو تس شکھ۔ ڈٔکس کھٔرِ ش ڈرہٕ۔ تہٕ دِیتھ ہیٛتِن ژابینٛہ۔

" یژ بابتھ چھ رٕژ" یگورن کوٛر تس سیتی اتفاق۔" میہٕ چھ خبر ژیہ چھےٚ اُمی سند پھیران۔ مگر اَمہِ تلہٕ کیٛاہ نیرِ۔ ہر گاہ اَسہ بانی انسانَ

ہُند تِہِندے کنہٕ ہیٚوتمٕتھ۔ تِیلہِ روزٕہ نہٕ چون دِل زانٕنہٕ تہٕ ڈنٛجہٕ۔ پۆز چھُہ یہ یِہ زٕہ اَسہ

مَنٛز چھِنہٕ کانٛسہ اَکی سٕہنٛز زندگی آرامس مَنٛز نیران۔ میون اَکھ بوج چھُہ حال

حالے جلاوطنی کڑتھ واپس آمُت۔ یِہِلہِ سُہ نیچ نی نووو گرود دوت۔ تَس

اُس زنانہٕ تہٕ بچہ سموٗلِنٛسک جایہِ ترٛاوان۔ مگر یِہِلہِ سُہ سمسولِنٛسک ووت

تِم اُسکھ ماسکو جیلس مَنٛز ڈٕلکی مٕتۍ۔ دوہ نی چھہ تِہنٛزٕ آشنہٕ سائبیریا

گرٕٛژھ نیچ واَرِہ۔ میہ تہٕ اُس آشنہٕ سیٹھاہ ژٕر اُس سعہ۔ اَمہِ قسمہٕ چھہ زندگی

ہِنٛدِ یانٛژھ وُری کڈٕ نہٕ ییٚتہٕ روٚٹ تمۍ مزارٕ۔"

تمۍ موہ کلااَد کنہٕ شنہٕ چائے۔ تہٕ پننہٕ کتھ تھوٚن چلہٕ ونی ــــ

پیٚتہٕ نہٕ جیل گرٕٛژھنکی تہٕ جلایہ وطنی ہِندی رِتھ تہٕ دوہ بیوٚلھ گنٛز رِتہٕ۔ رنٛگہ رنٛگہ

مصیبتَن ہنٛزٕ کتھ وَنِن۔ مِثالہِ بایتھ جیلس مَنٛز چوب کھینٕک تہٕ سائبیریا اُس

مَنٛز فاقہ پھرہ روزنکۍ قِصہ وُنِن۔ مٲج رٛوزِ مدٕ گنڈِتھ تَس وُچھان۔ تہٕ یِمہ

سوٚکوٚن والہِ سِرزٕہ سان سُہ مُصیبتہ تہٕ دوہ کھ دِنہٕ واجنہٕ زندگی ہُند پھِران

گوٚ۔ مٲج گیٚہ تمٕتھ بیٚہِتھ حاران۔

"اَچھا ترٛاو۔ دوہ نی کرو مطلبچ کتھ۔"

اِدٕ ہِنُد لہجہ بدلیوو۔ تہٕ ہُتِھس بیٚہِتھ دوہ تلے یَس وارٕے سنجیدگی

تمۍ پریُژھ ماجہ نہٕ سعہ کتھ کٔنہٕ واتہٕ نادِہ اِشتہار بیتٕرہ کارخانس مَنٛز۔ لوہ کچہ

کھینہٕ تہٕ لوہ کچہ کتِھ سیٚتہ اُمی سٕہنٛز زان کاری ڈیشِتھ سیپہٕ مٲج سیٹھاہ

حاران۔

اَتھ موضوعس دَل دِنہٕ ییٚتہٕ لگو تم بیٚیہِ اَکہ لَٹہٕ پننہٕ نہٕ ژٔطنچ کتھ

کرٕ نہٕ. تٕمی سٕنٛد انداز اوس مذاقی. مگر ازٕ اُس پَنٕنہٕ پَتھ کالٕکی ورق پھِرٲ
پھِران کیٛاہ تام سوچان. تس باسیوو زِ نہٕ تٕمۍ پتھ کال کیتھ تانی عجیب پاٹھۍ
اَکھ نمبل اوس. پٔیمہٕ منٛزٕ لہہ کُنڈ لہہ کُنڈ سٕروٕ گَژھ، چھُنتو برٕزٕ گٕژھ تہٕ نٔٹ لٔد
پھِرٕ پس ڈرامیتو اُسی. برٕزٕ گٔژ گیہ وارٕ وارٕ پوٚ ٹھان. تہٕ اَکھ نکرٕ
زمینہٕ منٛز پانٛژھ وُری کٔڈ نہٕ پٔیمہ دہ درٕ لٔگ وۍسی. تٕمہٕ وُچھ یہ
سورُے پانہٕ. تہٕ دِلس منٛز گوس اَکھ اَنٛکھ جذبہٕ بیدار. پتہٕ آیہٕ
اُکس نوجوان کورِ ہٕنٛز شکل تس اَچھن تل. اَکھ پژھ کوٗر یٔمی سٕنٛدۍ
خولہٕ خط نٕنۍ تہٕ بُتھ ترکرُ اوس. سہ کوٗر اُس آیہٕ شٔیمہ ڈیرٕ منٛزۍ وَتھ کَڈی
کُٹھ تھٕنٛچ پرٕ ژھینیو پرٕ کنی زٕنی پکان. تہٕ ماجہ ہٕنٛد نیچو اوس جیلس منٛز. وُنہٕ
آسہ نہٕ سوٗ شاید شونگمت تہٕ تلی کرٕ آسہ پتھ کُن ترٲوِ مۍ لٔگ خبر کیٛاہ سوچان.
مگر سوٗ آسہ نہٕ تٕمی سٕنٛدۍ پنٕنہٕ نہٕ ماجہ ہٕنٛد سوچان. وۍنی اُس تس بیٛاکھ اَکھ
ہاہاکھ پیٛمتۍ نہٕ. کھنٛچہ کھنٛچہ گامتین اڈبرٕ لنگن ہٕنٛدۍ پاٹھۍ رٕدۍ یم وٲنۍ پیٛاٹھ
وٲن واگلی خیال تٕہنٛدِس دِلس منٛز یوان. تہٕ تٔہنٛدِس زٕحس وٕول
اَنہٕ گُٹھ نال.

"ہاجی. ژٕ ہے آسکھ تھٕنٛچ پرٕ. وۍ لٔگ. شونگو ہے تٕمہٕ وۍنی."
یگورٕ وون بُتھس پیٹھ اُشن پھٕولہٕ راوِ لٔگ.

تٕمہٕ وون خدا حافظ. تہٕ وارٕ وارٕ پکھ ژایہ چوکس منٛز.
تٕہنٛدِس وُچھس منٛز اوس تپٲلہٕ ہُنٛد کرہچھر ژامت.

دٔیمہ دوہ ہیٛتن حاضری کھسوان دوٚ لٔگ یگور.

"ہرگاہ ژٕ یہٕ تم رٕٹۍ نے۔ تہٕ پرٛژھ دٕ نے زہ اشتہار کٔتہ، نہتہٕ
ژٕ کیہہ وَنہٕ ہا کھ یورٕ؟"

"بہٕ دٕپہ تھ تہ ہے کیاہ چھُوٕ تتھٕ سیٹھٕ؟" سعہ ورژھ درجواب۔

"مگر میانٕ زِکرِ ماںٔ نہٕ تم تہٕ؟" یگورن کوٚڈ نوقطہٕ۔

"تمن چھُ کینہٕ نہٕ جاے یقین زہ تمن چھُ اَکھ سیٹھٕ دالٕ۔ تہٕ
تم کرن ژٕ یہٕ کھُنہٕ کھُنہٕ کڈنٕچ کوشش؟"

"اَدٕ بہٕ وٕنتھ نہٕ کینہہ تہٕ یورٕ؟"

"تم رٕ نے جیل"

"اَدٕ توٚتہٕ کیاہ گو؟ بہٕ کرٕ شکر زہ بہٕ چھُس اَتھ لایکھ تہٕ؛
تمہٕ ووٚن ووہ شاہ تہٕ اَدٕ تھ۔" میون حاجتھے کُس چھُ؟ کانٛسہ تہٕ نہٕ پیٹھ
داتہٕ ناوُن نہٕ تم میٚہ ایزاہ تہٕ۔ وَنان چھِنا......"

"ہوٚں" تَس دِژ نظر کرٕتھ ووٚن یگورن۔ "ناے ژٕ یہٕ داتہٕ ناونے
نہٕ تم کانٛہہ تکلیف۔ دٕپہٕ تمین مکُن پزہ پننٕ سوچھُنہٕ تہٕ۔"

"ژٕ یہٕ کُس حق چھُے یہ وَنہٕ نکھ؟" اَسناہ کرٕتھ پرٛژھُن ماجہ
یگورن دِیت نہٕ اَکھ کہتہٕ جواب۔ صرف رٛوٗد کمرس اندرٕ یور
کران۔ پتہٕ اَدٕ سُہ ماجہ نِش تہٕ لوٚگُس وَنہٕ نہٕ؛

"ماجی، تہٕ چھُ سیٹھاہ کرٕتھ۔ میٚہ ہے چھِ خبر یہ کوٚتاہ
مُشکل چھُ جانٛہٕ باپتھ؟"

"مُشکل چھِ پریتھ اَکِہ سندٕ باپتھ۔" نرکلہٕ ناگ دِتھ ووٚرژھ سعہ

درجواب " بنان چھُ کانٛہہ ما آسہِ وَنان زِ یوٗتھ مُشکل چھُنہٕ۔ مگر وارِہ وارِہ ہیٚوتُن میٚیہ تہٕ فِکرِ ترٛاوُن۔ زِ رِتی لکھُ کیاہ چھ ژھانڈان "

" مأجی۔ ہرگاہ ژٕ یہِ اکہ لٹہٕ تہٕ فِکرِ ترٛاوِی۔ تیٚلہِ چھُ سارِہ ہِنے چون حاجتھ۔ پریتھ اَکِس ! " سوٗ وۄنۍ سنجیدگی سان۔

ماجِہ کٔرِس نظراہ۔ تہٕ کیٚنٛہہ وَنہٕ تہٕ درأیی لۄگ اُسہٕ تہٕ۔

پیٚنشنَس بأگی لۄگ سعہ کارخانَس منٛز وانہٕ نکھہ سٔنز کرٛنہٕ۔ اشتہار بیٚیترِ ہتھوٚن تِمہٕ آیہِ پلوٚن اندر ژوٗرِہ زِ تَسٕ کُنُ وُچھِتھ کوٚڈ یکوٗرن اطمینان سان زبوٗرِ ٹاساہ تہٕ دوٗن:

" زمرگٹ ! یتھ کُنہٕ سأری رِتی جرمنی بیپرہ ہُند گہ ڈینکھ ژوٗڈ ہٹہِ بوہن وأرِتھ وَنان چھ۔ یِمو اشتہارو سیٚتی نیٚ آیہِ نہٕ ژٕ یہِ منٛز کانٛہہ ترٛٹھ تبدیلی۔ مأجی ! ژٕرِ ہیٚ چھکھ سعہ سے شفیق اَڈہ وَر زنانہٕ۔ بتھ بتھ تہٕ موٚٹ موٚٹ۔ گرٛٹھ دیوتا رٔٹنے اَتھ موموٗلی دَسلا بَس پیٚٹھ پیٚنہٕ نِس سایَس تَل ! "

اَڈِہ گَنٹہٕ پتہٕ اُس سعہ کارخانہٕ چہ پھاٹکہٕ نکھ دِل ڈنجہ رٹتھ تہٕ پوٗرہ پرٛٹھ سان کھیٚن چیٚن کیٚن خانچن تَل دٔ بتھ وۄدنہٕ۔ یُس اکھاہ کارخانَس منٛز اَژان اوس۔ زِ سنتری اُسی تِمَس بُڈہ وُلٹہ پأٹھی جامہ تلأشی ہیوان۔ اَتھ ماوجنہ اُسی تِمَن موٗزوٗرن ہٹرِ ہ لیکہٕ ڈھعہ کہ تہٕ ٹھٹھہ ہیوان بوزنی۔ اوکُٹ کُنُ اوس اَکھ پُلسہِ وول، تہٕ بنیاکھ زوٗناہ زبہٕ زنگہٕ، وۄنۍ زٕل بُتھ تہٕ تیز اُچھ کرٛتھ وۄدنہٕ۔ ماجہ بیچھر خانچہ ٹوٗکرا اکہ پھیٚنکہٕ

پیٚٹھ بیٚیس پھٔٹکِس کٔن۔ تہٕ اُمِس زنگہٕ زیٚچھِس انانس کٔن لٔج تٕلی ٹارہٕ وُچھنہٕ۔ نکیا زِ تِمہٕ ژیوٚن زٕ یہٕ گژھِہ خفیہ پلسٹک نفرآسن۔

"ہیا چارٕی نسلو ! سانٛہِن کلن کرِہو وٕ تلاشی۔ چنٛدن کیٚہو چھوٚ تہٕ چھان" اَکھ لکھوٚد وانکو مٔس کرِتھ چھ بُرِ وٕ تھ سنترین کٔن۔ یِم زن تٔس چنٛدن تہٕ چھان آسہ۔

"ہتا اَتہٕ کیٚہو چھُے کلس منٛز ژیہٕ۔ زٕ دوٚہ" اَکی سنترِک ووٚن۔

"اَدِہ زبر گو۔ تیٚلہٕ ژٹھو زہ وَے۔ مگر اَسہٕ نِش روٗزِو دوٗرِے" موزوٗرن کور ٹسنہٕ۔

خفیکو معہ ہنوی ترأو تِمس دولہٕ نظر۔ تہٕ نفرژ سان ترأوِن تھوکھ

"نکلہٕ با میہٕ ترأوِو وَلتھ" ماجہ ووٚنکھ۔ "وُچھان چھوٚ نا۔ اَمہٕ بارہٕ سیٚتو ہیے کأنسہٕ تہٕ کمبرٕ پھُٹہٕ !"

"نیرِما نیرِی !" سنترِین کھوٚژ ژرکھ۔ "چرچرٕ کرنہٕ درائے ویٚپی نا ؟"

مأج بُلہٕ پینہٕ نہٕ جایہٕ نِش وأتہٕ۔ تِمہٕ تھاوِی خانجہٕ پتھرٕ پھُتھس وِہتھ ژُن عاقرق۔ تہٕ ژوٚہ شوٚرِ ذٕ طرفٔ ترأوِن نظراہ۔

بأے بارِ نی گو یوسف، ییم زن کارخانس منٛز خطر آسی، آیہٕ مأج وُچھتھ تٔس نِش۔

"پیٚروگی چھُے بی ؟" بُڈی ہوِی بأے واسپلی ہٕن ووٚن۔ تٔس اُس ڈیکس دِرہٕ ہشس کھوٚژ مرُش۔

"تہٕ گوٚو پگاہ" تَمہِ وۄنُس۔ یم اَسہِ زاںٛہ شبد۔ دمہٕ شونٛز باین آوٚ یم شبد بوٗزتھ زَن گاش ہیوٚ۔

"ماجی۔ ژہٕ کاژہٕ ہیٚے زٕرژ چھکھ!" ایوانس ژٕج کرکھ نیرٕ۔ خانچِن نظراہ گذراہ دِتہٕ باپتھ بیوٗٹھ واسیلی پیٹھتر۔ تَرامی وِزہٕ وو تھ اشتہارَن ہُند اَکھ دَتہٕ اَہندِس کوٹھس منٛز۔

"ایوان۔ اَز نا گژھو نہٕ گرٕ" تَمۍ وۄن تھَدِ ہِیٹ۔ "ازہ ماکھمو یَتمۍ ہیٚے نِش کھانہٕ" یی وَنان ٹُھکھ تَمۍ بیاکھ اشتہار دَتہٕ کھُلس بوٗزِتھ کھورَس منٛز۔ "اَسہِ پزٕ یتمِس نوٚو خانچہِ واجنہِ ہُند حوصلہِ بڑاوُن"

"بلکُل ٹھیکھ" ایوان وۄنتھ اَسان اَسان۔

ماجہ تَراو حیسہِ سان اورہ یور نظراہ۔

"شوہر برما! اَسہِ نہٕ ما!" تَمہِ دِژ ہَکھ۔

سہٕ گیہٕ وٕلی وٕلی اشتہار دَتہٕ کڈان۔ تہٕ یمَن باین پلہٕ ناوان۔ پرِیتھ وِزہِ یئلہِ اشتہار دَتہٕ تہندیو اَتھو منٛزہٕ نیرِتھ گائب اوس گژھان۔ تہندرَن اَچھَن تَل اوس گندک تَجہٕ ہندہٕ دزہٕ نکہِ پاٹھو پُلسِہ رکس افسرِ سُند لیوٗدر بُجھتھ وۄتلان۔ تہٕ سہٕ اَس نہٕ کُنہِ وِزِ تہ وَنان۔

"رَٹو نشہِ لدا!"

دوٚیم دَتہٕ دِتھ:۔

"تہٕ یہٕ تہٕ رَٹھ!"

اَتھَن منٛز پیالہ ہیٚیے ہیٚیے پیٚنہِ موٚزوٗر واتہِ تھ۔ یئلہِ کانہہ نکھ

پَتھٕ یِوان اوس ۔ ایوان گوٚسپھٕ اوس اَسن کھنگالہٕ تراوان ۔ مأج اُس دَتِھ کڈٕنہٕ رَنشہٕ پوٚت ہیوان ۔ تہٕ خانچن کُنٛ لگان ۔

"پلاگیا نلووناٗ ۔ ژٕہ ہےٚ چھکھ بڑٕ چالاکھ !"

دوہ شوٚہرے بایوٗ دوٚن اَسان اَسان ۔

"عنوٗر دَرتھ ہاچھُ پرٕ بتھ کینٛہہ چیز کرِتھ ناوان ۔"

نِکھے دوہ دِنہٕ روٗزِتھ آکھ گژھ ژالن دول موٗزوٗر ووٚتھ ترووٚترٕ سان :

" اُہنز ژوٚٹ کماوَن وول واتِہ نوٚوٗ تِمو حرامزادو جیلس منٛز۔ نٔٹھ بی مأجی ۔ اَسہٕ دِتہٕ ترِپن کوٚبیکن سیٛمر بہٕ ۔ کینٛہہ غم نےٚ مأجی ۔ ژٕہ چلاوِکھےٚ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ پأٹھۍ کأم !"

" اَمہٕ ہمدردی باپتھ شکریہ ۔" تمہٕ دِتُس اَسان اَسان جواب ۔

" ہمدردی ہنٛدۍ کینٛہہ لفظ وَنِہٕ نَس منٛز کیاہ چھہ راوان ۔" تِمو دوٚن بانس سیٛتۍ تہٕ سیٛدیو اَکِس کوٗنجس کُنٛ ۔

" گرم شوٗرہ بہٕ ہا ! سیٛمر بہٕ ہا ! واتھٕ ہا !" پلاگیہ لٔج بنہٕ ہکھ دِنہٕ ۔

سوٗ بیٛہِتھ سوٗنچنہٕ ژٕہ اشتہارَن مُتعلق پَننہِ نس گوڈنکِس تجربس بیٛہِتھ کٔرِ اندازہ کرِتھ سوٗ نیٛچوِس سیٛتۍ کتھ باتھ ۔ مگر تیٛندِس ذہنس کتھ تام کوٗنجس منٛز لوٗگ افسردہ حالِ جأران ، ژکہ ہوٚت لیٛوٗ دُر بُتھ لہرٕ مارنہٕ ۔ تیٛنزٕ کرِ ذہنہٕ گوٚنزرِ آسہٕ پریشأنی سیٛتۍ ووٚتھ ووٚتھ

کران۔ تہٕ تیٚندی سخت دٔنٛد اُسی اندر ژٔرے ہِتھِن دُھٹوٗ مٔنٛزی پٔریٚز پٔریٚز بوزنہٕ یِوان۔ ماجہِ ہِنٛدِس ؤچھس منٛز لٔجؠ خوٗشی کٔس تام جاناداوِہ ہِنٛدی پأٹھی چرٕو چرٕو کرٕنہٕ۔ چاوٕہ سان پٔنہٕنہٕ جُنٛمہٕ ہیٚنٛورکُن کھأرِتھ تہٕ کامُم کرٕان کرٕان رٕوٗز سعہ پأنٛی پانسے ؤنان :۔

" رٔٹھ یہٕ نہٕ۔ تہٕ یہٕ تہٕ ! "

●

# ١٦

تمہِ دوہَن شامس ہُگی یِلہِ سعہ چاے چینِہ بیہِٹھ۔ نیٚبرِ کنہِ گوٚ زَبہ مَنٛزِ کرٛی پکُن تہٕ پتہٕ آیہِ اکھ وِتیز آواز۔ سعہ وۄتھ تھوٚد تہٕ چھوکہ مَنٛزِ درایہِ بَرٛ مُشرٛنہٕ۔ نیٚبرِ کنہِ گوٚ وٕلی وٕلی یکہٕ نکُ صداہ۔ تَس گوٚ وٕچھان وٕچھان اَچھن انہٕ گوٚٹ۔ کوٗٹھِس تھَپھ کرٕتھ مُژہ روو تمہِ کھوٚرٕ سیٚتھ بَر۔

" ننکو - آداب !" کُنہِ وِتیز آواز آیہِ - تہٕ زیٚچھ تہٕ زاوٕج چھ نژہ آیہِ تَس آلونہٕ -

گوڈہ مولوس سیدَنہ کنہِ تہٕ پتہٕ آندرِ وُچھنہٕ چہ خوشی سببہٕ وۄتھ تمِس زِلس دگ ہش۔ یِم دوہ شورَے احساس کنہِ گژھِتھ بنیوو اکھ اِنکھ تہٕ عظیم جذبہٕ۔ یمہ زٕن تسندِس بدنس منٛز وُشہِ نیرِج اکھ لہر پھرٕو۔ تہٕ سعہ واتہٕ ناوٕن اُنتہٕ روٗس تھَذرن بیہِٹھ۔ آندرِ پنٛدِس شانَس پیٹھ بُچھ تھوٗتھ بیٚتِہ سعہ وٕسی۔ آندرِ یَن زَٹ سعہ پنہٕ مَن نٹِہ لد اَتھن منٛز زورِ۔ مأج اَمس لوہ تہٕ لوہ تہٕ اوٗش ہاران۔ تہٕ سگو اوس

تسِندِس کلس پھِش دِی دِی وَنان :

" ننکو ۔ وَد مے ۔ بیتھے ہِش مے گژھ ۔ بہ ہیے چھُسے پوز وَنان ۔ تس ہیے ترآون جلدے ۔ تیمو نے ہیوک نہٕ تس کانْہہ جُرم لَدِتھ ۔ ساڈٕ ساڑی سیٹھا باگج ہیے چھ اُس وُڈھتھ بہِتھ ۔ زَن تہٕ مؤمرِژہ گاڈٕ ہ "

شانَن پیٹھ رُژٕ بِچھے واتہٕ ناوٕ تیمو سعہ دوٚیمِس کُٹھِس منز

باگج بیپٹھ تس نکھے تہٕ بدٕ رہ نوٗ چ ہِندی پاٹھی وٗلی وٗلی اوٚش وہ بتھ راوِتھ بیپٹھ تیمنز اَکھ اَکھ کتھ بوزنہٕ ۔

" یا وطن ہیے چھنے سلام سوٗزمُت ۔ سعہ ہیے چھ وارہٕ تہٕ خوش تہٕ خوشحال ۔ نَنہٕ ہیے چھ وار یاہ مکھ ۔ بوز تہٕ یہوے ہیتھ شہتھ لکہٕ چھکھ روُٹمُت ۔ کینْہہ لکھ چھ شہرکی ۔ کینْہہ ساڈٕ سیٹھو باگج ۔ تہٕ اَکس اَکس کوٗٹھرِ منز چھکھ ترٕیہ ترٕیہ ژور ژور نفر برٕی میتھ ۔ جیلکی افسر چھ جان ۔ تہٕ خفیہ پُلسہٕ کیو ییمو نفرو چھ تیمن تیژھ کام پُشرآومُژ ۔ زہ تیم بچارٕی چھ ہیہتہ آمتی ۔ افسر تہٕ چھنہٕ خراب ۔ تیم ہیے اَکھنے وَنان زہ ہیے دوستو ۔ یِتھ ناکانْہہ وہ ژہ راتھ تُلو ۔ نَتہٕ کیا بابیتیہٕ اَسہٕ پُلہٕ مصیبتھ تُلُن ۔ تہٕ پرٕ ہتھ کینْہہ چھُ ٹھیک پاٹھی سیدان ۔ ساڈٕ سیٹھو باگج چھ اَکھ اَکس سمکھان ، کتھ باتھ کران ، کتابہ دِوان ۔ تہٕ اَکھ اَکس سیٹھو کھیوان چیوان ۔ جیل ہیے چھُ جان ۔ پرٕون تہٕ موٗکلُ اُسِتھ تہٕ چھُنہٕ تیتہٕ زیادہ اِذاء داتان ۔ اخلاقی قیدی تہٕ چھ پرٕتی ۔ تہٕ اَسہٕ چھ جان پاٹھی اَکار بکار یوان ۔ بوکن ہبہ تہٕ بیٚنیہ ژور نفر آیہ ترآونہٕ ۔ میٚہ چھ بہِتھ زہ یاوِل سنز داگری تہٕ

داتہٕ ژلد پرٛے۔ وسوف شکوفنہٕ دارِی بوزنہٕ سارہٕ نِیے پوٚتس۔ سعہ یِتھ کنۍ لیکہ پھاش چھُ پران۔ تِمہٕ کنۍ چھِ تس سارِی پھیرتھ گامتہٕ۔ خفیہ پُلسہ والی چھِنہٕ تُسند ہُتھ پرٛہان وُچھن۔ یا تہٕ چلاوَن تس مُقدمہٕ۔ نتہٕ پییس کُنہ دہہ شلکھ۔ پاولِ چھس تو تہٕ وَنان۔ "ہتا نزاوٗ یمہٕ کیتھ نکولائ۔ چانیہ لیکو سیٹھہٕ کتہٕ سپدَن ییم لکھہٕ؟" دپھ سُہ آسان کریکہ ناد کران۔ "بہ ہا نمکھ یمہٕ ہُنتر اَژ بیہتھ تِتھہٕ کنۍ ٹھوٚد تُلتھ۔ یتھ کنۍ پھپھرس دِل تُلان چھہٕ" پاولِ سُند طور طریقہٕ چھُ جان۔ سُہ چھُ کھورِ ٹھپکہ راوِتھ تہٕ دَرِ سان بہہتھ۔ میٚہ چھِ پَننہٕ جایہ بہہتھ زہ تس تراوَن ژلدپرٛے۔"

"ژلد پرٛے" شفقَژ ہوٚت اَسُناہ کرِتھ ووٚن تمہ لعہ تہٕ ہٹہٕ۔ تَس اوس دِل ہناہ ڈنجہ بیوٚ ٹھمت۔ "میٚہ چھِ یقین ژلدپرٛے تراوُنس۔"

"گوٚ ژیہ بیٚہ ہیٚتھ دِل ڈنجہ! اَدہ بی تیٚلہ کیا چھکھ وَنان چایہ دالکھ؟ اچھا بیٚنیہ وَن ینہ خراہ اَترَاہ۔"

ہُبتھِس بیہتھ اَسُن پھوٚلہ راوِتھ لوٚگ سُہ تس کُن وُچھنہٕ۔ کاژہاہ نرمی تہٕ کیٚژ ہمدردی اُس تس منٛز۔ تیٚہُنزن غمگین اچھن منٛز اُس لولہٕ مَشالہٕ دزان۔

"آندریوٗشاہ! کوتاہ ژھوٹ چھُہم!" ژُن ووٚنش تراوِتھ وُزِھہ مٲج۔ نہٕ اُچھوے سیٹھہٕ لُج تیٚندِس ہُبتھِس سارنہٕ۔ یَتھ بیہتھ وُریہ باگٹھ کہِ ہینہٕ دارہ اَمہٕ اُس تہٕ کڈتھ تام ہش اُس باسان۔

"بس ہے۔ لولہٕ بیوٚ نتاہ اَکھ ہے چھُ میٚہ بعہ کیٚہ ژھعہ لہٕ راونہ باگژھ

سیٹھانی: کُرسی بیٹھ پان رٚگہٕ نأوِتھ ووَن تمیٚ۔ "میٚہ ہے چھ خبر زِ ژٕ چھُکھ ژیٚہ ٹوٹھ۔ چون دِل ہے چھُ نیوٚت بوڈ زِ اَتھ منٛز ہیکہِ پریتھ کانٛہ نٲسہٕ ہُند لوٗب وٕنیپتھ۔"

"مگر میٚہ چھُکھ خاص کٔرتھ ژٕ ہے ٹوٹھ۔" تمہِ موٗن نہٕ۔ "ہرگاہ ژیٚہ مأج آسہٕ ہی۔ پریتھ اَکھاہ کرِہا تَس پیٹھ رشک تہٕ دیہ ہا۔ وُچھ ژٕ کیٛتھ رُت نیچو چھُس۔"

خوخولن رٚگہ نوو کٔلہِ۔ تہٕ اَمہ پتہٕ لوٚگ اَتھ وٕلی وٕلی پھش دِنہٕ۔

"مأج ہے چھم۔ مگر خدا زانہٕ کتہٕ چھَ۔" تیٚمنٛز آواز آس لوٚژ۔

"ژیٚہ بوزتھا اَز کیاہ کوٚر میٚہ؟" تمہِ پرژھس۔ تہٕ تمہِ پتہٕ بوٗن بڑہ جذباتی اندازس منٛز زِ تمہِ کِتھ کنٛو وانہٕ ناگوی کارخانس منٛز اشتہار جوشہ ہیٚژ آسنہٕ کنٛو وُنی تمہِ اَکھا اَکھ کتھ رژھا نوٗن مرژہ وانگن رلاوِتھ۔

خوخول بیوٚلٹ گوٚڈہ کٔنہ چشمو تَس حأرنہٕ سان وُچھان۔ تہٕ پتہٕ ترٛوُن ٹھدٕ اَسُن کھنکالہِ۔

"اوہو!" تَس ژٕ جبہ کمر یکہ نیبرِتھ۔ "یہ ہے گوٚو رُت۔ سیٹھا جان! یاوِل وٕنیٚرِہ نہٕ کُنہِ یہِ بوزِتھ۔ نٕنکہِ! سیٹھاہ رُت ہے گوٚو یہِ! یاوِل سٕندِہ بایتھ نہٕ تہٕ سارِنٕے ہنٛدِہ خأطرِ تہٕ۔"

تسنٛد بدن اوس گراہہ ژن ماران۔ تمہِ پتہٕ لوٚگ سو اونگجن ٹُس کڈہٕ نہٕ۔ تہٕ وجدس منٛز ییتھ ہیٚرِژن شرُنی وانیخ۔ اُمی سندہ پوٚرُمھ

والو منزہ اَس خوشی پریڈان ۔ تہٕ سوٗ اوس ماجہِ نِشہِ تہٕ اَمہِ بادٔ تکٕ پوٗرہ پوٚر جواب ژھاران ۔

"ماٹھ آندریوٗشا!" تِمہ دوٚن یِتھ کُنہٕ زٕن تہٕ دِلکو بَرٕ وٕتھی اُسِس گامِت ۔ تہٕ لفظَن ہنٛدی کٕر اُسی وُلی وَلی بَکٕتھ ، ژھوہ پَہ دوہ پَہ کرِتھ وٕنِژتھ گاہ تراوان ۔ یِکان "یُلہِ بہ پانٕہٕ پننہِ زندگی ہنٛد سوٗچان چھُس ۔ میانہ یسوٗع مسیحا! بہ رُوزِ مہ کیاہ زِندہ؟ مہٕ چھنہٕ ، موٗزوٗری تہٕ شکھ! پننِس خانہ دارِس وراۓ زانہٕ ہٕن نہ کانٛہہ تہٕ ۔ خوفہ وراۓ زانہٕ ہٕن نہٕ دوٚیِم کانٛہہ چیز اہ! میٚہ توٚر نہ فِکری زِہ پاوٕل کِتھ کُنہ پہٕ ییٚیو ۔ میٚہ چھُنہٕ پتہٕ خبر زِہ یُلہِ موٗل حالے حیاتھ اوسُس ، میٚہ اوسا اُمی شُند کینٛہہ وَسہ تہٕ کینٛہہ نہٕ ۔ میون سورُے سوچُن ، میانٛی ساریے پریشانی اُمہِ صرف اَکی چیزَن آوٕر مٕژ ۔ تِمُس جنگلی سُنٛزہ یِڈ جان جان کھینہ رِستھ پلالہِ کرُن ۔ تہٕ تِسَس باثبرِہ لَدٕہ سُنٛز پریتھ مرضی پوٗرہ کرٕنی ۔ تِکیا زِہ؟ بیٚتھ نہ تِسَس ژکھ کھسہ ہے ۔ تہٕ میٚہ چوب دِزِنج گرُکہِ دِیہ ہے ۔ بتبیہ یُتھ زَن تِسَس اَکہ لٕٹہِ میون ترس گژھہ ہے ۔ میٚہ اوس تِمہ اَتہٕ مانہٕ چوب دِوان زٕن تہٕ پننہ نہ زنانہٕ چھُ ، بلکہ پریتھ تِمُس انسانس شکلھ اوس کران ۔ یِمو سُنٛزٕ تَس پُھٹوٗش مٕژ آسہ ہے ۔ وُہُن وَرِیَن گُڈٕم پتھے کُنہ وُمر تہٕ دوہ نی چھُنہٕ میٚہ پہ تہٕ ژِتس زِہ کھاندرِ بُرونٛٹھ کرُتھ سَنا اَسِس زندگی میانٛی ۔ یُلہِ یُلہِ پیٚ پرُون پھِران چھُس ۔ میٚہ چھِ پانس برونٛٹھ کنہِ اَکھ شُنٛہ ہش بامان ...... یگور ایوانووِچ اوس آمُت اُسی

چھ اکی قصبکی روزن داٲلۍ۔ سوٗ لوٗگ ہورِچ یورِچ کھتھ کرٕنہٕ۔ دٕپھ میٚہ پیٚیوٚو پنٕنۍ مکانٕچ یاد۔ باقی لکھ تہٕ ہیم ژھیتس۔ دٕپھ یہٕ ہیوٚم نہ ژھیتس نہٕ ٹلکھ کیٚنہہ کٔنۍ ٲسۍ دوہ دِین گٔڈان۔ تہٕ وُنان کیاہ ٲسۍ۔ تہٕ ٹکن کیاہ گٔڈریوو۔ اکہٕ نارِچ کتھ چھےٚ میٚہ ژھیتس۔ دوٚن نارن ہٕنٛز میٚہ چھےٚ باسان زٕ تہٕ شلکھ دی دی میٚہ اندرٕ سورُے کوٗرتھ چھٕکھ کوٗڈمٕت۔ تہٕ میاٲنس رٲوۍ حسن چھہ ٹھٔرِ لگٕہ ہیتۍ۔ نہ چھس کنہ وِزی

بوزان کیٚنہہ تہٕ نہ چھُم اُچھوٚے لبنہٕ یِوان کینہہ۔"

تمہ کھول آبرِ منٛزٕ کھارٕ مرٕژ گاڈٕ ہندی پاٹھۍ شاہ ہنا برونٛٹھ یہٕ نہٕ تمہ لٔج سعہ لہ تہٕ ہٹہ وٕتہ نہٕ: "خانہ دار گوم مرِتھ۔ نیچوِس پیٹھ تروٚوُم۔ مگر سوٗ لوٗگ یتھ کامہ کُن۔ میانہ باپتھ اوس یہٕ سورُے وتہ راوُن کرِ یٕ لٹھ۔ میوٚن دِل اوس نیچوِ سِندِ دادٕ کاٛنہہ نیومُت تہٕ تہٕ لرزیومُت نہٕ۔ ہرگاہ تس کیٚنہہ گوٚم۔ بہٕ کتھ کٔنۍ روزٕ زِندٕ؟ بہٕ کاٛژا ٲسِس کھوژان تہٕ تمان! یِلہٕ یِلہٕ میٚہ سوٗنٛچھ زٕ تس گوٚژھم نہٕ کیٚنہہ گژھُن۔ میٚہ آسہ دِلس شرٛ اکہٕ وسان۔"

برٛنٛزِس کھنڈٲئس کرٕ تمہ ژھوہہ تہٕ اَمہ پتہ گلہ نوٚوُن کلہٕ تہٕ مایہ بُرکہٕ تہٕ آیہٕ ووٚنُن:-

"اَمہ زنانَن ہُند لول چھُنہٕ لوٚے یوت آسان۔ اَسہٕ چھےٚ تمہ نیٚچن ہٕنٛز ماے گژھان۔ ییٚم زَن اَسہٕ پانس بکار آسُن۔ مگر بہٕ چھس وُچھان ژٕہ کوتاہ چھکھ ماجہ ہندِ باپتھ کرٕ یشان۔ اَما کٔہ باپتھ؟ تہٕ ییٚم

لُکھ بێین ہِندِ باپتھ پانہٕ مصیبتن منٛز چھ پان تراوان۔ جیل گژھان — سائبیریا واتان تہٕ مران چھ۔ نوجوان کورِ چھ رَبہٕ رۄدِس تہٕ شپنس منٛز رٲتی راتَن شہرٕ بیہِتھ ژور پانٛژھ ہیل کڈِتھ گژھی زنہٕ سون گرٕ واتان۔ یِمَن کمو ووَن یِہ کرُن ؟ یِم کیازِ چھ یِہ کران ؟ اَوَے زِ کیازِ تِمَن منٛز چھ اٰنٛتہٕ رۄس شۆد لول۔ تِمَن نِش چھَ پَرٛژھ۔ آندریوشا سیٹھاہ سٕنٛز پرٛژھ! دَپھ بہٕ ہیکہٕ نہٕ یِتھ کنۍ لول بَرِتھ۔ مےٚ چھ صرف پننہٕ مٲن ہٕنٛز ماے۔ یِم چیز مےٚ نکھ چھِ۔ تِمَن ہُند لول!"

" نا ہے۔ ژٕ ہیکَکھ لول بَرِتھ ۔" خوخول ووٚنُتھ۔ سُہ پھیوٗر پوٚت تہٕ پننہٕ نہٕ عادتہٕ کنۍ دِتُن کلَس، بُتھِس تہٕ اَچھن پَھش۔" پریتھ کانٛہہ نفر چھُ تِتھۍ لول ورتاوان۔ یُس تَس نکھ آسہِ۔ مگر اَکھ بوٚڑ دِل چھُ دۄرِ کِین چیزَن تہٕ پانہٕ ناوان۔ ژٕ ہیکَکھ بَجہ بَجہ کامہٕ کرِتھ۔ کیازِ ژٕ یہٕ منٛز چھُے ماجہ ہُند اٰنٛتہٕ رۄس لول!"

" خدا بوزِ توٚہۍ تَن!" سۄ وَژھ لہٕ تہٕ ہٕٹِرٕ۔" مےٚ چھُ باسان زندٕ روز نکھ یہٕ وطیرٕ چھُ جان۔ بہٕ چھس ژےٚ لول بَران۔ شاید پاشان سینٛدِ کھوتہٕ زیادٕ ے۔ سُہ چھُ تیوٚت ژھوٚپ تہٕ دۄرِ دۄرِ روزان۔ وُچھان چھنکھ نا۔ ساشا یہِ سیٹھا پَژھان کھاندر کرُن۔ تہٕ مےٚ نِش، پننہٕ ماجہ نِشَن چھُنہٕ شہان تہٕ۔"

" تہٕ نَے چھُنہٕ پَزر"! خوخولن موٚن نہٕ۔" مےٚ چھ پوٚرٕ پَے زِ یہِ چھُنہٕ صحی۔ سُہ چھ ساشایہٕ سیٹھا محبتھ کران تہٕ سۄ تہٕ چھس محبتھ کران۔

یہ چھُ ٹھیکھ۔ مگر تیم کرن نہٕ زانہہ تہٕ کھاندر۔ سعہ چھہ یژھان۔ مگر باوِل چھُنہٕ یژھان۔"

"گو یہ دلیل چھَ" کیاہ تام سوٗنچھتھ تہٕ دہ کھ زدٕ چشمہ خوخلس کُن تُلِتھ وُژھ سعہ۔ "گوَ یہ کَتھ چھَ۔ لُکھ چھِ یاۂ نِ پانے پننہٕ نس سوٗ کھس کتھ دِوان۔"

"باوِل چھُنہٕ اَکھ بیاکھ ہیوٗ انساناہ۔" خوخول سٕنزٕ آوازہ منز آس نرمی۔

"سوٗ چھُ یہ ختہٕ پراوُک اِنسان۔"

"تہٕ دہ نی چھہ جیلس منز۔" سوغچاں سوغچاں وَوٗن ماجہ۔ "اَمہ کتھِ چھَس بہٕ کھوژان۔ مگر تیوٗتھ نہٕ دہ نی۔ زندگی چھہ دہ نی بدلے آمٕژ تہٕ میون کھوژُن تہٕ چھُ بدلے آمُت۔ دہ نی چھَس بہٕ بریتھ کاٗنسہِ ہہنز باپتھ بانبران۔ دہ نی چھہ میون دِل تہٕ بدَلے۔ تکیا زِہ میانی رُوحن چھہ میانہٕ دِلہ چہ چشمہ مُژرادٕ مژہ۔ میون دِل چھُ اُچھ مُژر دِتھ وِچھان۔ گُوداسہ گژھان، مگر سیٹھا خوش تہٕ۔ میہ چھُنہٕ واریاہ کتھ فِکرہ تران۔ تیزیہ ڈاہنچھتھ چھِہ میہ خبر کیاہ گژھان۔ زِہ تہٕ ہِہ چھُنہٕ خودایس پیٹھ پَژھ تہٕ۔ مگر اَتھ کیاہ کرِہ زِہ بہٕ میہ چھُ باسان زِہ تہٕمہ چھُوہٕ پنزی باقھ رِتیٚ اِنسان۔ عوامہ خاطرٕ چھُوہٕ تہٕہِہ اَکھ کریٹھ تہٕ گُڈر وَتھ رٹمژ۔ پَزرٕ باپتھ چھُوہٕ کرہِ چھرِچ زندگی گُذان۔ تہٕ دہ نی چھُن میہ تہُنٛد پَزر فِکرہ ہیوٚتمت ترُن۔ یوٚتام آسن دٕ آلی لُکھ چھہ۔ توٚتام ہیکن نہٕ عام لُکھ کینہہ تہٕ پراوِتھ

نہ خوشی تہٕ نہ انصاف۔ کینہہ تہٕ نہٕ۔ وۄنۍ ییٚلہِ زٕ بہٕ تۄہہِ سیٚتھ روزان چھس۔ بہٕ چھس گنہِ وِزہ ییٚنہٕ نِس یتھ کالس پیٚٹھ سوچان۔ ییٚنہٕ نہٕ جوانی ہِندیِن تمن امآرن ہِندِ سوچان۔ ییٚم لنہٕ معصوٗمہ کرٕنہٕ آیہٕ۔ تہٕ میون لوٗ دِل آو مۄشتو سیٚتھ زِنہٕ داوی بناونہٕ۔ امہِ وِزہ چھہ میانِس دِلس منٛز مینہٕ ییٚنہٕ نہٕ بایتھ رحمکی تہٕ کریچھرکی جذبہ وۄتلان۔ مگر وۄنۍ چھُم میون زندہ روزُن سہل بنیومُت۔ وارہ وارہ چھس بہٕ دچھنہِ لَج مرٕ زہ بہٕ کیا چھس؛

تھدہِ تھوٚد، زاوِیگ تہٕ فکرن منٛز بعدٕ ڈیومُت خوخول وۄتھ تھوٚد۔ تہٕ تمۍ ہیوت کرس اورہ یور چکر دِیُن۔ یہٕ کوشش کرِتھ زہ یکنک صداہ گوژھہ نہ یِنۍ۔

" ژیہٕ ہے باوِ ہتھ سیٹھا رِتی پاٹھۍ سارِیۍ کتھہٕ؟" تمۍ وۄن لۄتہٕ ہٕہٕ۔ "سیٹھاہ رِتی پاٹھۍ۔ کرٛیچ شہرس منٛز اوس اکھ یہوٗدی نوجوان روزان۔ سُہ اوس شاعر۔ دۄہہ اکہِ وۄن تمۍ سہ

..... تہٕ ییٚم بے گُناہ مارہ گژھن

تِمن کرِہ بزرگ طاقت بنیِہ زِندہ!

اُتھی کرٛیچ شہرس منٛزے آو سُہ پلیہ کرِ دُسی قتل کرنہٕ۔ مگر یہ چھنہٕ بڑ کتھ۔ تمۍ اوس یزر زونمُت تہٕ بزرگ بیول لکھن منٛز دوو۔ ژہ تہٕ چھکھ تمیہ وِے منٛزہ اکھاہ۔ ییٚم بے گُناہ مارہ گژھن۔"

" مگر وۄنۍ چھس بہٕ وائے بٕہ نے کتھ کران؟" ماجہ تھوٚد کلاہ جارِی۔" بہٕ چھس گُلہ پاٹھۍ کتھ کران۔ یِنہٕ نہٕ کتھ یانۍ بوزان تہٕ ژھے

چھم نہ بیہان زِ یہ چھُسا بۓ وَنان۔ سارہ وُمرہ چھ میٚہ اکٲے کتھ سوٗچمٕژ زِ۔ بہٕ پرِیچھ نوٚو دوہ کتھ معہ کلہِ۔ سارِ نٕے ژُوارہ ژھیٚپہ کتھ کٕنہٕ پیٖیہ دوہ کڈنہٕ۔ یِتھہٕ زَن تہٕ کاتھہ اُکھاہ میٚہ شٕلکھ کرہ۔ مگر دوہ نٕی چھہ میٚہ بیٚنہِ نٕے ہنٛز فِکر۔ بتات چھُ میٚہ دا آسِہ تہٕ تہند مقصد وارہ فِکرہ ترٲن۔ مگر تہُند سارٕی چھوٗرہ میٚہ ٹاٹھ۔ بہٕ چھُس تہہٕ سارِ نٕے ہُند سوٗچان۔ تہٕ پٔژھان چھُس زِ تہُند گژھ دوہ سارٕی خوش روزنی۔ تہٕ آندریو شا خاص کرِتھ زِ!"
سوٗ آو تَس نکھہ۔

"شکریہ!" سوٗ ووٚنتھ۔ تہٕ ماجہ ہُند اکھ روٚشن چہرہ پنٕنہٕ نس اُتھس منٛز۔ تہٕ پتہ پھیرِن کلہِ دٔیمس طرفس کُن۔ جذباتن منٛز بوٚڈلتھ بیٚٹھ ماجہ وارہ ژھعہ پہٕ دَم کرِتھ پیالہِ چھَلنہِ۔ تہٕ آندری لگ خاموٗش لولس حفظ ٹکنہٕ۔

کمرِ کہ اکہ اندہ پیٹھ بیٚیس اندس کُن پوان پوان لوٗگ خوخول وَننہٕ:

"نِکو۔ وسوف شیکوفس سیتی تہٕ ہیٚےٚ گژھ ہنا لول ورتاوُن مول چھُس جیلس منٛز۔ شوٗ بڈہ شعراگی توٚیس نہ ڈیل یونس۔ نکولائی ہس یِنکہِ زانہہ کاکی دارہ منٛز تَس کُن نظر چھہ پیوان۔ سوٗ چھُ تَس توٗز بزان۔ یہٕ ہیٚے چھ بڈہ ناکارہ کتھ۔ نکولائی چھُ ژٕ کہ رُت معہ ہنیو۔ ہوٚنین گگہِ زَن تہٕ پرِیچھ قسمہ کین ذُو ذاذَن لول بران۔ دٔپھ تَس چھ گکنَ ہنٛز دِےٚ۔ ژٕے سوٗچی۔ یِتھٕس انسانس کیاہ آسِہ ڈیشن یوٚمت!

"مأج موئیس۔ موٗل دراس ژۄر تہٕ شعہ راۓیہِ۔" ماجہ ووٚن خبر کیاہ سونچان سونچان۔

آندری ییلہِ شونگنہٕ دراو۔ ماجہ بتھوو لوٚت پأٹھی تَس پیٹھ صلیبک نِشان۔ بسترس منٛز ژامتس ییلہِ اوٚڈ گأنٹہ کھنڈ گوٚ۔ ماجہ پرٛژھنس لعہ تہٕ ہیٚتہٕ:

"آندریوشا۔ شعہ نگ کھا؟"

"نا سےٚ۔ اَدِہ؟"

"خۄدایس حوالہٕ۔"

"شکریہ ننکو۔ شکریہ۔"

تمہٕ ووٚن۔ بجان بند اندازَس منٛز۔

●

# ١٧

دۆیمہ دۄہ مٮ۪ن یٚلہٕ پلاگیا کارخانہٕ چہ ڈیٖڑھ نِش واتھ۔ سعد رکاوٗ
چوٚکیدار۔ تہٕ خانچہ بدن ٹھونکُن حکم آس دِتہٕ۔ یُمہ زَن تِہم خانچَن تلاشی
ہیکہ ہاٚنِ کرِتھ۔

" ہے یہٕ سورُے ہے تُرن تیغ ہیٛیہٕ گژھ ھیم۔" یٚلہٕ تَس بَرٛاہ
سختی سان جامہٕ تلاشی کرٕکھ۔ ماجہ کوٗز احتجاج۔

" چونٛچھٕ وَچھ !" سنترین دوٚن ژکھہٕ سان۔

" ہتا بہ ہے وَنان چھُسوٕ یِم ہ چھیٖوہ جنگلہٕ پیٛٹھ یور اِشتہار
دِوان بٔرِکہ بٔرِکہ۔"

بیٚیہ اکھ سنترین دوٚن۔ تہٕ ماجہ ہندِس پھیٚنکس وَتٕن لٔہ تہٕ برونٛٹھ
کُن دِکھ۔

سعد واتھ حاطس اندر تہٕ سارٕ وِسے بُرونٛٹھ آو بُڈھ سپیزوف
تَس زٕنِہ۔

" ژیہٕ یُوزِ تھے راجی ہٕ تہمو یریٛژھ تَس لٔہ تہٕ ہَٹہٕ تہٕ ژِلہ فانہٕ

تراوِن نظر۔

"کیاہ؟"

"تِمےَ اشتہار دراییہ ہنیہ نتھۍ۔ پرِیتھ طرفہ ہر اوٗتھ دریتھ گژھان۔ زِن تہ ژھۄچہ بیٹھ نوان چھ چھکان۔ اَدہ بی۔ یِمَن تلاشَن تہ گرتہ اُتہ وِنیہ نیہ کیاہ مطلب دراوٗ؟ میون مانُن بو زوکھ جیل۔ اُرِ تہ کنہ وجہ ہُس پنہنہ؟ چون لڑکہ تہِ پکہ نوٗ کھ۔ مگر وۄنی چھ سارِنے فکرہ تران زہ اُتھ منز اوس نہ ہُنند اَتھہ۔"

یُتہ نہ دارہ تفصیل کرِتھ لوگ سُہ عجیب پاٹھۍ تس کُن وُچھنہ تہ پُتہ دوپُن:

"منزی منزی ہے اُزہ میون گرہ پوان کران۔ کُنہ زنہ ہے آسہ رگژھ ناف گژھان۔"

ماجہ کوٚر تس شکریہ۔ تہ لَج پننِس چیز کنہ تہ باپتھ کھ دِتہ تمہ ڈیچھ کارخانس منز اُسن اَزبدلے وۄنہ دراہ میو۔ پرِیتھ کانہہ اوس جوشہ ہیوٚت کھ اُسو اَکس جاییہ جماہ گژھان۔ تہ یتہ ہنیہ ادہ پور نیران۔ تم اُسی اکہ دانہ بیٹھ ہنیس واتس کُن گژھان۔ ڈہلہ فتنہ ہس منز باسے یہ تس جوٚر تیج تہ بہودرِ ہنز خوشبو بوے پِش۔ ہزل دار کنہ تہ ہیمتہ دنہ دامُلاو اُسو پرِیتھ طرفہ پوان۔ بُڈھ مزدوٗر اُسی گونز ھتھ لِ آسان۔ حاکم اُسو حالِ مار ان گژھتھ ہورِ پور کراں۔ ٹیلہ وٲلی اُسی ہنتہ بیٹھ پور ذوال تہ دوران۔ تہ مزدوٗرن ہنزہ ڈفرہ پلہ تمن وچھ ہن۔ تمہ تہ آسہ

لۆنت پأٹھۍ ہورِ یور چھکرٕ یوان۔ نہ تہٕ ینٛز کُنہہ مہ کلاعُوِ تھ پلسہِ والین ہِندین ژکھہ ہنٛین تہٕ شرارتہٕ بَرِ ترین بعضین دٔر نظراہ کران۔

متوزوٗر اُسی چھٕلتھ چھ‌ۄکھ صاف تہٕ پاک باسان۔ ماجہ پیٚنہِ ھٕدِس گوسیفس کُن اَلہِ گأبہ نظر۔ تسُند بوئے اوس اَسان اَسان تسٕ پتہٕ پتہٕ پکان۔

چھانہٕ دانگہٕ فورمین داویلوف تہٕ ٹائم کیپر ایسائی دراےِ اپارٕ وارِ وارِ پکان۔ اۄرہ نہ یۆرہ ہیوٗ ٹائم کیپر اوس ہجرِ سان کلہ تھوٚد دٕلمان۔ تہٕ باضے اوٚکٕت کُن پھیران۔ یتھ زَن تسٕ فورمینہ سُند بہم نأکھ تہٕ روبہ دار بِہتھ نظرِ ڈٔلہِ ہے نہ۔ سُہ اوس ینٛزہٕ لوکٕٹ معہ کٹ دارِ ہین رکلہ نأوِتھ کھتہٕ کران :۔

" ایوان ایوانووچ۔ یم ہا چھی اَتھ پیٹھ ٹسنہِ کران۔ اَتھ حظ تلان۔ حالانکہ یتھ کُنہ زَن سأنی ڈائریکٹرن فرموٗ اَمہ سیٹھۍ گرژھہ ملکس وِرِ وٕرنی ناو۔ نِندرِ کرہ نہٕ سیٹھۍ نانیرِ نہٕ کینہہ۔ اَتھ زمینہ پیٚنہ داند وایزٕ۔"

داویلوف اوس کُمبرس اَتھ ڈوکھہرأوِتھ تہٕ اوٚنگجہ زورِ دِرٕتھ پکان۔

" سورہِ سِندو! گژھو یہ خوش کرہٕ وہ تہٕ چھأپو ! سُہ وۆتھ تھٕدِ ہٕیٹھ ! مگر تہٕ یتُس تھوٚوزِ یوہ۔ ہرگاہ میہ خلاف اکھ کُنہ تہٕ چھیہ وِہ تیلہِ روزِہ نہٕ تہندٕ نشانہ کُنہِ!"

داسیلی گوسیفس آو ماجہ نکھہ۔

"ماجی۔ چھُنا صلاح از کھیمَو اَسہِ چاینہٕ کھانک بیا کھ کانہہ چیز؟"
چون کھانہ ہیٚے چھُہ زہر!" تمہِ ووٚن تہٕ پتہٕ ووٚتھ لوٚتہٕ پاٚٹھۍ اَچھ زوٚمہِ
دِتھٕ۔ "بل گَل حاجتھ اوس اَسِکیٚہ۔ ماجی! یہ ہیٚے چھُ سیٚٹھاہ رِژ کام۔"

ماجہ گوٚو شفقتہٕ سان کلہ سیٚتۍ آنکار۔ سۄ اُس نہٕ کُنہٕ وِزِ پان
زِ یہ شخص یُس زَن سارِ بستی منز لڑاےہ گوٚو ماہرٕ نہٕ اوس پوان۔ اوس
تس کمہِ پژتہٕ سان کتھہ کران۔ سۄ اُس کارخانیچ وۄسہِ درۄسہٕ وُچھتھ
تہٕ خوش۔ تہٕ اَندرۍ سونچان:
"ہرگاہ نہٕ بہٕ آسہ ہا......"
تمہِ بیٚیہ ہۄہ تمہِ موٚزور پتیمیہ تَس نِش واتِتھ۔
"گژھنی نا آیہٕ نہٕ دِتھٕ؟" ییمو منزٕ ووٚن اَکھ زَنی۔ لوٚتہٕ لوٚتہٕ مگر
افسوس کھیٚتھ۔

"تۄہہِ تتہِ ہِی زِ لیکھتھ کیاہ اوس یمن منز۔ بہ ما زانہٕ پرِن۔
مگر پتہٕ چھُ تاکیدہ پاٚٹھۍ نَنہ) ان زِ تمہِ بیٚیہٕ کھٹھ سیٚود نشانس پیٚٹھ؟" یہ ووٚن
دوٚیمہِ زَنی۔

تمہِ تراو تُہ پاسے نظر تہٕ آہستہٕ پاٚٹھۍ ووٚن:
"پکیٚو ووٚ۔ بایلہ سِندِس کمرس منز ہا گژھو۔"
گوسیٚفن وُچھ ماجہ کُن۔ تہٕ ہاوُنس اَچھ ناٹھ۔
"وُچھان چھکھے کیاہ چھُہ سیدان؟" تمہِ ووٚن۔
پلاگیا واژ اَکھی پتہٕ تراوان تہٕ خوشی ہِندِس عالمس منز گرہ۔

"لُکن چھُ یِمہٕ کِتھ ہُنٛد پھیِران زِ پرُن چھُکھ نہٕ لگان۔" تمہٕ
بوزِ نوو آندری۔

" یُلہٕ بہٕ لوکُٹ اوسُس میٚہ اوس وونہٕ تھان۔ مگر وونہٕ چھِ ژٕ چشمہٕ سوتُے
مُشتھ گومُت۔"

" اھنی، ہیٚچھان کو نہٕ چھکھ؟" خوخولن ترٲو تجویز برونٛہہ کُن۔

" یِتھ وٲنسہٕ منٛز ہا؟ لگہ ہیے بوزن تمہ ماکرن ٹھٹھ؟"

مگر آندری ووٚتھ تہٕ الماری منٛزٕ اُنُن کتاب کَڈِتھ۔ تہٕ بیٚیہِ
کِنے ہووُنَس اکھ اَچھُر۔

" یہِ کیاہ گوٚو؟" تمہِ پرُژھس۔

" رسے۔" اسان اسان ووٚژھس سہٕ تورہٕ۔

" تہٕ یہِ؟"

" اُلِف۔"

سہٕ گیہٕ کُرٕھ تام تہٕ منٛد چھہ آیس۔ تس باسیو وُزن تہٕ آندری
سٕنٛزٕ اُچھ اندری اندری تَس پیٚٹھ اسان آسہٕ۔ اَوسے ہیٚچھ یہِ تمہِ
تَس کُن چشمہٕ تُلِتھ۔ مگر آندری سٕنٛزٕ آوازِ منٛز اُس نرمی تہٕ شفقتھ
تہٕ ژُبِتھس بیٚیٹھ سنجیدگی۔

" آندریوشا۔ ژٕ چھکھاہ میٚہ اَدہٕ پُرزی پٲٹھی پرِتھ ناون پرژھان؟"
ژھوپہٕ ژھوپٕ تہٕ الہٕ گابہٕ اشناہ کرِتھ پرُژھس تمہٕ۔

"کیازِ نہٕ" سو ووٚتھ درجواب۔ "اگر ژٕ یہِ بروٚنٹھے پرُن اوسُے

تگان۔ تیلہِ لگی نہٕ تارٕ تہٕ ہیٚنچھ نَس۔ آوٕ نہٕ ییرٕو۔ گو تہٕ گاسوٚ۔"

" وَچھ بِبا کُہ کھتاہ تہٕ چھُنا۔ دیوتاہن ہنزِ مورتہٕ وِچھ دِچھ۔ ما چھُہ کانٛہہ دیوتا بنان۔"

"ہوٚں" خوخولن گٔل نوو کٔلہٕ" کیٛتھہ چھُہ واریاہ۔ مثالہ باپتھ چھُنا وَنان زِ عِلم یوٚت کم پرِیہ زِ تیوٚتے پیٚیی نِندرِ جان۔ مگر پرِٛتھ کیٛتھ چھُ حرف بیٚرٕ منزٕ ے وُزان۔ تہٕ رِحس زولانہٕ کران۔ یِیٚتھ زٔن بہٕ آسانی سان اَتھس تَل روزِہ۔ اَدِ بی یِہ کُس اَچھُر گوٚ؟"

" لام" مانِجہ دوٚن۔

" ٹھیک۔ تہٕ یہٕ؟"

موٚٹھمت اَچھُر ژٕ یتَس پاوٕ نہٕ باپتھ تروٕ تمہِ اُچھن ہیٚٹھ زوتہٕ ڈیکس کھارِن گیٚیہٕ نہٕ پریتھ جیٚزِ نِشہ گیٚیہٕ بےخبر ہِشِس۔ مگر اُچھ چھِس جلدٕ ے۔ کینٛژھاہ اَچھن ہنزِ ٹھکہ نہٕ سَببہٕ تہٕ کینٛژھاہ موٚیسی کنٛہ چھوٚٹ تَس اوٚش۔

" ہِتھ۔ یُن چھِس ہیٚنچھ نہٕ ہیٚٹھ ہرٕ" تمِس لوٚگ عینکہ "ژٕ تہٕ جی وُرِش مٲ تیتہ لُجس وعدٕ اَلِف بے پرٕ نہٕ!"

" وَدے" خوخولن دِتس تَسلاہ۔ "پیٚنہٕ نہٕ باپتھ آسیتھ ژٕ یہٕ پرِٛتھ زندگی ژٲ رٕ ہرٕ۔ مگر تو تہٕ چھُے ژٕ یہٕ یتہٕ پتاہ زِ یہٕ زندگی کاژٕ اہ خراب آس۔ ساسہٕ بدٕ ہوٚ گٔمہٕ، یوٚدوٕ ے تِمہ پرِٛتھ ہاٚں، ہیکہ ہاٚں جان پاٹھی لَسِتھ بَسِتھ۔ اَما پوٚز تِم چھِہ پوٚشِن ہنٛدِ ہ پاٹھی زِندٕ ہ روزان۔ تہٕ

اَکھ بیچھٹ چھ سَمَرٕ تہٕ تھَوان ۔ یہٕ کیاہ اَز کوٚر انسانَن کامہٕ دمہٕ ہانٛہ بٔتہٕ کالانیوٚن کھیچھ ۔ اگر اَتہٕ موہ لِتھ آسِہس ۔ نیٚنہٕ شرٚیہٕ پاگدٕہ کرِتھ یِمَو سیٹھہٕ کرِن گوہ ڈٕہ گوہ ڈٕہ پانَس دِل بہلائی ۔ مگر یَیلہٕ تہٕنٛدٕ بڈٕہ ہٕنز یٚتہٕ تہٕنٛدٕ اوزٕگ بوٚنٛدٕ بَس کرٕن پیوس ۔ اُتی پھٕڈٕہ راوٕن یِمَو تِمے بیچھٹ ہاٹھ نٕہ لیکھرٕ ژارنہٕ ۔ ہیا وٕلی وٕلی بڈٕی وٚ سوروٚ ! وٕلی وٕلی گرٕی وٚ نوکری آسہٕ چھ گَژھ چھ پنہٕ نیٚن شرٕین گرٕگی گیٚن ہوی بناوٕنی یَژھان ۔ مگر شرٕی چھ پانٛنے پنٛنہ یڈ پالنہٕ باپتھ کامہٕ نیران ۔ مان تہٕ پنٛنہ زندگی کھکھرٕ یِکہٕ نادان ۔ اِنسانن منٛز چھ تِمے شمار ۔ یِم انسانہٕ شُند دیماغ زوالہٕ تو منٛزٕ کڈنہٕ باپتھ پنٛنہ زندگی آیہٕ تَن تھوَن ۔ ژیہٕ تہٕ چھکھ پنہٕ مقدوٗرٕ موجوٗب یِہائے کام مَٹہٕ ہیٚبِتھ مرٕ شہٕ ۔"

"کمہٕ ۔ میا ؟" تَس چھیہ شے یہٕ ہٕشِن ۔ "بہ کیا ن ہیکہ کرِتھ ؟"

"یہٕ کیہ چھکھ وَنان ژٕہ ؟ زان تہٕ اُسو سارِی چھ روٗد ۔ یِمہٕ کیکھ اَکھ اَکھ پھیوٗر زمینہٕ سگہٕ وان چھ ۔ تہٕ یَیلہٕ ژٕہ پرٕنَس گوہ ڈ بَرِکھ ... ."

وَنان وَنان ژٕدو تمی اُسن ۔ تہٕ ہیوٚلٕٹھ کٔمرَس چکر دِنہٕ ۔

"ژیہ پزی منوّرٕ ڈٔر پرٕن ۔ پاوٕل وانہٕ حیلہٕ گرٕہ ۔ تہٕ یِتہٕ ؟ واہ وا !"

"آندریوٗشا ! ماجہٕ وُژھ ۔" لوکہ چارَس منٛز چھ سوٗرے کینٛہہ سہل باسان ۔ مگر پتہٕ ــــ یِیرژٕ پریشانی یہٕ ، یِیرش کمزوری تہٕ بیچھٹ دیماغ ندارد ۔"

# ۱۸

تمہ دوہہ شامس ییلہ خوخول ہیرتانی دراو۔ ماجہ زائجہ بُتھ تہٕ بیٹھ موزہ ووتہٕ نہٕ۔ مگر سہ وُنہہ پیٹھے تھوو۔ اوٚرہونہ یوٚر کر لٔج کمرس چکر دِنہٕ۔ یتہ سید ے یہ ہوکس کُن۔ اتہٕ کوٗرن برٛبند۔ تہٕ یوٚت کھوری دراہہ وایُس تیمس آسہٕ بُتھ چھوران۔ دارِ ین پردہ ترٛاوِتھ کڈ تمہ المارِ منٛزہ کِتاب۔ تہٕ بیہہ اکہ کُٹہ بیٹھ میچس نکھہ۔ ینہٕ کِنہ یوٚرہ حِس کرنہٕ یتہٕ لٔج سہ کُن دِتھ اورہ یور نظر دِنہٕ۔ یتہٕ نیمے یہ سہ کتارہ بیٹھ۔ تہٕ تس ہیرہٕ ن وُٹھن حرکتھ سپدٕنی۔ سرٕ کہ طرفہ اوس صداہ گرٛزھان۔ تہٕ سہ اٚس وۄدہٕ ہتھ کڈان۔ کتاب اتھن منٛز ژوٚرہ تھوان۔ تہٕ وارہ کُن دِوان۔ یتہٕ کوٗز تمہ اچھن ٹہٕ ٹوٚہر۔ تہٕ لوہ تہٕ لوہ تہٕ بیٹھ پھس پھس کرٕتھ پرنہٕ لام۔

لواسہ بے بوٗتل!

کمہٕ نام کوٗز دروازس ٹھک۔ تہٕ ماجہ گیہ دوہٕ ہتھ کھیتھ تھوٗدوٗتھ۔

کتاب تھوٗن دٕلی وٕلی المارِ منٛز تہٕ بانبرِ ہرٛزہ دِتن آلو۔

"کُس چھُوہ؟"

"بَہ ہے چھُس۔"

دارِ پھَش دِوان ژاوٕ رٮ۪ٚپن اندر۔

"گوڈٕ نۓ ٲسِکھ ژٕ زانہہ پرژھان زِ کُسوٚ چھُوہ۔ یہ کیا۔"

تٔمۍ وَنٕ:

"کُنی زٕ چھکھے۔ مےٚ دوٚپ خوشحال آسہ گرمی۔ مےٚ وُچھ سوٗ

اُزر۔ جیلَن نے چھِنہٕ سوٗ شُس کورمُت۔"

پتھر بیٚتھ لوٚگ سوٗ ماجہ وَننہٕ:

"دوہ لے کھتا باتھاہ ہیٚے کرو۔"

تٔمۍ ترٲو ماجہ کُن اکھ مانہٕ بٔرٕ ژ تہٕ سرسایے نظر۔ یمہ سیتۍ

تَس کیاہ تام خدشہ ہیوٚ باسیوٚ۔

"یہ چھٕ چیزٕ باپتھ گژھہ پونسہ ڈٲنگ آسُن۔" سوٗ دوٚپ تہٕ

پتہٕ بیگرِ آوازِ منز: "زیٚنہٕ خاطرٕ تہٕ مرنہ باپتھ تہٕ گژھہ پونسہ

آسُن۔ کتابَن تہٕ اشتہارَن ہندِ باپتھ تہٕ چھُ پونسک حاجتھ یوان۔

ژیٚہ چھیٚے پتاہ یمو کتابو باپتھ کیتہٕ چھُ پونسہ بٔٹان؟"

"مےٚ کیتہٕ گٔیہ خبر ہٲدِ۔" ماجہ وَن لوہ تہٕ ہٹہٕ۔ تَس تورٕ فکرٕ کیاہ

تام دٔلیل چھہ۔

"مےٚ تہٕ چھِنہٕ خبر۔ پتھ رُود سوال زِ یمہ لیکھان کُس چھُ؟"

"کتابہ لیکھنک عِلم زانن والی۔"

"گوٚنار پٔس لکھ۔" رٮ۪ٚپن وَدٕ تہٕ۔ تٔمۍ سِندِس ریشہ دار تھُجھس

لوگ کرہہنیارہ سان وۄنہٕ جارُک پھش ہیوٚ " دۄیمِ لفظن منز
یہِ زہٕ دیارہٕ واٚلی چھہ یمہ کتابہٕ لیکھان ۔ تہٕ بیٚیین نِش واتہٕ نادان ۔ دۄیمہ
کتابہٕ چھہ یمن دیارہٕ والہِ نٔبے خلاف آسان ۔ ژہٕ بے وَنتہٕ زہٕ عام لُکھ
پانس خلاف تُلنس پیٹھ ییٚس پوٚنسہٕ یم خرچاوان چھہ ۔ تمیُک مفاد
کیہہ ؟"

خوشہ سیٚتی ژۄل ماجہ ہیکھ نیرِتھ ۔ تہٕ ماجی ہیتہٕ نس
پھورِنی " کیہہ ژہٕ کیاہ چھکھ وَنان ؟"

"آہ " ہا پتہٕ سیٚندی پاٹھی پوٚت پھیرِتھ دوپھ رحیمن ۔

" اصل کتھ چھہ سہ ہے ۔ میٚہ تہٕ گوٚ یی ۔ یلہ میٚہ اکھ پیٹھ سوٚ چھہ
میٚہ پھۄٹ ژۄن عارکھ "

" ژہٕ یہ چھیا کینہہ نسبتھ زہٕ ؟"

" اُسہٕ ہے واٚجب ! " رحیمن دوپھ درجواب " میٚہ چھہ فکرِ
ترٲن اُسی بنائہٕ کھ جارِ ۔ میٚہ چھُنہٕ تمیُک کانہہ دافاہ نظرِ تل ۔ دَپھ
پننہٕ جایہِ چھُم بیہتھ زہٕ اکھ منز چھہ کیاہ ہتام ژھل ضۆرۆر ! یم رٔیس چھ
بڑہٕ چالاکھ آسان ۔ بہٕ چھس یزِ ژھاران تہٕ دۄنی توٚر میٚہ یزٕ فکرہٕ ۔ تہٕ
یہ دِمہ نہ دۄنی زانہہ تہٕ یمن دیارہٕ والین ساتھ ۔ یلہِ خوش کریکھ لتھا
دپھ ترادن میٚہ پتھر ۔ تہٕ میانہِ اڈی جوٚ بیٚٹھی پکن تھتھ کُنی یتھ کنہ زن
کدلس ترٲن چھہ "

اہتہٕ زو کتھہٕ ووٚت شکنجکھ پاٹھی ماجہ منہ دِل گرفتس منز ۔

"رِمیانہِ مسیحا!" غمَن مَنٛز بوٚدِتھ وۄن تمہِ "تہٕ تہٕ چھا زٕ پاشا صٲب آسہٕ نہٕ اَتھ پێٹھ خبَر؟ تہٕ تم سارِی لُکھ ییٚم..."

اُہنٛزِن چٔشمن بٕرونٛہہ کُن وۄتلےٚ یہِ یِگور۔ نِکولائی ایوانووِچ تہٕ ساشا یِہ ہِندی سنجیدٕ تہٕ خوٗلٕوسہِ ہُتھ بُتھ۔ تَس ہیوٚتُن نبض تیز تیز وۄتھُن۔

"نہٕ نہٕ!" کلہ ہِلِہ نأوِتھ وۄٚنُن سعہ "یہ کَرہ نہٕ اَتھ پێٹھ پٔرتھ ییٚم چھ باضمیر لُکھ۔"

"کیاہ مطلب؟" ہَناسہٕ بٔجتھ کوٚر رینبن سوال۔

"ییمَو مَنٛزٕ سارِی۔ اَکھ اَکھ نفر۔ میٚہ چھُ وارٕ وُچھمُت!"

"یِتہٕ نَس وُچھن یِزٕ مأجی۔ تور چھینہٕ جایہِ نظرےٚ پیوان ہَناہ وُچھ وارٕ پأٹھۍ"۔ کأر نوٚمرأوِتھ وۄن رینبن: "ییٚم لُکھ اَسہِ سٕتہٕ رَلے مِتہٕ چھ۔ یِنان چھُ زِتھَن ما آسن تم لُکھ ڈٲکھس۔ ییمَن صرف پننُن مفاد ڈوٗٹھُ چھُ۔ کانٛہہ اَکھاہ نہٕ چھُنہٕ ہَنکہ تہٕ منٛگہ پانَس خلاف ہٕٹےٚ وۄتھان۔"

یِتہٕ وۄن تمہِ اَکِس گرِ پیمہِ سیٚندِ ہمہ ڈٕل یقینہ سان:

"رییِس ہَندِ دٕسہِ چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ کأنسہ کانٛہہ سعہ چھ پلان"

"زٕ کٔرِن کیاہ چھکھ یِرٕھان؟" ماجہ پرٕژھس۔ سعہ بوڈیہ بِنیہ اَکِہ لٔٹہ شکن مَنٛز۔

"با؟" رینبن لوٚگ تَس کُن وُچھنہِ۔ پَتہٕ دِتُن دَم۔ تہٕ وۄنُن:

" رئیسَن نِشہِ یوٗت دوٗرِ روزِ انسان۔ تیٚہ تےٚ چھُ حبانہٕ
اصل کتھ سوٕے۔"

اَمہِ پَتہٕ گو سُہ مشہوٗم۔ تہٕ کرُن ژھوٕپہٕ۔

" بہٕ اوسُس پیٚمن باجن سِٹھاہ ژلُن تہٕ تہنٛزِ وَتہٕ پکُن پزھان۔ بہٕ چھُس پزِھ کامہِ خاطرِ سیٚٹھاہ لگہٕ ہار۔ میٚہ چھِ خبر لکن سِٹھ کیٚتہ کنہٕ گژھن کتھ کرِنۍ۔ مگر وونۍ نیرِ بہٕ۔ میانۍ پزھ گیہِ ختم۔ اَوِہ کتو پزِہ میہ گژھن۔"

کٕلہ بوٚن کٔن ترٲوِتھ لوٗگ سُہ کیاہ تام سوچنہِ۔

" بہٕ چھیرِ گژھہٕ ژوٚن گامن تہٕ دِہن منز۔ تہٕ عام لُکھ کرکھ بیدار۔ تِمن چھُ سوٕرُے پانَس اَتھہٕ رَٹُن۔ اگر تِمن اَکہ لٹہِ تہٕ فکرِ تِزِ۔ تم کڈن اَدِہ پانے پنٕنۍ وَتھ۔ میانۍ کام گیہِ تِمن فکرِ تارُن زہ تم چھِ پانے پنٕنۍ کنٕنۍ تہٕ کیپول ووٕنیس۔ تہنٛد کُن دِماغ چھِ تِمن پنٕن دِماغ۔ اصل کتھ چھِ سوٕے۔"

ماجہِ گوٚو اَہند کیاہ تانۍ۔ تہٕ کینژھاہ باسیوس تہنٛدِ طرفہٕ خدشہ تہٕ۔ تَس اوس نہٕ سُہ زانہہ تہٕ طارِ کھوٚتمُت۔ مگر ووٕنۍ خبر کیازِ باسیوس ژوٚکھ ہیٚنۍ۔ تہٕ سہ وَژھ بڈہِ زمی سان۔

" ہتا رَٹِت ہا نِتی۔"

رُہن لوٗگ تَس وُچھنہِ۔

" رٹِم تہٕ بے شک۔ مگر پَتہٕ تراوٕم یٕلہ تہٕ۔ تہٕ بہٕ کرِہ بیٚہنۍ۔"

" گامی رَٹِنے پانے تہٕ ٹھکہٕ نے جیل۔"

"سزا کھیمہٕ تہٕ بتیہ نیرِ نبر۔ تہٕ بنیہ کرہ کأم شورُ۔ دوہ نی رۄدس کأمی۔ تیم رٹن میہ اکہ دوہ یہ نزیٖیہ لٹہ پتہٕ سوٚنچن زہ اَمس گنڈ پھرنہٕ کھوتہ چھُ نا بہتر اَہنز کھتے بوزو۔ تہٕ بہ وَنکہ، میہ ما کرِو پرنہٕ صرف بوزو میون۔ تہٕ یتھے تم اکہ پھرہ ہیاگی کتھ بوزن۔ پتہٕ کرن پانے پرنہٕ تہٕ۔"

سوٚ اوس وارہ وارہ بولان۔ زن تہٕ وَنہٕ بہٕ برونٹھ اکھ اکھ لفظ تولان اوس۔

"میہ وُچھ پتہٕ مین دوہن منز وارِیاہ کینہہ۔ بوزُم تہٕ تہٕ ہیو چھُم تہٕ وارِیاہ۔"

"میخائل ایوانووچ! مارہ ہا گژھکھ! افسوس سان کلہٕ گلہٕ نادِتھ ووٚن تمہ۔

کرہنو منڈل کرِتھ اُچھو سیتی بوٚلھ سوٚ ماجہ کُن توقواہ سان مگر وُریہ پاٹھو مٔدس گنڈتھ وُچھنہٕ۔ تمہ نومرود پنن ویوٚھ ویوٚھ بدن اُچھو سیتی کرن کرسی ہندس تختس تھچھ۔ تہٕ کرہنہٕ ریشہٕ منزی باسیوٚ اُموٚشند گیٚشوم بشتھ لیدر یومُتھ۔

"چھیہ خبر عیسا ہُن کیاہ چھُ بیاگلس متعلق دوٚنمُت؟ دُبارہ زُوہ تہٕ معکھ چھُ اَمس مرُن پیوان۔ مگر بہ مرہ نہٕ ترتیوات جلد۔ بہ چھُس سشاجہ ہندی پاٹھو چالاکھ۔"

تمہ اَلہٕ رووٚ کرسی منز یان تہٕ بانبرِ ورأیی ووٚتھ تھوٚو۔

"اَدٕ بی بہٕ گژھے وۄنی شوٗہ راب خانس تام۔ تہٕ گرٕ کھنیہٕ بیٛہمہٕ ٹکن سیتھ۔ خبر خوخول کیا زِ آوَ بۄز۔ سُو لوٗگے بتیہِ اُتھو کامہ؟"

"اِیں" اَسُناہ کرِتھ دوٚن ماجہ۔

"جان گوٚ۔ اَدٕ بی ڈُیزٕ نیس بہ اوسُس آمُتھ۔"

نکہِ نکہِ اَکھ اَکس کنُ چشمہٕ تُلنہٕ وراَیی درایہِ تم لوٚت پاَٹھی کھتھ کران چوٚکس کنُ۔

"اَچھا خودایس حوالہٕ!"

"خودایس حوالہٕ۔ کاَم تراونیچ شیٖچھ کرِتھ کارخانس؟"

"سوے میٚہ برونٹھے دِژ۔"

"تہٕ نیرَکھ کرَ؟"

"پگاہ صُبحاَے۔ خودایس حوالہٕ!"

بیدلی سان تہٕ بیڈول پاٹھی تمیوٚ ربہن دروازس نکھہ تہٕ ووت ڈیرٕ نِش۔ منٹس کھنڈس پتہٕ ماجہ اَمی سیندی گوہ بنی گمہٕ بنی قدمن ہنٕ پینہٕ نِس دِلس منز وۄتلے ہنین شکن ہنٕز آواز۔ پتہٕ پھیر سہ لوٚت پاَٹھی۔ تہٕ ژایہِ دوٚیمس کمرس منز۔ دارِ تُلُق پردٕ۔ نیٚبرِ کنہٕ اوس اتہٕ گوٚٹ "بہ چھُس اَتہٕ گنٹس منز شہان"۔ تمہٕ وۄن دِلہ منز۔

اُمِس باوقار صحت مندتہٕ طاقت ور گرپسہ تیس بیٹھ آوٚ تس رحم۔

آندری آو خوش تہٕ خوش حال پاٹھی گرٕ۔

تَمہِ بوٗزُتھس رٮ۪ینٛژن ۔

” دمی تُس گامہٕ گامہٕ پھیرنہٕ تہٕ عدٕلچ تہٕ انصافچ مَنگ کرہٕ نہٕ تہٕ تِکھ دُزہٕ ناوَنہٕ ۔ اَسہٕ سیٹھہٕ پکھن گژھہ تسندہٕ خاطرٕ مُشکل ۔ تسندِس دیماغس منٛز چھ گرٕپسٕ خیال بَرٕتھ ۔ ساٗنِین خیالن ہندہٕ باپتھ چھنہٕ تتہ کانٛہہ وٕتھاہ ۔“

” سوٗ ہا اوس رٮ۪ینژن ہُند وَنان ۔ تہٕ یہٕ کینژھا وونُن ۔ تتھ منٛز چھیٚ کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ زوٗ زیٚتہٕ “ ماجہ ووٚن حیٚس کرُو کرُہ : یُتھہ نابہٕ تِمہ چارہ بناوَن !“

” گوَژٮ۪ینتہٕ پچھے تہندٕ پھہ شان ؟“ خوخولن ترٛوو اُشن ۔ ” ننکو ! پوٚفسہ ! کاش اَسہٕ آسہ ہے پوٚنسہٕ ۔ تیٚسلہٕ کیاہ گوِیوَ ! اَسو چھ وُذِ کین تہٕ بیٚین ہندِس ڈالھس پیٹھ کاٗم پکہ ناوان ۔ مثالہٕ باپتھ چھ نکولائیٚ ایوانو وچس پرٕپتھ ریتہ دوٚن ہتھ روٗبلہ تران ۔ تمہٕ منٛزہ چھُ سُہ ینزاہ اَسہٕ دوان ۔ باقی نفرتہٕ چھ اَسہٕ پی کران ۔ گُنہٕ گُنہٕ چھ یوٗنی ورسٹی ہندِسو اَڈٕہ بہٕ چھ ہتھ لڑکہٕ پوٚنسہ پوٚنسہ سعہ نبہٕ راٗدٕتھ سوزان ۔ رٮ۪ینژن تہٕ چھ بیون بیون قسمہٕ ۔ کینٛہہ چھ اَڈٕوَنی ژلان ۔ کینٛہہ چھ دوکھہ دِوان ۔ مگر ییمن منٛز ییم سارہٕ دِیے کھوتہٕ ترٛتی چھ ۔ تِم چھ اَسہٕ سیٹھا پکان ۔“

اَتھَن ہنٛزہٕ اوٚنگجہ پانہٕ وائنی دَبأدٕتھ گوَ سوٗ پوٗرہٕ یقینہٕ تہٕ پَژھہ سان بولان :۔

” ساٗنی آخری فتح چھ دوٗر ، سیٹھاہ دوٗر ۔ مگر گوہ ڈٕنکس

مئی ہَس پیٚٹھ کرَو اَسہِ اکھ لوکُٹ موکُٹ جشناہ۔ تہٕ یہِ جشنہٕ آسہِ شاندار۔"

رمبن سِنٛزَو کتھَو پیم شکھ ماجہِ ہِنٛدِس دِلس منٛز وۄدہٕ آدِی ہیتھ اُسی۔ تِم سپدی خوخول سِنٛدِ جوشہٕ خروشہٕ سیٚتۍ ختم۔ خوخول اوس پَنٕنِس مَستس زَلہٕ کَرِتھ تہٕ بعدٕن کُنۍ وُچھتھ ہورہٕ یور چکر دِوان "گُنہٕ وِزہٕ چھُ جذباتَن ہُنٛزِ غلبہ گی سیٚتۍ دِلس سۄ عالماہ بنان زِ انسان چھُ بڈہٕ مُشکلن وۄتراوِتھ ہیکان۔ باسان چھُ زِ یوت یوت گژھو تیوٚتہٕ چھُ پرِ پتھ اکھاہ سون سیٚتۍ بوج۔ سارِنٕے ہنٛدین وَچھن تَل چھِ کُنی نارہٕ برٕ یہ دُہان۔ سارِی چھِ زِرتی۔ دردبند تہٕ آسہٕ وِرِنی۔ اکھ بیاکھ پرزہٕ ناوٕنہٕ موکھ چھِنہٕ کتھ باتھ کرُنک حاجتھے۔ سارِی چھِ رلِتھ میلِتھ اکھ کُنۍ تہٕ عظیم آواز بنان۔ یتھ منٛز پرِیتھ کانٛہہ دِل ہنٛن ہنٛن باتھ گیوان چھُ۔ تہٕ سارِی باتھ چھِ جوٚئین ہندی باٹھی اکس دریاوس منٛز واتان۔ تہٕ دریاو چھُ موکہ جایہ سان واش کڈان، بدان تہٕ نوٚو زندگی ہِندِس خوشس کرِہ وِنِس سٕدرس کُنۍ گژھان۔"

ماجہ اُس ژھوپہٕ دَم کرِتھ بِہِتھ۔ تِکیازِ تس اوس پَنٕنہٕ تہٕ جایہِ خدشہ باسان زِ آندری سنٛدین خیالن ہُنٛدین گوٚژھہ تہٕ ژھینِتھ ہیٚن۔ تہٕ تیٚنٛز کتھ گژھہ تہٕ اڈہٕ لیکھی روزنی۔ یِمَن مقابلہ اُس سوٚ تیٚنٛز کتھ ہمیشہ دِل دِتھ بوزان۔ سۄ اوس سیزرہٕ سان کتھ کران۔ تہٕ تیٚنٛزِ کتھ آسہ دِلس شُنٛتھ گژھان۔ پاوِل زانہٕ ہے تہٕ پیش کالیج کتھ کرنۍ۔

مگر خوخول سٕنٛدِ وۄجوٗدٕکھ اَکھ حِصہ اوس ہر ہمیشہ اَتھ ہیٚش کالس منٛز شاہ ہیوان لبنہٕ یِوان۔ تسٕنٛزَن کھتَن منٛز اَمس تِمَن خوٚش یِن ہنٛز کتھ آسان۔ یِمہٕ زَن جبتہ رأژ ہندِ ین سارِ صِنے گوٚبرَن ہندِ باپتھ ییٚنز داجنہٕ آسہٕ۔ تہٕ ماجہ ہندِ باپتھ اوس اَمی خابَن زندگی، تہندِس نیٚچہ وِس تہٕ تسنٛدِ ین سِیٹھہ باجَن ہنٛزِ کامہ کارَس مانہٕ مطلب بوٚزمُت۔

" پَتہٕ چھہ انسان یکدم ہوشہ یِوان۔" کلس گلہٕ ناہ دِتھ تھوٚو خوخولن کلامہ جاری۔ "ہوٚرہٕ یوٚر نظراہ کرِتھ چھہ سوٗرے کینٛہہ ہوٚندر تہٕ موٚکرٕ باسان۔ پرٕ یتھ اَکھاہ تھوٚکمُت تہٕ ژرِ پس یِوان ہیٚو باسان۔"

سوٗ گو بڈِ دوکھہ سان بدلان:

"تکلَن ییٚھ پرٕزہ تہٕ پَرٕ ھہ کرنی۔ میہ چھُ پتاہ اَمہ سیٹھہ چھُ تکلیپھہ داتان۔ تکلَن گرٕ ھہ کھوٗژن۔ بلکہ گرٕ ھہ تِمن سیٹھہ نفرتھ تہٕ کرٕنی۔ اَکس انسانس چھہ زہٕ روح آسان۔ اِنسان دِیان اَمس سیٹھہ ورتاوِ ہا کُل ہم پاٹھو لول تہٕ مایہ۔ مگر تہٕ کِتھہ کٔنۍ؟ انسان کِتھہ کٔنۍ دِیہ تسند شخصس ثانی یُس اَکس جنگلی پوٚشو سٕندۍ پأٹھۍ ٹھولہٕ ییہ۔ یُس تہٕ انسانہٕ سُند روٗح وُچھتھ ہیکہٕ تہٕ یُس انسانہٕ سٕندِس جُتّس نہہ ناگوِتھ نیہ؟ انسان ہیکہٕ تہٕ اَتھ درگذر کرِتھ! نہ پینٛزٕ نہٕ باپتھ تہٕ۔ اِنسان ہیکہٕ پانہٕ خبر کیاہ تہٕ ژألِتھ۔ بلکہ اَمہ باپتھ زہٕ اَسی ہیکو تہٕ تِمن یہ باس دِتھ زِ یہ کینٛژھاہ تِم کران چھہ، اَسہ چھہ تِتھ سیٹھہ اتفاق کران۔ بییَن تکلَن شکلہ کرنچ کھہاژتھ پداوہٕ باپتھ ہیکہٕ نہٕ اِنسان ہنٛن کمبرٕ تِمَن آیہٕ تن تھوٚوِتھ۔"

تسنٛزِ اُچھ آسہٕ اُکہٕ ہِندرٕ رٕہہٕ سیٚتۍ ڈُزان۔ تِمۍ اوس ہِندِس کلہٕ نوٗم ووٚت۔ تہٕ مضبوٗطی سان اوس بولان:

"میٚہ چھُنہٕ کانٛہہ حق زِ کانٛسہٕ ہُنٛزٕ غلط حرکتھ کرٕ درگُذر۔ یوٗدوٚے میٚہ اَمہٕ سیٚتۍ ذاتس کانٛہہ دَدارٕ واتہِ تہٕ تہٕ۔ یتھ ہُنٛزٕ اَثر پیٚیہِ چھُس نہٕ بوٚے یوت روزان۔ اَز تَن دِمہٕ بہٕ کانٛسہٕ میٚہ زٕکھ واتہٕ ناوُنکھ اجازت۔ تہٕ یہٕ اَکھ لوٚکٹ کتھاہ زانٛہہ تراوہٕ اَتھ پیٚیہِ اُشناہ نہٕ ییٚگر میٚہ اَندھاوَنہٕ ییٚتہٕ رُٹی تَن سوٗ پگاہ بێیہِ کانٛسہٕ تہٕ بیہِ تَن تَس تہٕ پھِرِکہٕ ناوُنٕ پریتھ اَکِس گژھ نہٕ اَکی نظرِ وُچھُن۔ بلکہٕ یِزٕ اَسہٕ بدٕلہٕ ٹھنٛڈٕ دِلہٕ گٔژھن ژارٕ کرٕنۍ تہٕ وُچھُن زِ کُس اَکھاہ چھُ بہانہٕ کنہٕ تہٕ کُس اَکھاہ پَزٕ یہٕ چھُنہٕ زیادٕ وَنہٕ وِنٛی کیتھ۔ دَپہٕ پَزٕ تہٕ چھَ"

خبر کیاہ زِ پیٚیہِ ماجہ ساشایہٕ ہِنٛد زوٗن تہٕ یہٕ تہٕ تِمس افسرِ سٕنٛد "چھانٛزٕنۍ آئنہٕ ژوٗٹ آسہٕ تہٕ کرشھ۔" تِمہٕ دوٚپ ووٚنہٕ شا تراوِتھ۔

"یی تہٕ چھُ مُشکل!" خوخولن دوٚپ تھدٕ ہیٚتھ۔

"آ"، ماجہ وُژھ۔ یادٕ وترس پیٚیہِ ووٚتلے یَس رِیَنزٕ سٕنٛزٕ شکل۔ اَکہٕ پلکو پانٛٹھی وَزَن دار تہٕ یتھ پلہٕ مانٛزٕ کھرٕش ہرٕ اُس۔ تِمہٕ سوٗنٛچ پانٛنسے سیٚتۍ زِ ہرگاہ خوخول نتاشایہٕ سیٚتۍ تہٕ توٚہی نیچوٚ ساشایہٕ تِمہٕ سیٚتۍ کھاندر کرٕ۔ تیٚلہٕ؟

"تہٕ یہٕ کیاہ زِ چھُ بنان؟" خوخول پھیوٗر بێیہِ پنٛنِس موضوعس کُن۔ ووٚنی اُس تِمس اَتھ پیٚیہِ وارٕ دلچسپی تہٕ جوش ہُریوٚمت۔" یہٕ چھُ

بڑھی کتھاہ۔ یتھ زَن کائنہٕ تُہنٛدِس پیپھڑنس چھ آسان۔ یہ چھ اَدہ سٔیدان یکبارہٕ ساری چھینہٕ اَکی رٕتہ تبکہٕ۔ کُنی معیارکی۔ یم اکی سے ستھرس پیپھڑواتہٕ ناوِنی چھ ساٗنی کانٛم۔ دیماغَن یہ کینژھاہ سوٗنچھ، اَتھو یہ کینژھا پائدہٕ کوٗر۔ تہٕ سورُے چھُ باگراوُن۔ آسی دِموٗنہ لُکھَن کھوژہٕ نچہ تہٕ حسدکی غلام بنہٕ نہٕ۔ تیمن دِموٗنہ لالچُک تہٕ چارہ گی ہُند شکار گژھنہٕ!

اَمہ پتہٕ کرہ تیمو واریاہ لٹہٕ یژھ کتھ۔

نخود کاہس ہیچ کارخانس منٛز دُبارہ کانٛم۔ سوٗ اوس سورُے تنخاہ ماجہ حوالہٕ کران۔ تہٕ سعہ تہٕ اُس تیتھے کُنہٕ سبزہ سان تیہند رۄپیہ رٹان یتھ کُنہٕ زَن پادیل شُند تنخاہ رٹان اُس۔

باضے اوس آندری اُچھَن اندر سے مذاقچ چمکھ وَتھلاو دِتھ تس پرٛیژھان۔

"ننکو۔ چھُنے صلاح۔ ووٕنی پرو رژھ کھنٛج۔ یکہے؟"

سعہ اُس اُسان۔ نکار کران۔ تہنٛزن اُچھَن منٛز مذاقچ چمکھ ڈیشتھ اوس تس سکھ گژھان۔

"ہرگاہ یہ ٹھٹھے چھُ باسان۔ تیلہٕ کیکھ نِکرِ سے؟" سعہ اُس دِلہ منٛزی سوچان۔

مگر ووٕنی ہیوٗت تمہ وِزہ وِزہ کُنہٕ کُنہٕ لفظک مانے پرژھن۔ اَمہ وِزہ اُس نہ سعہ تس کُنہٕ چشمہ تُلان۔ تہٕ پننہٕ لہجہ اُس پننہٕ کُنہٕ یہوٗ سے ماٗل ہیوٗ بناوان۔ تیمس توژ نِکرِ نہٕ ماج چھ ژوٗرِ ژھیپہ پران۔ تہٕ تہنٛدہٕ

ننہ چھنکھ خیال کرِتھ ترۄو تمۍ تَس اَتھ مُتعلق پرٛژھن کرنۍ۔

" آندریوٗشا۔ میٚہ نا چھِنہٕ صاف لَبنہٕ یِوان۔ میٚہ ہا گرٕژھ عائنکھ آسُن۔" اَکِہ دۄہہ ووٚن ماجہ۔

" اَدٕ یہ کوٚسہٕ کیٚہتِ چھہ؟" سۄ ووٚتھ درجواب " آلتوارٕ دۄہہ مَن یِتہٕ میٚہ سیٚتۍ شہر۔ تَتہٕ ہمکھو ڈاکٹرس۔ تِتہٕ عائنکھ تہٕ اَنوٚ۔"

# ۱۹

سعہ گیہٕ پنٕنہِ کنہٕ تربیتہِ لٹہٕ پہٕ پرٛژھنہٕ زہ سعہ ہیٚکیا پاوہٕ لُس سمکھتھ کنہٕ نہ ۔ مگر پریتھ وزہ کورٕ مستنہٕ چھتو ، وعہ زلی بُحتو تہٕ نستہٕ موٗڈ پُلکو جزلن بڑہٕ مزی سان انکار ۔

"ژیہٕ بیٚیی وِنہٕ کم از کم اَکِس ہَفتس پرارُن ۔ اَکہٕ ہَفتہٕ پتہٕ وُچھو ۔ مگر فِلحال چھُنہٕ ممکن !"

سُہ اوس ڈُلوم تہٕ موٗٹ ۔ تیٚتہٕ فس وُچھتھ اوس ماجہ پیٚہ اُچھ ہُند خیال یِوان ۔ یُتھ زَن وار یاہُس کالس اَوری نقوٗشہٕ کنہٕ خٔبردار ۔ لاوِہ چھُہ کھسان ۔ سُہ اوس اموب پینہٕ نِن تیزہٕ تہٕ پرٛزمن دنٛدن لبٛدرِہ خلالہٕ سیٚتو تھُپھان آسان ۔ تیٚتہٕ رنگہ نچہ سبزا اُچھ آسہٕ مایہ سان اَسان ۔ تہٕ تیٚتہٕ آوازہ منٛزٕ اُس ہمیشہ بارٕزٕ تہٕ مُروت پریڈان ۔

" بُڑہٕ شائستہ چھُہ " تِمہ ووٗن خوخولس ۔ " پریتھ وزِہ اَسان آسان ۔"

" تُتھ چھا کینہہ شکہ ؟ " خوخول دوٗپتھ درجواب ۔ " تِم سارٕی چھہ

سیٹھاہ بڑتھ تہٕ نیک۔ اَسہِ ووٚنی۔ تِمَن چھُ حُکم سَیدان نِش یہِ ہا چھوہ
چالاکھ تہٕ ایمان دار نفر۔ اَمی سٕندِ کٕنہ خطرٕ ہیٚکہِ واتِتھ۔ تلہِ یہِ دیووٚن
پھِہہ؛ تہٕ تِم چھِ اَسان۔ تہٕ تَس پھِہہ کوٹھس کھاران۔ تہٕ تِمہٕ پیٚتہٕ۔ پیٚتھے
کُنہٕ اَسہِ ووٚنی روزان۔"

"یہِ نا چھُنہٕ تیٚتھ یُس یور تلاشی ہیٚنہٕ آیوو۔" ماجہِ ووٚن۔
"سوٗ ہا اوس اَکھ سوراہ!"

"یہمو منٛزٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ اَکھ اِنسان ووٚنہٕ نَس لایکھ۔ یِم ساری
بوزتھ گَکن دگرِ مار کرِ نکو ڈھہ کر۔ یِم گَیہِ تِہتھی اوزار یِہو سیٚنتھ اَسہِ ہاووٚن
گَکن مرِتھ چھِ پِوان کرٕنہٕ۔ یِتھ زَن یِم یِنہٕ نہٕ مرضی مؤجوب اَسہِ سیٚتہٕ یہ
خوش کرِتھ تہٕ ورتاوُن۔ پانہٕ چھِ یِم پَنٕنیو آغوبنٛ مقصد باکل اَنہٕ نہٕ
باپتھ سوی کرٕنی ہیتو۔ یِمَن یہِ کینٛژھا حُکم یِیہِ کرٕنہٕ۔ بوزشوز کرنے نہٕ ژھوتہٕ
دم کرِتھ چھِ سوٗ پوٗرہ کران۔"

آخرس میؤل تَس پاؤلس سمکھنُک اِجازت۔ تہٕ اَکہِ آتھوارِ
دوہہَن واتِس سہ جیلہِ کِس دفترس منٛز۔ تہٕ لوٚت پاٹھو بیٚٹھ اَکِس کوٗنس
منٛز۔ اَتھ لوکٹس، کمرس تہٕ بَہن تالوہ دار کمرس منٛز اُسی داریاہ لُکھ یِم
قیدین سمکھنہٕ باپتھ پراران اُسی۔ باسان اوس نِہ یِم لُکھ چھِنہٕ گہ ڈزنچھ
لبہٕ اور آمِتی۔ تکیا نِہ تِمَن اُس اکھا اَکِس سیٚتہٕ زان کاُرِتھ۔ تہٕ پانہٕ واقی
اُسی لوٚت لوٚت کتھن ہُند زال وونان۔ یِتھ کُنہٕ زلہٕ بیر صداہ کرنے
زال ییران وُچھ۔

"تہٕ یہِ بوٗزِو ؟" اَتھس منٛز سفری تھیلہٕ رٹِتھ، بوٗزِت ہُتھ کرِتھ اَکھ موہ چھِ زنانہٕ ووٚن۔" از صُبحَس نمازِ وِزِ ژوٚٹ گرجا گرِ کیو مُنتظِر دایِرن دٲلِس اَکِس لڑکس کُن۔"

"یِم سٲری لڑکہِ چھِ غنڈٕ آسان۔" اَکی بُڈن ووٚن۔ اُمس اُس پینشن گٲمتِس اَفسرن ہِنٛز وردی نالہِ۔

نِکہٕ تال، ژھوٚٹ قد، ژھوٚہ چہِ زنگہٕ، زیٚچھ نرِ تہٕ زیٹھہ ہوٕ نگنہٕ کرِتھ اَکھ ژھوٚٹ موہ ہنیوٗ اوس کمرَس منٛز بڈِ بیقرٲری سان ادرِ یور چکر دِوان۔ تہٕ بیگرِ تہٕ اشتہال تٔرِژِ آوازِ منٛز بولان۔

"باوُچھ تھٔدان۔ اَوے چھ کُکھ بدخیالئے بنان۔ کٲمواز یُس نہٕ کھٔنڈہار تہٕ لوٗہ۔ چھُہ ژمہ داہَن کوپیکن اَکھ پونڈ کِنہ نہٕ دِوان تہٕ ژمہ چھِ ہُند قیمتھ ووت بٔہِ ڈاہَن کوپیکن پیٹھ۔"

مُنٛزی مُنٛزی اُسی قیدی یوان۔ تِمَن سارِنے اُس سوُرہی رنٛگہٕ وردی تہٕ چمرِژی بُڈی بوٗٹھ لاگِتھ۔ اَمہ کنوٗ اُسی تِم ہوی باسان۔ کمرس اوس اوٚڑے گاش۔ تہٕ اوٚتت وٲتِت اوس تِھمَن دُگوش ہیوٗ گژھان یِموٕ منٛزِ آسہ اَکِس قیدِس کھوٚرن بریڈِ تراوِتھ۔

جیلہِ کِس یہِ پھتھ چیزِس منٛز اُسی بدلے اَکھ خاموش تہٕ کھرٕ دِنی سادِ گی ہشس۔ باسان اوس زَن تہٕ یِمَن سارِنے کُنَن اَچھ ہا گل چھ گٲمژ۔ تہٕ یِمَن اوس یہِ لاگِس نیٚکھت بوزنہٕ آمُت۔ یِمو منٛزِ اُسی کینٛہہ کُکھ بڈِ جبروٗ تہٕ سان سزاہ کڈان۔ باقی کینٛہہ نفر اُسی

کاہلی سان پیہرٕ وِدان۔ تہٕ کینہہ اُسہِ ٹھۄکِتھ کرِتھ باقاعدگی سان قیدین سمکھنہٕ یِوان۔ ماجہِ ہیوتُن بیقرارِی سیٹھاہ پھور دِتھو دِتھو گرٕ ژھنن پریتھ چیز کیہ موید س کرن واجنہٕ سادگی سیٹھاہ عارتن گرٕژھتھ اُسس سُہ ژُ پاسے پیتھ کنہ وچھان زَن تہٕ پانس کینہہ تہٕ اوسُس نہٕ فکرہ ترِان۔

اُمِس سیٹھاہ اُمی اکھ لوکٹ موکٹ بڈ ہیتھ۔ اُمِس اوس خضرکِ پاٹھو بُتھ ہوکھمٹ۔ دَپھ اُچھ آسس تونہٕ لۄبہٕ وُنہٕ۔ سُہ اُس پنیُن زاُوج کارٕ نیرِ ناوتھ سارے کتھ بوزان۔ تہٕ پریتھ اکِس کُن اُس دپہ دلیری سان تہٕ شوخ نظرو وچھان۔

" ژہٕ کُس چھکھ سمکھنہٕ آمُت ؟ " پلاگیا وُژھ لو تہٕ پاٹھوقس کُن۔

" پنُنِس ژُکس سُو چھُ یونی ورسٹی منز پران۔ " بڈ وُژھ لٹھدِ ہتھ :

" نہٕ ژُہ ؟ "

" بہٕ تہٕ چھس نیٖچو س سمکھنہٕ آمُت۔ سُو چھُ موزور۔ "

" ناو کیاہ چھُس ؟ "

" والاسوف۔ "

" میہ چھُ نہٕ بہٕ ناوٗ زانہہ کنَن گومُت۔ واریاہ کال ووت سازہ ؟ "

" قریبن ستھ ہفتہ۔ "

"میانِس لرٕکس واتیٖ ووٗنی دوٚہ رٕچھتھ۔" یُتھ وَنِتھ تیٚندِس وَنہٕ نہٕ کِس اندازَس منٛز اوس فخر ہیو۔

"اوہ اوہ!"

ننوتال کرِتھ بُڈان وِژ شرٛین ہُندی پاٹھو کریچھ:

"کانٛہہ روٗد نہٕ آب تاب۔ کانٛہہ چھُنہٕ قناعتھ کران۔ پرٕیتھ اَکھاہ چھُ شور یومُتھ۔ پرٕیتھ اَکھاہ چھُ وولیومُت۔ نہٕ باوٕ چھُ دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہٕتھدان۔ نہٕ آمی حسابہٕ چھُ لگن باوٕ وَسان۔ کانٛہہ اَکھاہ چھُنہٕ اَکھ تِدوٗرُک کرٕ نہٕ باپتھ کریچھاہ چکھاہ دِوان۔"

"بل کُل پوٚز ووٚنِتھ!" افسرن ووٚن۔ "ووٗنی گوٚو حد! وِز چھُ واتٕرِتھ زہ یَلہٕ زَن کانٛہہ ہٕتھدِہ آوازِہ منٛز کریچھ لایہٕ زہ 'خاموش! اَسہٕ چھُ اَمِکیُ حاجتھ۔ اَکہٕ روبہ دار آوازہٕ ہُند ضروٗرٔژ چھِ!"

ووٗنی لگو سارِی بولنہٕ۔ کتھہٕ ژاوٕ یہوے زوٗ ہیو۔ پرٕیتھ اَکھاہ اوس لٔسنس بٔسنس پیٹھ پنُن پنُن باوُن یَژھان۔ وَلہٕ سارِی اُسہٕ لوٚت لوٚت کتھہٕ کران تہٕ ماجہٕ آسہٕ نہٕ بیمہٕ کتھہٕ وِہان۔ تِہُندہ گرٕہ آسہٕ بدلے اَخبارٕ کتھہٕ شیدان۔ زیادہ صاف، سادہٕ تہٕ ہٕتھدِہ آوازِہ منٛز۔

وشہٕ زٕج ژُکو نجل داٗراہ کرٕتھ اکھ موٚٹ جیلرٕ ہیوت تیمو شُند ناوٕ۔ یتہٕ کرٕنَس لکھوٕرہٕ شورہ نظراہ تہٕ لنگان لنگان دراوٕ نیبر۔

"بیہ پیتر پیتہٕ تکھ"

پکان پکان گوٚو ماجہٕ منٛتھ زہ وَکہٕ رٕتھ پکہٕ ناوہٕ ہاتَس وٕلُولی۔

پاوِل اوس اَکِس لۄکٕٹِس کمرس منٛز۔ تہٕ اَسہِ وینہٕ چانٛژہ پلہٕ نووٗن
اَتھ واسہِ خاطرٕ تَس کُنہٕ اَتھ۔ پِھتھٕ اَسناہ کٔرِتھ کوٚر ماجہ تَس
سیتو اَتھ واس۔ تہٕ اَچھن لٕج وٕلی وٕلی ٹیٹھ وَہر کرٕنہٕ۔

" اَدِہ باتہٕ ــــــ اَدِہ باتہٕ۔" تَس توٚ گنہٕ اَمہِ ورائے کینٛہہ تہٕ
وٕنُن۔

" مائجی۔ دِل کرِہی۔" تسنٛد اَتھ پَنہٕ نِس اَتھس منٛز ژٹھنہٕ ووٚن
پاوِلن۔

" بہٕ ہا چھس وارِہ کارِہ۔"

" چھہٕ تہٕ یہ چائنٛ مائج۔" جیلرَن ترٛوو وشہٕ۔ " مگر ہٕنا روز دوٚر
پیہن وشہ دِنہٕ۔ پُھتھ زٕن منٛزِہ جائے روزِہ۔"

تمی کرٕ زیہٹھ زامناہ تہٕ وٕنُن۔

پاوِلن پرٛژُھس صحتُک تہٕ گرِیک۔ تَس اٚس ہَنہٕ کینہہ بدلنے
سوالن ہنٛز رائے۔ تِم سوال بوزنہٕ خاطرٕ ہیٚر تمہٕ ینچہِ سینٛزن اَچھن
سام۔ مگر بلہٕ۔ سُہ اوس پریتھ ڈیہکی پائتھ سوٚکٕنہٕ سان۔ یوٚدوے سُہ
رٕژھا لیدریمَت ہیوٚ تہٕ اَچھہ آسس برٛونٹھ مہٕ کھوتہٕ بجے پہن باسان۔

" ساشا یہ ہا چھنہٕ سلام سُوزمرژ۔" مائج وٕنُھ۔
پاوِلس لگو ٹاٹر نٔنٹہِ نہٕ۔ پُھتھ زمیوس ہیوٚ۔ تہٕ تمِس پھوٚل وٕچھُن
پیٹھ اَسُن۔ ماجہ باسیوٚ وٕ چھُس منٛز اَکہٕ سَنہٕ وٕن دود ہیوٚ۔

" کِہو ژیہ تراوِہ نیاوٕلی وٕلی؟" تمہٕ پرٛژُھس۔ سُہ اَس

کینٛژھا خفہٕ نتہٕ کینٛژھا ناراض۔" آخر ژٕہ کتھٕ بیٹھ نیوٗکھ یمو رٹتھ؟ تم اِشتہار ہا چھہٕ کارخانَس منٛز بیٚنیہ ننٛز درامتی۔"

پاوٚلس ہیوٚژن اُچھ پرینٛز لبنہٕ۔

"پرٛزی ہے؟" تمو پرٛیژھ وۄلی وۄلی۔

"ہا ہا پرٛژھن کتھن چھُ ٹاکھ" نندرٕہ ہرٕژہ آوازٕہ منٛز وۄنُتھ جیلرن: "تہٕ ہینکو صرف گرچھے باژرٕ کتھ کرِتھ۔"

"یہٕ چھنا گرِج کتھ ژٕہ؟" ماجہ کوٗر احتجاج۔

"میانِس چھُنہٕ اَمیک کانٛہہ جواب۔ دٔلیچہ یمن کتھن چھُ ٹاکھ۔" جیلر وۄنُتھ بے غرض یاگھٹو۔

"اَدٕہ بی تراو۔ گرچی کتھ بوزٕہ ناوٗ۔" پاوٚلن وۄن "یپٲرِس وکھتَس کیہہ رٛوزِکھ ژٕہ کران کراوان؟"

اُچھن منٛز شرارتھ پرینٛز لاگِتھ وۄن تمہٕ:

"ہتا یہ ہا رٛوزِس تم سارِی چیز کارخانَس منٛز واتہٕ ناوان۔"

سۄ رُکے یہ۔ تہٕ پتہٕ اُسناہ پھولراوِتھ وۄنُن:

"تی ہا پھلٕہ گوٚپی 'واٹھ'، تہٕ ماریایہٕ ہندٕہ کھیتہٕ چینکٕ سامانہٕ تہٕ بیٚنیہ چیز تہٕ۔"

پاوٚلس نوٗر نیکیہ۔ تمو ڈوٗل مَتیس اَتھ تہٕ اُسن رودٕکہ نیچ کوٗشش لوگ کرنہٕ۔

"یہ گوٚرٕٹ ژٕہ یِنہٕ نہٕ باپتھ گٔڈ تھے ژٕیہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ کام آمہ

سێتھ باسیٚ نہٕ پنٕنۍ پان کنۍ " سۆو وۆتھ ترٛٲتھ آوازٕ منٛز۔ تہٕ تمہ مایہ سان یمہٕ سیٚ نہ ماجہ ہٮ۪نٛدین کمٕنۍ نزانٛہہ تہٕ گامُت اوس۔

" یٚیلہِ تم اِشتہار نٮ۪تھ دراسیٚ۔ میٚیہ نہٕ کرِکھ تلاشی "۔ تمہ کوٗر فخرٕ سان ایلان۔

" بٮ۪یہِ لاجوٕ تہ ہا یہ تمیٚ کیتھ کرٕنہٕ " جیلرس کھرٕژکھ " اکہِ لٹہٕ ہیٚ دۆنوٕ ییمٕنۍ کیتھٕنۍ چھُ ٹھاکھ۔ لیکن چھہ اوٕہ باپتھ اندر ٹھکان۔ یُتھ نہٕ تیمٕنۍ نٮ۪بر ییٚن کیتھٕنۍ گینہ بےٚ پناہ لگہٕ تہٕ ژٕ چھکھ بدلےٚ کیا ہتھام ! جان گوٚ یمٕنۍ پیٚچھٕنۍ ٹھاکھ آسہِ کرنہٕ آمٕت۔ تمہ نارٕنی پانس فکرٕ "

" بس ہیٚ ماجی " پاوٕلین وۆن۔ " ماتوہی ایوانو وِچ ہیٚ چھُ بڑٕ رُت معہ ہینیوٗ۔ تہٕ یہ ناراض کرٕ سێتھ نیرٕہ نہٕ کینہہ۔ اَسہِ چھہ پانٕہ واگٕی جان دوٗس۔ چانٛہ نس یور پنٕنس ییچھ لجٕ امس اَلہِ گاٮ۪بےٚ یُتہٕ ڈیوٹی۔ تہٕ چھہ یہ کٲم نائب افسرٕ سٮ۪نٛز "

" وۆنکھ معہ کلیوفٕ ! " گرٕہ گوٚ چھُنتھ وۆن جیلرن۔

" شکریہ میانٛی ٹاٹھی ماجی " پاوٕل دوٚپھ۔ " یُتھ نےٚ پریشان گژھکھ۔ میٚیہ ہیٚ ترٛاوٕنۍ جلدےٚ "

تمہٕ رٹ ماج زورٕہ نالہٕ مٔتہ۔ تہٕ تس دِتٕنۍ بوسہٕ۔ سہ سپُز تیٚژ متاثر تہٕ خوش زِ اوش پھوٚٹس۔

" یکھ یکھ " جیلر دوٚپھ۔ پانٕس سێتھ کڈتھ وۆن تمہٕ ڈولو منٛزی۔

" وَدمیہ۔ اَمِس تراوَن جلدٕ ے۔ سارِہ نٕے تراوَن۔ یَتہِ چھہ واریاہ سمے میتوٕ۔"

گرِہ دٔ اَتھ دوٚن تمِہ سوٗرُسے کیٛنہہ خوخولس۔ سعہ اُمس نہ کٔنہہ ویژان تہِ آسان۔ تہٕ تمہ آسَس وعہ ژٕ ہیٚشہ کڈان۔

" یمہ اندازِہ میٚانِس دوٚن۔ تہٕ اوس وُچھن لایکھ تِمَس توٚر فِکرِ۔ گوٚ زٕ گُھس ناترُن۔" تمِہ ترٛوو ووش۔" نتہ ما دِہیم تمہ لول سان اِجازت۔ سوٗ مازانہٕ تہِ!"

" زِ تہِ ہے چھکھ عجیبِے مأجی۔" خوخولس، آو اُسُن۔ " لکِن گرٛزھن رنگہ رنگہ چیز آسنہ۔ مگر مأج صرف لول ژھانڈان۔"

" آندریوٚشا۔ تہٕ نا چھنہ کَتھ۔ اگر ژٕ تِم لکھ وُچھ ہٲکھ۔ اَدِہ ترٕ ہی فِکرِہ۔" سعہ وَژھ یکہِ تہٕ جوشہ سان۔" تِمَن ہا عجیبِ پاٹھو اَچھ ہٲل گٲمِژ! شُری چھکھ جیلَن منٛز ہُرٕ سہِ میتو تہٕ تِم تِتھ کٔنہ بُھیران تھورٕ ان زن تہٕ کٔہنہ چھُ نسُپدِمُت۔ توٚر داتان۔ ریہان۔ پراران۔ خبرن پیٹھ کتھ باتھ کران۔ آخر کیازِہ؟ یوٚدوے پٔرِ میتن لکن اَچھ ہٲل گرِتھ۔ اَسہ ان پرٛن زنش کیاہ آش گرٛزھ تھوٚنی؟"

" کتھ چھہ صاف۔" پنہ نِس خاص ہزٕل دار اندازس منٛز دوٚن خوخولن۔

" قونوٗن چھُ پرِیتھ صوٗرتس منٛز تِمَن سانہٕ کھوتہ زیادہ ریایَتھ کران۔ تہٕ یمَن چھُ سانہٕ کھوتہ زیادہ قونونک ضروٗرت بھ۔ اَوٕ ے

یُلِہ زَن یِمَن گٔنہٕ وِزِہ قوٗنوٗ رٕنج ژٕنڈ پیوان چھَہ۔ یِمَن چھُہ بُتھہٕ اَلوند
گرٛٹھان۔ مگر زیادٕ پٔژ۔ یَنہٕ پٔژ لورِ سٟتۍ مار کھیٚون چھُہ بیٚیہ سٟتۍ سٔنزِ
لورِ سٟتۍ چوب کھینہٕ کھۄتہٕ زٮ۪ٹھ باسان۔"

# ۲۰

اَکہ دۄہ ہیٚہ شامَن بأگۍ اُس مأج موزٕ ووٚنان تہٕ خوخول اوس
قدیم روماہس متعلق لامَن ہیٚنزٕ کِتابِہ تام بغاوتُک حال کتابہ منزٕ پٔرتھ
بوزٕ ناوان۔ زٕ بٔرس گۄ زورٕ ٹاس۔ تہٕ خوخولن ییٚلہِ تھوٚد وُتھیٚتھ بَر
مُژہٕ روو۔ اورٕ ژاو وسوف شپکوف کرٕتھس تَل گھرٕ ٹاہ ہیتھ۔ تِمو
اُس ٹوٗپی پیٹھ کُنۍ تھوٚوٕمٕژ۔ تہٕ کوٹھین تانۍ اوسُس رُبہ گوٚہ تہٕ گومُتھ۔

" بٔ ہا اوسُس ییٛأرِ ہِکان زٕ یِتہٕ گوم گاش نظرٕ۔ دۄ بُم ہمکھہٕ
جیلہ پیٹھ چھُس سیٚنو دُسے پکان" سۄ دۄٚ بُتھ عجیب آوازاہ کرِتھ۔ پلاگیاپہ
سیٚٹھی کوٗزِن دۄر اَتھ واساہ۔ تہٕ ووٚنُن:

"پاویلن ہے چھنے بسیار سلامہ سوزٕ مُژہ۔"

سوٗزن اوس کنڈین پیٹھ۔ وۄدأسی تہٕ شکہ سان تراوۍ تِمو
ساأرِی سیٚ ہکرس نظراہ۔

ماجہ اوس نہ سۄ خوش کران۔ تِمو سِندِس ژُکھانٹل نیکہ نیکہ
مَس کرِتھ کلس تہٕ نیچن نیچن اُچھن منز اوس کٔسُس تام ہیم ناکھ چیزاہ ہیو

باسان ۔ مگر از راتھ کیٚنھہ تَس ڈیشِتھ سپیٚز مأنۍ خوش ۔ تہٕ تَس سیٚتۍ کتھہ کَرٕنۍ وِزِہ لَجۍ سعہ مایہ ہیوٚت اَمِّن کَرٕنہٕ۔

"ہتا ژٕ کوٚ تہٕ ہو نکیو مُشتہٕ چھکھہ ؟ آندریوٗشا ۔ یہ چاوون ناچایہ پیالاہ ؟"

"میٚہ ہے لوگ پانۍ سماوار۔" چوکہ مٔنزٕ سے دِژ خوخلن کریکھ۔

"اَدٕ با پاوٕل چھاوارسے ؟ بٔنیِہ تٕرو وکھا کانٛہہ ؟"

نکولائی ہن نٔومرود کلہٕ ۔

"پاوٕل چھ ژہڈ کرِتھ پاران ۔ بیٚۓ اونٛت ہے ترٛو وہس ۔"

کلہ ٹھوٗدٕ تُلِتھ ترٛاو تمۍ ماجہ نظراہ ۔ نٔہ وارٕ وارٕ تہٕ وُٹھ ژاٗپۍ ژاٗپۍ لوگ دٔنۍ نہٕ؛

"میٚہ دوٚپ تمن : ہے وہ نی ہیکہ نہٕ بہٕ ژاٗلِتھ ۔ میٚہ ترٛاوِ دیلہٕ نتہٕ گژھِ وٕہ میانہٕ دٕسی کانٛہہ مارٕ ۔ اَدٕ بہ تہٕ کوٚنہٕ مرٕ ۔ اَدسے ترٛووہس بہٕ بیلہٕ ۔"

"ہے ! " ماجِ کھٔتیہِ دٕوٹھ ۔ تَسنزٕن مُدسے گنجہٕ مُژان تیز نظرن کُن وُچھِتھ گٔیہِ تَس پأنۍ پانئے اَچھ بند۔

"فیدور مازن چھاوارسے ؟" خوخلن پرژھس چوکہ مٔنزٕ سے۔

"وٕنہٕ تہٕ چھا شائیری کران ؟"

"آ۔ وٕچھ میٚہ چھُنہٕ فِکرٕ تران ۔" کلس گٔکِن دٕتھ ووٚن نکولائی یٔتہ۔

"خبر کیاہ زامان پانس ۔ شایدٕ بول بوشِش کرٕ وُن جانہٕ وار ۔"

ٹھیپس بوٗزِک نہ بوٗزِک زبول بوش شوٗرُو۔ مگر اکہ چیزِ چھم خبر تہٕ گوٚیہ زِ یہ گژھہ نہٕ وونی گرہ۔"

"تتہٕ چھِے تہٕ کیاہ ژہ گژھکھ؟" کیتہٕ ژاپ دِتھ وُنُھ مائج۔

"ژھوٗر تہٕ چھینن گرہ۔ ہندرِ گژھ۔ بہٕ چھس کانہہ چیز ترٛن تیٚمہ ہیوٗ۔"

تمہٕ ووٚن نہٕ کینہہ۔ اِلا رُود اَچھ ژوٚمہ راٗوِتھ وُچھان۔ یٚتہٕ کٕڈن ڈبی۔ سگریٹاہ زولُن۔ تہٕ ہواہس منز رٕلہ ورٕنس دٕہس کُن کرِن نظر۔ یٚتہٕ دِژِن ہوٗنی سندِ پاٹھی جیرِ چھتہٕ کرِکھ۔

"اَوہ۔ یِزی آسہ چھتہٕ چیز ہانیومُتھ۔ وُڈِ لہٕ تہٕ گگر آسن یٚمترِ سیٹھ لگیت گامتہ۔ پٲگیا طووتا۔ بہٕ ہیچہ راتھ یٚتہٕ کڈِتھ باتھن کُن فٕیچھنہٕ ووٚنتھ سوٚ بیگمہ ہیٹہ۔"

"اہنو کیا زہ تہٕ؟" سعہ وُژھ وُلی وُلی۔ تَس بروٚنٹھ کنہٕ اُس سعہ اکھ عجیب قسمُک بیقراری ہیش موحسوس کران۔

"از کل چھہ گلن پننِس مائلس ماجہ ہندِ کال گژھان۔"

"کیاہ؟" ماجہ پریژھ تاجبہ سان۔

تمہٕ ووٚچھ ماجہ کُن۔ یُتہٕ وچن اُچھ۔ یٚمہٕ کنہٕ اُمہ سند مُسکُنتھ اوسن ہیوٗ باسنہٕ لوگ۔

"دوپُم تیتھے وکھ آو۔ زہ گلن چھ مائلس ماجہ ہندی کنہٕ منز چھ ریوان۔" وومشا ترأوِتھ ووٚن تمہٕ دُبارٕ۔ "پاول منزہ چھووٚ زانہہ نہٕ چانہِ باپتھ۔ وچھ نیہ چھہ پننِس بُڈِ مالِ سندِ کال گژھان۔ بہٕ تراوِ نہٕ

زانٛہہ ہیٚ تٔھکھ گرس منٛز قدم۔ نہ چھُکھ موسئے نہ گمہٕ۔ اگرچہ تےٚ میٚیٚ کُلیسہ حوالہٕ رٲچھو آسہٕ ہٲن۔ بہٕ ژٕ لیٚہ ہساہیبیٚہ یلہٕ۔ تمہٕ کرہ ہٲکھ جلاہ وطن گٲمتو تھٔکھ آزاد۔ قائدِ منٛزٕ ژٕلنس منٛز کرٕ ما تمن اُتھہ وقتہٕ۔"

حسّاس دِل آسنہٕ کِنہِ نوٚر ماچہ فِکرہ زہ اُمِس لڑکس کوتاہ دہہ کھٕ چھُ ووتمُت۔ مگر اُمی دہہ کھٔتن ہتہٕ دُزہ ناوتہٕ تسیٚنٛز ہمدردی۔

"یِلہِ یی باسان چھُے۔ تِیلہِ گو گژھنُے جان۔" سعہ وُژھہ ہیٚ سوٚچنہ زہ ہرگاہ ژھہ یہ کرِتھ روزِس۔ اُمِس ماگژھہ برتباہ۔ آندری دراو چوکہ منٛزہ۔

"ژہ کہہ یہ وُنان؟" تمہٕ کوٚر اُسُن۔

"اُدہ یا۔ بہ اُفوہ کھیٚنہ بایتھ کیٚنہہ۔" تھوٚد وُٹھتھ وُژھہ مٲج۔ خوخولس دَر نظر کٔرِتھ ووتھ نکولائی یکایک تھدہ ۂٹہ:

"میٚیٚ چھ باسان۔ کیٚنہہ نظرییٚن کتراوی!"

"اوہ! کیا زہ؟" خوخولن پرژھس۔

"تمن نٔشہ معہ کلیٚنہ بایتھ!"

تھوٚد تہٕ نٲوِتھ خوخول لوٚگ سہ منٛز کمرس ووہ دنہ روٗزِتھ کھورِن پیٹھ نژنہ۔ تہٕ نکولائی یَس کُن وُچھنہ۔ یُس زَن سگریٹہ دٲس منٛز وٲلِتھ کُرسی پیٹھ ژٕرنہ اوس بیہتھ۔ تسنٛدِس بُتھِس پیٹھ ہیٚتِن وہہ زٕلہ داغ ووہ تلہٕ۔

"بہٕ ژٕٹے ایسائی بور گوٗس کلہٕ۔ ژٕوٹمس نےٚ۔ تیٚلہِ چھُس تہٕ"

"کوٚہ باپتھ؟"

"سُہ چھُ چوٗسُن تہٕ ژھلہٕ باز۔ تمی کوٚر میون مول تباہ۔ سُہ چھوٗدُن غدّار۔" دسوفدشپکوف لوٚگ آندری ہس کُن تمہٕ آیہ وُچھنہٕ ذٕن تہٕ تس سیٚتھ ژٕوان اوس۔

"گوٚ یہ ذٔلیل چھُ!" خوخولن ووٚن: مگر سُہ گژھ کانہہ چورُے آسُن۔ یُس دژیہ مالہٕ سندِ باپتھ راہ لدی۔ برٕہ برٕہ وَنی۔"

"چالاکھ تہٕ چالاکی، ساری چھہ پھوٚی آسان۔" جنددس لاینہ پیٹھ دوٚمتھ نکولائیَ: "ژٕہ زٕنتہٕ پنٕنہٕ تہٕ پاوِل میٚنزِ سے مثال۔ تہیہ دہشوے چھوہ چالاکھ۔ مگر تہیٚنزَن نظرن منٛز چھُسا یہ تہٕ تتھےٚ پیٹھ فیدور مازن، یاسموکوف بیلہٕ تہیہ یاپنہٕ اکھ اکی سندِ خاطرٕ چھوہ؟ وُچھو اُپرٕ وٕنی زٕہ ہٕ۔ تکیا زٕہ ہُ گرِے تہٕ پرٛژھ۔ تہیہ ساری چھوہ میہ اوکُت کُن تراوان۔ میہ سیٚتھ چھوہ بَدلے ورتاوہ کران۔"

"نکولائی۔ چاٗنِس ژٕس چھُ کیاہ تام دود لاریومُت۔" تسَ نکھہ بیہتھ دوٚن خوخولَن۔ ترٛمی سان تہٕ لوتہٕ۔

"میون روٗح چھُ پرٛنی داگی لد۔ مگر چون ہٕ چھُ۔ فِکہ چھَ ہرتِرے یاژٕ زٕہ ژٕہ چھکہ زانان زٕہ یودوَے بیگارِ ژیہ چھےٚ۔ سہ چھہ میانہ بپارہ کھوتہٕ تہٕ ہتھدہ شانہٕ۔ بہ ہیکہ پیٚتھےٚ اوت ونٕتھ زٕہ اسہ ساری چھہ اکھ اکی سنٛزن نظرن منٛز بدماش۔ کہو چھینا؟ وَنو۔"

تمو تراوٕ ترٛتھ گرٛژھن واجہ نیو چشمو سیٚتھ آندری ہس

دَرٕ نظر۔ تہٕ جوابس لوٗگ پرارُن۔ اَمہٕ وِزِ اُسی تٔہندی دٔنۍ نٮ۪ن٘ی درامِتۍ۔ اُمیندِس شُتِلو آکھ دار ژھٕچِس منٛز آپہٕ پٔژ کانٛہہ فِکھاہ۔ مگر اَمی سِندی موٗنٛڈ وُلھ اُسی وُٹھو وُٹھی گژھان۔

"اَتھ کیاہ ہیکہٕ بہٕ وُنِتھ؟" یٔمی نیچِن اُچھن منٛز اٲسُن ژھوٗلراوِتھ دِیِت خوخولَن وسوف شیکوف سٕنٛزَن بیٚیہِ حارچشمن مُنہ جواب۔

"میٚہ چھہٕ خبر زِ یَس اُکِس دِلہٕ کیٚن سارِہ زٕنیٚ چھیہ کیٚن خواں آسہِ وِسان۔ تَس سیٚتۍ بحث کرُن گوٚ تسٔندِس دِلَس دٔمہ کھ واتہٕ ناوُن بایہِ میانہٕ، یہٕ چھُہ میٚہ پتاہ!"

"اُسی ہیکوٚ نہٕ پانہٕ وٲنۍ بحث کٔرِتھ۔ بہٕ زانہٕ نہٕ بحث کرُن۔" اُچھہ لبِن کُن کٔرِتھ تہٕ لٔہ زِ آوازِ منٛز ووٗن وسوف شیکوفَن۔

"میٚہ چھُہ باسان۔" خوخولَن تھوٗو کلامہٕ جٲری۔ "زِ اَسہِ منٛزٕ چھُہ پرِیتھ اَکھاہ گنٛڈی دار وُتوٗ پیٚیٹھی پٔژکمتۍ۔ تہٕ پَنہٕ نہٕ وِزِ چھِ پرِیتھ اَکہ پٔتھے کُنہ مصیبتہٕ وِزِ دَگہٕ سیٚتۍ ژھٕرٕ ژھرٕٹ کرمِژ۔"

"زِ کیاہ تار کھ میٚہ فِکرِ۔" وسوف شیکوف ووٗنتھ آہستہ یٲٹھی ییمیوٚن رُوح چھُہ رامہٕ ہوٗنۍ سِندی یاٹھو کرِیکہٕ دِوان۔"

"بہٕ چھُس نہٕ ژٕ بیٚہٕ فِکرِ تارُن تہٕ یژھان۔ دَپہٕ ییٚشہٕ ہَن چھم خبر زِ یہٕ حالتھ نہٕ رودِزِ نہٕ۔ ممکِن چھُہ پٔزٕ یاٹھو مامعہ کلہٕ نہٕ۔ دَپہٕ ختم تہٕ چھُس صنوٚروٗر گژھن۔"

تِمہٕ کوٗر اُسناہ۔ تہٕ نکولائی سِندِس پھِنیکس پٲٹھ پھیرِ ناوِتھ

ھوٗن کلامہٕ چلہٕ دِن ؟!

" یہٕ بوزتھ شُرۍ بیمار۔ ہمیلہ ہیچ ہاش۔ اُسہ منٛز چھُ پریتھ

اَکھاہ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ وِزِ اَتھ منٛز ہیٚنہٕ یوان۔ اَرِ درِن چھِ یہٕ موسولی پٲٹھۍ

نہٕ کمزورن وُلیٹہِ پٲٹھۍ اَگادِہ گژھان۔ یہٕ چھُ تِمی وِزِ اُسہ پیٚیٹھ پٔتھ

اَتھ تراوان۔ یُلہٕ زَن اُسہ پٔتھ ذاتھ پرزِ ناونٕھ سٔنز آسہ کورمُت۔

مگر زندگی آسہ نہٕ پوٗرہ سٔنہٕ رِہ سان نظرِ آمژ۔ تہٕ نہٕ آسہ اَتھ منٛز پٔننہٕ

جاے پراوِ مژ۔ باسان چھُ زَن تہٕ دُوٗنی یہِس منٛز بس اُسی یٲنی چھِ۔ تہٕ پرِتھ

اَکھاہ چھُ اُسہ ختم کرِنیچ سٔرٛ کران۔ دٔپِتھ کینہہ کال گژھتھ چھُ بنان زِہ

بیٚین ہندِن پیٚشن منٛز تہٕ چھِ دِل۔ یُس یہٕ سانہٕ دِلہٕ کھوتہٕ کُنہٕ تہٕ ضوٗرژ منٛز

خراب چھُ۔ یہٕ زانِتھ چھُ بڈِ اطمینان سپدان۔ اَمہِ پَتہٕ چھِ مَند چھِ ہش

نہٕ گژھان۔ زِ اُسہ کیاہ ضوٗرو رِتھ پیو پٔننہٕ لوٚکٕٹ کانٹۍ ہیتھ گرجِکِس

گنٹایہ گرٛس کھسنِکھ۔ یِمہٕ چھِ آوازِ منٛز اَمہِ لوٚکچہٕ کانٹۍ ہنٛز آوازٕ سے

گٲب چھِ گژھان۔ مگر سیٚتی چھُ بنان یِہ ساٗنی کانٹۍ چھِ بیٚین لوٚکچَن

لوٚکچن کانٹۍ یَن ہندِس ہوٚجوٗمس منٛز کُنہٕ گژھتھ شوٗبہٕ دار بناوان۔ حالانکہ

یہٕ کانٹۍ ہرگاہ اَلگ واپہٕ تہٕ پیہ۔ بجہ گنٹایہٕ ہنٛز آواز پھاڑِ ناوِہ اَتھ تِتھے

کُنہٕ پیٹھ کُنہٕ مُچھ تیلس منٛز پھٹان چھِ۔ خبر توٗرٕ یہٕ فِکرِہ۔ یہٕ کیاہ اوٚسُس

وَنُن یژھان ؟"

" بنان چھُ توٗرُم فِکرِہ ؛ " نکولائی یَن رگہٕ نوو کٔلہٕ: " دٔپِتھ میہٕ چھُ نہٕ

اُٹھ بیہِتھ پٔرٛھ۔"

خوخول ووٚتھ اَسان ووٚٹھ دِتھ ہیوٚن تھدِ تہٕ زورٕ زور
لَگ گَرس چکو دِنہٕ۔

"ژٕ چھکھ پرانۍ سیرِ بناں۔ میٚہ تہٕ اُمبرِ نہٕ پٔرٛھ۔"

"پرانۍ سیرِ بنٕ؟ یہ کہو چھکھ وَنان؟" کینٛہہ تام گٔژھتھ
لُگ سُہ اَسنہٕ تہٕ خوخولس پیٚہ ژھینہٕ۔

"اوہ کتھ زہٕ ژٕ چھکھ باسان تی۔"

یکایک تروو نکولائیٚن اَسُن کھنگالہٕ تٔمس گو چونٹھ پوٚرٕ
پاٹھۍ یلہٕ۔

"دٔلیل؟" خوخول ٹھہریو تٔمس نکھہ تہٕ حیران گٔژھتھ لوٚگ
پرٛژھنہٕ۔

"یَہا اوسُس سوچان زہٕ چانین جذباتن ٹھیس واتہٕ ناوُن کُنہٕ
ژٕ کیٚنہہ چیز گژھہ آسُن"؛ نکولائیٚن دِیت جواب۔

"میانین جذباتن کٔتھ کٔنۍ واتہٕ ناوِ کانٛہہ اَکھا ٹھیس؟ پننین
بیٚیکن درسہ دِتھ وۅن خوخولن۔

"تہٕ چھَنہٕ مےٚ خبر؟" وسوف شیکوف لوٚگ خوش مزاجی سان
اَسنہٕ۔

"میون مطلب اوس یِتُھے اوت زہٕ ہر گاہ کُنہٕ ژٕ یہٕ کانٛہہ ٹھیس
آسہِ واتہٕ نوومُت۔ تٔمس آسہِ پَتہٕ پھیوورمُت۔"

"گو تہٕ یہ اوسکھ سونچان؟" خوخلن ترٛوو اُش۔

"آندریوٗشا!"

ماجہ دِیُت چوکہ جنزٕ آلو۔

آندری درا و نیبر۔

وسوف شپکوف ییلہِ کمرس منز گنٕ ژٔون رٔود۔ تمۍ ترٲو کمرس ژٕھرفانو نظرا۔ یتہٕ وہراٚوِن زنگ تہٕ پئٹہٕ نس وُریہٕ کھوٕ باشہِ لوگ گیُلہٕ پاٹھو وُچھنہٕ۔ تہٕ ہوٚنٛس گردہ زمس ٹھولن اُتہ۔ اتہ تھوٚد کٔنۍ دٕ بٹھہٕ لوگ ہونٛس منز اُنتس تہٕ اڈ بجن پنز کنز وُچھنہٕ۔ اوٚنگنجہ آسہ لیُدریوو الوُ ستۍ برٕت۔ یتہٕ ودٕ ہہ سوٗ تھوٚد۔ زٔن تہٕ ییم ساٲدی چیز کھرٲن اُس۔

آندری ییلہِ سماوارہ ہیتھ کمرس منز ژاو۔ وسوف شپکوف اوس اُنس بُرو ٹھ کنہِ وہ دیہٕ۔

"یٔرِش کاٲلی وُچھ ہیٚتہ اتہٕ پنٕن اوٗرِ مٕژ یٔوری بیچھہ۔" تمۍ ووٚن۔ یتہٕ دٕوُنہہ زہرخنداہ کریٚتھ۔ "بچھہ چھا کِنہِ کھتہ۔ واہ واہ!"

"ژٕہ کہو زہ بچھیک یٔت سونچان؟" آندری ییٚن ترٲو ژھاروٕ نیو چشموٚ تس کٔنۍ نظر تہٕ پرٕژھنس۔

"ساشا یہ ہنٛد وُنۍ چھہٕ بچھہ گو روٗحک اتہ۔"

"بکواس!" خوخلن وٚون بڈٕہ ہیٚطہٕ۔ "سہ وُچھن یہٕ نی نس زن تہٕ بسلایہ ہنٛد دول چھُہ۔ تہٕ بچھہ چھہٕ اڈٕ گژھہ زن تہٕ شراکہ ہیٚوت۔ دِلہ تسٕند روٗح چھہٕ تارک ہیوٗ۔"

تٔمِس کُن وُچھتھ لوٚگ نکولائی اَسنہِ۔

اَمہِ پَتہٕ لَگو تِم چاے چَینہِ۔

نکولائی ہِن تُل اَکھ بوٚڈ اَلوو۔ ژٕمہِ چھہ کھٔنٛجہِ تُروُن بَرِتھ نوان۔ تہٕ دانَدہٕ سینِدِ کو بٲٹھی لوٚگ ٹھہراوٕ کرنے تہٕ وادٕ وارٕ اَکھ ژاپھ دِنہٕ۔

یٔمِچ رکھو دٕلیلاہ دربارہٕ؟" ژٕمہِ چھہ ژوٚپاہ کَڈِتھ وَون تِمو۔

آندری یَلہِ تٔمِس خوش خبر بوزِنہٕ ناوٕ نکس اندازہٕ۔ دٕنہٕ نہٕ لوٚگ زہٕ کارخانس منٛز کِتھہ کُنہ چھہ پروپگنڈا ہُمس تیزی گژھان۔ وسوف شچکوف سٔنٛدِ بِیٚپہ مویوس۔

"کوتاہ دَکھ چھہ لگان۔ کوتاہ دَکھ! کام پزِہ زیادٕ تیزی سان اند واتہٕ ناوِنی۔"

عاچہ وُچھ تیٚمِس کُن تہٕ دِلس منٛز وۄتھ تلیوس شترانجھ جذبہٕ ہیوٗ۔

"زِندگی چھا چانٛی کُنہ گراہ زہٕ کَنچہِ لوٚیس تہٕ تیز پکہ نوو۔"

آندری دوٚپھتھ۔

نکولائی ہیوٚتھ جنٛدس لایِنہٕ بیٚیتھ کلہِ ژلہِ ناونہٕ۔

"سیٹھاہ دَکھ چھہ لگان۔ بہٕ ہیکہ نہٕ بیٚیتھ کُنہ برداشت۔ بہٕ کرہ کیاہ؟"

جواب بوزِنہٕ آنٛچھ ہیٚیتھ تراو تِمو خوخولس کُن نظر۔ تہٕ بیہِ بَس گژھتھ دِتُن پھیکیں درساہ۔

"اَسہِ پزِہ سارِنے پانہٕ تہٕ پَرن تہٕ باقی تہٕ پَرہٕ ناوِنی۔ ساٗنی کام چھیہ یہاے!" کلہِ نومراوِتھ دوٚپ آندری یَن۔

"تہٕ لڑاٲے کَر کرو شوٗرٕ ؟" وسوف شپکوف لوٚگ پرٛژھنہٕ

"میٚیہ چھنہٕ خبر زِ کَر گژھِ شوٗرٕ۔ دَپھ ییٚژ ہٕن جھَم پیتاہ زِ لڑنہٕ بروٗنٹھ آسیکھ اَسہِ واریاہ لَڑٕ ہیٚن ہیٚن دٔجمژٕ۔" اَسان اَسان دِیُت خوخولن جواب۔ "گم ازکَم چھُ میٚیہ پانَس باسان زِ اَسہِ پیٚزِ اُمقوٚ بروٗنٹھ پیٚترِ مین دیماغَن ہِتھو یار حوالہِ کرٕنی۔"

نکولائی لوٚگ بیٚیہ کھینہٕ۔ تہٕ ماج لٔج تٔمی ٹاریو تَسِنٛدِس کھٔلہ ڈٔلہ بتھِس کُن وُچھنہٕ۔ تہٕ تَتہٕ تِتھِس کُنہٕ چیزِس ژھانڈ دِنہٕ۔ یمہٕ کِنہٕ سٕہ اُمی شند کھٔلہ ڈٔلہِ جسم پسند کرنہٕ باپتھ ہِ اُصنو گژھِ ہے۔ تیزِ ژن لوٚکچن لوٚکچن اُچھن منٛزٕ تیز نظرن سیتؠ رَلے یہ ماجہِ ہِنٛز نظر۔ تہٕ آمہ کِنہٕ لٔج تَس جِسمہِ بیٚیہ اکھ لَٹہٕ شُشوٗدار کرنہٕ۔ آندری اوس بیقرار ہیوٚ۔ سُہ اوس ہنگہ منگے اُسُن تراوان۔ بولان تہٕ سیتی یکایکھ ژھعہ پہ دَم کرٕتھ شروٗ نہٕ دایہ نہٕ بہان۔

ماجہ اوس خیال زِ تمِس چھ تہنٛزٕ بیقرأری ہندِ وجہ فکرِ تور مُتھ نکولائی اوس تَتھ بتے ژھعہ پہٕ کرِتھ بہتھ۔ تہٕ خوخول یہ سہ تہٕ کتھاہ اوس کران تمیکھ جواب اوس سُہ بڈٕ بیدِ لی سان تہٕ ژٔڑٕ دِنِس اندازِس منٛز دِوان۔

ماجہ تہٕ آندری ہَس ہیتیو تُھ اَتھ لوکٹِس کمرِس منٛز دم ہیوٚ گژھن تہٕ بیے قرأری ہِشِ باسیوٚ۔ تہٕ تمہ دعہ شوٗے بیہتھ پیٚترٕنس پرٕ پھس کُن اضطرابہ سان وُچھنہٕ۔

آخرس وو تھ سُہ تھوٚد تہٕ دوٚپُن ۔

”میٚہ چھُ باسان وۄہ ڈٔنی شوٗنگو۔ جیلس منٛز اوشس بہٕ صرف بہتھ آسان۔ تہٕ پیٹھہٕ ژُ دوہس ہنگہٕ تہٕ منگہٕ تہٕ ووتُس یور۔ یہٕ چھُس سکھ بہتوٗ کمت“ بڑہٕ بیڈول طریقس منٛز تہٕ اوٗشو چوکُس۔ کینٛژس کالس سپر گۄ گرٕ تہٕ پیٹھہٕ گو یکدمے بےحِس تہٕ بےحرکتھ۔ تاج لٔج کن دأرتھ کیاہ تام بوزنہٕ۔ مگر خاموشی اُس مکمل۔ سۄ وٲژھ آندری ہٕس کُن نہٕ تہٕ ہیٚتہٕ۔

”یہٕ ہا چھہٕ بڑہٕ بیم ناکھ کتھ سوچان۔“

”اَمی یہٕ ہے چھُ بڑہٕ وردار انسان۔“ خوخولن کوٚر کلہٕ سیتھ آنکار۔

”دٔپھ یہٕ حالت ووزلیس نہٕ۔ میٚہ تہٕ اُس اکہٕ ویزہٕ یہاے باش گأمژ۔ اللہ بنہٕ نہٕ بُرونٛہہ چھُ نار پیٹھے کٔنہٕ دِلس منٛز واریاہ دۄہ ژھٹان۔ ننکو! ژہٕ شونگی۔ بہٕ ہے پرہٕ ژٕٹھ کھنٛچہٕ وینہٕ۔“

سۄ ودایہٕ اکِس کونٛجس کُن۔ اَتہٕ اوس تمہٕ سٕنٛزی پردن پیٹھ کنہٕ وۄلتھ رٔن کوزمت۔ آندرِ ہیٚن بوزٕ واریاہس کالس تمو سنٛدین وۄشن تہٕ ودایہٕ خارٕن ہنٛز آواز۔ تمو پھیر وٕلی وٕلی کتابہ ورٕکھ۔ ڈاکس دِتن چھٹش زیچھو زیچھو اونٛگجو سیتھ دِتن گونٛژھن ورٕ۔ تہٕ کھوٚرٕن کرٕن حرکتھ ہمیش گرٕ اُس ٹیکہ کران تہٕ وادٕ اوس گٕلپن منٛز شی کران۔

”میانہٕ خوٗدایہ“ ماجہ ہنٛز نرم آواز آیہٕ ”دُنیہس منٛز چھِم بیپزِ لکھ۔ تہٕ یہ چھہٕ اَکھاہ حالِ حأران۔ تِم کم کرکھ ہیم خوشش آسن؟“

"ننکو۔ تِتھی کانٛہہ پَتہٕ ہے چھہٕ۔" خوخولن وونُن "پتہٕ سیٹھاہ جلدے
ہُرِ تہند تیٖداد۔ آنہٕ روٗسس ہُریر گژھہ تھ !"



# ۲۱

دوہ دوہ گو گژھان۔ اکھ ژٕ بیٚیس ہیوٗ۔ مگر پرٛیتھ اکھ اہم
تہٕ زندگی ہنٛز گیت گیہٕ تیزی سان پکان۔ پرٛیتھ دوہ ہیٚس اوس کینٛہہ نتہٕ
کینٛہہ نوٚو چیز باگہِ یوان۔ تہٕ ماجہ اوسٕ دوہی اَمہ سیٚتۍ کانٛہہ گبراہٹ
گژھان۔ برٛونٛٹھ مہ کھمہ تہٕ زیادٕ ے ہیوت اوٚہند گرٕ اَنداٰنی تہٕ اجنبۍ لگو
یُن گژھن۔ یِم اُسۍ شامنٕس یوان۔ تہٕ آندری ہیٚس سیٚتۍ فکرٕ ہیتیس انداز
منٛز لوٚت لوٚت کتھہ کران۔ تہٕ اَمہ پتہٕ اُسۍ کوٹھن ہندۍ کالٕ ہیٚور کھالیتھ
تہٕ ٹوپہ اُچھن تانی واٰلیتھ اَتہٕ گیٹہٕ منٛزٕ ے لوٚت پاٹھۍ گاٰب گژھان۔ تِمہ
اوس موٚسوٗس کوٚرمُت زِ یِمو منٛزٕ اوس پرٛیتھ اکھاہ سوٚت موٚت جوٗش
ہیتھ۔ باسان اوس زن تہٕ یِم ساری گیٖوٗن اُسۍ یِژھان۔ مگر معلوٗم نہ
آسنٕک پیٚۓ اوشکہ۔ یِم اُسۍ ہمیشہ باخبرٕ منٛز آسان۔ کینٛژن ہُند انداز
اوس سنجیدٕ تہٕ ہزل دار۔ کینٛہہ اُسۍ شوخل تہٕ یاوٕ نکہِ پوٗرٕ طاقتہ سیٚتۍ
جیلان۔ تہٕ کینٛہہ اُسۍ بڈٕ ژھوٚپی تہٕ فکرن ہیوٚو گاٰمتۍ۔ ماجہ وُچھ۔ تِم ساری
اُسۍ یژھ تہٕ یژھ ہیتھ تہٕ اکۍ سے ڈنٛجہ بیٹھ۔ تہٕ یوٚدوے تِم شکلہِ کنہ

اَکھ اُکِس سیٖتۍ رَلان اُسۍ نہٕ۔ مگر ماجہ ہِنزٕن نظرَن منز اُسۍ پھینٛدرۍ بُتھو کنو گژھتھ اَکۍ بُتھ بنان۔ یُس زن ایمٲنس گژھن وِزہ حضرت عیسا سِندس بُتھس سیٖتۍ رَلان اوس۔ اَکھ زاوُلی، سوٗ کوتاہ تہٕ پراڈہ وول بُتھ یمہٕ چہٕ اُچھ سنہٕ، صاف تہٕ سیاہ آسہٕ۔ تہٕ یمن اُچھن منز زی تہٕ سختی رٔلِتھ اُسس۔

ماجہ گَنٛزرِی نہٕ ییم۔ تہٕ دِلہٕ منزٕی کٔرٕن پاوِلِس اَندۍ اَندۍ جماہ۔ یُتھ زَن سوٗ تمَن منزٕس رٔوٕنہٕ یتھ شترِن ہِنزٕہ نظرٕ نیشہٕ کھٕٹِتھ روزِہ ہا۔

دوہ اَکہ آیہٕ شہرِ پیٹھ اَکھ تیز تُلرہ ہش کانٛگنہ مَس کٔرِتھ کوٗراہ آندرۍ ۂس نِشِ اَکھ بنڈلاہ ہیتھ۔ نیرنہٕ وِزہ پھیر سعہ ماجہ کُن تہٕ اُچھن منز اَشن پھولراوِتھ وۄننُن:

"کامریڈ خدا حافظ!"

"خدا حافظ!" اَشن پٮ۪تھ رٔٹِتھ دِیُت ماجہ جواب۔

اَمِس کورِ سینٛز نیبر تام نیرنہٕ پتہٕ پھیر ماجہ واپس۔ تہٕ دارِ نکھہ بیٛہتھ لَجِ اُسہٕ وِنہٕ چانہٕ اَمِ سِنٛدِین ژھوٹِن ژھوٹِن تہٕ تیز تیز قدمَن کُن وُچھنہٕ۔ سعہ اُس تیٚتھ سادر دار باسان زَن تہٕ اولِ سوٗنٛگ پوٗش تہٕ تیٚتھ لۄتہٕ زَن تہٕ یُتھ پۄنپُر۔

"کامریڈ!" ماجہ وُڈھ لوہ تہٕ "میاوٕنۍ اچھ دارِ ہیٛن! خدا یوٗزِن ژٕیہٕ سیکھونۍ پَزی کانٛہہ جان پٲٹھۍ کامریڈ۔ یُس زَن وُمرِ وُمراتھ ژٕیہٕ لَرِہ لوٗر روزی!"

شہرِ پیٹھ اور واتھ والین یمن سارٕہ نیٚ لکَن اندر اُس

تَس کیاہ تام شُرۍ گٔژی ہِشہِ باسان ۔ تہٕ سہٕ اُس پانہٕ سۍ سیٹھاہ بڑہٕ شفقتہٕ سان اَشناہ کران ۔ مگر یِہِنز پٔتھہ تہٕ پٔتھہ اُس تَس دِلس سٕنیتھ گامُت دوہ یہ پَتہٕ دوہ یہ ہیوتُن تِمَس آیہ پٔتھہ تہٕ پٔتھہ ہُند خلوص زیادے نٕن تہٕ فِکرہٕ تٔرِن ۔ علاوہ تہٕ انصاف گژھ تِہُندۍ خاب اوس تِمَس پنہٕ نِس دِلس وُشہ نیرتھ راحتھ واتہٕ ناوان ۔ مگر تِہنزہٕ کتھہ بوزِتھ اُس سہٕ خبر کیٛہ تام دادِ سیٹھاہ وُش تراونہٕ بہان ۔ تِہُندۍ پۆرہ پۆرہ سمجھاون ، تہٕ پننہٕ رٔژرہ نِشہ تِہنزہٕ دِلس لٔٹ بَر وُنہٕ تہٕ سارِۍ سۍ احاط کٔرِن واجبہٕ لاپرواٲئ نیو خاص کٔرِ تِمَو سُند دِل مُہتہ ۔

زندگی متعلق یہ کینہہ خاہ تِم وَنان اُسۍ ۔ تِمہ منزہٕ اوس وُشنی تَس واریاہ کینہہ فِکرہٕ تران ۔ تَس اوس باسان زِ یِمَو چھِ انسانہ بندہٕ دوہ کٕنگ تہٕ دانہٕ یگ اصل سبب زونمُت ۔ تہٕ تَس اوس تِہنزہٕ زیادہ تَر رایہ ترایہ سیٹھاہ اتفاق ۔ مگر دِلہٕ کینہہ سنہٕ دٔن منز اوس تہٕ تَس پننہٕ جایہ بہتھ زِ ییم کیاہ ہیکن ہارہ نۍ موٗزوٗرن پانہٕ وِزہ ناوِ کِہ میٹس نارہ الاوس اَندۍ اَندۍ جماہ کٔرِتھ ۔ یہ پتھ اَکھاہ پننہٕ یڈ ہینز پریشانی منز آوُر ۔ سوگس کٔرِ زمین پَس زیادہ نۍ توتہٕ پگہ ہیچ بَتہ میچ نِشہ اَتھہ ہیلنس تیار آسہ ۔ تِہنز آسن سیٹھاہ کم گکھہ یم اَتھہ گُڈرہ تہٕ نیچ وَتہٕ پیٹھ یکہ نہٕ باپتھ تیار آسن ۔ تِہنزہ آسن سیٹھاہ کم جشمہ یِمہ زٔن اَتھہ زیچ وَتہٕ ہندس آخری اندس پیٹھ انسانی بایہ برادری ہُند حاژن منز تراون وول راج تاج ڈیشتھ ہیکہ ہان ۔ اَمہ کنہٕ اُسۍ تَس

ییم سآری بٔڑی لُکھ شُری ہۄی باسان۔ یوٚدوَے پہندی بُتھی ریشہٕ دار تہٕ
پۄختہٕ تہٕ آسی۔ اکثر بُتھین ہیپڑ اوس تھکنٕ تہٕ باسان۔

"بچارِی!" کلس دِیُن دِلہٕ سۄ نٕچھ تِمہٕ۔

مگر ییم سآری لُکھ آسی اَکھ سنجیدٕ، بوزشوزدار تہٕ ایماندار زندگی کڈان۔ ییم آسہٕ ہمیشہ رُت کانٛچھان۔ تہٕ یہِ کینٛژھاہ پانہٕ زانان آسہٕ۔ تہٕ تِہنٛدین تمام داتہٕ ناوِنس آسہٕ نہٕ کانٛہہ پرٕگی تھوان۔ تس باسیوٚ زہٕ سارِوے خُدشوَ تہٕ بیمہٕ پتہٕ تہٕ ہیکہٕ اِنسان پرٛتھ زندگی سیٚتہٕ لول ورتاوِتھ۔ تہٕ وۄشا ترٲوِتھ کرٕ تِمہٕ پنہٕ نہٕ زندگی ہنٛدِس تنگ، اَنہٕ گٹہٕ پوٚت کالہٕ کِس پَنس کُن نظر۔ وارٕ وارٕ لۄگ تسنٛدِس دِلس منٛز یہِ اطمینان کاڈ کڈنہٕ زِ اَمہِ نوِ زندگی بابتھ چھہ پانہٕ تہٕ تِمی سٕنٛز ہستی مانہٕ مطلب تھوان۔ گوڈٕ اوس نہٕ تس زانہہ تہٕ باسیوٚمُت زِ کانٛہہ کیاہ چھُ تِمی سٕند صنوٚرٕ ورتہٕ۔ مگر وۄنی آس سہٕ زانان زِ داریا ہَن چھُ تسنٛد حاجتھ تہٕ یہِ اوس اَکھ نوو تہٕ خوشی یُن چیز اَکھ۔ تِمو اَمی سٕنٛز کارٕ وۄگُناو۔

سہٕ آس ناغہٕ ورٲئی اشتہار کارخانس منٛز واتہٕ ناوان۔ تہٕ یہِ کرُن اوس تس فرض باسان۔ خفیہ پُلسہ کین لُکَن آس وۄنی تس ژھیٚنٛج ہال گامٕژ۔ تِم آسہٕ نہٕ وۄنی توہند خیال کران۔ تس کر کُھو واریاہ لٹہٕ تلاشی مگر اشتہار بآگرِ نہٕ کِہ دوٚہہ میہٕ دۄہہ۔ پُلہٕ نہٕ تس نِش اشتہار آسہٕ ہآن سہٕ آس سنترین پانے شکس منٛز تراوان۔ تہٕ تِم آسہٕ تس رٹنہٕ تلاشی کران۔ سہٕ آس تِمن سیٚتہٕ دادواد کران تہٕ باس دِوان زِ تہٕ تِم تس ہتک

اَسی کرٲن۔ سہٕ اُس تِمَن اَڈزٕ اَڈ کرِتھ نیران تہٕ پَننِس نَس ہنگہ نَس بیٹھ اَسِس کاٗر وَدہ گہ نان۔ اَتھ کھیلہِ اوس تِمَس بَڈلِہ مَزٕہ لگان۔

وسوف شیکوف لوگ بیٚہ کارخانَس منز دُبارٕ کامہ بیٹھ۔ اَمہ ہیٚتُر اَکِس اَکِرِ واٗلِس فٕرِش نوکری کرٕنۍ۔ یِتہِ سوٗ بٲنَس، تختہ تہٕ زیٖن زالَن ساران اوس۔ ماجہ اوس سوٗ تقریبن دہ ہے سامانہ ہیتھ بُتھِ پیوان؛ گہِ ڈہِ اَسی دہ دِہ ریمیتو کِہ ہنو گرہ جوراہ بوزنہ پوان۔ ییمَن ہنٛزٕ زنگہ بارَس تَل نٹان آسہ تہٕ یم پننہ ژھیتہ کامٕژٕ مظلوم چشمہ ییتھے ببند کران تہٕ مَزٕہ راوان اَسی۔ تہٕ تھکنہ سببہ اَسی کلَن دِنن دوان۔ گرِین پتہ اَسی کانٛہہ اَدٕر گیلاہ یا بچَن ہند پنڈاہ سرٕکہ کھکھرِ کھکھرِ پکان تہٕ اَمہ سیتو اوس شود وہ تلان۔ گرِین نکیٚھ اوس نکولائی گرِین ہنٛز لاکم پننین ڈیلین اَتھَن منز رٕٹِتھ پکان۔ سوٗ اوس مَل گرن ہیوٗ زچہ ناٗلی ترٲوِتھ، ویٚتولٹھ بوٗلٹاہ لاٗگِتھ تہٕ ژرِہ کھہ ڈس پیٹھ ٹٲپۍ ٹھوٗوِتھ تیتھے موٗٹ تہٕ وُرییہ باسان یتھ زن کانٛہہ گُلی گوڈ زمینہ منزہ ہیوٗلہ کڈتھ باسان چھُہ۔ گرٕسی اَسی بُتھِ پننہ واجنین گاڈٕن تہٕ گُکن دکہ دی دی پکان۔ کُکہ اَسی نکولائی مَس پیٹھ وولان۔ تہٕ بوٗمبرِ گنکو یاگُٹھی آسہ لیکہ تَس پتہ لاران۔ سوٗ اوس چونٛٹھ ویٚٹھتہ۔ تہٕ کلہ بعدن کٔن ٹھوٗوِتھ پانَس پکان۔ اوشُرِنۍ اوس زورہ زورہ وایان تہٕ گرِین کُن وَنان:

“ پکو۔ پکو وڈ بُروٗنٛٹھ !”

کُنہِ وِزِہ یٔلہِ آندری پتہ نین باجِن وہ پرٕ ملکُک کانٛہہ اخبار۔

یا کِنا باہ پرٛنہٕ بایِتھ شیٖچھ اوس سوزان۔ نکولائی اوس اَکِس کوٗنسَس منٛز بِہان۔ نہٕ اَکِس دوٚہن گاٹھٕنؠ لوٚت پاٗٹھۍ بوزنہٕ ناکران۔ اخبار بیترِ پرٛنہٕ پَتہٕ اُسۍ نوجوان گرما گرم بحث لاگان۔ مگر وسوف شیٖکوف اوس نہٕ زانٛہہ تہٕ اَتھ بحثَس منٛز زنگ ژھنان۔ اَدہٕ یِملہِ ساٗری نیرہٕ ہاٚن سوٗ اوس تورِ تٔمِتۍ بِہان۔ تہٕ خَلوٕکھ پاٗٹھۍ آندری ہَس سیٖتۍ کتھ کران۔

"سارہِ وےِ کھوتہٕ بوٚڈ تقصیٖر کُس چھُ؟"

"تقصیٖر گژھِ تَس اَکِس کھالُن۔ یَمۍ سارِہٕ ہِنٛے بُرونٛہہ ونیوٚ زِ یہِ چھُ میون۔ تہٕ تَس شخصَس گژھِ ساسہِ بَدی وَری مٔودی میٖتِس۔ اَوہٕ کیٚنٛہہ تَس پَتہٕ لگہٕ نہٕ سیٖتۍ نیرِہٕ نہٕ کیٚنٛہہ تہٕ۔" خوخولن وَوٚنہٕ مذاکھ کرنکِہ آیہِ۔ مگر تسنٛزِن اَچھَن منٛز اُسۍ بیقرأری۔

"دیاٚرہٕ والیٖن ہُنٛد کیاہ چھُکھ وَنان؟ تہٕ بیٚنٛیہِ تِہٕنٛد یِم زن یِمَن ہٕنٛدۍ پلوہٕ چھ؟"

زندگی تہٕ لوٗکن مُتعلق یِہ کیٛنٛژھاہ سوٗ زانان اوس تہٕ سیٖدؠن سادَن لفظَن منٛز باوہٕ بایتھ اوس سوٗ پننِس مَتِس سیٖتۍ گندان تہٕ گوٗنژھن دَر دِوان۔ تِہنٛدی کِنہٕ اُسۍ ساٗری خطادار۔ مگر آمہِ سیٖتۍ گوٚ نہٕ نکولائی ہَس تسلاہ۔ سوٗ اوس پننۍ وٚتھٕ وٗٹھ ژاپان کلہٕ کِلہٕ ناوان تہٕ دندہٕ برٚو منٛزی نہٕ نہٕ کران۔ چھیکرس اوس شہٕ بیٚیہِ تسلاہ تہٕ موبٕسَس گژھِتھ نیران۔

دوٚہ اَکہِ دوٚن تِمَو :

" نہ ساعتہٕ آخر کینژہ تکھ آسہ نےٚ یمَن راہ پیٚیہ کھادنہٕ۔ تہٕ تیم لُکھ چھِ ییٚتھ موجوٗد۔ یہٕ چھُس دٔپان ییٚتھ کیٚنژن زمینہٕ منٛزٕ گاسہ کچھ بیسترٕ موٗلہٕ چھِ پوان کڑنہٕ۔ ییٚتھی کیٚنژن اَسہٕ سارہٕ زندگی داندواینۍ اکھ زٕژ تہٕ ترٚس کھینہ وۄٲسے !"

" ظالم کیپَر ایساٮ۪ہ ہَن تہٕ ووٚن دوہہ اکہٕ ژۄنہٕ بیٚہِتھ یی " ماجہ پووٚسہٕ واقہ ژھیٚتِس۔

" ایساٮ۪ہ ؟ " بہٕنانہ قرار کرتھ پریژھ وشوف شیکوفن۔

" آ- بڈٕ کمینہ چھُ سُہ۔ یُہ ییٚتھ کاٮ۪ نسہٕ زاگہِ آسان روٗزِتھ۔ رنگہٕ رنگہٕ سوال پریژھان۔ ووہنی توٚگ ساہہٕ ییٚتھ سرٛکہِ تہٕ بلاہ۔ تہٕ دارہٕ کیٚنہ چھِ ژۄرٕ نظرٕ دِوان آسان۔"

دارہٕ کیٚنہ چھا ژۄرٕ نظرٕ دِوان ؟ " نکولائی ین ووٚن۔

ماجہ اُس بسترس منٛز وٗژھ مرژ۔ اوٚہ کیٚنہ ہیوٚک نہٕ تمہٕ تموٚ سنٛد ہُتھ وٕچھِتھ۔ مگر خوخولن یِمہ طریقہ کٔتھ ژٹ۔ تمہٕ تلہ باسیوس زہٕ تس پٔزہٕ ہے نہٕ یہِ کٔتھ کرٕنۍ۔ خوخول ووٚنتھ :

" ہرگاہ تس ییٚمِس فرصتھ چھِ - وٕچھو تَن ۔"

" ہرگز نہٕ ! " نکولائی ین ووٚن " یمَن شخصن خطا چھِ۔ سُہ تہٕ چھُ تِموے منٛزٕ اکھ ! "

" تموٚسنٛد کیا قصوٗر چھُ ؟ " خوخول ووٚنتھ دٔلۍ دٔلۍ " یا زہٕ چوٗر چھُ ؟ "

وسوف شیکوفن وون نہ کہنی تہٕ پانس دراو۔

خوخول لوگ پنٕنس نیو زیچھو تہٕ زلرہی زنگو سیتو سعہ سہ رلئے ونہ تلاوِتھ ٹھکی میتِس انداز س منٛز۔ گمرس چکرہ دِتہٕ۔ ہمیشکِہ پاٹھو اوسن کھور بانہٕ کوڈ مُتھ۔ یُتھ زَن تہٕ تھہندی پکہ نہٕ سیتی پلا گیا یہٕ نیدرہٕ ٹھوتھ گژھہ۔ گمر سعہ اوس ہُشار سے۔ یِلہٕ نکولائی دراو۔ تمِہ وون بانبرتھ ہیو:

" بہٕ ہا چھس اُمِس کھوژان !"

" اوٚن " خوخول لوگ ژائی ژاپی کتھ کرنہٕ " تمُہ چھہ پنٕنہٕ نہٕ جایہٕ کیاہ تام سنجیدگی سان دائیر مُتھ۔ ننکو۔ آیندہ نےَ ہیٚیزہٕ نہٕ تس نشہٕ اپسائی شُند ناو۔ اپسائی ہے چھہُ پُزی پاٹھی جرس وٗس "۔

" یہٕ کوسہٕ تانجبیچ کتھ چھہ ؟" ماجہ وون۔ " اُمی سِندِس نیچوی سُند وہنی مول اوس خُفیہ پُلسس منٛز "۔

" تاجُب چھُنہٕ نکولائی ما مارہٕ اُمِس "۔ خوخولن ٹھوو بیقرارٔی سان کلامہ چلٕرِوُن "۔ وچھان چھکھےٚ یِمو اقتدارہٕ والیو کُس جذبہ چھُہ لگن ہندین دِلن منٛز۔ وُزہ نو ونُت ؟ یُمہٕ دوہہ نکولائی ہس ہوین لگن یہٕ فکرہٕ تہٕ زہ تِمن سیتی کُس ظُلم تہٕ جبر چھُہ سیُدمُت۔ تہٕ یِلہٕ یِہندہٕ صبرُک پیالہ سٕرِی بیٚیٹھ گژھہ۔ چھُہِہ خبر کیاہ بنِہ ؟ تمِہ دوہہ چھیٚٹہٕ زمین کھو آسمانٛ خوٗنہ سہلابس منٛز "۔

" آندریوٗشا ! یہٕ کِرژھو بیم ناکھ کتھ چھہ ! " ماجہ وون۔

" دوہ لےَ بیُیمُ زہر کھینیہٕ۔ سٔے مرہٕ "۔ میسنٹاہ دَم دِتھ وون

آندرہی ہیٚن ۔

" مگر ماجِ کٔن ہُنٛد اکھ اکھ خوٗنہٕ قطرٕ پھٹِتھ اَشہِ کِس تَتھ سَدرس منز، یُس عام لُکو " ہندِ ظُلمہ تہٕ جبرٕ کِنہ ہورمُتھ چھُہ "۔

تمہٕ کرٕ اَسہٕ ہیٚتھہا تہٕ وٕوٕنۍ :

" اَمہِ کتھِ چھےٚنہٕ دِلس سعہ کہ داتان ۔ مگر کتھ چھہ تہٕ پٔنز ۔"



# ۲۲

اَکہٕ آٹھوارِ آیہٕ مأج سٹورہٕ پیٹھ سوداہ ہیتھ گرٕ۔ دروازہٕ مُژرُن تہٕ شادمرگ گژھتھ گیہٕ۔ داسس نکھ رُوزتھ۔ اَندرِمہ کمرِ منزٕ اُمس پادٕل ہِنٛز کھتھ گژھان۔

"ہیتِر با اَیی"، خوخولن دِژ کرٕکھ۔

مأجہ وُچھ پادٕل وُلی وُلی پوٚت پھیران۔ تسٕندِس بُتھِس پیٹھ پھوٚل اَکھ سوٗ نوٗر یُتھ کنہٕ مأجہ ہِندِس دِلس منٛز وہمید گنٛے یہِ۔

"آکھا؟ گوٚ تہٕ آخر آکھےٚ گرٕ!" اَہندِ یتھ کنٛی برأنٛژ روٗ بنہٕ چہ خوشی منٛز بوٚڈِتھ کلےٚ یہ تس زیوٗ تہٕ سعہ گیہٕ یتھر ہیتھ۔

پادٕلن اوٚن یِنُن زردیومُتھ بُتھ مأجہ نکھ۔ تس اُمس وُٹھن جُنبِش گژھان تہٕ اَچھن منٛز اوٚسُس اوٗش لرزان۔ برٛنٛزِس کھنڈس ہیوٗک یہٕ تمہٕ کینٛہہ دِنِتھ۔ تہٕ مأج تہٕ روٗز ژھعہ پہ دم کرِتھ تس کُن وُچھان۔

خوخولن تہٕ اوٚدے رٕتم اَتھ رِتھےٚ تہٕ شُرٕنٛز وایان دراوٗنیبر کُن حاطس منٛز۔

"ماجی شکریہ!" تِمو سُند اَتھ پَنَس نِیو کانپہ ڈرُنیو اَو نِگجو سیٹھہ
چیرِتھ دوٚن پادلین لعہ ژرِ آوازِ منٛز۔ "میانٛی طاقتہ ماجی اسِہٕٹھا شکریہ!"
تہندِ تُنجِ یِہ کیفہ ہیتھ تِہ تاثرٕ وُچھتھ تِہ تسنٛزِ آوازِ ہنٛز
نرمی تِہ ماسے ژٕپنہٕ تھد سیٹھ ماج خوشی ہندِ جذبہ سیٹھ سرگ۔ تِہ تمہٕ ہیوت
نیٚچوِ سُندِس کلس مَٹہ مٹہ دِیُن۔ تِہ سیٹھی پنُن یِہ دِلکٕ ڈُب ڈُب کم
کرنکھ سٕنٛز کرُن۔

"اَمُنوٗ تِہ کوٚرِ بابتھ" تمہٕ پرژھُس۔

"سانِہ عظیم کامہ منٛز اَتھ روٚٹ کرنہٕ بابت شکریہ۔" سُہ ووٚتھ
دُبارِ۔

"یژھ خوشی چھہ خال خالے کانٛسہ اَکس مونِسر سپدان
یُس زن وُنہٕ تھ ہیکہ زِ یِہ تِہ میانٛی ماج چھہ گٕنٛدمِ تِہ گٕنٛنٛ زُو۔"

سہ اُس خاموش۔ تِہ بٔڈ اورزُویِہ تِہ شوکھ سان پنٕنِس
نیٚچوِ سُندی لفظ امریتھ گٕلین ہندی پاٹھی چوان۔ اُچھو سیٹھو تَس
واد دِوان۔ سُہ اوس تَس برُونٛہہ کنہِ وُچھان۔ کوتاہ رَت، کوتاہ نو اُٹھ!

"ماجی میہ ہیے چھہ خبر یِہ سورُے کوتاہ مُشکل اوس چانہِ خاطرٕ
اَمہِ منٛزِ کوتاہ اوسُے ژٕ یِہ کھرِ وُن باسان۔ تِہ بہ اوسُس پنٕنہِ جایِہ وُنان
زِ ژٕ کرکھ نہ اَتھ زانہٕ تِہ قبول۔ سانٛی خیالاتھ پانہٕ ناو کھنہٕ زانہٕ۔ تِہ بہ
تِہ اوسُس سوچان زِ ژٕ کرکھ اَتھ صرف خاموشی سان برداشت۔
تِمہٕ کنہ یِتھ کنہٕ وُمرِ برداشت چھُت کورمُت۔ میانہ بابتھ اُس پیسٹھا۔

کہ پیٹھ کٔنھتھ !

" آندریوٗشا ہٕنٛز ہیٚچھہِ ناوِس بہٕ واریاہ کینٛہہ ۔ " تٔمۍ ووٚن ۔

" تٔمۍ ہے ووٚن ۔ " پاوِلِن کوٗر اوٚشن ۔

" تہٕ یکورن تہٕ ۔ سُہ تہٕ بہٕ چھِہ اَکی جایہِ ہنٛدۍ بکیپن ۔ اَکھتٕ اوس
آندریوٗشا ہیٚس پٔرۍ ناوُن تہٕ پٔژھان ۔ "

" تہٕ ژٕ یہٕ گییی گال ۔ تہٕ ژٕ دٔرِ ژھیٚپہِ ہیٚو تُھتھ پانٕے پٔرُن ۔ "

" گو تٔس تور اَدٕ فِکرٕ ؟ " ماجہِ ووٚن ۔

دِلس منٛز لولہِ کہ بےپَناہ طُفانہِ سیٚتۍ بیقرار ہیٚش گٔژھتھ وٚچھ
سعہ پاویلس کٔن ۔

" تلا آلو کٔرِس ۔ سُہ ہا دٔروے اَکھتھ نمبر ۔ یُتھ تہٕ ژٕن اَسہ
دون ٹھرہ پیٚیہ ہے ۔ تٔس ماچھ پنیٚخ ماجہ ۔ "

" آندری ! "

نیٚبریم دروازٕ مژہ راوِتھ کوٗڈ پاویلن تٔس آلو ۔

" کیتیو چھکھ ؟ "

" یہٕ کھوٚ ژیٚن اوٚسس پیالہِ وان ۔ "

" وَلا یوٗری ۔ "

سُہ آو تہٕ جلدے تہٕ اَخر یَیلہِ سُہ چوکس منٛز ژاو ۔ تمی ہیٚش گر
گٔی چیزن ہنٛز کھتھ تُلِنہِ ۔

" نکولائی ہٕس پیٚیہ زالنہِ باپتھ وَنِن ۔ ژیُن کیاہ ہیٚو تٕ مہ کٔلن

نِنکو ! پاوِل وُچھنی ۔ باسان چھُ زن تہٕ گٲلِکو یِمَن بٲغِیَن سزاہ دِنہٕ
بَدلہٕ یِڈ بُرِتھ کھِنناہ چِناہ چھُ دِیتمُت ۔"

ماجہ ژٕوٚل اَتھن نیرِتھ ۔ سۄ ٲس نہٕ وُنہٕ تہٕ دیرژان کُنہِ ۔ تہٕ تمہِ سُند دِل اوس مَدرِ آیہ وَزان ۔ مگر سۄ ٲس مصلحتٕ تہٕ احتیاط کِنۍ مۆنِ نیٚچوُ پٔرۄنتھٕ می پٲٹھۍ سۆکونس منز وُچھنہٕ خاطرٕ بیقرارٮ۪ہ ہٮ۪ندِس حدس تام خاہشس بند ۔ اَمہِ گرِ اوس سوٗرُے کینہہ حدہٕ رۆس حسین ۔ تہٕ سۄ ٲس پیٚنہِ نہٕ زندگی ہٮ۪نز یِہ گوڈنیُک عظیم خوشی ہر ہمیشہ خاطرٕ پیٚنہِ نس دِلس منز رٔچھہ کٔرِتھ تھوٚونٕ یژھان ۔ ہر ہمیشہ بابتھ ۔ اَمی گرِ ہٮ۪ندی پٲٹھۍ پۆرٕ مضبوطی تہٕ قوتہ سان ۔ اَمہِ خوفٕ زِ یہ گژھ وۄنۍ موکلُن واجِنہٕ ۔ تمہٕ کٔر تمس اَکس شکٲری سِندی پٲٹھۍ یِہ قٲد کرنُک کوشش ۔ یمِس زن اَلہٕ کاگہ کانہہ موٗلُل جانوٗر اَتھِ آسہِ آمُت ۔

" اَدٕ بادرٕ تھو کھانہٕ کھیمو ۔ پاش ۔ میہ چھُ ژران ژکہٕ ژٕنیہ آہ سۄ تھ نٕزِ وُنہٕ کہانۍ کھیومُتھ ؟" ڈالاہ دِتھ وۆن تمہٕ ۔

" نا ے کتہ ۔ راتھ وۆن جیلرن زِ بٕ تراو نکھہ فاصلہ چھُ سپُد مُتھ ۔ اَدٕ کِنۍ نے ہیوکُم نہٕ کہنہہ اَسس لَدِتھ ۔"

پاوِل وۆنتھ بروٚنٹھ کُن :

" نیبرٕ نیرِتھے تُس گوڈنیُک نظر میہ سمکھُ ۔ سۄ گو بٔڈِ سیٚزِ و ۔ میہ وُچھمُتھ تُورٕ سۄ سرٕ کہٕ پیور میہ سمکھنہٕ ۔ میہ وۆنُس زِ ہنا کرٕ ساحبس اَز کل چھُسے بہٕ خطرناکھ زانہٕ نہٕ یِوان ۔ پُلسہ والی چھِ برٕ پتھ ورزہٕ نٲگہٕ آسان

سُو وۅٚنِتھ تورٕ زِ کینٛہہ چھُنہٕ۔ تہٕ یِمہٕ اندازٕ تِمو پَنٕنِس باپتھر شُندہ پرِیِتھ۔ سُو اوس بوزنَس لایکھ۔ سُو وۅٚنِتھ: فیدور چھاتِہٕ وارٕے روزان کران؟ میٚہ زِ جیلَس منٛز گژھِس اکھاہ ہیٚکہٕ وارٕ رۄزِتھ۔ سُو وۅٚنِتھ تورٕ زِ پنٕنہٕ نین سیٚتہٕ یاجَن سیٚتھ ماکرَن غدآری؟ یِیلہٕ میٚہ تَس وۅٚن زِ فیدور چھُ زُت مو ہیٚنیو۔ ایمان دار تہٕ ہُشار۔ تِمہٕ ڈول ریشِس اَتھہ تہٕ گُزرٕ سان وۅٚنِتھ: اَسہٕ سیٚزٕ وفن منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ دھونکہٕ بازٕ۔"

اُمِس بُڈِس ہا پٔچھی جان کاڈِی۔ "کلہ گِلہ ناگوٕنِتھ وۅٚن خوخولن۔ "میٚہ تہٕ کرِہ تَس سیٚتھ واریاہ کتھہٕ۔ جان، زُت مو ہیٚنیو چھُ۔ یِمَن چھا فیدور جلدے یِیلہٕ تراوٕنک خیالاہ تہٕ زِ؟"

"میانی کنِہ مہ کرِ اسارِی۔ تِمو کھتُو وراٸے یِمہ زَن ایساٸی ہَن وٕنِہ مرِزٕ چھِہٕ۔ چھُنہٕ یِمَن کانٛہہ الزام کھسان۔ دٕپھِ تِمَن کھتن تہٕ کیا بوزِ چھُ؟"

پَنٕنِس نیٚچِوِس کُن مۄڑِتھ گَنڈِتھ رۄزِ ماگج ہوِتھ یور کران آندرِی اوس اَتھہ یِتھہٕ کُن تھۄوِتھ دارِہ نِکہ دٕدِہ آہِسۃ کتھ بوزان۔ پاوِل ادٕرس اورِ یور یِکان۔ تَس اُس داگہ زیتھ چرِ تہٕ بتھی لبٕن چھیِتھ اُسِس قرم تہٕ کرہِہٕ ریشکِہ آنگِہ بنٛہ پتھ۔ یِمہٕ سیٚتھ تینٛدٕ بُتھِک گیشیوم رنگ تُہسا نمیو ھُتِہ ہیٚو اوس۔ "آوٕ پا بِہو۔" کھانہٕ اُنِتھ وۅٚن ماجہ۔

کھانہٕ کھیٚنہ وِزِہ وُنی آندرِی ہَن تَس ریٛبن بیٚتھ کتھ۔ یِیلہٕ تِمو کتھہٕ مہ کلاو۔ پاوِل وۅٚنِتھ بڑاہ افسوسہٕ سان۔

" اگر یہ ییٚتہٕ آسہٕ ہا۔ یہٕ دِمہٕ ہس پٕژ گژھنہٕ۔ تۄر ینہٕ باپتھ ادٕ سے
کیاہ تٔس نِش ؟ گھرٕ ہو دار دیمارغ تہٕ گنٛڈرہٕ جذبات ۔"

" ییلہِ زٕنٛ کانٛہہ ژٕنہ جہن دوتمٕ آسہ ۔ تہٕ وُمرٕ ہنٛد زیادہ وکھ
آسہس پننہِ رُوٗحکین تصرُف دارٕن سیٚتۍ لڈائے کران کوڈ متھ یُس
شخص نوٗہ سرٕ گرٕن چھا تٔسہہٕ حاصل گژھان ؟"

خوخولن دوٗن اُسان اُسان ۔

اُمہ پتہٕ چلیوو تھےٚ اَکھ نشاہ ۔ ییمکو زیادہ تر لفظ ماجہ زبٲنہ
اُسہٕ ترٲن ۔ تِمو مہ کلوو کھانہٕ ۔ مگر توٗہ پتہٕ تہٕ رُوٗدی تم اَکھ اکِس
پیٚٹھ ویٚٹھین پٔٹھین لفظن ہنٛد ورشُن کران ۔ منٛزٕ منٛزٕ آسی تم زبٲنہ
تٔرہ ورنس اندازس منٛزٕ بولان ۔

" اَکھ پوٗد پتھ کڈنہٕ دراٗمی چھ اُسہ برونٛٹھ برونٛٹھ پکُن ۔ کتھ
پیٚٹھ زور تراُوِتھ دوٗن پاویلین ۔

" تہٕ تِمن لُچھ واد تہٕ کرویہ واد گکن ہٹھ لیٚیُن ۔ یِم زٕن اُمہ
پنٕنۍ دُشمن گنٛزٕرٕن ۔"

پہُہار بحث بۄزِتھ توٗگ ماچہ یہ بوٗزن زہ پاویل سینٛد کینٛہ
اُسی تہٕ گرپیہہ گنٛڈ تہٕ شمارس ۔ تہٕ خوخول ادس تِمن ییٚکھ کران ۔ سۄ ادس
یہ ہیوٗتھ دِ ریچ کوٗشش کران ۔ زہ گرییس تِمن پرٕنہ یہ وُنُن زہ اَصیل وٕتھ
کوسہ چھ ۔ آندری یسنٛز کتھ تٔرتس نِکرہ ۔ تہٕ تٔس باسیوو زہ سۄ چھُ
پٔنٕنس زیادہ نکھ نوٗکہ ۔ دَپھ ییلہِ سۄ پاویلس کانٛہہ کتھ ادس وَنان

ماجِ اُمس شاہ بند کٔرِتھ تہٕ کٔن کھرٕڈہ کٔرِتھ روزان۔ تہٕ پہٕ ژانہٕ نہٕ بائِتھ نیٖچوِ سِندِس جوابس پاران۔ زٕہ ڈٔس ما آسہِ خوخول تہٕ کمتھ سیمتھ بیٖچھ ہیوٗ گومُت۔ مگر ناراضن گژھنہٕ وراٴی رُودوس تمیٚ اکھ اکھِ بیٚیہِ لفظ ورشُن کران۔

مٲجی اُمس سعٕ نیٖچوِ س پرٛژھان:

"پاوَل۔ یہِ چھا پزر؟"

تہٕ منٛگ اوس اَسہِ وِہٕ چانٛٹہِ وَنان:

"اہنہٕ۔ یی چھُ سٕیدان۔"

"اوٚہ سا بٲسے صاٴبا۔" خوٗخولَن کوٗر دوستانہٕ ہزلا ہیوٗ۔ تٔژنہٕ کھیوتھ زٕبر کھٔنٛساہ۔ مگر ژُوٚپِتھ نہٕ وارٕ پاٴٹھۍ۔ ہٲشِس چھےٚ کیاہ متام دٕولیرٕ بہِتھ۔ آبہٕ گریوٗ کھاہ ننگلاو۔ پیٚتھ ژٕن بعان وَسی۔"

"ہاژٕہ ہا چھکھ بڑہ ٹھٹھہ گوٗر" پاوٕلن وَدن۔

"فاتحہ بتہِ کٔرِ پاٴٹھۍ ٹھٹھہ باز زندہ دِل۔"

ماجہِ کوٗر لعہ تہٕ اَسُن۔ تہٕ لجُ کلہِ گلہ ناوُنہٕ۔

# ۲۳

بہار آو۔ شین گول۔ تہٕ شیشہٕ تلہٕ درٲیہٕ آب تہٕ میٚٹھ ٹیٚنۍ۔ دوہہ
کھوتہٕ دوہہ ہیٚنٛزن آب زیادے ٹیکی نیرنۍ۔ موٗزوٗر بستی باسے پیٚ وارے
شکس لد تہٕ مکر۔ زَن تہٕ زِچہ ناگی آسس گامژہ۔ دوہہ ہلہٕ اوس پشن
ووٚج وسان۔ تہٕ لرن ہینٛزن دوشن سر یہہ غار کلہ پأٹھۍ پیدان۔ گرزات
کیٚتھہ آسہٕ وزنہٕ تہٕ ششر کانٛژ صاف تہٕ پریزلوٚنہٕ یوٚدنہٕ پیان۔ اکھتابراوس
دوہ فی واریاہس کالس نوٚن روزان تہٕ نمیلِ کُن واشن واجنہٕ جہین ہنٛز
آواز اَمی وارہٕ پأٹھۍ کنن گژھان۔

یوم مئی منأونک سنٛز اوس سپدان۔

کارخانس تہٕ موٗزوٗر بستی منٛز آیہٕ اشتہار بأگراونہٕ۔ یمن
اشتہارن منٛز اوس آمہِ ڈیکھ بچرو ہیٚرچہ ناونہٕ آمت۔ یم نوجوان لکھہ تہٕ،
یمن بیٚیٹھ نہ پراپاگنڈک اتھ اوس سپدمت آسی اشتہارن پرٕ تہٕ پنیتہ ونان۔

" نہ سا کینٛہہ نتہ کینٛہہ بیٚتیہ کرنے !"

" آیہٕ چھُ ضروٗر ووٚری ؟" وسوف شیکوٚفن کوٚر زہرخندہ" اَمہ

گِنٛدٕ تٔرٛدرٕ ژھیٚنٛپہ ہوا بیاہ :"

فیدور مازن اوس بَڑٕ جوشَس منٛز۔ سُہ اوس تمیٚو منٛتھ تسٕنٛزٕ بول چالِ تہٕ دمہٕ پھٔرِ بیہٕٹھ منٛز اُمی اَکہٕ ترٛنٛھ اعصأبی بَتٕرٕ تَرٕ پیٚشس دِوٕتلے مٕژ۔ زن تہٕ سُہ جَلہٕ سٕنٛدی پاٹھٕو ژھٹپس منٛز بند اوس۔ پینٛزٕ بٕہ واغٕنسہٕ کھوتہٕ زیادٕے سنجیدٕ باسَن وول ژھوٚپ یاکوف سوموف اوس ہمیشہٕ تَس سیٚتھ آسان۔ یاکوفس اُمِس شہرٕ نوکری بنے مٕژ۔ سموٗلوفٕ تٕمِس جیلَن مَس زیادٕے دمہٕ زلودمٕت اوس، تہٕ واسیلی گوسیف، پوکپن، ذراگونوف تہٕ بٕینہٕ کینٛژن گٔلن اوس یَتھ کَتھہٕ پیٹھ اصرار۔ یِہ اُمِہ دمہٕ پہ گژھِ ہمیشہٕ پاربند مظاہرٕ سپدُن۔ مگر پاوِل، خوخول تہٕ سوموف بیٚترٕ اُسی نہٕ اَمہٕ کِس حَقس منٛز۔

اُموَبہٕ تھوکمُت ژھینوٗمُت شانٛشہٕ لد تہٕ گمہٕ ہوت پگور اوس پہٕنٛنہ بحث مذاقس منٛز ٹالان۔ "سیٚتھ باجو! موجوٗدہ سماجی نظام بدلاونہٕ چہ سانٛہ کوشش چھ پزی تقدٕشانہٕ چہ تہٕ عظیم۔ مگر یمہٕ کوٗشِشہٕ کامیاب بناوُنہٕ خأطرٕ چھ ضروٗری زِ بہٕ اَنہٕ پننٕہ پانہٕ اَکھ نوٚو کھوٚر بانہٕ۔" سُہ دوٚہتہٕ پٔنٛن اوَدُرٕ تہٕ ژھینوٗمُت کھوٚر بانہٕ ہاوِتھ "میون وَرٕڈی بوٗٹھ چھ دمہٕ ژ تَتھ حالَس ووتمُت۔ یُہ نہٕ پہٕ نوٚو تیٚرٕ بناوُن ممکن چھُ۔ اَمی چھ میہٕ دوہے کھوٚرٕ نن سریہٕ کھَسان۔ یوتام نہٕ اسی سیٚود پاٹھٕو تہٕ مصلحتٕ ورأے پروٗن نظام رَد کرون ۔ توتام چھُس نہٕ بہٕ زمینہٕ چہ کوٚہ چھ منٛز شُہٕ گنہٕ خأطرٕ تیار۔ تہٕ اَوَے چھُس بہٕ کامریڈ سموٗلوفنہٕ تجویز رَد کران زِ ہمیشہٕ پاربند

منظاہرٕ گژھن سپدٕن۔ اَتھ برخلاف چھُس بہٕ پانہٕ یہِ تجویز تمہٕ بروٚنٹھ کُن
پکھوان زٕ میٚہ لاگٕو اَکھ نوٚو کھوٚر بانہٕ۔ بیکیا زٕ میٚہ چھہ یقینہٕ جایہِ پوٚرٕ پژھ
زِ اشتراکیتچ فتح قریب آسہٕ نیچہ لٹایہِ کھوٚتہٕ روزِ یہِ زیادہ فائیدہ مند
تہٕ مددگار۔

اَتھی گژھہ تہٕ ژٔرِتھ اندازس منٛز وَنُن تمی مزدورن زٕ ووٚپر
کُلکَن منٛز کیٚتھ کنٛز چھہ کامگار یمہٕ پنہٕ زندگی ہُنٛد بار لوٚرٕ رادٕ نیچ جدوجہد کران
ہٲرِج اُس۔ تمی سُند تقریر کُنہٕ دِتھ بوزان۔ تہٕ اَمہِ تقریرِ کِہ اوس تَس
پیٹھ بجلیہِ ہِش اثراہ گژھان۔ تَس باسیوٚ زَن تہٕ عوامکی بدترین دُشمن ییم
عوامس زیادہ کھوٚتہٕ زیادہ والان آسہٕ تہٕ تمن پیٹھ آسہِ کرٛی ظلم کران،
چھہ وٕتھٕرِ وتھٕرِ، ژھوٚٹھ ژھوٚٹھ، بیٚڈ بیٚڈ کڈٕ کڈٕ تہٕ دعہ زلُو ووٚزلِ۔ خدٕ
روٗحس بکیند، حرص، دھوکہ باز تہٕ ظلم گار۔ یِمہِ زَن اَمہِ سُندِ ملکُک ٹاوٕن
تِمن رژھا سُخلتی دارناو۔ تِمو تُلی تَس خلاف لکھہ۔ تہٕ یِمہِ لُکو تِشند حوکومتھ
معطلود۔ یِمو کم پایہِ انسانو کوٚر بدٕ ہٕ مکٲری سان اقتدارس قبضہ۔ تہٕ عوام
کوٚڈ کھہ پاچہ کشان۔ ییم وانہٕ ناوِکی آنہ گنیٹ گوٹھرین منٛز۔ تہٕ ہرگاہ اَکھو
مقابلہ کوٚر کھہ۔ تیم کیٚتہٕ راوٕکھ ساسہ وادٕ یہِ تہٕ لچھ وادٕ۔

دوہہ اکہِ دِل کرٕتھ وَنُن تمی یگورس زٕ تمی سُند تقریر
بوزِتھ گژھہ تصویر چھہ تمہ یینہٕ نس دِلس منٛز بناوٕ ہِش۔ تمی تودوا آسُن
کھنگالہِ تہٕ ٹُھکٹی آوٕ نہٕ گنہٕ۔ اُچھ پیرہٕ ڈُمو دِتھ تہٕ سینس بھش دِتھ کرٕ
تمی شاہ کُھال نیچ کوشش۔

"بل گٹی پوز ہے ماجی - بل گل یوتہٕ ! تمہٕ بچی پزرگ رٹ نقشاہ گوزت
ژیہٕ ! پوت منظرس منز چھس کینژھا خیالچ آرا یشی - تہٕ کینژھاہ رنگہٕ ٹہٕ ون
تہٕ - مگر واقہ چھو ساری پنہٕ پنہٕ جایہ ٹھیک ! یمے وۄنھی ونھی تہٕ ژھوٹ
افسانہٕ چھہ - یم سارہٕ وہے کھوتہٕ بڈی گنہٕ گار چھہ - سارہٕ وہے کھوتہٕ
زہریلہ کیتھو - یم عوامک رتھ چھہ زہان - فرانسہ کیو بیکینو چھہ یمن جان ناوٕ
کھوتو تھتھ - یوز ہرا بیکیا زہٕ یم چھہ پزہی وۄچاوٕ تہٕ ارچاکہ - یمن لگن یم
انہٕ گٹس منز کھوتھ فائدہٕ چھہ گلان - تیمن چھہ ونمکاوان - تہٕ تہند رتھ چوان"
"چون مطلب چھا دیارہٕ والی ؟" ماجہ پرژھس -
"بل گل ایہند دیارہٕ وول آسنۍ چھہ یہنز بدبختی - ہرگاہ عثرگ
سیندس کھیسس منز تام پیہ کاڈ رتھ تراویہٕ - تہنزن ادٕی جمن جمد
پوٹھن بڈان چھہ بند گژھان - تہٕ سۄ چھہ ژعہ ٹینگ بنان - تہٕ ہرگاہ کانسہ
سندہٕ زہر کھینہٕ باپتھ دیہٕ پیہ - تہندہٕ رگ رگ پوٹھن بڈان چھہ ختم گژھان -
تہٕ تہند روح چھہ تمہ ریزی بینہٕ ہندی پانٹھی کم پاپہٕ " بے رنگ تہٕ بے جان
سپدان - یوسہٕ شرلچھ پانسہٕ کوہیکن بازرہٕ آسہ اُدٕ مژہ -"
اکہ دفعہ بیلہ زن یمو بولان اوس - پاول دوپتھ : -
"آندری پزنہٕ گوٚ بہ زہٕ یم لکھد پہ پھد وزہ اسان گندان تہٕ ٹھیٹھ
مسخری کران آسن - تہند دل چھہ اکثر دعہ کہ لدٕ آسان -"
جواب دیتہٕ بروٚنہٹھ کوٚز خوخولن ٹھہراوٕ - تہٕ اچھ وۄچھن ہیتہٕ -
"اگر چون ونن پوز چھہ - تیلہٕ گوٚ ژھد سوزے روٚس اسان آسان

پاگل گژھن۔"

نتاشا درایہٕ بێیہٕ نیٚبر۔ سہٕ تہٕ آس کنہہ تام بێیس شہرس منٛز جیلس منٛز بند۔ اُمہ تجربہ کِنہٕ آس تَس کانہہ فرق ہیوٗ گامُت۔ ماجہ باسیوٚو زہٕ اَمِس منٛز موجوٗدگی منٛز اوس خوٗخوٗل خمہ شُس۔ تُہنٛد کران۔ پرٛیتھ اَکِس کنٛہہ پلہ نادان۔ یمہ کِنہٕ سہٕ ووٚدرٕ وآنچہ آسان آس۔ مگر یِیلہٕ سہٕ درایہٕ سۆ بیٚیہ ٹھکہ ہتیہ کہ ہٹیو کرس چکر دِنہٕ تہٕ غمگین لیہ منٛز شُروٗ داپہٕ تہٕ۔

ساشا آس کٔمزِ منٛزہ برٛنٛہِس کھنڈس پٮ۪ان۔ تَس آس پرٛیتھ وِزِ زُکھ ہیٚشس تہٕ بانبر آسان۔ خبر تَس منٛز کیازِ اوس زیادٕے کہِ چھُپرٕ تہٕ بیٚیہ ربطی یِہٕ شُس آمُت۔

اکہ دۄہہ دراوٕ پاوِل تَس نیٚبر تام سیٚتہ۔ بہٕ دِیُن گوس ہیٚتھ تہٕ ماجہ بۄزِ تہہنٛزٕ ووٚلی دُلی کرِ مرٛدہ کتھ۔

"چنٛدٕ ہیٚتھ چھیاٹہٕ بے نیرٕن؟" تمہ پرٛژھس۔

"آ"

"یہٕ چھا ژٕلِ گِل فٲصلہٕ سِپُد مُتھ؟"

"آ۔ یہٕ چھُ میون حق۔"

"گوٚڈ نا یِیلہٕ دُبارٕ جیل اَژُن"

پاوٕلن دوٚن تہٕ کیٚنہہ۔

"یہٕ بنہٕ نا زِہ ..." تمہ کرٕ کتھ شوٗرٕ۔ مگر پتہٕ کرٕن پاسہ تُھکِیہ۔

"کیاہ؟"

"بێیہِ کٲنٛسہِ ہیٚکہِ ناجندڑہٕ دِتھ؟"

"نہٕ!" تٔمۍ دِیُت کٔمِتھ زور۔

"بێیہِ سو نٔچہٕ۔ گۄکَن پیٚٹھ چھُ چۄن یوٗت اَثر۔ پرٛیتھ اکھا چھےٚ ژیٚنہٕ پسند کَراں۔ ژٕ ہٕ تہٕ آندری چھِیوٗ گۄکن سارۍ وۍپے لکھہ تہٕ ٹاٹھۍ سۄنچھ تٔہۍ کاڑاہ کانٛہہ ہیٚکہِ یِتھہِ کٔرِتھ۔ مگر جندڑہٕ تُلہ نہٕ باپتھ ییٚہِ تٔہۍ جلا یہِ وطن کرنہٕ۔ سیٚٹھاہ دوٗر تہٕ دارِیاہ کالہٕ باپتھ!"

کورہٕ ہنٛزِ آوازِ منٛز اٲسۍ وسواسکۍ تہٕ لوکٕٹۍ تمے جذباتہٕ ییٚمو نِشہِ مٲج واقف اُس۔ ساشایہِ ہنٛزِ کٔتھ آسہِ تٕسندِس دِلس ژٕن تہٕ شٕنیہ دوۆن تراوان۔

"نہٕ میٚہ چھُ فٲصلہٕ کوٚرمُت" پاوٕلن دوٚپ۔ "کانٛہہ تہٕ چیز ہیٚکہِ نہٕ یہِ فٲصلہٕ بدلٲوِتھ۔"

"میون وَنُن تہٕ نا؟"

پاوٕل سنٛز آواز گٔیہِ سعہ کھ معہ کھ ڈیٚچ تہٕ گومٕٹھ۔

"یِژھ کَتھ کرنُکھ چھُے نہٕ ژٕ یہِ کانٛہہ حق۔ کانٛہہ تہٕ حق!"

"آخر یہِ تہٕ تیٚہٕ انسان چھِس" کوٗر وٕژھ لعہ تہٕ ہیٚٹِھ۔

"تہٕ سیٚٹھاہ رٕڈ انسان" تٔمۍ تہٕ دوٚن لعہ تی۔ مگر باسان اوس ژٕن تہٕ دم اوسُس گومُت۔ "سعہ انسان یعہ سہِ میٚہ ٹاٹھ چھُ۔ تہٕ توٚے۔ آمی کٔتھ بٔرِ ہی نہٕ ژٕ یہٕ یِژھ کَتھ کرِنۍ۔"

" خُدا حافظ !" کورِ ووٚن

اُہندِ کھۄر بانہٕ چھ کھورٕ ہیرٕ ژٕن تیزی سان وزان ۔ اُمیُک مطلب اوس زِ سہ درایہٕ، پاوِل دراو تَس پتہٕ پتےٚ نیبر۔

ماجہ ہیوٚتُن خوفہ سیتھ زِل وٕسِو وٕسِو گژھن۔ تَس توٚر نہٕ فِکرِ زِ تم کیٚژھ کتھ اُسِو کران۔ مگر ییٚژھاہ تجَس بوزنی۔ زِ تَس چھُ کُس تام بوٚڈ موصیبتھ پیٚنہٕ وول۔

" کرُن کیاہ سنا چھُس ؟"

پاوِل آو اورِ پھیرِتھ۔ آندری تہٕ اوس تَس سیتی۔

" بٕتیپ سےٚ ایسائی۔ آخر یِلاج کیاہ چھُ اُمس ؟"

خوخول ووٚت کلہِ ہِلہ ناوِتھ۔

" بہتر گو یوہ سۄ خبردار کرُن زِ یِمَن حالَن منز سٕنہٕ" دَپُن درِ کھاٗلِتھ ووٚن پاوِلن۔

" پاوِل ژٕ یہِ کہو چھے کرُن ؟" کاٚر نوٚمراوِتھ ووٚن ماجہ۔

" کرَ ؟ وِزی ہیے ؟"

" یکم - یکم مئی ۔"

" آ ؟" پاوِلن ووٚن لعہ تہٕ لعہ تہٕ " میٚہ ہےٚ چھُ جلوٗسَس بروٚنٹھ جنڈٕ ہیتھ نیرُن۔ تہٕ شاید ماژن میٚہ محض اَوَے جیل۔"

ماجہ باسیوو اچھَن ژُرٕسو لگان تہٕ تتُر وَنہ لھان۔ تَس گو میٚر خوشکھ۔ پاوِلن رٹوٚٹ تمیُ سٕند اتھ اتھَن منز۔ تہٕ اتھ لوگ مٕٹہ مٕٹہ دِنہٕ۔

"کرنۍ ہے چھُہ ماجی۔ ہیٚنا آسی سوچان۔"

"اَہنٛو، تہٕ میہ کیاہ وَنٕنۍ۔" دارٕ دارٕ کاڈ کھوٚد ٹُلِتھ دٔژھ سعہ دَچھہ ییٚلہِ تسنٛز زَن عُمرہ دار اَچھَن کٔنۍ وُچھن۔ تَس وٕژھ بترٕہ بترٕہ۔ تمہ ژٕ ووش تہٕ ماجہ ہُند اَتھ ژٕ ووٚن ییلہٕ۔

"ماجی۔ دِل موٚلُو لہٕ گژھِنہٕ بدلہ پیٚزی زٕ تہٕ خوش گژھن۔" سوٚ ووٚتھ اُڈاناڈا کرنکس اندازس منٛز۔ "خبر تمہ ژھ ماجہ کر ووٚنہ کھٕتن ییمہ اَسمان رِگندان ییٚنہٕ نین شرن مرنہٕ سوزَن۔"

"واہ واہ! خو خولنٕ ووٚن وُ ڈھو منزٕ ہی۔" دیماغ ماچھے عشَس کھوٚتمُت۔

"میٚہ نے وونۍ تہٕ کیٚنہہ۔" ماج وٕژھ دُبارٕ۔ "بہٕ نا بیچِنہ زِ تہٕ بُتھ۔ ووڈ گو اگر امہ سیٚتۍ تکلیف واتیم۔ تتھ کیاہ کرٕ۔ آخر ماج ہےٚ چھس۔"

سوٚ دراو تَس فِکرِ بُتھ پیٚتھ تہٕ امہ پیتہ پیہ تمو ووٚن۔ تمہ سیتۍ لوگ ماجہ دِلس شکہ۔

"اکہ لول گو سوٚ تہٕ۔ تُس تہٕ انسانن ہیٚنہٕ تہٕ پسندیچ زندگی کڈٕنہٕ دِیہ۔"

"پاشاہ مادَن" قَس گیہ پانس رِژن۔ تہٕ ووٚنُن۔ سعہ کھوٚژ زِ سوٚ گو زٕژھ تہٕ بٔنیہ ترٕژھ کانہہ کتھ وٕنُن۔ یمہ سیتۍ تس وارے دِلس لگہ۔

"میہ ہا تور فکرہ ۔ ژیہ پھے یِی کرُن ۔ پنہ نین سیتھ باشِن پھندہ باپتھ "

"ہا" تمہ وون " پانہٕ پنہ نہٕ باپتھ !"

آندری آو برس نشس ۔ تس زن اوس یندہ قدرہ کھوتہ پیس اوس ۔ امہ کنہٕ اوس تس عجیب بار کوٗٹھ تودراونی پیوان ۔ اکھ پھیوکھ اوسس برہ اندر تہٕ بیاکھ برہ نیبر روزان ۔

"دروازہ چم حفاظت ۔ کیتھ ژہ کی گوژھان " تمہ وون ژٕ کرسان نہٕ پتہ میو ویتھو ونیہ اچھو سیتھ کرُن تس نظر ۔ باسان اوس زن تہٕ کنہ پتہ پھراٹھ متر کرینکہ لٹ بہتھ اوس ۔

ماجہ اوس اوش پھٹہٕ نس تیار ۔

" وُچھ ۔ میہ روُد نہٕ یاد ے ۔ یِی وَنان وُنان دراہ ۔ یُتھ نہٕ تمہ سند نیچوٗ تس اوش ہاران وچھ ہے ۔ نیبر نیرتھ بیہتھ سعہ لوٗت پاٹھہ اکس کوٗ نچس متر ۔ نہٕ لج قدہ نہٕ ۔ سعہ پتھیہ وٕنہ سیتھ ہشس زن نہٕ دِلک سورُے خوٗن اوش بنتھ ہاران اوس ۔

دروازہ اوس اڈہ وٗتھ ۔ تس گوو تہندہ لوٗت لوٗت بحث کرُن کنن ۔

" ژٕہ کہو چھکھ پڑھان ؟ اَمس دعہ کھ واتہ ناوَنہٕ سیتھ چھیا ژیہ پنُن پان بوڈ ہیرہ باسان ؟" خوخولن پرژھس ۔

" ژیہ چھے نہٕ یہ وَنہٕ نکھ کانہہ حق !" پاوِل لوگ گرزنہٕ ۔

"ژٕہ کوٚتہٕ چاأرِ گی نہٕ دوس اُسِتھ روزِتھ یہٕ تماشہٕ وُچھان ؟
ژٕ یِہٕ کیاہ ضوٗر روٗر یتھے پیوٚک یہٕ وَنہٕ نکھ ؟ ژٕ یِہٕ چھے ناچِکرِ ژران یِہٕ گرٕ ژھاں
کیاہ چھہٕ ؟"

"اَسہٕ پَزِہ دِل دَرداوُن ۔ آیا نہٕ وَنہٕ تَس مَنز گرٕ ژھ نہٕ کانہہ وایہ
برٕ نہٕ یِن ۔"

"اُمِس سیٖتھو تیلا ؟"

"پرٕ یِتھ کانسہِ سیٖتھ ۔ یہٕ چھس نہٕ یِرٕ تھ ماسئے یِرٕ ژھاں ۔ یِہ سہٕ کھوٚرن
ہِنٛز برٕ پڑی بنہٕ نہٕ بُدونٛٹھ دِیہ نہٕ پکہ نہٕ ۔"

"مُہنہٕ رانڈ ے خان کیا چھیٚم بنیومُت ۔ گرٕ ژھونٛس وعدہ تھ راوٕ ۔
یِرٕ ژھ کنتھ گرٕ ژھن ساشایہ وَنہٕ نہٕ ۔ سہٕ ے یاگٕ ...."

"تَس نہٕ ووٗنم ۔"

"ووٗن ھَنسیہ ؟ بٕلی ۔ تَس آسِتھ نرمی سان بوومُت ۔ لولہ سان
دوٗنمُت ۔ مینہٕ مابوٗز ۔ مگر تو نہٕ ہیکہ یہ وَنِتھ ۔ مگر ماجہ سیٖتھو بنیوکھ بوڈ ہیٖر
پوٗز ہے بوزَو ۔ چاأنی اَکھٕ لوٚہ نہٕ کھنٛڈ ھار یہٕ ۔"

پِلاگیہ یہٕ ووٚتھ روو دُلی دُلی اَوشس ۔ سہٕ کھوٗرٕ پَنہٕ نہٕ جایہ ژٕ ہ
خوخُل گوٚ ژھ نہٕ کینٛہہ بَڈِہ بَرہٕ دِنہٕ ۔ اَوَسے مرٕ ہ رووُتمہ دُلی دُلی برٕ نہٕ ژایہ
چوکس منٛز ۔

"اِنٛہہ اِنٛہہ ۔ کأژاہ نیٚر چھہٕ !" سہٕ وُژھ بَڈِہ ہَنٛڈ ۔ تسنٛز آواز
اُس خوفہٕ نہٕ غمہٕ سیٖتو تھانتھ ریمٕرٕ " باسان چھُہ ۔ زِ نہٕ سونت کال آو ے ۔"

سہ لٔج بٔلہٕ چیز اکہٕ جایہ بیٚیس جایہ ٹُلہٕ تراوٕنہٕ۔ یُتھ نٕن مۆدٕ کمرٕ بیٚیٹھ پینہٕ واجنہٕ آوازٕ چیز اتھ یور کرٕ نکس شورس منٛز ڈبہ ہے۔

"سورُے کینٛہہ بدلیوو!" تمہ ووٚن تھدٕ ہٕٹہٕ۔ "مٔلُک چھہ زیادہ گرم مزازٕ تہٕ مؤسم زیادٕے سرد گومُت۔ یِتھس موسمس منٛز اوس جان گرم آسُن شب تہٕ اوس نوٚن روزان تہٕ ناپھ تہٕ اوس آسان۔"

کتھ کتھ گیہٕ بنٛد۔ سہ رٔوز سیہ منٛز چوکس کن ڈاٛرِتھ۔

"بٔنٛز تھاو!" خوخولن ووٚن لہٕ تہٕ لہٕ تہٕ۔ "وٕنہٕ تہٕ سنے فکرٕ ترٛی۔ تیٚلہٕ ژُھنٛس ترٛٹھاہ۔ میانٛی کینٛہہ چھہ سہ چانہٕ کھوتہٕ جادٕ حوصلہٕ بنٛد۔"

"کہو چاے چھنا چنٛن؟" تمہ پرٛژھ تھانٛتھ ریمرٕ آوازٕ منٛز۔ تہٕ یہ سہ نٹ ہش تیٚزٕ آوازِ منٛز آس۔ تمیکہ ووٚنکھ "وائے! یہٕ ہانسہٕ یٚس تیرٕ سیتھ!"

پاول ووٚتھ وارٕ وارٕ تس نش۔ کاٗر بٔن کٔن کٔرِتھ۔ ڈلہٕ تمہ آیہ گمہٕ ناوٕتھ زن تہٕ یَنٛ خطاہ مانان اوس۔

"ماجی۔ میہ دی مانٛی۔ بہٕ ہے چھُس ڈنہٕ شرٕ۔ تہٕ چور تہٕ چھُس۔" شُوہ ووٚتھ لہٕ تہٕ ہٹہٕ۔

---

نیٚچوی سٕند کلہٕ وُچھس سیتر رٕٹھتھ تہٕ بیہ بسی منٛز اوش ہاٛرِتھ ووٚن تمہ،

"تھوٚو۔ میہ مادٕن کینٛہہ۔ خدا گواہ یہ ژٕ پنہٕ نہٕ زندگی سیتر کرُن یرٕھک تہٕ کٔر۔ مگر سےمیانٛس دِلس بخش۔ ماج کیتھٕ بہٕ نہٕ لول؟ تس چھُ

چھ

لول در تاوٕنئ۔ بہ چھس تہ ہہ سارٕنٕے لول بران۔ تٔہۍ سارۍ چھوٕ میٲنۍ ماٲلھٕ۔ تٔہۍ چھوٕ سارۍ لول ور تاوٕنس لایکھ۔ بہ نٕے تہ ہہ لول بڑٕ اٚدٕ کٔس بٔروٕ؟ تٔہۍ سارۍ نپرو پانس پانس۔ ژٕ سارٕنٕے بُرونٛٹھ بُرونٛٹھ۔ تہٕ باقی ژٕیٕ پٔتہٕ پٔتہٕ۔ پریتھ چیزس دِکِہ دٕلھ۔ آہ۔ پاشا!"

نارٕ الاوٕکی پٲٹھۍ اُسہِ بڈۍ بڈۍ خیال تسندِس دِلس تلوطم تُلان تمۍ سُند دِل اوس دوہ کھ داٲوی خوشی کنہٕ پھٹنس آمُت۔ مگر یہ سورُے باوُنہٕ باپتھ اُسہٕ نہٕ تس لفظ تُمان تہٕ پننہٕ نِس اتھ بیہ زبان دوہ کھس متہ تہٕ اٚو تمہٕ پننہٕ نِس نیچوِس کُنُ تژھ نظر۔ یتھ منٛز تیز تہٕ سکھ دود پرزلان اوس۔

"میٲنۍ ہے چھ خبر ٲجی۔ میٲنۍ بخشی۔ دوہ ژٕ ہیٚے تہٕ گُم بوزُن۔ دوہ ژٕنے مشیم نہٕ زانہہ تہٕ! چاٲنی دُرِہے ہیٚے دوہ ژٕ نئ مشیم نہٕ زانہہ!"

اُشناہ پھول اٚوِ لتھ پھیوٚر سوٗ پوٚت۔ اٚمہ دِزٕ اوس سوٗ خوش۔ مگر سیٚتی کیتھ تام تہٕ ہیوٗ گومُت۔

تس اٚتی یتھے ترٲوِلتھ داٲژ سہ دویمہِ کمرٕ کِس بٔرس نِش۔

"آندریوٗشا!" تسندِس وٚنہٕ نس منٛز اُس زارٕ پارٕ ژ لوت گراسے۔

"اُمس پیٹھ ما آس خفہٕ گژھان۔ ژٕنے اُمس نٕیتھٕ چھکھ تہٕ ...."

"اوہو۔ کیاہ ژٕ گژھ نہٕ خفہٕ؟ خفئے یوت گژھس تہٕ چوب دی دی کڈٕس سارِہے چاٲری گی!" سوٗ اوس تس کُن حکر کرٕ لتھ دوہ دینہ۔ سو گیٚہ تس نکھ۔ تہٕ پننہٕ اتھ پِلہٕ نوٗ نس۔

"ژۄ ہا چھکھ بڈِ جان۔"

خوخول پھیوٗرتس کُن تہٕ سیدیوو چوکس منٛز۔ تمۍ اُسی اَتھہٕ پتھہٕ کٔنۍ نٲڈۍ ہتو۔ تہٕ کار اُسن وانہ سِندۍ پٲٹھۍ نمتہٕ۔ ماجہ بوٗز۔ سُو اوس شکھ ژٹہ کران کران وَنان۔

"نیرٕو ہیا یاوِلا! نہ تہٕ ہا پھاڑ ناوَسے بہٕ کھا میر! ننکو! کھوٗژے بہٕ ہے چھُسن ٹھٹھ کران۔ آدہ بی اَن سماوار یوٗرِ۔ بہٕ ترٲوس پنٕنۍ تھوٗنگل واہ زٕبر ژٕرنہٕ کیاہ چھہ۔ آبے آب ساریٖنے۔"

تمۍ کرٕ ژھہ پہٕ۔ تہٕ یٖتھہٕ ٲج چوکس ژاپہٕ۔ سۄ اُس پتھر بہہتہٕ سماوار پھکان۔

"کھوٗژسے۔ یِنے لاگِ اُمس اَتھ تہٕ؟" اَچھ تھوٗو ٹلنہٕ وراُیی دوٗن تمۍ۔ "بہٕ ہے پانہٕ سوٗلَے" گوہ گچھہ ہندۍ پٲٹھۍ یوٗ تاہ نرم چھُس۔ تہٕ تہٕ۔ ہیرو صاب۔ ہیانہٕ کنتھ مہ بوزِو۔ تہٕ میہ چھُ پہٕ سپھٲہ ٹوٹھ۔ یِزی پٲٹھۍ دیپھ یس واسکٹھ لاگتھ نژان چھُ۔ سُو چھُنہٕ میہ ٹاپہ کھسان۔ کنتھ چھُ یہ زِہ اُمۍ چھُ نوو واسکٹھ چوٗرمُتھ۔ تہٕ باسان چھُس بڈِ خوبصوٗرت واسکٹھ چھُ۔ اَوَسے چھُ یِڈ نیبر کڈتھ اورہ یور نژان۔ تہٕ پہ بہتھ کانسہ تھٲپھ ژھِنتھ وَنان: "وچھان چھوا کینتھ جان واسکٹھ چھُم"۔ ویسے تہٕ چھُس جانے۔ مگر اَوہ باپتھ کیازہ کُرزِن اَکھ بیاکھ گپر؟ لکہ ژٕھنہٕ ژھینہٕ گژھتھ روزِن کوٗتاہ گُذارِ چھُ!"

"دوٗپُم جناب۔ کلامہ کیتس کالس روزِ چلوٗن؟" اُشناہ کرتھ

پریشہ پاوِلن : اَکہ لٔٹہِ ہوو۪تھ مۆرہٕ ۔ وۄنۍ زان تہٕ حساب سیُٚد بیباق !

خوخولن اُسہِ سماوارس دٔرِچھنہٕ کھوڈرِ کھوِر تھوٚوِمِتہٕ ۔ بیٚہہ ہیکیہِ کرٲتھ ہیوٗر کرٕ نظر ۔ ناچ اُس دروازس منٛز وۄندیہ رٲوِتھ بٔڑہٕ شفقتہٕ سان آندرِ ہیس ووچھان ۔ اَتھہٕ ڈوٚکھ دٲوِتھ پھیوٚر سو تِمَن ماجہِ پتہٕ کن کُن ۔

" کاٹیاہ پرٕتی رِچھوِ تِہِ دمہ نوٚوسے ! " اُچھن بٹہٕ وٲہر کرِتھ ووٚن تِمَو تَس اُسہِ ٹاٹرو وۄنہ زلے ہیتھ ہوت ۔

پاوِل نمیوٚو تہٕ روٚٹنس اَتھہٕ ۔

" ہیا لَمَا ! " خوخولن ووٚن ۔ " بہٕ ہا پیہے وٲسے ۔ "

" تُہہ کیتھہٕ چھوِ کھوژان ہیو ؟ " ماجہِ ووٚن " گۄنٛہ کرو ووٚ ۔ بۆڈ ووٚ اَکھ اَکس مائے ۔ زورہٕ کرِو ووٚ نالہِ موٚت ۔ "

" کہو چھکھ وۄنان ؟ " پاوِل ووٚتھ ۔

" وۄنہ لا ۔ " خوخولن ووٚن تھوٚد وۄتھتھ ۔

تِمَو کوٚر زورہٕ نالہِ موٚت ۔ زہ قائلہ تہٕ کٕن روٗح ۔ یُس یارانہ کہ جذبہٕ سیتہ شولان اوس ۔ ماجہ اُس اُشس دارِ لٔج مرٕ ۔ مگر وۄنہ ذاوس پہٕ خوشی مٕنہہ اَوٚش ۔

" زنانن چھِ اموب اوٚش پٔٹان ۔ " اُچھہ وۄنہ ٹہ دٲوِتھ ووٚن تِمہ ہیناہ شرمندہ گژھتھ ۔ " خوش اُسہِ تہٕ توتہٕ وۄدُن ۔ غمن منٛز اُسہِ تہٕ توتہٕ وۄدُن ۔ "

خوخولن کوز آہستہ آہستہ پاوِل پانہٕ نِشہٕ جُدا۔

" وونی ہا گو سیٹھاہ"؛ اوّش ووتھ رأوِتھ وونن تمۍ۔ گِنٛدُن ورنہ کُنہٕ گو۔ وونی چھہ کامہ ہَتھن گژھُن آمُت۔ یمہ تٔرتہ تہٕ ہا چھہ نہٕ پیلے۔ پھوکھ دِوان پۄوان آو میٚنہ اوّش۔"

" اَتھ اوّشس مانٛدُ چھہ"؛ دارہ نکہ بیہتھ ووتھ پاوِل لتہٕ ہیٚنٛڑ۔

مأج تہٕ گیہ تَس نِشِس بیہنہٕ۔ تِسنٛدِ ڈل اوس اَکہ نوٚوہ جاوٕتہٕ بیہتھ برنہٕ آمُتھ۔ یمہ کرز سہ کینژ ہا ووداسے سپزتہٕ سیٹھی سیدُس تسکین تہٕ سۄکون تہٕ حأصِل۔

" بہٕ ہے اَنہٕ پانے پیالہ بیٚترٕ۔ ننکہ۔ یُتھ نے تٔرِ ووٚتھکھ" کمرٕ منزٕ نیران نیران ووّن خوخولن: ہرگاہ آرامہ رٔژھ کھنڈ کرکھ چانے گو۔ چوٚن دِل ہے آو وِنی بیٚتھ کنہٕ لیتہٕ معہ نچہ کرنہٕ"

اُمہ سِنٛزن تھنٛدِ آواز گیہ تٔہمن بنیہ اَکہ لیٹہ کنن۔

"لُطفاہ آو زندگی ہنٛد! خوٚ لو صہ دار انسانٕ ژ زندگی ہنٛد لُطف!"

"پُوز"۔ مأجہ کُنہٕ پھیرِتھ ووّن پاوِلن۔

" تہٕ اَمہ سیتی زَن بدلیوو پرِتھ کانہہ چیز ہے"۔ مأجہ ووّن "ساہ پریشانٕ نی یو روٗٹ نوٚو روٗپ تہٕ سانیو خۄش یو نوٚو طرح"۔

" تی گژھہ سُیدُن"؛ خوخول ووتھ "تِکیازہ میانٕ مأج۔ ووٚنی چھہ اَکھ نوٚو دِل تھنٛنہٕ یوان۔ زندگی چھہ اَکھ نوٚو دِل پراوان۔ اِنسان چھہ

برونہہ برونہہ پکان۔ تہٕ عقلہٕ ہنٛدٕ نوٗرٕ سیٖتؠ پٔزِتھ چیزن گاشہٕ راوِتھ ژھۄکن آلو دِوان: دٕ ژٕ پہپکھ لگو! گٔنٛزٕ سپدو! اکِ بِہ ٹھبرس منٛز سپدو گٔنٛزٕ! تہٕ اَتھٕ آلوس پتہٕ پتہٕ پکہِتھ چھہٕ سارِنٕی صحت منٛد دل پکہٕ وٕنِ بیہ اَکھ کُن تہٕ عظیم الشان دِل بنان۔ یتھ منٛز دعا پیٛتزٕن رفہٕ مِن ہنٛز ہیش شان تہٕ توانائی چھہٕ؟

ماجہ رٕٹی ورٕٹھ چھپرٕتھ۔ یتھ نہٕ تِمس نٔٹھ اَزٕہ۔ اُچھہ وٕچھن زورہٕ یتھ نہٕ تِمہٕ اوٗش ہارن۔

بادلِن تیٚج نرٕ ٹھوٗد۔ نٔن کینٛہہ وٕنُن اوسُس۔ مگر ماجہ لوٗگُس پانس کُن۔ تہٕ لعہ تہٕ وٕن نِس۔

"ہارٕ کاوُن۔"

خوخول ووت دروازس نِش۔

"لکن چھہٕ وِنہٕ داریاہ کینٛہہ ژالُن۔ وِنہٕ پٮ۪یہٕ داریاہ خوٗرن پیٚتھر۔ مگر یِہ کینٛژھاہ میأنِس دِلس منٛز چھُہ۔ میأنِس دہماغس منٛز چھُہ۔ میون سوٗدے دمہ کھ تہٕ تکلیفہ تہٕ میانہٕ جگرٕک سورُے رٔتھ لوہہ نہٕ تتھہٕ نِش کھٔنٛڈار تہٕ۔ یہٕ چھُس تِمہٕ تارکہِ یٲٹھو مالامال۔ یتھ منٛز بےٚ شُمار پٔردہ چھِہ۔ یہٕ ہیکہ کانٛہہ نہٕ چیز وِنتہٕ راوِتھ۔ کینٛہہ تہٕ ژٲلِتھ۔ یکیازٕ میون دِل چھہٕ حدٕ رووٗس خوٗشی سیٖتؠ مالامال۔ تہٕ یہاے خوٗشی چھہٕ میانہٕ طاقتُک سِرتہٕ!"

میجس بیٹھ کرٕ تِمو زیرِتام زندگی، انسانس تہٕ تِہندِس آینٛدہ کالس بیٹھ تِمہٕ کتھہٕ۔ یِمہٕ تِہندٕ دِلہٕ کہ سنہٕ رہ منٛزٕ دراموٕ آسہٕ۔

یُتھِ کانٛہہ تصور ما چھ ہِندِس دِلس منٛز ٹیکھ پاٹھۍ جاے اوس رٹمان۔ سہ اوس پننِس پتھ کالس کُن نظر ترادان۔ تہٕ اَتہٕ اوس کانٛہہ وُلٹہٕ ڈٖیشِتھ تہٕ تکلیپھ وانٛتہٕ ناون وول یاداہ کڈان۔ تہٕ اَمہِ کِس ڈوکھِس پتہٕ اوس اَتھ تصورس لہٕ لِہ کھوَل کران۔

پہنٛزِ کتھ باتھ ہنٛزِ نرم تہٕ وُشنہٕ گَتِہ منٛز گوٚ تسند کھوژُن وِرہ تہٕ تَس باسیوٚ بٮ۪نِہ تھکیٖ ہیوٚ۔ یُتھ زَن تمہِ دوہَن باسیو یوس۔ یکہِ مالی بڈہ کرہ پچھرہ سان وُزنمُتھ اوسس۔

"بوم لَدِ نہ سیتو نےٚ اندہٕ نہٕ کینٛہہ۔ ہرگاہ کانٛہہ چوراہ ژٕیہ زنانٛہ بناوتہٕ باپتھ تیار چھُ۔ گژھہ تسی سیتی نیر۔ وَکھ زان غنیمت۔ سارہٕ سٕنی کورِن چھُ کھاندر سپدان۔ سارِہ سٕنی چھ شُرکو۔ یم نہٕ فکرو تہٕ پریشانٛی یوٚ وراے کینٛہہ چھ دِوان۔ ژٕ تہٕ چھکھ اکِس بٮ۪نِہ ہیوٚ ہش۔"

یم لفظ بوٗزِتھ اوس تَس باسیومُت۔ زَن تہٕ تَس برونٛٹھ کنہٕ اکاے وَتھ چھَ۔ یوسہٕ خبر کتھ اَنہٕ گژھِس سیکِہ شاٹھَس کُن خبر کیازہ ہیٚچھ ہیٚچھ تہٕ مورٹ ڈاڈ ڈری گژھان چھَ۔ اَتھ وَتہٕ پیٹھ ہٹو کتھ پکہ پنٛنس احساس اوس تسنٛدِس دِلس منٛز گاشہ روٗس اکھ قرار ہیوٚ وہٕ پدہ دِوُمت۔ اَمہِ وِزِ تہٕ باسیوس اَتھ نہٕ گاٚنی۔ مگر اَکھ نوٚو پننہِ وول مصیبت ژٕپنٛتھ بۍسہِ دِلہِ منٛز۔ کَس تام ازاد شخصس زَن تہٕ یتہٕ لگتھ وَنہٕ نہٕ؛

"رُٹھ نہٕ - پتہٕ نہٕ!"

اَمہِ کنہٕ پھیر تَس تتھ دوکھ لَدِ دِلس شہلتہ ہش۔ یُس

زَن تَتھ زَن سیٖنہٕ ترین منٛز چارٕ مَژہ تارٕ ہٕندی پاگھٹہٕ گینگہ وادٕسے کران اوس
مگہ دِلہ کِس سینہٕ دِس منٛز اُمیس رٕژھ کھَنٛڈ تہٕ یقیٖنہ بَرٕڈ ووہ میدِ ہشِس زٕتہٕ قَس
نِشِس ییہِ تہٕ سوٗرٕ کینٛہہ اَتھ مۄکٕلِتھ نٕنہٕ۔ پَرٕ یتھ چیز ییہِ تہٕ نٕنہٕ۔ یقیٖنس
روزِہ قوتہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ مۄجوٗد !

# ۲۴

اَکہِ دوہہ سکلی، ییٚلہِ زٕن آندری تہٕ پادٕل کامہِ اٚسو گٲمتۍ، کوٗر کارسونوداہ دارِ ٹھکہ ٹھکہ تہٕ کریکھ دِتھ دوٚنۍ:

"ہیٚیے ایساٗئی ہے گوٚ لکھ! دوہ لےٚ ووٚچھون ہے۔"

ماجہِ کھیٚیِیہ دوہ ٹھ۔ تہندِس ذہہنس منٛز پرِ پیٚز لیوٗ ووٗزہ ملہِ ہینٛدی پاٹھٕ قاتلہِ سٕند بُتھ۔

"کمی مور؟" چھیکرِس شال ووٚلتھ پرِیشان تمہ۔

"امہی تہٕ قاتل چھا ہتور ہے ایساٗئی ہُس نِشس ہِیہِتھ زہ۔ سو ہے تس کھش کرِتھ دراُمُتھ پانٛس۔" سرٛکہِ پِکان پِکان ووٚژھ کارسونودا "دوہ نی کیا بی لگہ ییٚنہِ تلاشی۔ تہٕ تم لکھ کرن یہ زانٛنہ باپتھ اسمانہ زمین زہ قتل کمہٕ کوٗر۔ ادہِ بی جانہِ گوٚ۔ چانہِ گرِ کہ اسو راتس گری۔ بہ چھسکھ تتھ گواہ۔ بہ چھیپرِس ادہِ اجہ راتھ۔ تہٕ میٚیہ ووٚچھ دارِ منٛزی۔ تہۍ اٚسو دٕہ ہیٚچھس اندی اندی ہِیہِتھ۔"

"ماریا۔ ژٕہ کہے چھکھ ووٚنۍ پرٛژھان؟ تمن لکن ہُند کُسٕ سوچنہ تہٕ؟"

تس آیہ کو ہٹِن لورِ ژٕنڈ ہشس تہٕ دوٚنُن۔

" اَہہنی تہٕ قتیٖل تہٕ کوٗرٕ ے اٗخر کانٛسہٕ ؟ سُو گژھہ چانہٕ گرٕ کین نفرن ہُندٕ ے کاتہٕ کامہٕ بوج آسُن۔" کارسونو وایہ دوٚن پورٕ اعتمادٕ سان۔ " پریتھ اَکھاہ تِچھ زانان زٕ سُہ اوس تیمن مجرمی گرٛان۔"

ماجہ کوٗر ٹھہراو۔ تَس ہیوٗتُن شاہ بند گژھن۔ تہٕ تیمہ روٗٹ سینہٕ نوورٕ اَتھس منٛز۔

" کہے زٕ دٕلیل ؟ ژٕ ہے کہے زٕ بلہ کھوژان زٕن۔ یہٕ لاٗنس لینکھتہ اوٗسس تہٕ آس بیٚہتِھ۔ یکی دٕلی دٕلی نتہ ہیٚے نِوٗن لاشی تٕلِتھ۔"

دسوف شیکوفن شکھ اوس تہٕ ماجہ قدمے ہِوان کڈٕ تہٕ۔

" واہے ! یہٕ گو توٚ ہند خدٕ روٗس نیرٕن !" تیمہ دوٚن دِلہ منٛزی۔

کارخانس نکھے اَکِس کھُلہ موداَنس منٛز، یتہ زٕن اَکھ مکانہٕ درٕ سوٗری اوس گومُت، اوس اکہ ارساتھاہ جماہ گومُت۔ لکھ اٗسی یوٚنِرن ہینٛدی پاٹھی گیس گیس کرِتھ درٕ مرٕن بچن پیپہٹ کھسان تہٕ سوٗر وُڈاٗوِتھ نیران۔ واریاہ زنانہٕ آسہٕ۔ مگر پہہندٕ کھمہ تہٕ زیادٕ شرٕی، وانہ وٲلی، سرٕ پہٕ ہِنٛدی متوہنوی تہٕ گیلہٕ والی۔ سفید نرم داٗر کرِتھ تہٕ سینس پیپہٹ واریاہ توگمہ چاٗرِتھ بڑٕ گیلہ وول پٹلین تہٕ اوس۔

اپسائی اوس پیتھرس پیپہٹ کینٛز شاہ دراز دِتھ۔ تمی اٗس اَکھ دٕزمرٕ شہتیرٕ ڈکھ تھوٗمرٕ۔ نوٚنے کلہٕ اوٗسس دٕچھنس پھیکس کنٛی لاٗینہ آمٕتھ۔ دٕچھُن اَتھ اوٗسس ہِتکوٚن چندس منٛز تہٕ کھوورٕ اَتھ چہ اڈٕ نگِہ

آسٕنس میٚیٹرٕ بَنہٕ منٛزٕ وٕسِتھ گامُت ۔

ماجہ وُچھ تمہٕ سندِس بُتھِس کُن۔ اکھ بیٚیہ گاش اوٚچھ اُسس اُہرٕ زنگن ہٮ۪زرٕ باگ پیمٕرِ ٹوپہٕ کُن بڑٕ ووٚدامٕسی سان وِچھان۔ تٔمِس اوس اُس اَڈٕ دوٚ ڈھٕ۔ زَن تِہٕ کٔتھ تام کتھٕ پیٹھ حأران اوس گومُت۔ وٕدٕنس ریشٕنس اٰسِس کھٔرِ کانٛگرِہشٕ آمُت۔ اوٚہنٛد نٲدوٚل زونگلیو مُنٛتھ پان نوٗک دار کھامبرِ تہٕ ہوٚ کھُٹ بَزٕنہٕ دار بُتھ۔ سأری اُسی بُروٚنٛٹھ مہ کھوٚ تِہٕ وارِسے زٕکیمِتہٕ باسان۔ ییم اُسی موتن مُتزِ رأدی میتھ۔ ماجہ کوٚڈ سینٕس پیٹھ صلیبُک نشانہٕ تہٕ ووٚش ترٛوٚن۔ یِلہِ زِندٕ اوس۔ ماجہ اوس تُکھ کھٕران۔ مگر اَمہِ وِزِ آس اٰمِس پیٹھ عار ہیوٚ۔

"رَتھ نا چھُنہٕ بوٚڈ دُسے کٔنہٕ" کُنہٕ تام ووٚن لوٚتہٕ "مخالِف سٕتہٕ آسِکھ مورٕ ہتھ۔"

"غدارس تھوٚدکھ ہرہمیشہ بایَتھ چوٚنٛٹھ سُو کٔتھ۔" آیہ ہورِنہٕ کہ اندازٕ ووٚن بیٚیہ زٕنٛ۔

یُلہِ وألی ڈیٚیت کُلہِ ورسہٕ۔ تہٕ زنانہٕ اورٕ یور گٔڈِتھ پوٚکھ برٛوٚنٛٹھ کُن۔

"یہٕ کٔتھ کمہٕ اَکوٚ زٕ؟" دٔبارٕ کرِتھ پرِیُٹھ تمی۔

اٰمِس نکھ کین گُکن لیٚگ چھٕنگ ہشٕ۔ کینٛہہ ژٲلی۔ تہٕ اکھ ترٛوُدا شُن زن تہٕ تٔس ٹاوس اوس ٹھلان۔

مأج درایہ گرٕ کُن۔

"کأنسہٕ اَکِس تہٕ ادس پہٕ تسُند پھیران۔" تمہٕ سوٗ نچھ دِلہٕ منزٕ تس باسیوو زَن تہٕ ژھعہٕ قدرٕ تہٕ محہٕ پانہٕ نکولائی ادس تَس برُونٹھ کنہٕ دوہہٕ دِنہٕ تَس کُن ہُندرو تہٕ تیز نظرو وچھان، تہٕ تسُند اکھ ادس الوند ہیچھ زَن تہٕ اَتھس وِژنی ترِزنی چھوکھ ادس لوٗگمُت۔

تِمتھے تسُند نیچوٗ تہٕ اَندرِی گرٕہ آیہٕ۔ تمہٕ پرٕژھ اَمہٕ قیچمک:
"کہو ایسٕنی قتل، کَر تَس بیٹھ رودِیکھا کانہہ؟"

"وِزنہٕ نے چھکھنہٕ کینہہ تہٕ پیاہ۔" خوخول دوپھ درجواب۔

تمہٕ وُچھ۔ تیم دوہہ شمٕہ زِنٕ اَسہٕ ژھیتہٕ ہدی گامیتی۔

"کاگنیہہ ہیوتہ نکولائی سُند ناوٕ؟" ماجہ پرٕژھنک۔

"ناسے"۔ نیچوکہ دِتس جواب۔ تہٕ تِمن اُچھن منز اُس سختی تہٕ فیصلہ نکہ انداز اوسُس ماتہٕ نوُنت۔ "تہٕ شاید چھُنہٕ تَس بیٹھ شک تہٕ پیوان کَرٕ نہٕ۔ سُہ چھُتہٕ نہٕ پتہٕ۔ راتھ دُپہرس باگہ ادس سوٗ دَرِی یاؤری کٔرِتھ کوٗت تام گومُت۔ سُہ چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ تورہٕ پھیوٗرمُت۔ میہٕ پرٕژھو تمی سُند ہورہ یور۔"

"خودایس سُند شکر!" ماجہ تُرٕدَو پھر یکمہ ہیوٗ۔ "خودایس سُند شُکرا!" خوخولن کرٕ تمس نظر تہٕ پتہٕ نوٗمروٗن کلہٕ۔

"تمتھ کُنی چھُ بیہتھ زَن تہٕ فکری چھُس نہٕ تورٕ مُتہ زہٕ سید کیاہ؟"
ماجہ تیج یہائے کُنتھ بنیہٕ بٕہٕ تہٕ کاگنیہٕ نہٕ تَس بیٹھ عادتہٕ لگان۔ ہمدردی ہُند اکھ لفظ وَنتھ چھُنہٕ کانہہ اَکھاہ تیشرہ اُچھہٕ نہٕ وَٹان۔ یُتھ

پَتھرٕ پیو مُتھ تہٕ ذٔلیل زٔن تہٕ کانہہ چیز ژھینِتھ پَتھر پیٚوٚو رٔودُتھی تیمِتھے"
کھینہٕ وِزِ ترٛٲوو یاوہ بلَن سٕتہٕ کھ مٕہ کھ قاشُر پتھر۔ تہٕ زورٕ دِژِن
کرکھ:

" ہتہٕ چھِنہٕ یہٕ کُنِہ فِکری تران!"

"کیاہ سٕنا؟" خرخولن پرٛژھُس۔

" چارٕ وٲسے مٲرِتھ چھہٕ اُسہِ مازٕ حاصِل کران۔ گوڈٕ تہٕ پیتہٕ جان کینہہ تہٕ۔ تہٕ پیتہٕ چھُ آسٕتھ زِہ ہرگاہ وُنیکہ پوٚپش خطرناکھ بنن۔ تم گژھن مارنی۔ بہٕ ہیکن پانہٕ تہٕ سٕو انسان مٲرِتھ۔ یِمو وَنہٕ کینہہ پوٚپش تنٛدۍ پاٹھو پیتہٕ نین رفیقن، انساَن چھُنہٕ شکار آسہٕ گنڈِمُتھ۔ وٕچھ ہیپرٛ لعہٕ تہٕ پانہٕ تہٕ حقیر ہستی تَگالیزٕ کُس اکھاہ ہیکِ اُمِس ہیچھ شُرٛ بلیتھ؟"

خرخولن کوٗر چھیکین دراہ۔

" سُوتہٕ اوس نٕہتھے خطرناکھ۔ یِتھ اکھ جنٛگلی جانور آسان چھُ۔" تمو وونس " اکہِ تہٕ چھیرِ بانٛتھ چھِن اُسو موٗہ ماران۔"

" تہٕ گوٚو ٹھیک۔ وٕچھ میون مطلب چھُنہٕ تہٕ۔ میون وَنُن اوس زِ اَمہِ خیالہٕ سیٹھی چھہٕ دِژن گژھان۔"

" تتھ کیاہ گٔژھ زِہ؟" آندری ہٕنہٕ دلیت بنیہ چھیکین درس

" زِہ ہیکہ ہٲ ناپتھ پیتھ انسان قتل کٔرِتھ؟" واریاہس کالس دٔم دِتھ پرٛژھ یاویلن۔

خرخول لوگ پنٛنہٕ نیوٚ نیچوٚ نیچوٚ اچھو سیٹھی تَس مُدٕ ے گِنٛدٕ ہٲتھ

وُچھنہٕ تہٕ یٖتہٕ ترأوُن ماجہ کٔنۍ دٔلۍ وٲلۍ نظر۔

"یِتھۍ زٕمین رفیقَن تہٕ یِتھۍ مقصدہٕ بایتھ ہیٚکہٕ بہٕ پرٛیتھ کینٛہہ جرٲوِتھ۔"

تمۍ وَون بٔڑہِ مضبوٗطی سان۔ "بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ پننۍ اولاد تہٕ مأرِتھ۔"

"آ۔ آندریُشاہ!" مأج وَدِتھ بٔڑہٕ نرم لہجس منٛز۔

"مأجی چارہ؟" تمۍ اوٚس "زندگی ہیٚ چھہ یِژھے۔"

"تُہٕ چھکھ پوٚز وَنان" پاوِلن وَوتھ لوٚتہٕ ہٕتہٕ "زندگی چھہ یِژھے۔"

آندری گو ہِنگہ مِنگہ اضطرابہٕ کِس عالمس منٛز تھوٚد وٚتھتھ۔ زن تہٕ کُس تام اَندریُم طاقتھ آسہ بایتھ مجبور اوٚسُس کران۔

"اَسہ تانٛد چھیی کیاہ؟" اَکھ رُکھ نأوِتھ وَون تمۍ "اَسہ پزِ چھہ ملکن سٟتۍ نظر تھٲوِنۍ پیٚیہ مجبوٗر۔ یُتھ زَن سہٕ دِز دٲلۍ وٲلۍ یِیہ یِیلہِ اَسہ سارِنٕی لولے لول بأگراوہٕ۔ پرٛیتھ سُہ شخص چھُ ختم کرُن یُس ترقی ہِنٛزِ وَتہٕ دولہِ رٔوزِ۔ پرٛیتھ سُہ اکہٕ رُس گٔژھِ پوٚنٛسہ بایتھ کِنان چھُ یُتھ نٕن سُہ پانہٕ یِتہٕ بٕہ بایتھ ناداأری، شوہرتھ تہٕ حفاظت مٲلۍ ہیٚیِیہ۔ ہرگاہ کانٛہہ یہوٗدا٥ ایمان دار لُکن ہِنٛزِ وَتہٕ ٹھٔرِ رٔوزِتھ تِمن سٟتۍ غدأری کرنٕک حیلہٕ کٔرِ۔ بہٕ نے سُہ تِمہِ وَتہٕ پیٚٹھٕ ہٹاوَن۔ تیٚلہِ چھُس بہٕ پانہٕ تہٕ یہوٗدا۔ تُہٕ چھکھ وَنان میٚہ چھُنہٕ کانٛہہ حق؟ مگر سانِن آغن؟ کیاہ تِمنٕے چھا حق زِہ فوج، بارہٕ واتُل، کانہٕ دان، قیٛدخانہٕ، جلاہٕ وطنی ہِنٛزِ جایہٕ

---

٥ جوڑاس۔ یَمۍ حضرت عیساہَس سٟتۍ غدأری کٔر۔

تہٕ باقی لعنتی چیز زِندٕ تھوٚوِتھ کرٕن تِم یِہندٕ مدتہٕ سیٚتھۍ پننٮ نفس اُتشس
تہٕ آرامس رٲچھ ؟ ہرگاہ نہٕ تِہُنٛد کانٛہہ چیز لٲنٛتھ میانہِ اَتھ لگہِ ۔ تہٕ چھا
میون تہٕ مقصد ؟ بہٕ تُلہٕ یقیٖنن اُٹھو تہٕ پکتہٕ پرونتھٕ وُچھنے تمی ۔ اگر اَمہِ منز
ہیتہٕ وادتہٕ ساسہٕ واد کتر شر یوان چھ ۔ تیٚلہ چھُ میانہِ تہٕ حق زِ پنٕنہٕ اَتھ
وڈاون ییمو منزٕ کانہہ شھا ۔ بہٕ پھاٹوٚن سعہ نفر تس لایکھ کلہٕ ہیر یمہ سہٕ
بٔتیٖن ہندٕ کھمہ تہٕ میانہِ نکھ آسہ ۔ تہٕ یمہ سہٕ بٔتیٖن مُتقابلہ میانہِ مقصدٕ باپتھ
زیادٕ خطرناکھ آسہ ۔ زندگی چھ پرٔشی ۔ مگر بہٕ چھُس نہٕ اَمہ زندگی ہندِ طرف
کران ۔ میانہِ چھ خبرزہ یِہندٕ زِ تہٕ سیتھ کیٚو نہٕ اَسہِ کانٛہہ لاس ۔ یِہُند رَتھ
چھُ ہونتھ ۔ سون رَتھ ییلہ بیے شُمار روٗدٕ پھیرن ہندی پاٹھی زمیٖنہِ
پیٚٹھ پیوان چھُ ۔ اَمہِ سیٚتھ چھُ پزوٚک بیول نہٕ یوان ۔ مگر یِہُند رَتھ چھُ ناواٗ
نشانہ تراوٕنے ہیوٚکھتہٕ گژھان ۔ میانہِ چھ ساریے خبر ۔ مگر اَمہِ گُنہنکھ
جزا کرِ بہٕ پانہٕ برداشت ۔ ہرگاہ میانہِ کانٛہہ چارٕ بٲسہ نہٕ ۔ بہٕ کرِ ھنوز قتل !
دُپھ یہِ چھُس بہٕ صرف یِنٛہ وَنان ۔ میون گُنہ ناہ آسہ یِمے منٛزٕ ۔ پیٚشی کالہ کُس
دامنس آسن نہٕ اَمکہ داغ لٲرِی ۔ رَتھ آسہ میانین اَتھن لور ۔ یِنیہِ کانٛسہ
ہندین نہٕ ۔ کانٛسہ ہندین تہٕ نہٕ ! "

سوٗ بیوٚٹھ کمرس چکر دِنہٕ ۔ تہٕ تمہِ اشارٕ کُرنہٕ ۔ زن تہٕ کانٛہہ
چیز ژھٔٹھتھ دوٗر اوس دِوان دٲرِتھ ۔ پننہِ ہستی منزٕ کُس تام چیز ۔ ماج
اُمس غمگین تہٕ پریشان ہش تس کُن وُچھان ۔ تس باسیوو زِ خوخو
نہٕ کا یا یہ اندر چھُ کُس تام چیز پھٹمٕتہ ۔ یمہ کہٕ وجہ ہے تس دگ اُمس ووٚژھ ہمیش

قتلک اُہرٕ بیہہ ناوُن ووٚل تصوّر اوس ماچہ ہِندِ ذہینہ منٛزٕ درامُت۔
اگرسنے وسوف شیکوفن پیٹھ اثر کوٚرمُت اوس۔ تیٚلہٕ ہیچکہ ہے نہٕ پاوٕل سُند
کانٛہہ تہٕ دوس پیٹھ حرکتھ کرٕتھ۔ پاوٕل اوس کارٕ نوٚمرادیتھ خوشحال سُند
جوشہ بوٚزِتھ تہٕ زیٖٹھ زیوٚٹھ تقریر بوزان۔

" بروٚنہہ پکنہٕ باپتھ چھُ اَسہِ باجنے پانٕس خلافہ تہٕ ووٚتھُن
پیوان۔ پرٕتھ کانٛہہ چیز قربان کرنہٕ باپتھ چھ ہوٚل پیوان گنڈُن۔ پنُن سوٗرے
دِل تام چھ قربان پیوان کرُن۔ پنُن مقصد بروٚنہہ پکہ ناونہٕ باپتھ زوٗس
رِگنڈُن سہل۔ مگر اَمہِ وراٹے تہٕ چھ بیٚیہ کُنہٕ چیزٕچ قربٲنی دِنی پیوان تہٕ
تمہِ چیزٕچ یُس پننہٕ زوٗنہ کھوتہٕ تہٕ ٹوٹھ آسہِ۔ تہٕ یژھ قربٲنی دِتھ
چھنہٕ اُسی شو یژہ زیادے مضبوط بناوان۔ یمہِ خاطرٕ اُسی جنگان چھ۔
شو یژٕ یُس اَسہِ دُنیہِ یہس منٛز مارٕ وہے کھوتہٕ ٹوٹھ چھُ!"

شوٗ ٹھٲہر یوو سہ منٛز کرس۔ تٔس اوس یُتھ لیڈر پومُت۔ اُچھ
آسس اَدٕرٕ وژھ۔ تہٕ اَتھہٕ اُسنہٕ تھر کُنی ھوٚد رٔچ ہتی۔ زٕنۍ تہٕ کانٛہہ
سنجیدٕ قسم اوشس کھیوان۔

" میٛہ چھُ پتاہ نہٕ سہ وِز یمہ۔ یکلہ اِنسان پانٛنی پانٕنے پننہٕ نفس
حسنٔس تٲریف کران۔ یکلہ پرٕتھ اکھ اِنسان بیٚیہ سِندٕ خاطرٕ تارٕکھ
پاٹھی لوٚب دُن آسہِ اِجتراٹ پیٹھ بسہٕ آزاد اِنسان۔ یم آزاد فِضہ ہس منٛز
یوٚٹھُن تہٕ بڈن۔ تہٕ پننہٕ آزادی ہِندٕ برکتہٕ آسن تقدیر پایکو اِسارٕنے
انسانن ہِندہ دِل آسن وسی تہٕ اُنیکھہ۔ تہٕ پرٕتھ کانٛہہ دِل آسہِ کینہٕ تہٕ

حسدٕ نشہٕ چھٕلِتھ تہٕ چھوٚکھتھ ۔ یہ زندگی بنیہِ تمہ وِزہ انسٲنی ہٕنٛتس داسے تہٕ ژھونٛس ۔ تہٕ انسانہٕ سٕنٛزٕ ہمسرتی آسہ بنیہِ کھسہ تہٕ بتھٕر ۔ بٹکیازِ سوٗکٕس بتھٕر چھُ ۔ یوٚتاًمی تہٕ انسانہٕ سِندِس آتھٕ پٔلن ؟ تمہ وِزہ کرن اِنسان حوصلہٕ بایتھ پزرچ تہٕ آزادی ہنٛز زندگی بسر ۔ تم انسان پن بتھٕرٕ پایم گنٛزرنہٕ ۔ پہندس دِلس منٛز سوٗرے دُنیاہ ویٹھپہ راوٕنس سٕنٛب جلیے تہٕ اتھ دُنیہٕ پیٚٹھ سپتھ لول ورتاو نیچ صلاحیتھ آسہ ۔ تہٕ یم سارہ وِسے کھسہ تہٕ آزادانہٕ بٹکیازِ پہندہ دِل آسن عظیم حوصلہٕ سیتھ مالامال ۔ بتھٕرٕ شانکُہ آسن تم گکھہ ۔ نوٚو زندگی ہنٛدہ تم جھنڈہ بردار !"

برنزس کھنڈس کٕرٕ تمہٕ ژھہ پہ ۔ تہٕ پتہ سیوٗد گھرٕ رٕ اندٕرٕ ہیوٚت تمہٕ ترنہ آوازہ منٛز بولُن ۔ یہ سہ تہندٕ دِلہ کیوٚسہٕ زو منٛزہ وُزان آس ۔

" تہٕ یِژھ زندگی بایت چھُس بہٕ پریتھ کینٛہہ چیز کرنہٕ خاطرہ تیار ۔"

تس آیہِ بُتھِ چہ رُگ چارنہٕ ہیٚشہ ۔ تہٕ وۄتھ ولوٚتھ اوس ہیوٚتُن تیشرو بُتھو لبو پیٚٹھ وُسُن ۔

پاویلس گو بُتھ سفید ۔ تہٕ حالان گژھتھ لوٚگ سوٗقس وُچھنہٕ ماجہِ ہندِس دِلس منٛز اوس گوٚٹ تہٕ ہیم ناکھ اندیشہ وتلُن ہیوٚاُنی زہ تمہ گٔژ ووٚتھ ۔

" آندرے ۔ کھوٚزہ ؟" پاویلن پریژھ لوٚتہ ہٕشہ ۔ خوخولن کٔر کلٕس دِنہ ۔ تہٕ سیوٗد وودنہِ رُوٚد بتھ وُچھن ماجہ کُن ۔

" سوٗ واقہٕ سُپد میانِن اُچھن برونٛہہ کنہٕ ۔ مے چھُ خبر ۔ ۔ ۔"

سوٗ گیہِ دوٗ ہیٚتھ تَس نِشہِ ، تہٕ تَس رَٹٕن اَتھہٕ ۔ تٔمۍ کوٗر یٚژھُن

ژُھن اَتھہٕ مٕہ کلاوٕ رِنٛچ کوٗشِش ، مگر ماجہ ترٲوِس نہٕ تھٔکھ ۔ تہٕ پھیٚس راے

کرِتھ لٔجِس وَنٕنہٕ ۔

" ژھعہ یہِ ھا ! ہیانہٕ ٹاٹھیا ! ہیانہٕ گوٗبرا ! "

" ٹھہری " خوخولن وٕوٗن وَدٕ وِنہٕ ہیٚٹ " بہٕ وٕنے سوٗرُے کیاہ یٚپھُ "

" نا ھنوٗ رٕوٗر تھٕد نا چھُنہٕ ۔ " اَشہٕ ٹارہ بَرِتھ دوٗن ماجہ ۔ " نا آندریوٗشا !

یٹھہ نا ونکھ ! "

پاوِل آوٗ وارٕہ وارٕہ تَس نکھہ ۔ تَس تہٕ اَشہٕ ٹارہ اَدرِ ہیٚتھ تہٕ چُھتھ

زردیوٗشتھ ۔ تٔمۍ کوٗر وُٹھ گمہ نیار تہٕ دوٗن ۔

" ھائج ھا چھہ کھوشان نہٕ ژیٚنے ھا کوزت ۔ "

" میٚہ چھُنہٕ تہٕ ڈر ۔ میٚہ چھنہ پَرٛتھ پیدان ہرگاہ پانہٕ تہٕ وچھہ ھاگن

قوتہٕ پیہِ ہیم نہٕ پَرٛتھ ! "

" ٹھہری " خوخولن پھِر گردٕن تہٕ اُتھہٕ مٕہ کلاوٕ رِنٛچ کوٗشِش کرٕنھہ دوٗن ۔

" میٚہ نے کوٗرہ ۔ مگر ہرگاہ بہ پَرٛتھ ھا ۔ بہ ہیٚکہ ھا رٕوٗ کٔرِتھ ۔ "

" آندری ۔ ژھعہ یہِ کرٕ ڈٕ " پاوِل دوٗپھ ۔

تٔمۍ روٗٹ پٔنہٕ نِس دوستہ سٔند اَتھہٕ پٔنہٕ نِس اَتھس منٛز ۔ تہٕ

بیاکھ اَتھہٕ تھوٗوُن تسندِس چھیٚکس پیٚٹھ ۔ زِن سوٗ اَمہ قداوار جسمچ تھرٕ تھرٕ

بندٕ کرنچ کوٗشِش کران اوس ۔ پاوِلس کٔن پھیرِتھ وٕوٗتھ آندری بِچھہٕ مژٕ

آوازہِ منٛز ۔

" پاوِل۔ ژٕ یہٕ چھےٚ خبر۔ بہٕ اوسُس ییٚہ سٟدٕن یِژھان۔ دلیل ییٚز ژٕ یِژ کٲتھ برونٛہہ کُن۔ تہٕ بہٕ اوسُس دراگو نوفس سیٚتۍ کوچہٕ گَلیٚن وہٕ دینہٕ۔ اورٕ آو اپساٮ۪۔ تہٕ اوٚک طرف رٕوزِتھ لوٚگ اَسہٕ کُن وُچھنہٕ تہٕ ٹاٹھہٕ کرٕنہٕ دراگو نوفن ووٚن وٕ چھان چھکھا۔ یہٕ ہا روٗد میٚہ از راتھ راتس پتےٚ۔ از گالن کولہٕ۔ یتہٕ دراوٕ سوٗ۔ میٚہ دوٚپ گرٕ آسہٕ گومُت۔ اَمہ پتہٕ آو اپساٮ۪ میٚہ نِشہٕ۔"

خوخولن کھول زیٚوٕ کٕٹشاہ۔

" میٚہ چھُنہٕ کانٛہہ تیٛتھ ہیٛکھ کرُن مُت۔ یتھ زَن اَمہ ہیٛنٛی کوزَم"

حاجہ وانہٕ نوہٕ یہٕ لوٚت پاٹھۍ میٚچھ نِشہٕ تہٕ کُرسی پیٚٹھ بِہہ نوٗنہٕ۔ پانہٕ بیٚہِتھ قسِ سیٚتۍ تھتہ کنُز زہٕ پھیٚکو اَسکہ پانہٕ واٲنۍ زلان۔ پاوِل روٗد تیٚتھے کنُز وہٕ دینہٕ۔ غمگین، گرٕ صحتہ ہوٚ نگنہٕ کشان۔

" تمہ دوٚن زہٕ تِمَن چھہٕ اَسہٕ سعادہٕ نیٚہ ہِندکۍ ناو خبر۔ پُلیس والین نِش چھہٕ اَسہٕ سارٕ نیٚہ ہُند لِسٹ موجود۔ تہٕ یِم میٚہ برونٛٹھے یِموٚ اَسہِ ساٲری زیٚٹھہٕ۔ عیٚہ دوٚن نہٕ اَسہِ پورٕ کیٚنٛہہ تہٕ۔ صرف تہٕ ووُم اَسُن۔ مگر اَندرِ کیٚنٛہہ چھِم خوفس گرٕ چھہٕ۔ سوٗ بیٚوٕ بیچہ گرنہٕ نہٕ ژٕ چھکھ گالُن۔ اَتہٕ وُتہٕ لگِتھ چھکھ غلطی کران۔ جان گیوٕ ہرگاہ ژٕ ..."

تمہ کرٕ نصحہ یہٕ۔ تہٕ کھوورٕ اتھ سیٚتۍ دوہ پتہ روٚدن عادکھ تمۍ سپنٛزن اَچھن منٛز اَس اکھ ہوٚچھ وُتھن ہش۔

" میٚہ تور فِکرٕ!" پاوِل دوٚپ۔

" ہرگاہ ژٕہ قونوٗنَس ساتھ دِکھ۔ تَمہِ وُون "

خوخول لوٚگ مُشِس گلہٕ ناوَنہِ۔

" قونوٗن۔ لانتھ پیٚیہِ قونوٗنَس ! " سُہ ووٚتھ دندٕ ٹھکہٕ رأوِتھ۔

" ہرگاہ سُہ میٚیہ چَپاتھ کَڑہٕ ہے۔ جان اوس۔ میانہٕ باپتھ تہٕ تِہِندہٕ باپتھ تہٕ۔ تَمہِ چیلأو پیٚنہٕ نہٕ کمکہِ چانسٕ سیٚتھ میٚیہ نِس دِلَس ٹھوکھ۔ تہٕ میٚیہ رٔوٗد نہٕ پانَس تام "

جیرِ ییتھ ہیوٚ مہٕ کلیوو آندرِی ہُن بیٚنُن اَکھ پاوٕل سِنِدہٕ اَکھ منزٕ تہٕ لوہ ژٕہ آوازٕ منز پیٚمہٕ منزٕ ہ نفر یتھ اُس پریڈان گووٗنان۔

" میٚیہ کَڈ تمَس چَپاتھ۔ نہٕ پانہٕ دراس۔ پیٚنہٕ بوٗز میٚیہ پیٚتھ کنہِ دراگو فنو لوٗنٹ آواز۔ اٗخر روٗٹنکھ ژٕہ تہٕ۔ شاید ما اوس سُہ تَتہٕ یتھے کوٗنَس منزٕ پرٛاں "

دَماہ دِتھ ووٚتھ خوخول۔

" بہٕ چھیوٗ زُس نہٕ پوٗتھ۔ حالانکہ باسیوم کیا ہتام ہیوٚ یہوے تاس کڈُن ہیوٚ۔ مگر بہٕ گوس پکان۔ زَن تہٕ کھوٗزَن تٕل رُنِشہٕ مہٕ نڈٕج گمرٕ شأرسم ٹکھ پیٚیہِ کرکہ دِوان کارخانَس منزٕ وأتِتھ نِہ ایساٗئی ہا موٗرکہ۔ میٚیہ بیچُھ نہٕ پرٛنھے۔ دُپھ ژٕہ کرنم ترژھ دگ زِہ کأمے آیمَ نہٕ کرٕ نہٕ۔ یتھ کنہِ باسیوم نہٕ دود کینتھہ اَکھَس۔ دُپھ زَن تہٕ بہٕ دِسِتھ اوسُم پیوٗمُتھ "

تمہِ دِژ پینہٕ نِس اَکھَس کنُ ژٕہ نظر ہِش۔

" یہ داغ ہیکہٕ نہٕ شاید دُمرہ دُمرانَس تہٕ چھلِتھ "

" کیتھ چھ بہٕ زِہ چون دِل چھُ صاف " مأج دُرژھ لوہ تہٕ ہٹہ۔

"بہٕ چھُس نہٕ پانسس کانٛہہ تہٕ راہ لدان ۔ بلکہ تہٕ !" لفظن پیٹھ زور تراوِتھ ووٚن خوخولن: "کتھ چھہ پٔزۍ یاژٕ زہ میہ چھہ یہاے دِنہٕ ہِش گژھان۔ میہ پزِہ ہے نہ اُتھ مالس سٟنہٕ نۍ؟"

"میہ نا چھنہٕ چاۓ کتھ فکری تران؟" چینکین درسہ دِتھ ووٚنتھ پاویل "قتل کورُتھ نہٕ ژیہ ۔ تہٕ کورمُتھ تہٕ زن آسہ ہیتھ؟"

"بوزسا بابا ۔ اگر یہ پتاہ آسہِ زہ قتل چھُ سپدان وول ۔ تہٕ شورو کنہٕ باپتھ نہٕ کینٛہہ کرن ہتیلہٕ ...."

"میہ چھُنہٕ فکرہ تران ؟" پاویل لوگ کتھ ووٚج دِنہٕ "یانے فکرہ تہٕ نوزُم ۔ مگر چاۓ کتھ چھنہ میہ ہٹہٕ بعون وسان؟"

کارخانیچ سیٹی لجٕ وزنہٕ ۔ خوخولن بوٗزنہ یہ حُکُم دِنہٕ وول ناد ۔ تہٕ پتہٕ وٕژن پننہٕ نس حٲرہے پانسس دِنن ۔ تہٕ ووٚنتھ ۔

"بہٕ گژھہ نہ اَز کامہ ۔"

"بہٕ تہٕ نہٕ ؟" پاویل تہٕ ووٚنتھ ۔

"بہٕ ہا گژھے حمام کرنہٕ؟" بلا اَسناہ کرِتھ ووٚن خوخولن ۔ تہٕ جیوٚ بٹھ بہنہٕ پلوٗ تلہِ نہٕ ۔ نیرہٕ وزہ اوس سوٗ دِل موٗلوٗلہٕ ہیوٗ ۔ ماجہ تراوٕ بڈہ ہمدردی سان

تسہ کُن نظر ۔

"پاویل ۔ ژٕہ دُپتھ تہٕ کینٛہہ تہٕ ؟" رتھنِدہ گژھنہٕ پتہٕ ووٚن ماجہ "بہٕ چھس زانان زہ انسان مارُن چھُ گوناہ ۔ دُپتھ بہٕ چھس نہ کانٛہہ یہ اُتھ بارہٕ لدان میہ چھہ ایساٗئی سٟندہٕ کیا ہتام گژھان ۔ سہ اوس تیوٗتھ کُن تہٕ کیول تہٕ بکس

یئلہِ اَز میٚیہ تَس کُنُ وُچھ۔ میٚیہ ہیٚوو ژٕہ تَس اَکہ دوہ ہَن دژٲیے تمیٚ ژٕہ بچھہ لَدٕہ ہیٚچ دَمکی۔ دَپھ اَمہ کِنہِ کھوٚر ہِ میٚیہ سوٗ۔ تہٕ ہہ گیٚس دوہ ژٕ تِہنٛدِس گرِ خوش۔ میٚیہ آو تَسنٛد عار۔ مگر دوہ ژٕ۔ دوہ ژٕ چھُم نہ عار تہٕ یِوان۔"

تمہِ کُرُ ژھوپہ۔ تہٕ خبر کیاہ لَجِ سوچنہِ۔ تہٕ پَتہِ ہیٚچھ تاجبہ سان دَپنہِ ۔

" وُچھ تاجُب چھُے۔ ژٕ یہ بوٗز تھا میٚیہ کیاہ ووٚن ؟"

صاف اوس نَنان ژٕہ تمیٚ اوس یہِ بوٗز مُتھ۔ تِکیازِ ژٕہ اُچھ بوٚن کُنُ کرِتھ تہٕ ہورہ یور چکر دِتھ ووٚتھ سوٗ بڈٕہِ دِل موٚلہ پأٹھۍ۔

"کیاہ زندگی چھِ ! لُکھ کِتھ کَنہِ چھِ اَکھ اَکِس خلاف تُلنہِ یِوان ! کانٛہہ مہ تہٕ یَرژھو تَن ۔ کانٛسہِ نہ تہٕ کانٛسہِ ہیٚچھ چھِ تو تہٕ اَتھ دوہ تھأنی۔ تہٕ تہٕ کَس ہیٚچھ ؟ کانٛسہِ لوکٕٹس موہنوس ہیٚچھ۔ یَس تہٕ سانہِ کھوتہٕ زیادہ حوٗقوٗق دِتی متو چھکھ۔ تہٕ یوٗ تانی زَن اَمِس شخصیہ سٕنٛد توٗلُق چھُ۔ سُہ اوس سانہِ کھوتہٕ کم خوش نصیب تِکیازِ چور اوس ٹیٖپس فوج تہٕ خفیہ پلیکو ساٹھی نفر چھِ سأنی دُشمن۔ مگر ییم سأری چھِ تہٕ کرِتھ تہٕ اَسی ہِو انسان یِمَن تہٕ چھُ سأنی پأٹھۍ رَٹتھ چَنہِ یِوان۔ تہٕ سأنی پأٹھۍ چھُنہِ یِمن سیٚتو تہٕ انسانَن ہُنٛد ہیوٗ وِوہار کرنہٕ یِوان۔ پرِیتھ چیز چھُ ہِوٕے۔ دَپھ آغو چھ لُکھ اَکھ اَکِس خلاف کرٕ متو۔ یِمن چھکھ خوف تہٕ چارٕ گی کِنہِ اُچھن بچہِ پھرِ مَرٕ۔ تِہنٛدی اَتھ چھکھ گَنڈ متو۔ تمَن چھ رَٹتھ یِوان چیزہ تہٕ چَنہِ تم چھِ اَکھ اَکِس مارنہٕ تہٕ لَتہِ موٚنڈ کرنہٕ بأپتھ استیمال سپدان۔ انسان چھکھ

بۆنٛدۄقن ، لاٹین تہٕ کنٛین منٛز تبدیل کرٕنۍ ہتہٕ۔ تیٚہٕ اُتھی چھہٕ وۄنان یہٕ گوٚ خوٚکو، مہتا!
شوٗ آو ماجہ نکھہ۔

" ہاجی یہٕ چھُہ سراسر جُرم! لُچھ واد تہٕ کروریہ واد گکن ہند نفرتھ بوٚزُتھ قتلِ عام! انسانی رۄحن ہند قتل! بوٗزتھے؟ تِم لگُھ چھہٕ رُحن ہنٛدۍ قاتل! یِہ سیٚہ تہمن تہٕ اَسہٕ منٛز فرق چھہٕ۔ سعہ ترٛیٚے فِکرِہ؟ اکھ انسان مارِتھ چھہٕ اَسہٕ پانٛسہٕ نہٕ دِنٛن گژھان۔ مَنَد چھہٕ پِوان۔ تکلیپھ واتان۔ سارٕ وۄپے کھوٚ تہٕ بُڈ گنٛتھ یہٕ زِہ نفرتھ چھہٕ گژھان۔ مگر تِم لگُھ چھہٕ بُڈِہ مرٕنس منٛز تہٕ سعہ کھ شاندٕ بُڈِہ بیدردی سان ساسہ بدِن گکن کھشُن کران۔ تہٕ ڈیکس چھکھ نہٕ گینٛو تہٕ کھسان۔ بلکہ چھکھ اَمہٕ سیٚتۍ شہلتھ پِوان تہٕ گکن کھشُن کرنکھ چھُہ صرف بیٚنٛے اوت وجہ زِہ تِم چھہٕ پننٛن سعہ ن تہٕ رقہ پیٚھ پننہٕ مہہ بخہٕ تہٕ تِم سارۍ بیٚہ ہۄدہٕ چیز رچھ کرِتھ تھوٗنی یژھان۔ یِمہٕ کہ مَد تہٕ سیٚتۍ تِم اَسہٕ پیٹھ خوٚکومتھ چھہٕ چلاوان۔ ذرا سُنی ہاجی۔ لگُھ مارنکھ تہٕ تہندِن رُحن مَسخ صورتھ کرنُک مقصد چھُنہٕ پنُن زۄ بچاوُن۔ تِم چھینہٕ پیٚٹہٕ نہٕ خاطرٕ یہٕ کران۔ بلکہ پننٛ دولتھ تہٕ ملکیتھ بچاوُنہٕ خاطرٕ! تِم چھینہٕ تہٕتھ چیزس رٛاچھ کران یُس تہمن اندر چھہٕ۔ بلکہ تتھ یُس نیبر چھُہ۔"

تِمو رُٹی ماجہ ہنٛدۍ اَتھ۔ تہمن کُن نمیوو۔ تہٕ پَتہٕ دِتہٕ نکھ زورٕ

چھیر۔

" اگر ژٕ یہٕ تمکہ یہٕ تہٕ شرمناک ذلالتھ فکرِہ ترٛی۔ نیٚلہٕ ہیکھ ژٕہ شوٗ پزر زانِتھ۔ یِمہٕ ہاپتھ اُسو جنگان چھہٕ۔ ژٕ بہٕ باسی یہٕ پزر کو تاہ بوزتہٕ تھدٕ

پایکُ چھُہ!"

مٲج وُزھ ھوٚد۔ اَمہٕ وِزِہ اُس سہٕ بیے انتہاہ مُتاثٔر۔ تہٕ تسُند سورُے آشُن اوس یِمہٕ اَمارٕ سٕیتیٕ پوٚرُت زہٕ یُس نارٕ اُلاوٕ تِمیٚ بِندِ یس وٚچھُس منزٕ وُہان اوس۔ سُہ رٕلاوِہ ہے پنٕنِس نیٚچوِ یِس سِندِس دِلہٕ کِس اَلاوس سٕیتیٕ۔ یُتھٕ زٕن سہٕ اکھ گُنہ، تھٔدِ پاریٚچ تہٕ پرٕزلوٚنی نارٕ برٕہنہٕ ہِیٚمے۔

"پادٕل۔ صبر کرٕو!" تِمہٕ ہیٚوکھ مُشکلَن وٚنِتھ۔ "میٚہ تہٕ تِرٕہ کیٚنشَن دٕمہٕ ہٚن ناتہٕ فِکرٕ۔ دٕپھ ذرا کر صبر!"

# ۲۵

نیٚبرٕ آو کٲسہِ تام کرٕنہٕ ناد کران۔ تٔمۍ دِیُت شوٗرے کٔڈ وۄتھ تہٕ ترٲوِکھ اَکھ اَکِس کُن نظر۔

بَرگوٚ وارٕ وارٕ وۄتھ۔ تہٕ رٔٹیِن ژاوٕ اَندر۔

"بہٕ ہا آس!" وۄتھ گٔمرٕ ناوِتھ تہٕ کارٕ ہتھ تھوٚوِتھ وٕنن تٔمۍ تہٕ دُنی پیٹھ اَکھ شکل۔ قولہٕ دوٗر اَز یِتہٕ پگاہ ۂتہٕ، پرِتھ جایہِ کھشرِ یا جامَن رنگ ژھٕنن وول!"

تٔمۍ اُسۍ پوستین لٲگِمٕژ۔ یِمہٕ سٕہ تارکولہٕ سیٚتۍ بَرِتھ اٲسۍ۔ کھوٚرن اوسُن بِلہٕ ہور لوگُمُت۔ تہٕ کلس زیٹھ جٔڑدار ٹوٗپۍ۔ کمربندس منز اوسُن اَکھ جوٚ روٗستۍ اَکھ اَتھ پنجہٕ ٹھکمُت۔

"پاول۔ وارٕے چھکھا؟ گوٚ آخر ترٲوِتھ یکھ ژہٕ؟ سیٹھاہ رُت گو۔ پلاگیا نلووُنا چھا وارٕے؟" پنہٕنز پٔنیز دنٛد ہاوِتھ کوٚر تٔمۍ اَسُن۔ آواز اوسُس وارٕے نرمے مژ۔ تہٕ زیٹھ داڑ اوسُس سارِے بُتھِس وہراونہٕ آمژ۔

تَس وُچھتھ گٔیہٕ مٲج خوش۔ تہٕ تھوٚود وُچھتھ روٗٹُن تٔمۍ شُند

موٚٹ، اَتھ پیٚٹھ نِس اَتھَس منٛز۔ رٮ۪بن سیٚندِس اَتھَس اٲسہٕ کرٛہنہٕ داغ۔

"واہے!" تارکو لچہ تیز، خوشی کرِ وُنہٕ خوشبو یہٕ زورِ زورِ مُشکہ ہیٚتھ وُزھ سو" کاتٛراہ خوشی سپزِ س تٔرِ وچھتھ!"

"نہ بانٛزِ ہٕ پاٹھو چھکھ گریوٚستے!" اَمُن ترأوِتھ تہٕ تَس کُن مُدے گنڈتھ ووٚن پاویلن۔

پیٚزھ ہیٚوٗت وارِ وارِ کوٹھ کڈُن۔

"حق تہٕ پوز۔ بہٕ چھس دوبارِ گریوٚس بنان۔ تِمہٕ دوہ ہہ پیٚتہٕ دوہ ہہ رٮ۪پیٚسن منٛز اَڑان۔ تہٕ بہٕ چھس بیٚیہِ سیٚے طرفس کُن گژھان۔"

تِمَو ہیٚوٗت کمرس گشت کرُن۔ تہٕ رنگہٕ دار قمیص ٹھپکھ کرِتھ لوٚگ باقی چیزَن سام ہیٚنہٕ۔

کتابَو وراے چھُنہٕ بیٚیہ کانٛہہ خاص نوٚو چیز اہ۔ ہُنہٕ۔ اَدِ ساتہٕ دِتو سوروے قصہ کیاہ سپُد؟"

سُہ بیٚوٗٹھ زنگہٕ دوٗر دوٗر تھٲوِتھ۔ کوٚٹھو رٹِن اَتھَن منٛز تہٕ پیٚنہٕ نیو گرہہنیو چشمو سٕتۍ لوٚگ پاویلس وُچھنہٕ۔ تہٕ جوابَس پراران لوٚگ وُٹھ گمہٕ ناوٕنہٕ۔

"سانٛی ٲم چھےٚ بدٕ ونہٕ ٹیکان۔" پاویلن ووٚن۔

"زمین لاگان۔ بیول وٲوان۔ شعہراب بناوان تہٕ چوان تہٕ باقی وَکھ شونگنس منٛز کڈان۔ دوستہٕ میانہٕ چھُناتی سپدان؟" ریبٔن ترٛوو اَسُن۔

"میخائیل ایوانووچ! تِمہٕ دِتو پیٚنٛز خبراہ اتراہ؟" تَس نکھہ بہیتھ وٕلتھ

پاوِل۔

"جانٛ دا سا ژھیکھے بہٕ چھُس یگیپل دی یوس منٛز کام کران۔ زانہہ تمیکھ ناوٕ بوزمُت؟ یگیپل دی یو رجان لوکٹ قصبہ چھُ وردِ۔ س ہ زشتہٕ دوٚ تہٕ لبہٕ مالہ لگان۔ آبادی دہ یوٚ ساسو کھوتہٕ زیادٕ یہٕ ہن۔ مگر سأری غریب تہٕ نیٖد سأری کأنٛسہٕ تہٕ نہٕ پننہٕ زمین۔ سأری کرایہٕ پیٹھ زمین رٹان۔ تہٕ زمین تہٕ نہٕ جان۔ بہٕ چھُس تتہٕ اکس دِرکہٕ نٔش کامہ۔ قصبہ چھُ یمو دِرکو سیتی یتھ کنہٕ بٔرِتھ۔ یتھ کنٛزن لاشہٕ پیٹھ کیٛمہ چھ آسان۔ کولہٕ زالُن تہٕ تارکول بناوُن۔ یوٚت یتہٕ زینان اوسُس تمیکھ ژوٚرِیُم حصہ چھُس تتہٕ زینان۔ تہٕ کام یتہٕ کہٕ کھوتہٕ دوٚگن۔ اُسو چھ سَتھ نفر اُمِس دِرکہٕ ہندِ باپتھ کام کران۔ جان نفر چھ۔ سأری جوان تہٕ اُمی قصبکہٕ۔ میٛہ ورأے زانٛن سأری لیکھہٕ پرٛتہٕ۔ ہمو منٛزِ چھُ اکھا۔ یفیمہ رتیوٚت نزوٚش مزازِ زہٕ فکری چھُنہٕ ترٛان کروس کیاہ۔"

"تہٕ کتھ کنہٕ چھکھ کأم کران؟ بحث کرِتھا زہ؟"

پاوِلن پرٛژھس بڑہ اشتیاقہ سان۔

"اَدِ کیاہ زیوٚہِ ژُمتھ ہیتھ چھُسہٕ بہتھ؟ تیرٛتھ ہن تھوٚہو زہ زانٛنتھ۔ جانٛی سأری اشتہار اُمِسہٕ سیتی نمیتھو[۳۴]۔ کُل بل ژھٕ یہٕ ترہٕ۔ دَپہٕ بہٕ چھُس جادِ ترٛ انجیلہٕ سیتی کأم چلاوان۔ انجیلہ منٛزہ چھُ واریاہ نیران۔ کتاب چھ بڈٕ تہٕ۔ تہٕ مقدس مجلس کلیسا ہن چھ منظوٗر تہٕ کرمٕژ۔ اصل کتھ چھ سوٚے اَتھ ییٛہ بڈٕ کأم ہینہٕ۔"

اَسان اَسان ہٕوتمو پاوِلس اُچھ ناٹھ۔

"دَپھ ییہائے یاُژ چھَنہٕ کاگٲفی۔ بہٕ چھُس ژٕ یہٕ نِشس کِتابَو خاطرٕ آمُت۔ اُسہِ چھِ زٕہ نفر۔ سُہ یقیم چھُ میٚنہِ سیٚتہِ۔ اُسہِ اکھ تارکول ہیچھِتھ سوٗزِ ہیتھ۔ اَسہِ زوٗن موقہٕ جان۔ تہٕ وَتہٕ ہنا ڈالِتھ یِہِن آیہِ یور۔ یقیمن پننہِ بُرونِہہ دِیوٗ کِتابہٕ۔ اُمِس گژھِ نہٕ سارہِ کٕہنہِ پےٚ لگُن۔"

ماجہ دُچھ رینبس کُن۔ تَس باسیوٚ زٕہ پٕھشاکہ درائے تہٕ اوس تمی کیاہ نام بدلوٚ مُت۔ اَہِندِس طور طریقس منٛز اُس روب تراوِنیچ ترائے ہیٚمے مِژٕ نظرِ اُسِس چالاکی ہُرے مِژ۔ تہٕ اَچھَن ہٕنٛز صاف گوٚئی اُسِس بُرونٛہہ کھوٚتہٕ کم گامِژ۔

"ماجی" پاوِلین وَوٚن۔" ماجی ژٕ یہٕ نِیےٚ نکلیچہ سیدی۔ ژٕہ گژھکھ نےٚ کِتابہٕ اَنِنہٕ۔ تِمن ہے چھُ پےٚ گژھ کِتابہٕ گژھن آسہٕ نہٕ۔ وُنی زِکھ کام بچھ سوزِنہٕ۔"

"یِہ کِہو" ماجہ وَژھ۔" سمادارس ہیٚن گژھ یِکھ۔ اَتی گژھ۔"

"پلاگیا۔ گوٚ ژٕہ تہٕ سٕنٛنہِ یِکھ ہمِن نیایِن۔" رینبن لوٗگ اَسنہٕ "ہوٗں تَتہِ چھِ قصبَس منٛز داریاہن لُکن کِتابہٕ ہٕنٛز خٲہش۔ تہٕ یہِ سوٗرُے کارنامہٕ چھُ تَتہٕ کِس ہیڈ ماسٹرٕ سُند۔ رُت مہہ ہیٚنیوٚ۔ حالانکہ پانہٕ چھُ پادرِ سوٗگرُک۔ تہٕ ژٕور میٖل دوٗر چھِ اکھ ماسٹر بایاہ تہٕ روزان۔ یِم چھِنہٕ غٲر قانوٗنی کِتابہٕ پرٛاوان۔ پننہٕ نوکری دِمہٕ یوٚ دِمہ یوٚ اَکھوٚ تفتیش کرِتھ۔ مگر میٚیہ گژھن تیمے غٲر قانوٗنی کِتابہٕ۔ رَژھا تروٗشہٕ یِہِن۔ میانہِ باگراوِ مِژٕ کِتابہٕ ہرگاہ پُلیسہٕ انسپکٹرن تہٕ پادرِس اَتھہِ لگَن تہٕ۔ اَمِیک راہ لدن تم ماسٹرس تہٕ ماسٹر بایہ تہٕ بہٕ روزٕہ پانہٕ کیٚنٛژس

کاًس کھٔنِتھ۔"

پننہِ نہ چالاکی بیچھ آو تس پانے اُشُن۔

"ہُنہ!" ماجہ ووٚن دِلہ منٛزٕ "ییتھ کنہِ چھکھ ہاپُت باسان۔ مگر ژٕ کرِ چھکھ شاپلے۔"

"اچھا اگر تمن شکھ گژھ نہ ماشرٕ چھ غار قسا نونی کتابہ باگہ راوان۔ تمن ماتِن جیل؟" پاوٚلن پرِیُژھ۔

"ننکھ نہ صنوٚرۆر!" ریبِٔن ووٚتھ درجواب۔ "اَدٕ تمہٕ سیٚتی کیاہ گو؟"

"اَہنو! تُرکرکھ ژٕ۔ نہ ژٕ تم۔ جیل تہٕ پزٕی ژینے گژھن۔"

"ژٕ ہا چھکھ عجیب۔" کوٹھس ٹاساہ گڈٕ تھ لوگ ریبِن اَسہ نہ۔

"میہ بیچھ کرٕ نہ کانہہ تہٕ شکھ۔ گرٕ پیسو چھاپٕژ حرکژ کران۔ کتابن منٛزٕ کتھ چھ تمے ریپس قسکٕ لکھ کران۔ تہٕ تمہٕ نے پزٕ تمیکھ جواب دیہا نہ آشن۔"

ماجہ باسیوو ژٕ ریبَن سِنٛز کتھ ترٕ نہ پاولس فکرٕ۔ تمہٕ ووٚچھ پاوٚلن ژومبہ راوٕ آچھ۔ تمیکہ مطلب اوس ژٕ تس اُس ژکھ کھٹرٕ ہرش۔

"میخائیل ایوانووچ چھ کام پانہ پژھان کرن۔ مگر ژمہ وارِ ی بینیٚن بیچھ ترٕ اوکھ سوچان۔" ماجہ وُژھ بڈٕ ہیس کرٕ کرٕ۔

"بِل کُل صحی" بنہ نہ وارٕ یکش دِتھ ووٚن ریبِن۔ "فِل حال چھ یہاے کتھ۔"

"ماجی" خوشکھ اندازس منٛز ووٚتھ پاوٚل۔ "ہرگاہ سانہِ سیٚتی باجو

منٛزٕ کاشہٕ اَکھاہ ، مان تَن ژٕ آندٕری ، تٕتھ کامہ کیٛتہ میٛہ پٮ۪ٛیہِ کنہٕ زورٕ وٕژنۍ ۔ تہٕ میٛہ نٕن جیل ۔ ژیٛہ کہٕے باسی ؟"

ماجہِ کَڈ ووٚنِتھ ہِش ۔ تٕہ حاٗرتَن گٔژھتھ لٔج سۄ نیٛچو وِسس کُن وُچھنہٕ ۔

" پنٕنِس سیٛتہٕ بٔ جِس سیٛتہٕ کُسٕو کرٕ پٔرتھ حرکتھ ؟ " کلہٕ گٔژِ باوتھ وٕژن تمۍ ۔

" ہا ، رٮ۪یمَن بیٛوٚتھ ژاٗنۍ زاٗنۍ کتھ کرٕ ہٕ ۔ " پاوٕپِلِ ۔ میٛہ ہا توٗرچھون مَطلب فِکرٕ ۔ " ماجہِ کُن پھیرِتھ ہاو تمۍ تَس کیٛنٛژھاہ فخرٕ سان اُچھہ ناٹھٕ ۔

" ہاجی ۔ یہِ ہے چھُ بٕڈٕ نوٗژکہ مالِہ ۔ " سۄ پھیوٗر بیٛیہِ اَکِہ لٹہِ پادرِلِس کُن ۔ تٕہ تتھ کُنہٕ لوٗگ وَنہٕ نہٕ ۔ ذن نٕہ سبق اوس پٔرٕ ناوان ۔ " پیانہٕ بابہٕ چاٗنۍ خیالاتھ چھہٕ وِنہٕ اَڈٕ اَمی ۔ غاٗرقونوٗنی کامہ منٛز چھنہٕ ایمان داٗری چلان ۔ ژٕ کرٕ پانٕے فاٗصلہٕ ۔ گوڈٕ نیکھ نفرِیس جیل نٕن ۔ آسہٕ نہٕ سۄ ماسٹر ، بٔلکہ سۄ اَکھ ییٚس ہِشس کتاب نٔیرٕ ۔ یہِ گیہِ اَکھ کتھ ۔ دوٚیُم کتھ یہِ زٕ میٛون ماسٹر چھُ منظوٗر کٔرمِتہٕ کتابہ پٔرٕ ناوان ۔ مگر یِمہِ خیالاتہٕ ہِم بیٛیِن نٮ۪ٛش وانہٕ ناوان چھہٕ ۔ تم تہٕ چھہٕ تیٛمے ۔ او وۄنی گو لفظَن ہِنٛز فرق چھہٕ ۔ یِہندِ ین لفظَن منٛز چھہٕ کَم پَرٕنٛز آسان ۔ ژھٮ۪ٛنَن لفظن منٛز چھہٕ تم تہٕ تی پٔرٕھان ۔ یہِ زٕن بیٛرٕھان چھُس ۔ فرق چھہٕ پٔرٕبے یِاٗژٕ زِ تم چھہٕ پکہ ڈٕ نجہ پیٛیٹھی تہٕ بہٕ چھُس سرٕکہٕ پیٛیٹھے پکان ۔ اَغَن ہِنٛزٕن نظرَن منٛز چھہٕ اَسی دۄنۍشوٚے مُجرِم چھُنا ٹھیکھ ۔ تہٕ تیٚم کتھ چھہٕ یہِ زٕ بٔ چھُس نٕہ پہُند واپہ برٕان ۔ بابہِ میٛانہٕ ، دۄنۍ کھلی یکن واٗلۍ چھا

گرِگۍ سوارَن سیٚتھۍ بارِژ لاگان ؟ بَنان چھُ زِ بہٕ کرٕ نہٕ یہِ کانٛسہٕ گرِیسۍ تِمن سیٚتھۍ۔ مگر تِم۔ اَکھ چھُ بادرۍ سند لڑکہٕ۔ تہٕ بیاکھ زمیٖندارہ سٕنٛز کوٗر یِمَن کوٚسہ چیٖنڈ ژھنِکۍ گَژَن دِن ہیٚس ؟ یِہُندۍ دِل پَرٕنۍ چھُنہٕ میٚہ مٹہٕ پیٚیہ چھَ خبَر زِ بہٕ کیاہ چھُس کران۔ تہٕ اَکھ رَژھ تہٕ چھُم نہٕ پیٚے زِ تِم کیاہ چھِ کَران کرٛاوان۔ ساسہ وُرِی یو ییٚچھ رُودۍ رٕئیس گژھ یَنہٕ نہٕ ہجابہٕ ڈٕٹھہ۔ تہٕ تَتھۍ ووت رِتمَن گرِیسۍ تِمن مُسلہٕ والان۔ تہٕ دوہَنی چھِ سٕہ کھ معہ کھ بیدار گاٚمتۍ تِمن گرِیسۍ تِمن اُچھَن گنِجہ مَژٕ پیچ پانٕے یَلہٕ گژھان۔ بہٕ چھُس نہٕ رِتموٚ منٛزٕ یِمَن یَرِ یہِ کَتھَن ییٚچھ پَژھ آسہٕ۔ تہٕ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ چھا دوٚیِم کانٛہہ یَرِ یہِ کتھ۔ اصل کتھ چھِ سٕہ ے۔ چانین رٕئیس گژھَن تہٕ میٚہ منٛز چھِ دارِیاہ ہین۔ گنِہ وِزِ چھُنا وندس منٛزٕ گرِیس کھٕسِتھ باسان۔ زِ دوٗرِ چھُ کیاہ تام وارٕ وارٕ سَرٛکہٕ گژھُن ییوان۔ کیا سَنا ؟ رامہٕ ہوٗن چھا۔ شاگ چھا کِنہٕ ہوٗن ؟ خِرکَن نہٕ تراوان یکیا زِ سُہ چھُ تیوٚت دوٗرِ آسان۔"

ماجہِ ترٛاوٕ یِنچہ وِس کنُن نظر۔ سُہ اوس دِل مۄلوٚلہ ہیوٗ۔

کینژھا کھۄژِ ہیتِس ہوِس اندازس منٛز کوٗر ییٚنِس دارِ اوٚنگجوٗر سیٚتۍ کنگوٚ۔ تہٕ اطمینانہٕ سان لوٚگ پادلِس وُچھنہِ۔ اَمی سٕنٛزٕ اُچھ آسہٕ بیم ناکھ پٲٹھۍ زوتان۔

"رتِین طور طریقین ییٚچھ سُہ ہیچیچ وِز موہ کٔلے یہ۔" تمہٕ ژھوٚو کلاہ ہیٚلہٕ وُن۔

"زندگی چھِ سیٚٹھا گٔدٕر۔ ہونین ہیکوٚ نہٕ گٔب یا ژھاوِج وٕنِتھ۔

پرٕژھ اَکھ ہوٚن چھ پنٕنہٕ پنٕنہٕ طریقہٕ وُنگان۔

” یمہِ دوہے رٲیِسو منٛزٕ نہٕ چھ کیٛنٛہہ گٔژھتھ تمہٕ تہٕ۔ یِم عام گٔژھن ہندٕ باپتھ موتہٕ کٔس اَمہٕ شَس منٛز اَژان چھ۔“ کیٛنٛہہ زٲنۍ مِتۍ بُتھو ژٕ تٔس پٲدٕ وِتھ ووٚن ماجہِ ” ییٚنہِ سارۍ دوبر چھ جیلہٕ بَنٛدی کَران۔“

” تہِہنٛز کتھ چھ وَکھرٕ۔“ ریبنٛس دِیُتھ جواب۔ ” گریٖس نہٕ چھ اَمیر بنان۔ رٲیِسن برٛوبرٛ واتان۔ رٲیِس چھ غریب گژھان۔ تِم چھ گریٖسہٕ تہنٛز ہنٛز دُشاہِ واتان۔ پاوِل۔ ژٕ تٔس چھُیا ژٕ یہٕ کتھ کٔنٛہ تارِیوتھ میٚہ فِکرِ؟ اِنسان تہٕمہِ طریقہٕ نَسان بَسان آسان۔ تتھو طریقَس پیٹھ چھ تِہندٕ بوز شوز کھ تہٕ خیالاتن ہُند دارٕ مدار آسان۔ اصل کتھ چھ سوہے۔ اگر موٚز وٕر وَنہٕ ’آ‘۔ ٲکھ وَنان ’نہٕ‘ تہٕ اگر موٚزوٕر ’نہٕ‘ وَنہٕ۔ ٲکھ وَنان ’آ‘۔ اَمہِ نہٕ گٔژھ چھ یہاے فرکھ گریٖسہٕ تٔس تہٕ زمیٖندارس نہٕ۔ ہرگاہ گریٖس وُچھکھ ڈَبر ہتھ بَتہٕ کھیوان۔ زمیٖندارس چھ نٔہہ نہٕ نِندرِ گَلان۔ یہِ چھُ آمہٕ تیٚ زٕ پرٕژھتھ طایفس مَنٛز چھ کیٛنٛہہ حرامزادی نہٕ آسان۔ تہٕ یہٕ چھُس نہٕ سارِے سِنۍ گریٖسہٕ تہٕنٛز ہنٛز وَکالتھ کَران۔“

سُہ ووٚتھ تھوَد۔ اوٚر دوٚر گیٚیِشوم اِنسانا۔ کَلہٕ نوو مراوِتھ۔ نہٕ دار رتھتھ کٔنٛہ لرزان۔ زَن نہٕ سُہ سِر صداہ کرنے دَنٛد بر بکار اوس۔ یَتہٕ لرٕک سُہ بُڈٕ زٕمی سان وَنہٕ نہٕ:

” پانٛژن وٕرین رٕوٗدُس بہٕ کارخانہ یَتہٕ کارخانہٕ دربدری کَران۔ مشہدے گوم زٕ گام کَتھ چھ وَنان۔ یِلہِ بہٕ واپس گوس۔ تہٕ میٚہ وُچھ اُندری کِنۍ باسیوم زٕ دوہ ذٕ ہِہکہٕ نہٕ بٕرونٛٹھمہِ پاٹھۍ روٗزِتھ۔ بوزتھا؟ تہٕ اوس بِلکُل ناممکن۔

ناًدی چھ آوازٕ منٛز حُکُم۔ سُہ اوس قدم تھوٗد تُلِتھ تہٕ کوٗٹھ نوٗمراوٕنے بٕڑٕ
سیٛتھاہ درٛچھ درٛچھ کرِتھ پکان۔ ماجہ اوس اَمِہ بٕڑٕ کہ پرٛیز لِسکھ احساس
سفید گونٛڈھ تہٕ زھوٗٹ زھوٗٹ مُس کرِتھ اکھ تھوٗد نفر
اوس اَمِس ہنا پتھ پتھ پکان۔ اَمی سِنٛدٕ زیٛٹھ سوٗری رنگہ کہ کوٗٹھ
اسٕتر اوس ووٗل۔ تہٕ ہیٛرٕ پیٛٹھ مُرِ تام اَسِس پوٗتلوٗنس کھنٛج
زرد رنٛگٕچ کیرِ ڈَج۔ خوخول نی پاٹھ اوس سُہ تہٕ پتھ کُن اَتھ تھوٗوِتھ پکان
سُہ اوس پننہِ کنہِ شیٛمہِ ژوٗمراوِتھ مدٕے گنٛڈِتھ پادلیس کُن وُچھان۔
ماجہ توٗگ نہٕ تمِس سارٕنے چیزَن ہُند مانہ مطلب کڈُن۔ یِم
تَمہِ وُچھِ مِتہٕ اَسی۔ تِمی سِندِس سینَس منٛز اَس دِلس شراکہ وایِن واجنہ
اکھ چکھ بند۔ یہِ چکھ اَمس پرٛیتھ شہس سیٛتھ نیبر نیرِنہٕ یژھان اَمِہ
سیٛتھ ہیٛوتُن تسَس دم گُژھُن۔ مگر ینُن وچھ دوہ یوٗ اَتھَو سیٛتھ زورٕ
دبأوِتھ رٕکاوٕ تَمہِ یہِ چکھ۔ لُکھ اَسی تسَس دکہ دِوان۔ تہٕ زھوٗرٕے ذہن
تہٕ قریب قریب بیہوشی ہندِس عالمس منٛز اَس سَہ گیران پکانہٕ
یوٗت یوٗت سَہ برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان گیہ۔ تیوٗت تیوٗت باسیوو تسَس
پانس پتہٕ ہتہٕ جوٗمبہ زھوٗکان۔ اوِرٕ پتہِ واجنہ ترٛنہ گیتہ اَسی تِم ژٕلِہ تسَس
واتہٕ ناًدی ہتی۔

لُکھ وزایہ دوہ ووٗل جُنڈٕ ہیٛتھ بتیہ ہَن تہٕ برٛونٛہہ پکَن۔ تہٕ سوٗرِ کہ
وردی والین لُکن ہِنز دوہس تہٕ تیٛج برٛونٛہہ کُن۔ یوٗتام زِ تسَس آوُ فوجین
ہُند کُن بُتھ بوزنہٕ۔ بیے دِوتھ اکھ بُتھ ژاوٗ لیڈرِ میٛژٕ رنگہ چہ دوہ سہ

مٔنز۔ یِہ دوٚس اُس سڑکہِ ہِندِ اکہِ اندٕ پیٹھ بییِس اندس تام پھیلیو مُت۔
تہٕ اَتھ مَنٛز آسہٕ بڑٕ وٚریہہ پأٹھۍ رنگارنگ اَچھ زوتان۔ اَتھ لأگ نہٕ پتہٕ اُسۍ
جوٗلوٗسہٕ والین ہِندین سینن نِشانہٕ بناوَن وأل فولادکۍ بے رحم بیٚیتھ پرِبزلان
کٲنٛسہٕ اَتھ لاگنہٕ ورأے نیوٗ اُمہِ فولادن اَکِس پَتہٕ بییاکھ بٔتھن کَڈِتھ۔ تہٕ
پَتہٕ کٔنٛز لٔج ٹُکَن چھنُک۔

پانٛسہٕ پَتہٕ باسیہ یِہ ماجہ ٹُکن ہندِ ژٕلہٕ نِچ آواز۔ کینٛہہ ٹُکہ
اُسۍ وُرِہ ناوِس مَنٛز بولان ؛

" ٹُکو - الگ الگ گژھو !"

" ولاسوفا ! ژٕلو !"

" پاویل پَتہٕ روزِو !"

" پاویل - جھنڈہٕ ترأوِ !" وِسوف شیکوفن دوٚن خشمہٕ سان۔

" وعلا میہٕ اَتھہٕ دِیو - بہٕ ہا کھٹن !"

تمۍ کرُ جھنڈس چھہ لورِ تھکھ۔ جھنڈُن کھیٚنیہ پتہٕ کٔن گرایہ۔

"نیرِو ! ترادِ دیلہ !" پاویلُن کوٚر گرِز۔

نِکولائی یُن کوٚڈ دٲلۍ وٲل اَتھہٕ پتہٕ۔ زَن تہٕ دوٚدُس۔ بأتھہٕ موکلیوو۔
ٹُکو کوٚر ٹھہراو۔ تہٕ پاویلس اَندۍ اَندۍ گنٛڈِتھ اَکہ شٔشتر دوٚس ہِشۍ
مگر پاویل گو بُروٚنٛہہ ٹھ پکان۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ تہٕ سعکھ معکھ گیہ ژھعبہٕ۔ زَن
تہٕ یہٕ ہیٚری کِتہٕ تام وُژھ۔ تہٕ ساری ٹُکہ ووٚلن اَکِس نادیدہ اژبرس تل۔

زیادہ نہٕ، بوٚزی توٗ ہیمے نفر وٕہ مرِہ اُسۍ جھنڈس اَندۍ اَندۍ دوٚدِہ نہٕ

گمہ تِم رؤدی کھوٗر ٹھیکہ راؤتھ کھڑاہ۔ پتہٕ پریشانی یِہ، تہٕ تِمن عجیب
کمتھ کرنکھ اکی گٹہٕ اٲدن واتہٕ ناوٕ ماج تِمن نِشس۔

"لیفٹننٹ! یہِ جنڈہٕ چھہٕ اَمِس اَتھ موٗرتھ!" جنڈس کُن اِشارٕ
کرِتھ وون تھدی بُڈن۔

ژھعہ ٹینگہ افسر آوٕ دوران پاوٹس نِشس تہٕ کرِن جنڈس
تھپہٕ۔

"تراوٕ ییلہِ!" تِمو لاے کرِ یکھ۔

"اَتھ رٹھ پَتھ!" پاوٕل وٕتھ تھدٕہ ہیٹہِ۔

جُنڈہٕ لوگ پریزلیتھ ہوہٕ ہٲس منز گرایہ مارنہٕ۔ تہٕ پتہٕ دوٕتھ کھوٗر
کُن۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ رُود بیٚیہِ سیٚود کھڑاہ۔ ژھعہ ٹینگہ اَفسر آوٕ پتو کِنہٕ پتھرِن
چھاوٕنہٕ۔ نِکولائی دوریوٕ ماجہ برونٹھو کِنی گُشتہ بگلہ ناوِتھ۔

"کرِ یو وٕکھ ییم گرفتار!" زیمینس لَتہٕ لایتھ دوٕتھ بُڈہٕ تھدٕ
ہیٹہِ۔

واریاہ فوٗجی دورے ییہٕ۔ اَکی رگلہ نوٕ بندوقک کُندہٕ۔ جنڈس
ڈٔشہ تھتھ رائے بہٕ برونٹھ کُن چھاوٕنہٕ پتھ گو سوٗری رنگہ وردی لاگتھ فوٗجین
منز گاٲب۔

"آہ!" کِمی ناو دِژ بُڈہٕ کیتہ یچھرہ سان گرِ یکھ۔

ماجہ ژٕنج اَکس چھوکہ لہ جانا وارہ سندی پاٹھی چیکھ نیرِتھ۔ اَمہِ
کِس جوابس منز وٕتلے یہِ پاوٕل سُنز صاف آواز فوٗجیو منز ی۔

"ماجی خۄدا حافِظ! خۄدا حافِظ!"

اَکی دَکھتہ وُزنے یہ ماجہ ہِندِس ذیہنس منز ییہ خیال:

سۄ چھم زندے۔ بہ چھسس زیادے!"

"میانٮ ننکو! خۄدا حافِظ!"

تِمَن اَکہ لَٹہ بُتھہ وُچھنہ باپتھ رۄز سہ ٹینڈین پیٹھ وۄدنہ۔ دۄرہ آو تِمس فوجی یو ہندیو کھاسر یو پیٹھو آندری شند بُتھہ لیکھ سۄ اوس وُتھ گمہ نأوِتھ تِس سلامہ کران۔

"میانیو جگر پارچو! آندریوشا! پاشا!" تِمہ دِژ کرٮکھ۔ "خۄدا حافِظ رفیقو!" تِمو دِژ فوجی یو منزٕ کرٮکھ۔

چھلہ چھلہ گژھن والی اکی واپس پھیرن والی صدہ ہان، یتھ منز واریاہ آوازہ رٔلے مژہ آسہ۔ دِیت تِہندِس روخصتس جواب۔ یہ پوت پھیرن دول صداہ وۄنہ تلیوٗ داریو پیٹھ، کتہ تام ہیرِہ، بلکہ پتہ پیٹھ تہ۔

●

# ٢٩

ماجہ ژُروٗ کمرٕ تام سپنس دٔب۔ اُچھن گوس اَنہٕ گوٹ تہٕ سوتیمتہٕ گاشہٕ وُچھ تمہٕ پانس بُروٗنٛہہ کنہٕ ژھوٚٹس افسرٕ سُند وعہٕ زُل تہٕ ژکھ ہوٚت بُچھ۔

"ژٕ لیکھے یُتہٕ نَس کینہٕ نہٕ!" تمہٕ لاٗے کریکھ۔

ماجہ کرٕ اُمِس کھورہ شورہ کُنی نظر۔ جنڈُک ذٕن اوس زٕہ کچھ گژھتھ اُمی سِندِس کھورَن تَل پیوٚمُت۔ تہٕ اکِس کوٗچہ بیٚچھتھ اوس وونہٕ زُلہٕ کیرِک اَند وِنہٕ تہٕ گَنڈِتھ۔ بہن کُن نِمَتھ تُل ماجہ یہ دٕجہ ٹکرٕ۔ افسرن زنیوٗ یہ اَتھ موٗرِتھ دِابَس۔ تہٕ کریکھ لاٗیتھ تہٕ زمینَس لَتھ دِتھ دُیت تمو تمِس ہورکُن دٕکہٕ۔

"بےَ سےَ دَیان نیر یُتہٕ!"

فوٗجیَن سِپٲہس وقہٕ بلیوٗ بائتھ:

"وٕ بتھو موٗزوٗرو، حدہ جہدہ بآپتھ وٕتھو!"

پرتھ اکہ چیز لوگ گیرنہٕ، کاٗنہہ نہٕ تہٕ ژنٕہ۔ فضا اوس اکہ

وٕچھرِتھ تہٕ ہیم ناکھ آوازہٕ سیتۍ آورِتھ آمِتھ۔ زِن تہٕ بجلی تارَن گِگنڈرارے گژھان اُس۔ افسر دوریوٚ توٚرۍ کُنۍ۔

"گیوٗن کَرِو بند!" تمۍ دِژ ژھِکہٕ سان کریکھ۔ "سارجنٹ میجر کرانتو۔ ماجہ وائژدارہ وارہٕ تھتہٕ جایہٕ" یوٚتتَے زَن افسرن جنڈُک ٹُکرہ بَرِتھ اوس دِتیمُت۔ تمہٕ ژٕل سوٗ تھوٚود۔

"ہِمن بجے وطنٕچ ریو جایٕنٹھ گنڈ!"

بُتھہٕ لوٗکہ پیٚنہٕ کِنہٕ اَلتہٕ کھٕہ روانہٕ۔ بیٚترِ نیٹوا۔ ژکیوٚ تہٕ گوٚبنہٕ۔ ماجہ ہِندِس جینکس تھپہ کَرِتھ پھِرس کمۍ تام پاشن کُن تہٕ پانس سیتۍ نوان نوان لوٗکھ وَنہٕ نہٕ۔

"پکی۔ نیرِی یِتہٕ تس پکی!"

"سرِڑکہٕ پیٹھ کٲسو بِہِتھ!" افسر دوپیوٚ۔

دوٚر پیہن ہیچہ ماجہ کیٛنہہ ژکہ جماعہ۔ تم اُسی کریکہ لایان، لیکہ ژالدان تہٕ شُرکہٕ وأسے پھتہٕ پھتہٕ ژٕلان۔ تہٕ اُکھرس گیہٕ تِم گرن ہِندین آنگنن منٛز شرٛڈ پھِتھ۔

"ہیٚیے دانہٕ پِسی نیران کونہٕ چھکھہ!" ژیچھہ گونٛژرِ کرِتھ اکہ نوجوان افسرن لأے ماجہ کنٛسِ نکھے کرِ یکھہ۔ تہٕ رٕکھہ ناگُوِتھ نین سرِڑکہ اندس تام۔

جنڈِچ لوٚر ڈارکھ اُوِتھ لیٛج ماجہ پکہ نہٕ۔ تکیازِ تس اُسہ کوٚلِٹھ پھوٚٹمِتھ ہیوٚکہ۔ دوٚیمہ اَلتہٕ اُس سہ دوہٕ سُن تہٕ جنگن تھپہ کران یتھہ

زَن وُسو پٮ۪نہٕ ہے۔ اُمِس سیٖتی اٲسو گٕرہ پَتہٕ پَتہٕ نیران۔ فوٲجی اٲسۍ اُمِس پَتہٕ تہٕ زورہٕ زورہٕ کرٕکہ ناد کران:

"نیرو یٮ۪تہٕ نٕس!"

تِمہٕ دِیت فوٲجیَن پانٕس برٛونٛٹھہٕ رُکنہٕ نیرنہٕ۔ تہٕ پانہٕ ٹھہرووُن قدم۔ سارۍ ہیٚوٚ کرُن نظراہ۔ سڑکہِ اندٕس بیٚہِتھ اٲسۍ بتیٖہ تہٕ داریاہ فوٲجی لاگنہٕ منٛز وٕہدنہٕ روٗزِتھ۔ یِمَن تہٕ زَن خٲلی کامِتِس حوکُس منٛز کانٛہہ اکھاہ تہٕ اُرزِتھ ہیٚکہِ ہے۔ تہٕ سٲری ودی لاگِتھ سِپاہ اٲسۍ تُکن برونٛہہ پَتہٕ پَتہٕ رٕوان گٲمٕتۍ۔

تٔمۍ گومُتہ نٕرہٕ پوٚت پھیرہٕ ہے۔ مگر بیٚیہِ ارادے ولِتھ قدم بٕرونٛہہ کُن۔ یوٚتام سہٕ اُکس تنگ تہٕ تُھری ہیٚوٚ کوچہٕ گٔلِس منٛز واتہٕ تہٕ ستیدے یہِ تیارٕسی۔

سہٕ ٹھہرے یہِ بتیٖہ اکہِ لٔٹہٕ۔ تہٕ زیوٗٹھ دوہشاہ کھاٲلِتھ دِتِن کُنہٕ کتہِ تام دوٗرہٕ اُمِس تکُن ہنٛز کتھ کُتہ گرٕھان۔

لۆر ڈکھر اَوِتھ۔ پَتہٕ سہٕ بتیٖہ اکہِ لٔٹہٕ تِمِس اوس گُمہٕ سِرّان گومُتہ۔ جِنہ آتٕشس دوہہٕ ٹُر کڈان۔ ڈِیوٹھ ٹرٛان تہٕ اکتہِ وٕکتہِ ہیوٚے گرٕھان۔ تِکیا زہٕ تیندِس ذہنٕس منٛز اٲسو بیٚیہِ جوڑ لفظ تینبہٕ رِہن ہندۍ پاٹھۍ زٕرٕہ ترٛاوان۔ تینبہٕ رِہ زوتُن اوس وارٕسے تیزان۔ یوٚتام تِمہٕ اُکس ووٚسۍ تہٕ پوٗرہٕ پوٚر خٲہشہٕ ہنٛز نارہٕ برٕہہٕ بنِتھ گیہِ۔ یہِ خٲہش دِہ لفظن گرٕھہٕ زیو بینہ۔ یہِ خٲہش زہٕ کانٛہہ ہا بادہٕ ہٕ تِمَن لٔدہٕ ہٕٹہ۔

کوچہ اوس ہنگہ تہٕ منگے ہیٚتھ دٕچھن کنؠ موڑٕ ژٕٹان۔ ماجہ ژٕچھ کوچہ گژس پیٹھ اٚسہ داریاہ لکھہ وۄدنہٕ۔

"سنگینن سینہٕ دارن چھا سنٛہل کھاہ زہٕ" کمہٕ تام وۄن ٹھرزہ تہٕ درہ آوازہ منز۔

"ہیا تہٕ یہ چھہ تھانہہ یُتھ تماشہ ژٕچھمت؛ سنگینہٕ آسہ تمن برونٛہہ کنؠ یوان۔ تہٕ تمہ اٚسہ دِل دۄر کرِتھ ووٚدنہٕ! میانہٕ بابہ بِل کُل اکہ بارکہ پاٚٹھۍ۔ تہٕ کھوژہ تکہ نیب نشانہٕ تہٕ اوس نہٕ کینہہ!"

"نہ باموں از ہیٚتہ پاول ولاسوف!"

"تہٕ خوخول؟"

"اکھ پتھ کنؠ ٹھوٚتھ، سارہ بے وکھتس اُسن وول، حدٕ روٗس بےخوف تہٕ دِلہ دۄر!"

"دوستو!" تمن منٛز وأتتھ ووٚن ماجہ۔ لکو ترأو بدٕ پہ یزتہ سان تس وتھ۔ کمس تام ژوٚل اُسن نیرِتھ۔

"ہیا ژٕچھووٚ! اُمس ہا چھوٚہ اکس کیتھ جنڈٕ۔ جنڈٕ ہا اکس کیتھ!"

"خاموش!" اکھ کرہٹھ تہٕ تیز آواز آیہ۔

ماجہ وہرادہ نیرہ۔

"بوٗزِو! خدایہ سندہ پاسہ بوٗزِو! میانیو ٹاٹھیو! میانیو دوستو! اچھ مُژہ رٹتھ تہٕ بےخوف پاٚٹھۍ ژٕچھو زِ از کیاہ سپُد، سانٛی پننی

جگر گوشہٕ، سون ژٕھ تہٕ ماز، دزاپہٕ عدل تہٕ انصاف ژھارنہٕ۔ تِم چھِ تِتھٕ سارِے نِیے ہِندِ سۭتۍ کھر تِہِندین تِمَن شُرین ہِندِ سۭتۍ کھ یِم وِنہٕ زِنِسۍ چھِ اَکھ گاہ تراوَن دِول آینِدٕ کال ژھانڈنہٕ باپتھ صلیبس کھسان۔ تِم چھِ اَکہِ ترٛژھ زندگی ہِنٛز مَنگ کران۔ یتھ مَنٛز پَزر آسہِ، انصاف آسہِ۔ تِم چھِ سارِے نِیے گٔژھن ہِنٛز بجأیی تہٕ پایِٔز جأیی کانٛچھان!"

تِمِس آسہِ دِلس مَنٛز اَکہِ وَسان تہٕ ہوٚٹ اوٚسُس تِتھٕ مُتھ تہٕ ہُرٕ کھوٚت۔ تِہِندین دوٚن جوٚڑِن کِس سَنٛہ بَس مَنٛز اُسۍ لفظ تھَنہٕ پیوان اَکہِ پوشہٕ وِنہٕ تہٕ سأری سۭے نالہٕ مَتہٕ دُٹھ والہ لولکۍ لفظ۔ یِم تِسٛنز زیوٚہ ژٕھعہ کھ دِلہٕ تِیٚن تِیٚن تہٕ چھَر چھَر کرٕ تھ بولہٕ ناوٕن یژھان اُسۍ۔

تِمہٕ ڈِیوٚ نِہٚٹ پرٕ تھ اَکھاہ ژٕھعہ پیٚہ دَم کرِتھ تُنٛد تقریر بوزان۔ باسیوس زِ تَس نِکھ جماہ گٔمژ یِم لُکھ اُسۍ کیا ہتام سوچان۔ تِہِندین دِلس مَنٛز ووٚت تِلے پیٚہ ماکارِ پاٹھۍ اَکھ خأہِش۔ یِمہٕ کِنہٕ سۭتۍ تِمَن اِلتجا کرِن اُس یژھان زِ تِم روزن تِہِندین نِتچہٕ وِس، آندریؠ ہَس تہٕ بٔچھِیہ تِمَن سارِے نِیے گٔژھن سۭتۍ تہٕ۔ یِم زن تِمو فوٚجۍ تِیٚن مَنٛز تراوِتھ مِتۍ اُسۍ۔ زن تہٕ پَنٛنہٕ نِس پَنٛنٕس لأنِس حوالہٕ کرِتھ۔

گیٚنہٕ چأرِتھ تہٕ غورٕ سان بوزن والین بُتھین پیٚٹھ اَکھ نظر تراوِتھ ووٚن تِمہٕ شفقتہٕ سان، تہٕ کَن پأوِتھ پأوِتھ زن۔

" سأنی شُرۍ چھِ یتھ دُنیاہَس مَنٛز شادٕ باپتھ کریشان۔ تہٕ تِم چھِ سانہٕ سۭتۍ کھ تہٕ علیا سِندِ پَزرٕ باپتھ۔ برونٛہہ ٹھأکی مِتۍ۔ تِم چھِ تِتھ

پرٛیتھ چیٖزٕس سیٖتھ جنگٕنۍ وُنۍ ہیٚتھ۔ یِموٚ چیٖزٕو سیٖتۍ ڈٔنۍ پھہکِ ہیٚکہاپہ زیاٚدٕ ی
ییٚچھ تہٕ ترٕ ضی لگہ اٚسۍ ہوٚٹ لِچہ چیٖران۔ سانِہ زیٚن نہٕ نگن گنڈ پھٕرِتھ ساٚنِ
کمبرٕن کوڈٕر چھہ دالان۔ ماٹھیٚو! اٚسۍ سارٕے نے لکن ہندٕ مو کھے چھ ساٚنۍ
نوجوان وُنۍ ہیٚتھ۔ سارٕ ڈٔنۍ یاہ خاٚطرٕ۔ محنت کرٕن والین ہندِ خاٚطرٕ
اَدٕ تِم اُسۍ تن ڈٔنۍ پھہکِس گنہٕ تہٕ چھِکس مٔنز روزان۔ تِم ہیٚ ترٔاکھٕ ی دوٚکھ
گنوٚ زٔنۍ۔ تِمن سیٖتۍ پکو۔ پَنٕنۍ شٔرۍ مہ کٔرِ ی دوٚکھ تن تنہا سفرس پیٚٹھ
روانہٕ۔ پنُن صوٚبچو۔ پَنٕنِین شٔرٕن ہندین دِلَن کرِو پٕرٛتھ۔ یِموٚ زٕن پٔرٛزٕک
ایلانہٕ کوٚر ہیٚتھ چھہٕ۔ تہٕ اَسۍ بایتھ چھِ تِم پنُن نٔوۍ چھیٚنۍ تہٕ بایتھ تیار تِمن
پیٚٹھ کرِو پٔرٛتھ!"

تسٕنٕز آواز گیہٕ بنٕنہٕ تہٕ سعو لجِ گیٚرنہٕ۔ گاڈیلہ اوٚسُس تیار
گٔژھنٕس۔ کٔس تامی آوٕ تہٕ تِمو کرٕ اٚمِس تھٕنیچہٕ۔

"ہیا پوٚنزٕ ہا چھوٚ ونان! چوٚشہ سان یِہٕ کٔمۍ تام کرِ یکھ "پرٕز پوٚنز
ہا دوستو! پوٚنزٕ ی دوٚ!"

"وٕچھو پانٕس کٔس کھکھا سہ چھہ کران"۔ دوٚیِمہ ہاوٚ ہمدردی۔
"پانٕس نا چھینہ کھکھا سہ کران"۔ کٔس تام دوٚپہ تہٕ کہ سان۔
"اٚسۍ ہوٚین باٚگلٕن چھہ لان تانہٕ کران!"

"خُدا پرستو!" اکھ زنانہٕ وٕتھ شٔدٕ ہیٚتہٕ۔ نٕٹہ لدٕ آوازہ مٔنٛز
"میون ہیٚتیا چھہ پِل گٔل بے گوناہ! تِمو کیاہ اوٚرٕ کوٚر؟"
سُہ اوٚسُس صرف پنٕنِین دوستن سیٖتۍ سیٖتۍ پکان۔ تِمن تھٕبتھ

کران۔ یہ کینژ ھاہ یہ زمانہٕ چھُوہ وَنان۔ تہٕ چھےٗ پۆز۔ اَسہِ کیتھ کٔنز تراوو کھ پننیٚن شُرین مُصیبتَس منٛز؟ تِمَو کُس خطاہ چھُہ کوٚرمُت؟"

یِم لفظ بوٗزِتھ ژایہ ماجہ پانَس نَتھٕ۔ تہٕ سعہ لُجِ لہ فی اوٗشس ہارنہٕ

"پلاگی نلوونا! یکی گرِہ۔" سپزوفنَن ووٚنُس "یکی ماجی۔ اَز ہے گوٚبُس یِتھٕ؟"

سپزوفنَن بُتھ اوس لیٚدر یومُت۔ تہٕ ریشُنس اَسِس زَنھٕ گامِژ۔ سُہ گوٚو یکایکھ سیتوٗ کھرٛا روزِتھ۔ پانَس ژھ پارِہ تراوِن دٔرِتہٕ وُلیٚٹھ نظرِتہٕ روبہ سان لوٗگ وَنِنہٕ:

"تھ ہِہ سارِہ نِے چھہ خبرٕ زہ ہیون نیچو ماتوی کیتھ کٔنز گوٚو کارخانہٕ بُزِی۔ سُہ اگر حالے حیاتھ آسہِ ہے۔ بہ دِیہِ ہاُس پانہٕ زِہ گرٛھہ یمَن کٔنز سیتہٕ بہ وَنہٕ ہاُس، ماتوی۔ تیزٕ گرٛھو ژِہ تہٕ، یہاٗسے چھہ اَکے پٔز وَنھ، کٔنز ایمان دار وَنھ!"

تِمَو کُر ژھعہ یہ۔ تہٕ پرٛچھ اَکِس ووٚل کمہٕ نام نوٚہرِتہٕ عظیم چیون یَتھ نہ تِم کھوژان اَسی نال تہٕ تِم گیہٕ خاموش۔ مہ ھُٹ وِٹھ تُل سپزوفن اَتھ تھوٗد تہٕ بنیہِ ہیوٚتُن بولُن۔

"بہٕ بُڈِہ سہ ہیٚنیو چھُس تھ ہِہ وَنان۔ تُہی سارِی زانِو میہ۔ میہ وادِ تُروُنزاہ وَرِی یَتھ بُتراتھ چھِٹ زِندِہ۔ تہٕ کُنہِ تاجہ وَرِی پییٚٹھ چھُس یَتِہ کام کران۔ اَز نیو کھ ہیون باپتھ بنیہِ رُٹمتہ۔ کوٗتاہ رُتہ تہٕ

چالاکھ لُڑاکہ چھُ سُہٕ۔ سُہٕ تہٕ اوس ولاسوفس سٟتی جنڈس سٟتی سٟتی پکان۔"

تِمَو رٕگہ نوو یٕنن اَتھہ۔ اَمہِ وِزِہ باسیوو زَن تہٕ تِمَو سٟنز ہٕکھ تہٕ طاقت ژھَو کے یہِ۔ ماجہ ہٕنہ اَتھہ پتہٕ نٕس اَتھَس مَنز رٕٹِتھ وَوٚن تِمَو:

"یِمہِ خو تُہٕ یہِ کینژھاہ وَوٚن۔ تہٕ چھُ بِل کُل پوٚز۔ ساٚنی شُری چھہ ایمان دارٕی سان زِندہ روزُن یِژھان۔ بوزٕ شوز کٔرِتھ دوہ دوہ کڈُن یِژھان۔ تہٕ یِمَو کتھہ کرِہ نہٕ کانٛہہ تہٕ انکار نہِ اَسہِ ترآوچ تمہِ آولنٕس منز۔ بلاگیا نلووٚنا پکی۔"

"رٕتھو دوستو!" ماجہ وَوٚن۔ تہٕ ژٕیاسے تراوٕن نظر تِمَس آسہِ وَدنہٕ سٟتی اَچھ دوہ زلے مَرٕزہ۔

"زندگی چھہ ساٚنن شُرن ہٕنزہ باپتھ۔ ساٚرے پرے حُبتراحتھ چھہ رٕتھَنز پے!"

"بلاگیا نلووٚنا۔ پکی۔ رٕٹی لوٚر۔" سیرزوفن دِژ تِمَس جنڈٕچ لوٚر گٕکھ تگو افسوسہ تہٕ یٕنز تہٕ سان تَس وُچھنہٕ۔ ہمدردی ہٕنٛدٕ لغظ بوٚزٕی بوٚزٕ پٕنجھ سو بُروٚنہہ کُن۔ سیرزوف اوس ژھَو پہ دوہ پہ کَرِتھ تِمَو سٟندہ موکھ وٕتھ کڈان۔ تہٕ اکھ اَسی کینٛہہ وَنٕز نہٕ کرٕنہٕ دوائی وَتھ تراوان۔ تِمَو تمام ازاٚدی طاقتہِ چہ گٔشنہٕ کَرٕی تِم تَس پَتہ پَتہ پکہٕ نٕس ہیٚٹ مجبوٗر۔ تِم اَسی لوٚت لوٚت ژھوٚٹن لغظن منز ینٛز راے باوان۔

یٔلہِ تِم تسٟندٕس گرِہ کِس دروازس نکھ واتی۔ سو ہیٚپ تِمن کُن۔

تہٕ لورٕ ہیٚچھٕ پان ڈٲڈ کھرٲوِتھ نِمے پیٚہ تمن کُن تہٕ احسان مندی سان وونُن

لہٕ تہٕ ہُیٹہ !:

" شُکریہ !"

سُے نوٚو خیال یُس تیٚندِس دِلہٕ کِس سَتہِ رَس منٛز یاد پیٚہ اوس

گومُت۔ آوٚ تیٚندِس ذہنَس منٛز۔ تہٕ تِمہٕ وۄن :

" ہرگاہ نہٕ تُکوٚ تِمہٕ حبلا لِپہٕ بجرٕ باپَچھ بِشُن زٲ قربان آسہٕ ہے

کوٚرمُت۔ عیسائیٚ مند وجوٗد تہٕ آسہٕ ہے نہٕ . . . . "

تُکہٕ رۄدی خاموشی سان تَس وُچھان۔

سہٕ نیمے پیٚہ بٔتیہٕ اکہِ لٹہٕ تِمن کُن۔ تہٕ ژاپہ اندر۔ تِمہِ نوٚمرٲوِتھ ژٲ

سپرٛزوٗف تہٕ تَس پَتے اندر ۔

کینٹرِس کالس رۄدی تُکہٕ دروازٕ نیبرٕ کنہٕ کھٹہٕ کران۔ پَتہٕ

دزاپہٕ تِم سارِی اکہِ اکہٕ۔



ڈ ہک باقی وکھ دراوِ یاون ہشرٕ ڈنلہ تہٕ تمہٕ سخت ٹھکہٕ نس
سہتۍ یمو زٕن تسند سٕر ژھس تہٕ بدنس پیٹھ پنجہٕ اٹھ وہراوِ کو میٚتہٕ اٚسو۔
تمو ستۍ زٕن اچھن منز رۄد ژھوٚکھ افسرٕ تٕمند سٕرِ کوٚ موت، پاولی ستند
نار ژھیٹہٕ ون بچھ تہٕ آندری ستٕرِ اسہٕ دِنہٕ چشمہ گیتہ گیوٚر کٕران۔

تمہ دِتۍ کٕرس واریاہ چکر۔ تہٕ پتہٕ بیٹھ دارہٕ نشس۔ تہٕ لۄجہ
نیبر سرِ کیٚ کٕن وچھنہٕ ۔ پتہٕ وٕزھ سعہ تھوٚد۔ تہٕ تمہٕ چارِ ژہ بیٹھ چکر دِنہٕ۔
سعہ اٚسی رٕچھتھ صداہ بوٚزِتھ وشہٕ ٹھ کھوان تہٕ پتھے خبر کٕرس تام چینہ
ژھاران۔ تمہ چینیہ تریشی۔ مگر امہ سپنٕرتہٕ ہمیو وٕنہٕ تٕس ذٕ دیہ۔ تہٕ نہٕ گوس
وچھس منز دِوہ کھک تہٕ اماوک بریہ ژھٹن وول نار ژھیتہ۔ دِوہ ہس
اسہ زرہ اڈ کاہتو۔ گرہ ڈیٚنکھ اوس مانہٕ مطلب دار۔ تہٕ دوٚر مہٕ منزہ زٕن
تہٕ سوٚرے مانہٕ مطلب چیرِتھ کوٚ ڈنٕتھ اوشکھ۔ تہٕ اٚمس بٕرونٹھ کینہٕ اٚس
اکھ گٹ تہٕ کٕرہنو شٕمنو دِوہ تلے ہرش ۔ تہٕ ذہنس اوسس یہ سوال گنڈمر
تہٕ سو دِوان۔

”دعٕل کیاہ پٔنہٕ؟“

کارسو نووا آیہٕ تس ستھ کھنہٕ۔ تمہٕ دٕرٛوٕ تٔرہٕ یکلہٕ ٹاٹوٕ گلہٕ ناڑی کرہٕ شور لوگُن۔ اوٚش ہوٚرُن تہٕ مٔنزی رٕژ دِیشِتھ بٕرۍ تہٕ۔ مٔنزی دٕرٛن زمینس لیتہٕ کٔس تام دٕرٛن دِکی۔ کینہہ وادہٕ کرٛی۔ کینہہ تجویزہٕ تصوین بٔروٚنہٕ کُن دیتہٕ ماجہٕ گوٚنہ کٔنہٕ تہٕ چیزٕ ویستھ کانہہ تہٕ اثر۔

”ہاہ! لکھ تہٕ دٕکھی اٚخرس لَٹھ! سورٕ سے کارخانہ چھہ روٚکُھمتہٕ سورٕ سے کارخانے!“ خانجہٕ واجنہٕ ہٕنٛز تیز آواز آیہٕ۔

”ہیمس“ گوٚڈن ہالگوٚڑتھ ووٚن ماجہ لٔہ تہٕ ۂیٹہ۔ مگر تمہٕ سٕنٛزہٕ نظرہٕ آسہٕ پٔتھ کالس کُن دٕرہ زَن ہکھتہٕ۔ تمَن سارِنی چیزَن کُن۔ یم پاوِل تہٕ اندری سِنٛدٕ گرٛہستھ پٔتھٕ موٚکلے میتہٕ اسہٕ۔ تس اوس نہٕ وُدٕن تہٕ نیران۔ دِل اوس نٕ سٕتھ پٕل کُل ہوٚتہٕ کھٕمُت۔ ووٚتھ اسپس خوشکہہ۔ تہٕ تالُس اٚمِس ٹِپس نیران۔ اٚکھنہٕ اٚسپس نٔٹھ زامِرش۔ تہٕ ساری سے بدٕ تُس اُسس دِلہٕ دِلہٕ تیرٕ ژٕنٛن ہشِ گژھان۔

شامس باگہٕ پٔنہٕ پٕٹھس والی دامتھ۔ تم دُچھتھ گوٚنہ تس تاجُب۔ تہٕ سنے کھوٚژ۔ تم ژٕایہ کریکھ ناد لاگِتھ اندر۔ زٕ نہٕ تہٕ پٔچھ تُس اسہٕ آمتہٕ لیوڈر بٔتھ کٔرِتھ افسر لوگ دَنٛد کڈِتھ اسنہٕ:

”دٕنو خبراہ اتراہ؟ غلطانے گژھم ٹیلہٕ چھُہ اَزٕ یہٕ سون تٔرمیم مُلاقاتھ۔“

تمہٕ پھیر پٔنٛنۍ خوشکہ زنہٕ دُٹھن۔ افسر گوٚ دوران تہٕ تس دلے دٕرنٛج

تہٕ کرُن کوٗشِش۔ تٔمۍ باسیوٚو زِ اَمِس نفرس چھہ کینٛہہ کرٕنۍ سیٹھاہ لُطف یِوان۔ مگر تہٕنٛزِ کینٛہہ سیٹھاہ وٕنۍ ووت تہٕ ماجہ کانٛہہ دِمہ کہ۔ تہٕ کرِتھ سعہ بوزان تہٕ کرٛاس؟ اد۔ ومعٕنی گوٚو یُیلہِ تٔمۍ ووٚنُس :

"ہرگاہ نہ ژٕ یِنہٕ پتہٕ نِس لٔڑکہٕ ہِندِس دِلس منٛز خوٚداسیٚ تہٕ زایہِ سٔنٛدیُن تہٕ وعہ پہٕ ووت غلطی چھہ چاٗنی؟"

اَدٕ وۆرِتھ سعہ دروازٕ پیٚٹھٕ ٹوٚقس لہجس منٛز!

"اَسہِ چھہ پنٕنٛین شُرین ہُنٛد وَنُن کیٚنہ جوابدِہ۔ ہرگاہ تٔژھ گٕڈرہ دِتہٕ پیٚٹھ پکہٕ نہٕ وِزِ اَسہِ، تہٕمی سیٹھاہ گرُ نہٕ۔ تہٕم منٛگن جواب؟"

"کیاہ؟" افسرن وُژ کرِتھ "ہتادَن بَڈہِ پہٕن!"

"بہٕ چھُس وَنان ساٗنی شُرہ منگن اَسہِ جواب۔"

ووٚنُس تہٕ اَدِتھ ووٚن ماجہ۔

ژٕکہٕ سانٛیٚ ووٚن افسرن وٕنہِ منٛزہ خبر کیاہ۔ مگر ماجہ ہوٚز تہٕ تٔمۍ تٕنٛز پہٕ کتھ۔

تلاشی وِزِ آیہٕ ماریا کارسو تہٕ واشہادتہٕ مہ کھ اَنہٕ تہٕ۔ سہ رٕوز ماجہ نکھے ووعہ دِتہٕ۔ مگر تٔس کُن تٔمۍ تہٕ اُچھہ۔ افسر یُیلہِ تٔس کانٛہہ کتھ پرٕژھان اوس، سعہ اَمِس یُزتہٕ سان یِوان کُن نٔمِتھ سٔنٛگیٚ جواب دِوان :

"حضور۔ میٚہ چھنہٕ کینٛہہ خبر۔ بہٕ تہٕ جاہِل زنانہٕ۔ ژٕوٚ ژٕہٹھ کمان تہٕ کھیوان۔ تہٕ بیٚیہِ چار چھُس زِ اَکھ کتھ تہٕ چھم تہٕ پٔلہٕ پیوان۔"

"اچھا اچھا چونٹھ وَنٹھ!" گوٚنزٕ حٔن در دِتھ دیِت افسرن حکم۔

تمہ نوٚمروو یُنہٕ تہٕ سان بٔیہ پٔنٕنۍ پان۔ مگر تِمتھے ہُمی ہورکُن تھٔر چھیپ تمہ لوگ تَس نیو کٔڈتھ۔

"یہ ژٕ یہ اَسِ یتھ ہیوٚر تیٚتھ ہیوٚ گژھن" تمہ ووٚن ماجہ کنس تَل۔ یُلہِ تَس حکم آو کر یہ ژٕہ سعہ کرِن پلاگیا یتہِ تلاشی۔ اُچھن ٹرٹ وٕہر کرِتھ تہٕ سو افسرس وُچھنہٕ۔ تہٕ کھوژہ مژہ آرازہ منز ووٚنُن

"مگر حضور۔ مےٚیہ کیتہٕ تنگہ پہ!"

افسرن دِژ زبینس لٔتھ تہٕ تَس کوٚرُن دٔبارٕ۔ ماریا یہ نوٚمراوہ اُچھ۔ تہٕ ماجہ ووٚنُن لوٚت پأٹھۍ:

"ادے پلاگیا۔ گژھ راوی پیہٕ ٹھن۔"

ماجہ چھندین پلوٚن ساران دٔنہ زلیوٚ تَس ہتھ۔

"ذلیل کٔتہٕ!" تمہ کرٕ چھپہ رازے۔

"یہِ ہے ووٚنُتھ؟" افسرن دِژ کریکھ۔ تہٕ توٚر یو کُن تراوِن نظر۔ یتہٕ ژان تلاشی سٕپدان اٰس۔

"حضور کینٛہہ نہٕ۔ زنانہٕ کھتاہ،" کھوژتھ ووٚن ماریایہ۔

اکرس ووٚن افسرن ماجہ کاگدس دستخط کرُن۔ تمو سٔیندیو اَ ہتھچھ ریو اتھو لیوکھ بڑہ ٹاکارہ لفظن منز:

"پلاگیا دلاسووا۔ اکس موٚزُورہ سنٛز موٚنٹہِ۔"

"یہ کیا لیوٚکھمت؟ یہ سوٗرے کیا ژٕہ لیوکھمت؟"

بُتھ توٚوٚد ہیوٚ کرِتھ پرٕژھ افسرن۔ تہٕ اُمہ یتہٕ کرِن اُسۍ چھنا

"جنگلی !"

تِم وَرٲپہ۔ تہٕ ہُیچ رۄز پینس پیٹھ اَتھ گنڈِتھ پتھے کنۍ دارِ نش وۄدنہٕ۔ اَچھ گرٕ دٲدِتھ تہٕ کینہہ وُچھنہٕ ورٲنۍ لَج مدٕے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔ تَس آسہٕ ٹیمبر چادر تہٕ آمرٕژ۔ وُٹھ ٲسن ژکہ راوی ہیو۔ تہٕ تارٕے کھنجہٕ تِتھ زورٕ سان جاگرتھ رَچھ مرٕژ۔ تِمہ قسم بامہِ پہ جلدی ڈگ ہش ووتھان۔ بتہٕ اوس تیل مہ کلیومُت۔ سہ پہ تہٕ گۄ ژرٕ ژرٕ تہٕ ریہہ لگ نٹِہ۔ تِمہ دیت بَتہٕ پھہ کہ۔ تہٕ اَنہٕ گَرٕ ہے منز مۄرز وۄدنہٕ۔ تِمۍ سِندِس دِلس منز ٲس ٲنتہٕ رۄس ڈگ تہٕ دود برٕژ آمُت۔ تہٕ تَس اوس نہٕ اَمہٕ کنہ شاہ تہٕ بتان کھالگن سہ رۄز پتھے کنۍ واریاہس کالس وۄدنۍ۔ اوٚتام نِہ تس ہیٚشرٕن اُپھُکھ تہٕ کھوٚرن ڈگ کرٕنۍ۔ تَس باسیوو۔ واریا آیہٕ دارِ نکھہ۔ تہٕ خمارٕ دار آوازٕ منز ووٚنُن :

"پِلاگیا۔ شوٚ تِتھ کھِہ نِہ ؟ ہیاگُر۔ کوٚت مُصیبتھ چھہ ٹلان ! گژھہ شہ نَمک !"

پلو بدلاونۍ تراوٕ ماجہ لَہ۔ تہٕ تلاوٕ کمن کٔرن ہندی پاٹھورُٹ سہ گو پانہ ندرٕ پننہ تہٕ کہ چھہ منز۔

تِمہ ووٚچھ خاب سہ ژن تِمسہِ اَیارہ اَکس لیڈرس سیکہ بالس نکھے شہر کِنۍ گژھن واجنہٕ سرکہ پیٹھ پکان۔ اَتہٕ اُسہ سیکھ ساران۔ پاوٕ اوس بالہ تھۆنگس پیٹھ وۄدنہٕ۔ آندری سینزرٕ نرم تہٕ میچھ لیہ منز گیوان۔ وُتھو مۄرزورٕ۔ جدہ جہدٕ باپتھ وُتھو۔

ڈٲکِس اَتھ وِلتھ اُس سۄ پَنَنِس تیٚچھوٕس کُنٕ ڈٕچھو ڈٕچھو بالہٕ
بِکنہٕ پکان۔ نیٚبرٕ تٕ بٔکِس پوٚت منظرس مَنٛز اوس تَمہٕ بیندِس تیٚچھوٕی سُنٛد جِسم
حماکایہ تہٕ تَسنٛد پاٹھو بوزنہٕ پیوان۔ تَس اُمیدِ پَنَنِس تیٚچھوٕس نِشہِ گٔژھِتھ
تہٕ گٔلی گژھان۔ ٹیکیا زہ سۄ ؤس گوٚہ پکنہٕ دٕ۔ تہٕ کہ چہِ مَنٛز اوسُس بیاکھ
اَکھ شُرٕ۔ سۄ گیہٕ پکان۔ یہِ تام سۄ اکِس تَھتھ مادانس مَنٛز واتٕ۔ یَتہٕ شُرۍ
پیٚنٛدِ گِنٛدان اُسۍ۔ شُرۍ اُسۍ داریاہ تہٕ پینٛد اُسۍ دَوان زج۔ کُھوٚتہٕ پیٚنٛٹھکۍ شُرۍ
ہیٚنٛشہِ پینٛد رٹہِ نیچ آیہٕ گراے کرنِ۔ تہٕ لوٚگُن وَدُن۔ تَمہٕ تراو تَس اَسُن
بُب۔ تہٕ ہیوتُن پَتھ پھیرُن۔ مگر دَوان اُسۍ بالُس پیٚٹھ فوٚجی دوان دیٚنٛہٕ۔
تہٕ نیرنہٕ اُکُھ تَس کُن پھیرِ میٚتہٕ۔ سۄ ژَج وٕلی وٕلی اکِس گرِ جِسمہٕ مَنٛز
یُس زَن اکِس مادانس سۄ مَنٛز باگ اوس۔ سفید لوٚت تہٕ ہوائی گرجا
بے اندازہ تھوٚد۔ باسان زَن تہٕ اوٚبرٕ سیتھ بنیومُت اوس۔ اَتہٕ اُسۍ
کُس تام وُڈ رٲوان تہٕ کریہَن تہٕ زیوٗلٹھ تہٕ بدٕ اوس وارٕ پاٹھی ہیٚنٛد آٹھ
کرٕ نہٕ۔ پادرین تہٕ تُہنٛد نائب اُسۍ پریٚنہٕ پلوٕ لاگِتھ گرجس مَنٛز ہوری یور
کران۔ تہٕ گیوان۔

"خُدایہ سُنٛد شُکر زٕ عیسا وۄتھ دُبارٕ۔"

دُرہٕ دانٛی نَرژہ نادِتھ نمیوٕ پادرین تَس کُن۔ تہٕ وُٹھن کوٗرُن گٔمہٕ
جار۔ سمولوفینہٕ پاٹھی اوس اُمِس دوان زُل چھُس تہٕ اسیہٕ وُن پھتھ۔ اسمانس
تام واتن والیو بَرنگو مَنٛزی آسہٕ آفتابچہ زٕژہ سفید چیٚنَن ہندی پاٹھی لبہٕ
وُسان۔ ہیٚرہٕ کینہٕ کین دوان شورُن گیوَن واجہٕ جایَن مَنٛز اُسۍ شُرۍ گیوان۔

"خودایہ سُند شُکر زِ عیسا ووٚتھ دُبارٕ..."

"گرفتار کرِتھ وۄکھ یم!"

سیے مٔنز گرجس ژٕکھتھ دِژ پادرِیَو کریکھ۔ اُمہِ سُند جُبہٕ گو گاٮ۪ب تہٕ ہیٚری مس وُٹھس گیٚس سفید گوٚنژھ نوٚمۄدار۔ کھوٚژتھ لوٚگ پرٕ یِتھ اَکھاہ ژٕلیٚرٕ۔ اوٚتانٛی زٕ نٲیب پادرِی تہٕ دِژ وُڈٕ دٲنی اوٚکھ طرف بُرِتھ تہٕ خوخولس پٲٹھٕ لوٚگ گلس تھپہ کرِتھ ژٕلیٛرٕ۔ حاچہ کُر کٲم۔ اَمہِ تٕل دوٕ دٕ شُرِ تہٕ ژٕلیٚرٕ وٕنین لُکن ہندین قدمن ژٕدوُن بُتھ۔ مگر تم گیٚہ تَس نِشہٕ نوٚب رٕوزِو رٕوٗزِو تہٕ تمی سِندس نیٚبتھ تٕہٕیس پانَس کُن خوٚش سان وُچھو دُچھوٚرانیٚ کرٕ ٹھین پیٚٹھ دٔستہ لج مأج ژیمٕن دِنہٕ رٕ۔

"شُرِو تراوِتھ مأژٕلو! یہٕ تہٕ [illegible] پانٕس سیٚتی!"

خوخول بیوٚٹھ گیوٚ نہٕ۔

"خودایہ سُند شُکرانہٕ زِ عیسا ووٚتھ دُبارٕ۔"

سۄ اوس اَسان تہٕ اَتھ اَسنَس پتھ کُن رَژ مِتی۔

سہ نِیے یہٕ تہٕ شُرِ ٹُلِن تھوٚد تہٕ ژٕرووٚن اَکس گاڑِ منٛز۔ یَتھ پیٚٹھ زٕن تختی تختہٕ آسی۔ نکولائی اوس گاڑِ سیٚتی قدماہ قدماہ دِوان تہٕ اَسان۔

"آخر تہٕ دِژ یمَو لُکو میٛہ اَکھ سنجیدٕ کٲم!" تمی دوٚپ۔

سَرٕ ٹِکہٕ آسہٕ تکرہٕ۔ تہٕ دارِیو کِنہٕ کلہٕ گٔڈی گٔڈی آسی لُکھ کریکھ نادکران۔ شُرِ کرنہٕ وایان، اَتھ گِلہ ناوان۔ نَب اوس صاف۔ افتاب اوس پۄرٕ پٲٹھی پرِیزلان۔ تہٕ دوٚر تام اوس نہٕ کُنہٕ تہٕ ژھایہٕ ہُند نیٚب نِشانہٕ لَبنہٕ یِوان۔

"گیوان کو نئے چھکھ میانی مأجی؟" خوخولن ووٚن ٹھدہ ہٹہٕ۔

"زندگی چھِ یِتھۍ پٔزۍ ہے۔"

تمہِ ہیوٚت یانہٕ تہٕ گیوٚن تہٕ اُہندِس گیونس منٛز گوو پریتھ کانہہ صداہ بوزنہٕ یِتھ۔ سُہ دراو برونٛہہ کُن تہٕ مأج لجس یِتہٕ یِتہٕ پکنہٕ۔ اَتھی لوگ تمِس کھوٚنت تہٕ بٔنیہ اَکِس اَنیکھ چاہس منز۔ زَن تہٕ شُھنو کریکہ نادلایتھ تَس کُن دوران آیہٕ۔

یَلہٕ سعہ ہُشارہ گیہ، تَس اوس رُمس رُمس عارقہ سرٛان گومت۔ باسان اوس زن تہٕ کمہٕ تام ہوٚوٚ تہٕ سخت اَتھن تمہٕ سُند دِل پٔنہٕ تہٕ مو چھہ منز چیرتھ روٚٹمت اوس۔ تہٕ اَتھ وارہ وارہ چیر دی لُطف اوس تُلان۔ کارخانیک سیٹھی اُس تھک دِتھ درامی موٹرزن ناد لایان، تَس توٗر فِکرہ زہ یہ چھُ دوئیم سیٹھی۔ کمرس منز آسہ زُھ پارۍ کتابہٕ چھکراوِتھ۔ پریتھ چیزس اوس تاکتھ بیٹھ ہیو گومت۔ فرشس اُس ورَبہ بوٹن ہَندو آکھ۔

ٹھوٚد وِشتھ یہٕ گوٚر تمہِ کمرس صاف نہ چھوٗلن تُتھۍ تہٕ پرٔن نِماز۔ چوکس منز اُس جنڈرٕچ لوٗر۔ یتھ وُنہ تہٕ اَندِس بیٹھ جنڈرٕچ درج لأر اُس۔ تمہِ ہیوٚرہ دیوہ یہ لورہ ٹھکرہ وانس تراوُن۔ زہ خبر کیاہ سوٗچتھ کھولُن دوشاہ۔ درج کڈن لورہ نشہٕ الگ۔ تہٕ اَتھ تہٕ کریتھ ٹھوٚن چندس۔ کہ ٹھہن بیٹھ پھُٹہٕ راوِن لوٗر تہٕ تراوِن دانس۔ اَمہِ پتہٕ چھوٗل تمہِ تُنہٕ آبرسیتو فرش تہٕ دارہ۔ سماوار لوگن تہٕ پِلو بدلاوُن۔ تمہِ پتہٕ بیٹھ سعہ چوکہ دارہ نشن تہٕ تموٗ سِندس ذیہنس منز وتہ ملیوہ بنیہ اکہ لٹہٕ یہ سوال۔

" وۄنۍ کیاہ بنہِ ؟ "

تَس پیٚوو ژیٚتَس زِ صُبحَس اُس تَس تِمہِ نمازِ پَتہٕ مُرشِد سۄندرُن تہٕ زۄنہٕ پاک تصویرَن نِکھ وۄنۍ دِنہٕ۔ مگر کینٛہہ کالی پیٚٹھ سۄ بنیہِ پَتھر۔ تَسُند دِل اوس ژھۄر گومُت۔

پرٛیتھ چیز اوس اکِہ عجیبہٕ خاموشی نال وۄلِتھ مُت۔ باسان اوس زَن تہٕ تِم سارۍ اکھ ہیوٚ راتھ سرٛکَن پیٚٹھ کرِتھ ناد اوس لوگمُت، اُسۍ وۄنۍ گرَن منٛز ژۄرہٕ بیہِتھ غٲر معمولی واقعاتن پیٚٹھ بوزِ شونہ کران۔

سۄ کھۄتہٕ کھو پیٚوو تَس پتہٕ رہ جوانی ہِند اکھ قصہٕ یاد۔ جاگیردار زاوُ سائلوف پتہٕ کو چھِ ہندِس پرانِس باغَس منٛز اوس اکھ تلاو۔ یتھ منٛز بے شمار سبز پوش اٲسۍ۔ اکہِ ہردہٕ رٮ۪تھ سۄ شامَس باگ آمہِ تلاوہٕ کِنۍ تمِس پیٚیہِ اکِس ناوِ کُن نظر۔ یوٚسہٕ سبزن منٛز تلاوَس اٲس۔ تلاوُک آب اوسُس کتہٕ ہیٚنیارہٕ سان تہٕ بے حرکت۔ باسان اوس زَن تہٕ سۄ ناوَ اُتھ کرِ ہٲرِس آبَس پیٚٹھ گونٛدہٕ سپدِتھ تُرِتھ اکھ نقشہ پتہٕ۔ کرِ ہٲرِس آبَس پیٚٹھ اٲسۍ مُکھو ہیتیو تہٕ وۄنۍ دریمتیو پتہٕ وَتھرُو دِلَس غمگین بناوَن والۍ نقشہ کَڈتھ ہیتِ۔ ژٕ تُرِہ رُوس تہٕ کھوٚرِ وراٹِی پہٕ گَنٛز ناو، بدرنگ آبَس منٛز تہٕ وَسِتھ بے ہتین پتہٕ وُتھرن منٛزہٕ باگ بے حرکت تہٕ بے حس یا ہُٹھ زۄنِتھ یہٕ ناوَ اُسُس خبر کمہِ تام ہندِ کِتھ سنجیدہٕ وۄنۍ کھ باداں۔ سۄ زۄنہٕ واریاہس کالس تلاوہٕ بیٚٹھِس پیٚٹھ وۄنۍ دِتھ پہٕ سوچان زِ آیا یہٕ ناوَ کم گُناہچ تلاوَس منٛز تہٕ کمہِ باپتھ اُمی وۄنۍ ہٲرشاکَس ننیو زِ جاگیرکس اکِس نوکرہٕ سنٛزہٕ ژھوٚتِہ قدرہٕ۔

کر پھٹنہٕ تہٕ بیٚیہ قوٗبوٗ مستہٕ واجنہٕ، تِمن پٔتھ نہ مانہٕ اُمس تلادس منٛز ووٚدٕ
ژھینِتھ خود کشی کرٕ پیٚٹھ۔

ماچہ ڈول ڈیکس اَتھہٕ۔ تہٕ تِمٕ سٕنٛدی خیال ییٚکھ رانہٕ کیٚن تورٕن منٛز راوٕ نہٕ۔ سعہ روٗزنہٕ وار یا ہُس کالس ییٚتھ تو تِمن ہِندِس جاگہِ تٔل۔ اَہنٛزٕ اُچھ آسہٕ تُرفِس چایہٕ گلاسس کُن دٔرِتھ لٔجہ مٔرُن۔ تہٕ مٔنتھ اوس گژھان رٕتھتِس اکِس بیٚیِس سادٕ انسانس سیٚتہ کتھ کرنکھ۔ یُس ذٕن سادٕ بیٚیہ سوالن ہِندی جواب دِیہ ہے۔

تسنٛدِ یِہ رٔچھن پٔزرٕ کرتہٕ باپتھ پیٚو نکولائی ایوانووِچ بیٚتہٕ کھٹِتھ پیٚٹہٕ دٔیتھ۔ مگر سوٚ وُچھتھ بانبرے یہ سعہ نہٕ سلامہ جواب دِنے باپتھ وٕتھتھ۔

"ژٕ کیا ژٕ آکھ؟ غلط کوٚرتھ! اگر کانٛہہ وچھی ژٕ یِتہٕ تہٕ تیٚنہٕ رٔٹھتھ"

تِمٕ روٗٹ ماچہ تِہُند اَتھہٕ چیرِتھ۔ عام تکھ شہرن۔ تہٕ قسمس نکھہ نیٚتھ لوگ قسمس ولٕ وٕلی کتھ فکرٕ ناریٚ:

"یاوِل۔ آندری ہٕمن تہٕ میٚیہٕ اوس فیصلہ کوٚرمُت ژٕ ہرگاہ تِمن دوٚن رٔٹھتھ رٔن۔ بہٕ داتہٕ ناوٕ کھ ژٕ دوٚی مہِ گوٚ یہ شہر؟"

تسنٛدِس نیچس منٛز آس نرمی تہٕ ماچہ ہٕندٕ باپتھ یہانٛسے فکر ہیٚش:

"گو یِتہٕ کٔرِ کھ تلاشی؟"

"آ۔ بیٚیہ شرمو۔ بیٚیہ سیہ ہاو کورنہٕ سأری بیٚیہ تلکٕ پیٚٹھ۔" تِمہ ووٚن۔

"یِمن نیچ شرم ییٚیہ؟" پھیکین درسہٕ دِتھ ووٚتھ نکولائی۔ تہٕ پٔتہٕ لوگ فکرہٕ تارنہٕ ژٕ ماچہ تِہُند شہرس منٛز روزُن کیا ژٕ چھُہ ضرورری۔

کٲرِتھ گٔیہٕ تیشِنس دوستانہٕ تہٕ فِکرہٕ بند آواز بوزان تہٕ وُنہٕ گمہٕ ناوُن نِکولائی سِندی داوا دٔلیل تٔرِتھ قٔس فِکرہٕ۔ مگر تٔمۍ یِمہٕ اَتھ ماَنہٕ ماچہٕ ہِندِس دِلَس منٛز پٲدٕ ہِندی تہٕ لولکی جذبہٕ وُزہٕ ناوی۔ تِمَن پیٹھ گٔیہٕ حٲرٲن۔

" اگر پاشاتی اوس یِتھان "۔ تٔمۍ وَوٚن " تہٕ یُودوے ژٕ یہٕ ہیمانہٕ سیتھ تِکلیِف واتی تہٕ "۔

" ژٕ ہے بہٕ تہِمیکھ غم۔ " تٔمۍ دوٚن ژٕٹہٕ وُن۔" یہٕ چُھس گنٛی زوٚن تہٕ منٛزی گُنہٕ وِزہٕ چھہٕ میہٕ بنیٖہ بسمکھنہٕ پیوان "۔

" مگر کٲماہ کاراہ کرنے ہیکہٕ تہٕ بہٕ ژٕ یہٕ نِشِس یڈ پٲلِتھ "۔ تٔمۍ دوٚن۔

" ہرگاہ چیأنی مرضی تی چھہٕ۔ کٲم تہٕ دِموے "۔ نِکولائی دوٚپ۔

تٔس اوس کامہٕ ہِنٛد کٔنٛہ ماَنہٕ مطلب فِکرہٕ تران۔ سۅ گٔیہٕ تیٚندِس نِنچہٕ وِس، آندری تہٕ تٔمۍ سِندین رفیقن ہِنٛز کٲم۔ سۅ بیٚچھ نِکولائی ہِنٛس نِکھہٕ بہٕ ہٕ تہٕ تیشِنٛزن اَچھَن ترٲوِن نظر۔

" کیاہ پٔزی پٲٹھی دِکھاہ میہٕ کٲم ؟" تٔمۍ پرٛژھُس۔

" دٔچھی پانہٕ چھُس بہٕ اَتھ ہیوژے۔ اَمہٕ کِنۍ چھینہٕ میہٕ گرٕس منٛنہٕ کانٛہہ کٲماہ "۔

" بہٕ اَسِس تہٕ تہِمیکھ سونٛچان۔ گرکٕلی کامہٕ باپتھ تہٕ ! " سۅ وُژھ آہستہ پٲٹھی۔

تٔمۍ ترٛوو ووش۔ یکیازہٕ نِکولائی ۂس فِکرہٕ نہٕ تہٕ تہٕ کِنۍ گٔیہٕ سۅ پیٚتھے رٕما مشس۔ مگر نِکولائی سِنٛزن آکاش اَچھَن منٛز ہیوٚتُن اَسُن پھولُن۔ تہٕ تٔمۍ

ووٚن سوٗنچھہٕ :

" پادریس سمکھہ ہرگاہ ژٕہ کینٛہہ تہٕ طریقہٕ تِمن گریسو تِہنٛ ہُندِ پَے پَناہ کڈکھ ۔ یِمَو ژٕن اخبارہ بایِہہ دوٚنمُتھ اوس ۔۔۔"

" بیٚے زانکھ تِم ! " تِمہٕ ووٚن خوش گژھتھ " بہٕ کڈہٕ پے پَناہ تہٕ یہٕ کینٛژھاہ ژٕہ وَنکھ ۔ تہٕ تہٕ کرٕ ۔ کانٛسہٕ گژھہ نہٕ شک تہٕ ژٕہ یہ چھکھ یِمن ملکن غار قونوٗنی اشتہار دِوان ۔ ژٕہ سوٗنچِتہ پانَے ۔ بہٕ اُمسِس ناکارخانَس منٛز اشتہار واتہٕ ناوان ؟"

یکایکھ کوٗر تَس دِلَن ژٕہ نکھس پیٚٹھ ٹھیلہٕ اوٗنٛد ترٛاوِ ہتھ اَتھس منٛز لوٗر رٹِتھ پھیرِ ہاسہٕ وَنوٗ تہٕ گامہٕ منٛزہ تہٕ مُلکس کوٗنس کوٗنس منٛز واتہٕ ہے ۔

" میٚہ دِیو عنوٗرلوٗر امیکھ اجازتھ ! ژٕہ وُچھتہٕ ۔ یوٗت ژٕہ وَنہٕ ہٲم ۔ توٗت واتہٕ ! پریٚتھ علاقہٕ وَتہ ژھانڈہٕ ! اَدہٕ رٕنہ کول اُسو تِہنٛ یا وِندہٕ مرٕن دمس تام ۔ دُنیہ ہیٚکس سفرس پیٚٹھ دراتھس زٲیرہٕ سِندی پانٹھو ۔ اَمہٕ کھہٕ تہٕ کوٚہہ بڑ کنتھ آسہٕ میانہٕ بایِہہ ؟"

مگر یِہِ تِمہٕ دِلہٕ منٛزی پنٕنہ پان اَکِس تِہِس زٲیرہٕ سِندِس رٕنہِ پیس منٛز وُچھ ۔ یُس ژٕن گامہٕ کِس پریٚتھ گرس نکھہٕ دٲرتھ عیسا سِندہٕ ناوہٕ بیٚچھان اوس ۔ تَس گوٚ دِل ژھیتہٕ ۔

نکولائی ین روٗٹ تِمس اَتھ ۔ تہٕ پَتہٕ نہٕ ووٚشہٕ نہٕ منٛز اَتھ سیتو لوٗگُس مٔٹہٕ مٔٹہٕ دِنہٕ ۔ یِتہٕ دِژ تِمو گرہٕ نظر تہٕ ووٚنُن ،

" اُکھ پہھٹ کرِ پتہٕ کیتھ ؟"

" ہرگاہ سأنی شُرُس، سأنی جگر پارچہ پنُن پان یتھ ترأوِتھ پننی زوٗ، پننی اَمار تہٕ پننی آزأدی قوربان ہیکن کرِتھ۔ تیٚلہٕ پیپہٕ نا میٚیہٕ نشس اَکس ماجہِ نِشہِ کانٛہہ تہٕ توقواہ تھوٕ یتہٕ؟"

تمہٕ وِژ کر یکھ۔

نکولائی لیڈریوو۔

" پڑتھ کیتھ چھنہٕ میٚیہٕ اَز تانی زانہہ تہٕ بوزنہٕ مژہ ۔" تمو وون لوٕ تہٕ تہٕ بڈہٕ لولہٕ تہٕ خوٗلوٗ چھہ سان لوٗگ تس بُتھس کُن وُچھنہٕ۔

" بہٕ ہیکہٕ تہٕ کیاہ وَنِتھ ؟" دوہ کھ ہیتس انداز ِس منٛز دِژ تمہٕ کلس حرکتھ تہٕ بُلی پتھے لٔج زرِہ گلہ ناونہٕ۔

" واہے ! میٚیہٕ نشس آسہٕ ہأن یہٕ باوت کرُنکی لفظ زہٕ میأنس وُچھس منٛز کیتھ کنٛز چھُ ماجہِ ہُند دِل دُب دُب کران۔ تیٚلہٕ ۔ ۔ ۔"

اَکس عظیم طاقتہٕ کس اثرس تَل یتھ گیہٕ سہ تھوٗد وُتھتھ۔ اُمو طاقتن اوس تسند ِس ذہنس منٛز ڈکھ ہیتین لفظن ہُند طوفان اکھ وُژِہ نووُمت۔

" تیٚلہٕ وَدِہ ہأن تمہٕ وزنہٕ دارِیاہ گکھ۔ ذٔلیل کھوتہٕ ذٔلیل تہٕ بیہ شرم لگھ تام وَدِہ ہأن۔ ۔ ۔"

نکولائی تہٕ دوٗیتہ تھوٗد۔ تہٕ بینہِ اَکہٕ لَیٹہٕ دِژن گرہٕ نظر۔

" گو تیٚلہٕ گوٚیی فأصلہ زہٕ ژہٕ یکھ شہر میون گرِہ دوزنہٕ باپتھ ؟"

تمہٕ کوٚر کلہ سیٹھی آنکار۔

"کرٕ ؟ یوٗت وٕہ تیوٗت جلد !" نکولائیَن ووٚنُس" یوٗتانۍ بہٕ ژٕہ پکھ ۔ بہ روزہ اَڈرہ بہٕ یوٗری ۔"

ماجہ کرٕ تاجبہ سان تَس کُن نظر ۔ سہ کیاہ سُنا واتہٕ ہے تَس ؟ سُہ اوس کلہٕ ہناہ ہوٚل پَکان رٔٹتھ وہ دِنہٕ مندٕ چھہ مندٕ چھہ ہیوٗ اَسان ۔ تمہٕ اوس اکھ موٗلی کرٕہُن کوٚٹھ لوٗگمُت ، بہٕ سُہ اوس رٔژھا ڈہ چرہ سان بہٕ نزدیکہٕ پیٹھ وُچھن وول اکھ اِنسان ۔ اُمہٕ سُند حُلیہٕ اوس بہٕ اُمہٕ سُندِ فطرتس سیتہٕ واٹھ کھیوان ۔

"اَچھا پوٗنساہ ڈانکاہ چھُیہٕ کانٛہہ ؟" اُچھ بوٚن کُن ٹھوٗرتھ پرٕژھ تمہٕ ۔

"نہ "

تمہٕ ترٕوو وُلی وُلی چندس اتھ ۔ بٹہٕ وٕہ کڈتھ مُژہ روٚوٗن ۔ بہٕ اَمہٕ منزٕ کڈن ہارٕ ۔

"رٔٹ ۔ یِم تھَوی پانَس نِش ۔" تمہٕ ووٚن ۔

پرادہ روٗ ستےٚ کوٗر ماجہ تبسم ۔ بہٕ کلہٕ ہلہ ناوِتھ وُٹھ ۔

"ہُنز پرٕیتھ کانٛہہ کنتھ چھ عجیب ! پوٗنسہ چھُوہ بہٕ ۔ کینٛہہ لُکھ چھ پوٗنسہ مہ کھہ پنُن دِین ایمان کنان ۔ مگر تُہُہ ۔ تمہ ہہ نِش چھُنہٕ پوٗنسس کانٛہہ تہٕ ہسر ۔ باسان چھُ زن بہٕ تُہُہ اَمہ مہ کھہ چھوٗہ پانَس نِش پوٗنسہ ڈانکھ تھَوان ۔ پیٹھ زَن یہٕ اُکس بیٚیس اکار بکار پیہ ۔"

نکولائیُ لوٗگ وارٕ وارٕ اَسہ نہٕ ۔

"یہِ پوٗنسہ چھُہ بڑہٕ ذلیل چیز! کانٛسہ ہیتیے توٗ، کانٛسہِ دِی توٗ ہمیشہ روزان پریشانی۔"

تٔمۍ روٗٹ بٔنیہِ ماچہِ ہنٛد اکھ پٔنہٕ نِس اَتھس منٛز چیرِتھ۔ تہٕ دوٗپنس

"یوٗت جلد ممکن سپدِ، واپس زِ!"

پَتہٕ دراو سُہ خاموشی سان۔

سُہ دراییس دروازس تانی سیتر تہٕ بیہِتھ سوچنہٕ :

"کوتاہ دردبند چھہ۔ تہٕ اَسہِ تہٕ چھُس نہٕ میون چھیران"۔

اَمہِ سیتر گیا سُہ پتھے ہِش کِنہٕ تاجب سپدس۔ تٔمہٕ ہیوٗک نہٕ کانٛہہ تہِ فیصلہٕ کٔرِتھ۔



# ٢

اَمہ پتہٕ ژورہ دۄہہ واٮ۪ژ مأرٕج تسند گرٕہ ۔

سہ یئلہٕ ییٚنہٕ زِہ صوٚندۄکھ گاڑِہ منٛز ٚتھوٚتھ بٔستی نیٚبرِ میس مأ دانس منٛز واٮ۪ژ ۔ تمہٕ دِژ یکہٕ پوٚت نظر ۔ تہٕ باسیوس زِہ سہ جاے چھ ہمیشہٕ خاطرٕ تس نِشہٕ ژھینہٕ گژھان ۔ یتھ جایہٕ تمہٕ زندگی ہنٛدۍ گٔہلی تہٕ گٔڈرۍ دہہ گٔڈمٕتۍ أسۍ ۔ تہٕ یتہٕ تمہٕ اَکس نٔوہ زندگی منٛز کھوٚر اوس ترٛووُمٕت ۔ یہٕ نوٚو زندگی أس تہنٛدِ سہ کھوٚ تہٕ دہہ کھوٚ سیٚٹھا بٔرتھ زِ زندگی ہنٛدۍ دہہ أسن وٕلی وٕلی نیرِنۍ ہیٚتمٕتۍ ۔

کارخانہ اوس اَسمانس سیٚٹھا کُنتھ کرٕن واجنہٕ چمنہ کرٕتھ ۔ کولہٕ ژٕنو سیٚٹھا کرہینے مٔتس زمینس ہیٚٹھ اَکس وہ زلِس زلرۍ سِنٛدۍ پاٮ۪ٹھۍ واتش گٔڈِتھ ۔ اَتھ اَندۍ اَندۍ أسۍ مزوٗرن ہنٛدۍ اَکہ پٔہرۍ مکانہٕ وہراوِتھ اَکھ اَکس سیٚٹھا نکھہٕ نکھہٕ لہ کرٕٹھ لہ کرٕٹھ مِیٚنہٕ مکانہٕ أسۍ نمبلہٕ بٔٹھس تام واتۍ مٕتۍ ۔ تہٕ باماں اوس زَن تہٕ پَنہٕ نیو بیےٚ جان تہٕ لہ کچہٕ لہ کچہٕ دارِ یو منٛز گٔمہٕ أسۍ اَکھ اَکس کُن عارہ کُنتس اندازس منٛز وُچھان ۔ گرچہ اوس یہو سارِہ ویےٚ

مکانوٚ کھوٚتہٕ تھوٚد۔ کارخانہٕ کی پاٹھو اوس اَمیُک رنگ بہٕ قرمزی۔ مگر اَمِکو مُنار اَسو کارخانہٕ چِھوٚ چمنیو کھوٚتہٕ تُہ پُس۔

ماج لٔج بلوزک کالر وعہٕ شس تراوِتھ شیرنہٕ۔ تکیازِ تَس باسیوٚ آمہٕ سیٚتھو ہوٚٹ چیرنہٕ رِہیٚ یِوان۔

"پکوٚ پکوٚ برٛونٛہہٕ پکوٚ!"

گرٛس لاکھ ماساہ گٔژھتہ دِژ گاڈِ والی کریکھ۔ گاڈہ والی سینزہ زنگہٕ آسہٕ ہیچہ پھٔٹن۔ اُمی سینزہ واتُنہٕ ہُند بیٚ کڈُن اوس مُشکل۔ کلس تہٕ بُتھِس پیٹھ اُسِس زٔکو زٔکو بیٚیہ رنگہٕ وال۔ اَچھ آسِس ژھیتہٕ ہمیشہ گامژہ۔ گاڈہ سیٚتھ یکہ بہٕ وِژہ اوس سوٚ اوِرہ یور لاینہٕ یِوان تہٕ باسان اوس زِ اُہندِ ژٕچھِنہٕ یا کھوٚورہ پاسہٕ نیرِ بہٕ سیٚتھ اُمی بہٕ اَمس کانہہ تہٕ فرقاہ پیوان۔

"پکوٚ پکوٚ نیرِو برٛونٛہہٕ!"

سوٚ ووٚتھ پٔتہٕ بہٕ ہیوچھ مَرِژہ آوازہٕ دِنہٕ۔ تہٕ پینہٕ نین ۂچھینہٕ زنگن، ہیمَن رٔبہٕ دار بوٚٹ بوٚٹ الوٚند اوسُس گومُت، دِژن وُریہٕ پاٹھو دِنَن۔ ماجہ کرٛ ژٕپاسے نظراہ۔ کھاہ اُسی تٔمی سِندِ ژھک پاٹھی واراں۔

گرٛہ دِژ نیتہ سوٚ لتہ پاٹھو کلس دِنَن۔ تہٕ گاڈی زیٚن گرم تہٕ سیٚکو لِس زمینَس پیٹھ لِتہ ناوِتھ۔ سیٚکہ گو چرپھ چرپھ۔ پرانہٕ گاڈہ ہُند کریٚنز وُنگ پیچہ راسے کرنہٕ۔ یمہ سارے آوازہ تہٕ گرد لٔج تمَن پٔتہٕ پٔتہٕ پکہ نہٕ زَن۔

نکولائی ایوانووِچ اوس شہرکس اندس پیٹھ اَکس دوٚر پیٚتِس

کو چس منز روزان۔ اُمر ئُسند ڈیرہ اوس اکس ڈیہرس مکانس منز۔ یتھ زن کلہِ روس پُرن آسہِ نہٕ سببہٕ یِڈ ہش ورامژ اُس۔ مکانس مُتھ اُس اکھ لوکٹ باغہٕ ہٲل۔ گنغشہ تہٕ لکہ گلین ہنزہ لنجہ تہٕ تازہ پچہ مُژن تہٕ بیدہ قدہ چن پھرہ پس ماون ہندس رہ بہ رنگہ بنہ وبھر اُسو تزیشونی کمرن ہنزہ دارہ کنی زن وچھان۔ اندرہ اوس بہ بچہ چیز چھلہتھ چھوکتھ تہٕ خاموش تہٕ خاموش زھائے اُس فرشس پیٹھ کانیہ وینہ شکلہ بناوان۔ لبن ڈلھس آسہ کتابہ الماری۔ الماری ہیرہ کنہ اُسی کینژن تھین ٹکن ہندی تصویر لاگتھ۔ یہندی مُتھی سنجیدہ اُسی۔

"یتہ روزہ یہ ژیتہ آرام؟"

نکولائی ین پرٹیرتھ ماچہ اکھ لوکٹ کمرہ ہاوتھ۔ امہِ کمرچ اکھ داگر اُمس باغہٕ کنی تہٕ بیاکھ دزہنہ دار حاطس کن۔ امہِ کمرہ چن لبن سیتو تہٕ آسہ کتابہ الماری وہ دہ۔

"بہ ہا چھس ویان چھوکے روزہ میانہ خاطرہ ٹھیکھ" تمہِ دوپ "چوکہ چھہ صافہ پاکھ"

باسان اوس زن تہٕ سُہ تیتنز کتھ بوزتھ کھوژ۔ یلہ تمی اکس عجیبہ تہٕ وریبہ طریقس منز تس فکرہ تود نہ تس پزہ نہ چوکس منز روزن تہٕ یلہ مارج اتھ پیٹھ راضی گیہ۔ سُہ گوو لی ولی خوش تہٕ۔

تزیشونی کمرن اوس اکھ خاص ماحولاہ۔ اتہ اوس شاہ کھالن والن سہل تہٕ ژت باسان۔ مگر زورہ کتھ کرنس اوس انسان وایہ بران تزکیا زہ

اَمہِ سِتۍ اوس اندیشہ ہیوٗ گژھان زِ تِمَن ہٕنٛزٕ تِہِنٛزٕ ہِندِس آرامَس گوٚژھہ نہٕ اَمہِ سِتۍ خلل شیُدن۔ یِم زَن بڈٕ توجہ تہٕ دِل دِتھ دیوارو پیٹھ بعدن کُنہِ مٔدے گنڈِتھ وِچھان آسہ۔

"پوشہِ گُلین چھہ سنگ دِنہٕ تُک ضنوٗر وُرتھ۔"

دارِ پیٹھ تھٔوِتھ ہیتِن گمٔلَن ہٕنٛزٕ ہیتہٕ دٕرین اوٚنگجن مَنٛز تُلِتھ ووٚن ماجہ۔

"آ" گمٔلَن ہِنٛدس ماٗلِکَن ووٚن خطا وارَن ہٕنٛدِس پاٗٹھۍ "مے چھہ یِم پوشہ گُوسیٹھاہ ٹاٹھۍ۔ مگر کرہ کیاہ فرصتے چھم نہٕ یِوان۔"

تَس کُنہِ گو چھِتھ باسیوو ماجہ زِ یِنہٕ یَس اَتھ آرام دِیہ گژھن۔ مٔنو تہٕ اوس نکولائی بڑٕ احتیاط سان یِکان۔ زَن تہٕ اُندرۍ کینہہ چیزَن مَنٛز کیاہ تمام دٕرِیازی باسان آسِس۔ سُہ اوس کمرٕ کین چیزَن نکھہ گژھِتھ تِمَن وُچھان۔ دٔچھنہِ اَتھ چھیو اوٚنگجو سِتۍ اوس عاٗنکھ شیِران۔ تہٕ یُس تہٕ چیز تِمَس پانس کُن پھِران اوس، تتھ کُنۍ اوس سُہ ژُرٕ نظرٕ سِتۍ سوال ہٮ۪وۍ کرِتھ چھان۔ زن تہٕ اَچھو سِتۍ ژٔھنُن یژھان اوس۔ باسان اوس زن سُہ تہٕ ماجہ ہِندِس پاٗٹھۍ گوڈٕ رٔچھ لٔگِتھ اَتھ کرس مَنٛز ژامُتھ اوس۔ تہٕ تہِنٛدی پاٗٹھۍ اوس یہِ یژھتھ اَکھ چیز تہِنٛدہ خاطرٕ نوو تہٕ ازون۔ اَمہِ کنہِ گیہِ ماجہ بسِتھ ہیش۔ سعہ رٔوز نکولائی ہٕس یِتہٕ یِتہٕ یِکان۔ وُچھان گیہِ زِ کُس چیز کتیتھ چھہ۔ تہٕ سعہ رٔچ بنیون وقتن بکار یِنہٕ والین چیزَن ہٕنٛزٕ پرژھ گاٗر کرٕ نہٕ۔ سُہ گو تتھِس اَکِس شخصہ سِنٛدس پاٗٹھۍ خطاوار اندازس مَنٛز جواب

دِوان۔ یِمیٚس زَن یِہ احساس آسہٕ زِ کانٛہہ پیٚٹھ کٲنٛہہ کرِنی پَزِ ہے۔ تٔمہ کُنہٕ آیہٕ
نہٕ کریٚتھ۔ مگر تٔمِس زَن مجبوٗرتہٕ آسہٕ۔

ماجہ نٕیوو پوٚشن ژَنگ۔ تہٕ گیوٚ ژِچہ کتابہٕ تھوٚوِن یکجا کرِتھ پیانوٚہَس
پیٚٹھ۔ سماوارس کُن وُچھتھ دوٚپن تٔمہ:

"سماوار گوٚ ژٕھ ماجِنۍ۔"

نِکولائی ین ڈوٗل ہٲلہِ سماوارس اَتھہ تہٕ نیٚتھ نِکھہ رٔٹِتھ لوٗگ اُتھ
وُچھنہِ۔ ماجہ تُرووو اُسُن۔

شامَن بٲگی یِیَلہِ سۍ شوٗنگنہِ وُژھ۔ تَمہ دِیُت ڈُہکِین واقاتَن پھیُر تہٕ ژھانڈہٕ گَنڈِہ پیٚٹھ کَلہ تھوٚو دُلِتھ لَگ بڑہ بے اعتبٲری سان ہورہ یور وُچھنہٕ اَز اُمِس سٕنٛز زِندگی منٛز گوٚڈنچہ لَٹہ کانٛسہِ وۄہیرہ سٕنٛدۍ گرِہ راتھ کڈان۔ مگر اَمہِ پیٚتہِ تہٕ اُمِس نہٕ تَس کانٛہہ تہٕ وۄہیرہ آزی باسان۔ تَس اُمِس نِکولائی پیٚٹھ فِکر ژٲمرٕ۔ سۍ اُمِس تِہِنٛز زِندگی میٚٹھہ بناونچ سۍ دِلہٕ خٲہش مند۔ تہٕ تَس سِہنٛدِ اُس تَمیُتھ ورتاوُن یژھان۔ یُتھہ زَن تِہنٛزِ زِندگی منٛز ژھہ کھنڈہ آرام تہٕ وُشنیر پٲدہٕ گژھِہ ہے۔ اُمہ سٕنٛد دُرِیہ انداز، خوٚشِ کرِہ دِنی نابکٲری عام لکن مُقابلہ اُمہ سٕنٛز الگ ۂستی، نہٕ اُمہ سٕنٛزن اَچھن ہُند گمبٔرہ مگر شُری تاثُر۔ یِمَن سارِی نِہِ چیزَن ہُند سۍ پٔد ماجہ ہِندِس دِلَس پیٚٹھ سیٹھا اثر۔ سۍ لَگ پیٚتہِ پیٚتہِ تَس نیچوِی سٕنٛد سوچنہٕ۔ تہٕ یِم میٚنہ ہِندی واقات لگِس بٔتیہٕ اکہ لٹہ اَچھن تَل ووتلنہٕ۔ مگر وۄنہ تِ آسہٕ توٚرہ آوازہ یِمَن واقاتن پانٛ آلوان۔ تہٕ تۄہی مانہِ مطلبَن آسہٕ یِمَن وُپہ تَلَن واجنہِ یِکھہ دِژہ مرژہ۔ اَمہِ

دُیکِس غمس منز تہٕ اُمس اَمہٕ دُیکی پاٹھو کیاہ تانی خاصی یِیتھ۔ یِتھ کیٚنہہ زَن کانٛہہ ہِندِہ اَکھ زبردَس چوب کھیتھ کلہٕ نمان چھُ۔ تہٕ اوس نہٕ اَمہٕ غمہٕ سپدتو سپدِ مُت اُمی غمَن کرِ ہ دِلس پیاپےٚ گدٕ ہر کرِتھ واریاہ چھیٚنہ کھ پاٹِرہ۔ یِمہِ کینٛہہ سوٗت سوٗت دوہ تھکِ تہٕ ژُکھ ہِند طُغان تہٕ وۄتلان اوس۔ تہٕ اُمی غمَن اوس ڈۄہ کیو مُتھ کمبر تہٕ سیٚو د کوٗر مُتھ۔

" سأنی شُری چھ مارکس منز درامتی "

تِمہٕ سۄ نچھ۔ شہرِچ ہارٕ اُژ ہِنزِ بےٚ زان آوازِ آسہٕ لوٗت پاٹھو داریو کینٛہہ اَژان۔ یِمہٕ آسہٕ باغ کین یَنہٕ وُٹھرِن اَلہٕ لگو ہس کرِتھ، کیتہٕ تام دوٗرِ بیہٕ، تھکِتھ ژھینِتھ لوٗت لوٗت تِمو سِندِ ین کنن منز واتان تہٕ کمرس منز واتِتھ دم پھُٹِھ گژھان۔

تِمہٕ مونٛج دۄیمہِ دوہ ہہ سکلی سماوار۔ چایہِ ہُند آب گرموٗن۔ لہٕ تہٕ پاٹھو لوگُن چایہِ ہُند میچ۔ تہٕ چوکس منز اَژِ تھ بیہِ نکولائی سِندِس دوہ تھ نس پنٛزارنہِ۔ ژاسہٕ ٹۄ کھا کرِتھ، اَکِہ اَکھ عانکھ تہٕ بنیٚیہ اَکھ قمیص رِٹِھتھ مُرِڈہ روو آخر تِمو بر۔ سلام بندکیہٕ کرِتھ ژایہِ سہ سماوار ہیتھ کمرس منز نکولائی لوٗگ اَکھ بُتھ چھلنہِ۔ اَہندِ بُتھ چھلنہِ سیٚتی اوس آب ہورِ یور چھکنہِ یوان۔ اَمہٕ پتہٕ ہیٚو اُمس دندہ بُرش تہٕ صابنِ پھوٗل اَکھ منزِ دِسی۔ تہٕ پَنٛزِنہِ مُریبہ گی بیہٕ وۄن تِمو پانہ سیٚتی کیاہ تام۔ حاضری کھینہ وِزِ وۄن تِمو ماجہِ: "ریٚیمسٹوو بورڈس منز چھکھ میہ بڈہ ذلیل کام میہٕ تھو وُ مژ

---

۵ ریٚیمسٹوو بورڈ - ییٚتِکو ڈسٹرکٹ بورڈ ہِو ہر۔

تہٕ گوٚ یہِ وُچھُن زِ ساٗنٛز کاشتکار کِتھ کٔنۍ چھ تباہ گژھان ؟"

خطاکارہ سِندی پاٹھۍ وُٹھ گمٕژ ہاٹِھ تھوٚد تمۍ کلامہ جأری۔

" پوٚرٕ کھیٚن نہٕ میلنہٕ کِنۍ چھ گرِ پٮ۪ٹھ وقتہٕ بروٚنٛہہ مرِتھ گژھان۔

تِمن چھ کمزور تہٕ نوتوان شُری زیوان۔ تہٕ ہردہ کالہِ پھٲکھ مچھن ہیٚندی پاٹھۍ ڈٲو لگان۔ اَسہِ چھےٚ ساریٚ خبر۔ اَمیُک سبب تہٕ زانان۔ تہٕ یہِ سوٗژِ وُچھنہٕ باپتھ چھ اَسہٕ تنخاہ یوان دِنہٕ۔ مگر کَتھ چھ نہٕ اَمہِ اور پکانٲنۍ ؟"

" ژٕ کیاہ پران چھکھا زِ ؟" ماجہِ پرتیژھس۔

" نا، بہٕ چھُس پرہٕ ناوان۔ میون مول چھُ دیانگا شہرِکس اَکِس کارخانس منٛز مینیجر۔ مگر مےٚ کوٚر پرُن پرہٕ ناوُن پسند۔ مےٚ ہیٚچِھ گرِ یِسہٕ تِمن کتابہٕ باگہِ راونہٕ۔ یمہٕ کِنۍ بہٕ جیل بوٚزمُس۔ سزاہ کڑِتھ کوٚر مےٚ اَکِس کتابہٕ دُکانس پیٚٹھ نوکری۔ مگر پننِ لاپرواہی کِنۍ روٚٹ ہَس دُبارٕ تہٕ کوٚرُہس آرخانگیلسک شہرس منٛز نظربند۔ تتہِ پیٚیہ شےٚ یِہ گوٚرزس میانِس۔ اَمہِ کِنۍ بریہ نوٗوُس بہٕ تمۍ آبی جہازس تہٕ بحیرۂ ابیض[5] کِس بٔٹھِس پیٚٹھ اَکِس لۍکٕٹِس موٚہ گامس منٛز تھوٚوُہس نظربند۔ اَتہِ گٔژھ مےٚ پانژھ وَری۔"

تامہٕ پیٚتہٕ نیہ پکروٗنس کمرس منٛز اَمِس تمۍ سیٚتۍ آوازہ وارہٕ وارہٕ یوان۔ ماجہِ اوس اَز تام یِتھۍ واریاہ قِصہ بوٗزمٕتۍ۔ مگر تس اوس نہٕ زانٛہہ تہٕ یہِ بوزُن توٗگمُت۔ زِ یِم قِصہ باوَن وٲلۍ کِتھ کٔنۍ چھ ییتۍ سنجیدٕ تہٕ ڈیٚنجہ روزان۔ زن تہٕ تِم تِتھِس کُنہِ چیزس مُتلق وَنان آسن۔ یتھہ زن

---

۵ بحیرۂ ابیض۔ سفید سمندر۔

سیدنے چھُہ آسان۔

"اَز واتہٕ میاٲنۍ بێنہٕ" تمۍ ووٚن۔

"تَس چھکھاہ کوٚرمُت زہ ؟"

"سہ چھہ مۄمٕتھ۔ تٔسند خانہ دار آوسا ییٚمبرِ یا جلایہٕ وطن کرنہٕ یِگر سۄ ژۄل تیتہٕ۔ زہ وَری گمٕ وٚنِٹھ مۄدُشہ یورپس منٛز سیلہٕ بہٕ تہٕ۔"

"یہِ چھا ژیٚہ کیٚنٛتس ؟"

"شہ وَری زٕ ٹھ۔ بہٕ چھُس توٚہندِ بٔڈہ احسان بند۔ تٔسند پیانو گٔژھہ بوزُن۔ یہِ چھےٚ توٚہندُے پیانو۔ ییٚتکۍ واریاہ چیز چھ تسندی۔

اوکتابہ چھ میانہٕ ؟

"روزان کتہٕ چھَو ؟"

"پٔریِٹھ جایہٕ" تمۍ ووٚن اَشن بچوٚلراٰوِ لتہٕ۔ "ییٚتہٕ تہٕ کاٰنسہٕ دِلہٕ دٔرس انسانہٕ سٔند ضنوٚرۄرتھ آسہ۔ سہ چھَ تور واتان۔"

"سہ تہٕ چھا ژٕھے کاٰم کران ؟"

"اَدہٕ کیاہ ؟" شہ ووٚتھ درجواب۔

اَمہِ ییٚتہٕ جلدٕ دراو سۄ۔ تہٕ ماٰج بیچٕھ اَمہِ کامہِ ہٕنٛد سوچنہٕ تَمہِ سۄ نچھ تمَن لکن ہنٛد یم ژھمہ یہ دَم کرُتھ تہٕ دٕلہٕ نہ وراٰیی راتس دہس اَکتھ کامہِ منٛز لیٚن چھَ۔ تمَن ہنٛد سۄنچتھ باسیو تَس پاٰنٕ نٕے پنُن پان لعَنت۔ ییٚتہ کیٚنہہ زَن راحتھ کیٚتھ کانہہ بالہٕ تھندر تہٕ جلال وچھتھ ییٚنہٕ پانٔس لعنت آسن ژینان چھُہ۔

دُپہرس ہاگی ہیوٗ آیہٕ اَکھ ٹھَرٕ، تہٕ مارِ مَنٛز زنانہٕ کرہٕ ہُن لِباس کرِتھ تہٕ زنانہٕ اندر۔ ماجہ مُرٕ زٕ رود دروازٕ۔ لیٛوٚدر ٹھیلہٕ پھتھر بَرِتھ روٗٹھ اَمہٕ زنانہٕ ماجہ ہُنٛد اَتھہ پِنہٕ تِس اَتھس مَنٛز۔

" میٛہ چھُ فکرٕ تَران زٕ چھُکھ باوٕل سِنٛز ماج ؟" تمہٕ وون۔

"آ" اُمِس زنانہٕ ہِنٛدِ جان پوشاکہ سٕتؠ رُژھا یا تیٛربِتھ وون تمہٕ۔

" یہ میٛہ سوٗنچمُت اوس۔ اُن تہٕ کاُن چھُکھ زٕ ترٛٹھے۔ میٛہ اوس باسے دوٗنمُت زٕ زٕ چھکھ یِتہٕ روزنہٕ باپتھ پِنہٕ واجنہٕ۔"

اُمس نِش ٹوٗپی وائلِتھ وون اُمہٕ زنانہٕ۔

" بہٕ زانَس باوٕل میٛنھ کولوچ اَز واریاہ کالہٕ پتھ۔ تمہٕ تہٕ اوس چوٗن دوٗنمُت۔"

تمہٕ سِنٛز آواز اُس گوٚب۔ تہٕ سہٕ اُس ٹھہرِ کِتھ کران۔ مگر ووٚتھ تَس بیہہ نَس مَنٛز اُس دَر تہٕ پھُر تیلہٕ باسان۔ اَہنٛزن سوٗری رنگہ چشمن ہُنٛد یاوٕن تہٕ میٛنگن نِکھ ووٚہ برے مرٕن نِچپن نِچپن گینین تہٕ زاوِ لِین کنن نِکھ پرِ زلونس سفید مستَس مَنٛز اوس پانٕ وائی کیاہ تام بین ہیوٗ باسان۔

" میٛہ ہیٛے چھ بوہ چھہٕ لُج مرٕ۔" تمہٕ وون ہَدرٕ ہٕتہٕ۔ "میٛہ گوٚژھ کافی پیالاہ۔"

" بہٕ دِمے پرٕ ہناہ دِتھ۔" ماجہ وون۔ نعمت خانس نکھ کافی

کَڈِتھ باپتھ وٲرِتھ پرٛیٚژھ تٔمۍ۔

"ژٕ کیاہ ٲسکھ وَنان زِ پادٕلِن اوس میون کیاہ تام ووٚنمُت؟"

"داریاہ"

تٔمۍ کوٚڈ چمُرٕ سِگریٹھ ڈبہٕ تہٕ زٲلُن سِگریٹھ۔

"ژٕ چھکھ نا تٔمۍ سٕندِ سعہ کھ پریشان روزان؟"

کمرس حیکہ دِتھ وُژھ سعہ۔

ماجہ لٔج کأنی ہنٛزہ کِتلہِ تُلِ سیپرِٹھ کس دارِتھ لگٕزہٕ تہٕ ٲنجہ ریٚہہِ وُچھنہٕ تہٕ پانہٕ سپیہِ ستہٕ اٚسہ نہٕ۔ اُمس زنانہٕ برونٛٹھ کنہٕ یِہہ سِرٕ پریشانی ہِشس تَس باسے ہیٚژ اُمس سعہ کرٕ شادہ ختم۔

"گوٚ اُمس سپدِ کرن میانہٕ کتھ۔ کوتاہ رُت چھُ!" تٔمۍ سونٛچ دِلہِ منٛزی۔ تہٕ پتہٕ ووٚنُن آہستہ پأٹھۍ:

"پرٛزُے چھُ۔ میٚیہ چھہ اَڈٕی وأنِج روزان۔ یِہ ماچھہ سہل کتھا میانہٕ خأطرٕ۔ مگر اَز برونٛٹھ ہرگاہ یِہ سپدِ ہے۔ میٚیہ اوس زیادہ دوہ کھ واتان۔ مگر دوہ نٕ چھم توتہٕ سمتہٕ زِہ سُہ چھُم نہٕ کُنہِ زوٚن۔"

اُمس زنانہٕ کُنہِ وُچھتھ پرٛیٚژھ ماجہ تَس ناو۔

"صوفیا!" تٔمۍ ووٚنُس۔

پلاگیا روٚز بدٕلہ غورہ سان تَس سام ہیوان۔ اُمس زنانہٕ منز اوس سُہ کُنہِ تام چیز یُس ژھس جارٕک تہٕ کُنہِ خدس تام زیادہ جوٲرتک تہٕ جلد بازی ہنٛز ژیٚنہ وُنی دِوان اوس۔

"سارِہ وِرٕے کھۄسہٕ تہٕ بڑٕ کُھتہٕ چھہٕ یہِ زہ یِمَن لُکَن پَزہ نہٕ زیادٕ
کالَس جیلَس منٛز روزُن۔" صوفیا یہِ ووٚن فاصلہ کٔرٕ اندازَس منٛز۔

"ہرگاہ مقدمُک فاصلہٕ وُلٕ وِمی گژھہ ہے تہٕ گوٚیوو جان ییٚتھے
سۄ شہرہ نیبر نیٚنہٕ ییِہ۔ اُسہ کرہ پادرِل سٕنٛدِ ژٕلہ نٕکھ انتظام۔ تسُند چھُ ییتہٕ
سیٚٹھاہ منٛورٕ رَتھ۔"

ماجہ کٔر صوفیا یہِ بیٚیہِ پُژھہ نظراہ۔ سہ اُس ریٖٹھتھ کانٛہہ چیز
ژھاران۔ ییٚتہ منٛز سہ سگریٚٹھ ژھٕتہ کرہ ہا۔ اَخر ژھینٛوٕرہ روو تمہ اکس
گَملَس منٛز سِگریٹھ۔

"ہیٚہے ہے اَمہ سیٚتھ گژھن پوشش تباہ۔" ماجہ ژوٚل بیٚیہِ پرادٕ
پاٹھو نیبر نِتھ۔

"مأجی" صوفیا یہِ ووٚن "کولاءُ تہٕ چھ ہمیشہ پی وَنان"۔ گَملہ
منٛزٕ سِگریٹھ بیٚیہِ تُلتھ دیٚت تمہ سۄ وارٕ کِنہ بَر نِتھ۔

پریشان سپد نِتھ گیہِ مأج رکٕ ژھہ تام ہٲشن۔

"میہٕ دی مأجی" سہ وُژھہ "ییٚتہ بروٚنٛہہ وُچھنہٕ ووٚن میہ
یہِ۔ بہ کوہ سہٕ سٕنا گیس یہِ وَنہِ واجینہ زہ ہوٚ کر یہِ نہ کر۔"

"ہرگاہ بہ پُژھہ گندہ چھُس تیلہ کیازہ وُنکھ نہٕ؟"

پھٹیکِن دَرہ دِتھ ووٚن صوفیا یہِ۔ "کأفی مے گیہِ تیار، شکریہ
مگر پیالہ کیازِ اکو سے؟ ژٕہ چیکھ نَہ سے؟"

یکایکھ اُنی تمہ مأج چینکو رٔٹھتھ پانس نکھ۔ تہٕ تسنٛزٕ ن

چشمن کُن نظر کرِتھ پرٕژھنس :

" مندٕ چھان چھکھ زٕ ؟"

ماجہ پھوٗل وُٹھن پیٹھ اَسُن ۔

" سگریٹ چاٗرِ کلامہٕ کرٕ نہٕ پتہٕ چھیم پرٕژھان مندٕ چھان چھکھے ۔ وُچھہ بی!"

ہنہٕ حاٗرانی کھٹہٕ نہٕ کرنے وۄن تمہٕ " بہٕ آیس راتھے یور ۔ مگر باسان چھُم گژھہ ہیوٗ ۔ بہٕ چھس نہٕ گنہِ تہِ کھوژان ۔ نہٕ چھ پرواہ ہے کران زٕ کس کیاہ شوٗبہِ وَنُن ۔"

" تی تہٕ گژھہِ سپدُن " صوفیایہِ وۄن ۔

" میہ ہے چھُ کلہ گیران ۔ تہٕ باسان چھُم زِ پننِ پان تہٕ چھُم نہٕ تگان پرزٕنِاوُن ۔" ماجہ لگوٗ کنہتھ چلہٕ وٕنٕ " برونٹھ کالہٕ ہے کاٗنسہ ہینہٕ نہٕ دریچھ کنہتھ وَنِنہٕ آسہٕ ہیتم ۔ کوماہ کال اوسُم لگان ۔ مگر میہ چھُ دوہ نی دِل وۄتھ دوزان ۔ تہٕ زِبرہٕ پیٹھ چھُم تژھہِ کنہتھ پیوان ۔ یمن مُنٛدینہٕ بہ برونٹھ سوٗچھتھ تہٕ اٗسس ہیکان ۔"

صوفیایہِ کوٗڈ بیاکھ سگریٹ ۔ تہٕ پتہٕ نیوٗشلہِ وتہٕ سوٗرِ رنگہ چشموٗ سیتی کرِن ماجہ نظر ۔

" ژیتے دوٚشتھ سوٗ ژالِنس منز کرِ دمِتھ ۔ مگر سوٗ کتھ کنیہ ہیکہِ اکس ژالی مترس اِنسانہٕ سِندی یا عُمرِ رُوزِتھ ؟"

ماجہ اوس وَچھس پیٹھ اکھ پریشان کرن وول بار ہیوٗ ۔ یہٕ سوال

پرٕژھمٕتھ لوٚژٕہ روو تمہٕ یہِ بار ۔

" یہِ کوٚسہٕ کٔہتھے گیٔہ " پانٔس کیٚتھ موٚیُم کٲفی پیالہٕ بھرِتھ دوٚن صوفیایہ۔

" بیٚیِن ژٲلہِ ہیتیِن درجَن واد رفیقَن ہٕندی پاٹھۍ ہیے روزِہ میٚہ تشکہ حالِس تہٕ ہیتھٕ اَکھ نفراہ ۔ میٚہ وانہٕ نو دسہٕ تتھ شایہِ ۔ یِتہٕ تٔس روزُن اوس ۔ سُہ تہٕ چھُہ بڑٕہ ضوٗرورٕی نفر ۔ تٔس اُسہٕ پانٛژھ وُری سزا دِنہٕ آمٕژ مگر تمۍ کٔڈی نظر بندی ہٕندی صرف ترٕیہ ریتھ "

کیٚنٛژس کالس روٗز ماجہ تٔس وُچھان ۔ پتہٕ اوٚسُن ۔ تہٕ کلس لوٚتہٕ گِلہٕ ناہ دِتھ دوٚنُن :

" باسان چھُم یِمہٕ اوٚلِ میٚ گوٚ میٚہ کیاہ ہتام ۔ ژٕ تہٕ وَتہٕ ہٕنٛد ہوشے رٔودُم ۔ تہٕ اَکی دِزٕہ لُجِس دوہن وٕتن پکہٕ نہٕ ۔ کُنہٕ دِزٕہ چھُس سوچان سوریے چھُم فِکرِ ترٲن ۔ پتہٕ ژٕ چھہٕ پیٛٹھ ہتھ چیرٕس یہایے زانڈ ہشِس یہان ۔ چانٛی کیٚتھ نمو ۔ اکہٕ شریف گرٕچ اُسہِتھ تہٕ چھکھ ژٕہ اَتھ کامہِ کُن لٔج مرٕ ۔ ژٕہ زانہٕ ہان میون پاوِل ۔ تہٕ تسٕندی تاریف چھکھ کران تہٕ اَمہِ کنہٕ چھُس بہٕ چانٛی احسان بند "

" احسان مندی ہشر حقدار چھکھ ژٕہ " صوفیایہ اوٚس ۔

" میٚہ کیاہ کوٚر تتھ لایکھ ژٕہ ، سُہ کیاہ میٚہ ہیٚچھ نوٚوِہ یہِ سوٗرسے ؟ " ماجہ ژٕدو وونُس ۔

صوفیایہ ژھیتو روو پری چھس منز سگریٹھ تہٕ کلس دِژٕن دِتہٕ ۔

# ۳

نکولائی آوِشامنس۔ کھانہٕ کھیتھ وِزہٕ لجٕ صوفیا اَسان اَسان وُنہٕ زہ سعہ کیتھ کُنہِ سمجھ اَکِس تھہٕس نفرس یُس جلایہ وطنی بیٹھ ژٕلتھ آمُت اوس۔ تہٕ سُہ کھٕٹِتھ تھٔوِنس منٛز کیتھ کُنہِ کوٗٹھن تس اَتھ روٗٹ۔ سعہ اُس خفیہ پولیسہٕ کین نفرن شکھ کھوٚژتھ مژٕ۔ اَوّ تامتھ زہٕ تس اوس پیٚہ پتہٕ اکھاہ خفیہٕک موٚہنیو باسیوومُت۔ تمو ژٕلہ میتو نفرن آسہ اکھ چاٗر ہو حرکژٕ کرہٕ مژٕ۔ ماجہ باسیووٚ زہٕ سعہ اُس تھیکان ہیوٚکیا ہتام۔ یتہٕ کُنہِ ناکانہہ موٚنزور کانہہ کرپتھ کام بامُل اَنہٕ تہٕ پیتہٕ تھٔنز ہش چھُ تھوان۔

اَمہِ وِزہٕ اوس تمہ رِتہٕ کالکھ سفیدی رنگہ لباس پٔژمتھ۔ اسکاٹ گیرہ اوسُس سیٹھاہ کھُلہ ڈٕلہٕ تہٕ اَمہِ کِنہِ اُس سعہ وارٕیہ تھٔنز باسان۔ اُچھ آسُس زیادہ کٔرپہنہٕ تہٕ ووٚہ تھٔنس بیہنس منٛز زیادہ قرار ہیوٚ باسان۔

"صوفیا۔ ژٕبہٕ ہے یچھے بیاکھ اکھ کام تہٕ کرٕنی؟ کھانہٕ کھیتھ ووٚن نکولاین۔

"میٚہ اوسُے نا زٕنیہٕ وونمُت زِ اَسہِ چھےٚ گریسی تِمن ہنٛدِ باپتھ اخبارِ کڈٕنۍ۔ مگر اوتہٕ چھےٚ گرفتارٕی یِو کینٛہہ گوٚ اَسہِ نِشہِ سوٗ نفر ژھینہِ یُس زٕنۍ یُس زٕنۍ ریٚم اخبار بٲگرٕہا۔ پلاگیا نلوونا چھےٚ وونۍ کُنٛز زٕنۍ یِہ سٕہ تَس ژھاۓ نٛژِھتہ ہیٚکہِ۔ ژٕہ نیرکھ یِمَس سٟتۍ گام تہٕ یہِ کٲم واتہٕ ناوکھ وٕلۍ وٕلۍ انٛد؟"

"ٹھیٖکھ چھُ" سگرٹس دام کڈِتھ وُژھ سعہ "صنوٚرٔوٗر کینٛہہ پلاگیا؟"

"صنوٚرٔوٗر"

"گام چھا سیٹھاہ دوٗر زِ؟"

"قریب بوز یہوۓ میل پنٛژاہ مرِہ"

"ٹھیٖکھ" اچھا۔ وونۍ کرو وایِن رٕژھا۔ پلاگیا۔ ژٕہ ہیٚکہِ کھےٚ میون پیانو بوٗزِتھ؟"

"ژٕہ مےٚ بَر میون پرواۓ۔ زِن ژٕ بہٕ چھسےٚ یِتہ نَس"۔ ماجہ وون۔ تہٕ تختہ کِس اُکِس کوٗنَس منٛز بیٹھ۔ یِتھ کنٛز اُسی ژٕ ترم بٲرے بارٕنۍ تَس کنٛ دِیاں دِوان باسان۔ مگر بڈِ ہُشارٕی سان تہٕ باسن دِتہٕ وراۓ اُسی یِنہٕ نہٕ کینٛہہ باتہٕ منٛز تَس تہٕ شریکھ گژھہ نِچ کوشِش کران۔

"بوزٕو نکولائیۍ۔ یہِ گیہِ گراُیک سٟتۍ موسیقی۔ میٚہ چھےٚ اُزی پانَس سٟتۍ اُزٕ مرِتہٕ۔ دارِ تھوٚو دِتہٕ۔"

تمہِ مرِژہ راوٕ موسیقی ہنٛز کتاب۔ تہٕ کھوورِ اَتھٕ ہیوتُن

دارٕہ وارٕہ پیانو وایِن۔ نارٕو منٛزٕ دزایہ پۆرٕہ پۆر تہٕ سنجیدٕہ آواز۔ اَکھ لوٚت
ووشہٕ ہیوٚ تراوِتھ رٕلے یہٕ بیاکھ آواز اَتھ سیٚتؠ۔ دٕچھنہِ اَتھ چٕنٛ اۄنگجن
تَل اوس وزٕنہٕ وِنین رعہِ دار آوازَن ہٕنٛد ہیٚوجوٗمہِ لوٚت لوٚت سعرٕہ کِس
پیوٚت وُنُس منٛز بانبرے مِژن ژرِین ہِنٛدی پاٗٹھٕ یِمہ وَہراوِتھ لرزان ہیوٚ۔

گہ ڈٕہ گہ ڈٕہ گوٚ نہٕ ماجہ موسیقی ہُنٛد کانٛہہ تہٕ اثراہ۔ اُمہِ کِس
بہاوُس منٛز باسیوو تمِس آوازن ہٕنٛد کُہ یکہ نادٕ رے اوت۔ تمۍ سِنٛدِین کَنَن سٕدٕ
دُمہِ وردار آہنگ کہ ترنمُک احساس۔ سعہ روٗز نِندرِہ ہٕنٛز ہشِن مکولائی ہُس
کنٛ وُچھان۔ یُس زَن تختہ کِس دِٔیمِس اندعہ پیٹھ زنگہ وِٹھتھ صوفیانہِ
ہِنٛدِس سنجیدٕہ نہٕ بے رَس نیم رعہ نَس کنٛ وُچھان اوس۔ اَتھ پیٹھ اوس
تمۍ سِنٛدی سعہ نہٕ ہاری مستَن ناج ہیوٚ بنوومُت۔ آفتابہ زِژو پریٚز لو وصوفیانہِ
ہُنٛد کَلہِ تِہ شانہٕ۔ یِمہ زِژٕہ وَژھ کھرٕہ زَن تِہ بیچھ پیانو کین پۆدن پیٹھ تہٕ
لَجہ تیٚنزَن اۄنگجن لول برٕنہٕ۔ موسیقی کوٚڈ کاڈ۔ تہٕ کمرس منٛز پھہلے یہٕ۔ تہٕ باس
دِنہٕ وراگی گیہِ ماجہ ہِنٛدِس دِلَس تَرِتھ۔

خبر کَمہِ دِجہ کُنہِ ووہ تلے یہٕ پَتھ کالہِ چہ اَنہٕ گُنٹھ گوٚ چھ منٛزٕ اکہ زبردس
ووہ کھچ یاد۔ یہٕ سعہ زَن تمہِ ازدارِیاہ کالہِ پیٹھ مُشرداوِ مِژ اُس۔ مگر از سیہٕ
سعہ یاد پٕنن سورُے کرِ یِتھ پھرہِ بیتھ دُبارٕہ زِندٕہ۔

اَکہِ لیٹہِ اوس تمۍ سُند خانہٕ دار شعہ راہ بہِ کِس نشِس منٛز ژیری گرٕہ
آمُت۔ تہٕ یِوان یِوائی اُسِن سعہ بِسترِ منٛزٕہ کھکھرٕہ کَڈِتھ یَتھ دِژمِژ برِتھ۔
تہٕ لرٕہ کانہٕ کھنِکِل دِتھ اوسُن تَس ووٚنمُت۔

"ہٲنی بڈادی ڈُنگرِ! بہٕ نے چھُسَتھ نہٕ ژٕ یتہِ ژٲلِتھ ہیکان۔"

تِہُندِ شُلکہِ نِشہِ بچنہِ باپتھ ٹُل تمہِ تِتھے کُنہٕ یُنٛز دُدٕہٕ شُر شٕرِ سُو رعب ٲکھن منز تِتھہ کنۍ زَن نہٕ بیرِ بدلہٕ استعمال کوٚرٕ ہے۔

نیتھہ نونۍ تہٕ کھوٚژ مُتھ شُر لوٚگ تیٚنزٕ کہ چھ منز وَدٕنہِ تہٕ ژھجہِ لاگنہِ۔

"نیری!" میخایلن کوٚر گرہِ۔

سہ گیہِ تھوٚد وٕتھِتھ تہٕ ژٲلان واٚژ چوکس منز۔ صدرس لٲجن، شُرِس وٕتلُن شال۔ تہٕ اکھ اوٚش قطرہ ترٲونہٕ تہٕ فری یاد کرنہٕ ورایی درایہِ سہ نوٚت پٲٹھی۔ روت پلوٚن تہٕ صدرِ منز تہٕ واٚژ سڑکہِ پیٹھ۔ ریتھ اوس میٚی۔ راتھ اُس سرد۔ سڑکہِ ہنٛز ترٛٲنی یخ ہش میٚنژ اُس تمس تلہ پٮ۪ٹھ لٲری لار گژھان۔ تہٕ کھوٚر زالین منز اژان۔ کہ چھ منز کُنہِ شُر کر لوگ وَدُن تہٕ لوٚگ مچلہِ کرنہٕ۔ تمہِ روٚٹ سہ صدرِ تلہِ کنہِ وُچھس سیٚتہِ تہٕ خوتہ نسان لٮ۪گ پکنہٕ تہٕ شُرِس ہوہو کرنہٕ۔

"ہوہو ہوہو ہوہو"

کاش پھوٚل۔ سہ مندچھے یہِ۔ ییم ژاس زہٕ ہرگاہ کانٛہہ یتھ کُنہٕ نصف دوری بانے وُچھم تیٚلہِ کیاہ کرِ۔ اَمی کنہٕ ستیدسے یہِ سہ نمبلہِ کنہ۔ تہٕ نوٚت واٚتتھ بیٹھ لوٚگ چھن پھیرِ ستہِ ماوٕن تل۔ سہ زوٚنہ تیتہِ نسی واریاہس کالس اَنہٕ گنٹس کنہٕ مُدے گنڈِتھ وُچھان۔ اَدٕ تِہندِ گومُتھ شُر لیلہِ وان تہٕ بیٚنٛن ہتکھ مُشورادنہٕ باپتھ گیہِ سہ اکی سیے لیہِ منز وَنان:

ہوہو ہوہو ہوہو

سہ اُس تتہٕ نَس بہتھۍ زِ اکھ جانا وارہ گوٚ ہنگہ تہٕ مَنگہٕ زَن قَس نکھے وُچھ تھوٚدوٕ بحقہ - اَمہٕ کنہٕ گیہٕ اَمِس بہٕ حسی دوٗر - تہٕ سہ وَژھ تھوٚدٕ تیٚرہٕ سیٚتھ نشان نشان درٛایہ سہ گرہٕ - شُلکھ کھینہ تہٕ ہتکھ ژالہٕ نکس تھتھی زانٕی مرتس ناوِنَس کُنۍ -

پُتیٚم تارِکھ دَزہٕ بہٕ - اکھ ژُرن تہٕ بیے غرض ہیٚو دمہٕ ش وقہٕ ٹیلیوتہ موسیقی گیہٕ بند -

صوفیا پھیر بیٚنہٕ نِس باگیس کُنۍ -

"کھوٚت یا طارہ کِنہ ؟" تمہٕ پرٛژھ آہستہ پاٹھۍ -

"بے انتہا !" زن تہٕ نِندرہِ منٛزہٕ بیدار گژھتھ وَون تمیٚ "حدہٕ روٚس ! تھہٕنزن یادن ہُند پوٚت ناد لوٚگ نیٚٹہٕ بہٕ تہٕ ماجہ ہندس وُچھس منٛز گنگ دارے کرہ بہٕ - تہٕ ذہینہٕ کِس کنہٕ تام کونٛ تجسس پھاتھ لیوس یہ خیال -

"تتھو چھ گکھ یم پانہٕ وائٕ مایہ محبتہٕ تہٕ قرارہ مان دمہ دِن کدان چھ - نہ لٹہٕ آسے کران تہٕ نہ شعوراب پیپیٹھ بدِس گژھان - تم چھنہ تمہٕ اَنہٕ گوٚٹ زندگی ہندِن گکن ہندس پاٹھۍ ژہ چھ پھلیو بایتھ اکھ اکس سیتھ ژوان -"

صوفیایہ کوٚڈ سگریٹ - سہ اُس ژھینہ وراَسے پیالپۍ سگریٹ چوان

"یہ اوس مرحوم کونٹیا شُند توٹھ بائتہ -" تمہٕ ووٚن - پتہ دِتُن سگرٹس اکھ زیوٗٹھ دام - سہ پھیر دُبارہ پیانوہس کُن - تہٕ لہٕ تیٚن سہ رَن منٛز ہیٚرشن اکھ غمگین سلیٚ وایِتھ -

"تِمس بُروٚنٛہہٕ کنہٕ پیانو وایُن کوٚتاہ خوش اوس میٚہ کران۔ کوٚتاہ
چھاس اوس سوٚ۔ پرٛیتھ کانٛہہ چیز اوس مۆحسوٗس کران۔ باسان اوس ژٕ ڈٔنجہ
گژھنس دِلس کھنٛجہٕ!"

"یہِ آسہِ شاید یِنہٕ نس ریٚسنہٕ گژھنٕد سوٚچان" ماجہ وۄن دِلہٕ مَنٛزٕ ی۔
"تہٕ تہٕ وُہُٹ گمُژ ناگوِتھ۔"

"تمہٕ کاژاہ خوشی دِژ میٚہ!" صوفیا گیہ وارہ وارہ وَنان۔ "تہٕ سیٚتھ
سیٚتی گیہ پیانو ہَس پیٚٹھ تہٕ بٔل پیٚٹھ پیٚٹھ نغمہ شیران یُرقَس اوس پۆرہ
پُتاہ زہٕ زندگی رِکھتھ کنہٕ گژھ کڈِنی۔"

"آ!" یِنہٕ نس ریشَس چھش دِتھ کوٚر نکولائیُن آنکار۔
"تسند ژٕرح اوس ہمیشہ گیوان۔"
صوفیایہ یُس سگریٹ وِنی وٚنی زولمُتھ اوس سوٚ ترٛاوِتھ وژھ سعہ
ماجہ کُن۔

"شاید آسہِ تہٕ ژبہٕ میانٛی آواز کھرٕ بُرژ۔"
پٔنِنہٕ زبردَس مویوٗسی ہیٚچھ تہٕ ماجہ کھٔٹِتھ۔
"میون ہنہٕ کر پرواہ۔ میٚہ چھُنہٕ پَلی بیوان کینٛہہ۔ بہٕ چھُس بوزان
مگر سوٚچان چھس خبر کیاہ کیاہ۔"

"مگر بہٕ چھُس یژھان ژٕ بہٕ گژھی فِکرہٕ ترٛاوُن۔ زنانہٕ ہیکہٕ مۆسیقی فِکرہٕ
ترٛاوِتھ۔ خاص کٔرِتھ یٚیلہٕ سعہ غمگین مَنٛز بۆڈمِتھ آسہِ۔"
تمہٕ ڈول تیزی سان سازہٕ کین پرٛدٕن اُلٹہٕ۔ تہٕ پیانو منٛزہٕ درایہ

زِنٛدٕ آواز۔ زَن تہِ کانٛہہ وُلیٹہٕ خبر بوزنہٕ نۆوٕ کھ۔ پیانو مَنٛزٕ آیہٕ تیٖلی یہِ جِس تہٕ ہوش ڈالَن واجِنۍ آواز درٛامژٕ۔ یٖیلہِ زَن آمہٕ کیٖن دِلہ چیٖن تارَن زیٖر آیہ دِنہٕ آمژٕ۔ اَمہِ کِس جوابَس مَنٛز دراٛیہ خوفہٕ ہَرژٕ تہٕ سرتازٕ آوازٕ نیٖبرٕ تہٕ عیسیٰ گیہٕ گاٛب تہٕ۔ بیٚیہ اکہٕ لٹہٕ وۄتہٕ لے یہِ سہ زوردار تہٕ ژٕکہ ہُرژٕ کریچھ تہٕ اَتھ مَنٛز زَن تہٕ سورُے کیٛنٛہہ پھٕٹِتھ گو۔ زن تہٕ کُس تام بۆڈ مُصیبتھ تہٕ بلاے آمژٕ اُس تہٕ دَپھ اَمہِ سیٖٹھا اوس عادہ بَدلہِ غمہٕ ہُنٛد جذبہ وۄتہٕ یدان۔ اَمہِ پتہٕ وۄتہٕ تلے یہِ اکھ شیٖپہٕ مژٕ بیٚیہ مژٕ، ہُنٛز آواز، یُس سہ بیترِ سادہٕ لَیہِ مَنٛز سحرٕ کَرَن والِس اندازس مَنٛز گِیوان چھ۔

حاجہ کوٗر بیے وایہ پاٹھٕ دِلَن زِ سہ کرِ ہیے تِمَن سیٖٹھا رِژٕ لولہٕ برژٕ کتھ۔ سہ اُس مۆسیقی ہِنٛدِ سوٗرژن آورمژٕ۔ تِمہ کوٗر وُٹھ گمہٕ جار تس اوس یَنہٕ بنہِ جایہ بہتھ زِ سہ ہیٚکہِ یمن باگِسے بارٕنِن اتھ روٗٹ کرٕتھ۔

تِمہ تراو ژٕپاسے نظر۔ سہ کیاہ سنا ہیٚکہِ ہا کرِتھ؟ سہ وٕژھ لوٗت پاٹھی تہٕ چوکس مَنٛز اُژھتھ لوٗگُن سماوار۔ مگر تِمَن ہِنٛدِ خاطرٕ کیٛنٛہہ کرنکھ اعتبار ہیٚیو نہٕ امہِ سیٖٹھا۔ چاے پھِرہ وزہ کوٗر تِمہ باتبرہٕ بوٗزتھ اَسَن تہٕ ہیٚرشن کتھ کرنہٕ۔ باسان اوس زِ سہ اُس تہٕ ییم لفظ صرف تِمہ سنے اوت بوزنہٕ نادان۔ بلکہ اُس تِموٕ سیٖٹھا یِنہٕ سِس دِلَس تہٕ تسلاہ دِوان۔

" آسہ تِمَن زَن یِمہ اَنہٕ گُنٛڈ زندگی ہِنٛز ہال چھہ گامژٕ۔ چھہ یہِ پتھ کانٛہہ چیز مۆحسوس کران۔ دَپھ پھِرُن چھنہٕ تگان۔ تہٕ اَمہِ سیٖٹھا چھہ اَمہ کتھ تام ہیوٗمہ گژھان چنٛگیانہٕ۔ زمانہ تہٕ چھہ۔ دَپھ باگِرتھ چھنہٕ ہا سکان۔ تہٕ

اکثر چھ اَسہِ شرمہٕ سیٹھاہ پٲنٕی پانَس کمہٕ سران گژھان۔ اَسہِ چھ پننہٕ نِمنے خیالَن پیٹھ ژر کھ کھسان۔ پریتھ طرفہٕ چھ زندگی ٹھوٚکرہ لایان۔ اَسہِ چھ آرام ژھانڈان دَپہ خیال چھُنہٕ آرام تہٕ دِوان کرِنہٕ۔"

یُتھٕ نَس اُنگمہ ووہ یتھ راوِتھ اوس نکولائ بوزان۔ تہٕ صوفیا پننہٕ نہٕ ویچھ چُھشمہ یوٚرہ پاٹھو وہراوِتھ تَس کُن کَن تھوٚوِتھ۔ تَس گو سُو سگریٹھ چوٚنے مُشتھ یُس زَن ووہ نی متہ کلتش وو تمُتھ اوس۔ سہ اُس وِہنہٕ تہٕ پیانو ہٲسن نکمہ ہیٚنا تَس کُن چھِپرِتھ ہِہاتھ۔ تہٕ مُتز کہ مُتز ہہ اُس پیانو کِس کُنہٕ پردَس دُچھنہٕ اَکھ سیٹھی زیر زبر دِوان۔ تارَن ہنزٕ گِنگہ راوٕ رَلے یِہ ماچھ ہندِین تِمن سیدِین سادَن تہٕ اثردار لفظن سیتی۔ یِمو سیٹھی سہ پننہ مِن جذبَن ہنزٕ ووہ کھنے کران اُس تہٕ

" ووہ نی ہیکہ نہٕ پانَس تہٕ ییمَن لُکن پیٹھ تہٕ کینژھہ وُچھتھ میہٕ چھ ووہ نی کیتھ خبرہ تران۔ گوڈہ اوس تہٕ کیاہ پُر کھاوُنہٕ بانِتھ ساپنہٕ زندگی منز چھ پریتھ اکھاہ کُنی طریقہ نِسان بسان۔ مگر ووہ نی زون میہٕ زہٕ باپھے لکھ کیتھ کُنہٕ چھ روزان۔ تہٕ ییسلِ ژٕ تَس چھُم پیوان نہٕ بہ کیتھ کُنی اُمیس روزان تہٕ میہ چھُ سیٹھاہ دہ کھ واتان۔"

تمہ کرِ آوازِ بِیمہ تہٕ ہیٚنا لوٚت۔ تہٕ کلامہٕ ٹھوٚوُن چھلہ وُن۔ "بنان چھُ میانہٕ وُنہٕ نکھ انداز آسہٕ نہٕ جان۔ یہ تہٕ چھُ بنان نہٕ میانِین کھتَن آسہٕ نہٕ کانٛہہ ہَسرتہٕ تکیازِ تہی چھوہ پانہٕ زانہٕ وُنی۔"

تمی ستزِہ آوازہٕ منز اوس دُرہ تکھ گوہ بیر ہیو۔ مگر تِمن کُن دُچھنہٕ وزہ اوس تمی سنزِ ن اچھن منز اُشن چھوٚلمُت۔

"مگر بہٕ چھس تتھٕ پٲٹھۍ بُروٚنٛہہ کنہِ پٔنٕنۍ دِل مُژرِتھ تھوٚوٕن یِژھان بہٕ چھس باوُن یِژھان زِ ژٕہندِ پاپہِ جاٗیی تہٕ شادِ ہندۍ آثار کیٛتھہ کنہٕ رٕچھہ میانِس دِلس منٛز۔"

" اَسہِ چھہِ خبر" نکولائی یِن دوٚن لہٕ ہتہٕ ہٮ۪ٹھ۔

باسان اوس زَن تہٕ سعہ پٔنٕنۍ آثار تہٕ تمنا کُنہِ تہٕ رنگہ باٗمِل اُسس تہٕ ہیکان اُنِتھ۔ تہٕ تمہٕ کرٕ تِمن سارِنٕے چیٖزَن ہنٛز کتھ۔ یِمہٕ تمہِ سِنٛدِ خاطرٕ نوٚوٕ تہٕ خدٕ روٗس معمول دار آسہٕ۔ تمہٕ باگوٚ تِمن پٔنٕنۍ کرٕ پٔچھی تہٕ جاٗیِس پیٚٹھ واتہٕ ناوٕن والین مصیبتن ہنٛزٕ زندگی ہنٛز کتھ۔ سعہ اُس نہٕ بعہ غصہٕ یا شستراٗز ورتاوان۔ مگر وُنیہ اُسس ہژِل کرٕ نِکہِ آیہِ ہیوٚر کُنۍ پھیرِتھ۔ تمہٕ ہیٚنٛز تِمن بیے رنگ تہٕ سادٕ روٗس دمہٕ ہِن ہنٛز یِنٛگہٕ پتہٕ پتہٕ مُژراوِنۍ۔ یِتھہٕ منٛز تِہنٛز یِتھہٕ کاریچ زندگی ووٗنِتھ اُس۔ تمہٕ بوو زِ تِمس کیٛتھہ کنہٕ اوس روٗن چوب دِوان۔ تہٕ اَکھہ پیٚٹھ کوٗرُن تاجب زِ یِمن چوٚبن مُنٛد بہانہٕ اوس سیٖنٛٹھاہ موٗٹٕلی آسان۔ تہٕ سعہ اُس نہٕ یِمَو چوٚبَو زِنشہٕ پٔنٕنۍ پان بچاوِتھ تہٕ ہیکان۔

تِم دمہٕ نوٚدٕے گیہِ خاموشی سان تمہِ سِنٛز کتھ بوزان۔ تِمن اوس یِمہٕ کیٛتھہ مُنٛد زبردست احساس زِ اَکِس تیژھہ شخص بایہِ ہنٛزِ سیٖزٕ سادٕ زندگی ہنٛزِ کتھِ منٛز کیٛتو سٕنٛز مانہِ مطلب اُسی کھٹِتھ۔ سعہ اَکھ ہستی یِمِس نہٕ اَز تام پنٕنِس سِنٛدِ کھعہ تہٕ زیادٕ رعہتبہ دِنہٕ آو۔ تہٕ یِمہٕ پانہٕ تہٕ ژھعہ پیٚر دَم کرِتھ بیٖیِن ہنٛز رائے تراے ماگنی میژ اُس۔ باسان اوس زَن تہٕ ساسہٕ واد زندگی ہِن ہنٛز داستان اُہنٛزِ زیوٕ نیران اُس۔ یہِ کینٛژھا تَس گدٕر یوٗمُتھ

اوس۔ تہٕ اوس نہٕ کینٛہہ تہٕ عوٗجوٗ باہ۔ تسٕنز زندگی اُس تژٕہے عام تہٕ سٕنز پٔژھ
زَن یٮ۪تھ بُتراتھ ہیوٚہ روزَن والین اکٕز لکھٕ ہنٛز زندگی چھےٚ۔ تہٕ اُمی سٕنٛزہِ دلیلہٕ
لوٗب اَکھ نمایندہ تہٕ علاقٕی درجہ۔ میجس کھوٚہ وُٹھ ڈٕکھراوِتھ تہٕ مُنجھ اٮ۪تھن
منٛز رٔٹِتھ اوس بکولائی عانکہ پٮ۪تو کنہٕ اُچھ ژوٗمراوِتھ تس کُن وُچھان صوفیاہ
رٔٹ کُرسی ڈٲکھ۔ تس آسہٕ گنہٕ وِزِ تیزٕ پھٔٹان۔ تہٕ یا ضے اُس کلہٕ گلہٕ ناوان
باسان اوس زَن تہٕ تمو شٕسند بُتھ بکان تہٕ نردان اوس۔ تس اوس سگہ ہیوٚہ چوٚن
تہٕ مُشِتھ گومُت۔

" اَکھ وقتاہ اوس سوٗ تہٕ ییٚلہٕ یہ پنُن یان بدقسمتھ زانان اُسیوٚ"
صوفیا وٕژھ بہ چشمہ نوٗمراوِتھ لوٚ تہٕ ہٮ۪ٹ۔ "میٚہ اوس باسان زَن تہٕ
ہُزی یافس منٛز زندگی اُسیس کڑان۔ یہ چھ تیمَن دوہ ہٮ۪ن ہنٛز کتھ۔ ییٚلہ بہٕ
اَکس لوکٕٹس قصبس منٛز جلاوطن اُس ہس کرمُت۔ کانٛہہ کاراہ تہٕ اوسس نہٕ
کانٛہہ۔ یانس وراے اوس نہٕ بیٚیہ کانٛہہ چیزاہ یٮ۪تھ ہیوٚہ انسان سوچ ہیکہ کانٛہہ
رٔژ کام دروٗس نہٕ آسِتھ کنہٕ اُسیس بہٕ اُموب پننہٕ بدقسمتی پٮ۪تھ سوداوتھ تھٲوِتھ
یاوان۔ یہ اُسیس پننِس مألس سٟتی ژُوان۔ میٚہ کوتاہ لوٗٹھ اوس سوٗ۔ ییٚلہ بہٕ
مدرسہٕ منٛزٕ گرٕ ہس ٹکن آو دنہٕ نہٕ زہ تیمَن پرٕزہ تہٕ میٚہ بیے شرٕ ہٮ۪ ہنٛزٕ وُتہٕ پکن
بہٕ واتہٕ ناوٕ ہس جیل۔ میانِ اَکی سٟتی بأج اوس چلٕسس مین بےپناہ دُتیمُت۔
میون خانہ دار آو رٔٹنہٕ۔ تمہٕ پتہٕ بیٚیہ سُے جیل تہٕ جلاوطنی۔ پتہٕ واتہٕ میٚہ رنجہٕ
سندہِ مرنچ شٔنیچھ۔ باسیوم میانٕہ ہش تہٕ آسیا کانٛہہ دوہ کھلہ زندگی۔ مگر
پلاگیا نلوونا۔ میانہٕ زندگی ہندٕ سأری مصیبتہٕ بلکہ آمہ کھوتہٕ دہ گنہٕ مصیبتہٕ

ہیکن نہٕ چانہٕ زندگی ہندس اکس رتس سیٹھاہ تہٕ مُقابلہ کٔرتھ۔ ژٕ چھکھ وُنی یہٕ وادن دوہس تہٕ راتس مُصیبتہٕ تُلِہ مٕتی۔ یِیٚتہ مصیبتہٕ نٔالہٕ نکھہٕ بہتر کیتہٕ چھ افسانس منٛز آسان؟

"تُکن چھ وینہٕ راوٕنس ہال گژھان؟" وونُن ترٲوِتھ وُژھ پلاگیا۔

"میٚہ چھُ باسان میٚہ چھ زندگی پٲرہ پٲٹھی زانٕنی مٕژ۔" نکولائی وودتھ بوزٕ شوزہ سان ہیوٗ۔ "مگر یِیلہ کانہہ میٚہ پٔتہٕ پُتھٕ ہیوٗ گُدرُن بوزٕ ناوان چھُ۔ بہٕ چھس زندگی نکھہٕ پیٚتھ اکھ سام ہیکان ہیتھ۔ کتابہٕ سام ہٕز۔ تہٕ نہٕ میانہٕ اورہٕ یور چھکڑ آمتین توٗرٕن ہنٛزٕ بُنیاد بیہٕ بناوٕمٕژ کانٛہہ سام۔ اَمہِ ورٕزہ چھ میٚہ اکھ اکھ دُمہٕ وال تام تھوٗد گژھان دِتھ۔ یِہے لوکچہ لوکچہ کتھے چھ تِمہٕ۔ یِمہٕ زٕنہٕ خدٕ رُوس خوفناکھ آسان چھُ۔ تِمہٕ نے موٗلی گرین تہٕ ژہین ہنٛزٕ کتھ۔ یِموٗ سیٹھاہ ریٚتھ تہٕ دٔری بٔنان چھ۔"

کیٚتھ رٔوز چلہ ورنی۔ اُتام زٕ اَنہٕ گنٛڈ زندگی ہنٛدِ سارِی گوشہٕ آیہٕ اَمہِ سیٹھاہ وٕلنہٕ۔ ماج وُژھ ڈُنگ دِتھ بوٗن تام پیٚنہٕ نس یادٕ وُترمِن۔ تہٕ دوہہٕ دیچ بے عزتی تہٕ کریچھرٕ زوالنہٕ انیخ بخت کالہٕ کہ گنڈ زوٕلہ منٛزٕ مہرٕ کدٕتھ۔ یِموٗ زوالنو اُسو تِمو سِندٕ یادٕ بکھ دوہہٕ جہنم بناوٕمٕتی۔ آخرس وُژھ سعہ:

"وُچھو بہٕ گژھ چھس۔ کیٚتھ کیٚتھ گیس کران تہٕ خیالے رُوٗدم نہٕ زٕ یہٕ ما چھُ شوخ نگنکھ وُکھ۔ وَنہٕ بہٕ خاطرٕ تیوٗتھ زٕ ڈرہ ومراتھ تیٚتے باوو۔ توٗ تہٕ سعہ کلینہٕ۔"

سعہ کرٕ بٲسے بارنیو لوٗت پٲٹھی رُوہ خصتھ۔ تس باسیوٗ زٕ نکولائی چھ

بُرونٛٹھ مِہ کھوت تہٕ زیادٕ ے نمیوٗمُت۔ نیرنہٕ ورٕزہٕ روٗٹ تمیٚ ماجہ ہُنٛد اَتھہٕ چیرِ اَتھَن منٛز۔ صوفیا دِژایہ تس کمرس تام سیٖتی۔ تہٕ بَرس نکھہٕ وٲتِتھ وَژھ سعہ پوٚت پھیرِتھ

"وارٕ ہے ہَے شۆنگِ زہٕ۔ خُدا حافظ !"

تیٚمِس آواز اُس جذباتو سیٖتی بَرِتھ تہٕ تیمِس سۆری رنگہٕ چشمہٕ آسہٕ لولہ سان ماجہ کُن وُچھان۔

پلاگیا روٗٹ صوفیایہ ہُنٛد اَتھہٕ دۆن اَتھَن منٛز۔ تہٕ زورہٕ دِیُٛتس چیر !

"شُکریہ !" تمہِ وۆن۔

# ٢

کینٛہہ دوہ پَتہٕ بیٚنیہ مأج تہٕ صوفیا قصبہ چھِنٛ نیٚبٕد یأرِہ زنانن ہندِس رٕخس منٛز نکولائی ہَس برونٛہہ کنہٕ وأتمژ۔ تِمَن اُسہِ پرأنؠ ھٹنٛڑٕ پَلوٗ تہٕ صنٛدرٕ لأگمژ۔ چھیکین بیٚنٛٹھ اُسکھ ٹھیلہٕ الأندِ تہٕ اَتھَن منٛز لورٕ۔ اَتھ پوشاکس منٛز اُسس صوفیا لوکٕٹ مَرٕ ہِش باسان۔ تہٕ اَمہِ سٕنٛد لیوٚدُر بُتھ اوس بیٚنیہ ہٕنٛزِ تہٕ سنجیدٕ باسنہٕ لوٚگمُت۔

تِمَن روٗ خصمژ کرٕنہٕ وزٕ دِیُت نکولائی تَن پَتہٕ نہٕ بیٚنِہ ہنٛدِس اَتھَس زورٕ چیر۔ تہٕ مأج گیہٕ بیٚنیہ اَکہِ لٹہِ اَمہِ رشتہ کہ سوٚکوٗن دِنہٕ والہِ سیٚزرٕ سیٹھا متأثر۔ ہیموٗمُے بارنیوکرِ تہٕ اَکھ اَکِس معہٕ تہٕ میٹھہٕ تہٕ نہٕ ہیوٚو تِکھٕ ماجِ نیارٕ سان اَکھ اَکی سٕنٛد ناوٕ۔ مگر تِم دوٚشوَے اَسہِ اَکھ اَکِس سٕنٛدِ باپتھ دوہے پریشان تہٕ فِکرن منٛز روزان۔ مأج یِتہٕ پانہٕ روزان اَمِس بَتِہٕ اَسہِ گٕکھ پانہٕ وأنؠ ماہ تہٕ میٹھو کران۔ ماجِ نیارٕ سان ناوٕ ہیوان۔ مگر تِم گٕکھ اَسہِ وقتِ کأرِ گٕکھ ہیتِھ ہوٚمِن ہنٛدِ یُٹھو اَکھ اَکِس ناپٕہ تہٕ ژھٹان۔

دوٚشوَے زٕنہٕ دراہِ ژھوٚہ پہ دَم کرِتھ ہیٚتھ میو سرٕ کوٚ کنہٕ تہٕ واتہٕ

کَھہن کُن۔ یُدوٕ بُرزٕ گُلیو منٛز بہٕ بناوٕ مرٕ کھجہ تہٕ اوٚگرہ نتھو گرٕ سہاکہ پیٹھ آسہ
تِمہ دوہ شوٗرے اَکھ اِرکس نکھہٕ نکھہٕ پکان۔

"زٕہ سے تھکِگھہ ؟" ماجؠ وُٹھ صوفیا یہ کُنُ۔

"ژیٚہ کیاہ راسے چھےٚ۔ یہ چھسا یتھہ زندگی منٛز کینٛہہ کم یہِن نا ہٕ کھلہ
پیٚچ ہرٕ ؟ مےٚ ہے چھ یمن سارِنی کھتن ہنٛز ہال؟"

اَسان اُسان بیٚیہ صوفیا پنٕنین انقلابی سرگرمین ہنٛز کتھہ کرنہٕ۔
زن تہٕ لوہ کہ چارچہ شریٚو لاًزیہ پھران اُس۔ سہ اُس پانس اَپزی ناو کرِتھ
گرٕتہ تہٕ رہ آری ہندی جاًلی کاگذ ہیتھ پھیران۔ رکھ بدلاًوِتھ اوسُن بینٛن پانن
خفیہ پُلسہ کین نفرن نِشہ کھوٚٹمتھ۔ بار واد کتہ ہر آسُن اکِہ شہرٕ پیٹھ بییس
شہرس تام وانتہٕ تاًوی میٚتو۔ جلاوطن کرنہٕ آمتین سیٹھو باجن ہندہٕ ژلہ نکھ
بوٚندیس اوسُن کوٗرمُت۔ تہٕ تِم بیٚیین مُلکن منٛز وانتہٕ تاًوِتھ اُس پوت پھیرٕ۔
اَکہ پھیرہ اوس تِمہ پنٕنہِ گرٕ خلاف قانون چھاپہ خانہ ترٛاوِمُت۔ پُلسن پَلہ
اَمیکھ پیٚیہ لوگ۔ تِم چھیٚیہ دراٚیتھ۔ اَمہ وِزِ اوس تِمہ نوکرانہٕ ہُند رکھ لوٗگمُت۔
تہٕ پُلسس ترٕٛ دِنتھو کنی اُس پھاٹکہ کنہٕ ژٕجمرٕ۔ وندہ کالہ اوس بیٚیہ اُس
ہلکہ پوٚشاکہ لاًگتھ تہٕ کھورہ شورہ کرٕ دوراہ وُلِتھ سارِ ہے شہرس
ژھٔپھ کڈِتھ آمرٕ۔ اَکھس کیتھ اوسُن تلہ بیٚیہ تلمُت زن تہٕ مینٛزہ تیل مَلِتھ
ہیٚنہٕ دراہرٕ اُس۔

دوہ ہہ اَکہ پیٚیو اُمس اَکس ازاًنی شہرس منٛز کینٛہہ رفیقن
سمکھنہ گژھن۔ یُلہ سہ تہندس کمرس نکھہ واٚترٕ۔ اَندرٕ اُس پُلسہ وال تلاشی

کرَان۔ پوٚت پھیرُن اوس مُشکل۔ اَوِہ کِنہٕ وٲسۍ آمہٕ بیے شوٚنگھو پاٹھۍ بوٚنہٕ مکانٕچ گاٹھنٛی۔ تہٕ ناد بِچھان آسنۍ کرنۍ یِیدۍ یہِ اَتھہٕ گرِس منٛز۔ تِمن نِشہٕ تھوٚوُن تہٕ کینٛہہ تہٕ کھٹِتھ تہٕ ووٚتھُن!!

"اگر تُہۍ پرٛژھو تُہۍ ہیٚکو میٚہ پُلسس حوالہٕ کٔرِتھ۔ مگر میون خیال چھُ تُہۍ کرِو نہٕ تہٕ ہرگز نہٕ۔"

تَمہٕ لُکھ اُمسوٚرنیٲت کھوٚرتہٕ ہیتھ زِہ دٲتی دٲتس کٔرِتھ نہٕ اَکِس ژٕہِس تہٕ نِندرِ۔ باسان اوس تِکھ زِہ وُنی نِتہٕ وُنی دیہ کانٛہہ بَرَس ڈکہٕ۔ مگر تِمو کوٚر نہٕ سُہ پُلسس حوالہٕ۔ تہٕ دوٚہرمہٕ صُبحن کوٚر تِمو اَتھہٕ دلچسپ واقعہس پیٹھ دوہ ژھِٔہ واٲجہ اُسناہ۔

بَنیہٕ اکہ لوگ تِمہٕ پادرِنو بایہٕ مُندر کٔرِتھ تہٕ خفیہ پُلِس کیس تَسَے نفرس سیٚتھ تہٕ تسند کیسے ڈبس منٛز کوٚرُن سفر۔ یُس زن تَس ژھارنہٕ باپتھ مُقرر اوس آمُت کرنہٕ۔ تَمہٕ نفرن اوس بڈٕ لاف دِیی دِیی تَس نِشہٕ بوٚزمُت زِہ سُہ کمہٕ ہُشٲری سان اوس تِمس زنانہٕ پَیِس پتہٕ ہَس روٗزِتھ۔ تِمو اوس پتہٕ ووٚتُھمُت زِہ یقینن اُمس سُہ زنانہٕ اُکھتو ریلہٕ منٛز سیکنڈ کلاسس منٛز سفر کران۔ یہِ نفر اوس پرتھ سٹیشنس پیٹھ بوٕن وٕسِتھ تُہند پیٚیہ ہیوان کڈُن۔ تہٕ ڈبس منٛز واپس یِتھ اوس وَنان۔

"نظرِ چھِنہٕ کُنہٕ گژھان۔ شاید آسہٕ شوٚنگِتھ۔ اُکھ چھِہ یِم لُکھ تہٕ تھکان۔ تہٕ یہِنز زندگی چھِنہٕ ساناہ کھوتہٕ کینٛہہ تہٕ بہتر۔"

یِمہٕ کتھہٕ بوٗزِتھ ژوٚو ماجہٕ اُسنَن۔ تہٕ بڈٕ شفقتہٕ سان وُچھُن

صوفیاہ کُن۔ بتھ نوز کھ صوفیا اٲس پننہِ نیو ماٲری منڈیو کھورو سیتۍ وُلوِلی یِگان - اُمِنزِ وۄہ بتھِ بیٹھ، کیتھہِ بابتھ ہندِ اندازہ، میچھ گوہ بہ آوازِ تہٕ ستیدِ تہٕ شوٗبہ دار قدہ، موہ خصر پرِیتھ چیرِ منزِ اوس طاقت نہٕ جوٚرتھ پیِیڈان۔ پرِیتھ چیزس میٚسبتھ تمیٚ شسند رٔوی پہٕ اوس آسیٚ بخشن وول سعہ یِتھ کُن تہٕ نظر کرِ ہے۔ تتہِ اوس کانہہ نہٕ کانہہ تیُتھ چیز ضوٗر اور آسان۔ یَمہِ سیتۍ سعہ خوش اٲس گژھان۔

"یہ صعہ نوٚبر کوتاہ ماری موٚند چھہ!"

اکِس گٔلِس کُن وُچھتھ وۄن صوفیاہ۔ ماجہ وُچھ قدم ٹھہراوِتھ یہ صعہ نوبر اوس تہٕ بتیو گُلیو نشہِ کینہہ تہٕ بیون ہیو باسان۔

"آ۔ بڈِ ماری موٚند چھہ" ماجہ تُروو اُشُن۔ تہٕ صوفیاہ ہندِ چھوٚت گژھن والِ ہپتیح کھتیشو لگ وُچھنہِ۔ یُس زُن ہوا سیتۍ تیندس کنس تل نژان اوس۔

"وُچھی جل ہے!"

صوفیاہ ہنزِ سوٗری رنگہ چشمہ لجِ لولہ سیتۍ گاہ تراونہِ۔ باسان اوس زن تہٕ سعہ یُنہ نہٕ ساری بدنہٕ سیتۍ اتھ کھلہ ڈُلہِ فصنہ ہاس منز گریزن واجنو نادیدہ موسیقی بوزنی اٲس یژھان۔ باضے اٲس سعہ مُن اُویِل تہٕ ناُویل بدن نومراوِتھ کانہہ جنگو پوشاہ تُلان۔ امہ کین کانہہ وِنین وُتھرن پننہِ نزاوی جہ نوک دار اڈنجہ پھران۔ تہٕ کانہہ لگ نستہ مُنزبی گیوان۔

ہمو سارِ وۍ کتھو سیتۍ نیو امہ سوٗری رنگہ چشمہ واجنہٕ زنانہٕ

ماجہ ہُند دِل مُچھتھ۔ تہٕ سہ لٔج تَس بِلکُل نکھہ نکھہ پکنہٕ۔ تہٕ یہ کوشش کرنہٕ زہ سہ گژھہ نہٕ تَس پَتھ گرٕ ھنو۔ مگر باقی اُس صوفیا بڈٕہ سختی سان کتھہ کران۔ اَمہِ وِزہ اوس ماجہ پھیران ہیوٚ تہٕ سہ اُس بیقرار گژھتھ دِلہٕ مَنٛز یہ سوچان تہٕ

" ریٖنس کھسہٕ نہٕ یہ ٹارہ۔"

مگر سیٖٹھی اُس صوفیا بڈٕہ وَژھہ دأنجہ تہٕ سیٖٹھہ زرہ سان بولان۔ تہٕ مأج اُس اَشناہ کرٕتھ تَس کُن وُچھان۔

" ژٕہ کاژہ ہے لوٚکٹ چھکھ وِہنہٕ !" تمہٕ وۄن وَدیش تراوِتھ

" ترٕہ وَرِش ہے دأرِس۔" صوفیاہِ وۄن۔

پلاگیاہِ کمہٕ ناوِ وُٹھ۔

" ناے تہٕ اوس نہٕ میون مطلب۔ بُتھہ چِھکھ ژٕہ اَمہ کھوتہٕ زیادہ وأنسہ باسان۔ مگر بہٕ بیٚلہِ چانہِ کتھہ چھس بوزان تہٕ چانین اَچھن کُن نظر چھس کران۔ بہٕ چھس حأرتَن گژھان۔ بِلکُل کورِہ ہِنٛز چِھکھ ژٕہ اَمہِ وِزہ باسان۔ چأنی زندگی چھہ کرٕہٹھ تہٕ خطرناکھ رُوٗزمٕژ۔ مگر چون دِل چھُہ ہمیشہ اَسان آسان۔"

" میہ چھٕنہٕ کہنہ پھرِک احساسے گژھان۔ تہٕ باسان چھُم زِہ میانہِ کھوتہٕ رُژ تہٕ خوشس کرِہ ونی تہٕ آسیا بنیہ کأنسہ ہِنٛز زندگی بہ ہے آسے ژٕیہٕ مألی ناوِہ آلو دِوان۔ یانے نلووُنا۔ پلاگیا چھےٚ نہ ژٕیہ بچان۔"

" یہِ خوشِ کرہی۔" رٕژھا سوٗنچِتھ وۄن ماجہ " یہ ژٕیہ دِل کری۔ بہٕ چھس ژٕ بہٕ کُن وُچھان۔ چانہِ کتھہ بوزان۔ تہٕ کینژہ ھا سوچان۔ یہ زأنِتھ

کائِژاہ فرحت چھ میہ میلان ۔ ز‍ِہ ژٕیہ چھہٕ انسانہٕ ہیٚندِس دِلَس تمام دانہٕ ہیچ وٕنِتھ لٔب مژٕ ۔ پَرٕ پتھ اکھاہ چھُ ژٕیہ سیٚنزٕ کھُلہٕ دِلہٕ کتھ باتھ کرانٕ ترٕ یِہ ہیکان باوِتھ زٕ تمی سٕندِس دِلَس منٛز کم کم خیال چھہٕ وُزان ۔ سُو چھ پانے پَنہٕ بٕ مرضی پَنہٕ بٕ رُوحکی ٹھٔریو تھوٗد تُلان ۔ یِہ خیال چھ میٲنِس ذہنَس منٛز ورزٕ ورزٕ پیوان ۔ چانٛی سیٚنتھٕ بٲجٕ لَبَن آخرس زندگی ہِنٛزن خداٲیین پیٹھ فتح ۔ یِہ کتھ چھ بِلکُل سیکہٕ !"

"سانٛی فتح چھ اَمہٕ کنۍ یقینی زٕ کامگار چھ اَسہٕ سیٚنتھ !" صوفیایہ دوٚن پوٚرٕ پٔرِتھ سان۔ "ہیمن منٛز چھُ بوٚڈ بارٕ طاقتھ تہٕ یِہندِ خاطرٕ چھ پرٕ پتھ اکھ چیز ممکن ! ضنوٗرٕ دٲرِتھ چھُ بُنتھ اوت زِ ہیمَن گرِٛژھ ہنٛزٕ قدرٕ تہٕ معمول فِکرِ ترٛاوِن ۔ یُتھ زِ ن یم آزادی سان ترقی کرن !"

اَہنٛز و کھتوٚ سیٚنتھٕ ہیٚتِن ماجہ ہیٚندِس دِلَس منٛز رٲلہٕ ملہٕ جذبات ہوۍ وُزنۍ ۔ خبر کیا زٕ آو تٔمِس صوفیایہ پیٹھ عار ۔ اَتھ منٛز اوس تہٕ کانٛہہ وُلیٹھ غارٕ دوستانہٕ جذبہٕ ۔ مگر تٔمِس کوٚر دِلَن زٕ سوٗ کرِ ہا کانٛہہ سیٚنٛز سادٕ کتھاہ ۔

"اَمیکھ ماوٕجنہٕ تہٕ دِیا تمہِ ہٕ کانٛہہ زٕ ؟" سوٗ وُنٛہ لوٗت یاکھٕ ورد بند الجس منٛز ۔

"ماوٕجنہٕ میوٗل !" صوفیا وُنٛہ درجواب ۔ تہٕ ماجہ باسیوو زٕ یمَن لفظَن منٛز اوس فخرٕ چ ملہٕ مش ۔ "اَسہٕ چھ زندگی ہنٛز سُہ وَتھ درینٹھ آمٕژ ۔ یوٚہ اَسہ سیٚنتھ چھ بخشان ۔ اَسہِ چھ پَنہٕ بٕ رُوحٕک سورُے قوتھ دِتا وِتھ زندگی کڈانٕ ۔ اَمہِ اورٕ کیاہ گژھ زندگی دِنۍ ؟"

ماجہ کر ژٕھمِس نظراہ۔ پتہ تراوِن اُچھ بدن کُن۔ تہٕ بیٚنیہِ اکہِ لٹہٕ کوٚرُن دِلہٕ منٛزٕ ہی سونچھ۔

"میخائیلو کرِہ تہٕ اُمِس پسند"

ژٕھمہِ دہ شوٚسے آسہِ وٕلی وٕلی تگر بانٛبرہ ورآگی پکان۔ غوش یونس ہوٚرہ ہمِس منٛز آسہِ ژٕھمہِ زپھٹو زپھٹو شاہ ہیوان۔ ماجہ باسیوو زِ تہٕ ژٕھمہِ کٔنِہ تام زیارتس کُن گژھان آسہِ۔ تَس پیٚنیہِ پِتٕر نہٕ لوکہِ چارِ ہچ سعہ شادی ژٕھتٕس ییٚلہِ سعہ گامہٕ دوٗر اَکِس خانقاہس منٛز عبادتھ کرنہٕ گیہ۔ اَتھ خانقاہس مُتلِق اوس وَننہٕ یِوان۔ زِ اَتہ چھِ موجزہ ہاوَن وارِجنو اکھ موٗرژ۔

صوفیاہُس باضے اَسمانس مُتلِق یا عشقس مُتلِق کانٛہہ نوٚو باٗتھ بٕدٕرہ میچھہِ لیَہِ منٛز گیوان۔ یا اُمِس سعہ کُنہِ کُھہَن، وَنَن تہٕ والگا دَری یا وَس مُتلِق نظمہٕ بوزِہ ناوان۔ تہٕ ماج اُمِس ییمہِ نظمہ بوزِتھ تبسّم کَران۔ تہٕ بیہ پرادہ یا بٔٹھو اُمِس نظمہ ہنٛزہٕ لیَہِ سیٚتہ پنُن کلہٕ نژہٕ ناوان۔ تہٕ موسیقی ہنٛزَن لہرَن منٛز دٕسِتھ گژھان۔

تَس اَندر اوس لوکٹ، سوکھ نکھو تہٕ خیالن ہُند احساس گژھان زَن تہٕ رِتہٕ کالہٕ کرِ کُنہِ شامہِ سعہ اکِس باغہِ ہاٚنہ منٛز کُنہ کو کنس منٛز بِہتھ آسہِ

# ۵

ترٛیومہِ دۄہ ہن واتہٕ تِمہٕ مَنٛز لَس۔ کٔھہس منٛز کام کرَن وألِس
اَکِس گرٕپسوٗتِس پرٛیژھ تِمو نارکول کارخانٕکۍ پتاہ۔ تہٕ تِموٚ دۄہ شوٗرِ ہیوٗت
جنگلہ منٛزی نیبرٕن واجنہِ ٹاسہٕ رِہ سڑکِہ پیٹھہٕ پکٕنۍ۔ بجہٕ زٕن گٔو موٗلو سیتۍ
ہیرِہ پأوی ہوٚی بنے میتہٕ آسی۔ سڑکِہ وَسان وَسان واتہٕ تِمہٕ اکِس کھُلہِ
جایہِ نِشِس۔ بیٚیتہِ ژۄہ پأری ژرٕنین، زِنٕ ہیچھِن تہٕ نارکولس ڈیرا آسی گامتہٕ

"اَمہٕ خرہ تہٕ واتٕ!" زُرژھ کھنڈ پریشان گژھتھ ترأو ماجہِ
سأری ہے نظراہ۔

بأنسو تہٕ گوٚ کنجو سیتۍ بنادہ مَرژِ اکِس چھپن جایہِ بروٚنٹھ
گٔنہِ ادس اکھ میچ۔ زمینہِ منٛز وألی میتین کوٹھن پیٹھ اُسکھ تریٚہ تختہ
کٔلیو سیتۍ ٹھاسہِ دِتھ میچ بنوومت۔ اَتھی میچس پیٹھ اوس رہیبن یفیم
تہٕ دۄن نوجوان لڑکن سیتۍ بہتھ کھانہٕ کھیوان۔ تِس اُمی نارکولہ سیتۍ
ہنیرہِ بوٚن گژھتھ دراہٕ۔ تہٕ گرٕتہ ہنٛزہِ تنِہ آسَن وَژھہِ ترأوِ مَرژہ سارِنے
بروٚنٹھ پتیہِ تِمی ہے ہیمن زمین کنٕ نظر۔ تہٕ اُچھن پیٹھ اَتھک ٹھور کرِتھ

لوگ سٕہ ژھعہ پہٕ ردم کرِتھ تھٔندِس واتہٕ نٔس پرارنہٕ ۔

"میخائلو بابا آداب!" ماجہ دِژ دوٗری کرٕنِکھ ۔

ٹھوٗد دٔیِتھ ہیٚیوت تمہٕ وارِہ وارِہ تیٚمِس کُن گرٕژھُن ۔ تہٕ ییٚلہِ سعہ پرٕزِہ ناوٕن ۔ ٹھہراو کرِتھ لوگ اَسنہٕ تہٕ پٔنٕنہٕ کرتیہِنہٕ اُتھہٕ سیٚنٕز لشس پھٔش دِنہٕ ۔

"اُسہِ ہا اَسہِ نٔہ یار تُس گرٕژھان ۔" برُونٹھ کُن وٲتِتھ دوٗن ماجہ ۔" تہٕ دوٚپ دہلا پٔنٕنِس باپس پرٕژھو خبراہ اَترا ۔ یہِ چھہ میانٕی وٲس آنا ۔"

پٔنٕنہٕ کارٕ گری ہیٚتھ خوش گرٕژھِتھ ترٲو تمہٕ صوفیاہ ہندس سنجیدہ بُتھِس کُن تُلہٕ طارہ نظر ۔

"آداب!" بلہ اُسُن کرِتھ دوٚتھ رییُن ۔ ماجہ سیٚتہٕ کوٗرٕن اَتھہٕ واس ۔ تہٕ صوفیایہ کوٗرٕن تعظیم ۔

"اُچھہٕ سے وۄن ۔ تہٕنٕز نے چھوہ شہرہ ۔ یمہٕ چھُنہٕ اَزٕ یک صنٕدرٕ رؤرٕتھ ہیم سارٕی چھِپیٚنہِ لِی ۔"

میجس نکھہٕ ہیٚچھے لوگ یفیم ییمَن زٲنٕنٕ وُچھنہٕ ۔ یُتہٕ کرٕ تمہٕ یُنہٕ نین باجن سیٚتہٕ کیاہ تام پھیر رالہٕ ۔ تہٕ ییٚلہِ تمہٕ نکھہٕ وادٕرہ ۔ سُہ وۄتھ رٔسے ٹھوٗد ۔ تہٕ کوٗر نکھہٕ تعظیم ۔ تہٕندی باجی رۄدی لوٗت پاٹھی بہیتھ زَن تہٕ پرٕژھی وُ بچھکھیے نہٕ ۔

"اَسہِ ہے چھہ یینہٕ بِلکُل پادری ہوی روزان ۔" بِلا گیایہ ہندِس

پھیکس مٹہٕ مٹہٕ دِتھ ووٚن ربینن " کانٛہہ اکھاہ تہٕ چھُنہٕ سمکھنہٕ یوان۔ ماگھ چھُہ اوٚری گومُت۔ تِمَن پتہٕ زنانہٕ چھہ شفاخانہٕ۔ وۄنی چھُس بہٕ تقریبن ساریٚ ہیے ژھُچان کران۔ بُتھوِ قدم۔ کیٛنژھہ چیٚنیو کرِو۔ یقیناً۔ گرٕ ژھوٚ ووٚدہ آلو۔"

یقینم ژاو ساییہ بانس تَل۔ تہٕ ژاٛرو واٛلی نکھو بیہتھ ٹھیلہٕ۔ اکی اوٚلی تہٕ ژاٛولی نوجوانن کوٗر تِمَن اکھ روٚٹ۔ مگر تِمو سُند دوٚیُم ژھوٚٹ موٚٹ تہٕ جُژٕ دار بوج رٕوٚد میچس کھوٚنہٕ وٚتھ دِتھ بیہتھے۔ تہٕ پتہٕ لوگ کیاہتام گِنگہ رارٕے کرِتھ یمَن کُن دارہٕ پاٛٹھو ژھنہٕ۔

تارکو نکُ تیز مُشکُ تہٕ دمہ دریمتین پنہٕ وُتھرن ہنزہ بوبہٕ سیتھہ پیٚتِن زنانن کلہٕ گیرٕ ژِ۔

" یہٕ گوٚ یاکوف" ربینن ووٚن تقدس لٔڑکس کُن ہاوِتھ۔ " دوٚیُم گوٚ اگناٹ۔ ادہٕ بی ژہ ووٚن پننہٕ نفس نیٚچوی سُنز خبراہ اٛتراہ؟"

" سوٚ ماچھُہ جیلس منز۔" وۄشس ترٛاوِتھ ووٚن ماجہِ۔

" گوٚ سُہ وۄت بتیہٕ جیلس منز؟" ربینن ووٚن " مےٚ چھُہ تران فکرِ تَس چھُہ جیل پسند آمُت۔"

اگناٹن کوٗر گیوٚن بنٛد۔ یاکوفن رٛٹ ماجہ نشہ لوٚر تہٕ ووٚنُن

" ربیو"

" وۄدنہٕ کیہہ ژہ چھکھ بیٛہی؟" ربینن ووٚنتھ صوفیایہ کُن۔ سو بیٛٹھ آکس کٕکو گوٚڈس پیٚٹھ رِٹےٚ۔ تہٕ لوٚگ ربینس سام ہیٚنہٕ

" کری روٚ پنکھ؟" ماجہ نکھ بیہتھ تہٕ کلہٕ گلہٕ ناوِتھ پرٛژھہ ربینن

"ژیہَ ہےَ چھےٚ گوڈہ نصیبے یُتھےٚ ۔"

"سورُے گژھُے " تَمہِ ووٚن ۔

"گوَ ناہال گَیہِ یمَن کتھن ؟"

"ناہال گیَم نہِ ۔ وَچھہ سوچان چھُس نہِ چارہ ؟"

"ہوٚں ۔" ریبن ووٚنُھ " اَدہِ بی کتھہ وَن ذرا واش کڈِتھ ۔"

یفیم آو دھودہ بانہِ ہیٚتھ ۔ میچہ پیٹھِ تُلِن پیالہ تہٕ صاف کرِتھ پھِرِن دھود تہٕ پیالہِ پلہِ نوٚوُن صوفیا یہِ ۔ اَتھ سارِی ہیے کالس بوٚز تمۍ دِل دِتھ ماچہ ہَنزٕ کتھہ ۔ تہٕ سارِے کاٗم کرٕن بڈہ ہوشہِ سان تہٕ بانہٕ کرٕن نہٕ زرٕچھ تہٕ ٹاسہ راے ۔ ماٗج ییلہِ سارِے کتھہ وَنِتھ موکلے یہِ ۔ برتنُس کھنڈس گَیہِ ژھوپہِ ۔ تہٕ کاٗنسہِ تہٕ تیج نہٕ اَکھ اُکس کُن اُچھ ۔ اِگناٹ اوس میچہِ پھِکن پیٹھ تمہِ سیٹھہ کیا ہتام شکلہ بناوان ۔ یفیم اوس ریبن سِندِین پھیٚکین سیٹھہ کھوہنہٕ دَٹھ دِتھ ووہدنہٕ ۔ یاکوف اوس اکِس گٕلس سیٹھہ ڈاڈکھ دِتھ تہٕ سپنس پیٹھ اَتھ گنڈِتھ کھڑا ۔ تمۍ اُس کاٗر نوٚمراوِ ہرِ صوفیا اُس بہِتھ گریسہِ تین وارہ پاٹھی وُچھان ۔

"ہوٚں" ریبن ووٚنُھ لوہ تہٕ ہمٹہٕ تہٕ آرہِ کٔتِس اندازس منٛز "گو بیتھےٚ کنٛز برمندنین !"

"اُسہِ تیٚے یُتھےٚ جوٚلوسا ہ کڈُو" ۔ زہر خندہ کرِتھ ووٚن یفیمن ۔

"گریسہِ کرٕن اَسہِ کھش ۔"

"بل گل کھش کرٕن ۔" کلہِ گلہِ نادِتھ کوٚر اِگناٹن تاٗیید ۔

”بہ گژھہ کارخانس منز کام کرنہٕ۔ تتہٕ چھُ رژھہ کھنڈ حالتھ جاننے۔“ ”کیاہ اُسکھ وَنان پاولس چِلہِ مقدمہٕ؟“ رمیبنن پرژھ۔ ”تہٕ سزا کیاہ دِتس؟ تِمیکھ کانہہ پیاہ؟“

”بامشقت قاٗد۔ نتہٕ دُمُر قاٗد۔ سائبیریاہس منز۔“ تِمہِ ووٚن رسے۔

ترٛیشوے نوجوان لڑکو نزاو بہ یکبار تس کُن نظر۔ کاٗرنوٚ مرٛاوتھ لوٗگ رمیبن پرژھنہِ۔

”یہ سورُے کرنہٕ برونٛہہ آسہٕ ہےٚ تس سرٕ ہٕک پیےٚ تہٕ؟“

”آ۔ خبر آسِس۔“ صوفیاوٚژھ ٹھدِ ہیٹہ۔

پرٛیتھ اکھاہ بیٚیس ژھعہ پہ دَم کرِتھ۔ زَن تہٕ اُمی خیالن تِم سارِی شِشٕ راٗدی۔

”ہوٚں۔“ رمیبن لوٗگ ادہ برِ گہ برٕ سان وَنہٕ نہٕ۔ ”بہ تہٕ چھُس دِپان تس آسہٕ ہا سارےٚ خبر۔ سُہ کتہٕ گو اَچھ وَٹِتھ تھِکہٕ پان لاین وول اَتھ مامس منز؟ چھُ سُہ بڈِ سنجیدہ۔ بوزان چھوا؟ تس اُس خبر زِہ پلیہ والین ہندی نیرہٕ ہیکن تنہِ س وُچھس گدی کرِتھ۔ یا سُہ پیہ سائبیریا سوزنہٕ۔ مگر تہٕ کرِتھ ٹھہرِوو نہٕ تمی پوٚد۔ ہرگاہ تس پنٛنہ ماگج تہٕ بگتھ پیہ ہے سعہ نیرِ ہا تمی سندہ وُچھہ ینہِ ٹھ بروٚنٛٹھ کُن۔ یکھےٚ نلوونا؟“

”بِل کُل صحی۔“ دوہ بٹہ ہشِس گدِتھ ووٚن ماجہ۔ تمہ ترٛوو وچہ شِس تہٕ پانس اَندی کہھو کرُن نظر۔ تہٕ صوفیا لُج لوہ تہٕ لہ تہٕ تمی سندِس اَتھس

مَٹہٕ مَٹہٕ دِتہٕ۔ تہٕ ڈیکَس درٕ کھٲلِتھ بیٚہِتھ ریٚبنَس وُچھنہٕ۔

"یہِ گوٚو مرد آسُن!"

تمیٚو ژٲو پینہٕ نیٚو کَرِتھ ہنیوا اِچھوٚ سیتۍ تمَن لُکن کُن نظر۔ بٔتیہِ اَکہٕ لَٹہٕ کرٕ تمَو شننہٕ وِیے نفرَو ژھۄنہٕ پہٕ۔ آفتابہٕ رچھ پرٕیوٕ آسہٕ ہوٕ ہَس منٛز سعہ تہٕ ہٲری فیٖتن ہنٛدی پاٹھۍ جیلان۔ کتہٕ تام دوٗرِ کوٗر کاوَن ٹاو ٹاو۔ یِم میٚیٚ کیٚہ واقاتو تہٕ پاوِل تہٕ آندرِ ہی سیٖندی یادَن کوٗر ماجہ ہُنٛد دِل ہنا اوزردہ۔ تمہٕ ژٲو ژٕ طرفانہٕ نظر۔ اَتھہٕ لہٕ کِٹس ہاداٲفَس منٛز اٲسی تارکول ییٚمیہٕ ہورٕ یوٚد وہرٲوِتھ۔ تہٕ پریٚتھ طرفہٕ اٲسی مولہٕ دزامیتۍ گُل کُنٛٹہِ چھکہِ راٲوِتھ۔ ہادان اندس پیٚٹھ اوس پھرٕ یس تہٕ برزہ گُل گنہٕ رَن ژھۄنہٕ پہٕ دَم کرِتھ زمیٖنہٕ پیٚٹھ سوٚ کوٚنہٕ ہوٚت سایہِ کوٗر مُتھ۔

یا کوف دژاو یکایکھ گلہِ نشہِ اوٚکٹ کُن۔

"گوناوجَس منٛز جرن نِتھ کرِن میٚہ تہٕ یفیمَس پیٚتھ نِیے لگن خلاف استیمال؟" پیٚنہٕ نِس کلَس زورٕ سان پَتھ کُنۍ دراہ دِتھ دوٚن تمیٚو تھدٕ ہٕٹہٕ۔

"اَدٕ کمَس خلاف سوزہ توٚہٕ؟" ریبن وۄنُتھ درجواب "تِم چھ سانہٕ وِیے اُتھو سون ہوٚٹ چیران۔ یہاۓ تہٕ چھ تہٕہنٛز جالاکی!"

"اَدٕ بہٕ بَنہٕ توتہٕ سیاہ" یفیمن دوٚن سختی سان۔

"آدٕ کٲنسہِ ہُند ٹاکھ چھُیہِ؟" اگناٹن دوٚن تھدٕ "منوٗر ہٲوٗ بَن سأ۔ آ۔ وعدٕ گوٚو؟" سوٚ وۄنُتھ لوٗت اَشناہ کرِتھ "ییٚلہِ میٚہ گوٲلی

آسی لایِنو۔ سیتو دُسے لأگی زٕہ کلٕس۔ ہرگاہ گنہِ ہورٕ یور لأگی نقم۔ یہ گژھِ وُمرِ باپتھ موزوٗر۔ گوڈٕ لأگی زٕہ تمہِ آیہ۔ زٕہ یَہ گژھِ شہلِتھ پتوٗن۔"

" تھوٚو میٚہ چھُ یہِ کیرٕشہ لنہٕ بوزمُت اَز تام "۔ یقیمس کھٔرٕ ژکھ

" تلا دوستو۔ ہناکرِ و ٹھہراو "۔ اَتھہ تھوٚد تُلِتھ ووٚن رینبن۔ "یہ زٔنی وُچھوٗن ! " ماجہ کُن ہاوِتھ " یمو سِنٛد نیچو شاید ہیٚمیشہ خأطرٕ موکلیو۔"

" یہ کہو چھکھ ونان ؟ " ماجہ ووٚن کمہِ تام ہَبٕر۔

" وَنہ نے چھُ پتیوان " سُہ ووٚتھ سنجیدگی سان " ژیٚہ چھیے پیتھے مَس چھتیومُت زِہ ؟ تہٕ تہُند کیاہ خیال چھُ ؟ یا یہ زٕہ نیچو وِس سیتو یہ سورُے ورتاوِتھ کیاہ کرٕ تمو تسنز ماج نہٕ ختم ؟ نلوٚنا اشتہار چھپےٚ اَنی مٕتی ؟"

ماجہ کرٕ تٔس نظراہ۔

" آ " کینٛہہ برژہ گژھتھ ووٚن تمہِ۔

" وُچھان چھوا ! " میچس مُش لأگِتھ ووٚن رینبن۔ " میٚہ ہیے وُچھو پتھے فکرٕ تر یووٗ۔ یتیہ کیاہ کرنہٕ یہِ ہیوٗ تہٕ یور۔ کہو ؟ نیچو گوٚز ہس گرفتار۔ تہٕ ماجہ رُٹ تمو سِنٛز جاے !"

ہواہس منٛز مُش رٕگہِ نأوِتھ ژأرٕ تمو وتھٕ پاٹھٕ لیکھا۔

اَمہِ کرٕ یکہِ سیتو ووٚہ کڈِتھ بیچھٕ ماج تسندِس بُتھس کُن وُچھنہ۔ تٔس باسیو وٕ زٕہ سُہ اوس کتہٕ کور بدلیومُت۔ سُہ اوس تنیومُت تہٕ ریشس اُسس زٕہ گامٕژ۔ ریشہٕ تُل اُسی تمو سندٕ کروٚہ خسار بوز تہٕ پوان ۱۰ ژھئی منزٕ اَسس نیچہ ووٚہ زچہ رگہ نیٚہ دراعٕرٕ۔ زٔن تہٕ داریاہس ووٚہ ہس زندرٕ ہے

اَمِرٕ پٮ۪ٹھ کرٕ مرٕژ۔ شکارٕ‌ی جاناوارٕ سِندی پاٹھۍ اَسِس نَس نیٖبر نیٖرِتھ کوہِ پٮ۪ٹھ بنے مرٕژ۔ یِلے نالہِ مٔنزٕ بی، یُس زَن کرتام دٕہ زُل آسہٕ ہیے تہٕ دوٕنی تارکولہِ سٟتی کرنہٕ ہیٚنیو مٕتھ اوسُس، آسُس اَہمرٕ رَنجہٕ تہٕ سٟنکی کرِ مٕنز گنٕز وال بوزٕ پٮ۪وان۔ بُروٚنٹھ مہ کھٕہ تہٕ اوس تمۍ اَز زیادٕے سنجیدٕہ تہٕ دٕہ کھٕرلدٕ اندازٕ روٚٹمٕتھ۔ ژٕکھِ تہٕ شرارتٕکھ ڈٔیہ بال اوسُس ہٮ۪نے مرٕژٕن اٚچھن اَندرٕ اَندرٕی نار ژٕھٹان۔ تہٕ اَمی نارٕن اوس اَوہند بُتھ پرٕیز لومُتھ۔ صوفیا اُمِس لیٖدرِ یمِرٕ ژٕھٕ پٮ۪ٹھ دَم کرِتھ بیہتھ۔ تہٕ یِمو گرٕیسو تِہو پٮ۪ٹھ نظر ڈالنہٕ اُمِس پٮ۪ٹھ تَس ممکن باسان۔ اِکٕ ٹَن رِگلہٕ نوو کلہٕ۔ تہٕ اَچھ وُچھِن۔ یاکوف گوٚ سایہِ بانَس نکھ تہٕ بِیٹھٕ کوٗٹھِن دِلِ تُلنہٕ۔ بقیہ اوس ماجہ پٮ۪ٹھ کٔنہ میجِس سٟتی اَدرٕ یور چکر دِوان۔ رِبین گوٚ وَنان:

"کمِے کال بُروٚنٹھ نٮ۪وُس بہٕ ضِلعہِ افسرٕن ناد دِتھ۔ تہٕ دوٚپنم: "ہَیا گنڈا اژیہٕ رکھو اوسُتھ چادرِ ووٚنمٕتھ، میٚیہ زٕہ میٚیہ کھتہٕ بیٚٹھٕ چِھکھ ژٕہ گنڈٕہ وَنان۔ بیٚ خوٗن جگر کٔڑ کرِتھ اوزکرٕ چھُس کماوان۔ تہٕ کامٕ قِسمہٕ چھُس تہٕ دوارٕ وانہٕ ناوان۔ میٚون یِیتے یوت وَنٕ زٕہ تمۍ ہیٚوت وولٕن تہٕ میٚیہ کڈٕن دُدرٕ پِپاتھاہ۔ تہٕ ترٕن دٕہ مٕن تھود نٔس جیلِس مٔنز۔ گوٚ نا عام ٹھکن سٟتی چھُہ بہوٗے وٕرناو سَپدان؟ میٚیہ سوٚ نچھ پانہٕ سٟتی تَتیِلہٕ گرٕتھ تہٕ پٮ۪ٹھ کھتہٕ مُشرٕ اوٚنی حرام نسلو زٕہ آسہٕ کیاہ مٔشہ پٮ۪ سورُے۔ بہٕ نیٚ تہٕ بٮ۪یٚپہ کاشہ ہیٚپہ تہٕ مہ یا ژٕہندٕ ہِ اولادٕن اَمیکھ بدلہٕ۔ یاد تھٔوو زٕ یوٚہا! پٮ۪نہٕ نیو خولادی پنجو سٟتی چھُوٕ تہٕ مہ لکن ہندس وُچھِس پرٕین کورمُتھ۔

تہٕ نفرتک میول وۄنمُت۔ تمہِ ہہ ظالمن تہٕ پَزہ تہٕ رحمکھ نو قواہ تھٔوُن۔ اصل کتھ
چھ یہاے!"

ژُکہ سیٹھا اوس تَس بُتھ ووہ زلیومُت تہٕ آوازہ منز اوس
تلیمُت۔ کانہہ چیز زہ مانٛج کھوٚرُن۔

"تہٕ میہ ووٚنمُت کیاہ اوس پادریہ؟" تمہ تھٔو ہنا قرارہ سان پننہٕ
کتھ چلہ وِنۍ۔ " گامس چکراہ دِتھ اوس سُہ گیٔنزرٛن گریسی تِمن سیٹھا کتھ کران۔
دُنان اوشکھ زہ عام لُکھ بوزٕ نو کھ تِہنٛزِ پیٚٹھ تیر ہوی۔ تِمن رأچھ راوُٹ
کرنہٕ بابتھ گُژھ گبہ رودچھ منتزُکورپیٹھ آسن۔ اَمہ پتہٕ ووٚتھ سُہ بٔجی
مذاق کران زہ ہرگاہ آسہ اکہ لٹہٕ تہٕ شال بناوون جانورن ہنٛد جمادار۔ تیلہ
گژھن تیمرٕ تیمرٕ نظرٕ۔ تہٕ وُٹہ وُن جاناوار اہ تہٕ کانہہ نہٕ۔ یہ بوزِتھ گیہ
تس کِتھ کھرما۔ تہٕ وَتہِ بہ لوٚگ زہ گکن پَزہ اُسہٕ روس مصیبتن ہنز ہال
کرِو۔ تہٕ خودایس پڑکھ ہمیشہ منگُن زہ خدایا اَسہ دِہ ہم مصیبتہ تہٕ اَرہ نرہ
ژالہ نکھ طاقتہ۔ میہ ووٚنُس زہ لُکھ چھ پرٛوشتھے دا منگان آسان۔ مگر باسان
چھُہ زہ خُدا سا بس چھپنہٕ تھۄشر۔ کتھ بوزِتس سُبھ ہیلے نکیا زہ کانٛسہ ہنٛد
منگُن چھنہٕ تو بوُل سٔپدان۔ ہوٚں۔ اَمہ پتہٕ پٔرِژھ میہ تمہ زہ بہٕ تہٕ چھسا دا
منگان۔ میہ زہ آ۔ بہٕ نہٕ چھس عام لُکن ہنٛدہ کر یاٹھی اَکے دا منگان۔ تہٕ گوٚ
خودایا۔ میہ وَن سا ئہ بہٕ کیتھ کُنو ژاپہ کنہ۔ تہٕ گیل تراوہ اَسہ کنو۔ تہٕ رئیسن
ہندہ بابتھ بناوِو سیرہ، مگر تمہ دِژ نہٕ کتھ پوٚرہ کرنس مہ ہلتھے۔"

سُہ کھ مہ کِہ پھیور سُہ صوفیایہ کُن۔ تہٕ پرٛژھنس:" ژہ تہٕ

آسکھ رئیس زادی ؟"

" میٚہ کیاہ واتھ رئیسن سٟتی ؟ حالتن گژھِ تہ دوہ کڈنہ

وَنُن صوفیا در جواب۔

" اوہ کیٚنہ " ریبن لوگ گِنگہ رائے ہش کرنہ ۔ " اوہ کیٚنہ زہ میانہ رایہ چھکھ ژہ تہ تمنے لکن منز زامژ ۔ یژھ اَکس چھُ لٲگِنس لیکھتھ آسان زہ یتہ شہ زاو ۔ تتہ سٟتی روزُد ۔ ہوں ۔ چون خیال چھا زہ اَتھ گامی کلہ دٕچہ تل ہیککھ ژہ رئیسن ہنزی گوہ ناہ کھٹتھ ؟ اُسی چھن یاد رٕہی اکی نظرہ پزہ ناوان ۔ اَدہ سُہ اُسون بوہرہ لدی تھے ۔ یہجس اوس کیاہ تا منتھ لار ووتھ ژیٚہ تھوو وُتھ اَلہ گابر اَتھ بیٚیٹھ کھوٚنہ وَٹھ تہ یانس گیی دِنن ۔ بیٚیٹھ چھُے ژیٚہ بکبر تیوٲت سیٚود زہ ژہ ہیککھ نہ کامگار و منزہ اُسی تھے ۔"

اَمہ خوفہ زہ سُہ گوژھ نہ پنہ نہ وُریہ بہ ہزلہ سٟتی صوفیاہ رنج واتہ ناوُن ۔ مانج وَنُن منزے :

" میخائلو ایوانووچ ! یہ ہا چھ میانی دیس تہ سینٹھاہ رژ زنانہ ۔ سانی بایتھ کام کرِتھ کرِتھ چھنیوو اُمِس ہُس تام ۔ ژہ ہا چھکھ اُمِس سٟتی رژھ کھنڈ زیادتی کران ۔"

ریبنن نُرود دوشس ۔

" مگر میٚہ وون کیا زہ کانٛسہ لگہ دِلس ؟"

" میٚہ چھُ باسان ژہ اوسکھ میٚہ کیا ہتام وَنُن یژھان " صوفیا دُژھ خوشکھ اندازس منز ۔

"با ؟" آ۔ یکے کال گو یور اوس اَکھ نوو نفراہ آمُت۔ یاکوفن پیتر بوے۔ تس چھ سٹھاہ بیمار۔ تس سوزاناد ؟"

"کیا زِ بہ" صوفیایہ دوپ۔

ریٖنٕن ترٲو اَچھ ژوٗمراوِتھ تس نظر۔ بہ ووتھ یفیمس کُن

"گژھو۔ تس ہاوِ زِ شامس باگی یور واتن"۔

یفیمن دِژ ٹوپی۔ کاتیہ کن وُچھنے کرنے دراو ژھعہ پدم کرِتھ۔ بہ جنگلس منز واتتھ ڈوٗل نظرِ۔ اَہندِ نیر بہ پتہ دِژ ریٖنن کلس دِتن ہشس بہ ووٗن:

"اُمی سٕتۍ زندگی چھ تاوس لۍ مرٕ۔ یہ ییہ جلدے برتی کرنہ بہ تہٕ یاکوف۔ یاکوف چھُنہ کینہہ بہ پتھ بُروٗنٹھ تھوان۔ تمہٕ سند وَنُن چھُ زِ سُو گژھِ بہ برتی۔ گژھن اوس بہ پتہ پژھان۔ مگر تو تہ گژھِ ضرور دِیان بہ تلکھ فوجی۔ یہ وَنان زِ کلہ ٹھا سنہ سیٹھو چھا دیوارہ دِسمو بنیوان اَکہ لٹہ پیلہ ییمن تہ اَتھن منز سنگینہ دِن۔ یم تہ پکن سارہ نیے سیٹھو۔ مگر یفیم چھُ سیٹھاہ پریشان۔ بہ اگناٹ چھ تمس اَکے کتھ وَنی وَنی دِکھ کران بیے فوضول"۔

"بیے فوضول کتھ نا چھنہ"۔ ریٖنس کُن ژکھ سان وُچھتھ ووٗن اگناٹن۔ "برتی گژھ بہ پتے ہرگاہ بہ اَسو تہ آغن ہندس وَنہ نس پیٹھ گولی چلادو۔ تیلہ گژھ میہ وَنن"۔

"میہ چھنہ پژھ بہان" ہنا سونچھ کرِتھ ووٗن ریٖنن۔ "جان

گیوُوَ ہرگاہ نہٕ گژھِہ ہیٚ۔ رٕژس چھےٚ یۄت بۄڈ۔ کیٚہ کور ژھانڈ فُسن؟ جاے
رہٕ اَژی کڈِتھ تَن نہٕ کامہٕ گامہٕ پھیرِتھ تَن۔"

"میٚہ چھےٚ تی کرُن۔" کھۄرِس لورِہ ٹاسہٕ ہٕ نہ کڈِتھ ووتھ اَگنہٕ ٹھ
"تیلہِ اَکہِ لٹہٕ ییمن ٹھۄلہِ ڈُتھ۔ تیلہِ گوَ بُرونٹھ پکنے جان۔"

کیتھہ لُوگ ژھیپن۔ ماجہ تُلرِہ تہٕ بۄبر اُکگو ہینٹھو کنہٕ گپس گپس
کرنہٕ۔ جاناوارو اوس پُچرِی گیِش تُلمتھ۔ تہٕ دُورِہ اُس کھۄہٕ مُثرِی گیوُرِ نیچو
آواز یِوان۔ کیٚنہہ کال گژھِتھ ووٚن ریٖبنَن:

"اَچھا ووٚنی ووت کامہِ ہُند وکھ۔ تُہہ تہٕ کرِو آرام۔ سایے
بانٕس تَل چھوِ کیٚنہہ تختہ ترٲوِتھ۔ یاکُوف گژھِو ہوکھ پِن اَنو تختو باپتھ
اَچھا ماجی دی ووٚنی اشتہار۔"

ماجہ تہٕ صوفیایہِ ہیٚتو دَنہٕ مُترا ووٚنی
"کاغذِ ہے اشتہار چھوِ اُنی رِتو!" کتابن کُن نُمتھ تہٕ خوش گژھِتھ
ووٚن ریٖبنَن:" واریاہ کال ووت ییٚمہِ یہٕ کٲم کران نہٕ؟ ہتو کیاہ چھُے
ژٕ یہٕ ناو؟" تمہِ پرژھ صوفیایہِ۔

"آنہ ایوانوونا۔" تمہِ ووٚنس "میٚہ وٲتی باہ وُرہی یہٕ کٲم کران
اُدہ؟"

"کھیٚنہٕ نے رٕتھٕ۔ جیل نہٕ آسکھ گمژٕ ہے؟"
"آ"

"وُچھان چھکھا۔" ماجہ کورُن لان تان: "تہٕ ژٕ اوسکھ

اُمِس سیٹھو وُلتہٕ وَلگہٕ کتھ کران"۔

"ناراض مے گژھو۔" کینژہہ کال گژھتھ تُل اُمہِ اُسُن تراوِتھ کتابن ہُند اکھ دَتہٕ "رئیس تہٕ گریسہ بوٗزی نوکھ نارکول تہٕ آب۔ یِم زِہ مارلن زانہہ تہٕ۔"

"مگر بہٕ چھُس نہٕ رئیس زادٕ۔ بہٕ چھُس اِنسان"۔ لوٚت اُشناہ کرِتھ کوٚر صوفیایہ احتجاج۔

"بنان چھُ۔" ریبن وَوٚتھ۔ "دپان ہوٗنی تہٕ اَسہِ کر تام رامہٕ ہوٗنی اَچھا بہٕ تھووے یِم اشتہار کھٹِتھ۔"

نزِہ داگرِتھ آیہٕ اگناٹ تہٕ یاکوف تَس کُن۔

"تَلا وُچھنہٕ دِہ گوہ ڈِہ۔" اِگناٹَن ووٚن۔

"سارِی چھا ہوی زِہ؟" ریبنن پرٚژھ صوفیایہ۔

"نہ۔ بیوٚن اشتہار تہٕ اخبارٕ تہٕ۔"

"پیزی پاٹھی ہَے!"

ترٚیش وَسے زُنی سیدسے یہٕ وُلی وُلی سایہ بانس تل۔

"کمیل تہٕ ووٚتھ" ریبنس کُن وُچھتھ تہٕ ہنا سوچھ کرِتھ ووٚن ماجہ لعہ تہٕ ہٹھہٕ۔

"آ" صوفیا وَژھ درجواب "یِتھہ مو کھے چھنہٕ میہٕ از تام وُچھمُت۔ اُکس شہیدہٕ سُند معکھ! پکی اوٚری ہے گژھو۔ بہٕ ہے چھُسکھ یِم وُچھنو یژھان۔"

"یتھ نئے اَمہ سِنزِ وُلیڑِگی ہُند پتھ ہیوٗ گژھی"۔ ماجہ ووٚن نرمی سان۔ صوفیا یہ ترود اُسن کھنگالہ۔

" ملودنا۔ ژہ کائژہ ہے پرژ چھکھ۔"

یتیلہِ تیمہ دوہ شوٗرے برہ ژایہ۔ اگناٹن ترآو کاءر تھوٗد تلیتھ تیمن کنُ نظر۔ پتہِ نِس وائنی مستتس دِتن اوٚنکجو سیتو پھشاہ تہِ کہ ھٹین پییٹھ رٚوٹمُتھ اخبارہ لوٗگ پرہ نہ۔ ریبن اوس دوہ دنی اخبارہ پران۔ تالوہ کہِ اَکہِ کھریپہ مُنزِ اُس اَکھ پرٚیوہ اندر وُسیتھ اخبارس پییٹھ پییمڑ۔ پران پران اُسو تس وُھٹ حرکتھ کران۔ یاکوف اوس تختس پییٹھ دہراوہ مُرشن کتابن بروٚنٹھ کنہ کہ ھٹین پییٹھ بہتھ۔

ماجِ بییٹھ سایے بانہِ کِس دوٚی مس کوٗشتس منز۔ تہِ صوفیا رٚوز اُمہ سِندِن پھیکن پییٹھ اَتھ تھوٗدھ ووہ دِنہ۔ تہِ رٚسے رٚوزِ تیمن کُن وُچھان۔

" میخائیلو چاچہ۔ یم کتھہ ہا چھی اَسہ گریستو یمن کیٚہ کڈان"۔

کلہ پھِرِنہ وراگی ووٚن یاکوفن آہستہ پائٹھو۔ ریبنن ترآوِ مس نظراہ تہِ اوٚشن۔

"تکیازِ تیمن چھُ سون وُسہ" تیمو ووٚن۔

اِگناٹن کھول زیوٚٹھ شاہ۔ تہِ کاءر تیجن تھوٗد۔

"ییتیتھ ہا چھُ لیکھِمتھ زِ گریوٚس چھُ پنٕنہ بہ سارینے انسانی خوٚصوٗصیژہ راوہِ رِتھ پھائنگرِ گومُتھ ۔ آ۔ پوٚز ژھے چھُ "۔ اَمہِ سِندِ

سٔیدہ سادٕ تہٕ کھُلہٕ بُتھ یِنہٕ پٔتہٕ اَکھ ژھاسے پھش۔ زَن تہٕ تِمس

پیٚٹھ کھَتھ دِلَس اُس لَج مٔژ " میانہٕ تنہٕ منٛز اَژِتھ وٕچھِو یاراہ ییٚتہٕ تری

فکرٕ یِنہٕ کُس کیٚنٛہہ چھُ ۔"

" اَدٕ بی بہ شوہ نگے " ماجہ وٕدٕتھ صوفیاہ یہ " بہ یہ چھس تھیٚنِتھ

بیمٲر۔ یٔمہٕ چھُم یُمہٕ مشکہٕ سیٚتہٕ گیوٗرِ تہٕ پوان۔ ژٕ یہ کیاہ چھےٚ کرٕن ؟"

" میہ نے چھُنہٕ آرام کرنُکھ خاص کینٛہہ ضروٗرت ہُاہ "

تختس پیٚٹھہٕ لَر ترٲوِتھ لَج ماجہ زِ یہ کرنہٕ۔ صوفیا پیٚٹھ اُمس نکیٚہ یہ

اخبارٕ پرٕن والین کُن کرٕن نظراہ یتھچھاہ یا تکراہ پوٚدوسے اُمس بُزرگ

خوتوٗنہٕ ہندِس آرامس خلل کرنہٕ اُس پوان۔ صوفیا اُس بُڈٕ حیسہ سان

تَس ژٲلِتھ راوان۔ ماجہ اُس اَدٕ وٕتھو چشمو تَس وٕچھان۔ اُمِندٕ

اُمہٕ ہمدردی تہٕ خیالہٕ سیٚتہٕ سپیٚز ماجہ سیٚٹھاہ خوش۔

رہبین آو نہٕ دیچھہٕ تہٕ زورٕ کرٕن پھیٚسہ راسے۔

" شوٗنچے ؟"

" آ "

ووٚدنہٕ رٕوٗزِتھ رٕوٗد سوٗ کیٚشُرس کالس ماجہ کُن وٕچھان۔ یِتہٕ

ترٲوٕن ووٚش تہٕ لوٚتہٕ ووٚنُن:

" شاید چھےٚ یہ گوٚڈنیچ زانہٕ۔ یوسہ یٚتھ وٕتہٕ پیٚٹھ نیٚچو وِس

یِتہٕ درایِتھ چھےٚ ۔"

" یِمہٕ ناوٕ زٕ نادہ ہَن۔ ووٚلا بَبر ہا نیرو "۔ صوفیا یہ ووٚن۔

" وۄنۍ ووت کامہِ ہُند وَکھ۔ ژٕ یِہ سیٚٹھہٕ چھُہ کنتھ کرہٕ نیٚے۔ مگر شامَس باگ۔ وُٹھو وۄ دوستو۔ نیرَو ہا۔"

صوفیایہِ اُٹھو بیٚٹھے ترٛاوِتھ درٛایہِ تِم سایے بایہٕ منٛز نیبر۔

" شُکر خدایہِ سُند۔ یِمَن دۄن آیہٕ پانہٕ واگنۍ برو برۍ۔" ماجہِ سۄنٛچھ۔ اُمِس اوس نستہِ جنگلکھ تہٕ "نار کوالکھ تیز مُشک سیدیو مُتھ۔ مگر سِہ شۄنیچ نو تہٕ۔

# ۶

## ۳

تارکوٗلہ کارخانکۍ مٔزدوٗر پھیرِ واپس ۔ تمہٕ اُسۍ خوش زٕ اَزیکۍ کامہٕ دوہ ووت اَنٛد ۔

تِہنٛزٕ کتھ بوٗزِتھ گیہِ مٲج ہُشارٕ ۔ تہٕ زامنہٕ کران تہٕ اَسان اَسان دٔزایہِ سایہِ بانہٕ منٛزٕ ۔

" تۄہۍ اُسوٕ وۄنۍ پانہٕ کامہِ گٲمتۍ ۔ تہٕ بہٕ اُسس یِتہِ شہزادیا ہش شونگِتھ ۔" تِمَن کُن مایہِ سان وُچھتھ وۄن مٲجہِ ۔

" چون کیاہ تۄ صوٗر چھُہ اَتھہ منٛزٕ ۔" ریٖبن وۄنۍتھ درجواب رِتھکہٕ سِیتہِ اُس تِمس سأرے تیٖہہ وُرٕتھ ہش ۔ تہٕ سُہ اوس دوہ ذٕ بُرونٛٹھی مِہ کھوتہٕ زیادٕ قرارٕ باسان ۔

" اِگناٹ" "تمۍ وۄن " چایہِ ہُند کہۄ سۄ تُچھتھ پٮ۪ٹھ کأم چھہٕ پانٕے اُسوٕ دارِہ کران ۔ اَز چھہ اِگناٹس وأری ۔ اَز بناوِہ سۄ چایہٕ کھانہٕ بیترٕ "

" میٲ چھُہ دِل کران زٕ اَز گٕژھہ بٔنیہ کٲنٛسہ ہِنٛز وأری آسنٕ "

اوگن زالنہِ مہہ کھ کاٹھ بیترٕ سعہٕ ثبہ راوِتھ وۄنۍتھ اِگناٹ ۔

"گونا ژٕرے یوت چھکھ پٔرٕھمِن نٕش ہیٚکِن پرٕھان۔" صوفیایہ نکھہ بیٚہِتھ ووٚن یفیمَن۔

"وَلا اگناٹ۔ بہٕ ہا کرَے مَدتھ۔" یا کوفن ووٚن تہٕ تھوٚد وٕتھِتھ ژاو سا یے بانَس منٛز۔ تمہٕ اُنٛ اکھ ژوٚٹ۔ اَتھ کرِن کھنٛجہٕ تہٕ تھوٚوٕن میجَس پیٚٹھ۔

"بوٚزِہ ووٚ!" یفیمہ ووٚنُتھ "کُس تام ہا چھُہ ژاسس کران" ریبِنس تہٕ کراوی کَن۔ تہٕ کلس دِژِن رَگہٕ ناہ۔

"سُے چھُہ۔ اوٚرہ چھُہ زندٕ ژوٚبٔلتھ پکان۔" تمہٕ ژور صوفیایہ فِکرٕ "میٚنہٕ تام آسہ ہے۔ یہ ہیٚتھ پھیرِہ ہا بہٕ شہرٕ شہر۔ ٹکھ کرِہ ہا گُھچوکس منٛز جاہ۔ تہٕ وٕنہِ ہا کھ زِ بوٚزِو اُمو سُنٛز کتھ۔ یہ چھُہ اموب گٔنی کتھ وَنان۔ مگر کتھ چھہٕ بوزنَس لایکھ۔"

شامہٕ ژھِنبرِ تہٕ خاموشی گٔنے یہ وارٕے۔ ٹکن ہٕنٛز آواز ہیٚرِژِ ہمیشہ صوفیا تہٕ ماج اُس گریسہ تین وارِہ پاٹھو وُچھان۔ یِمَن سارِہ سٕنے ہٕنٛزِ ووٚہ ہِتھ بیٚہِتھ تہٕ اندازس منٛز اوس گہ ہیر، کہا لَنتھ تہٕ اکھ عجیب ژکھ تہٕ تھکَن زن تہٕ ڈگی ڈگی برنٛز آمُتھ۔ تمہٕ تہٕ اُسہ یِمَن زنانَن کُن غورٕ سان وُچھان۔

جنگلہ طرفہ اوس اکھ تھوٚد، کوٚب نفراہ لوٚر ڈکھر اوٚتھ یوان۔ پرٕتھ کانٛہہ اوس بوٚزِتھ ہیٚکان زِ سُہ اوس بڑہ مُشکلن شاہ کھالِتھ دالِتھ ہیکان۔

"ووٚہ لِہ با تہٕ آس بہٕ تہٕ۔" تمہ ووٚن۔ اُمہ پتے آیس زبردس ژاس

تمۍ اوس اَکھ نٔیِٹھ نٔیوٗٹھ پرٛوُن کوٗٹھاہ لوگمُت۔ یُس زَن اٗمی سٕندین کھوٗرَن تام واتان اوس۔ کلس پیٹھ زوٗرٕ لٹاسہٕ مَرٕ ہیٚنٛٹھ منٛز بٔہ آس لیدٕرٕ مٕس کھیٚنٛشہٕ الأنزٕ گامٕرٕ۔ لیدٕرس یتہٕ زوٗ زٕریمتس مُتھٕس اُسس سعہ نہٕ ہاری دأر۔ وُٹھ اُسس وٕتھی تہٕ اُچھ آسس سیاہ حلقَن منٛز۔ وٕسیتھ گامٕرٕ تہٕ ییمہٕ آسہٕ تیپہٕ سیتھ زوتان۔

"بوزٕم تہٕ ہے چھوٕ کتابہٕ اَنہٕ مٕرٕ؟"

ریبنن یَیلہٕ تمۍ سٕنٛز زان پچھان کرٕ ناوٕ۔ تمۍ وُون صوفیایہٕ:

"آ" صوفیا وُژھس درجواب۔

"شکریہ۔ سارٕ نے لُکن ہندٕ طرفٕ۔ وٕنہٕ تہٕ چھنہٕ سارٕ وے پرٛزٕ زونمُتھ۔ مگر بہ، یمی پرٛزٕ زونمُتھ چھُ۔ چھُس تُہند شکرگذار سارٕ نے ہندٕ طرفٕ۔"

سۆ اوس وٕلی وٕلی شاہ کھالان۔ زَن تہٕ اٗنی کھلہٕ ہوٕ ہُنگُن اوس یرٛھان۔ اٗہنزٕ ° آوازٕ ہُند یَتھ اوس وِزٕ وِزٕ ژھیٚنہٕتھ گژھان۔ جیرٕ یتھ اوس سۆ پنہٕ نیو نحیف اَتھ چۆ ہٕوہ چھمٕ ژٕ اوٚنگجو سیتو کوٹھکی بٹن بند کرنکھ جستہٕ خاژ کران۔

"ژٕیہٕ پرٛزی نہٕ یوٗت ژٕیر تام جنگلن اندر روزُن۔ گُلی آسنہٕ کنہٕ چھ ہواہس منٛز نمی تہٕ گٕمہ بیر پاُدٕ گژھان۔" صوفیایہٕ وُنس۔

"میانہٕ باپتھ کیاہ چھُ وَمٕ ژٕ نہٕ رُت رُود مُتے؟" بٔڈہ مُشکلہ سان شاہ کھالتھ وُون تمۍ "وَمٕ ژٕ ہیکہٕ میٚہٕ موتے موکلاوِتھ۔"

---

° ہیٹ - انگمہ یژ ہو توٗ یژ

اُہنٛز آواز بوٗزِتھ اوس کیاہ تانٛی گژھان ۔ اوٚہنٛد پان وُچھِتھ اوس سُکھ عارٕ کھ سوٗ جذبہ دوہ تلان ۔ یمہٕ زن پَتہٕ بےکار آسنُک احساس آسہٕ ۔ تہٕ یُس اَکھ بیمار ، دِل موٚلوٗ لَر کرِن وول غم تہٕ ژُکھ باگہٕ چھُ انان ۔ اَمِکس پیٚپِس پیٚٹھ بیٛہنہٕ وِزِ نوٗمراوی تمہٕ پنٛنوٚ کوٚٹھی تمہِ اندازہٕ زَن تہٕ یہَندہٕ پھٕسِٹہٕ نکھ خوف اوسُس ۔ اَمہٕ پَتہٕ دوہتھ روو اُمہٕ ڈٕکِس عارٕ کھ ڈٕکِس پیٚٹھ اوس خمہٕ شُکھ تہٕ موٗمِتھ ہیٛوٚ مَس وہراوِتھ ۔

اَلاوٗ لوٗگ جمکہٕ جمکہٕ کرٕ نہٕ ۔ تہٕ پرٛیتھ اَکھ چیز لوٗگ نیٚڑہٕ نہٕ تہٕ ہارٕ مارنہٕ ۔ دِزہٕ مرٕ شہٕ ژھایہٕ آسہٕ کھرٕ نکھ کھیٚتھ وَنس کُنُن لاران ۔ اَلاوٕ پیٚٹھ اوس اِگناٹ سُند گول تہٕ بوٗرٕت بوٗرٕت بُچھہٕ بوزنہٕ یِوان ۔ پَتہٕ گوٚ نار وُچھتہٕ رٕہو مُشکھ دوہتھ ، تہٕ ہٕ اَنس منٛز پھٕپھلے پہٕ بتیہٕ سعہ ے اَنہٕ گَژھتہٕ خاموشی زَن تہٕ اُمِس بیمارہٕ سِنٛز کیٛتہٕ بوزِنچ حدہٕ روٗس کوٚشِش اُمِس کرٕن ۔

"بہٕ ہیٚکہٕ روٚنہٕ تہٕ عام مگر اَکار بکار یِتھ ۔ بہٕ ہیٚکہٕ اَکہٕ بڈٕہ بارٕہ جُمریچ زندہٕ شُہادَتھ دِنچ کام کرٕتھ ۔ میٚیہٕ کُنُن وُچھو ۔ بہٕ چھُس اٹھوہ وُہرُسے مَران ۔ داہ وَرِی بُروٗنٛہہ اوسُس بہٕ باہ پوٗڈ[5] وزنس نکھ دِوان ۔ تہٕ ڈٕکِس اُمِس ہٕ گیٚنوٗ تہٕ کھسان ۔ پَنُن صحتہٕ وُچھتھ اوس میٚیہٕ باسان زِ بہٕ ہیٚکہٕ سَتتھ وَرِی زندہٕ روٗزِتھ ۔ مگر روٗدُس اَمہٕ اورحرف وہے وَرِی زندہٕ ۔ تہٕ دوہ نی ۔ وَکھ ہیٚوتُن معہ کلُن ۔ میٚیہٕ کوٚر پَتہٕ نِیو آغو لوٗٹھ ۔ مِیانہٕ دُمرٕ ہنٛدکو ژتجہٕ وَرِی نیٚکھ تھٕپہ ۔ ژتجہٕ وَرِی !"

---

[5] پوٗڈ ۔ ۳۶ پونڈن برابر وَزن ۔

"اُموب چھُ یہوٗسے گیوٗناہ کران"۔ رییَن ووٚنُھ گوس پَتہٕ ہَٹہٕ۔

رَتہہ وُژھ بیٚنیہ اَکہ لَٹہٕ۔ گوڈنِکہ کھوتہٕ زیادہ شولہٕ وِنی تہٕ تھٕز تہٕ بیٚنیہ اَکہ پھِرِہ دوورے یہ ژھاے وَنس کُنہٕ تہٕ پوٚت کھوری آیہ واپس۔ ژھاے لَجہٕ بِڈِہ دُشمنی سان تمسٕنٛ اَندی اَندی گَنٛٹھہ دِنہٕ۔ اوٚدُر کاہٹ لوگ گریچہ بہٕ۔ تہٕ پَتہٕ وَژھ اَلِتھ ژٹسہٕ راے۔ گرم واوِہ دُکوٗسہٕتو وَژھ کُلہٕ پَنہٕ وَتھرِن بہٕ قرار گژھنہٕ سپیہ راے۔ ووٚنہ زِچہ تہٕ لیڈرِہ، وَتھو وَتھو گژھن تہٕ رقص کَرن واجنہٕ نارِہ برٛیہہ آیہ بَڈِہ مَزَس منٛز اَکھ اَکس نالہٕمتہٕ ژٹان۔ تہٕ ہیوٚر کھسِتھ تیٚمبرِہ وَدشہٕ کران۔ اَکھ پَنہٕ وَتھر ووٚنُھ دَزان دَزان تھوٚد۔ تہٕ کرٛیہہِنہٕ نبہٕ کیو تارکو کوٚر تبسم کرِتھ یمن وُژِہ وِنی تیٚمبہ رِینِ پھٕنٛ گرِہ ینکھ سال۔

"یہ ناچھِنہٕ میون گیوٗن۔ یہ چھُ سوٗ بُتھ یُس ساسہ وادکھ یہ زانہ تہٕ ورائی گیوان چھہ۔ زِہ تہٕ ہشر و دوہکھ لَدِ زندگیو سپتی کیٚتو انسان چھہ سبق لبان۔ کیٚتو انسان چھہ یمہ زَو جان ژرٹتھ ناکارِہ چھہ گژھان۔ فاقہٕ پھِرِہ چھہ ژھوپہ دَم کرِتھ مران۔" سوٗ گَو ژاس پنہٕ کُنہٕ دوٚگُن۔

یاکوفن تھوٚو اَکس بانس منٛز کواسٕ تہٕ سونتہٕ گنڈٕن ہشٕ اَکھ گیڈ میجس پیٹھ۔

"سویلی ووٚن لایوٗرہی۔ یہ ہا چھُمے دوہ اوٚنمت" تمو ووٚن تہٕ سویلی ہِن کوٚر اِنکار۔ مگر یاکوفن اوٚن سوٗ تھَپہ کرِتھ میجس نِشہِ۔

---

۵ کواس ۔ اَکہ قسمُک رٗوسی بیر۔

" تیٚلہٕ یہِ کیازِ اوٚن وَن یہِ یور ؟" صوفیایہِ کرُ ریبنس مَلامتھ

" یہِ رِچھورہا گژھ کنہٕ تہٕ وکھتہٕ مرِ ہتھ۔"

" میٚہ چھہٕ خبر" ریبن ووٚ ہتھ " مگر پوٚت کال بوٚلتھ ہیٚکہ

بوٚلن۔ اُمہِ دِژ نہٕ کُنہٕ جان مقصدہٕ باپتھ پننہٕ زندگی چھپہٕ۔ ووٚنی اگر کُنہٕ

رِتہٕ مقصدہٕ باپتھ پیٚرِ ہن کرنہٕ دِموس۔ ہرج کیاہ چھُ۔ ٹھیک چھُ۔ ژٕ

مہ بَر غم۔"

" باسان چھُ زَن تہٕ ژٕ اَتھ لُطف چھکھ تُلان" صوفیا وَژِ

ریبنن ترا وٕنس نظرِ تہٕ بُتھ ژکہِ راوٕ دِتھ ووٚنُن۔

" ژٕم گیہِ چاوٚنی رِیس ٹکھ یِم عیسا ہس صلیبس کھاوٕ تھ مزِ چھ

تُلان۔ مگر اُسہ چھ تِمو سٕنٚزِ زندگی منٛزِ سبق ہیٚچھن پژھان۔ تہٕ یژھان

چھ زہ ژہٕ تہٕ ہیٚچھکھ۔"

خوف سیٚتی لوٚگ ماجہِ تِمہِ ہیٚور کُن دَژِ تہٕ ووٚنُن ؛

" ٹھوٚو ووٚنی "

اُمہِ بیمارن پُس وونی میچس نکھ بِہِتھ اوس، ہیٚوت بنیہٕ

وَنُن۔ " یِم کیازِ چھ لگن کام ہیٚتے ہیٚتے گالان ؟ یِم کیازِ چھ انسانن

ہنٛزن زندگی ین لوٗٹھ کران ؟ بہ اوسُس نفید وف فیکٹری منٛز کام کران

میانی مالِکن دِژ اَکس اکرٹیسہ بُتھ چھلنہٕ باپتھ سونہٕ سٕنٛز طَشس ڈالہٕ

تہٕ بسترس تلہٕ کنہٕ ٹھونہٕ باپتھ دِیُت نَس سونہٕ سند باتہٕ۔ میانی ساریے

زندگی، میون سورُے قوت ہتھ لوٚگ اُتھو بانس چھپہٕ۔ اَکی انسانن مورُس

بہٕ محض اَمہِ سَببہٕ مہحنتھ۔ کرناوی کرناوی نہٕ تَس اُس پَنٕنس پَرزنہٕ میانہٕ خوٗنیج ڈالِ دِنیٖ! میون رٕتھ کینٛہہ اوسُس تَس کیُتھ سو بٕہ تٔمسُند بانٔہ مَلانٕگ۔"

" آدم آیوٚ خُدایہٕ سٕنٛزِ شکلہِ پٮ۪ٹھ تٔیار بنِتھ۔ خُدایہٕ سٕندی صِفَتھ ہیٚتھ چھُ تقدیرٕ تہٕ ہیوان۔" یفیمَن کوٚر ہٕرِل " اَدٕ وُچھتو کُس کِترِ بیٚتہٕ چھس کران"۔

" یہٕ کیٚتھ گژھ پرٛیتھ اَکِس باوُن۔" مٔنزٕ اَتھ سیتّو میٚعبس ٹاس کَڈِتھ وُدٕن ریبِنن۔

" یہٕ ناسا برداشت کرنٕے!" یاکوف وَوٚتھ لٮ۪ تہٕ ہٮ۪ٹھ۔

اگتاٹن کوٚر اَشناہ۔ ماجہِ وُچھ۔ یم ترٛیٚشٕروٚے لڑکہٕ اَسی سارِینٕے کیٚتھ تِمہٕ اندازٕ بوزان۔ زَن تہٕ پیٚنٛدٕ رُکھ دٔدسہٕ زانہہ تہٕ ہیمِتھ ہیکِر نہٕ۔ ریبن ییٚلہِ ییٚلہِ بولان اوس۔ تِم اَسی تَس کُن وارٕ پٲٹھو وُچھان۔ سویلی سٕندیو لَفظو اوس تِہنٛدِن بٔتھین پٮ۪ٹھ اکھ وِکھٕٹ ہزل دار انداز پادٕ کوٚرمُت۔ تہٕ باسان اوس زِ یِمَن چھُنہٕ اَمِس بیمارٕ سٕندِ رَژھہ تہٕ عادٕ گژھان۔

" تہٕ اَمیہ وُوٚن۔ نہٕ آسیٚے پوٚزٕے؟" صوفیایہ کُن رَژھہ کھَنٛڈ تھٔمتھ بَرٛیژھ ماجہِ رَسےٚ۔

" بِلکُل پوٚز" صوفیا وُژھ تھٔدِ ہٮ۪ٹھ " ماسکوکین اخبارن مَنٛز آسہٕ اَمہِ قسمچہ خبرٕ تہٕ دَرامژٕ۔"

" مگر اَتہٕ کَرِ واٹِلس آوٕ نہٕ زانٛہہ تہٕ سزا دِنہٕ۔" ریبن دوٚپھ گوٚتہٕ

هٔنٛز: "تٔس گوژھ سزاہ دِیُن۔ سُہ گژھ لُکَن برٛونٛھ کُن اَنُن تہٕ تِمَس گژھَن
فِتِنٛہٕ کرٕنۍ۔ تہٕ تِمَو شند موٗکرٕ ماز ہوٚنین دِیُن۔ لَگہٕ ہیٚلہٕ دوہ ژھٔنُن۔ تِم گونٛاہ
کٔرٛکٕ سزاہ دِن! یِم مُصیبتہٕ تِمَو تُلۍ رٔچ چھہِ۔ تِم چھِلنہٕ باپتھ گوٚتاہ
رٔٹِتھ یِیہِ پٔتھرِس چھکنہٕ۔ یہِ رٔٹِتھ تہٕ آسہٕ تہندۍ۔ سۍ رٔٹِتھ یِیس پیٚٹھ وَرگو
ہنٛزِ ژٕہِتھ چھکھ کوڈمُتہٕ۔ اَتھ پیٚٹھ چھہٕ تہُند حق۔ یِہ خوش گژھکھ
تہٕ کرِتَس۔"

"میٚہ ہالۍ تیمر": بہارَن ووٚن۔
یا کوٚھنۍ واتہٕ نوو یہٕ تقسیم کرِتھ الاوس نکھہٕ۔

ناراوس دوہ ژنۍ جمکہ جمکہ کران۔ مُبہم ژھایہٕ ہیشہٕ آسہٕ اَتھ اَندکہ اَندہو نژان۔ تہٕ ڈیشنہٕ کِنز نارہ الاوک خوش کرِ وُن گندہ باش وُچھانَ سۅلی ہیوٚٹھ اَکِس گگِ گہ ڈٲنٛس پیٚٹھ تہٕ ینٛزٕ ہوٚکھ ہیٚتہٕ تہٕ زاگہٕ لی اَتھ لوٚگ وُشناوتہٕ۔ اَمِس کُن وُچھِتھ گِلہ نوو رینبن کلہٕ۔ تہٕ صوفیایہ ووٚنُن۔

"یمہٕ کتھہٕ ہۍ کتا بو منزٕ فکرٕ چھہٕ تران۔ تِمہٕ چھُ یہٕ فکرٕ تاران۔ ہرگاہ کانٛہہ موٗزوٗر مشینہٕ منز بِچھِستہٕ موٗدیا اَتھ ژھیتونس۔ وُنہٕ تہٕ چھُ یِوان زہ پانس اوسُس خطاہ۔ مگر ہیٚلہٕ کانٛسہٕ اَکِس سوٗرسے رٔٹِتھ چیٚتِتھ ژایہٕ مَرِتھ اَڈلہ چھہٕ ہیشہ کر پاگھٹو دامرِتھ چھہٕ دِوان۔ اما اَتھ کیاہ سنا وُنۍ زہ؟ کانٛہہ کرِ سیٚدِ سیٚود قتلاہ۔ کتھ چھہٕ تو تہٕ فکرِ تران۔ مگر یہٕ کتھ چھینہٕ فکرِ تران زِ محض مَزِ تُلنہٕ باپتھ کیازِ چھُ لُکَن ایذاہ دِتھ ماران۔ صرف مزہ تُلنہٕ باپتھ اَتھ منز چھکھ لُطف یِوان۔ یِتھ زِن زندگی منز لُطفاہ تُلَن۔ یِتھ زِن انسانٛ

تہٕ بدلہٕ چھُس کرِکھ تہٕ مِلی ہیٚن۔ بہترین گیوٚن واجنہٕ۔ رئیسہٕ گرٕ چھِ روٚپہٕ سٕتۍ شٕراکہٕ، سعہٕ سٕتۍ طشتہٕ، شٔرین ہندہٕ خاطرٕ معہ للِو تماشہٕ۔ تہنٛد کٔرِو کام۔ ذرا محنتہٕ سان، سیٚٹھاہ محنتہ سان۔ یُتھہٕ زَن بہ نیٚوِتھ پوٚشہ جماہ ہیٚکہٕ کٔرِتھ یِہہ پیٚنہٕ نہٕ پرٕ زَنہٕ کیٚنٛہہ ہیکہٕ سعہٕ تہٕ شند متہٕ بانہٕ مٔلی ہیٚتھ۔"

ماج اُس وُچھان تہٕ بوزان۔ تہٕ بیٚیہ اکہٕ لٹہٕ لٔج پاوِل تہٕ تیمی سٕندین سیٚتو باجن ہنٛز وَتھ راژ ہندِس اَتہٕ گنٛڈس منٛز تیٚشنٛزن چشمن برونٛہہ کنہٕ نیٚبہٕ نیٚبہٕ کرٕنہٕ۔

کال کھیٚتھ بیٚٹھو تم سارٕی الاوس نکھہٕ۔ نارٕ بریٚہہ آسہ زیو کٔڑی کٔڑی معندین لیوان۔ الاوٕ پیٚتہٕ کنہٕ اوس اَتہٕ گٔٹہٕ ہُند پردٕ تھوٚدوِتھ ؤنس تہٕ بٔنس دہشتہٕ ہٕٹرٕ روٚزتھ۔ بیمار اوس اَچھ پوٚرہ یٔٹھ وہراوِتھ نارس کُن مُدہٕ وُچھان۔ تَس اُس لگاتار ژاس یِوان۔ زَن تہٕ تیٚشنٛز باقے بچیمٕژ زندگی اَمہٕ بیمار تہٕ کمزور بدنہٕ منٛزٕ نیبرٕ نیرنہٕ باپتھ بڑٕ بیٚہ تابی سان جستہٕ خانٕز کران اُس۔ نارٕ گاشہٕ سیٚتو آیہ تہٕ اَمی سٕنٛزِ موٚمرٕژ ژمہ پیٚٹھ رژھ نٕہٕ بچھکہ حرف آسہٕ اُمس اَچھن اندر ژھیٚتہٕ گژھ وٕنہٕ نارچہٕ تیٚنبرٕ روٚشن۔

"سوئیلی۔ میانِ کٕنز اَژھ ژٕ روٚزِ سایے بانس تَل۔" تَس کُن بُتھہٕ کٔرِتھ ووٚن یا کوفن۔

"کوٚہ باپتھ؟" کوٚشش کٔرِتھ ووٚن بیمارن۔ "یہ بیٚیہ یِتو نیٚتہٕ کوتاہ کال چھُہ نیتہٕ لوکن خٕتو ووتھن بیہن وٕہہ نٕ؟"

کیٚشنٛزِسں کالس کرٕ اَمی اوٕرہ یور نظراہ۔ یٔتہٕ ہنا ٹھہرِتھ تہٕ وُٹھ

گمٕژ ناوِلتھ ووٚنُن۔

"تَہِ یِہ نکھ بیٚہُن چھُ میٚیہ خوش کران۔ نظر چھَم تَہِ پٲٹھ کیٚن تہٕ سونچان چھُس زِ خبر تٔہِنز ماہوٗرٕ و تمَن سارِنٕے منٛز ہُنٛد آنٛچھ۔ یِم لوٚکٕٹ ہِنٛز چھِ آرِیتھ۔ یِمَن لالچِ منز کھَش آو کٔرِتھ۔"

کٲنٛسہِ اُکُر دِیت نہٕ اَتھ کیٚنٛہہ جواب۔ سیٚنٛس پیٚٹھ کلہٕ تھوٚوِتھ شوٚنگ سوٚ جلدٕے۔ تَس کُن وُچھتھ ووٚن ریٖبن لِہ تیٚے!

"یہٕ تِھنٛز ییٚتہِ چھَ بیٚہان۔ تہٕ اُتھۍ اَکس کیٚنٛہہ چھُ ووٚج ووٚج دِوان۔ زِ انسانَن سیٚتہِ کیٚنٛہہ کُنُن چھِ دونکھ پیٚوان کٔرِتھ۔ اُمی سیٚنٛدِس رٕچھَس منٛز چھِ یہ کیٚنٛہہ سٔنِتھ گٲمِتۍ۔ زن بتہٕ یِہ کیٚنٛہہ اُمی سٔنٛزَن اُچھَن پیٚٹھ مَرنَس چھَ آمٕتۍ۔ تہٕ اُمِس چھُنہٕ اُمہِ علاوٕ بیٚیہ کیٚنٛہہ بوزنٕے پیوان۔"

"بیٚیہ وُچھ تہٕ کیاہ؟" ہناہ سوٚنچِتھ وُٹھ مٲج "ہرگاہ ژھوٚن میٚچھتھ کٔرِتھ سیٚتہِ پرٛیتھ دوہ ساسہٕ بدۍ انسان گلان چھِ۔ تہٕ تِہنٛدۍ مٲلِکھ چھِ پرٛیتھ فوٚضوٗل چیزَس پیٚٹھ پوٚنٛسہٕ وُڈاوان۔ پَتہٕ کیاہ رُوزِ اَدٕ باقٕے؟

"اُمی سٔنٛزٕ کیٚنٛہہ بوٗزۍ بوٗزۍ آیہٕ اُمی ہیٚنہٕ۔" اگناٹھُن ووٚن۔ "اَکی لَٹہِ بوٗزِتھ چھِ یہ کیٚنٛہہ ہمیشہ یاد روزان۔ مگر توٚتہٕ چھُ یہ پرٛیتھ وِزِ یہاے کیٚنٛہہ واٲسے واٲسے وَنان۔"

"اُمی سٔنٛزِ اَتھ داگِ منٛز چھُ زندگی ہُنٛد پرٛیتھ کانٛہہ چیز ژٕھسِتھ آمُت۔" ریٖبن ووٚنتھ سنجیدٕ پٲٹھۍ "بوزَن شوٚزِج کیٚنٛہہ چھَ، میٚیہ چھُ

ہتہٕ لنٛڈ اُمی سٕرشتہٕ پٮ۪ٹھ بوٗزمژ۔ تمہٕ اَمہِ پتہٕ تہٕ چھُس بہٕ شکن گژھان۔ باضے چھہٕ تتھی ژٕہن تہٕ پوان زِ دِل چھُنہٕ پژھ کرٕنی یژھان۔ زِ انسان کیاہ ہیٚکہِ یوٗتاہ ذلیل تہٕ کمینہٕ آسِتھ۔ اَمہِ وِزِ چھہٕ ساریٚ امیر کیہو غریب رٕتی باسان امیر تہٕ چھکھ وٕنتہٕ ڈالی مٕژ۔ کینٛژن لُکن چھہٕ پننیٚن سوٗ حتاجی اوٚن ژھنان تہٕ کینٛژن پننٮ۪ن لاریچ۔ اصل کتھ چھےٚ سُہ سے۔ اَمہِ وِزِ چھہٕ اَسی پانہٕ سیٚے سیٚرتہٕ وٕنان، کاٚتیاہ رٕتی مہاپُرش چھہٕ! ساری چھہٕ پانہٕ پانے۔ اَچھ مُژرِو ایمان داری سان کرِو غور۔ پانس پیٚٹھ عار اَنہِ زہٕ دانٲنی سٕتی پٕژھو!

بیمار پرٚہیز ہیٚکہ۔ اَچھ مُژرِ راوٕنی تہٕ پتھرِس پیٚٹھ ترٲوِن لرٕ۔ یاکو دوٚہ لعنتی تھوٚو تہٕ سیٚدیو ساپے پانس تل۔ تہٕ اورِ نزاو پوستیناہ ہیٚتھ تہٕ۔ یہِ تراوِن پننس پترِس پانٮ۪س پیٚٹھ۔ اَمہِ پتہٕ بیوٚٹھ سُہ بیٚیہِ صوفیایہِ نِش۔

اَتہٕ گٔژھس ہنز وِلیہٕ آمرٕ تشکہ گاشہٕ نادٕر الاوکٕ ژمرٕل اُسہِ تن مکّت ہشرہٕ آدانرِ آسہ نادٕر چھہٕ لٕہہ رایہِ سیٚتہٕ کتھ گژھتھ اکھ عجیب ماحول بناوان۔

صوفیایہِ بوٗز تیمن زِ دُنی ہیٚکہِ مزدوٗر کتھہٕ کنہِ چھہٕ زِندہ روزنچ پنُن حق منگنہٕ باپتھ جدوجہد کران۔ جرمنی گریستیو کتھ کنہِ کرٕ بغاوتھ۔ آزادی باپتھ اژھینو جدوجہد کران کتھ کنہِ چھہٕ آئرستانکہ مزدوٗرا ہمیشہ تمان۔ تہٕ فرانسکو مزدوٗرہ کمہٕ جبروٗتہٕ سان چھہٕ جنگان۔

ییٚتہٕ ــ دادٕ ہِند مخملی پوشاکہ لاگتھ ییٚتہٕ وٕنس منز ییٚتھ لمہٕ کٹِس

ماوٕدانس منٛز، یمہِ کٔلیو زٕ پٲرِ نال چھُ وولمُت، تہٕ یمہِ ہِنٛدٕ کنہٕ کرِتھ نیک پیشِ چھُ دِتھ۔ یٮ۪نہٕ الاوُک گاش چھُ، تہٕ حاران ہٮ۪شہٕ گامرِ ژھاے زٕشونٛی طرفن ترٛاوان چھ۔ یِنہٕ آ۔ اُتھی جایہِ آسہٕ تِمن واقعاتن ہٕنٛزٕ دلیلہٕ باوٕنہٕ یِوان۔ یِمو واقعاتو یِڑٕ بڑٕین لالچی انسانن ہِندِس دُنیایس اَلہٕ اوس ژونُمُت۔ یُنہٕ تہٕ آزادی ہِندٕ مہ کھ جنگن والین ہِندی ناو آسی یِوان ہٮ۪نہٕ تہٕ اَکہٕ اَکہٕ آسی تِمہٕ بُتراتھ ہِندۍ ساری قوم رٕتہٕ شران کرِتھ اَچھو برٛونٛہہ کنہٕ ژٕن نیران۔

صوفیا اُس پَتہٕ یِنہٕ گمہٕ آوازہٕ منٛز وارٕ وارٕ بولان۔ سہ اُس یمہٕ کالِج ہٕشِس اَکھ آواز باسان ۔ تہٕ اَمہٕ آوازٕ سٕتی پھاٹٕہ پھلی یہٕ تہٕنٛزٕ آشہٕ۔ تِمن منٛز کرِن پَتھ یاد۔ تہٕ یِم سہ ہاریو روٗدی ژھعہٕ یہٕ دَم کرِتھ بٮ۪یِن مُلکن منٛز روزن والین پَنہٕ نِین بایَن ہٕنٛزٕ دلیلہٕ بوزان۔ تہٕ یِلہٕ تِمو اَمِس زنانہِ ہِندِس زآوی نس تہٕ لیڈرِس مُجھس کُنٛ وُچھ۔ تِمہٕ وزٕ بنیوٗو سُہ مقصد تہٕنٛزن نظرن منٛز زیادہ نون تہٕ مانہٕ دار، یِمہٕ پاک مقصدٕ خاطرٕ سارٕ بُتراتھ ہِندۍ انسان جنگان تہٕ آزادی ہٕنٛز اَکھ اژھٕنہٕ جدوجہد کران آسی۔ وادیاہ دوٗر یمتِس یمہٕ کالہٕ کین بیون بیون نسلہٕ کین تِمن انسانن منٛز آو تِمن پَنٕنیٚن خیالن تہٕ اآرن ہُنٛد عکس لبہٕ نہٕ۔ یِم انسان نوارِ جنگو کرِتھ رنہٕ دیوارن اذ کالہٕ نِشہٕ ژھینہٕ آسی کرِی متہٕ۔ تِمو ڈالی یِمہٕ سارِوی پھلی ہرٕ بُتراتھ پیٹھ پَنہٕ نِین دِلن تہٕ دِماغن ہِندی اَکھ۔ تہٕ اَکھ سٕتی کوٗرُکھ پنُن رشتہ وٕستہٕ دار۔ اَتہٕ آیہٕ تِمن تِتھی ہِوی سٕتی باجہٕ

ورینٹھی۔ یِم کُنہٕ گژھہٕ اَکھ بُتراتھ یِیتھ عدلُک تہٕ انصافُک راج قایِم کرنہٕ
معہ کھ کمر گنڈِتھ دژاتھ اُسی۔ تہٕ یِموزَن اَکھ یاداس دریہ تہٕ شونٛژر دِیِہ
تہٕ اَکھ نوٚو تہٕ بہتر زندگی پراونہٕ خاطرٕ ساسہٕ بدی مصیبتھ ژٲلی رٕٹی تہٕ یِمن
اَتھ وَتن چھوٚکمُتھ اوشکھ۔ سارِنٕے انسانن سیٚتھ رۄحانی بند اَتھ آنکہٕ
شماہ گوٚو یِہنٛدین دِلن منٛز روشن۔ تہٕ دُنیہِ ہَس منٛز یِیوٚو اَکھ نوٚو دِل تھٔنہٕ۔
اَکھ سۄ دِل یُس پرٛیتھ چیٖزَس سمجنہٕ تہٕ کھہ مہ رٕٹہٕ نہٕ باپتھ بےٚ قرارٕ سان
دُب دُب اوس کران۔

"سۄ دوہ تہٕ واتہٕ۔ یَیلہِ سارِنٕے مُلکن ہنٛدی مزدوٗر دوہ تھٲن تہٕ
وٕنن۔ بَس دوہٕ دِنی گوٚو حد! اُسی آیہ اَمہِ زندگی نِشہِ تنگ۔"

صوفیایہِ دوٚن پۄرہٕ یرٕتھ تہٕ پرٛتھ سان: "تِمہٕ ورٕزٕ نیرہٕ تِہمن لُکن
ہنٛدٕ خیالی طاقتکھ زِچہ پُرٕ تون۔ یِم زَن صرف پَنٕنِس لالچ کِس خدس
تانی زورا وارچھ آسان۔ تِہمن ژٕلہِ کھوٚرو تَلہٕ زمین نیرِتھ۔ تہٕ کانٛہہ بچن
برانٛہہ نِچھے روز یِکھ نہٕ۔"

"سۄ ے چھہٕ اَصل کتھ" کاگرنہٕ مرا اوٚدتھ دوٚن ریبین۔ "ہرگاہ
اُسی پۄرہ زور لاگوٚدتھ تہٕ پانیو پانیو کرٕنہٕ درایی کاٗم کرد۔ تیلہِ کیاہ ہیکوٚ نہٕ
اُسی کرِتھ۔"

ماجِ اُس جنمب جاگِرتھ سورُسے کیٛنہہ بوزان۔ تہٕ تِہنٛدین دُمٕن
پینٹھ اوس حاصُک تہٕ شادِ ہِتشہ اَشن پھوٚلمُتھ۔ تِمہٕ دُچھہ صوفیا سنٛدین
طور طریقن منٛز یُس صنوورور تہٕ کھوٗتہٕ زیادٕ ژھوچہ تھَنہٕ آواز تہٕ سادٕ یہِ

کوم کرنکھ جوٲدِتھ باسان اوس، یانے پرٛیتھ سُہ چیز یُس تٔمۍ سندِس فطرتس
سیتۍ داخل اوس کھیوان ۔ سُہ اوس تٔمۍ سٕنزِ دٔلیلہ ہٕندِس خوش کرونس
بارَبط بیانَس منٛز گاَب گومُت ۔ راژ ہٕنزِ خاموشی، نارہ الاوُک گنٛدُن تہٕ
صوفیایہ ہٕند بُتھ سورُے باسیوو تَس بَڈِ زُبر ۔ مگر اَمہ سارہ کھوتہٕ اوس
تَس گوٗلین ہٕندۍ گبرۍ بُتھۍ زیادہ پسند ۔ تِم اَسۍ ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ یِتھ
ہِکِتھ ہُنٛد پَن ژھینہِ ۔ یِتھہٕ نہ سُہ گاشہ دار بیندُلتھ ژھیپنہِ گژھِتھ یِمہٕ
زَن تِم ساریٕ ہے دُنیہَس سیتۍ داٲدٕہ ہیتۍ آسۍ ۔ یِمو منٛزٕ اوس
منٛزِ منٛزۍ کانٛہہ شاہ نارہ اَلاوَس لوٚت پاٹھۍ ہَراہ ہَراہ لاگان ۔ تہٕ یُتھۍ
اَمہ سیتۍ تیٚمبرٕ رٕچن ہٕنز آتَش بازی ووٚتلان تہٕ دٕہیہ ملیکھ لَگان
آسۍ ۔ سُہ اوس پننہٕ اَکھ اَکھ دولہٕ رٕٹِتھ یہ کوٗشش کران زِ تیٚمبرٕ
تہٕ دِہ گوٚژھ بنٛزِ زنانہ تام داتُن ۔

" اَکھ منٛتھ ! "

یہ دٔنیتھ ووٚتھ منٛزۍ یاکوف ہتھوٗد ۔ سُہ ژاو دُہی سایے
بانَس منٛز تہٕ اورہ دٕزاو کینہہ پلو ہیٚتھ ۔ تٔمۍ تہٕ اگنا ٹن تراوۍ یِم پلو
پٔرِژھین ہٕندِ شانَن تہٕ لکھوٚ زَن بیٚیتھ ۔ اَمہ پتہٕ گیہ صوفیا بتیہ بولانۍ
سہ بیٚیتھ کامیابی تہٕ فتحہ کہ دُہیچ دٔلیل وَنہٕ نہٕ ۔ یِمَن لُکن ہٕندِ دِلَن
منٛز ووٚتلودُن پننِس طاقتَس بیٚیتھ پٔرِژھ لَتھٕ لکھ جذبہ ۔ تہٕ تِمن سارِنٕے
لُکن سیتۍ اَکھ واس لَتھونکُ شوٗعوٗر کٔرُن پادٕہ ۔ یِم یَدِ بڈِ ہٕنزِ چارٕ کر
خاہشن تسکین دِنہٕ بابتھ بے مصرف محنتس منٛز پٔنٛن خون جگر ہیوان

اُسی۔ صوفیایہ ہِندیو لفظو سیتی سٕیدٕ نہٕ ماجہ زیادہ کینٛہہ تہٕ ہیچھان۔ مگر یِمو لفظو پتھ کُنہٕ بوزٕن والین ہندین دِلن منٛز بأے بندٕ تکھ جذبہٕ پھاٹھ دِک تمہٕ سیتی ووتھلیوو تمو سٕندین دِلس منٛز تیمَن لُکن ہنٛسٕنٛتھ شُکراکمٕ جذبہٕ یِم پَنٕنہٕ نیبن نٕژن گٕنڈان اُسی، یِمہٕ زٕن تِم لولکی، پٕنزکی تہٕ ایمان دار خیالکی توحفہٕ دفعہ دِنہٕ پَچھن موٗزورہ ہندین زولانٛن منٛز پھسے مٕتین لُکن تام واتہٕ ناوَن۔

"خُدا کُرُن تُہہ اکھ روٗٹ!" تمہٕ سوٗنچ اُچھ بنہ کرِتھ دِلہٕ منٛزی۔

گاش پھولنہٕ وِزہٕ کرٕ تہٕ تچھ مَرِژ صوفیایہ کتھ بینٛد۔ تہٕ پانٛس اَندی اَندی کاشرِ تہٕ گبر بُٹھو وُچھِتھ کوٗرٕن وُٹھ تمہٕ جار۔

"وو ژٕہ ہے نیرَو" ماجہ ووٚن۔

"آ - اَسہٕ پَزٕہ نیرُن" صوفیا وُژُھ درجواب۔

یِموٚ منٛزٕ ترٛوو اکھ اکھ ژیٚوٕٹھ وَوش۔

"ژٕہ نیرَکھ اَسہٕ چھُنہٕ دِل کران۔" عادتہٕ خلاف ووٚتھ رٕبین سِٹھاہ نرم لہجس منٛز "ژٕہ ہے چھکھ اَصل کتھ کران۔ بَڈ کتھ چھ یہٕ ہأے یہٕ زٕہ لُکَن باس دِین زٕہ تِم چھ کُنہٕ۔ یٚیلہٕ کأنٛسہٕ یہٕ فِکرٕ تہٕ زٕہ یہٕ کینٛژھاہ سوٗزٕھان چھُہ تہٕ چھ بٔنیہ تہٕ کرورٕہ واد انسان یِژھان۔ دِلس منٛز چھ اکھ عجیب لول ہیٚو باسان۔ تہٕ لول چھُ بوٚڈ طاقتھ!"

"لول بٔرِو۔ یُتھ زٕن بیاکھ کٔلس کونٛشہٕ ٹاساہ کڈِہ۔" تھوٚدِ وٕتھتھ۔

وۄگ یتھیم آسیہ نہٕ۔" میٚنی مٲلو چاچا۔ اَسہِ بڑٕو تھیہ زِہ یِمَن وُچھِد کاتھیہ۔ یہٕ ہنٛدِ نیرِنٔے گۄ جان۔ اَسہِ یاگراوو اشتہار۔ تِہ حاکم ہیٚون ژھانٛڈ دِنی۔ زِہ اما اشتہار اُنی کمہِ۔ کاتھیہ تہٕ وَنِہ کھے زِہ تِمہِ زٲیِر زنانہِ چھوِہ ژِیتس۔ یِمہِ پور آمژِہ آسیہ۔"

"مٲجی۔ ژِیہ یُس تکلیپھ کوٚرُکھ۔ تِمہِ باپتھ شُکریہ۔" رحیمن دوٚپھ کتھ ژٹِتھ۔

"ژِیہ کُن وُچھتھ چھُم پادِل یاد پیوان۔ کاژاہ رژ کٲم چھُکھ کران۔"

سۄ اوس آمہِ وِزِہ بڈِہ نیکی ہنٛدِس مۄڈِس منٛز۔ تورے اوسُن بڈِہ لولِہ سان۔ یِتھ کَنی اُس ٹھنڈی۔ مگر سۄ اوس تو تہٕ کو بٹھ ورائی کرِتھ نال یلہٕ ترااَوِتھ ووہ دِتہٕ۔ ماجہ کرٕ اَمہِ سنٛدِس اَرِس دُرِس بدنَس نظرِ تہٕ نرمی سان دوٚپنُس؛

"کینژھاہ لاگو۔ تیٚر با چھہٕ"

"میٚہ چھُن وَچھَس جلاو گۄنڈمُتھ!" سۄ دوٚپھ تورِہ۔

ترٛیشو وَسے لَرِ کہ رۄدی الاوس نِش بیٚہِتھ لوٚہ تہٕ لوٚہ تہٕ کتھ کران۔ تہٕ بہار رۄد تیتھے کَنہ تِمَن کھوَرَن تَل پوٚستِین وَلِتھ ڈاپھ دِتھ۔ ستگر مالہِ ہیٚنزِن چھعلہِ نہٕ۔ ژھایہِ ہیٚنزِن کاٹب گژھ نہٕ۔ تہٕ پَنہ وَٹھِ تُگی افتابہ کھسہ نیچہ برائنژ منز نبٹہٕ نہٕ۔

"آ۔ میٚہ چھ فکرِ تران زِہ تو ہیہ پژِہ دوہٕ نی نیرِنٔے۔" اَکھ

واسہٕ باپتھ صوفیایہ کن اَتھ پلہ نأوِتھ ووٚن ریبنس : "شہرس کیتھ کنہٕ کڈو
اَسہ تھٲہنٛدس پے پتاہ ؟"

" زٕ ژھانٛڈہ زٕ میٚہ " ماجہ ووٚنُس۔

ٹرٛیشو وٕے لٔڑکہ وٕتھی رٕسے تہٕ بیہ ڈول خوش خلقی سان
کوٗرکھ صوفیایہ سیٖتی اَتھ واس۔ صاف اوس نَنان زٕ پیٚمٕژ چھ پربیتھ
اَکھاہ اَندری خوش۔ اَکھ لوو تہٕ دوستانہٕ جذبہ اوس ووتلان
اَمہ ایٚحساسہٕ کہ نوٚوٕ رٕ سیتی اَسی رٕتم رژھا بانبرے ہتی ہوک۔ اَکہ زنگہ پیٹھ
بٔیس زنگہ پیٹھ بدنک بار ترأوِتھ ڈأو تیٚمو نیندرہ ہرٕ و چشمو صوفیایہ کُن
نظر۔ تہٕ وُتھ کَمہٕ ناوِ کی۔

" نیرنہٕ برٛونٹھ چیٚیو نا دودرہ پیالاہ ؟"
یاکوفن پرژھنکھ۔

" دود چھا زٕ ؟" یفیم لوٚگ وَنہٕ تہٕ۔

" نا " بانبرِتھ تہٕ مَس پَتھ کُن شیرِتھ ووٚن اگناٹن۔ "سو
ہا پیٚیو میانہٕ وٕسی :"

ٹرٛیشو وٕے لگی اَسہ تہٕ۔

کتھ اَسی رٕتم دودرچ کران۔ مگر ماجہ توٗر فکرٕ زٕ رٕتم آسہ ہان
بدلہٕ کیا ہتام سوچان۔ یہ زٕ تہندس دل اَسی صوفیایہ تہٕ تہندہٕ باپتھ لولہ
جذبو سیتی بَرِتھ۔ تہٕ رٕتم اَسی تیمن دوشونی زنین پرژر کانچھان۔ صوفیایہ
سیٹھہ اَمیکھ زبردس اثر۔ سو مندہ چھے پیہش۔ تہٕ تہندس دِلس منز

گوٚ شوٗزرِ حلیمی تہٕ انکساری ہُنٛد جذبہ بیدار ۔ اَمہِ کنہِ ہیوٚک تمہِ مرنہ پیٚتہٕ یوت وُنِیتہٕ ۔

"ہیا نیو کامریڈ و شُکریہ !"

لڑکو ترا‌ٚو اَکھ اَکِس کُن نظر ۔ تِمن باسیوو زَن تہٕ یِمو لفظو تِم تھوٚد تُلِتھ ستہِ ہتھ شاہ تھدِرِس پیٹھ وانہٕ ناوِی ۔

بیمار لوگ وُلِٹہِ پانٛٹھی ژاس کرنہٕ : ژھیٚتہِ گرِشھ وِنِس لاوس مٔنٛز ہیٚتِن تیوٚہ نگل ژھیونی ۔

"خُدایس حوالہ " گرِ پِیسو وُتھو رٔٹِسے ۔ تہٕ کیاہ تام کرن والہِ یِم لفظ روٗدی کینِس کالس یِمَن زیٖنن ہِندِین کنَن مٔنٛز گرِیزِ ٹلان ۔

نیہہ گٹی دزایہ تِم دارِ دارِ جنگلہٕ چھہ سرٛاکہ کُن ۔

"نفیس وَکھ دزاو !" صوفیایہ یِتہٕ یِتہٕ پکان ووٚن ماجہِ " زَن تہٕ خاب وُچھ ۔ لکھُ چھہ پَزر زانن یِرِھان ۔ تہٕ اَچھ زان پراوِنہٕ خاطرہ کآتیاہ بےتاب چھہ تِم ۔ یہِ باسان کمہ تام کرِسمس یا ایسٹر کہ بڈہِ دُہکو پانٛٹھی ۔ ییلہٕ زَن صُبحکِ وِزِ نمازِ بروٚنٛہہ ٹھ پادریو اَمُت آسہِ ۔ یِمہِ تیتھہ چیز آسہِ اَنہٕ گٹِس مٔنٛز وُلِتھ ، ژھوٚہ پہٕ زم گرِتھ یِہوٚے خوف دِتہٕ وول ہیوٗ ۔ مگر لکھُ آسن جماہ ہیتھو ہیتھ گرِژھن ۔ اَکھاہ وۄہ بٔتہِ بُمہِ اندرہ تہٕ پاکھ تصویرس بروٚنٛہہ کنہٕ زالہِ شماہ ۔ بیاکھاہ زالہِ ہیتہِ نَسِس شماہ ۔ وارِ وارِ ژٔلہِ اَنہٕ گٹہ ۔ تہٕ

---

٥ کرسمس ۔ حضرت عیسا سُند زاد دوہ ۔

٥ ایسٹر ۔ حضرت عیسا سُند قبرِ مٔنٛزہ وۄتھنُک دوہ

خُدایہ سُند گرٕ گژھِہ روشن۔"

"بل کٔل ٹھیکہ چھیکھ وَنان!" صوفیایہ دوٚپ اَسن کرِتھ۔

"دونی چھہ فرق یژھے باگۍ زِ یتہِ چھُ سورُے ژُنی یاہ خُدایہ سُند گرٕ۔"

"سورُے ژُنی یاہ!" ہَنا سۍ چھِتھ دوٚپ ماجہ "یژھ جان کتھ ہیوٚر چھینہ سہل سہل بوزنہٕ یوان۔ تہٕ میانی ما گژھی۔ ژیہ تورٕ بوزٕ ٹھیکہ پاٹھۍ فکرِ۔ سیٹھاہ رژھی پاٹھۍ۔ تہٕ بہٕ اَسس اَدٕ یے زٕ یِمَن ژکن گژھِ چھک ژِہ ماری کَتھ ونی۔"

صوفیایہ کَرٕ ہَنا ژھہ یہ۔ تہٕ پَتہٕ دوٚپن بڈٕ رَسہ رَسہ مگر بڈٕ سنجیدٕ پاٹھۍ:

"یِمن منٛز دوٚزِتھ چھُ بڈٕ سیٚزر پٔزر یوان۔"

تِمہ گٔیہ پکان۔ تہٕ ریٖتن، بہارس تہٕ لُکن ہندِس کتھ کران۔ یمو زَن پنہٕنزٕ کتھہ غورٕ سان تہٕ ژھعہ پٔر دَم کرِتھ بہوٗسے جایِٔنی سان بوزمژٕ آسہ۔ تِمو اوس یَتہٕ نیو لعہ کچھ لعہ کچھ کھتو سیٹھہ ہ وتہٕ دیٚمت زٕ تِم اُسہ یِمن دوِن زٕنِن ہِندِ سیٹھاہ شُکر گزار۔ دونی آسہ تِمہ کھٕلہ ہوٚدانس منٛز واتژٕ مژٕ۔ آفتاب اوس یِمن نالہ مَتہٕ رٹِتھ بَا پٔچھتہ کھٔسِتھ ہیوان نظرو نِشہ دوٗر دوٚرزِتھ تہٕ اُمِس تمۍ پَتہٕ نِمن یہ یوان ہشن پرٕ ینہٕ لجی نی واوہ چ سارٕ ئ بنے نِمن کھارُدمژ۔ دزم نِس پیٹھہٕ اُسہ لوٗہ قطرٕ دِلن منٛز جاہ چ ژنژل شاگی ژٹھتہ ساسہ واد رنگ کرِتھ جیلان۔ جانا وارٕ ہیوتہ بیدار گژھتھ یتہ نیو خوش کرٕ نیو نغمو سیتۍ صُبحُک دامن جُرن۔

مٕڈۍ بٕڈۍ کرٕہمنۍ کاوٕ لگۍ پنٕنۍ بٕجن بٕجن پکھن ٹاس کڈۍ کڈۍ کاوٕ کاوٕ
کرٕتھ وُچھنہٕ۔ تہٕ دٔورہ کنہٕ تام پیٛٹھ آیہ چوشہٕ نوٗلہٕ سٕنٛز آواز۔ دٔورہ
درازٕ چہ وُسعرٕژہ درایہٕ نہٕ تہٕ افتابچ استقبال کرنہٕ باپتھ زنبوٗ تنو سارۍ وچھے
بالو پیٛٹھٕ اَنہٕ گوٗٹ تھوٗد ژلتھ۔

"باسان چھ یہ تہٕ سیدان زہٕ کانٛہہ شخصاہ چھ ونان گژھان۔
ونان گژھان۔ مگر فکرہ چھنہٕ تران زہٕ امس ونُن کیاہ چھُ آخر۔ مگر سعہٕ کھ
منہٕ کھ چھُ سو کانٛہہ سیٛود سادہ لفظاہ ونٕنہٕ گژھان۔ تہٕ امہٕ سٕتی چھُ
سورُے مطلب ٹاکارہ یٕتھٕ نوٗن نیران"

ماجہ وٕوٗن راژھا سوچتھ۔ "امس بیمارہ سٕنٛز تہٕ امس
یژھے ہِش باگشاہ۔ منیہ چھُ بوز متھ تہٕ واریاہ تہٕ وُچھمُت تہٕ واریاہ۔ زہٕ
موٗزوٗرن کہتہ کنٛو چھ کارخانن منٛز تہٕ بنین بنین جاین لوٗٹھاہ یوان کرنہٕ۔
مگر انسانس چھ یژھن کتھن ہنٛز ہال گژھان۔ تہٕ امیکھ چھُنہٕ دِلس
پیٛٹھ کانٛہہ اثر سے روزان۔ مگر یہ سہ کتھ امہ ییلہ یکھ دُنی۔ سعہ کاژاہ
گُڈر اُمن تہٕ کاژاہ شرمنا کھ اُمن!

میانہٕ مسیحا! کیاہ لگھ چھا یژی بٕنہٕ سارے زندگی اَدہ باپتھ
میہنتس منٛز ختم کران۔ زہٕ تہنٛد کر آخرہ کرن یژھ چارُو حرکتہ باَ اتھ کُس
وَنہٕ جاگیٖز؟"

ماجہ ہنٛدۍ سارۍ خیال لگۍ اَمس بیچارہ سٕنٛدس قفَس اَندۍ
اَندۍ گٔت کرنہٕ۔ تہٕ تمۍ سٕندس ذہنس منٛز گیہ اَمہ سٕتی ییٛتھی ہمدردی

واقعہ تہٕ بیدار۔ یِمَن ہُنٛد تمہٕ بوٗزمُت اوس۔ مگر وونی اُسُس مُشِتھ گٲمُت۔

"باسان چھُ زِ یِمَن ٹکٕنَن چھُ یوٗت بنان زِ گژھہٕ چھکہٕ گژھان۔ میٖہ چھُ اُکُس گامہِ اَفسرٕ سُند بوٗزمُت۔ یِمو یہِ حکمُ اوس کوٚڈمُت۔ زِ اُمی سُند گرُ ییلہِ گامہِ مَنٛز یکہٕ۔ سارِ نٕی گریسو تِمن پَزِ تَس بُروٚنٛہہ کنہٕ کٔلہِ نومرادُن۔ نتہٕ چھِ تِمہٕ گرفتار کرنہٕ۔ اَما تِمَو کیا زِ اوس یہِ کوٚرمُت، اَتھ کیا وَنی زِ اَخر؟"

صوفیایہِ ہیٚوت لمہٕ تہٕ ہٹہٕ اکھ بٲتھ گیوٚن۔ یُس پھولہِ ترینہٕ صُبحکہِ پٲٹھۍ سأدر وار تہٕ پریز لوٚن اوس۔



ماجہ ہٕنٛز زندگی ہیٚتِن عجیبہٕ اطمینانہٕ تہٕ سۄکوٗنہٕ سان نیرِنۍ۔ باضے اوس یہ سۄکوٗن تَس پانَس تہٕ حالَتَن منٛز تراوان۔ تیمۍ سُند نیچُو اوس جیلَس منٛز۔ تَس اُس پَتہٕ خبر زِ تَس دِن بُڈٕ سَخ سزا۔ مگر سَہ یُیلہٕ تہٕ اکیٛکھ سۄنچان اُس۔ بیٚیہ پرادٕے آسہٕ تیمۍ سٕندِ ذہنہٕ کِس پَردَس پیٚٹھ آندرۍ، فیدر تہٕ کالٕہ تَہٕنٛد بییَن گٔکنۍ ہٕنٛزِ صۄرتہٕ ووتلان۔ یَتہٕ اُس اَمہٕ سٕندِس نیچِوِ سٕنٛز صۄرتھ اَمہٕ سٕنٛزَن اَچھَن تَل پوٚھٹان تہٕ واش کڈان۔ تہٕ تیمَن سارِنٕے گٔکَن پیٚٹھ وہراونہٕ یِوان۔ یِم تَس سیٚتھۍ بَکہٕ ہیتھ آسۍ۔ مٲج اُس کِمَن تام گوتَن ہِشِس گژھان۔ تہٕ مۄحسوس کرنہٕ دراے اُمۍ آسِہ پاوٕلِس نیٚسبتھ تِسٕندِ کر خیال واش کڈان۔ یۄتانۍ تِم پَریتھ طرفَس کُنۍ چھکرنہٕ یِوان آسۍ۔ یِمَن خیالَن ہٕنٛزِ اَدٕر چہ نَژہٕ وِنہٕ پَژوچہٕ آسہٕ پَرِتھ طرفَس واتان۔ پَرِتھ چیزَس اَتھہٕ ڈالان تہٕ پَرِتھ چیزَس گاشہٕ ناوِتھ یِمَن سارِنٕے چیزَن اکِس سیٚے یُنہٕ منٛز ییرِ نیچ کوٗشِش کران۔ اَدٕے اُس نہٕ سَہ کُنہٕ اَکِس خاص چیزَس پیٚٹھ پھِرِتھ پھِرِتھ سۄنٛچتھ ہیکان۔ خاص کَرِتھ یَتہٕ نَس نیچِو وِسناہ نیٚسبتھ

تِمَو سِنٛدِ کرِ خدشہٕ ، امار تہٕ ارمان آسی تہٕ تِمَو سِنٛدِس ذہنس اَوری آورِتھ ہیکان تھٲوِتھ۔

صوفیا گَیہِ جلدٕے وایِس تہٕ پانٛژہِ دُہی آیہِ خوش تہٕ خوش حال پٲٹھۍ۔ کینٛہہ کالہٕ گژھِتھ آیہِ دٔرایہِ سۄ بیٚیہِ۔ تہٕ تِمہِ پَتہٕ پھیر وایِس باسان اوس زن تہٕ سۄ زندگی ہٮ۪نٛزہِ بجہٕ وَتہٕ پیٚٹھ بٔڑین بٔڑین دٲیرن اندر سفر آسی کران۔ تِمہِ کینٛہہ سۄ وِزہٕ وِزہٕ بالِس نش واتان آس۔ یِتھہٕ زن سۄ کینٛہہ جوٗرُن تہٕ گیوٗن سیٚٹھا تُوہنٛد گرہٕ بَرِتھ تھٲوِ۔

ماجہ ہٮ۪یوتٕن وارہ وارہ گیوٗن ٹارہ کھسُن۔ سۄ آسہٕ گیوٗن بوزان تہٕ باسان اوسُس زَن تہٕ وُچھس اندر وُشنٛے سنٛزٕ وٕلتھ تہٕ تِمَو سِنٛدِس وُسس کوٚر کھسِران۔ اُمو شُنٛد دِل اوس اَمہِ وِزہٕ بٔڑِ قرارہ سان دُب دُب کران تہٕ رنگہٕ برنگی خیالن آس رٕتھتہٕ کٔنٛز بامُن نیران۔ یِتھہٕ کٔنٛز زَن زرخیز زمینہٕ سگہٕ وَتہٕ سیٚٹھا بیول ژھٕ ژَھٹتھ نیران۔ یِم خیال آسو موسیقی ہٕنٛدہ اثرہٕ سیٚٹھا سہل پٲٹھۍ تہٕ خوبصوٗرتی سان لفظن منٛز وَرٕدن لاگان۔

صوفیایہِ ہٮ۪نٛزہ بیہ تیزی سیٚٹھا آسن مارج زِنتہٕ آمژٕ۔ سۄ آسن سگ یِھٕکھ سۄر ہورہ یور ژھکان۔ تہٕ پنٛنہ چیز ساری بیہ گرِس منٛز اَوری تہٕ پٮ۪ورِ تھٲوان۔ اَمہِ کٔھتہٕ تہٕ مُشکل اوس صوفیایہِ ہٮ۪نٛزہ گرماگرم کتھ بوزنس ہال کرنی۔ آمس مُقابلہ اوس نکولائی۔ یِمس پانس پیٚٹھ پوٗرہ پٔرژھ آس تہٕ سیٚٹھا ہمتی اوس سنجیدہ تہٕ۔ یِم دوشوٕے چیز آسی تِمَو سِنٛزٕ کتھو تلہٕ نیران۔ صوفیا آس اَکہِ ترٛٲٹھ کورہ ہیٚن ہش باسان۔ یِمہِ جوانی منٛز

حال حالے کھوٚرِ آسہٕ ترووٕمُتھ ۔ مگر یہ سہ پننہٕ بزرگی مُنٛز راوٕرنی یژھان
آسہٕ ۔ سہ اُس لُکن کُن تمہٕ آپہٕ وُچھان ۔ زَن تہٕ تِم گنٛدن تماشہٕ آسہٕ ۔ سوٗ اُس
ہمیشہٕ میٚعمنتھ چھ پانٛچ پرٛگی ہُند ذکر کران ۔ مگر پنٕنہٕ بےٚ تِمپرٛی کنہٕ اُس ماجہ
ہشرٕ ہٕ کامہٕ مُنٛز وارے ہُرِ بُر کران ۔ سہ اُس آزادی مُتعلق زیٚچھ زیٚچھ کتھہٕ
کران ۔ مگر ماج اُس ہمیشہٕ یہ وُچھان زِ سہ اُس پنٕنہٕ برداشہ چھ ووٚرشہیہ
تہٕ اُزھینہٕ بحث سیتؠ لُکن سُکھ تکلیپہ واتہٕ ناوان ۔ سہ اُس نُقصادن ہٕنٛز
اَکھ پٕھیٚلج ۔ ماجہ اُس یہ کتھہٕ زٕ پینہٕ پژِ ۔ تہٕ تِوَے اُس تَس سیتؠ حیس سان
کتھہٕ کران ۔ تہٕ تَس سیتؠ اُس نہٕ سہ پوشہٕ وِنی دِلی قدر بحتھ تھوِان ۔ یہ سپہ
زَن نکولائی ہَس سیتؠ اُسہٕ ۔

نکولائی اوس پنٕنہٕ اَگی بےٚ نہیجب ہیٚتھ یکن واجنہٕ دوٚدٕ آسہٕ زِندگی
مُنٛز تہٕ ہمیشہٕ دوٚس میٚن ہُند خیال تھوان ۔ سُہ اوس میٚنٛجھس اُکھ ۔ بچہٕ چاے
چوان ۔ اُمی ووٚرِ اوس اخبارہٕ پران ۔ تہٕ ماجہ اوس خبرہٕ بوزہٕ ناوان ۔ اُمی ہٕنٛز
کتھہٕ بوٗزِتھ اوس بدلہٕ وحشت ناکہ صفائی سان ماجہ موٗحسوس سپدان
زِ زِندگی ہٕنٛز مشین کتھہٕ کنٕہ چھ بےٚ رحمی سان انسانن پہتھ پوٚنسَن مُنٛز
تبدیل کران ۔ تمہٕ ژیوٗن پنٕنہٕ زِ تَس تہٕ آندری ہَس اوس واریاہ کینٛہہ
پانٕنہٕ وٕاُنی دٕلان ۔ خوخول نی پانٛچھ ہیٚلہ سوٗ لُکن ہٕنٛز کتھہٕ کران اوس رکتھ
مُنٛز اوس یہٕ شنٛترا تکھ کانہہ تہٕ نیب تشانہٕ آسان ۔ زِندگی ہٕنٛدہ غلط انتظام
راہ اوس سوٗ صاف سنہٕ لُکن کھاران ۔ مگر نوٚوٕ زِندگی ہیٚتھ تمی ہٕنٛز یژھ تہٕ
یژھ اُمس نہٕ تیٚہنٕ جوشہٕ ہُرٕ تہٕ کوشش کرٕ ووٚنی ۔ پیٚشہٕ زَن آندری ہٕنٛز یژھ

تہٕ پٔرتھ ٲس. سُہ اوس ہمیشہ اَکِس ڈاڈِہ تہٕ ایمان دار، ژچہ سٕندِس پانٕٹھی قرارٕ سان بوزلان۔ ہیم ناکھ مکھہ تہٕ ہیم ناکھ چیز چ کنھتر کَرتہٕ ورِزہ اوس تہٕ تمو سٕندِین وُٹھن ہیٹھ غمناکھ اَشن تہٕ دوتلان۔ مگر اَچھن منز ٲسِس اَکھ سکھ تہٕ ہندر زُتنو ہشس پادٕ گژھان۔ سہ ییلہ تمو سٕنزن اَچھن ہنز یہ زُتنو وُچھان ٲس۔ تَس اوس باسان زِ یہ شخص بخشِنہ زانہہ کانہہ۔ زانہہ پیکھ تہٕ بخشِتھ۔ مٲج اوس اَمہ کنہ ٲمی سٕندِ کیا ہتام گژھان۔ یکبارٕ تَس ٲس خبر زِ یوٚہ ہتھ گنڈٕ لاگن کوتاہ گنڈٕ اوس تمِس یَیِہ باپتھ تہٕ بنان۔ مٲج ہیترن دوہیہ پتہٕ دوہہ پتہ تمو سٕنز ماے زیادٕے گنیہ۔

سُہ اوس نوٚ ژچہ کامہ نیران۔ اَمی سٕندِ گژھنہ پتہٕ ٲس مٲج کمرٕ صاف کران۔ کھانہٕ تیار کران۔ سٕنزان کرِتھ صاف پلو لاگان۔ تہٕ پتہٕ نِس کمرس منز پہتھ شکلہ لبہ وُچھان۔ ٲمس اوس دوہَی پرزن ہگان۔ مگر پرزنس ٲسِس تیر ٹھ مغز حاضری پیوان کرنی زِ سہ ٲس وُلہ وُلہ تھکان۔ تہٕ لفظن ہُند پانہٕ وانڈٕ توٚلُک او تَس نہ فکری تران۔ اَتھ مقابلس اوس تَس شکلہ وُچھتھ ہنز ہندی پانٕٹھی لُطف یوان۔ ہمہ شکلن منز اوس تَس اَکھ نوٚے تہٕ پیچیدٕ دُزیاہ نظرٕ گژھان۔ یُس نہ تَس بخکرٕ اوس تران۔ بلکہ ٲس کنہ ٹاکارٕ چیزٕکہ پانٕٹھی قریب قریب موٚحسوس تہٕ کران۔ بڈٕ بڈی شہر، ماریو منزٕ ، مندرٕ ، مشیٖنہٕ ، جہازٕ ، ٹچٲنہٕ یا دِگار ، انسانی اَلقو وہہ پاو مٔش حدٕ رؤس دولتھ تہٕ قدرتَن بخشِتھ رنگہ رنگہ چیز ٲسی اَتھو سٕنزن نظرن تل دوہہ تلان۔ تہٕ پتہٕ نہ رنگارنگی سیتی تَس حالتس منز تراوان۔

زندگی گٔیہٕ وُزِھ جار لبان۔ تہٕ اُمو سپٕنٛزِہ اُچھ روزٕہ اکھ اَکِس کھوتہٕ بڈٕہ پاکہٕ تہٕ حاًرتَن منٛز تراوَن واٲلی چیٖزٕ وُچھان۔ یِمو زٕشہ سٕہ وُنیُس تام بےٚ خبر اُس۔ بیدار گژھن واجنہٕ اَمِس زمانہٕ مٕنٛد رُوٗح بنوو یِمو چیٖزو یِنہٕ نِیومعہ رستیو خزانو تہٕ لازوال حسنہٕ سیتۍ بٔنِتھ گروِید۔ حیوانَن مُتعلق اکھ نقشہ کوٚر تمِس سیٖٹھاہ خوش۔ اَمہ نقشچ زبان اُس وٕنیہِ۔ مگر اَمہ پٔتہٕ تہٕ باسیوو تَس زہ یِہ حشرات کاٗژاہ بخشاوار، کاٗژاہ ماٲری منٛز۔ تہٕ کاٗژاہ وُسی چھہٕ۔

"یِہ دُنیاہ کوتاہ بوڈ چھُ!"

اَکہِ دوہ مَن ووٚن تمہٕ نکولائیَس۔

شکلن منٛز اُسہٕ تمِس کیٖمو کرٲل تہٕ پٔتہٕ پوٚپہٕ زیادے پسند۔ شکلن کُن تاجبہ سان وُچھتہٕ وُزِھ سعہ۔

"نکولائیَ۔ یِم چیٖز چھنا خوبصورت؟ پژھتہٕ اندٕہ کوتاہ حسُن چھُ چھکہٕ۔ یِہ حسُن چھُ اَسہٕ بُرٕ وتھو کُنہٕ یِکان۔ تہٕ اَسہٕ تہٕ بوزنےٚ پیوان اَسہٕ چھکھ سٲری بَر تہٕ دارٕ بند کرٕہ مرٕہ۔ تَکھ چھِم کیٖشہ زانہٕ تہٕ جورٕ شوٗر کرٕ تہٕ وراٗئی ہٕرٕہ ہٕرٕہ پھیران۔ تِمَن چیٖزَن کُن چھکھ تہٕ نظرے پیوان یِمو سیتۍ اُچھن شیہلتہٕ یِوان چھِہ۔ لٔکن نہٕ چھِہ معہ ہلیتھے تہٕ نہٕ خاہشی۔ ہرگاہ یِمَن فکرِہ آسہ ہے توٚ زمتہٕ زہ یِہ حشرات کاٗژاہ مالدار چھِہ تہٕ اَتھ اندر کاٗژیاہ عجیبہٕ غریب چیٖز چھِہ، خبر چھا دِلَن کاٗژاہ شادی آسہ ہے اَتھ آمژ۔ سٲری چیٖز چھِہ پژھتہٕ اَکی سِندِہ خاطرٕہ۔ چھُنا یوٚز؟"

"بل کل صحی" وُچھ گژھ نأوِتھ وۆن نکولائی ین ، تہٕ تِمو سِندِ خاطرٕ اَنِنہٕ بیاکھ شکلہِ کتاب۔

تِمہ اَسہ اکہِ شامس باگہِ تِمس سمکھِتھ پیوان۔ اَمہِ سِندین پرٛھین منٛز اَسہ یِم تِمہ:

ایکسی واسیلیوِچ ، لیوٗ درٛبتھ تہٕ کرِہِس دأر کرِتھ ۔ اَکھ خوبصورت تہٕ معصوم ، ژھوپہٕ ہگرد جاہتہ سان ، رومن پیٹروِچ ، بُتھِس پیٹھ یادن ویرٕ۔ گول کلہ کرِتھ ۔ کتھہِ کتھہِ پیٹھ افسوس کرَن تہٕ دِرٕ چِھ کران - ایوان دانیلووِچ ، ژھوٚٹ تنوٗ کھ بدن ، نوک دار ریش ، تہٕ تھٕز آواز ، خنجرکہِ پأٹھی تیز تہٕ ترٛوش ۔ یگور ، ہمیشہ پانس پنٛنہٕ مِن دوستن تہٕ پنٛنہٕ زبیٹھ وِنہٕ ہمارٕ پیٹھ اَسُن وول۔

بییہ تہٕ اَسہ کینٛہہ نفر۔ یِم دوٗرِ شہرو پیٹھ یوان اَسہ۔ نکولائی اوس یِمن سٕیتۍ ہمیشہ اَکہِ سے کتھہِ یا سٕے دُنہ ییٚہکین کامگارن پیٹھ وارِ وارِ تہٕ واریاہس کالس بولان تِم اَسہ بحث لاگان ۔ جذباتی بنان ۔ اَتھ کھوٚر اوٚرِ یور رٛٹھ ناوان ۔ تہٕ یِڈ بَرِتھ جاپاہ چوان ۔ باضے بیٚلہ تِم کتھ اَسہ کران ۔ نکولائی اوس کاتہہ ایلان ناماہ تیار نِوان کرِتھ ۔ تہٕ پَتہٕ اوس پنٛنہٕ مِن باجِین بوزٕ ناوان ۔ تِم اَسہ دُلی دُلی اَمیکو نقل نِوان کرِتھ ۔ تہٕ ماجہ اَس لیکھومتہِ کاغذکہِ پنٛنہٕ جیبہ سان جمع کرِتھ زالان۔

جاے پھِر پٕرِ وِزِ اَسہ ماج سوچان زِ یِم کمہ جوشہ تہٕ جذبہ سان چھِ کامگارن ہنٛزِ زندگی تہٕ تہندہ لانیکھ سوچان ۔ تہٕ اَتھ کتھہِ پیٹھ

بوز شوز کران زِ کامگار کمہٕ طریقہٕ ہِن اصل وَتہٕ لاگہٕ ینہٕ تہٕ کم ہمتی منز کڈِ ینہٕ۔ باضے اُمس تِمَن تہٕ دُکھ تہٕ کھسان۔ یِنہٕ نِس یِنہٕ نِس خیالُس پیٹھ پوٗرِ پاٹھۍ ڈٲنٹھ روزان۔ اکھ اَکِس اُسۍ بڑِ کھوتہٕ بوڈ راہ اَتھ کھاران۔ اکھ اَکہٕ سِندِ ہِن جذباتن اُسۍ تکلیپھ واتہٕ ناوان۔ تہٕ گرا گرم بحثن منز اُسۍ ہمیشہ پوان۔

ماجہ اوس باسان زِ موٚزوٗرن ہٕنزِ زندگی نیسبتھ چھہٕ تَس پانس پہنزِ کھوتہٕ زیادہ خبر۔ تس اوس یِنہٕ نہٕ جایہِ باسان زِ یوسہٕ کامہٕ ہموٚ مۆٹہٕ اُمس ہیٚشہِ منز تِمہٕ کامہٕ ہٕنز اہمیتھ تہٕ بجر اوس تس تہنزِ کھوتہٕ زیادہ واد پاٹھۍ فکرِ تران۔ اَوَے اُمس سۆ تِمَن مُتعلق یہوٗے بُزرگ آیہٕ شفقتکھ جذبہ موٚجوٗس کران۔ تسندِس دِلَس منز تہٕ اوس تِمَس مرِ دیادِ موسِندی پاٹھۍ، غمکھ جذبہ دِہ تلان، یُس زَن شُرِ ہِن مہربۍ مہرازُس گندان دُچھان چھُ تہٕ یِمن شُرین نہٕ اَمِہ رِشتِنچ بِل کُل پٲرِ زان چھہٕ آسان۔ سۆ اُمس بیہہِ براد تہٕہنزن کھتن ہٕند مُقابلہ یِنہٕ نِس نِیچوی تہٕ آندرِی سِنزن کھتن سیتۍ کران۔ تہٕ اَتھ سارِی بہے منز اُسِس کیا ہِنام فرق ہِش باسان۔ سۆ فرق یوسہٕ تہٕ بروٚنٹھ فکرِ تراُنی اُس۔ باضے اوس تَس باسان زِ موٚزوٗرن ہٕنزِ بستی مُقابلہ چھہٕ یِتنکِ کُھہ زیادَے کرٛیکہٕ ناد کران۔ اَمیکُھ سبب اوس تِمہٕ پیٹھ کنۍ پانَس فکرِ تور مُتھ۔

"یِمَن چھہٕ زیادَے خبر۔ توٚے چھہٕ زیادَے شور کران۔"

مگر زیادہ تہٕ اوس یِہ فکرِ تران زِ یِم چھہٕ اَکھ اَکِس اَکھت ہیس دِوان۔ تہٕ پننی گرم جوشی نُنی کڈان۔ ذٕن تہٕ یِموٚ منزِ پریتھ اکھ اَ

پنہ ؤنن باجنں پہ باوُن اوس بڑھان زہ تمنں مقابلہ چھُ پزر اہندہ خاطرہ زیادٕ ٹوٹھ تہ ضروٗری۔ باقی نفر اُسو پانس ژُکھ کھاُلِتھ پہ ثابت پرٛھان کرُن زہ تم چھ پزرس زیادٕ نکھ۔ یمہ کنہ اوس تیز تہ ٹیوٹھ بحث چلان تمیس اوس باسان زہ پزٕ پیٹھ اکھاہ اوس تہیس مقابلہ زیادٕ ہیوٗر وُڈاو کرنٕچ کوٗشِش کران۔ یمہ کنہ اکھ بیٚیتہِ ہشس کرن واجنو وُڈاسی اُمس دِلس نال وَلان اُس۔ سہ اُس یمن کُن مینمہ چارِتھ تہ کمو تام چشمو وُچھان تہ دِلہ منزٕ سوچان۔

"یمو ہئے چھُ پاشاہ تہ تندٕ باجنں ہُند سورُے مشوروٗ رود مُتھ"

سہ اُس دِل دِتھ یہند بحث بوزان۔ ظاہر چھُ تس آسہ تہ یمہ کتھ فِکرِ ترٛان۔ مگر سہ اُس لفظن ژھایہ ہُلس روزن وول جذبہ زانہٕچ کوٗشِش کران۔ سہ اُس اکھو ینیمس پیٹھ داگ دِرُش۔ زہ یِلہ کُنہ کانٛسہ موزوٗن ہشرٕ بستی منز نیچہ تہ ردِرِکس خیالس پیٹھ بحث اوس چلان۔ یہ خیال اوس اکھ "کُل" مانہ تہ یوان۔ مگر یتہِ آسہ اَتھ خیالس چھلہِ تہ پھلہِ گژھان تتہِ اُسہ جذبہ سُہنو تہ دَرہ۔ یتہِ اُس سوچنہٕچ زادٕ گی یمن جذبن ژٕھٹ کران۔ یتہِ اُسہ یِم نفر پرٛاتس فان کرنہٕ زیادٕ کتھ باوان۔ تتہِ اُسہ یِم نفر نوٚن چیزن ہنٛدی خاب وُچھان۔ اَوہ کنہ اُسہ تمیس پننس تچھوی تہ اندری سِندی لفظ زیادٕ ٹاٹھۍ باسان۔ تہ فِکرہ ترٛہ وُنی تہ۔

تمہِ وُچھ یتہِ زہ یِلہ کانٛسہ موزوٗراہ نکو لائی ہس سکھنہ یوان اوس۔ سُو اوس سہ دِلہ تہ ورٛہ داگ نچ کتھ کران۔ تہندِس تمیس پیٹھ اوس

میچھر ہیٚو وھہ بدان۔ تہٕ سۄ اوس یِمہٕ تام نوٚہ اَتھ مانان، زیادہ وَیٚتھو پوٚٹھی پأٹھو تہٕ سرسری انداز س منٛز کتھ کران۔

" کتھ چھہٕ تیتھہٕ کنہٕ کران یِیتھہٕ زَن ہمس فکرٕ تراوان"؟ تمہ سٕنٛز پتھ نَمہٕ آمہٕ سیتھہ گوٚو نہٕ تَس پانس تسلاہ۔ تَس اوس فکرٕ تران زِ موزٕ وُر نہٕ اوس ییٚتہٕ کُنہٕ پیٚٹھ ہیٚوٚ باسان، زَن تہٕ اندری کانٛہہ چیز دباوِتھ اوس تھوان۔ اَدٕ کِنہٕ اوس نہٕ سۄ نکولائی ہَس سیتھہٕ تمہ آزادی تہٕ آسأنی سان بوٚلِتھ ہیکان یِمہٕ آزأدی تہٕ آسأنی سان سۄ تَس موہتولی موزرن یا نیٚ بانہٕ تَس سیتھہٕ بوٚلِتھ ہیکان اوس۔ اَکہ لٹہٕ پُتلہٕ نکولائی کَرٕ منٛزٕ نیبر دراو تمہ پریٚتھ اَکِس نوجوان پرٛژھس:

" ژٕ کتھو چھکھ کھوران؟ ژٕ کیٚہو زانہٕ شرٛ چھکھا زِ ماشرٛط س پچھے سبق بوزہٕ ناوُن؟"

پہ نفر لوگ وَند کڈِتھ اَسنہٕ۔

" آبہٕ نیبرٕ نیبرٕ یِتھ کیاہ حال چھہٕ گاڈہ گرٛھان۔ اَخرٕ یہٕ ما چھہٕ اَمیہ منٛزٕ اکھاہ"؟

کمنٛزہ اُمس کُنہٕ وِزٕ ساتہٕ شانہٕ پوان۔ زیادٕ کالس اُمس نہٕ ٹھہران۔ اَمیہ نہٕ کرٕ شروا آنی اُمس ستہ کامہٕ ہنٛز کتھ کرانہٕ۔ تہٕ نیبرہٕ وِزٕ اُمس ہمیشہ پرٛژھان:

"پاوٕل میخأ لووِچ پچھےٚ وارے؟"
"وارے ہے۔ شکر تہٕ ثنا۔ مرٕ س منٛز ہے!"

"میأنی سلام ہے دُنی زیٖس۔" یہِ وَنِتھ اُس سۄ ییٖران۔

دۄہہ اَکہِ کرَ مأجہِ تٔمۍ برونٹھہ کنہِ ٹھکا یمیُک زہ پاوِل چھپکھ مُقدمہ چلاونہِ ورأیی اَوری جیلس منز بھتو مُتھ۔ سا شایہ کہا اَر دٔچھس زرہ زیوہ ووٚتُن نہٕ کینہہ۔ مگر اَونگجن کوٚرن کوہ ہیو۔

مأج اُس تٔمس وَنُن یِژھان۔

"ماٹھی۔ میٚہ ہے چھَے خبر زِ یہِ چھُے تٔمس سیٖتی محبتھ۔"

مگر تٔمس پیٚیہ نہِ یہِ وَننہٕ ہیچ ہمتھ۔ اُمس کورہ ہُند سنجیدہ بُتھ۔ چیٖرہ رٔنگ ہیتھ وُٹھ تہٕ تیٚھٕزن کتھن ہُند خمٹھکھ تہٕ عام اندازہ وُچھتھ اوس لولہِ لفظ باونک جذبہ پتھرٕ پیوان۔ مأجہ موٚر دمش تہٕ اَوٚٹھ الھ تہٕ سۄ یَکنُن :۔

"واہ! یہ کاٗژاہ دۄہ کھُ لدِ چھے!"

دۄہہ اَکہِ آیہ نتا شا۔ مأج اَتہٕ وُچھتھ گیہ سۄ سینٹھاہ خوش تمہ کرِ تٔمس ماہ نہِ میٹھی تہٕ بیہ پھرک پاٹھو ووٚنُن لوتہٕ ہٹیہ۔

"میٚہ ہے معہ یہ مأج۔ بچأر معہ یہ!"

گلس دِیُن دِتھ نہ وہتھ راوہ تمہ اَچھ۔ تہٕ ووٚژھ۔

"چھییران چھُم یِتے یوت زہ سۄ اُس نہِ دُنہِ پتھراہ تہٕ۔ وُنہ ہیکہ ہے سۄ داریاہ دأتس کدِ ہتھ۔ مگر سوکھیان چھُس زہ یتھ زندگی تس کدِ نی اُس پیوان۔ تمہ کھۄتہٕ اوسُس مرُنے حان۔ سۄ رؤز ہمیشہ گُزُنی کاڈ نہ تہٕ اوسُس نہِ کُھہ۔ کاٗنسہِ اوس نہٕ تس ژنوروررتھ۔ میون حول اوسُس

دوہ ہیٚ یُندٕ کڈان۔ یہ تہٕ گیا زندگی؟ باقے لُکھ چھ اوہ کِنہٕ زندہ روزان زِہ تِمن چھ یکہٕ تام رِتہٕ چیزٕ رِچ آسش آسان۔ مگر میانٕ ذاتٕج ہینکہٕ ہیٚے نہٕ بے یزتی ورآے کُنہٕ تہٕ چیزٕ رِچ آش تھوٚوِتھ۔"

"نتاشا۔ ژٕہ ہیٚے چھکھ پوٚز وَنان۔" سونیاہ کوٚرتھ ووٚن ماجہ "لُکھ چھ کُنہٕ رِتہٕ چیزٕ چھ آشہ منٛز زندہ روزان۔ مگر یُلہٕ ژٕ آشی سوٚدٕ پھٹہ کُس مانہٕ مطلب چھُ زندہ روزنکُھ؟" تمہ دِتی لولہٕ سان تمۍ سِندِس اَتھس مَنٛٹہٕ مَنٛٹہٕ۔" گو ژٕہ روزکھ وہ نی کُنہٕ زٕنی؟"

"بل کُل کُنی" نتاشایہ ووٚن تہٕ ٹِروٕنی پاٹھو۔

"پوٚزُے چھُ۔" برٛنٛزہ کھنڈُ وُژٕھ ماجہ اُشناہ کوٚرتھ۔ "رُتی لُکھ چھِنہٕ واریاہس کالس کُنہٕ روزان۔ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چھُ تِمن پتہٕ پتہٕ پکانی۔"



نتاشا یہ ہیٚیٚز اکِس کیپرٕ کارخانہٕ کِس دٔرسِس منٛز کام کرٛان
تہٕ مأج ژٕہ تسِس نشِس غار قوٗنوٗنی اشتہار، ایلان نامہ تہٕ اخبارٕ وایہٕ ناوِنہٕ۔
دٔمہٕ فی اُس تسِس یپأسے کام تٔمٕہ۔ رتِس منٛز کرٛدٕ پھیرٕ اُس
سُہ گراہ پادرٕ بایہٕ ہُند رٔکھ کرٛتھ، گراہ سیس تہٕ گرٕ وٕنمٕتھ کیپرٕ کینَن
واجنہٕ ہینٛدرِس رٚوٗپس منٛز، گراہ ساونٛز بٔنیتھ تہٕ گراہ زاگیر زنانہٕ بٔنیتھ
ٹھیلا نتہٕ سوٗٹ کیساہ ہتھ ہیوٗن بیوٗن جاین واتان۔ اَدٕ ریل آسہٕ ہے
یا ناوٕ، ہوٹل آسہٕ ہے یا منٛزرے، سُہ اُس ہمیشہ سُہے سنجیدہ تہٕ ہیٚیٚز سادٕ
زنانہٕ باسان۔ یِہ سر دٔمہٕ پرٛن نشہٕ گژھتھ کٔتھ کرٛتھ ہیکان اُس۔ تِہ پیٚنہٕ بزرم
طبیعتہٕ تہٕ زانکھ ژوٗک مۄدُر ژالنہٕ سبب پانس ہیٛتھ پٔرٛتھ آسنہٕ کنہٕ
بیٚہ کھتکھ یا گٹھ لکن ہُند توجہ پانس کُن کران اُس۔

تس اوس لکن سیٚتی کتھ کرنس منٛز لطف یوان۔ سُہ اُس
رتھٕنٛزٕ دٔلیلہ تہٕ گژادہٕ بوزان۔ تہٕ یِہ زانہٕ رِنٛج کوشش کران۔ زٕ اکا تِم
کمہٕ پیٚرٕو سیٚتر چھ حأرتھ گامتی۔ تس اُس تہتھس شخصس سمکھتھ بڈہٕ

شادٕی سٕپدان ۔ یُس زَن پٔریٛتھ کُنہِ چیزٕ نِشہِ بدٕ دِل آسہِ ہے گوٚمُت۔ تہٕ تِمو
سٕنٛز بددِلی اکہِ طرفہ تقدیرِ کیٛن ٹھوٚکرن خلاف احتجاج کران آسہِ
تہٕ دوٚیمہِ طرفہ اَسہِ نٔنِس نیٚرِ واضح سوالَن ہُنٛد حل تہٕ ژھارنُک لگاتار کوٗشِش
کران ۔ اَمہِ سٕنٛزَن نظرَن برونٛہہ کٕنہِ ہیٚیوتُن انسانہٕ سٕنٛزِ زندگی ہُنٛد تصویر
نوٚن نیرُن ۔ سُہ زندگی ییٚتھ منٛز سہ کھٕ پراونہٕ خاطرٕ اَکھ بیٚیہ سہ کھٕ نیٚرِ بیۍ
مانیٚ جدٕ جہد چلہ وٕنی آسہِ ۔ لیکن چار کر بناونچہ ژھٔہ یہِ آسہِ ژٕ طرفانہٕ سٕپدان۔
تِمن نِشہِ کیٛنہہ نتہٕ کیٛنہہ اَتھ موٚثر تھ ننک سٕنٛز اوس یوان کرنہٕ ۔ تہٕ پٔننہٕ ذاتی
فائدٕ خاطرٕ تہنٛدِ ریٚتک آخری قطرٕ تام چیرِتھ کڈنچ ترکیبہ چلان آسہِ تِمو دُچھ
ییتہٕ زہٕ ییٚتھ بتراتھ پنیٚتھ اَس نہٕ کُنہِ تہٕ چیزُچ ویرُتھ سے ۔ مگر زیادہ تر لُکھ اَسہِ کھ
یِمو چیزَو نِشہِ اَتھ چھلہ ناٛوِی متو ۔ تہٕ ییٚتہٕ بٔری تہٕ دٕنی یِہہ کٔرکر اَمہِ تِم اَڑِے
ی دٕبرِتھ زندگی کڈان ۔ شہرٕ کیٛن گرجن منٛز اَسہِ سہ نٔس تہٕ رٕ سہ پیٚس انبارٕ
لگی متو ۔ تِمچ نہٕ زَن خود ایٚس کیٛنہہ تہٕ ضرورتھ اَس ۔ مگر گرجہ ڈیڈینِ تل چھُم
ییچھ وٕنیس لیکن تیٚرِ اَلہ اَلہ اَژان ۔ تہٕ تِم چھ موٚمعلی خاطراتَس پٔراران ۔ گرہ ڈٕہ
تہٕ اوس تمہ یِہ سورُ سے دُچھمتہ ۔ سہ تہٕ تہٕ رٕ سہ یہِ سیٚتہ بٔرہو بٔری گرچ ۔ زربافکو
پُشہ شالکھ لاگی لاگ یادُری تہٕ تِمن مقابلَس غریبن ہٕنٛزِ تکدٕ پیرٕ تہٕ تہنٛد ریٚن
بدنن ہنٛزِ زچہ ۔ مگر سہ اَس تیٚلہِ اَتھ خوداہِ سٕنٛد پٔرژھن زانان ۔ مگر وُنہ نی
اَس تہِ سہ یِہ وٕمیترِتھ ہیکان ۔ یِہ اَمِس تِمو سٕنٛدی کُنہ غریبن ہٕنٛز بے یٔزتی تہٕ
قتس امس خبر زہٕ غریب لُکھ چھ گرجن زیادہ لاگر روزان ۔ تہٕ امیرن ہنٛدٕ
کھمہ تہٕ چھ تِمَن یِمَن گرجن ہنٛز زیادٕ ضرورتھ ۔

ییسا سندی تصویر وُچھتھ تہٕ تمس مُتعلق کینہہ بوٗزتھ اوس تس
پتاہ لوگمُت زِ تمو سُند لباس اوس سادٕ - تہٕ سو اوس نیند یارین ہُند
دوس - مگر گری جس اندر اوس تمہٕ وُچھمُت زِ تمو سِندی تصویرِ چھ سونہٕ ہارِک
تہٕ ریشمی پلوو سیتھ سجاوتھ پیوان - تہٕ باسان اوس زِ ییلہِ کانہہ غریب
ہیمتھ تہٕ حوصلہٕ ژھارٕ ہا پتھ تس پروٗنتھ کُن گژھان اوس - یم پلوٗ اُسی
نفرتہٕ سیتھ ژھٹہٕ ماران تہٕ آلہٕ گاہ پُھٹھ اُسی تس ریین سِندی یم لفظ
ژیتس پیوان -

" خدایس نِسبتھ تہٕ چھکھ اُسی جایہِ بناوی یتھ "

تمہٕ ہیتھ غارشوٗعوٗری طریقس منز پیماز کم کرٕنی - مگر ییسا اَس
تہٕ تیتھین لکن ہُند ہیوتُن زیادٕ سوچُن - یم تہٕ تمہِ سُند ناو ہیوان اُسی
شاید زانہٕ ہاُن تیتھ تمتس، مگر یم تمو سِندی پٔتھی زندگی گٔژھان اُسی نہٕ یتھ
دُنیاہس اُسی غریبن ہُنز ملکیتھ زانتھ اَرچ ساری دولتھ سارِنی
منز ہشی ہا گرٕنی یژھان - سہ اُس اَتھ پینٹھ داریاہ سوچان - تہٕ یمو خیالو
دِتی تمو سِندس دِلس منز مؤل تہٕ یم خیال گیہ زیادٕ سنجیدٕ بنان - یمو خیالو
کوٗڈ تیوتاھ واش زِ پرتھ سوچ یس تس نظرِ اوس گژھان، روٗٹ یمو
خیالو پننہٕ ہِ کینہہ چھ منز - پوٗ ژھتھ بڑتھ پرود یمو خیالو دایہ خاکُک نوٗر -
تہٕ پننہٕ نہٕ ابدی نوٗرٕ سیتھ کوٗرُکھ پہ سورُے اَنہٕ گوٗٹ دُنیاہ، ساری زندگی
نہٕ ساری گِکھ نوٗرٕے نوٗر - تس باسیوو زِ اُمہ سیتھ گوتس ییسا زیادٕے
ژوٗلتھ - یس سیتھو سہ گومُت عجیبی ہے اُس ورتاوان - اکہٕ کُھری وار جذبہ

سان یتھ منز خوفس سیٹھہ آش تہٕ آسی، تہٕ شادٕ سیٹھہ غم تہٕ۔ عیسا اوس وونی بدلے باسان۔ زیادہ فداوار، اَتھہ پیٹھ وول، زیادہ نۄرٕ بوٗرمت، زیادہ خوش تہٕ خوشحال۔ زَن تہٕ تِمس پۄری نوٗر حیاتی دِنہٕ آسن آمٕژ۔ زن تہٕ گُلگُتھہندس ناوس پیٹھ بیہ دایہ خوٗن دِتھ تِمس سٕران اوس کوٚرمُت۔ تہٕ یم تہٕ یتھہٕ نیرِمی کینہہ انسانن منٛدِس آمس رفیقہ سُند ناو زیٚوٕ پیٹھ ہیوان آسو۔ دِتہٕ سورُے کینہہ وُچھتھ کرٕتھ آسی سعہ خوش تہٕ خوشحال باٹھو دایس نکولائی سُند گرٕ یوان۔ سعہ آسی یمہ تہٕ حبایہ یتھ کتھہٕ پیٹھ خوش زِ یمن فرحن کورُم پوٗرٕ۔

" یتھ کنہ پھیر تہٕ ٹھورتہٕ تہٕ رنگہ رنگہ چیز وُچھنہ سیٹھاہ چھہٕ دارِیاہ فائیدہ واتان۔" تِمہٕ ووٚن دوہہ اکہٕ شامس باگُ نکولائی ہس ۔ آمہٕ سیٹھہ چھہٕ زندگی پرکھاونس تہٕ فکرٕ ترنس منز اَتھہٕ روٚٹ سپدان لگن ہا چھہٕ زندٕ روزُن تام گوو بیومُتھ۔ تیتھو پتھرٕ پیٹھو زٕ فکری چھکھ نہ تران زٕ آخرِ یہ سورُے سپُد کیاہ۔ فکری چھکھ نہ تران زٕ تِمن سیٹھہ کیازِ چھہٕ گیتھ برِتاو سپدان۔ یَتِلہٕ زٕن یتھو برٕتھ چیز وُسعہ یاب چھہٕ تم کیازِ جہالتس تہٕ اَنہٕ گٹس منز ٹھوکنہٕ آمتی؟ تم چھہٕ تسَس بُڈس تہٕ برتر خوداَیس شھاران۔ یِمو سٔبتٕ زَن نظرن منز شکاتھہ امیر چھہٕ تہٕ ناکاتھہ غریب۔ تہٕ یُس سارِ نے پنٕنیو شری زاتان چھہٕ۔ یَتِلہٕ تم پنٕنہٕ زندگی ہُند سوٗنچان چھہٕ۔ تِمن چھہٕ وُرتاوٕ یوان۔ تِمن چھہٕ خبر زِ ہرگاہ اَکھ مبستھہ کینہہ سپُد نہٕ۔ یہ بیہ انصافی یہ گٹہ کار کرٕ تِمن فناہ۔"

کیٚنژو دوہو پیٹھ اوس تس منز گژھان زِ سہٕ کرِ مُمکن سیٚتۍ سیٚدِن واجِنہٕ بیٚے انصافی پیٹھ پانہٕ تِمَن سیٚتۍ کَتھ باتھ یِہ جذبہ پَتھ رٹُن اوس باضے تس شُکھ کَڈُرُ گژھان۔

نِکولائی پیٖلِہ زانہہ تَس شکلہ وُچھنَس منز لیٖن وُچھان اوس۔ سُہ اوس تَس اَشناہ کَرِتھ دُنی یِہکہِ بِنیِہ کُنہ عوٚجوٗ بلکہ حال باوان اِنسانَن یِم فرض پانَس منٛز اُسی ہیتو منتو۔ تِمَن ہِندِہ بَجرِ سیٚتۍ کھوٚژتھ اَمن سہ ٹھہرِ ٹھہرِ سوال کران۔

”کیاہ یہ کَتھ چھا ممکن؟“

پُنٛزِ پیشین گوئی منز یوٚہ خَتہِ تہٕ پنٛزِ بہٕ درِہ اعتقادہ سان اوس سُہ مایہ ہٕرشُ چشمہ عالَنکہِ پتھ رِکنز تَس کُن وُچھان۔ تہٕ آیندہ کالُک تصویر بناوان۔

”انسانہٕ سِندِہ صنوٚرژِ تَن چھِنہٕ کانہہ اَندِ یے۔ تَس اند طاقتھ چھُ حدِ روٚس۔ مگر وُنہٕ چھُ دُنیاہ روٗحانی اعتبارہ پنُن پان بختاور بناونَس منز سوت ہیکان۔ تکیازِ وُنہٕ چھُ بڑیتھ سُہ شخص علم پراوُنہٕ بدلہ پوٚنسہ وَٹِہ فَس کُن دِنہٕ یَنہٕ لوٚگمُت۔ یُس زَن خود مہ مختار بنُن چھُ یژھان۔ مگر پیٖلِہ تکھ الیچ گالُن تہٕ جبرِ چہ موٚز زرِہ نِشہِ مہ کر جار لبن۔“

ماجہ آسہ اُمہ سنزِ کَتھ مُشکلے فکرِ تران، مگر یِمَن کَتھَن پیٚٹھ یُس دِل ڈیٚکھ مقصدن وول اعتماد اوس، سُہ اوس تَس زیادہ دُلی ولی فکرِ تران۔

"دۄہِس منٛز چھ آزاد انسان سیٹھاہ ہیٛکم ۔ یہوٚے تہٕ چھُ مشکل !" نکولائی ییٚن ووٚن ۔

یہِ کتھ تہٕ تَس فکرِ ۔ تَس آسہٕ تم لکھ وۄنی یِمو پنٕنۍ پان لالچہٕ تہٕ کینہ کیو زوالنۍ منٛزٕ کوڈ مُتھ اوس ۔ تَس آسہٕ پتہٕ خبر زِ ہرگاہ یِتھۍن لُکن منٛد تیداد ہُرِ ، تیٚلہِ روزِ بہٕ زندگی بیش گژھ تہٕ ہم آہنگ ، بلکہ بنہِ زیادہ سادہ ، زیادِہ گاشہٕ دار زیادہ کھرٕ تہٕ رٔژ ۔

"گو چھہٕ زورِ سنگدل بناونہٕ یِوان " ۔ نکولائی ییٚن دوٚن دردناکھ یَجَس منٛز ۔ ماجہ کوٚر کلہِ سیتۍ اَتھ کتھہِ انکار ۔ تہٕ تَس پییہ خونہٕ لیۄ لفظ زٕ تِمَس ۔

# ۹

نکولائی اوس وٕچھان ستیٹھاہ پابندی کران ۔ دوہہ اکہ آو شو
دوہہ کھوتہ تہٕ زیٛری گرٕہ ۔ تہٕ پلو بدلاونےٚ تہٕ بےٚ قرٲری منٛز گوٚ مٕژر تھ دوٚپھن:
"نلوونا ! اَز ہےٚ چھہٕ سون اکھ ستھٕ بوج جیلہ منٛزٕ ژوٗلمتھ۔
کٔس ٔسا گژھہ آسن ؟ پیاہ پتاہ لوٚگ تہٕ کینہہ تہٕ ؟"

ماجہ آوٕ گیوٗر ہیتھ۔

"بنان چھہٕ پادٕرِ ما آسہ ؟" پتھر بِہتھ دوٚپن تمہٕ پھسہ رائے کٔرتھ
ہیتھ۔

"بنان چھہٕ" نکولائی دوٚپھ پھٹکین ڈٔرسہ دِتھ درجواب: "مگر شو
کھٔٹتھ تھٔو تٔس منٛز کینژھ کٔنٛہ ہیکوٚ اسہ تمِس مدتھ کٔرتھ۔ شو سمکھِہ کتہٕ ؟
بہ اوسُس اوے وُنی سرِٹکہ اور پور کران زہ خبر چھا سمکھِہ ما۔ یہٕ گیہ
میانی جاۓ ہو گی۔ مگر کینہہ نتہٕ کینہہ چھہٕ کرنے۔ بہٕ نیرے اوٗری۔"

"تہٕ بہٕ تہٕ !" ماجہ دوٚن تھٔدہ ۂٹھ۔

"زہ گژھہ یگوٗرن۔ خبر تٔس ما آسہ پےٚ پتاہ ": نیبر نیران

تراؤ نکولائی ین تجویز ۔

کٔلس رُمال وٗلِتھ دٔرایہ سُہ تَس پتہٕ نیبر۔ تُنٛد دِل اوس آتشہ ہیوٚت ۔ اُچھَن پرٛونٹھ کُنہٕ آسَس وُہ زچہ ٹیٚچھ ہشہ نِشان ۔ پھوٚر اوس وُٹھو وُٹھو گژھان ۔ تہٕ سُہ اُس یِہ ڈٕڑٕزہ تہٕ وُڈان تہٕ دٕودان ۔ کٔلہ بوٚن کُن تراؤتھ ، اَندٕرۍ کُنہ کیہو چیز دِ نشہ بیہ خَبر اُس سُہ اَکھ آش ہیٚتھ قدم قدم دِوان ۔

" کوتاہ زَبر گژھِ ہرگاہ سُہ تتہٕ سَمکھیہم "

آتشہ کوٚر تَس وارِسے قدمَن رَدٕ لِتھ ۔

گرم اوس ۔ تہٕ تھکہ تہٕ سبب ہیوٚتُن تَس پھٹرِتھ کھسُن ۔ سُہ واَرٛۍ پکُو رِستہِ ہیریہ نکھ ۔ مگر ہیوٚر کھسُن باسیوس کریٚولٹھ ۔ قدم ٹھیکہ داوِتھ تراؤ تمہٕ ہورٕ یور نظراہ ، تہٕ سُہ کُھ مَہ کھ لوٚرٛ چکھہ دِتھ وَچھ تمو اُچھ تَس باسیوونَن تہٕ وسوف شیکوف چِنٛدَن منٛز اَکھ ٹھوٗٹھ دروازٕ سس نکھہ دوہ دِتہٕ اوس ۔ مگر ییٚلہِ تمہٕ دُبارٕ وُچھ ۔ تتہٕ اوس نہ کینٛہہ ۔

" شاید گوم بُلۍ برم "، ہیرٕن کھسان تہٕ خاموشی سان کُن دِتھ بوٗزِتھ سُو تھِ تمہٕ ۔ حاطِ منٛزٕ گوٚ یکس تام شُند پکُن ۔ قدم ٹھہراٚتھ دِژ تمہٕ بہن کُن نظر ۔ ہیٚتہ اَکہ لَنٛٹ گو تَس مُہرِ دُبھتہ نظرِ ۔ یُس زَن تَس کُن وُچھِتھ وُٹھ لمہ نادان اوس ۔

" نکولائی ! نکولائی ! " تَس کُن دوٗرِتھ دِیتھ تمہٕ آو ۔ تیز یَس وُچھُس منٛز اُس مُویوُسی ہنٛز دَگ ۔

"وایس گژھی۔ اَتھ سیتھ ہاوِتھ دوٗن تِمو لعہ تہٕ۔

ہیرَن وٕلی وٕلی کھٔسِتھ واتٕ سہ یگور سٕندِس کمرس منٛز سُو اوس تخنتس پیٹھ پتھر کُن ترٲوِتھ۔

"نکولائی ہا چھُہ جیلہٕ منٛزہ ژھوٗلمُت! سہ وُژھ پھِر یکان پھِر کان تمو پرٛیژھس بیٚگرہ آوازہِ منٛز۔

"اکہ ناوِکہ اٰسو ژٕہ نفر"

"وسوف شیکوف۔ یوٗری ہا چھےٚ پکان!"

"سیٚنٹھاہ رٕت گوٚو!"

اَمی وِیزہ ژاو نکولائی کمرس منٛز۔ دروازس چھٕنٛڈ کٔرٕ دِتھ واتٕجن ٹُھپی۔ تہٕ پیٚتھے کُنہٕ وٕہہ دینہٕ رٔوٕزتھ لوٚگ اَسنہٕ تہٕ مستس پھٔش دِنہٕ۔ یگور ووتھ کھوٚرنہٕ وٕٹھ پیٹھ ہنا تھوٚد تہٕ اِشارہ سیٚتہٕ دوٗن تٔس۔

"دلا یوٗرتھ!"

وٕٹھ گٔمہٕ ناوِتھ آو نکولائی ماچہٕ نِکھ۔ تہٕ تٔس سیٚتھ کوٚرُن اَتھ واس۔

"بہ سٕنے ژٕہ وُچھ ہٲنتھ۔ میہ ما آسہِ ہیے دُبارہ جیل واتُن۔ یُتہٕ شہرہِ مازانَن بہ کانہہ۔ تہٕ ہر گاہ متوٚزور بستی منٛز واژوس۔ تتہٕ نٔے تارِ دِیہ ہنم زٕچانٛسس۔ اوٚنے پھیوٗرس بہ اورہِ یور سرٕٹ کُن پیٹھ۔ تہٕ سوچان اوسُس ژٕہ ژٕلِتھ کرٕ میہ عجیب بیقلاٰزی۔ اَتی وُچھ میہ نِلوٗدنا ہنگہ تہٕ منگہ پکان۔ تہٕ بہ تہٕ پوٚکس اَمِس پتہٕ پٔتے۔"

"نا تہٕ ژٕہ ژۄ لگھ کیتھ کنۍ ؟" ماجہ پرٛژھُس۔ سُہ بیوٚٹھ تختہ کِس اَکِس اندس بێیِٹھ بێیہ قرارٕ سانہٕ تہٕ ہێچِکِس دِتُن دراہ

"اَلِہ گاٹہ۔ بہٕ اوسُس پیٚتھے ژھنڈان ہواہ چینہٕ باپتھ دۯامُت۔ زٕہ اخلاقیو ہێوت پنٕنِس گاڈِس شِلکھ دِیُن۔ یہ گاڈ اوسُکھ اَکہٕ وکھتہٕ ژۄر کرِنہٕ سببہٕ پُلِسہٕ مَنٛزٕ کوڑمُت۔ وۄنۍ چھُ سُہ پرٛتھ کاٗنسہِ مُخبری کران۔ تہٕ کاٗنسہِ تہٕ سٕہ کھ سان بہہنہٕ دوان۔ یِم اٗسۍ اَمۍ پیٚٹھ چوب دِوان۔ اَکھ ہنگاماہ ووٚتھ۔ گاڈ اٗسۍ وِسلہ وایان تہٕ دۄرہ دۄ کران۔ مێہٕ وُچھ پھاٹک اُس یِلہِ نیبرٕ اوس سرٛاکہِ ہُند ژۄ ووٚتھ تہٕ شہر نظرِ گژھان۔ یِتھ کنۍ نا زن تہٕ خابَس منٛز یِکان چھ۔ رٕتھے کنۍ دۯاس بہٕ رٕسے۔ تہٕ یِلہِ بہٕ سرٛاکہِ بێیِٹھ ووتُس مێہٕ بێیو حیس۔ تہٕ سوٚنچُم زٕہ گژھہ کۄت۔ یَتھ کُن کرِم نظر۔ پھاٹکھ اٗسکھ بند کرِمژ۔"

"ہوٚں" یگورن ووٚن۔ "جنابو تُہۍ پزٕہ ہا واپس گژھُن تہٕ شرافتہٕ سان دروازس صداہ کرِتھ وَنُن۔ زٕہ ہے بابو دِیو سا اندر اژنہٕ۔ ماٗفی دِیو سا۔ غلطی پیٚیہ تھ کھنڈ گوم۔"

"پٕزٕ کو باٗٹھ" نکولائی یَن کوٚر اَشُن۔ "چارٕ گی تہٕ چھێی۔ دُیہ مێہٕ باسیو پنٕنین رفیقن کینژھہ دَنہٕ نۍ کرنۍ ژٕلُن یہوٚ، ناکارہٕ ہیوٚ۔ بہٕ گوس یِکان۔ وَنہٕ اٗسۍ کٕس تام شرٛ ہوسُند جنازہ یِکہ ناوان۔ بہٕ تہٕ ژاس یِمَن لکَن منٛز۔ تہٕ توٚہس پتہ پتہ کاٗنسہِ کُن وُچھنہٕ ورأۍ پوکُس۔ کێنژَس کالَس بیوٚٹھُس مِلہِ گذارس منٛز ہوا ہَس۔ تہٕ اَتی سوٚنچھ مێہٕ ہنگہ تہ منگہ اکھ کتھ"

"صرف اَکھ ؟" یگورَن پرٛژھس ۔ تہٕ تٔرُن وسہ شاہ کھ ساگرِتھ وۆنُن

"میٚنہٕ چھُہ باسان زہ ژینہٕ پیٚچھے بہٕ زیادہ سونچنہ باپتھ کاڈِن منٛز

جائی ۔"

وسوف شیکوفنَ کوٚر خمہٕش مزاژی سان اَسُن ۔ تہٕ کلہٕ گِلہٕ ناوِتھ

وۆنُن :

"نہ ساوہ نی چھُنہٕ میون دِماغ بُرۆنٛہِ ہِمی پاٹھۍ ژھوٚرُے ہگر

یگور ایوانووِچ ۔ ژہ چھکھ وُنہٕ تہٕ بیمار ے ۔"

"پرٛیتھ اَکھاہ یٚنہٕ بہٕ مقدوٗرہ موٗجوٗب کام کران ۔" بلغمی ژاسہ

ٹہ کھاہ کرِتھ ووٚن یگورَن ۔" ژہٕ وَن پنِنۍ دلیل ۔ ایس ۔"

"یٚتہ سیدوس بہٕ عجائِب گرَس منٛز ۔ اَتہٕ چھیراں پھیراں لوٗگس

بہٕ سونچنہٕ زہ پانا وہ نی کوٚت گژھکھ ۔ پانہٕ سے پیٚنٹھ کھرٛم ژکھ ۔ تہٕ بیمٹھ

نُجم زبرَدَس لبہٕ چھ ۔ سرٛکہٕ پینٹھ دوتَس تہٕ رکیٚتھ تام ہیوٚ باسیوم ۔ میٚلسہٕ والۍ اَسحر

پرٛیتھ کائنسہِ دَر نظر کران ۔ میٚنہٕ دوٚپ تھوٚہی توٚ ۔ میٚنہٕ وانہٕ ناوَن وِنی کھکھرِ

عدالتَس منٛز ۔ اَکھ منٛز وِچھ میٚنہٕ یلاگیٚ نلووَنا میٚتے کُنۍ دوران ہِش ۔ بہٕ

روٗدُس اوٚک طرف ۔ تہٕ پوٚکُس اَمِس پتہ پتے ۔ بس یہٕ چھوہِ دلیل ۔"

"میٚنہٕ ناوُ چھکھے نہ ژہٕ " پانَس تقصیر کھائِتھ ہیوٚ ووٚن ماجہ ۔

تمہٕ گنڈ وسوف شیکوفَس کُن وُدے ۔ تہٕ تس باسیوو زہ سُہ چھُہ وارے نکیوٗمُتھ

"ساری سیتھ باجی آسَن سکھ پریشان گامِتیٚ ۔" وسوف

شیکوفنَ ووٚن کلس کشش کرِتھ ۔

"تہٕ حاکمَن ہُند کیاہ سوٗنچھتہٕ؟ تہند چھےٚ نا پھیران؟ تِم تیٚپٮ اَگر پریشان آسن۔" یگورَن وَون۔ "چونکہ وہرِ آوِ ہتہٕ لوٗگ سہٕ وُتھ پیٚتھ کنٛو وایہ ینہٕ۔ زَن نہٕ ہوٗہ ژابان اوس۔" "خاطر مزاکھ تراوِتھ چھُ وونی سوال ژہٕ کھنٛڈ ہتہٕ بنوٚنُکھ۔ یہٕ کام چھِ پیٚتھ کنٛہ خوش کرِتھ وٕنی۔ ڈٕیکہ سہل چھنہٕ۔ ہر گاہ بہٕ ہوٗرِ یور پکِتھ ہیکہ ہا تیٚلہٕ!......"

تِمو ژُدو ووٚنُس۔ "تہٕ پنٛزِ نہٕ چھاتہٕ لوٗگ وارِہ وارِہ پھٔش دِنہٕ۔

"یگور ایوانووِچ۔ ژٕہ ہا چُھکھہ سٔتھ بیمار باسان۔"

کلیٚہ تومراوِتھ وَون نکولائی ین۔ حاجہ ژدو ووٚنُس۔ "تہٕ پتہٕ دِژن اَتھہ لوکٹس کمرس کُن تشویش سان نظر۔

"خاطر نہٕ تراوِو تہُر میٚہ پیٚٹھ۔" یگور وَوتہٕ درجواب "حاجی وونی کیٛتھے چھکہ بلہٕ مندِہ چھان۔ پرژھو سی پاوِل سُند۔"

وسوف شیکوفن کوٚر اُتھ۔

"پاوِل ہے چھُ وارٕے۔ بلکُل ٹھیک ٹھاکھ۔ اَکِہ حسابہٕ چھُ تَتہٕ سُے سون سردار۔ جیلہ کین عہدہ دارَن سیٚتی چھُ سُے کتھہٕ باتھ کران پتہٕ کُلہم ٹھاکھ چھُ سُے وَتہٕ ہاوِکھ۔ تَس چھُ پرٛیتھ اَکھاہ ییٚنتھ کران۔"

وسوف شیکوفن کتھہٕ بوزان بوزان بگلہ نوو حاجہ کلیٚہ۔ تہٕ تیٚمی ٹارِہ لُگ یگورنِس ہُمنے میٚتِس تہٕ نیچرٕ پھیرِ کرِ میٚتِس بُتھِس کُن وُچھنہٕ۔ تس باسیوو تِمو سُند بُتھ بلکل زُدِہ زیتہٕ رٔوو سُے۔ اتہٕ اوس نہٕ کُنہ تہٕ جذبہ کُھ پےٚ لگان۔ ڈیٚکہ اَچھَن منٛز اُسس زندگی ہِہ شادِہ ہشر زُتنو۔

"جانہِ گوٚ یوٗ ہرگاہ کھسنہٕ خاطرٕ کینٛہہ بنہٕ ہے۔ ژٕ ہیککھ نہٕ اندازٕ کرِتھ مییہ کاژاہ بوچھ چھ لجٕ مژ۔" نکولائی ووٚتھ ہنگہ نہٕ منگہٕ۔

"مأجی المارِ پیٹھٕ چھے ژوٗٹ "یگورن ووٚن۔" اُمہ پتہٕ گژھتھ بڑس کمرس منز۔ اَتہٕ کرِتہٕ کھوورِ طرفکِس برس ہنداہ۔ اورہ نیرِی اَکھ زنانہٕ تس وَن تہٕ یوٚرہو۔ وَنی زیٚس کھسنہٕ باپتھ یہ کینٛژھا آسہِ تہٕ اَنِو۔"

"سورُے کتھ کیٚنتھ؟" ٹاکھ کرِتھ ووٚن نکولائی ین۔

"ہأ ژٕ ما بانبر۔ زیادہ نا آسہِ نہٕ کینٛہہ تہٕ۔"

ماجہ کوٚر دروازس ہنداہ۔ اَندرِ یس آوس پژاران لجٕ سہ یگورُن سونچنہٕ۔

"یہ ہے حقس چھُ ووتمُت۔"

"کُس چھُوٚرہ؟" کمی نام ووٚن کمرِ اندرٕ ہے۔

"بہ چھس یگور ایوانووچن سوٚزمُژ۔" ماجہ ووٚن لعہ تہٕ ہٹہ" ژیہ چھُے ناد دِوان۔"

"ینکیاہ آیس۔" یہ زنانہٕ وَژھ بر مژہ رُنسے۔ ماجہ کوٚر بڑس کھنڈس تاب۔ تہٕ پتہٕ کوٚرُن بتیہِ اکہ لٹہِ برس ٹھکہ۔ بر آو ہیکہ مژٕ تنہٕ اورہٕ دژایہِ نیرِ بتھ عأنکھاہ لاگِتھ اَکھ زنانہ۔ تمِن ہنزِ گینہٕ شیران شیران وُژھ سہ بڑہٕ خوشکھ اندازس منز۔

"کیاہ گژھی؟"

"بہ چھس یگورُن سوٚزمُژ۔"

"اَڈہ اند اُڈھ۔ مگر میٔہ چھُ باسان میٔہ چھکھ ژٕہ کتہٕ تام وُچھمُت۔" زنانہٕ وُڈن نرمی سان "وارٕے چھکھ؟ یتہٕ چھُنا اَنہٕ گوٹ میٚو ماجہ کرِتَس نظر۔ تہٕ تَس پیٚو یاد زٕہ تمہٕ اُس سعہ اکہٕ دہہ پننِس کوٹھی سنٛدِ گرٕہ وُچھمُت۔

"یم ساڑی چھِہ پہنٕنی ناوٕچ" تمہٕ سوٗنچ۔

زنانہٕ پکہٕ ناوٕ پلاگیا پانَس برونٛٹھ برونٛٹھ۔

"ہاہے طبیعت گوسے زیادٕے خراب زٕہ؟" تمہٕ پرٛژھ۔

"آ۔ شوٗنگِتھ چھُس۔ میٔہ وَوٗنُس یتہٕ کھسنہٕ باپتھ کیتھہ انُن۔"

"تَس چھُسنہٕ وُنہٕ کھیوٗن۔"

دہہ شوٗرے زَنہٕ ژاپہٕ بیگورہ سنٛدِس کمرَس منٛز۔

بیگور سنٛدِس کمرَس منٛز ووٚتھ گوٗتھَن دہہ شوٗرِ بیگو زمین شاہَن ہُنٛد کھڑیوٗن کھڑیوٗن کنَن۔

"لُڈ میلا واسی لیوٗنا! میٔہ تہٕ ہیٚتھ پتہ زمین بزرگن نشس واتہٕ نیچ سکھر کرِنی۔ یم چھ نا یم حضرت۔ یمن کَڈ دِلن دہہ ہٹھ تہٕ حساگمن پریژھسنہٕ ورائی ژاکی جیلہٕ منٛزٕہ۔ یم کھیاوِ تو کھ چاوِ تو کھ گو ڈٕہ کیتر ضعا بتہ ٹھوٗرِ تو کھ گنہٕ کھسِتھ۔"

زنانہٕ کوٗر کلہ سیتر اِنکار۔ تہٕ بیچارِس کُن وُچھمُت ووٚنُن۔

"بیگور۔ ژٕ یہ کو ناہ کوڈتھ میٔہ یم یوائی آلہٕ؟ اَچھا گوٗ دداہ تہٕ چوٗتھ نہٕ دہہ یہ کَٹھ! یہ گوٚ ناکارٕہ۔ دہشت سا کامریڈ! ہُم گیا آسَن

یگورس ہسپتال نیتھ بایہ اورٕ پکان۔"

"گوٚ اَدٕ نِکھ ژٕ میٚتہ پرٛزو بٲٹھی ہسپتال؟"

"آ۔ بہٕ روزٕ نے تمتہٕ تۄیہٕ سیٚتۍ۔"

"تمتہٕ تیا؟ میانہٕ بیا!"

"اَدٕ باتراوٕ دعوٕ ژٕ ہیم ذا اکھ کرِ ژ۔"

اُمِس سیٚتۍ کتھ کران تُہِنز تمہٕ اُمِس کمل۔ نکولائی وُچھن دارِ پٲٹھۍ۔ بوتلہِ تھوٚد ژلِتھ وُچھن تمہٕ مِٔند دواہ۔ اُمہٕ سٕندز آواز اُسٕس ہموار تہٕ تِمہِ تراہ اُسس جان۔ دوہ تہٕ بیٹھِ منٛز اُدُبِس اکھ خاص لوٚیہ وٕن انداز۔ یِتھ اوسُس لیڈریرٕ سان۔ کرتِہِ تِمہ آشس نسبتہٕ ہیرہ کنہٕ ملوتھ۔ ماچہ کرٕ تِہٕ اُمہٕ سٕندز شکل خوش۔ اُہندِس مجتس منٛز باسے رٕیہ اُمِس یہاے پان پسندی ہِش کیا ہتام۔ اُمہٕ سٕنزٕ اُچھ نہٕ آسہٕ اسان تہٕ نہ زوتان۔ کتھ کرٕ تہِ وِزہ اُمہٕ حکم چلاوان ہِش باسان۔

"اَچھا اُسہٕ نیرو دِمہٕ ژ" تمہٕ تھوٚد کلامہ ژلہٕ وٕن "مگر بیٚیہ پوٚنت کھوری دایس۔ یگورس وِزہ تمہٕ منٛزٕ اکھ دواہ قاشوہ۔ تہٕ یُتھ تہٕ اُمِس کتھ کرٕ تہٕ دِکھ۔"

سعہ دزایہِ نکولائی ہینتھ۔

"سینیٹاہ ریٚژ زنانہ چھ۔" دوشا تراوِتھ وٕن یگورن۔

"سپیٹھ ہیے فالز موموٗلی۔ ماجی بہٕ تھوٚنتھ ژٕہ اَمہٕ سیٚتۍ۔ یہ مجادٕ چھ ژھینتھ پیوان؟"

"کٲتھہ ماکرٕ - رٔژا - دواہ چھوا" ماجِ وُژھس مایہِ سان تہٕمہٕ چھوٚ
دواہ تہٕ اُچھو کرِنہٕ بند۔

"ژھعہِ پہ کرہ - تو تہٕ مرنے۔" سُو ووٚنُھ۔ سُہ لوٗگ اَکی اَچھہِ ماجہِ
وُچھنہٕ۔ وُنہٕ گَمہٕ نا وَنہٕ سیٹھاہ کانٛسہٕ یِم یِلہِ۔ ماجہِ ترٲو بوٚن کُنہٕ نظر تہٕ عارِکہِ
اَکہِ اَنٛتہٕ رؤمسہٕ جذبن اَکھ تَس اوٚش ٹیکرِ۔

"ٹھیٖکھے چھُہ۔ بلکُل قدرتی کتھاہ۔" تہٕمہٕ ووٚن "زندگی تہٕ موت
چھِ نکھہٕ نوٚکھ پکان۔"

ماجہِ لوگ تہٕمِس ڈیکس اَتھہ۔ تہٕ بیٚیہِ اَکہِ لَٹہِ ووٚننس:
"ژٕہ ہیٚکھہ نا ژھعہِ پہ کٔرِتھ روٗزِتھ؟"

تہٕمہٕ وُچھ اَچھہ۔ زن تہٕ پَنٕنہٕ سینٛکٕ کھرکھر بوزان اوس۔ اَمہِ
پتہٕ تیٚمہِ تہٕمہٕ دُبارٕ کتھ۔

"ماجی ژھعہِ پہ کرنس چھُنہٕ کانٛہہ مطلبے۔ اَمہِ سیٹھا کیاہ مستفاد
نیرہِ؟ پتہٕ مرِ گَرہٕ ہِنٛدِ بیٚیہِ کیٛنٛہہ ژٕہی میلن۔ مگر ژٕ یِہ ہِشہِ خوتوٗنہٕ سیٹھاہ کتھ
کرنہٕکھ شرٕف گژھہ اَتھہ۔ مےٚ چھُہ پَنٕنہٕ نہٕ جایہِ بہٕہتہٕ۔ ژٕہ دوٚیہِ مہٕ دُنیا ہکہِ
لُکھ آسن نہٕ یِتِکہٕ پاٹھہٕ جان....."

رٔژھہ کھنڈٕ پریشان گژھتہٕ کرہ نوو سُو ماجہِ خاموش۔

"وُچھتو ہعہ خوتوٗن ییہِ اورہٕ تہٕ میہِ پیٚٹھ گژھہ ناراض ژٕہ میہِ
کیاژٕہ کرنوو کہ ژٕہ کتھ۔"

"سُہ مےٚ چھِنہٕ خوتوٗن۔ سُہ چھہِ اَکھ انقلابی۔ کامریڈ۔ سیٹھا"

رٔتۍ زنانہٕ ۔ ناراض تہٕ گژھ ھنۆرۆر ۔ سہ چھ پرٕیمتھ کأنٛسہِ ناراض گژھان۔"

پینٛہٕ مِن وُطھٕن حرکتھ دِنہٕچ کوشش کرِتھ ہیٚنٛز تمی پننہٕ ہمسأیہ بایہٕ ہتھٕ کنھ تُلِنۍ ۔ تمی سُنٛزٕ اُچھ آسہ آسان ۔ ماجہ کوٗر موٗحسوٗس زہ سُہ اوس تَس کُمہِ ستاو تُلِنہٕ بایتھ زانٛتھ مانٛتھ کنھ کران ۔ تہٕ بیٚیہ تمہ تمی سِندِس اُدرِس تہٕ نیلے میتِس ژٕنتِس کُن وُچھ ۔ سہ بانبرے یہ تہٕ دِلہ مُژٕہ سۆنٛچِن:

"یِمی ہے سکھر ہیٚنٛز کرِنۍ۔"

لدمیلا آیہ وایِس ۔ بروارہٕ پأٹھٕ دِتھ دوٚن تمہ ماجہ ۔

"چأنِس دوستَس پٔزہ پلو بدلاوِتھ میانہٕ کمرٕ منٛزٕ وٕلی وٕلی نیرُن ۔ ژٕہ آن اُمی سِندِہ خأطرٕ پلوٗ ۔ یوٗرِہ اُنۍ زہ ۔ یہ گوٚ ناکارٕہ زہ صوفیا چھٕنہٕ اذیتھ ۔ لگہ کھٕٹِتھ تھوٗنَس واتہٕ نہٕ تَس کانٛہہ نہٕ ۔"

"پگاہ واتہٕ سہ تہٕ ۔" شال وٕلِتھ دوٚن ماجہ ۔

تَس یٚیلہٕ تہٕ کانٛہہ کأماہ دِوان اُسی ۔ سہ وٕلی وٕلی اند واتناونہٕ بایتھ اُس سہ خدٕہ رٕوٚس باقبر کران ۔ تہٕ اَمہ علاوہ اوسُس نہٕ بیٚیہ کنہٕ کنھ ژٕنید ہوشی روزان ۔

"چانہٕ خیالہ کینٛہہ پلوٗ گژھنَس آسنہٕ؟" تمہ پرٛژھ بلکُل کارٕہ بأرِس اندازس منٛز ۔

"کانٛہہ تہٕ پیٚہ شاکھ ۔ راتھ کینٛہہ ہے گژھن چھُس ۔"

"راتھ چھ زیادے خطرہ دار آسان ۔ سرٕٹکن بیٚٹھٕ چھِ لگن ہیٚنٛز

بۄڑہٕ بارٕکم آسان ۔ تہٕ پُلسہٕ وٲلۍ چھہ زیادہ جِیسہ سان پھیران تھوران ۔ یہٕ ماچھہٕ رتیوٗ لٹہٕ کاٹھٕل تہٕ ۔"

یگوٚرٕن کوٚر خوش کٕمہٕ اُشناہ ۔

" بہٕ ہیکہٕ ژٕ ہیٖہ ہسپتال خبرٕ ہیٖتھ ؟" ماجہ پرٛژھ ۔ ژاسس کران کرانٕ کوٚر تِمو کلہٕ سیٖتۍ آنکار ۔

" کرٕ کھہٕ نا کانٛہہ اَمسہ ژٕ پلزٕو بیمارس وارٕہ ؟" پٮ۪ٹھٕ نِکوٚر تیمہٕ ہنٛدو چِشمو سیٖتۍ ماجہ کُن وُچھتھ وَژھ لٕدٕ میلا ۔ " تیار چھکھہ ؟ سیٖنٛٹھاہ ژٕت مگر ژٕ نیرتہٕ وٲلۍ رِیتہٕ اورٕ پھیرتھ ۔"

تِمہٕ روٚٹ لولہٕ سان مگر حکم چلاونکس اندازس منٛز ماجہ ہنٛد اَتھ پننِس اَتھس منٛز ۔ تہٕ سِٹھہٕ داتہٕ ناگوٚن برٕس نکھہٕ ۔ نیٚبرٕ وٕژھہٕ سیٖتۍ آہستہ پاٹھۍ :

" میٚہ ہے کٕڈٕکھہٕ ژٕ زانہٕ ہنٛتہٕ ماگنٕھتہٕ اَنہٕ ۔ یِمھٕ نےٚ اہمیکھہٕ ییھٕ ہیوٗ گژھی ۔ اُمس ہےٚ چھ کھتہٕ کرنہٕ منٛز ۔ تہٕ میٚہ چھ وُنہٕ تہٕ اَہنٛز برانٛتھ ۔"

تِمہٕ رٕٹ تِمس زورٕ اَتھ ۔ رتیوٗ لٹہٕ زورٕ ژٕ تِمن ڈرایہٕ ٹھیٚرن تہٕ پٮ۪تہٕ ترأوِن تھکہٕ میٚتس اندازس منٛز ماگرِ لبہٕ ن ۔ اَمہٕ ایتراف سیٖتۍ گیہٕ ماجہ پریشان ہِش ۔

" اَدٕ کیاہ برانٛتھ گژھہٕ تھوٚنی ۔" ماجہ ووٚن وُٹھو مژٕ بی ۔

" اَدٕ کیاہ چِیسہٕ سان ۔ یِمھٕ نےٚ خفیہ پُلسکو نفر اورٕ یور آمتۍ ۔"

زنانہ ووَن لوٗ بَہ - یِنہٕ اَکھ تلِتھ دِتُن مینگن پھِش۔ وُٹھُن ژایِس نَنھ تہٕ بُتھِس پیٹھ دوٗہتلے ییس نزمی۔

" میٖنہٕ ہاے چھِ نبرٕ" ماجہ ووَن۔ تَمیٖ سنٛدِس وَنہٕ نِس منٛز اوس فخر ہیٛو۔

پھاٹکہ نیبرٕ ٹھہرے پہٕ سہ منٹس کھنڈس۔ اورٕ یور دٕلی دٕلی نظرہ دِتھ شہرُن شال۔ سہ اُس اَکہ برٕ بارہ منزٕ تہٕ خفیہ پُلیسہ کین نفرن وَنہٕ کدِتھ ہیکان۔ تِمن مُنٛدرٕ روٗس بیے عاَل لاگن۔ وہ تھ ہیٹھ تہٕ سرکشن ہُند غار قودرتی سوکوٚن نہٕ قرار، تہٕ بتھین پیٹھ ٹھکہ نکہ تہٕ ژکھ ہُنٛدی نشانہٕ یم ساری چیزٕ یم زَن تہشرن جالاکھ اُچھَن ہشرن مجرم نظرن ہُنٛد سِر بلکل تتھ راوان اُسو۔ تم ساری چیزٕ اُسو ماجہ نظرن تلے۔

مگر اَمہ وِزٕ گو نہٕ تَس اَمہ قسمکھ کانہہ تہٕ بتھ نظرٕ۔ سہ لیجٕ دٕلی دٕلی پَکہ نہٕ۔ گاڈِہ منز کھسِتھ داَرُ بازر۔ نکولائی سنٛدرٕ با پتھ پلوٚتکی ہاپتہ وِزٕ لاگ تمہ بڑٕ دُرٕ دُر۔ سہ اُس پہٕ باس دِیُن یژھان زہٕ تمیٖ سُنٛد خانہٕ دار چھُ زبرَدس شہرامہ دی تہٕ عیاش مہ ہیٛو۔ تہٕ قریب قریب پرتھ رِیٹہٕ چھِ تمیٖ سنٛدرٕ باپتھ نوٚی پلوٚتکی اَنِنہٕ پیوان۔ اُمی سِزٕ وکھتو سپنٛو کو تہٕ دکاندارن کانہہ نہٕ اثراہ۔ دَپہ سہ سپزٕ پانہٕ سیٹھاہ خوش تِکیا زہٕ گاڈِہ منز بیہِتھ اوس تَس پہٕ خیال آمُت زہٕ پُلیسہ والین آسہٕ خبرٕ زہٕ نکولائی سنٛدرٕ باپتھ پن نوٚی پلوٚتکی ہینہٕ۔ تہٕ اورٕ مہ کھیٛین خفیہ پُلیسکی نفر بازرس منز تہٕ داَرتھ۔ بڑٕ حیسہ ساں داَرُ سہ بگورن

گرٕ وایُس۔ تہٕ اَمہ پتہٕ گَیہٕ نکولائی ہَسَن سیتہٕ شہرٕ کِنہِ اندس تام۔ تمہٕ اُسہ سڑکہٕ اَپارٕ ہیوٚر پکان۔ تہٕ مائج اُس بہٕ وُچھان خوش سپدان زِ نکولائیَ اوس دٕۂ چھپرٕ پوچھرٕ سان پکان، تیٚنزٕ زیٚٹھ کاژرٕ کوٹھک دامنہٕ اوس گرٕ گرٕ تمِس سٕندین کھوٚرَن وَلہٕ دِوان۔ سُہ اوس وِزٕ وِزٕ ٹوٗپی ہیتھ کھالان۔ مگر ٹوٗپی اُس تہٕ تُس نستہٕ کُنۍ لایہٕ پوان۔ اکِس خالی کوچس منٛز واتتھ پتہٕ سا شاتمن نشہٕ واتتھ۔ تہٕ ماجہ ہوٗوس کلہٕ سیتی وسوف شیکوفس کُن۔ تہٕ پانہٕ پھیر وایِس۔

"مگر پادِل چھہٕ وُنہٕ جیلےَ۔ تہٕ آندری تہٕ"

تمہٕ سُنٛد پنُن دِل مولول ہیوٗ گژھان۔



# ۱۰

نکولائی سیمنگھ تس برٛاہ پریشانی ہنٛدِس عالمس منٛز۔

"یگور ہے چھُ اوٚریہ نہ یوٚرہو!" تمہٕ وون "تس ہے چھ سیٹھاہ ابتر حالتھ! ہسپتال واتنہٕ نوٚو گھ۔ ژٕ میلا اُسہ ژیہ نادس آمُت۔"

"ہسپتال؟"

نکولائی ین شہر بانبرِ بانبری پنٛن عانکھ تہٕ پتہٕ کوٚرُن ماجہ صدریہ لاگتھ تس منٛز دٔلتھ۔

"دٔٹی یہ بنڈل تہٕ نی پانس سیتی!" تمہٕ سیٹرن اوٚنگجن پیٚتر نیتھ وُشنیو اوٚنگجو سیتی چیرِ دِتھ ووٚلتھ سوٚ کاغزہٕ ویٚنہ! وازہ منٛز۔

"وسوف شیکوف واتہٕ نوو تھنے وارہ پانٹھی؟"

"اھنو"

"بہ تہٕ ہیے گژھہ یگورس خبرہ۔"

ماجہ اُس تھکتھ ژھینتہٕ پیمژ۔ تہٕ نکولائی سیند کر ییمتھ

پریشان آسہٕ نَن تہٕ اَو سُہ وٕہمَن منٛز زِہ کُس نام حاوِ دِتھ چھُ بُتھ پننہٕ
وول ۔ " سُہ چھُ مرُن منٛز " تسندِس ذٕہنس منٛز وۄتھلیو یِہ خوفناکھ خیال ۔
مگر تتھ صاف پاکھ تہٕ لوکٕٹس کمرس منٛز وٲتتھ کھۄرِ تس وانٛج
بوٗلہٕ ہٲش ییتہٕ زَن یگور شانہٕ گنٛڈِتھ ڈیرس منٛز بیہتھ آسان اوس
برس نکھہ دۄہ دِتہٕ رۄزِتھ بیٹھ سُہ بوزنہٕ زِہ یگور کیاہ اوس ڈاکٹرس وَنان ۔

" بیمارس علاج کرُن بوزنہٕ ژھِہ اصلاحاتھ کرنس برابر ۔"

" یگور ۔ تَلا ژھۄہ یِہ کر تہٕ ۔" ڈاکٹر سندِس لہجس منٛز اُمس پریشانی

" مگر بہٕ چھُس انقلٲبی تہٕ میہٕ چھِہ اصلاحاتَن سیٖتی نفرتھ ۔"

ڈاکٹرن تُرٕوو بڑہٕ وارہٕ وارہٕ یگور سُند اَتھ دُرٕنٛچہ ژادرِ پیٹھ ۔
بڑہٕ فکرِ ہٕتس اندازس منٛز ڈولُن اَمہٕ سندِس پھۄکہ کھۄتہٕ ہتس بُتھس اَتھ
تہٕ پَتہٕ لوگ پننہٕ نِس ریشس پھِرِتھ دِنہٕ ۔

مآج زانہٕ ہے ڈاکٹرس ۔ سُہ اوس نکولاییٖ سُند جان دوس
اُمس اوس ایوان دانیلووِچ ناو ۔ سُہ وٲژ یگورَس نکھہ ۔ سُہ بیوٗٹھس اورہٕ
زِنٛوکُڈِتھ لاگنہٕ ۔ ڈاکٹر پھیوٗر تَس کُن ۔

" وۄہ لے نِلودُنا اُژی ۔ یِہ کیہہ چھِے اَتھس کیتھ ؟"

"شاید آسَن کتابہٕ ۔" یگورَن ووٗن ۔

" اُمس سِتہ پرزہٕ نہٕ پرُن ۔" ڈاکٹرٕ ووٕنُتھ ماجہ کُن ۔

" یِہ چھُ میہٕ چور بناوُن یژھان ۔" بیمارَن کرٕ شکایتھ ۔

سُہ اوس ژھۄوٕڈی ژھۄوٕڈی شاہ ہیوان ۔ تہٕ پننس اوشس

کھرتھن کھرون گژھان۔ تمۍ سُند پیٹھِم اَکھ ژھٕٹ بنیو نَمہٕ قطرٕ۔ ڈاکٹرس
غارِکھ دوہ بتہٕ راونہٕ موکھ پیلہٕ سۄ اَتھ ژھلان اوس، تس اوس تکلیفہ پیدا نہٕ
پیوان کھژِ، بیٚیہ ہیوٚس تہٕ بیٚیہ جان تمۍ لیوٚ اَمس تسندیس کھٹہٕ ڈلیہ
ژولہِ تہٕ تس تمۍ سُند مسۍ صوٚرتھ کرٕمُت۔ تہٕ سۄ اوس اَکھ موہ ردہ مۄد زبیٚد
بنیو مُتھ۔ تمۍ سینزٕ ژارِنۍ وَژھ مژٕن اَچھن اندر اوس پرٕوٚنہٕ تہٕ شوٚد
اَسن۔

"جناب ایس کوٗلاپیٹس۔ بہٕ چھُس۔ شونگنس چھا اجازت؟"
"نہٕ ژٕہ ہیکھ نہٕ شونگتھ۔" ڈاکٹرن ووٚن یَڈٕ خوشکھ باٚتھ۔
"اَدٕ ژٕہ نیرکھ نہٕ بہٕ نہٕ تراوَے لَر!"
"نٹ ووٚنا۔ اَتھ ہے تھ تہ اَمس شونگنہٕ دِکھ۔ تہٕ ہیم شاندٕ
گنڈتھ تسُند شہرت۔ یہ تسۍ پیہ کٔرتھ کرہ۔ تمہٕ سیتۍ ہے واتہ اَمس نقصان"
ماجہ کوٗرہ کلہٕ سیتۍ انکار نہٕ ژھوٚکۍ ژھوٚکۍ تہٕ تیز تیز قدم
تراوِتھ وژاو ڈاکٹر۔ یکوٚرن نروٗ کلہٕ ڈیوٗل۔ اَچھ وَچھن۔ تہٕ بیٚیہ حرکتھ ہیوٚ
گوٚ۔ صرف اَمس اَمس اوٚنگجن تھرٕ تھرٕ۔ اَمہٕ لۍ کٹہٕ کرٕ چہ سفید لیہ آسہ
ژرٕنہٕ تہٕ موٗیس کرٕن واجنہٕ۔ بچہ دارٕ کنہٕ اَسی لاگم* گلین ہٕنڈی ورد دار

---

○ یوٗنانۍ دیو مالایہ مۄجوٗب شفا بخش وول دیوتا۔ اپالو سُند نیچو۔
* اَکھ گل یُس یمکو پنہٕ وُچھر دِلہ چہ شکلہ تہٕ ٹوٗرہ لیندرہ تہٕ خوشبو دار
آسان چھہ۔

رٕتھرٕی بوزنہٕ یوان۔ تہٕ یہندین پٔنٕہ وُٹھرٕن ہندِس گٔنٕس وٕنگس منٛز اُسی لیڈرٕ کر داغ ہوہو زوتان۔ یِم داغ اُسی ہردِہ کہ ترٕ ژہٕنہٕ شہٕک بے پناہ دِوان۔

" موہتہ چھُ ہڈٕہ وارٕہ وارٕہ تہٕ بیے دِلی سان میٚہ نوان " اُچھ مژٕہٕ راوٕنےٚ ووٚن یگورن ۔" ژکرٕہ چھُم تران میٚہ بیٚیٹھ چھُس کیاہ تام ترس گژھان۔ میٚہ سیٚٹھا اُس اُموب سارٕہ نیٚے برابری یوان "

" یگور ایوانووِچ ۔ کرٕو ژھوہ پرٕ " اُمہ سِندِس اتھس لولہٕ سان مُنٛڈ منٛڈ دِتھ کرٕ ماجہ عاجزی۔

" بس ووہ نی چھہ جلدٕ ے ژھوہ پرٕ کرٕ نی "

اُمی ہنٛیچھو بڑٕہ مُشکلن کٕتھ برٕونٛہہ پکرٕ نا وِتھ ۔ باضے اوسُس دم گژھان۔ تہٕ باضے ہیکھٕ تہٕ آسٕنہٕ کٕنہٕ واریاہس کالس ژھوہ پرٕ کرٕان۔

" کوتاہ زٔبر گو زٕہ ژٕہ چھکھ اٚسہ سیٹھا۔ چانٛس پٔتِس کُن وُچھُن چھُ خوش کرٕان۔ باضے چھُس بہٕ سونٛچان زٕہ چون کیاہ حال آسہ۔ یہٕ سونٛچھتھ چھُ میٚہ تکلیفھ واتان زٕہ ژٕ یہ تہٕ سٕنہٕ بٔیین ہٕنٛدی پٔلھو جیل۔ یژٕھے کٕتھ چھُس سونٛچان آسان ۔ ژٕہ مٕے چھکھ جیلس کھوژان؟"

" نہ! " تٔمہ دِیُت بڑٕہ سیٹھا زرٕہ سان جواب۔

" تہٕ گو اُسی سٕتھے۔ مگر توتہٕ چھُ یہ پیٚزٕ پٔنٕہ نہٕ جایہ زٕہ جیل چھُ بڑٕہ خراب آسان۔ میٚہ سٕیُد یہ حال جیلہ سے منٛز۔ پونٛہٕے چھُسےٚ وَنان۔ بہٕ نیٚے اوسُس نہ مرٕن یژھان۔"

ماجہ دوٚپ پٔنٕہ نہٕ جایہ زٕہ وٕنہٕس بٔنان چھُ ۔چھکھ ما۔ مگر میٚہ سٕتہٕ تمہ

سِندِس بُتھِس کُن وُچھُن۔ تَمہِ کَرٕ ژھعہ پیَرٕ۔

" وِنہٕ تہٕ اُس میٚیہ کامہِ کَرنُک سَنب ہیکھٕتھ۔ ہَرگاہ بہٕ کامہِ کَرِتھ ہیکہٕ ہٲنہٕ۔ تیٚلہِ اوس بہٕ زِندٕ روزنُک کانٛہہ فائیدہ۔ سعہ گَیہِ بیقلائزی۔"

ماجہِ ژُدو ووٚہنِش۔ تہٕ اَلہِ گاٹبے پیوس آندری سَند ٹوٚٹھ جُملہ ژٕتِس: "کَتھ چھہ پوزٕ مگر تسلاہ چھُنہٕ سپدان۔" دَے دوٚہہِس کامہِ کَرنہٕ رِکنہٕ اُس سعہ تَھچ ہُش۔ بعہ چھہ تہٕ اَسہِس لَج ہُش۔ بیمارٕ ہُشنٕ گَنی اندازٕ ووٚتلُن واجینہٕ آواز اُس کمرس منٛز بُہچھلے ہُش۔ تہٕ پٔشلو دیوار اُسہٕ پیٚمیے بِچارکہٕ ہوکہٕ باسان۔ نیٚبرہٕ کِنہٕ اُسہٕ لائم کُلِین ہِندکہٕ تہرکہٕ زَن تہٕ سیٹھاہ بیوٚن دوٚتھمٕنٹ او بُرٕ ہیوٚ باسان۔ تَحدِ روٚس کَرَیہِن تہٕ رُودٕ شُراٚہ ٹراوتھ پینٹھ ہوٚل گنڈِتھ اوبُرٕ۔ پرٕیتھ چیز اوس ژھعہ پہٕ ووٚلمُتھ۔ وارٕ وارٕ ہمہٕ وُن شاہرُن اوس قدم ٹھیکہٕ راوِتھ دائرٕ ہِندِس پینٛس پژاران۔

" میٚیہ چھُہ کیا ہتام گژھان " یگورَن واتہٕ ناوکٕتھ اندس تراچھ وَچھُن۔

" تلاشو نگ " ماجہِ دِتُس تسلاہ " دیوٕ ہا طبیعتھ ٹھیکی۔ "

تمو سِندین شُہُن ہشر کھسہِ وُس وارٕ پاٹھ بوزِتھ ژراوتَمہِ اوٚرٕ پور نظر۔ کیٚنٛژھس کالس پیٹھ اُکیہِسے جایہِ ژھعہ پہٕ کَرِتھ۔ غمکی ژُلی اُتھِن اوس تَسُند دِل پَنہٕ نہٕ موٚہ چھہ منٛز روٚٹمُتھ۔ پَتہٕ گَیہِ تَس پہتاسے اُتھ پینٹھ اُچھہ۔

بَرس گو صداہ۔ تہٕ سعہ گَیہِ ہُشارٕ۔ ووٚہٹہٕ کَڈِتھ وُچھُن۔

یگور اوس اَچھ وہرأوِتھ وُچھان۔

"میٚہ ہا گیہِ پیٚتھے زوٚل ہیش۔" سوٚ وَڈھ نرمی سان "مأگنی ہا دِزہ ہم۔"

"ژہٕ تہٕ ہیٚے دِزہ میٚہ لوٚتِس گوٚبس مأگنی۔" سوٚ تہٕ وۄتھ تمی نرمی سان۔

شارِچ اَتہٕ گٔیہِ اُس دارِہ کنۍ اندر اَژان۔ کمرس منز اُس تیز ہاش پرٛیتھ چیزَس پیٚنِٹھ اُس زانڈ ہیش بہِتھ۔ بیمار ٹُنڈ بُتھ اوس کرینہینیو مُتھ۔

کلوٚن ہُند صداہ گو امہِ پتہٕ آیہِ لُدمیلایہِ ہشنہٕ آواز۔

"تہہِ رکھو اَتہٕ گٔنڈِس منز بِہِتھ شُسرہِ گُسرہِ کران۔ بجلی ہُند سُچ کتہٕ چھُہ؟"

یکایکھ ہیٚوٚ کمرس سفید تہٕ تیز گاش۔ قداور لُدمیلا اُس کرُہن پوشاکھ لأگِتھ کمرس منز باگ وہدنہٕ۔ یگورَس گیہِ دِنَن۔

تمہِ تُل اَتھ تہٕ ٹھوٚوُن سینس پیٚٹھ۔

"رِکہوزہ؟" تس نِش گرٕ حمتھ تہٕ باتبرہِ سان پرژھ لُدمیلا۔"

یگور لوٚگ ماجہ کُن ٹھَلہِ ٹھَلہِ وُچھنہِ۔ تمہ سنز اَچھ آسہ اَمہِ ووزہ زیادے بجہ تہٕ عجیبے پأٹھ پرزلان۔

تمہ مُژہ رود اُس۔ کلہٕ تُلُن ٹھوٚد۔ تہٕ اَتہٕ برُونٹھ کُن رنتھ لوٚگ کیا ہتام سارنہِ۔ ماجہ روٚٹ تمی سُند اَتھ پننِس اَتھس منز۔ تہٕ شاہ روٚکھتھ لج تسندِس بُتھس کُن وُچھنہِ۔ یگورَس گیہِ زبردَس لارَن۔ کلہٕ

ٹروٗن شانڈٕ گَنڈِس بیٚیٹھ تہٕ زورٕ وِژن کرٕنِکھ ۔

" وۄنۍ نےٚ بچہ ہیٚنہٕ ۔ بَس وَکھ ووت ! "

تَس ژٕ اِیہٕ ہٕنس نیٚٹھ ہشِش ۔ کلہٕ ہیوس پھیٚکس بیٚیٹھ ۔ بسترٕ بیٚیٹھ چہٕ بجلی ہُند ژٕرن گاش اوس تمیٚ سِنٛزن پھٕٹِتھ دِراہمن اچھن بیٚیٹھ پٕنُن بیےٚ جان عکس ترٛاوان ۔

" ہےٚ کیاہ گوم ! " ماجہ ووٚن لوٚتہٕ ہٕٹہٕ

لُدمیلا وَژھ بسترٕ بیٚیٹھ ٹھوٚد تہٕ دارِ نِشِس گٕژھِتھ روٗز وۄدنہٕ تہٕ نیٚبر کُن وُچھنہٕ ۔

" موٗکلیوو ! " یکایک دِژ تمہِ کَہ پٲٹھۍ کرٕنِکھ ۔ دارِ داسَس کھوٚرہٕ وَٹھ دِتھ نیٚمہِ ییٚہ سو ۔ مۄتھ روٗٹُن اَتھن منٛز تہٕ ژٕالہٕ اوٚش ترٛاوِتھ بیٚیٹھ کوٚ ہٹین بیٚیٹھ ۔ زَن تہٕ کُنہٕ تام کلَس زورٕ ٹاس اوٗسس ترٛووِمُت ۔

ییٚگورُن وٕچھتھ پٲٹھۍ اَتھ تمیٚ سِنٛدِس سینَس بیٚیٹھ تھٲوِتھ شیٚور ماجہ تمہِ سُند شانٛد ۔ وۄنہِ ییٚترِ گٔیہ سہ اوٚش ووٚلتھ راوِتھ لُدمیلا یہٕ نِشِس تہٕ بیوٚن کُن نیٚمِتھ لٔج تمیٚ سِندِس گٔنٛنِس مٕشتَس اَتھ ڈالنہٕ ۔ لُدمیلا یہِ تیٚج وارٕ دارِ کاٚر ٹھوٚد ۔ پۆرٕ وَژھ تہٕ بیےٚ گاش اَچھ پھیرن تَس کُن ۔ نہٕ مُشکلن وَژھ ٹھوٚد ۔

" اَسہِ اُسہِ جلایہٕ وطنی منٛز سیٚترتی " تمہِ ووٚن کانٛپہٕ وِنہِ وٗٹھو ہَدرٕ آہستہ پٲٹھۍ : " اَسہِ زٕہ گٔیہ یکہٕ وَٹےٚ تور ۔ تہٕ سزاہ کوٚڈ ۔ حالانکہ اُسہِ گٔیہ وِزٕہ سیٚٹھاہ گٕدرِسو تہٕ خراب سپدان ۔ انسان اوس نہٕ ژٕالِتھ ہیکان

وارِیاہ ہو لگو ترأو ہیمتھ۔"

تَس لگو وَدَن ہکو۔ اَمہِ پَتہٕ کرِی تمہِ زورٕ ہکو بَند۔ پننٕ بُتھ اوٚنُن ماچہِ نکھ۔ اَمہِ وِزِ اوس اُمو سِنٛدِس بُتھِس پیٚٹھ اکھ دٕہ کھ ہوت وول ژھایہِ گتھ کران تہٕ سۆ اُس لوٚکٹ باسان۔

"مگر اُمو ترأونہٕ زانہہ تہٕ پننہِ خوش مزأزی" ہکو کھاٲرِتھ دوٚن تمہِ لوٚ ژِہ آوازِ منٛز "ہمیشہ اوس ٹھٹھ مذاکھ کران۔ پننٕ دود اوس کھٹان۔ یُتھ زَن کمزور لُکھ ہیمتھ کرَن۔ پٔرِتھ اَکِس سیٚتہٕ اوس بَڈٕ ماے تہٕ ہمدردی درتاوان۔ تیٚتہٕ سابیرِیاہَس منٛز چھِ وارِیاہن لُکَن بیکأری بوزباد کران۔ لُکھ چھِ پننٕہِ زمین ذلیل جذبَن منٛز ہٕیِتھ گژھان۔ مگر اُمِس اوس پوٚرہ احساس زِ اَتھ خلاف رٲچھ کَنُن چھُ جنٛگُن۔ کاش ژہٕ زانہٕ ہأ کھ یہِ کوتاہ رُت تہٕ جان رفیق اوس! اُمو سٕنٛز ذأتی زندگی اُس حَدٕ روٚس دٕہ کھ لدٕ تہٕ غمگین۔ مگر اَز تام کرٕ نہٕ اُمو زانہہ تہٕ کأنٛسہِ نِش ارِچ شکایتھ۔ بہ اُسِس اُمو سٕنٛز زبردَس دوس۔ اُہندی شفقتن ہیٚچھ ناگوس بہٕ وارِیاہ کینٛہہ۔ یہِ کینٛژھاہ اُمو سِنٛدِس معہ لِہلِس دیہاتس منٛز اوس۔ تہٕ سورُے دِتُن مےٚ تہٕ۔ مگر پانہٕ یوٚت دٕہ کھ لدٕ تہٕ کنٕ زوٚن اُسِتھ تہٕ اوس نہٕ یہِ کأنٛسہِ ہنٛز شفقتھ تہٕ ذأتی فکر یتھ نہٕ بامچھ زانٛہہِ تہٕ منگن یگورس نکھ گژِھتھ ننٕمے یہِ سۆ تَس بُروٚنٛہہ کنہ تہٕ اتھَس دِیتنس مینٛہ ٹھ۔

"کامریڈ! مِیانہٕ سارِ وِے کھ تہٕ ٹاٹھ باچہ۔ شکریہ اِیچھِس

سہ دِلہٕ چانٛی شُکر گزار۔ !" سہ وُتھ لعہ تہٕ ہیٚٹُھ !

" خُدا حافِظ ! بہٕ روزہ ییتھے کیٚنہہ کآم کران۔ ییتھ کیٚنہہ ژٕہ اوٗسکھ کران۔ سآرِی بیہے وآئشہِ تھکھ کدِ ملنۓ تہٕ ہیمتھ تراوِنہٕ وراٗے ! خُدا حافِظ !"

ہکو گژھنہ سپتراواوتس بدنس آلہٕ آلہٕ۔ تیمہ تُرووِ بسترس پیٚٹھ یگورنین کھوٚرَن تَل کلہٕ۔ مأج اُس لوٚت پأٹھی اوٚش ہاران۔ سہ اُس خبر کیاژٕہ پنٕنۍ اوٚش چوٚن یِژھان۔ تٔس اوس دِل کران زٕ سہ وَنِہ یگورس ییسہنتھ کینہہ لولہٕ ہارِہ تہٕ درد بشد کتھہ۔ اوٚش ٹأرِی برِتھ تراٚو تیمہ یگورنِس زرد بتھِس کُن نظر۔ تیمو سٕنزن اچھن کُن وُچھن۔ اُس اُسی ٹأرِی اَڈہٕ وُتھی۔ زَن تہٕ زِنہ لہٕ اوس کرَان۔ تیمو سِندین کرٕ ہٲہنین وُٹھن تراوِن نظر۔ تیمَن پیٚٹھٕ اوس سوٚت سوٚت اُسن۔ پرٕیتھ چیز اوس ژھوٚنہ دُم کرِتھ تہٕ جیرِ آنہٕ زکس خُدس تام گاشہِ دار۔

ایوان دانیلووِچ آو بُرونٛہہ ٹھی می پأٹھی ژھوٚڈی ژھوٚڈی قدم تراوان۔ تہٕ یکایکھ گُو سہ منٛز کمرس رُوزِتھ۔ چندَن منٛز کہ پأٹھو اٲتھ تراٚوِتھ پرٕیتھ تیمو تھزِہ تہٕ بیقرار آوازہ منٛز۔

" یہ کرِ سے سیٚد ؟"

کآتشہٕ دِیت نہٕ جواب۔ ڈاکٹر آو ڈیکھ عاڑکھ ووہ تھراوِتھ یگورس نکھہ۔ تیمو سِندِس اُکھتس دیتُن چیر تہٕ دٕراو اوٚکٕت کُن۔

" اَسہٕ اُس اَمچ ووہ میدِ ہے۔ اُمی سُند دِل پیٚٹھِس حالتس منٛز اوس۔ تیمہ حا بہٕ گوٚژھہ یہ عالِ شہہٕ رِیٚتھ برونٛہ سیٚدُن۔"

اُمہٕ سِتھۍ ٹھوٗز تہٕ کھٔرِ وِنۍ آواز گژھےٚ یہِ یکایک۔ تہٕ اَمہِ ہیوٚت وُلۍ وُلۍ ریشہٕ اَتھ ڈالُن۔ تہٕ بسترَس نکھہ ووٚدِ دِتھ روٗزِتھ لوٗگ یمن زمین کُن وُچھنہِ۔

"بیاکھ اَکھ شخص تہٕ گو"۔ تمہِ ووٚن لوٚہ تہٕ ہیٚٹھ۔

لدمیلا یہِ مٔژِ راۄ دارٕ۔ تم سارِی ورٲچھ یکدمے۔ تہٕ دارِ نکھہ ووٚدِ روٗزِتھ لگی کرنہِ ہرِدِ راژِ ہندِس بُتھِس کُن مُدے گنڈِتھ وُچھنہِ گُلہِ تیٚمبر پوٚ پیٚٹھی آسہ تارکہ پژہن زلان۔ تہٕ نبہٕ چیٚن اُنتہٕ روٗس وُسعتن زیادے سنیر بخشان۔

ماجہِ ہمشیرِ زہ تھۍچھ کرِتھ نمے یہِ لدمیلا ماجہِ ہندِس پھیٚکِس پیٚٹھ۔ ڈاکٹر لوٗگ کلہ بعدن کُن تھۆوِتھ عائچھ ووٚدِ تھر راونہِ۔ نیٚبرٕ کنہِ آیہِ اَتہٕ گٹہِ منزہ شہر چہِ راژِ ہمشیرہ لوسہ مٔژِ آوازٕ یوان۔ ژٔرِ ہیوٚرٕ ہن کرِی تہندِین بُتھین ماہ تہٕ میٹھی۔ لدمیلا یہِ پیٚوو بُتھی لبہِ پیٚٹھ اَکھ اوٚشس قطرِ تہٕ تَس گیہ پانس دِنَن۔ نیٚبرِ براندِ منزِ آیہِ بانبرے مٔژِ پریشان آوازٕ ووٚتلان۔ کٔنس تام اوس وُلۍ وُلۍ یکان۔ کُنہ تانۍ وٚہِی تہٕ واسے گران تہٕ کٔنس تام کیاہ تانۍ کنہ شیچھ ہٕشس باوان۔ مگر تم ترٚیشر وٚسے ووٚدی دارِ نِش ژھعہ یہ دم کرِتھ ووٚدِ دِتھ راژِ ہندِس اَتہٕ گنٹس تھٲلِ تھٲلِ وُچھان۔

ماجہِ باسیوو زہ خبر تہندِ سۍتی ماچھہ کاُنسہِ ہرجہِ گژھان تہٕ اوٚسے معہ کلاوٚ تمہٕ بٔڈِ جیسہ سان بنیہنہ نرٕ۔ تہٕ واژِ برس نکھہ۔ اوٚتھتھ وارِتھتھ

ژاۆ تمہ یگورس کُن نظر تہٕ تہٕ ظیمہ سان نیمے یہ تَس کُن۔

"ژرایہ کھے زہ؟" ہورہ یورہ وُچھنے پرٛژھ ڈاکٹرن۔

"آ"

سرٛاکہ ہیٖنٹھ واژتھ آو اُمس لُدمیلایہ ہندہ لعہ تہٕ لعہ تہٕ اوٚشن

ہارنکھ خیال۔

"اُمس چھُسنہٕ وَدُن تہٕ ترکان۔"

یگورنی مرٛنہٕ برٛونٹھم کتھ یاد کرٛتھ ترٛوو ماجہ ووش۔ سرٛاکہ ہیٖنٹھ

لوٚت لوٚت قدم ترٛلان ہیٖیہ تَس تمہٕ سنٛزہ زندگی سیتۍ مالامال اُچھ

خوش مزاژی تہٕ زندگی مُتعلق کتھ ژھیٚتس۔

"اَکس رٛتس انسانس سندہ خاطرہ چھےٚ زندہ روزُن مُشکل تہٕ مرُن

سہل آسان۔ اَما ییٚ کتھ کٔنہ مرہ؟" تمہ سوٗنچھ۔

سعہ لۍ دِلہ مَنزٕ سوٗنچنہٕ زہ لُدمیلایہ ڈاکٹر چھےٚ تہٕ تتھ سفید تہٕ

حدہ روس کاشہ دار کمرس منز دارہ نکھہ وۄدینہٕ۔ تہٕ یگورنہٕ موۄرِدہ چشمہ چھےٚ تمن

وُچھان۔ یکانکھہ ووتھ لیوٚو تمہٕ سندس دِلس منز انسانی ہمت با پتھ رحمک

اکھ اَنتہٕ روس جذبہٕ۔ تہٕ ووشس ژاۆتھ لۍ سعہ دٔلی ولی پکہ ینہٕ۔ کٔس تام

ازٲنی جذبہٕ اوس تَس برٛونٹھ پکہ ناوان۔

"چَل یِزہ نیرُن!"

کمہٕ تام غمناکہ مگر با ہیمتھ اَندرم طاقتن دِیت تَس حوصلہ۔

# ۱۱

دوٚیمہِ دۄہہٕ پؠٹھہٕ دوٚہس رٲژ مٲج کھین دفنٲوِتھ سٮ۪ٹھ گرٲن۔ دِگرس
اَمِس سوٚ نکولائیَ تہٕ صوفیایہٕ سٮ۪تہٕ پٮ۪ٹھہٕ چاے چِوان۔ زِہ اوٚرہٕ پٮ۪یہ ساشا
اَسان تہٕ گِندان وٲتِتھ۔ تِمس اوس بُچھتھ دوہشلیو مۄتھ۔ تہٕ اَچھَن منٛز اَسِس
خوٚشی ژھایہِ گتہٕ کران۔ باسان اوس زن تہٕ تِمو سِندِس دِلَس منٛز کٕمہِ تام شادٕ
ہشٕنز آش کاڈ کڈنہٕ رٕج ہرٕ اَمِس۔

تِم اَسہِ دِیان یِگورنہٕ زندگی ہشٕنزہٕ کتھہٕ کران۔ مگر ساشایہ
ہُند مۄڈ اوس بِلکُل اَتھہٕ برعکس۔ یِم زِہ جذبہ اَسہِ نہٕ پانہٕ وٲنی کانٛہہ تہٕ ہُشر
تھوان۔ تہٕ اَمہِ کنہٕ گیہِ تِم رَژھاہ ناخوٚشی ہِوی۔ مزازہٕ چھہٕ اَمہِ خاص کیفیژ ہُشر
سٮ۪تہٕ اوس اَچھَن تِھتھے کَنہٕ دُگوش ہیوٚ گرٕژھان۔ پِتہٕ کنہٕ اَنہٕ گنٛٹس ہنگہٕ تہٕ
منگہٕ نارہٕ بڑہہ دوہ تھنہٕ سٮ۪تہٕ گرٕژھان چھُ۔

فِکرہٕ تِہنٛدِس اندازس منٛز ہیچ وایان دوٚن نکولائی ہِسَن۔

" ساشا۔ کیہہ ژہٕ کتھے پٮ۪ٹھ اَز پوٚت وِہرٲن؟"

" پٮ۪ٹھی ہا، ممکن چھہٕ اَسہِ ما " تِمہٕ دوٚن اَمسُن گرٕتھ۔

ماجِہ ترٲو تِمَس کُن ملامتہٕ سان نظر۔ تہٕ صوفیایہ پوٗتس ژھٕتس۔

" اُسِہ ہے اُسہٕ وٕنی وٕنی یِگوٚرِنی کِتھ کران "

" کوتاہ ژِت اِنسان اوٚسس ! " ساشایہ ووٚن۔ " بہ یِیلہٕ تہٕ وُچھن وُچھن پنیٖٹھ اَسن تہٕ زیٚوٚن پنیٖٹھ اوٚسس مذاکھ آسان۔ تہٕ کاٲم کاڑاہ اوس کران۔ سُہ اوس انقلابُک فن کار، انقلابی سوٚنچُک ماہر۔ کِمہٕ سادگی تہٕ قہوتہٕ سان اوس ظُلمہٕ جبرکی، بے انصاٲفی ہنٛدی تہٕ اَپزِکی تصویر اُچھن برونٛہہ کنہٕ ووہ تلاوان ! "

سہ اَس لوٚت لوٚت بوان۔ وُٹھن پنیٖٹھ اوٚسس کیٚنژھا سوٚنچُک تہٕ فِکرِ ہُنٛد ہیوٗ اَسُن۔ مگر اَمہٕ اُسنہٕ سیٚتہٕ گوٚ سُہ حَدِ روٚس شادِ ہُنٛد نارِ اَلاوٕ ژھیٚنوٕتھ یُس زَن پرٛیتھ اَکِ وٕنی وٕنی موٗ حسوٗس اوس کوٚرمُت۔ تہٕ یِمیٚکھ وجہ تہٕ کاٲشہٕ تہٕ اوس فِکرِ توٚرمُت۔

تِم اُسی نہ یژھان زِہ یِنہٕ نَس اُکس رفیقہٕ سِنٛدِ موکُھ دوہ گژھہ ساشایہ ہشیٖرِ اَتھ خوٚشی تہٕ شادِ ٹھٕرِ یُن۔ تہٕ اَوَے اُسی تِم ساشایہ تہٕ تِتھ دوہ کَھس منٛز شریٖکھ بناوِتھ غار شُعوٗری طریقس منٛز دوہ کھ ہٕنٛدُک پنُن حق بچاوِتھ تھوٗن یژھان۔

" تہٕ سُہ روٗد نہٕ دوہ نی اَمیہ منٛز " زاٲنِتھ ماٲنِتھ ساشایہ کُن مُدَسے گنٛڈِتھ تہٕ کَفنَن پنیٖٹھ زور ترٲوِتھ ڈرٛٹھ صوفیا۔

ساشایہ ترٲو تِمَن کُن کیٚنژھاہ پرٛژھنِکہٕ اندازہ نظر۔ یَتہٕ کُھرش اُمِس ڈٲکس دِرِ۔ تِمہٕ ترٕوٕ کلِہ بوہن کُن، ژھوپہ کرٕن تہٕ وارِہ

وارہ لگ مُس شیر نہٕ۔ کینژ ہس کالس رُوز جیرِ اُنن واجنہ ژھعہ پہ۔ تہٕ یکلخت پاٹھی ہیو رکن ووچھتھ تہٕ پتھے ہیو گژھنکس اندازس منز وَون تمہٕ:

" سۄ مُد! اَمیُکھ مطلب کیاہ گوٚو؟ مُود؟ کیاہ مُود؟ یکو رنہٕ بایتھ میون پیز یتھ، یا اکس رفیقہ سندِ خاطرِ میون محبتھ یا تمی سندین خیالن تہٕ عقیدن پتھ میون بوز شور ـــ کُس چیز مُود؟ تمی ییم جذبہ میانس دِلس منز بیدار کری ہیو چھ۔ تم گیا ختم؟ پانس مُتعلق میانی یہ رائے، زِ سۄ اوس اکھ ایمان دار تہٕ بہوٚدُر انسان، ممہ کلے یا زِ؟ بہ زانہ پیتہٕ یوت زِ ہیانہ پایتھ مرن نہ ییم سارِی چیز۔ تہٕ بہ چھس دپان زِ اَسہ چھ وُلی وُلی کائنہٕ ہند دنان زِ سۄ کیاہ مُود۔ تمی سندی ووٚٹھ چھ خاموش، مگر اُمی سندی لفظ روزن تیمن تکن ہندین دِلن منز زندٕ، ییم پانہٕ زندہ چھ! تِہیہ کرٕ ووٚنے مُردِ؟ زِ چھکھ زندن منز زندٕ، چانہ شرف چھ ہمیشہ روزن وٲلی تہٕ چانی پژر تہٕ روزن زندٕ۔"

اُتھو جذباتی اندازس منز بیچھہٕ سعد۔ پتہ اَکہ لٹہِ میچس ٹکوہ ڈُلہ دِتھ۔ تہٕ پننین ستھی باجن کُن گیا کاتام سوچان سوچان ووٚتھی پھولہ راوُتھ تہٕ گچھہ سان ووچھتھ لگُو ونہ زِ:

"میانیو رفیقو۔ بنان چھُ یہ کینژھا یہ دنان چھس نہٕ آسہ سایہ چارٕ گی۔ مگر میہ چھ پژھ زِ ایمان دار لکھ چھ ہر ہمیشہ زندہ روزان۔ میہ چھ پننہ نہ جایہ پہتھ زِ تم ایمان دار لکھ روزن ہر ہمیشہ زندٕ

ہمُو بہ اَزِ چھ زِندگی ہنٛزِ شادٕ رنٛشہٕ باخبر کرِس۔ تمہٕ زِندگی رنٛشہٕ، یمہٕ سیٚہ پننیو بنیو حاۓر ہتھ ناکھ دوہ لابو، فطرتس کیٚہ اَنتہٕ رستہٕ اظہارٕ تہٕ پننہٕ ہِنٛز خیالن ہندٕ وزھ جارٕ کینٛہ میانِس پچھرِس وُنشہ ناوان چھہ۔ یِم ساری چیز چھ میٚہ پننہٕ بہٕ زُورٕ کھوتہٕ تاگتھ۔ شاید چھ اَسہ پننیو جذباتن تہٕ احساس پزٕ کھوتہٕ زیادٕ کٲٹان۔ اَسہ چھ پننین خیالہ نیٚ منٛز بوٚدٕ ہتھ روزان تہٕ اَمہ کینٛہ چھ سانہ شخصیتُک بڈُن تہٕ پوٚشُن روٗٹھ گژھنُک خطرٕ۔ اَسہ چھینہٕ چیز موحسوس کران۔ بلکہ تِمن سام ہیٚنس کُن لگان!"

"کیٚہ زٕ یہٕ ما چھکھ کانٛہہ خوش خبرا بوزٕنۍ؟" وُنھ گمہٕ ناوِتھ پرٛیژھس صوفیایہ۔

"آ" ساشا یہٕ وَون "میانِ کینٛہ ستیٚہٹھ ہیٚرِ رژ خبر۔ بہٕ اَسیمس اَز راتِس وِسوف شیکوفس سیٚتہٕ کتھ کران۔ گوڈٕ اوس سُہ میٚہ خوشش کران۔ بڈٕ ارچایگی تہٕ جاہِل اوس باسان۔ تہٕ اوس بہٕ تیتھے پٔریٹھ کانٛہہ ہشد اوسُس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ آسان تہٕ پٔریٹھ چیزس منٛز دخل دِوان۔ تہٕ کوہ پاٹھو اوس میٚہ میٚہ تہٕ بہٕ بہٕ کران۔

"تِمن دوہن اوس یِہوٗے عجیب اوٚپ ہیوٗ انسانہ۔" تمہٕ ترٲو اُکُن کرِتھ تِمن کُن بیٚیہِ اَکِہ لٹہِ شولہ وٕنی نظر۔

"مگر دوہ نی چھُ وَنان: ستہٕ تو ہاجو۔ بوزن گژھ کامریڈ کمہٕ آیہٕ چھُ وَنان۔ مندُچھ مندُچھ اَکھ لولہ انداز۔ یُس نہٕ لفظن منٛز بادنہٕ ییہ۔ سُو چھُ تمہ الِہ منظرٕ کِس سیتودتہٕ خوٚلوٗصہ بوٗزتھ بنیومتُھ۔ تہٕ کام

کرنکھ چھُس زبردس جذبہ۔ باسان تُس زَن چھُ پنُن پان وۄنۍ اَتھہ ہیوٚ
آمُت۔ تَس چھہ پَنہٕ پنہٕ جایہِ یِہ تہٕ خراجی یہ وارہ پاٹھی فکرہ تران۔ سارہ
وۄپے کھہ تہٕ بڈ کنھ چھَ یِہ زِ تَس منز چھُ رفافتکھ پۄز جذبہ بیدار
گومُت۔"

ساشایہ ہنٛزہ کتھ بوٗزِتھ سپٕز ماج اَمہٕ کِنۍ تہٕ خوش زِ پژھ
ہشس چھُہ کوٗر چھہ بیٚتھہ نرم تہٕ اَسہٕ ویٚنۍ بہنے ہرش۔ مگر اَمہٕ پتہٕ تہٕ اوس
تہندِس دِلس کتہ تام منزہ منزہ ورزہ ورزہ یِہ رشکہ بوٗزِتھ خیال کلِہ کڈان۔

"تہٕ پادیلس متعلق کو نہٕ سَنا چھہ کینہہ وَنان۔"

"سۄ چھُ صرف پنہٕ نِن سیتی باجن ہُند سونچان۔" ساشایہ لَتھو
کتھ چلہِ وَنۍ۔ "تہٕ بہ چھا خبر زہ میٚہ کیاہ اوس پننہٕ کِنہٕ بیہہ ناوُن پژھان
دِپان اوس بابئ سیتہٕ باجہ تزلہِ راونکھ نشہ گژھہ ضوٗرۍ در کرٕ تریٚن۔ توہند
وَنُن چھُ زہ یہ کام چھہ سیٹھاہ سٔہل!"

کاڈر کھوٗد تُلتھ تہٕ بڑہ شوقہ سان پرٛیژھ صوفیایہ۔

"ساشا۔ کتھ چھہ سیٹھاہ موقول۔ چون کیاہ خیال چھُہ؟"

ماجہ ہندس اَتھس منز ہیوتُن چایہ پیالہ نٹن۔ ڈیکس گینہ کھارہ
ہیوت ساشایہ پنُن جوش تہٕ جذبہ دباوُن۔ کینہہ بزرگ گژھتھ وژھ سعہ
اَسہٕ وۄنہٕ چپانڈ مگر سنجیدہ پاٹھی:

"یہ سۄ وَنان چھُ۔ ہرگاہ تہٕ پۄز چھُ تیلہٕ پزہ اَسہ کوشش کرنۍ
کوشش کرنۍ چھہ بلکہ سون فرض۔"

یکایکھ گیہِ تَس مَندچھ ہِش۔ پان بوٗرُن کُرسی مَنز تہٕ کَرِن
ژھعہ پتہٕ۔

"بیانٛی ٹاٹھو!"

ماجہ ووٚن وُٹھ کَمہٕ ناوِتھ پانَس سیٖتی۔ صوفیاہتہٕ لَجؠ اَسہٕ نہٕ۔ تہٕ
نکولائیَ تہٕ بیوٚٹھ تَس کُن وُچھتھ رَسے وُٹھو مَنزی اَسہٕ نہٕ۔ کاڑھتوٗ تُلِتھ
دِژ ساشایہ نظر۔ سعہ اَس زردیمُت۔ اَچھ آسَس زوتان۔ تہٕ رعہ رکانہٕ
تَلہٕ اُس خفہٕ ہِش باسان۔

"میٚیہ توٗر فِکرِ تہۍ کیاہ زِ چھوِ اَسان۔" سعہ وَٹھ "تُہندی کنہ
آسہٕ اَتھ کامہِ مَنز میٚیہ کانٛہہ پَنُن غرض تہٕ۔"

"کہے ساشا؟" صوفیا وَٹھ بڈہ چالاکی سان۔ تہٕ گیہِ تَس نزدیکھ
ماجہ توٗر فِکرِ زِ ساشایہ گو یہ ناگوار۔ تہٕ صوفیایہ پزہ ہے نہٕ یہ وَنُن۔

تَمہٕ دِژ صوفیایہ کُن یہاٹے اُڈ زاُڈ کرنکِس اندازس مَنز نظر۔ تہٕ
ووٚہشا تر دوٗن۔

"ہرگاہ تہۍ اَمی نظرِ وُچھان چھوِ۔ تیٚلہٕ ہیٚکہٕ نہٕ بہٕ کانٛہہ فاصلہ کرنَس
مَنز تعہ یہِ اَتھ روٗٹ کَرِتھ۔"

"ساشا۔ ژھنوٹ راوی وندٕ ذِکنھ!" نکولائیَ دوٚپ نرمی سان
ماج گیہِ تَس نکھہ۔ تہٕ مَتَس لَجِس اَتھ ڈالنہٕ۔ ساشایہ رفٹ
تَمہٕ سَند اَتھ۔ تہٕ ماجہِ کُن تیٚجَن اَچھ۔ اَمُن کَرِتھ ترٛوو ماجہ ژُرٕن ووٚہش۔ نکیا زِ
تَس اوس نہٕ وننہٕ نہٕ باپتھ وُنہِ سمائی کینٛہہ۔ ساشایہ نکھہ کُرسی پیٚٹھ ہَتھے

آیہِ صوفیایہِ تَس پَتہٕ پَتہٕ نیرِ۔

“ژٕ ہے چھکھ وُنہٕ اَکھ مُصیبَت اَچھ دارہ ہیٚتِن” تمہٕ سٔنزَن اَچھَن کُن وُچھِتھ تہٕ عجیب پاٹھۍ اَسِتھ وَنٕن صوفیایہِ۔

“ممکن چھُ یہ ما آسہِ میٲنۍ خاطرٕ آرٕی۔”

“ژیہ رٔٹھتے کٔنٛزٕ سوٗنچِتھ پٔژھ کٔرِتھ؟” صوفیایہِ ہِنٛدِس پرٛژھنہِ بگر نِکولائی وۄتھِتھ منٛزٕ ے تہٕ بِلکُل کارِہ بٲری اندازہ وَنُن:

“ہرگاہ تہٕ ممکن چھہ، نٔنیٚلہِ پَرٕ آسہِ پُرزیہِ پاٹھۍ تِہنٛدہ ژٲلنکھ فوٗری انتظام کٔرُن۔ مگر گوڈٕ پَرِہ یہِ زانُن زِ جیلہ باجہ تہٕ چھا اَمہِ کِس حَقَس منٛز کینہہ تہٕ؟”

ساشایہِ تروٗد کلہٕ بوٚن کُن۔

صوفیایہِ زوٗل سَگ بیٹھ۔ تہٕ باپس کُن وُچھِتھ دِژن گٔنڈ رٔکھ ڈٲبی اَکِس طرفس کُن بَرِتھ۔

“کیا زٕ آسَن تہٕ حَقَس منٛز؟” ووٚدُش تراوِتھ دوٚن ماجہِ۔ “ووٚنۍ گوٚ میٚنہِ چھِنہٕ پٔژھاہ بیہوان کینہہ تہٕ۔ زٕ یہٕ ہیٚکہٕ تہٕ سٔپدِتھ۔”

ماجِ اُمی تِہنٛزِ زیٚوِہ بوزُن پٔژھان زِ یہٕ ہیٚکہٕ سٔپدِتھ۔ مگر تِم رٕدی ژھوِہ پہ کٔرِتھ۔

“وسوف شیکوفس سمکھُن چھُ ضروٗری۔” صوفیایہ وَن۔

“بہٕ ہیٚکہٕ پگاہ وۄنِتھ زٕ ژٕ کَر تہٕ کتہٕ ہیٚکَکھ تَس سمکھِتھ۔” ساشا وُتھ درجواب۔

" سۆ کیاہ چھ وۄنۍ کَرُن یَژھان ؟" کٔرِس چکراہ دِتھ پرٛژھ صوفیایہ۔

" سۆ یییہ فۆس چھاپہ خانس منٛز ٹائپ جماوُنہٕ چہ کامہ لاگنہٕ ییتس کالس روزِہ سۆ جنگلات کِس گارڈس نِشی۔"

ساشایہ آسہ ڈیکس گینہٕ کھرٛژہ مرٛژہ۔ تہٕ تمۍ سُند بُتھ اوس تیتھے کٔنۍ چھُہر گومُت۔ سۄ اٰس بٔڑہ خوشکہ اندازس منٛز بولان۔

" ژٕ گژھکھ کأنٛلی کینتھ پاوٕلیس سمکھنہٕ۔ تس وِزہ چھیٹھ ضنوژو" ماجہ نِشس گژھتھ وۄن نکولائی یَن۔ سۄ اٰس آمہ وِزہ پیالیٔ چھوکھ کڈان: "ژیٚ تۆر سیے فِکرہ۔ اَسہ چھ یہ وُچھُن ژہ آیا۔"

" میٚہ ہا تۆر فِکرہ۔ پۆرہ پأٹھۍ تۆرُم فِکرہ۔" ماجہ دِتُت تمِس دٔلی دٔلی یقین: "کُنہ نتہٕ کُنہ پأٹھۍ وانہٕ ناوِہ بہٕ تس نام چیٹھۍ۔"

" اَچھا بہ نیرٕ وۄنۍ۔"

ساشایہ وۄن تہٕ ژھۄہ بہ کرِتھ تہٕ دٔلی دٔلی اَتھ واسا کرِتھ درایہ سۄ سیوُد تہٕ سکھ پأٹھۍ۔ تمۍ سِندِس پکہٕ فس منٛز اوس پۆرہ یِرادِہ باسان۔

تمۍ سِندہِ نیرنہٕ پتہٕ آلہِ صوفیایہ ماجہ ترٛژہ۔ تہٕ تس لۄج کٔرسی پیٹھ گوٗرِہ گوٗرِہ زُن کرنہٕ۔

" نکولائی نا۔ یِژھ کورہ سیتی ہیکہ کھے ڈِہ لول ورنا دِتھ ؟" وۄتھ کٔملاٗ دِتھ پرٛژھ تمہ۔

"واہے۔ زانہہ دُچھ ہٲکھ یکہٕ وَٹہٕ!" ماجہ ووٚن۔ زَن تہٕ اوٚشش اوشُس تیار پھٹہٕنس۔

"آ۔ اکہٕ رٔژھ شادہ سیٚتؠ چھُنہٕ کانٛہہ نوقصان واتان۔" نکولائی ووٚنُھ لوہ تہٕ ہَمٛٹہٕ "مگر امہٕ سیٚتؠ چھَنہٕ ژھوٚٹہٕ ژٔ لان۔ نہٕ ادہٕ ییٚلہٕ شادی زیادہٕ سپدہٕ۔ اَمِچ قدر تہٕ چھِ کم سپدان۔"

صوفیا لیٚجؠ پپانوٚہس پیٚٹھ اکھ غمناکھ لےٚ وایہٕ نہٕ۔

# ١٢

دۆیِمہ دۄہہ صُبحَن اُسۍ پیٚمۍ نفر ترٛےٚ ژٕتہٕ جِھیٚ مرٕ رٲچھی
ہسپتالہٕ چہ ڈیلہِ نِشہِ یِنہٕ نِس باجہ ہٮ۪شرہِ لاشہِ پژاران ۔ ہیمَن منٛز اُسۍ
خُفیہ پولیٖسکۍ کیٚنہہ نفر تہٕ ژامتۍ ۔ خُفیکۍ نفر اُسۍ لُکَن ہنٛز کتھہٕ باتھہٕ بڑہ
غورٕ سان بوزان ۔ تہٕ تھنٛدی بُتھۍ ، طور طریقہ تہٕ کتھہٕ ژیٚتَس تھوٚونٕچ کوشش
کران ۔ سڑکہٕ دۆشوَے طرفہ اُس پولیٖسہٕ والین ہنٛز اکھ جھیٚمہ کھڑا پستول لاگی
لاگی ووودنہٕ ۔ خُفیہ پولیٖسہٕ والین ہنٛزٕ حرکتو تہٕ پولیٖسہٕ والین ہنٛدہٕ ہزل دار آسنہٕ
سیٖتۍ ہیوٚتُن لُکَن منٛز غم و غُصہ پادٕ گژھُن ۔ پولیٖسہٕ والۍ اُسۍ پنٛنِ طاقتہٕ ہاونُس
پیٚٹھ ہزل گنٛڈتھ ڈرامتۍ ۔ کیٚنہہ لُکھ اُسۍ پنٛنیٚن ژکھ ژاپنہٕ باپتھ شُکھٕٹھ
مسخری کران ۔ کیٚنہہ اُسۍ بوان گن تہٕ وُچھان ۔ پُتھ زَن تہٕ تِم ہیٚمہ ڈجاڈ
یکرٕ ڈچھِتھ ہیکَن ۔ تہٕ یِم تہٕ پنٛنیٚن جذبہٕ کٹُھتھ اُسۍ ہیکان ۔ تِم اُسۍ
عوہدٕ دارَن توٚزٕ بُزان ، تِمَن عوہدٕ دارَن یِم عوامَس کھوژان اُسۍ ۔ تہٕ
اتھ عوامس تہٕ ؟ ہیمَن نِشہِ تہٕ کتھو ورأی کانٛہہ ہتھیار ہیٚترٕ اوس
ہَرِدہٕ کالکہ بلکہ ہیوٗل نَب اوس کنہِ سڑکہ ہیٚرہِ کنہِ پریٖزلان ۔ سڑکہٕ پیٚٹھ اُسۍ

لیڈرن ہنٛز وٕچھرٕن ڈیر گٲمِتۍ۔ ہواہ دِکھ اٲسۍ یِمَن وٕچھرٕن بتھوٚد ٹُلۍ ٹُلۍ لگن
ہندین کھسہٕ رَن تَل داندٕ ناوان۔

مٲج اٲس اَکھ لوکٕٹس ہیٚو جِگرَس مَنز وسہٕ دِنہٕ رٔوزِتھ یِمَن زاگی
کارصوٗرتَن کُن وُچھان تہٕ مویٚاس گژھِتھ سوٗنچان۔

"رِنہٕ ہا چھوہ تھیٚو کمَ۔ واریاہ کمَ۔ تہٕ موٚزوٗر زَن نہٕ چھیی کُنہٕ۔"
پھاٹکَ آیہٕ مُژٕراوِنہٕ۔ تہٕ تو بڈک ہیٚوریٚم جھِسہٕ ہیٚتھ دَرایہٕ اَکھ
نیٚبر۔ تو بڈ کِس ٹھانڈس ہیٚبھٹہٕ آسیہ دوہٕ زٕلیو فیٚتو سیٚٹھے پوشہٕ مالہٕ گنڈِتھ مژٕ
گاوَ واجِہ وٕلی وٕلی لٔریہٕ نیران۔ باسیوو زَن تہٕ کرہٕ ہیٚنیٚن جاناوارَن ہٕنز اَکھ بڈ
کھیٚچ وُچھ ہیٚتھ وَژھ۔ پھاٹکس اَکھ بتھوٚد افسراہ سیٚدیو گُکَن مَنز۔
اُمس آسہٕ گنہٕ کرٕ ہیٚنہٕ گوشِہ تہٕ دوہٕ زٕل بُتھ۔ اُمس پتہٕ دَرایہٕ سپاہ گُکَن
مَنز۔ تہٕ بَڈی گوہ پاٹھو نٕگہٕ گُکَن دِکِہ نہٕ دُرسو دِی دِی اورہٕ یور گنڈنہٕ تہٕ پٔنٕنہٕ
بُڈی بُڈی بوٗلٹ ہیٚتہٕ ہیٚتہٕ زمینَس ٹھاسہٕ را ے تُلنہٕ۔

"دوہٕ زٕلہٕ فیٚتہٕ مُژٕراوِ!" بیگرہ ہیٹہٕ دِژ افسرَن کرٕ کٔتھ۔
زنانہٕ کھو مرد آیہٕ تَس نِکھ۔ تہٕ زورٕ زورٕ ہیچِکھ نٕرہٕ گِکہٕ ناوٕنہٕ
تہٕ اَکھ اکِس دِکِہ دِی دِی لٔگی کتھہٕ کرٕنہٕ۔ ماجِہ رہٕشرَن اُچھَن تَل دوو تلے یہ
لیڈرہ یِمہٕ جوشہٕ ہٕتہٕ بُتھو۔ یِمَن زَن وُبِھٹان اٲسی۔ اَکھ زنانہٕ لَج شرارتہٕ
سببہٕ وَدہٕ نہٕ۔

"زور زبردستی مُردہ باد!"

کٕمس تام نوجوانہٕ سپُنز آواز آیہٕ۔ مگر جلدے گیہٕ یہٕ آواز

ٹکن ہیٚنزِ بخشا بخشی منز گمٕ۔

ماجہ تہٕ آیہ دِلس ژٕنڈ ہیش۔ تہٕ پانس نکھے ووٚہ دنہٕ اکس ہۄنزلولی پلوٚ لاگمت نوجوانس کُن وُچھیت ووٚن تمِس۔

"پنٕنہِ تہٕ مرضی مطابق چھُنہٕ جنازِ کڈنس تہٕ اجازتھ۔" سۄہ وُژھ ژٕ کھسان "یہ چھہ بڈٕ شرمہِ منز کتھ!"

عداوتک جذبہٕ ہیوتن ووٚزلُن۔ تو بڈک لٹھانڈِ اوس ٹکن ہندیو کلوٚ پیٹھ ہورِ یور لاینہ ہیٚکہ یوان۔ ووٚزلی فیتہ اُسہ ہواہس پیٹھ وُڈلی وُڈلی گژھمتہ ٹکن ہندین بُچھین تہٕ کلن چھاونہٕ یوان۔ تہٕ ہمو پاٹھو فیتو پیٹھ اُس فضاہس منز اکھ بیقرار تہٕ خوفناک سۄہ راے ہاش گژھان۔

ماجہ باسیوٚ خطرِ زہٕ ووٚہ ٹھنہٕ گژھنہٕ۔ تہٕ سۄہ لگ ہورِ یورِ نظراہ دِتھ وُٹھو منزی وَننہٕ۔

"اگر یمی چھکھ دُبرمت تیلہ پزِ ژھیاکھ پانے خوداہ۔ فیتہ چھہ نمنہٕ پزٕ ھان۔ دمی دُکھ نہٕ۔ اتھ منز کیاہ ہر جہ چھُ؟"

شورِ منز ووٚہ تلی یہ کمِس تام سِنٛز ٹھنڈ آواز۔

"اُسہ چھہ پننُن یہ حق منگان زہٕ اُسہ واتنہٕ ناوون پننِس سیٹھو بوج اُخری آرامگاہس تام! سۄ بوجھ یُس تہٕ پہ راہ دمی دمی مورہ کُرن۔"

کمہِ تام ہیوتن تقدِ تھدِ گیوٗن۔

"زِ گو کھ شہید۔ اکھ مہ لِل قہ ربانی دِتھ۔"

"فیٖتہٕ مُرٕ راڈِو ! یا کوف لیف ! ژٕھن یِم فیٖتہٕ ژٕ رٹمَتہٕ۔"

تموارِ نیٚبرٕ نیچ آواز آیہِ ۔ اَمہِ خوفہٕ زِ وۄنی گژھہ نہٕ مارامٲری گَژھنۍ، وِچھ ماجہ آچھ ۔ مگر کٔنہہ رۆدہٕ صرف یہ چھہ ہیچھن رامہٕ ہوٚمین ہندٕ گر پانٛژھو گژہران تہٕ چیکہ دِواٚنی اوٚت۔ تہٕ کلہ نوٚمرٲوِتھ لگۍ خاموشی سان پکہ نہٕ۔ فیٖتنہٕ ہَس منٛز اوس تہٕہندہ یکہ بکھ صداہ نوٗن ڈرامتھ۔

بٔرٕژہ یَرٕبُن کٲمرٕژہ پوشہٕ مالہِ تہٕ ژٕھینٛنی میتہٕ فیٖتہٕ ہیٚمتھ لوٗگ نوبٕدُک ہٹانٛڈ لگو ہِندیو کلوٚ پینٛٹھو لہرِ مارنہٕ۔ تہٕ تِمن نکھے اوس رسالہٕ۔

ماجہ اُمس سڑکہِ لبنہ لبنہ پکان بَتس اوس نہٕ نوبدہٕ نظرِ گژھان تِکیازِ وۄنی اُمس سڑکہٕ لگن ہیٚتژ برٕ بارِ سبب بٔرِتھ۔ جلوٗسس پتہٕ پتہٕ تہٕ اوس رسالہٕ ۔ اَمہٕ وراٹے اُسی جلوٗسس دۄیو طرفو پلسہ والی تروارہٕ دُنٛ پینٛٹھ اَتھہٕ تھٲوِتھ پکان۔ ماجہ گیہِ ژٕ طرفانہ خفیہ پلسہٕ والین ہٕنزٕ تیز نظرٕ درینٛٹھو۔ یِم اُسہٕ بڑٕ ہُشٲری سان لگن ہندین منٛژھین سالم ہیوان۔

" رفیقا ! خُدا حافِظ ! خُدا حافِظ !"

دِلس منٛز تھٔوِتھ گژھن واجہنین آوازن منٛز ہیوٚت لگو گیوٗن۔

" کیوٚنکھ چھینہٕ کانٛہہ ضرور رتھ !" مگر تام ڈٕژ کرنہ یکھ " دوستو ! ژٕھوٚ یہ کرِتھ یٔکو !"

اَتھہ آوازہٕ منٛز اُس کینژھاہ سختی تہٕ کینژھاہ حکم ڈِنگ اندازٕ دردٕ ہیوٚت بأتھہ گوٚ بند۔ سڑکہِ پینٛٹھ اُس وۄنی صرف یکہ نیچ آوازٕ یٲژ

پوان ۔ یہِ آواز وُژتھ ٹھکِنۍ ہیٚندۍ یوٚ کلہٕ پیٚیٹھ ژھنوٚد تہٕ تنٚسٕنٕس تہٕ صاف نَبس کُن کوٚرُن پرواز ۔ دوٚرِ پیٚیٹھ ہیٚنہٕ والہِ طُفانکو پاٹھۍ ژوٚنُن ہوٚہ ہأسس آلہٕ آلہٕ ٹھنڈہ ہواہ اوس وارٕے تیزان تہٕ شہر ہنٛہ سرٕ کہہٕ ہیٚنہٕ لٔژھ تہٕ ژھوٹھ ٹھکن کُن دأرۍ دأرۍ دِوان ۔ یہِ اوس تہٕندِس مستس تہٕ بلوٚن پیٚیٹھ پنجہ ترٛاوان تِمن اُچھن لٔژھ ترٛاوان ۔ سپنٕن سیٚٹھاہ ہٕ ہ پوان تہٕ تہندِ ین قدمن اُندۍ اُندۍ گٔیہٕ رگیوٚر ژھلان ۔

ماتمہٕ کِس اَتھ خاموش جۆلوٚکٕس منٛز اوس نہٕ کانٛہہ پادرۍ تہٕ سیٚٹھہ تہٕ نہ اوس کانٛہہ مرٛژی کران ۔ صرف اَسہِ فکرہ ہیٚتی ہیٚنہٕ تہٕ دٔرہ لدۍ لدۍ ڈیکہ ۔ اَمہِ سیٚٹھہ ہیٚشِنہ ماج ہنادِسہ پرٛٔنۍ ۔ دارہ وارہ ہیوٚت خیالاتہٕ تمہِ سِندس ذہنس گتہ گیوٚر تُلُن ۔ تہٕ یمن وٕزل تمہٕ دوہن کتھن ہنٛد دردہ ہوٚت پوشاکہ !

" پیٚرس گہِ ڈبن دالیو ! ژہِ چھوہ وِنہٕ کم ؟ "

کانٛہہ نوم اُوِتھ گیہ سعہ پکان ۔ تہٕ تٔس باسیو زن تہٕ ہم لگھ اُتھ تہٕ یگورہ سیٚتھ لاش ، بلکہ بیٚیہ گنہ ہیٚرس وُڈہ راونہ گژھان ۔ سو اَکھ چیز یُس تٔس پانس ٹوٹھ تہٕ اوس ، تٔس سیٚتھ تہٕ اوس تہٕ تمہِ سینٛزہ ہستی ہا باپتھ ضروٗری تہٕ اوس ۔ تٔس باسیو یمہٕ پان دعہ کہہ لَد تہٕ پرہ ژھیوٚن یگورس وُڈہ راون والین یمن کتھن نیش ژھ گوٚ تمہِ سِندس دِلس منٛز اَکھ عجیب تہٕ خوف ژاپنٕ وول دعہ یہ اُزہۍ ہنٛد جذبہ پأدہ ۔

" یہِ چھُ پوٚز زِ یگورس اُسس نہ خود ایس پیٚیٹھ پَزھ ۔ تمہ سو کنٛچھ "

"تہٕ یِمَن ہِتہٕ چھِنہٕ تَس پیٖٹھ بَرٛٹھ۔"

تٕمہِ یوٗتھ ہٕ اَتھ کھۅتہٕ زیادٕ داشِس کٔرٕن۔ تہٕ دوٚشواہ نزاوتھ لٔج سعہ پیٚنزٕ رۅٗد پیٹھ کیٚ بور تھۅد تُلنہٕ۔

"میانہٕ خۅدایا! مسیحا! کیاہ ہٕ تیار؟ بل گٔل پتھۍ پائٹھ؟"

جۆلوٗسہٕ دوٚت قبرستانس منٛز۔ تہٕ داریاہس کالس رۅٗد قبرو منٛزٕ منٛز بٔہِتھ پکان۔ آخر دوٚت جۆلوٗسہٕ اَکِس کھُلہٕ جایہِ۔ لوٚکچہ لوٚکچہ سفید رنگہٕ صلیبہٕ آسہٕ ہرٚ پیٹھہٕ طرفہٕ لگتھ۔ لکھ رۅٗدی ژھۅپہ دَم کٔرِتھ قبرٕ اَندی اَندی ودٕنۍ۔ قبرَن منٛز باگ زندہ انسانن ہِشہٕ یہ سکھ خاموشی ٹان تہٕ جر کمہ خوفناکھ چیزہ کہ ہِنک بے پَتاہ وان اُس۔ اَمہ کنہٕ وُزہ ماجہ تھرہ تہٕ دِل گوس بہہتھ ہیوٚ۔ ہوا اوس صلیبو منٛزی شرٛکہ نہٕ دایان، شورکران تہٕ تولدہ کٔس ماندٕ متۍن پوشَن گُڈہ ناوِتھ پکان۔

پلسہٕ والی رۅٗدی سیٖود کھڑاہ۔ تمہ اُسہ افسرس کُن وُچھان لبہٕ دُر بیٹھہ کٔرِتھ اکھ تھۅد نوجوان دوٚتھ قبرٕ ہندہ ہیٚر یمہ اندہ تھۅد تس آسہٕ کریبہنہ تمہ تہٕ زیٹھ مس۔ اَمہ وقتہٕ وعہ تلے یہ افسرہ سِنٛز بیگہٕ آواز:

"حضراتھ۔"

"سینٛز باجو!" کریبہنہ تمہ کٔرِتھ نوجوانن ہیوٚت تھرِ تہٕ صاف آوازہ منٛز وَنُن۔

"ٹھہر کر!" افسرن وِژ کٔریکھ "خبردار چھُے۔ یمہٕ یہ تقریر

کرکھ۔ اَمیُکھ چھُے نہٕ اجازَتھ !"

"میٚہ چھ صرف اَکھ زٕہ کتھ وَنٕنہٕ" نوجوان ووٚتھ بڑٕہ سٚۄکوٗنہٕ

سان۔ "سٚیٹھا باجۍ ! دٲلِو اَسہِ کرٕو پننِس دوس تہٕ ووستادٕس سٕنٛزِ

قبرِ پیٚٹھ وادٕہ۔ زٕہ اَسہِ مُشراوو نہٕ زانٛہہ تہٕ تٔمۍ سٕنٛزٕ تألیم۔ تہٕ اَسہ مَنٛز

کرٕہ پرٛیتھ اَکھاہ پننہِ ساریے زندگی تتھ طاقتس موٗلن دٕرٕو تھَو دِنس مَنٛز

وقیف یُس طاقتھ سانہٕ ماجہ بُتراَژ ہِنٛزَن سارِنٕے نباٲی ہین تہٕ بوٚربادی

ہُنٛد ذمہ وار چھُ۔ سُہ منحوس تہٕ ظلمگار طاقتھ یتھ مُطلقُل عنان

حوٗکومتھ وَنان چھ !"

"گرفتار کرِو وُنی یہٕ !" افسَرن دِژ کرٛیکھ۔ مگر اَمہِ سٕنٛز آواز

گٔیہٕ اَکِس زَبردَس شورَس مَنٛز گاٲب۔

"مُطلقُل عنان حوٗکومتھ مُردہ باد !"

جُلسہٕ وٲلۍ دٕرایہٕ لُکو مَنٛزٕ تقریر کَرَن وٲلِس کُن۔ اَمِس اَسہِ

پننہِ سٕیتہِ باجُرا چھ کرنہٕ اندازٕہ اَندہِ اَندہِ جماہ گٲمتۍ۔

"آزادی زندہ باد" زٕہ ژٔکہِ نأوِتھ دِژ نوجوانَن کرٛیکھ۔

ماجہ کٔڈ کمٕو نام دٕکہِ دِتھ اَکِس طرفَس کُن۔ کھوٗژِتھ کرِ تمہٕ اَکِس

صلیبہٕ تھَپھ۔ تہٕ شکلہِ کھینہٕ کِہ خوف سیٚتہِ ویچن اَچھ۔ بیٚون بیٚون آوازن

ہِنٛدِ شورٕہ سیٚتہِ اَسہِ تَس کنَن ہِنٛدی پردٕہ ژھیٚنان ہیوٚی۔ تَس ژٕج

کھوٚرٕ تلہٕ میٚتٕرٕ زَن نیرِتھ۔ تیز ہواَہ تہٕ بیمہ سٕیتہِ گو تَس دَم ہیوٚ۔ جُلسہٕ

وٲلین ہِنٛزِ سٕیتہِ یہٕ لُجہ خوفناکھ ایلانہٕ کرٕنہٕ۔ گو ہین آوازَن مَنٛز ہِنٛتہٕ ژکھ

چلاوِنہٕ ییٚنہٕ ۔ زمانہٕ مۄہ ہنٛدِ یو لوگ کرٕنۍ ناد جنٛگلچ لکہِ ہیٚرٕن پھٕٹہٕ پھٕٹہٕ ییٚنہٕ ۔ تہٕ خوشکہِ زمیٖنہٕ پیٚٹھ وۄتھلے یہ بڈین بڈین بوٗٹن ہنٛز آواز ۔ یہ وۄہرٕ رٲتھ رۄژ وار یا ہمس کالس ۔ تہٕ سۄہ کھوٚژ اَتہٕ نس اُچھہِ وۄتھتہٕ وۄہ دِنہٕ روز نِش تہٕ ۔

تمہِ تلِ کلہِ تھوٗد تہٕ بُرونٛہہ کُن ترٲوِن نظر ۔ کرٕنۍ لٲیتہٕ دوٗر تہٕ ییٚر سۄہ بُرونٛہہ کُن ۔ ہناہ دوٗر یَہن قبرن نکھے اَکس وَنہٕ بَرس پیٚٹھ اوس ٹیلہ والیو زبوٗٹھ مس کرٕ نیتہٕ سۄ نوجوان رۄٹمُت ۔ تہٕ تمن لُکن اُسو چوب دِی دِی یَتھ کٕڈ نیچ کوٗشش کران ۔ یم زَن تس نوجوانس بچاونہ باپتھ ژُ پاسے ژُ نیتھ اُسو آمِتو ۔ سرد، سفید تہٕ پژِ ژلوِنہٕ نزدارٕ آسہِ باصنے ییمن لُکن ہندین کلن پیٚٹھ نژان ۔ تہٕ گراہ ییمن اندر وُسان تہٕ باتھ تہٕ جنٛگلہ بچہِ آسہِ ہٕنٛزِ یارن ہنٛدِ کرٕ باٹھو وایہ تہٕ لوان ۔ باسان اوس زَن تہٕ یہ لیوٗدر بُتھ کرٕتھ نوجوان ییمن پیٚٹھ پننہ شخصیتک جود کرٕتھ ییمن کرنیچہ ناد تہٕ اَکھ جلوٗنی رقص کرٕ ناوان اوس ۔ مژرٕ کس تہٕ جلونہٕ کس اُتھی ہنگامس منٛز وۄتھلے یہ اُمس نوجوانہ سنٛز زوردار آواز ۔

" باجو ! پنٛن زور کیازہ چھوٕ یتھ کنہِ ضایہ کران ؟ "

لُکن نہٕ کیتھ فکرٕ ۔ یِچھ کھنٛچ ترٲوِتھ لُکو تم اَکہِ اَکہِ ژلِنہٕ ییٚگر ٲج گیہٕ خبر کیتھ طاقتس تل برونٛہہ بُرونٛہہ پکان ۔ تمہِ ڈیوٗٹھ نکولایَن ژاپِہ یتھ کُن تھوٚتہٕ بَلہِ گامتین لُکن دکہٕ دی دی یَتھ کڈان ۔

" نوہ ہیہ کہو توٚہہ چھا کاژھہ مرٕ ؟ " سۄ اوس لان تان کرٕنۍ اندازٕ وَنان ۔ " ذرا ہیو وۄ صبرس کام ! "

تَسَس باسیود نِکولائی سُنٛد اَکھ اَتھ وۄنہٕ زلیوٗ مُتھ چھیوٚ۔

"نِکولائی ایوانووِچ! ییٚتہٕ نیرِو!" تَسَس کُن دٔرِتھ گژھِتھ دوٚپ تِمو۔

"ژٕہ کوٚتہٕ چھُکھ گژھان۔ یِم ہیٚیہِ مارِتھ نِیِہٕ ژٕ بیٚیہِ تہٕ!"

کموٚ نام ہتھ و تِمس چھِنیکس پیٚٹھ اَتھ۔ یہ اُسس صوفیا۔ تسَس اُس نہٕ ہیٚٹ کُنی۔ مس او شُس پریشان۔ تہٕ سۄ اُس اَکِس لڑکس اَتھس تھَپھ کٔرِتھ۔ لڑکہٕ اوس پلِ گُل مامصوم شُرۍ۔ سۄ اوس سُبتھس رَتھ وۄنہٕ تھ راوان تہٕ کاشیرِ ونیو دُتھو سیتہٕ ونان۔

"میہ ژٕ اَد و یِلہِ یہ کیاہ گوٚ۔"

"یِہ ہیٚیہِ چھُے حوالہٕ۔ سون گرِتھ واتہٕ نا ونی۔ رٔٹی یہ رُمال گنڈِتھ سی کلس۔" صوفیا وُژھ وٗلی دُلی تہٕ ماجہ ہندِس اَتھس منز اُمس لڑکہٕ سُند اَتھ پلہ ناوُتھ ڈرایہ سۄ جلدی۔ تہٕ گژھان گژھان دوٚپُن۔

"جَل جَل نیرِی۔ نتہٕ ہیٚیہِ دٔہِ نِیِہٕ ژٕ بیٚیہِ تہٕ!"

لکھ اَسی قبرستانَس منزٕ ژ طرفانہ چھکرِتھ۔ پلیہ وٲلی اَسی قبرِ منزٕ کھ پاٹھی دِوان۔ تِم اَسی کوٚھتُن ہیٚنٛد کرمانہٕ تھوٚدرٹان پھتہٕ رٔنہٕ کھسو رٔن تُل گیہِ مَتھ اودِ لیور لاینہٕ ییہ ہن۔ لیکہٕ ژاران ژاران اَسی تِم ترِوارِ ژٕ ناوان۔ لڑکہٕ اوس تِمن کُن خوٲنی چشمو وُچھان۔

"یکوٚ جَل! تمو سُند پتہٕ رُمالِ سیتی و ہتھ داوُتھ دوٚپ ماجہ۔

"میون سٕے برٕ تِم۔ میہ سنِہ پچھنہ کانہہ تکلیف؛ خونہٕ تھوکھ

تراوِتھ وۄن تمۍ اَتھ منزٕ ی۔" ہمو ہے ژُوو میٲنہِ ژداریہ گنڈہِ سیٚتۍ دَب۔ اَدِہ میٚنتہِ کھباوِہ ناوَد۔ سۄ لوٗرِہ دَب ژُوو مکھ نٕہ نانۍ آسیکھ ژیٚتس پیٚمژ۔ ژٕہ ٹھہر!"

پنُن رَتہِ داوَد اَتھ کٔلہِ ناوِتھ دِژ تمۍ کرٛیکھ۔

" وِنہِ کیاہ گوٗ یٔلہِ اَسۍ موٗزوٗر اکِ لَٹہِ وۄہتھو۔ جنگ نے کرنے نے معہ کلاوۍ ودہِ یٔلہِ وَنۍ ژٕہ!"

" پکو چل چل!" قبرستان کِس لوکٹِس برس کُن گژھان گژھان وۄن ماجہِ۔ تَس اوس باسان ژٕہ جنگلہ نیٚبرٕ چھ کھٔلہِ ماۓدانَس منز یٔلہِ واتِ زاگہِ رُوزِتھ تمَن پژاران۔ تہِ ہیٚتھ ژٕم قبرستانہِ نیٚبرٕ نیٚرن۔ ژٕم لاگن ہیٚمن کامہ۔ مگر دروازس نِشہ واتِتھ یٔلہِ تمہِ نیٚبرٕ ماۓدانَس نظر ترٲو۔ خاموشی تہِ تنہاۓی وُچھِتھ کھُژ تَس داۓنِج بوٚتھ۔ ژٕہ وُچھ اَسۍ میلان تٕہِ ماۓدانس منز آسہ ژھایہِ ژران۔

" ٹھہرو۔ ہَہ ما گنڈٕ سے گوڈٕ تِمَس پَٹہ۔" ماجہِ وۄن۔

" فکرٕ ےٚ کہ۔ میٲنہِ نے چھُنہِ اَمہِ سیٚتۍ کانٛہہ گال باسان۔" تمۍ وۄن۔

" دِوا یہِ ہُنٛد یار سنٛگ رۄد بروٚبرٕ۔ تمۍ تہِ لوٗسے۔ میٚنتہِ لوٗسس۔"

مگر ماجہِ گنڈٕ تَس دٕلۍ دٕلۍ چھوکس دٕژ۔ اَتھ سٕندِ خوان وُچھِتھ گوٚ تَس کیاہ نانۍ۔ تہِ یٔلہِ وُشن وُشن رٔتھ تمَس اوٚنگجَن لار لیوٚد۔ تَس ژایہِ ساری پیٚے بٕدنَس نظرٕ ہٲش۔ ژھعہ پَتہِ تَم کرِتھ کوڈ تمہِ سۄ ژاکرٕ پہ

دُپُن زہ تہٕ کھکھرِ اَمہ ناگوانہٕ منٛزٕ نیٚبر۔

"کامریڈ! تٔہۍ کوٚتےٚ نکھ میٚہ؟" اَمہ پیٚٹھ رٔٹ دٔرٕج تھوٚد تُلِتھ دوٚن تہمہِ ہزلِسان "بہٕ ہیےٚ ہیکہ چانہٕ مدتہٕ ورائے تہٕ گژھِتھ۔"

مگر ماجہ ژٕیوان زہ آمس لژِ کٔرِ سیندین اَکھن اُمس ننٛیٹھ وۄزٕتھ مرٕ تہٕ ژنگہ آسس ہورہ پور لابینہ پوان۔ سۄ گو کمزور آوازہ منٛز بولان سوال پرِنہٕ ہان تہٕ جوابس پٔرارہ سۍ ڈٔلۍ ڈٔلۍ یکان۔

"ژہٕ کوٚسہٕ چھکھ؟ بہٕ چھس ٹِین ساز۔ی کران۔ نادٕ پچھم ایوان اُسہِ اُسہ ترٕیہ نفر بکور ایوانو چِ نس تائیمی حلقس منٛز۔ یانے ٹِین ساز۔ی پیشہٕ کأم کرن وٲلۍ ترٕیہ موزوٗر۔ کُلہ اُمہ کاہ نفر۔ اَمہ کوتاہ ژُوٹھ اوس سۄ خوٗدداہ دہی نَس رحمس اطمینان۔ حالانکہ میٚہ چھِ چند خیالس بیٚٹھ پٔتھ۔"

کوچس منٛز وٲتتھ دِیُتھ ماجہ اَکِس گاڈِ وٲلِس آلو۔ اِیوان گاڈِ منٛز بیہنأوِتھ دوٚن تمہ تس کنس تل۔

"یُتھ نادٕ نی کٔرِتھ کرُکھ" تہٕ اَمہ پتہٕ تھوٚنس بڈہ چھیس سان چانٛٹس دٔرٕج گٔنڈِتھ۔ تہمہ تل چانٛٹس کوٚن اکھ۔ مگر پتہٕ ژٕروٚن یہ ییہِ بس گژِھتھ کُنہ چھِ منٛز۔ تس اوس یہ دٔرٕج تھوٚد تُلنکھ نہٕ طاقتھ رُدِ تھ مگر چانٛٹس رُمال گٔنڈِتھ آسنہ پتہٕ نہٕ لوٚگ سۄ بو لیہٕ نہٕ۔

"مغرور نکو۔ یُتھنہٕ تمہ ہہ کمأ تہٕ گرٕ ژھ زہ بہٕ کیاہ مشہٕ راوِ تہٕ سوٗرے۔۔۔۔۔۔ اَمِس بُروٚنٹھ اوس اَمہ تپنوو چ ناوُک اَکھ طالب علم اکو نوکرس پَرِ نادان۔ سۄ تہٕ کوٗر یمو گرفتار۔"

ماچہ ترٲوِتھ ایوانس نَزٕ نٲلۍ تہٕ کلہِ رٔٹنس پینس سیٚتۍ۔ یکایکھ گیہ ژٕٹاکس اَچھ کھسہٕ ڈٕیلۍ تہٕ کرِن ژھوہ پیٚہ۔ مٲج اُس کھوٚژس کھوٚژس ہوٗرہ پورٕ وُچھان تَس اوس باسان زِ پُلسہٕ وٲلۍ نیرن خبر کہِ کٲنہٕ منٛزٕ تہٕ دَو ہیٚتھ واتن تس نِش۔ تہٕ ایوانن چھوکہ لَدٕ کلہِ وُچھتھ کٔرن تَس شالکھ۔

"کیا بی زیادہ چھُنہٕ چوٗمتھ زٕ؟" پَنہٕ نہٕ گدہٕ بیہتھ پان موٚرتھ تہٕ اُسُن کرِتھ پرٛیشہ گاڑِ وٲلۍ۔

"ہنہ با ہرس تانۍ بوزبا۔" ترٛوٗن دوش ترٲوِتھ وُژھ مٲج درجواب۔

"ژٕٹاکہٕ چھُپہٕ زٕ؟"

"اَہن با کھسہٕ بانہٕ بناوان۔ بہٕ چھس پانہٕ خاگی ساماںٕ۔"

"بڑٕ مشکلن آسہٕ وِزٕ گذارٕ سپدان۔" کُنچہ تاساہ گڈِتھ ٹھوٗ گاڑِ وٲلۍ کنھتھ چلہٕ وِنۍ۔ "قبرستانس منٛز پَس ہنگامہ وِنۍ وِنۍ سپُد۔ بہٕ بوٗزواہ تعہ ہہ۔ ڈیان اَکس سیاسی انسانس اُسہٕ دَگرا وہٕ آہتو ... تم چھ اَکی قسمکۍ لکھ۔ یانے زَن یاردوس۔ پتہٕ سپُد یہ زٕ ہیمہٕ تیٚج کَرِیکھ "لکن نادار بناوَن وٲلۍ گڈٕ ہو وۆکھ!" پُلسَس ماچھ وٲتھتھ پینس تار لگان۔ ڈیان وٲریاہ نفر تراوِکھ کنہٕ راوِتھ۔ مگر پُلسہٕ والین تہٕ وِنکھ جان پٲزار۔" برٛنزِس بکھنڈ ژھسہ پہٕ کرِہٕ پتہٕ نَژِ نود تمہٕ بے ایتبٲری سان کَلہِ۔ تہٕ عجیب کھرٛژِ وِنس اندازس منٛز دوٚنُن۔

"مہ رکن وِزٕ ناوان۔ موٚدہہ برتین تہٕ چھُنہٕ آرام کرُن نصیبہ۔"

گٲڑِ اُس روٗدِ سڑکہ بیہتھ چھہ کہ وَتہٕ پوان تہٕ ایوان شند

کٔلۍ اوس ماجہِ ہٕندِس سیٹھنس سیٹھاہ تھاوُن پیوان۔ گاڑہِ ووٚل اوس
گدہ پیٹھہٕ ہیٚتھ اَدکٕٹ کُن بُتھ پھٔرِتھ وَنان۔

" لُکھ چھہ آنتِہ گٔمتۍ۔ دُنی یِہس منز چھہ پرٚیتھ طرفہٕ دوہہٕ رٕژہ
داپھٹہِ دوہہٕ رٕژہ راتھ۔ راتھ سیٚدسے پرٛیلہِ وٲلۍ سٲنِس اکِس ہمسایس سٔند
گرٛہ ۔ تہٕ صُبحن نام کوٚرُکھ سٲرۍ سے ڈٕبہِ ڈاس۔ تہٕ نیبران نیبران پکہ نوومکھ
اکھ کھار پانس سیٖتۍ۔ لُکھ اٲسۍ وَنان اَچھ رٲژ رٕن اَمِس کھارس تہٕ کرِنس
دَرِسۍ یا بعد رِدہ۔ زِچھور۔ ژٕٹ معہ ہنیوٗ اوس یہِ کھار۔"

" تٔس کیاہ چھُہ ناوٕ؟"

" کٔمِس کھارس ہا؟ ساوِل۔ ساوِل بفیچنکو۔ وینہِ چھُ وٲنِسہ
لوہُکٹ۔ مگر زانان واریاہ۔ باسان چھُ زِہ اَزکل چھہ کینہہ زانُن تہٕ انزُسے
گژھان۔ سۄ اوس اَسِہ نِشِس نِوان تہٕ وَنان۔

" کیاہ زندگی چھہٕ تُہنٛزہ تہٕ گاڑِہ والیو؟" اٲسۍ اٲسۍ، یی یِہ
وَنان۔

" پوٗز ہا بابا۔ سونین ہِندہِ کھوتہٕ بدتر۔"

" اَدِہ با گاڑی ٹھہراو" ماجہِ دوٚن۔

گاڑی رُکے یہِ تہٕ سیٹھی مُژہ داوہِ ایوائن تہٕ اَچھ۔ بہٕ لوگ
نٔہی تہٕ دا سے کرنہٕ۔

" کوٚٹ چھُہ نشہ سیٹھی ختم گوٚمتھ!" گاڑہِ وٲلۍ دوٚن۔" یہِ
گوٚ مہہ دکایہ ہشہ سہ چھہ!"

ایوان ژاوٕ بڈٕ مُشکِلَن حاطَس اندر۔ تہٕ برابر رٗود نکار کران:
"بہٕ ہےٚ چھُس وارٕ کارٕ۔ بہٕ ہےٚ گژھہ پانَے۔"



# ۱۳

صوفیا اُس گرٕہ وائنٕہٕ مژ۔ وُٹھٕن منز سگریٹھ رٕٹِتھ اُس سۄہ بیقرٲری تہٕ اضطرابہ سان اور یور کران۔ ژھۄکہ لَد ژٕٹھ کٔرِ آو تختس پٮ۪ٹھ ترٲوِتھ۔ یِہ صوفیایہٕ مژ دۄرٕ بڑِ حیرانہٕ سان تٔس پٮ۪ٹھ۔ سگریٹھ دۄ لگہٕ یِہ سببہ ہیوٚت تٔمۍ اَچھ وُڈِ تھِ حکم چلاوُن۔

" ایوان دانیلوِچ! وۄنہ لایہا اۆنچھ ژٕٹھ کٔرِ یور۔ نلووْنا یژہ مے تُہُنٛد کھوٚژ ژھکہ ہے؟ اَچھانیر ژٕہ کرہ آرام۔ نکولائی۔۔۔ نلا۔۔۔ یُس نلوونا یہ دِہ پوٚرٹِہ° گلاس آکھ!"

یہ گیمہ دھاہ ماچہ وِزی وِزی ڈٕلہٕ شمشٕتھ اوس۔ تٔمۍ کیہ صدمہ سیٚتھ اُس سۄہ وُسِتھ ژٕن پیمژ۔ تٔس اوس شاہ کھالُن والِن تام گۄو بان۔ تہٕ سینس اُسیس سکھ دگ وۄتھمژ۔

"میون مے برٕ غمُ۔" تٔمۍ ووٚن وُٹھو منزی۔ مگر تنٛد سورُ سے دوجودٕ اوس فِکہ ہیٚنٛچ منگ کران۔ اکہِ تٕژِھ فِکرٕ ہٕنٛز منگ یتہِ منز ہمدردی، لول تہٕ سوکون آسہ ہے۔

---

° پورٹ: آکھ ہلکہ شعہ راب

اَتھٕ‌کٕس بنڈیجاہ کرِتھ ڈٕرا اوٚ نکولائیُ دوٚیمہِ کمرٕ منٛزٕ۔ تٔس سیٖتؠ اوس ڈاکٹر ایوان دانیلووِچ۔ مٔس پریشان ہیٚمرٕ بدن ژُکھ ہوٚت۔ ڈاکٹر گوٚ ایوانس نِش تہٕ تٔس کُن نمیوٚو۔

"آب" تمۍ ووٚن "داریاہ آب اَنو۔ بیٚیہِ کھٕنٛب تہٕ صافہٕ پلوٗ۔"

مٲج ورٛٲھایہ پنٛنہِ کنہِ چوکس منٛز گرٛٲھنہٕ باپتھ۔ مگر نکولائیُ ہُن وِژنٲسس نرٕ ٹھٔنٛچھ تہٕ واتہٕ نٲوِن کھاینہٕ کمرس منٛز۔

"ڈاکٹرن ہیٚے ووٚن حسوٗنیاہ۔ ژٕہ نہٕ؟" سُہ ووٚنتھ نرمی سان "میٚہ باسان چھہ ژٕہ چھکھ سکھ باغیرے ہرش۔ کینہہ؟"

تمہ بیٚشرن چشمن منٛز ہمدردی ڈیٚشتھ ہیوٚکنہٕ تمہٕ پنٛنۍ ہٲنکھ رُکاوِتھ۔

"یہ کیہہ گوٚ؟" سعہ رلیٚ وَدِتھ نہٕ "لکھہ کتہٕ راوِکھ تمہ دارو سیٖتؠ۔"

"میٚہ ہیٚے وُچھ سورُے۔" کلہ رگہ ناوِتھ تہٕ تٔس کُن پورٕٹھ گلاسہ پلہٕ ناوِتھ ووٚن نکولائیُ ین۔ "وۄنہ شوٗسے دَرِس اَسہِ کیاہ تام وُرِہ تاوُس لائنہ آسیٖتؠ۔ مگر ژٕہ کیا نہٕ دِل ہاران؟ تمہ ہیٚے! اسہِ تروارہ دَنوٚ سیٖتؠ لایان۔ شاید آسہِ اکوے نفر زیادہ چھیہ کہ لد گومتھ۔ تٔس لوٚکھ میٚہ لتی ٹاس۔ بڑہ مشکل نیٚوٗ میٚہ سُہ لکوٚ منٛزٕ یہ دُپٕزنہٕ تہٕ کھکھرِ نیٚبر کڈتھ۔"

نکولائیُ سیٚٹھرٕ آوازٕ تہٕ کمرٕ چہ گرمی تہٕ گاشہ سیٖتؠ آو ماچہ دِل قرارٕ ہیٚوٗ۔ نکولائیُ ۂس کُن شکرانہ چوٚ نظرو وُچھتھ ووٚن تمہ۔

"کیاہ ژٕیہ تہٕ لوگ یا؟"

"میٖہ تران فکرٕ پینہٕ نی غلطی کینہ لوگم۔ لاپرواہی کینہ آم کیتھ تام چیزس سٟتھ اٲسہٕ چھاونہٕ نہٕ آسہٕ دوٲتھ مُسلیہ۔ ژٕ چاپہٕ دام چینی تیٚسرہِ ہے چھہٕ۔ بیٚمہٕ چھُس ژٕ زیادٕ پلوٗ تہٕ لاگی مہتو۔"

پیالہ رٲٹ تہٕ ورزٕ ووٗچھ تیٚمہ زہٕ اوٚنگجن پیٚنیٹھ اوس راتھ ہیو کھتھ گوٗمُتھ۔ تیٚمہ ترووٗ اَتھہٕ فوران کٕرِ چھ منز۔ تیٚمۍ سُند اسکٹھ تہٕ اوس اوٚزرس ہُنٛمن درٕ دِتھ وِہرادٕ تیٚمہ اَچھ دارٕ پاٹھو۔ تہٕ پینہٕ ہِن اوٚنگجن ژُھ مٔرِ سے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔ تَس ہیوتُن پھوٗر تیز تیز دوٚہہ تُھن تہٕ کلس آس گیوٗر ہیو۔

"پاولس سٟتھ تہٕ — تَس سٟتھ تہٕ ہیکہٕ یتھے برتاو سپدِتھ!"

واسکھٹ لاگتھ تہٕ ٹُری وٲلِتھ ژاوٗ ایوان دانپلو وچ کمرس منز نکولائی سُندٕ خاموش سوالکھ جواب دِیت تیٚمۍ ٹھدٕ ہٲٹہٕ:

"بجتس ناچھُس نہٕ زیادٕ خاص چھوکہ آمُتھ۔ ڈِتھ کلس چھُس دُدہہ دوانگس گامُتھ۔ مگر زیادٕ نہٕ۔ بڈٕ نودٕ دار لاکر چھُہ۔ مگر راتھ چھُس واریاہ ڈرامُتھ۔ نمون ناہسپتال؟"

"کیا نہٕ؟ بیٚمتر اہ روزٕ؟" نکولائی دوٚپھس درجواب۔

"اَز تہٕ پگاہ تاز ہیکو وُن نتہٕ وَتہٕ۔ مگر کالی کینہہ اگر ہسپتال سٕوزی دوٗن میٚہ گرٕ مہ اہا باتس سہو لیٚنہٕ باش۔ میٚہ مانچھ گرٕ گرٕ گژھنہٕ ملیتھ تہٕ میلان۔ قبرستان کُس واقس پیٚنیٹھ کڑٕ کھا کانہہ اشتہار زہٕ؟"

"ضرور" نکولائی ییٚن دیتھ جواب۔

ماجہ وُزِھ رسے ضوٗد تہٕ ہیوتن چوکس منز اژُن۔

"نِلوڈنا۔ ژٕہ کوٚنہ تہٕ دۄرایکھ؟ ہمدردی سان تس ہٹاکھ کرِتھ وۄن نکولائیٚ یِٔن۔

"صوفیاہے کرٕہ سورُے کینٛہہ پانَے۔"

تمہٕ وُچھ تَس کُن۔ تہٕ پانَس ژایس نِتھٕ ہِش۔

"مےٚ ہا چھُہ اتھَن تہٕ یلوَن خوٗنٕہ گوٚمُت تہٕ دۄرامُت؟"

عجیب پاٹھۍ اوٚسُن کرِتھ وۄن تمہٕ۔ یَینہٕ نَس کمرس منٛز یلوَ بدلاونہٕ وِزِہ لُجٕ سعٕہ ہیمَن لکَن ہندِس، سوٗکوٗنہٕ دار اندازَس پیٹھٕ حارٲنی سان سعٕہ ہیچنہٕ ہیم اَسعٕ ہیتھ ہوٚی۔ ہیم ناکھ تہٕ خوفناکھ چیز تہٕ بڈٕہ آسٲنی سان وہیتہٕ راوان ہیمو خیالوَ دِیمُت تَس پانَس، تہٕ تسکین تہٕ دِلہٕ منٛزٕ گوس سورُے خوف دوٗر۔ یَیمتھ کمرس منٛز چھعٕہ کہٕ لَدٕ لڑٕکہٕ تُرۄ وُٹھِتھ اوسکھ۔ تمہٕ منٛز اَژِتھ وِچھ تمہٕ صوفیاتس لڑٕکس کُن تمہٕمتھ وَنان۔

"کامریڈٕ۔ فوٗمنوٗل کتھ ماکر۔"

"ہٕ کیازٕ کرووٕ تہٕہو بلہٕ پریشان؟" سۄ اوس نقاہتہٕ سان ژٕجلہٕ لاکان۔

"بَس کتھ بند۔ اَمہٕ سیٖتۍ ہیٚیو آرام؟"

صوفیاہٕ ہندِس چھٕیکس پیٹھٕ اَلِقہٕ تھوٗکِتھ رٕژٕ مٲج وودنہٕ۔ تہٕ لڑٕکہٕ ہندِس لیڈرِس بُتھس کُن وُچھو وُچھو لجٕ اَسٕہ نہٕ۔ تہٕ تَس بوٗن زٕہ یَینہٕ نیو خطرناکھ کَتھوَ کٕنہٕ کرن سعٕہ کاڑٕہ منٛز خدہٕ رۄس خوف زدٕہ۔ ایوان سٕنٛزٕہ اچھِ آبہٕ تیٚہرٕ سیٖتۍ دزان۔

"بَہ تہٕ کوتاہ پوٗر چھُس !" تمہِ وَوٚن شرمندہ گٔژھتھ۔

"اَچھا اَسہِ نیرو وۍ وٕنۍ" صوفیایہ پھٔر تٔمس وارہ پٲٹھۍ کمل "اَدہ با تہٕ شونگ ووٚنۍ"

کھانہٕ کمرس منٛز بِہِتھ کٔر تمو دُہی کیٚین واقاتن پیٹھ ژیر تانۍ کتھ باتھ۔ تِم اَسہِ یمَن واقاتن ہنٛز وِد کھنۍ تمہِ اَتہٕ مانہٕ کران۔ زٕ تہٕ یِم پرابہتھ اَسہِ۔ اَمہِ پتہ ہیوت تمو بڈہٕ یِزہ تہٕ پٔژھ سان آینٛدہ کالس کُن وُچھُن۔ تہٕ لگو یگہٕ ہیچ کامہِ ہنٛد سوچُن۔ تہِندہ انہارہ تَلۍ اوس تھکُن باسان۔ مگر خیالن منٛز اوسکھ جوٗرتھ تہٕ ہمتھ۔ تہٕ یَنہٕ نہٕ کامہِ ہنٛز بادت کرنہٕ وزِہ اَسو تِم پانَس یِسبَتھ بیہ اطمینانۍ ہِشِس ہاوان۔ ڈاکٹر اوس کُرسی پیٹھ بِہِو بِہو بےقراری منٛز پھیرنۍ دِوان۔

"اَز کل چھُنہٕ حرف پرا پاگنڈا ہے کانۍ !" پننہِ تیز تہٕ تھزٕ آواز ہمہ راو رنچ کوشش کرِتھ وَوٚن تمہِ" نوجوان موزوٗر چھ یوٚژ نۍ وَنان۔ اَمہِ پننہِ پننہٕ نہٕ کامہِ وارہ ہُر ہر کرُن۔ موزوٗر چھوہ یوٚز وَنان۔ مِیون بوٗزو یوٚز چھوہ وَنان"

نکولائی یَن کھاو ڈکس ذرہ نہٕ ڈاکٹرہ سِندی پٲٹھۍ لوٗگ وَنہٕ نہٕ۔

"یہٕ یِہتھ طرفہ چھہ شکایتھ یوان۔ زِہ اشتہارن تہٕ کتابن ہنٛز چھپہ سکھ ویرٛ ہے۔ تہٕ اَسہِ ہیوکھ نہٕ وُنِیس تام اَکھ جان پٔہن چھاپہ خانہٕ تہٕ لاگِتھ۔ لُدمیلا بچار چھہ کام کرِتھ کرِتھ مران۔ ہرگاہ نہٕ تٔمس اَتھ روٗٹ کرنہٕ یِیہ۔ سہ گژھہ ختم"

"وسوف شیکوفس متعلق کیاہ چھکھ وَنان؟" صوفیایہ پرٛژھس۔ "سُہ ہیکہٕ نہٕ شہرٕ روٗزِتھ۔ ییٚلہٕ نوٚو چھاپہٕ خانہٕ بنہٕ۔ تیٚلہٕ ہیکہٕ تَس کام دِتھٕ یِتھ۔ مگر تمہٕ برٛونٹھ چھہ بنیس اکس بأجہِ سٔتۍ ضرور روٗزُن۔"

"بہٕ ہیکہٕ نا کرِتھ زہ؟" ماجہ پرٛیژھ آہستہ پأٹھۍ۔

تریشو وَنے لگہِ برٛنژِس کھنڈِس تَس کُن خاموشی سان وُچھنہٕ۔

"خیال چھہ رُت!" صوفیایہ وَون۔

"نلووَنا۔ چانہٕ خاطرٕ ہے گژھ یہِ بڑہٕ مشکل۔" نکولائی وۄنُن خشکہ اندازس منز۔ "ژیٚیہ پیٚیی شہرٕ نیبرٕ روزُن۔ تمیک مطلب گو ژٕہ ہیککھ نہٕ پاوٕلس سمکِتھ۔ نتہٕ عام پأٹھۍ۔"

"تمہ سٔتۍ کیاہ فرق پییہ پاوٕلس۔" سُہ وَنہ ووشہ تراوِتھ۔ "تہٕ یوٚدوے چھُے یی زٕ تَس سمکھنہٕ سٔتۍ چھہ میٚیہ وأرِنج وارٕسے پھٕٹِتھ تَس پیوان۔ بہٕ چھس چانٛہِ بأٹھ تَس برٛونٹھ کُنہٕ وقتہٕ دِنہٕ روزان۔ تہٕ لکھ آسن ژاگہٕ روٗزِتھ زٕ بہٕ گژھس نہٕ تَس سٔتۍ کانہہ ووٚلہٕ دولہٕ کٔرِتھ کرُنۍ۔"

سُہ اُس پَتہٕ میوٚہ کینژَو دۄہو ہیو ہندیو واقاتو سٔتۍ تٕنٛگ گمُت۔ تہٕ وونۍ ییٚلہٕ شہرٕ چھہ بیرٕ بارٕ نِشہٕ دوٗر کام کرٕنک موقہٕ آو۔ سُہ سپُد وٕلۍ وٕلۍ تیار۔ مگر نکولائی یَن ڈأج کٔرِتھ۔

"ایوان ژٕہ کمہٕ نوٚ گوٚ تَن گوکھ؟" سُہ پھیوٚر ڈاکٹرس کُن۔ کأرِتھ تُلتھ ووٚنُن ڈاکٹرٕ تنگ ہیتس اندازس منز۔

"بہٕ ہا اوسُس سوچان زِ اَسہِ کاٚژناہ کم چھِ وِپہٕ۔ اَسہِ پٔزِ زیادٕ محنتہٕ سان کام کرٕنۍ۔ پادٕریس تہٕ آندری ہِس فِکرِ تارُن۔ زِ جیلہٕ منٛزٕ تِہنٛد ژلُن کوناہ حنوٗ رٕورِی چھُ۔ یِتھو اِسم لگِھ بٔلۍ بیکار ھٕتوٗنۍ گوٚو نہٕ جان۔"

نِکولائی ہِس کھٔرٕ ڈیکھِس گیٚو۔ نہٕ سوٗ لوٗگ کلِ بٔکلہٕ ناوٕلتھ ماچرٕ کُن ؤچھنہِ۔ تٔمۍ تور فِکرِ زِ یِم چھِنہٕ تٔمۍ بروٗنٛہہ کنہِ تیٚندی نیٚچِو دِس مُتعلق کھٔلہٕ پاٚٹھۍ کتھہٕ ہیکان کٔرِتھ۔ سہٕ ژٕراپہٕ اَدٕ ےٕ کمرٕ منٛزٕ نیبر۔ تٔمۍ اوس وُلِس لوگمُت زِ تِمو اُس نہٕ تِمو سیٚتۍ خاہش پوٗرٕ کٔرمٕژ۔ سہٕ رٕوزِ لٕگ تہٕ اُوِتھ ؤچھان۔ تہٕ یُتھ تِمہِ لوٚژرِ لوٚژرِ آوازِ بوزِ، تٔمۍ گوٚو دُن بیہوٚسے خطرٕ ہیوٚ گُمانِ واقاتھ اُمسو کھٔرِ وِزِ تہٕ کھٔرہو لۍ۔ مگر سہٕ اُس نہٕ وِزِ کین تِمن مُنٛد سوچُن کٔرِتھان۔ یِہ پریشان گرٕن دوال توژرٕ ذہنہٕ منٛزِ گٔدرٕتھ ہیوٚت تِمہٕ صرف پادٕرِلُن سوچُن۔ سو اُمس کٔرِتھان زِ شُو گوٚژھ مٕہ کٔلن۔ مگر سیٚتی اُمس کھوژان نہٕ۔ تٔمۍ اوس باسان زِ حالاتھ چھِ دوونۍ تِمہٕ کِس نقطس کُن لمان۔ یِتھٕ نٔس کانٛہہ زبرٕدس لڑائے گژھنک خدشہ اوس۔ لعہ تہٕ پاٚٹھۍ وِہتہٕ راونک قوٚوتھ اوس دوونۍ کتھہٕ تام زبرٕدس اِنتظارس منٛز بدلُن ہیوٚان تہٕ گژھن ہاٚنز کہ اُمس دوونۍ نہٕ واپہٕ ہران تہٕ پوٚلٹان۔ پٔژھتھ اندرٕ اُمسو واپہٕ تہٕ ژرٕ وِنۍ لفظ کٔسن گژھان۔ تہٕ پٔژھتھ چیٚرٕ منٛزٕ اُمس بیقرارِی ہِشر لبے ہِشس پیوان۔ پٔژھتھ ایلانس منٛز اوس بازرن، وانن، طارز من تہٕ کارخانن منٛز بحث چلان۔ پٔژھتھ گرفتارِی پٔتہٕ اوس گرفتارِی ہُندِس سبب پٔنٛنٛہ بوز شورِ سِپدان۔ یُتھ منٛز باشنے خوف تہٕ باسنے غوصہٕ اوس آسان۔

اکثر سٲنۍ سادہ لُکھ اُسی تِتھۍ لفظ زیوِ پیٹھ ہیوان۔ یم بوزِتھ سعہ گوڈہ
گوڈہ کھوژان اُس۔ بغاوتھ، سوشلسٹ، سیاست ہیوی لفظ ہرگاہ ہُزِلہ
سانہِ وَنِہ پیوان اُسی۔ مگر تو تہٕ اوس اکھ ہُزِلس پتہٕ ذاتی ہُند شوق نَنہٕ وانہٕ
پیہ زان۔ ہرگاہ یم لفظ نفرتہٕ سان وَنہٕ پٔہ اُسی پیوان۔ اکھ نفرتس ہُنزہ تہٕ اُس
خوژِ ملہٕ وَن آسان۔ ہرگاہ بوز شوزہ سان بادِ اُسی پیوان۔ تیلہٕ اُس اکھ بوز
شوزس منز وۄہمیہد تہٕ دِکی شانہٕ آسان۔ یِمہ زندگی ہِندِس حٕھپرس میتِھس
آبس پیٹھ لگیو دارہٕ دارِہ بےٚ اطمینانی ہِندِ دائیرہ واش کَڈِنہٕ۔ تیندرہ
ہیمتیو خیالو کوڈ کاڈ تہٕ اَچھہ مُشراو یکھ۔ وۄہنی اُس نہٕ زندگی ہندی حٲرِتھ
خاموشی تہٕ قرارہٕ سان مانہٕ پیوان۔ بیٚیَن مقابلس اُس سعہ یمہ کتھہ زیادہ
ٹاکارہ پٲٹھۍ ژینِتھ ہیکان۔ تکیازِ سعہ اُس تمَن مقابلہ زندگی ہِندِ ژۄہ کر
موٗدرِ نِشِہ زیادہ خبردار گٲمژ۔ اَوَے ییلہ اَمہِ زندگی ہندِس ڈیکس پیٹھ پریشانی
تہٕ بےاطمینانی ہِشرِہ گِنِنہٕ وۄہتلان وُچھ۔ سعہ گیہِ خوش تہٕ سیٚتی ژاس خوف
تہٕ۔ خوش سپز اَمہ کِنہٕ زِ اکھ منز باسیوس پننِس نیتچو سُند اکھ تہٕ۔ تہٕ
خوف ژاس اَمہ کِنہٕ زِ ہرگاہ سُہ جیلہ ژلِتھ پننس منز کامیاب سپد۔ سُہ
پنکہ سارِہ نِنہِ ہُروشمِٹھ ہُروشمِٹھ۔ تہٕ سارِہ دِپے کتھ تہٕ زیادہ خطرہ واجِنہ جاے
ژٹھ۔ تہٕ سُہ گرِشہ ختم۔

سعہ اُس گنِہ ورزہ پننِس نیتچو سُند سوچان۔ تہٕ سُہ اوس
وِلیلن تہٕ پرکرتِہ کَنتھن ہُند ہیرہ ہیٚو باسان۔ تہٕ سُہ اوس تِمن سارِہ سِنِہ
اثردار، پزِن تہٕ رِتِن لفظَن، تِمن سارِہ سِنِہ رِتِن اِنسانن تہٕ خوابصورتھ

تہٕ بہوٗدرِس ہِندِین کارنامَن ہٕنٛز مۄررٕ ہیٚکہٕ باسان۔ یِم تٔمؠ وُنِیُس تام بوٗزِمٕتۍ
یا وُچھمٕتۍ ٲسۍ۔ اَمہِ وِزِ اوس اُمہِ سٕندِس دِلس منٛز شان تہٕ ماجہِ ہُنٛد لول رٕژ
پھیٚرِن دِوان۔ تہٕ سہٕ اوس خاموش شادہٕ منٛز" حنظ گٔلۍ تٔلۍ تمہِ سُند سوٚنچان
تہٕ پنیٚن وٲرِنج بوٚڈھ کھاران۔

" سورُسے گژھہٕ ٹھپکہٕ۔ پرٛیتھ چیز!"

مگر اَمہِ پتہٕ اوس ماجہِ ہٕنٛزِ ماسے تہٕ تمہِ سُند لول کلہٕ کڈان۔ تہٕ
تَس اوس دِلس ڈگ ہش دِوان۔ ماجہِ ہٕنٛزو ماسے اوس تمیٚن اِنسان
دوستی ہِندِس جذبس بُتھہٕ پِوان۔ سہٕ اوس اَتھہٕ جذبس ژالتھ تراوان۔ اَتھہٕ مُقابلہٕ
زہٕ شانہٕ تہٕ شادہٕ ہٕنٛزہٕ جاے اوس خوفناک سوٚر وہراونہٕ پِوان۔ یُتھ اندر عرف
اکہِ خیال ژھٕرٕ ژھرٕٹ کران اوس:

"تِم مارَن تَس۔ تِم مارَنس!"

# ۱۴

دوہہ اکہ دُپہرس بأگی اُس سہ جیلہ کس دفترس منز پادلیس نش بہتھ. تس اُس اَچھن یہائے ژھانپ ہش بہتھ. تہ سہ اُس پاول سندس ریشہ دار بُتھس ٹھکلہ ٹھکلہ وُچھان تہ موقہ وُچھتھ تس چیٹھ پرزہ پلہ ناوُن پرٔھان. چیٹھ پرزہ اوس تمہ اوٚنگجن منز زورہ دبأوِتھ روٹمِتھ.

"بہ ہیٚ چھس وارے. تہ باقی بأجہ تہ چھ وارے." تمہ وون لوتہ لوتہ: "تہ ژہ چھکھے ٹھیکھے؟"

"اَہنز. وارے ہا. یگور ابوانو چ ہاموُد." سہ وٚدھ پل گل میکانکی اندازس منز.

"اَچھا؟" پادرِن کھیٚنیہ دوہ لٹھ ہش. تہ پتہ نوٚمرووُن وارہ وارہ کلہ.

"سوٚ وٚڈہ راوٚنہ وزہ کوٚر پُلسن دگہ مارا. اکھ نفر نوٚ پکھ ہٮ۪تھ تہ:" مأج لج بڈہ موحتو میتر سان وٚنہ نہ. جیلہ کس نأیب عہدہ دارس کھرٔ ژٲکھ تہ گوٚ ٹھوٚدٕ وٚتھِتھ.

"ژٕ نہ چھکھ ناخبر. پرٔھن کھتن چھ ہاک."

مۄج پتہٕ وۄژھ تھوٚد ۔ تہٕ مٲنی منگہ یتہٕ کہ اندازہ دوٚپُن :

" بہٕ چھس تہٕ سیاستس پیٹھ کتھ کران ۔ لڑاے چھنہٕ آمِس شَس

وَنان ۔ یِژھی سیپرز جان لڑایئے ۔ اَکس لَڑکَس پھاٹہٕ ناوکھ کلہٕ ہیرتہٕ۔ "

" کُنی کتھا چھہٕ ۔ بہٕ چھُسے دَپان ژھُو یہٕ کر ۔ یا نے تُژھ کتھ مہ

کرٕ ۔ یتھ نہٕ چاٲنس ذاتس سیتۍ واسطہٕ آسہِ ۔ یا تے زَنٛن یتمیکھ تولُن چاٲنس

گرَس یا خانہ دانَس سیتۍ آسہِ یتہٕ ۔ "

غوبدہ دارَس یاسیوکٕ یانۍ سے زہ سوٗ ہیونُن شہدُن ۔ اَدَے

یوٚلہٕ سوٗ گِہسی پیٹھ ۔ تہٕ کاگدن لوٚگ پھیچھہٕ دینہٕ ۔

" یِتہٕ آسان ہیتہٕ جواب طلبی ۔ " سوٗ دوٚلتھ لوٚسی ہیتس اندازٕس

منز غوبدارہ سیندہٕ کتھ پیٹھ نظر تُلنہٕ پتہٕ نوٚ تمہ پاولیس چیٹھ یہٕ زہٕ تہٕ پھرٕ بِچھا

ہیوٚ ژُودُن ۔

" ژِتہٕ چھُے نہٕ فکری تران زہ کنہ کُنہٕ چیزن ہُنٛز گرٕژھ کرنی ۔ " تمہٕ

دوٚپُن ۔

" تران نہٕ چھُنہٕ میتہٕ نہٕ فکرہٕ ۔ " پاولِین اوٚس ۔

" تیٚلہٕ کیاہ مفاد چھُہ یہٕ دینَس ؟ " افسر دوٚپھ ژِکھ سان ۔

" توٚ تہٕ خبرے زہ کیہ کتھ یِژن کرٕہ ۔ مگر توٚ تہٕ یوان ۔ بلکہ کُن پریشان کرنہٕ

باپتھ ۔ "

" مقدمہ چھا جلدے سیدن دوٚپُن زہ ؟ " ماجہ ہیٚتہٕ ژوٚھس ۔

" ہیتو سرکٲری وکیل پتے لدملیو ہتُرہ آمُت ۔ " وَنان اوٚس

جلدی سپدِ"

ووٚل
اَمی قسمٕچہ موٚملی تہٕ غار ضروری کتھہٕ نیپزٕ ، تِہٕ ماچہ ژھیپہٕ نہٕ پاٹھ
اوس مایہ بَرٕ ژٕو چشمو وُچھان ۔ ہمیشکو پاٹھی سوٗکھ بہٕ سان تہٕ سنجیدٕ ۔ پاوٗلس
اُمس بہٕ خاص کینہہ تبدیلی یاہ آمٕژ ۔ ژٕ پہہ اَکہہ ؛ سِسس سفید بیٚتھ لگامتی ۔
تہٕ ریشس اوسُس زیادٕ آمتھ ۔ آمہ کنہٕ اوس سُہ پہنز برونٹھہ وانسہ کھوتہٕ
زیادٕ بُوڈ باسان ۔ سہ اُمس قتس کاتہہ پرٕ کتھہ باوزٕ یژھان ۔ نکولائی
سُند امپس دِنٕ یژھان ۔ ییمہ اَتہٕ مایہ سہ موملی قسمچہ کتھہ کران اُمسٕ
تمی اندازٕ دوپُن تمہ :

"اوتھرٕ ہا وُ چھکھ چون دارمہ لپہ کتھر"

پاوٗلی لوگ سوال کرنس آیہ قتس کُنہ وُچھنہٕ ۔ ماچہ ہیٚتو اتھ نکجہ
سیٚتو بکجس نکوہ دِنٕ ۔ سہ اُمس قتس وسوف شیکوفن شُتلی مُسرٕ بکجہ
ژہتس پاوُن یژھان ۔

"سوٗ ہا چھہ کتہٕ کور وو تمتھہ ۔ تُس ہا دِیہ جلدی کام دِنٕ"
نیچوٗس تر کتھہ فیکرہ ۔ تہٕ اَسہ ونیو اُچھو لوگ کلہ سیٚتو آنکاہ
کرنہٕ ۔

"پہ گو سیٹھاہ جان" تمہو دوپُن ۔

"تہٕ بُنیہ ناچھیٚنہ خاص کانہہ کتھاہ" تمیہ سہ کلاو کتھہ ۔ سہ
اُمس پانٕی پانس سیٚتہٕ خوش تہٕ نیچوِ سِنزہ شادہ سیٚتہ متاثر ۔
نیرنہٕ برونٹھ کوٗر تمی ماچہ سیٚتہ زورٕ اَتھہ واس ۔

"شُکریہ مأجی!"

اَکھ اَکِس نکھہٕ آسہٕ نکھو اُمہٕ شادہٕ ہُنٛد احساس کرٕ سہ مِس تِس اُسو نہٕ جواب دِنہٕ باپتھ لفظے سمان۔ آوٕسے روٗٹ تِمہٕ لوٗ تہٕ پانٛچھو ہنٛچھوی تِمن اُتھی پیٹھٕ فیصل اُتھس منٛز۔

سہ پیٹھہ گرٕہ واتھ۔ ساتا اُمس تِس پٔراران۔ سہ اُمس زیادٕ تمی دوہہ پوان۔ پیٹھہ ماجہ پاولس سمکھنہٕ گژھن آسہٕ ہے۔ سہ اُمس نہٕ زانٛہہ تہٕ پاوِل تِمن پرٔژھان۔ یوٗدوٕسے مأج یورِسے کینٛہہ وَنہٕ ہے نہٕ۔ سہ اُس داریاپمس کالس ماجہ تھلہٕ تھلہٕ وُچھان۔ اُمہٕ سِیٹھا اوس پاولس مُتعلق زانہٕ نکھ ژھانٛڈو کٔنہٕ خُدس تام تسکین بسان۔ مگر اُمہٕ دوہہ وُژھ سہ بڈٕ بیقرأری سان۔

"پاوِل چھےٚ وارٕے؟"

"اَہنی وارٕے ہے۔"

"چھِنٛھو دِزٕ تھِکھ؟"

"اَہنی بڈٕ جیسہ سال۔"

"پرانٕے زِہ؟"

"تنتھہ ہے زِہ؟ تتہٕ کِتھہ کنٛز پرِہ ہے؟"

"وُچھی۔ میٚہ روٗد نہٕ یاد ہے۔" تِمہٕ دوٗن خاموشی سان۔ "بنییں ہفتس بیٚنیہ پراوُن۔ پوٗرٕ ہفتس۔ کھے جاہ ژٕ کنو مانیے سُو؟" ساتا پہ کھاج ڈیکس گٔنٛزو نہٕ غورٕ سان رٕژ وِچھنہٕ۔

"خبر چھَے؟" سو تُھجا کرِتھ دوُن ماجہ "ہرگاہ نہ خطرہ باسیس
گیا نِہ ہانہِ نہٕ۔"

ساشایہ دِژ کلس رٕگلن۔

"ژٕ یہ چھیے خبر یمس بیمار لڑکس کیاہ چھ کھینہ باپتھ دِین؟ امس
ہیٚے چھ بہ چھ رٕگ مِژ۔" تمہ پرٛژھ۔

سو ژایہ چوکس۔ ساشا وائژس پتے قورٕ۔

"یہ گرہ ییے اکھ روٚٹ؟"

"ہاے ہاے۔"

یوٚن گُن نیتھ تل تمہ دانہِ پیٹھہ اکھ ڈوٚنگہ
"ٹھہرِی" لڑکی وژھ آہستہ پاٹھو۔

سو لیٚدرے یہ۔ اچھ آبس زن ژھ دِگہ سیتھو ہراویہ۔ کاشیہ وِزہ
وُٹھو باگو تمہ عٔلی ؤکی زن یہ کنی شینچھ۔

"بہ ہیے چھس وَنان۔ میٚ چھ پوٚرہ پرٛژھ سو ہانہِ نہٕ۔ بہ پ چھسے
اوَے درخاس کران ژٕ بیہ۔ ژٕ یے ماگُز راوُن سو۔ ڈُپس یُیتہ چھُم تسند سکھ صحتو رور تھ
وُنی زِیس اسہ چھ یتھ کامہ منز تو ہند سکھ ہاجتھ۔ ڈُپو زیٚس بہ چھس
تہندِ صحتہ کنی افرِی نِہ پوٚرے روزان۔ تہ بچھی پانَے سُن رتہ۔ مقدس کہ تاریخ تہ
چھینہ وِنہ مقرر کرنہِ آمتھ۔"

صاف اوس نشان زِ سو چھ بڈِہ مُشکلن یمہ کتھ کران تمی بتز
آواز نظے یہ ہشِل۔ سو اُس سپوٚد یہ ہلیہ نہ ڈکِہ نے وہ دِنہ کھر ٹاہ۔ یہ ماجہ گُن

اَمِس بُتھ چشمہ تہٕ تٔلان۔ خاموشی سان ترٲوِ تمہِ ناڑِ ہِ بٔدن کُن۔ تہٕ وٕٹھ لٔج ژاپھنہٕ

موٕ چھم وچھن زٕوِرہ تہٕ ماچہ بوز پٹِکِن ہٕشِر آواز۔

پلاگیا گیہِ تہٕہٕشِرہٕ کھتہِ سیٹھاہ پریشان ہش۔ مگر ساشایہ

ہِنزٕ جذبات تٔرِس فکرِہ۔ سہ ژٔلِن وٕچھس سیٹھا۔

"میانہِ ماٹھی!" تمہِ وٕوٚن نرمی سان۔ "سوٗنے چھکھنہٕ پٔنزہٕ یہِ

وراگے بٔنیہِ کاٗفسہِ ہٕشِد ماتان۔ کاٗفسہِ چھند تہٕ یتہٕ؟"

تمہِ دٕہ شوٗبے زنہٕ روٗزہ خاموشی سان اکہِ اکس سیٹھا لارٕتھ

وٕدٕ وٕنہٕ۔ ساشایہ موٕ کلاکھ ماجہ ہٕشِرہٕ تٔرہ رٔتھ پٔنٕز گرٕدَن۔ تہٕ تتھرہٕ کھاٗرتھ

وٕوٚنُن۔

"ژٕ ہےٚ چھکھ پوٗز وٕنان۔ یہٕ گٔتہٕ ساٗرِ ے چاٗر سوٗگی بٔنہٕن اعصاب"

یکایک وٕوٚن تمہِ سنجیدگی سان۔

"اَچھا ٹھیک گو۔ یکھ بہار کھیاوون کھاپہٕ"

ایوان سیٚدِ ِس بسترس نکھ بِہِتھ پٔریشھ تمہِ تٔس بٔڑہ لولہ سان

زٕ کلٕس ما چھٚے دوٗد۔

"کمزوری چھم باسان۔" ہمہ گٔنہٕ تاز کمل کھاٗرتھ تہٕ ژٔٹھ

بابرتھ وٕوٚن تمو۔ "یتہٕ ژٕ مرادچھ اُچھہ۔ زٕان تہٕ کمرس منز گٔنٛتل گاشہ اوٚسمہٕ

ساشایہ توٗز فکرِہ زٕ تٔس چھم تمٕن بُرو تھٕپھ کِنہٕ کھیٚنٕس منٕز چھ ہش گرٕژھان

اوٚسے دٕزایہ سعہ نیبر۔ ایوان لوگ ہنیور ہٕپھن وٕ تِتھ تٔس کُن ڈُچھنہٕ۔

"کیاہ حسین کٔور چھہ!" تمو وٕوٚن ڈُمٹھو مٔنزٕی۔

اُمِس آسہٕ اَچھ پنجرِ ساں۔ موختہٕ بالہٕ ہندۍ پاٹھۍ اُسِس دَند سپنۍ سپنۍ۔ آواز اُسِس ترٛٹھ یِمتھ مگر کھسِ وِپھ واٹھِس سپنۍ حال حالے تبدیلی چھ پوان۔

"ژِہ گژھتہٕ وُہر چھکھ ؟" رَزٛھا سوٗنچِتھ وَوٗن ماجہِ۔

"سداہ وُہر۔"

"مول موج کتہٕ چھیے ؟"

"گاہے۔ میہٕ ووت دَہ وہرِ پانہٕ پیہِھٹہ بیٚنتھ۔ تمہٕ لیم مےٚ کلاٹھ آس بہٕ شہرٕ کا مرنڈ۔ ! ژِ یہٕ کیہہ چھےٚ ناوٕ ؟"

یِلہٕ زَن ماجہِ کانٛہہ کا مرنڈ وُنان اوس۔ تَس اوس کیثرٛھا اُمِس پوان تہٕ کیثرٛھا اوسُس زبر پنہٕ باسان۔

"تمہٕ تَلہٕ کیاہ غیری ژِیہٕ ؟" اَمِس کوٗرتھ پرٛژھُس تمہِ۔

کپثرن پرٛثرَن مند چھ مگر ژھعہ یہٕ کرٕتھ تور لڑکن فکرِ۔

"کہتہ چھ یہٕ زہٕ سانہٕ تعلیمی حلقکۍ اکہِ لڑکَن وَوٗن اَسہٕ موزوٗر یاوٕ چھل جولاسوف سِنٛثیوٕ ماجہِ ہُند قصہٕ۔ یہٕ لڑکہٕ چھُ اَسہٕ کتابہٕ بیترِ پرٛتھ بوزہٕ ناوان۔ بکم میٚنۍ تُس مُظاہرہ سَپدہٕ ، سوٗ چھیے ژِیتِس ؟"

ماجہِ گیہٕ کَن کھرٛا ، تمہٕ کوٗر تَلہٕ سپنۍ آنکار۔

"پاوِل نِسے کوٗر گوڈٕ ژھ لٹہٕ سانہٕ پارٹی ہُند جنڈہٕ تنہٕ وانہٕ بلند۔" لڑکن کوٗر فخرٕ سان اعلانہٕ۔ تہٕ یہ ہوٗسے فخر لوگ ماجہِ ہندِس دِلَس مگر تہٕ کاڈ کڈ یہٕ۔

"تمَن دوشوٕن اوسُس تہٕ بہٕ یِتہٕ۔ اَسہٕ آسہٕ پانہٕ تہٕ مُظاہرٕ کرُن

یژھان۔ مگر سپُدٕ نہٕ ہیتھ ماہ کَم تِکۍ اُسی۔ مگر ژٕ وچھ زہ۔ نَوٕ وَرِی یہ گُرد منوّر رُوُر !"

آمارہ بُرنہٕ تہٕ بے تاب آنتظار چہ غلبہ گی سپنتو اوس شو مُشکِل شاہ کھاٗلتھ واٗلتھ ہیکان۔

" اَدِہ کیاہ نہٕ اوسُس تسُند والاسوف سِنزہ ماجہ ہنز کتھ کران۔ ہَوہَس منز قاشوہ بِگہ ناٗوِتھ تھَوٕ تمی کتھ چلہٕ وِنی۔" تمہ پتہٕ ژاپہٕ تمی سِنز ماجہ ہٕنہٕ یارٕی ہنز۔ تِکۍ چھ وَنان زہ سہ چھ بڈٕ غضبچ زنانہٕ۔"

ماجہ پھول بُجھِس پیٹھ اُسن۔ اَمس لُرکۍ سِنزہ زیوہ ہِیپز تارِیف بُوزِتھ آو تَس لُطُف۔ لُطُف نہٕ آس تہٕ کینژھاہ باتبر سے یہ ہشِ تہٕ۔ سہ اُس وَنن یژھان۔

" یہ چھُس والاسوفنز ماٗج !" مگر تمہ رُکاٗوی لقیظے تہٕ لوتہٕ ہَرلیو سان لُج پاٗدٕ پانَس وَننہٕ نہٕ۔

" ژٕ نہٕ کاٗژاہ چاٗرچھکھ لاگان !"

یکایکھ تمے یہ سہ تَس کُن تہٕ وُلی وٕلی وونُس۔

" بِتیہ کھتیو۔ پَنہٕ نہٕ مقصد باپتھ پَزِی ژٕ بہٕ وُلی وٕلی ٹھِپکھ گژھن۔ طرفکِہ طرفک بَر گوٗیِلہٕ۔ ہَر دُکہٕ آدرہ تہٕ ٹھِلڈہ واوک اَکھ دُکہٕ آو۔ ماجہ دِژ کاٗر تھوٗد تِلِتھ نظر۔ صوفیا اُس ووہ دنہٕ رُوٗزِتھ اُسان۔ سہ اُس ووشِلے مرِژ۔

" اُف ہو ! ہم خفیہ پُلِسہٕ واٗلی چھ تہتھ کُنہ اَردلس رُوزان۔ زَنہٕ

میٚیہٕ بوزٕ جاگیر ژٕرن ووٚل چھُ۔ دٕہہ نٕ پُرزٕہ میٚیہٕ یتہٕ نیرُن۔ ایوان رٕکھو خارٕ ہے چھا؟ بُرونٹھٕ میہ نشہٕ چھِیا فرٕکھے؟ نلوٗ نا۔ وٕنی پاوٕل سٕنٛز خبراہ اَتراہ؟ ساشا چھے آمژ؟

پتہٕ نیو سوٗرٕ رنگٕ چٔشمو سیٚتۍ لۍ سعٕ ماپہٕ سان یمَن دٔہن کُن وُچھنہٕ۔ سگریٹاہ زولٕن تہٕ ٹھکہہ دِنہٕ ورائی لۍ تمٕہ سوال پرٛژھنہٕ۔ یمَن ہُند جواب بوزنکھ تَس یانَس تہٕ تو تواہ اوس نہٕ۔ اَمِس کُن وُچھتھ گمہٕ ناوی ماجہ وُلٹٕھ۔ تہٕ دِلہٕ منٛز کرِ لۍ دُنہٕ نہٕ۔

"یمَن رٕتمِن لُکَن منٛز چھُ رمیون ناوتہٕ پوان ہینہٕ!"

یتہٕ وأرٕ سعٕ کھاتہٕ کٕرِس منٛز۔ اَتہٕ اَمِس صوفیا ساشاہ سیٚتۍ کتھ کران۔

"تمہٕ ہے چھ تربیہٕ ہتھ کاٹِ یہٕ نیار کرِہ مرٛژہ۔ اگر سعہ پتھے کُنہ کام کران گٔیہٕ۔ تیٚلہٕ مأنٕ تو سعہ موہ کلہٕ۔ یہٕ ہے چھُ بڈٕ حوصلچ کام!"

"ساشا! یِتھین لُکن منٛز دہہ نقش بہٕن، تہنٛد بوج آسُن تہٕ تمَن سیٚتۍ کام کرٕنٕ کاژاہ بٔڑ تیج کتھ چھَ!"

"آ" ژٕکی ووٚن نرمی سان۔

شامنس چایہٕ موقس بیٹھ وُژھ صوفیا ماجہ کُن:

"نلوٗ نا۔ ژٕیہٕ ہے بیٚتھی بیٚتیہ اکہٕ لٔنٹہٕ کام گرٕژھن۔"

"اَدہٕ رُت ہے گو۔ کرَسنا؟"

"چون کیاہ خیال چھُ ترٕن دٔہہ ہَن منٛز ہیٚکہ کٕھ تیار سپدِتھ؟"

"تہٕ سارِنی مُکن کیاہ زِ پیٚیہ تہٕ کارروٲیی بوزنکھ اجازتھ دِنہٕ؟ اُتھ ناوِ سے اوت کیازِ بوزَن یہِ؟ اگر تُہۍ پَزِس پیٹھ چھِوہ۔ تُہُند لگوومُت الزام چھُ جاۓیز، مُقدمہ چھُ واجب، تیلہِ دِیو سارِ نی بوزنہٕ۔ کھوژان کیازِ چھِوہ؟"

"مقدمہ چھُ سرتاپاے ناجاۓیز تہٕ خلافِ قونوٗن۔ اَتھ ہِنہٕ چھا کانٛہہ شَکھ؟" سموٗلوف دوٚپھ بُڈہٕ ووٚٹھ تُرِ سان۔

ماجہ اوس نکولاۓ سیٚرژٕ زیوٕ آمہ مقدمہٕ کِس ناجاۓزٕ تہٕ قونوٗنہٕ نیبر آسنس پیٹھ واریاہ بوزمُتھ۔ تہٕ سہ اُس وُنی کینہہ سوٗرُے وَنِتھ نیٚوُن پَژھان۔ مگر تَس اُس تہٕ نکولاۓ سیٚرژن پٔزِتھ کانٛہہ کَتھ وارہٕ پاٹھۍ کٔلِہ پیٚمژ۔ پیٹھ اُسس نہٕ تِم لفظ تہٕ ژھیتَس تِمے لفظ ژھیتَس پاوٕنہٕ۔ مۆہ کھ دزاین سہ اَکِس طرفَس کُن۔ نہٕ یکایک ژیوٗن تمۍ زِ اکھ سہ نہٕ ہٲرِ گوٗنٛژھِل نوجوان اوس تَس کُن مُدے گنڈِتھ وُچھان۔ اَمۍ اوس دٔرچھُن اَتھ پۆت لموٗن چھِنٛدس منٛز ٹھُسوومُت۔ یمہ کنۍ اُمۍ سُند کھوٚوُر شانہٕ ہنا بۆن پھُٹِتھ بوزنہٕ یوان اوس۔ یہِ اُس سہ اکھ عجیب خصوٗصیت یمہ سیٚتۍ ماجہ کینژھاہ ویز اُسہٕ یہِ نوجوان پھیوٚر وُلِ وٗلی تہٕ ماجہ کُن کٔرِتھ تَھٔو۔ سہ اُسی ینہٕ نیٚن حاکِری تاتَن سیٚنی برژ۔ تہٕ یہِ نوجوان گو تَس برٛونٛہِ منٛزِ سے نٔشِتھ۔ مگر کیٚنٛہہ ژھیٚہ گٔژھی پتہٕ بوز تمۍ یہِ آواز۔

"یہِ زنانہٕ؟"

"آ" کٔس ہٲنی دوٚپھ درجواب۔

ماجہ دِیُتھ بییہ اَکہ لٹہٕ پَنٕنِس یادٕ وُترس پھیر۔ تس آو جیرٕ ہیوٚ۔
مگر تس پتیو نہ پوٗرٕ پاٹھۍ کینٛہہ تہٕ ژینتس۔ اَہندِس دِلس منز اُس لگن تانی
پننِس پتھوِ سُند مقصد وانہٕ ناو نیچ تہٕ تمن سیٚتی کنہ کہ نیچ اَکھ زبردس
خاہش کلہٕ کڈان۔ سہ اوس بوزُن یژھان زہ کتھ کیاہ وَنن تس خلاف۔
تہٕ پتہ کنُو اُس سہ اندازٕ کرُن یژھان زہ عدالتُکھ فائصلہٕ کیاہ روزٕ۔

"پتھے کنُو چھا مُقدمہ چلان ؟" اُمرس وُژھ سہ بڈہ چیہ سان
لعہ نہ ہہٹہ پیزوفس کُن ! " سورُے وُکھ ییم لگھ پہ زانہٕ نہ باپتھ ھنایہ کران
زہ کمہٕ کیاہ کور۔ تہٕ اَکہ کتھ چھُنہٕ کانہہ اَکھ تہٕ سَنان زہ تمو کور کیا زہ ؟
تہٕ تم سارۍ چھ ہبڈٕ۔ نوجوان ٹکٔن بیہٹ یژہ نوجوانٕ نے مُقدمہ چلاوُن۔"

"بے شکھ !" پیزوفن کور تس سیتھ اتفاق ! "سانہٕ خاطرٕ
چھُ یہ سورُے زانُن سیٹھاہ مُشکل ! سیٹھاہ کریوٚہٹ۔" تہٕ تمو کلہٕ ناوُ غورٕ
سان کاٹر۔ پہرٕ دَرِن ہیژہ دوو عدالتُکھ دروازٕ۔ تہٕ آلو دِتُن۔

"اُشہ ناو کڈان پننو پننو ٹکٹ۔"

"ٹکٹ ؟" کمو تام ذِژ کرِکھ ! "کہو سرکس چھا چلان زہ ؟"

سارٕنے ہندِن دِلَن منز اُس اَکھ گوٚٹ ہش زٕکھ تہٕ شرارتھ
دِوتلان۔ مگر اوس وارُے کریکہ ناو لوگمُت۔ پننو جذباتھ اُسکھ یہ دٔبی زہ تہٕ
یلہٕ ژاوس ہیتو۔ اَوے اُسہ تم پہرٕ دَرِن کہنو کہنو کران۔

# ۲۵

دُبارٕ بِنیچَس پیٹھ بیہنہٕ وِزِ ووٚن سپرزوفَن پانہٕ سےٚتی کیا ہتام۔

"رِکھو دٔلیل ؟" ماجہ پرٛژھس۔

"خاص نے کینٛہہ۔ چاٚرٕ کٔرکھ۔"

گاٹجی آیہٕ وایہٕ نہٕ۔ ایلانہٕ سَپُد

"عدالتس منٛز خاموشی تہٕ ضبط۔"

جج یِمتھ اندر ژایہٕ۔ لُکھ وٕتھ بیٚیہٕ کھوٚد۔ جج بیٚیٹھ برٛونٛہہ کَنہِ پانٛژھ پیٚنٛہ پیٚنٛہ نہٕ جایہٕ۔ قیدکر تہٕ آیہٕ پیٚنٛہ منٛز جایہٕ پیٚٹھ وایتہٕ ناوٕنہٕ۔

"رٕدٕ تو ٚ!" سپرزوف ووٚنتھ "سرکارٕ وکیل چارٕ ووٚنی تقریر۔"

ماجہ ترٛووو سورٕے پان برٛونٛہہ کُن۔ تَس اوس کمہِ تام نوٚہ خوفناکھ چیز ٚک اہرٕ بیٚوٹھمتھ۔

سرکارٕ وکیل اوس ججن کُن بُتھ کرِتھ تِمن دٕرچھنہٕ کنٛزووِتھ دِنہٕ ڈیسکس پیٹھ اوسن کھوٚنہٕ وَلِتھ تھوٚومُت۔ ژبوٚٹھ شاہ کھاٚرِتھ تہٕ دٔچھنہٕ اتھہ سےٚتی اِشارٕ کرِتھ ہیٚوت تٔمۍ بولُن۔ ماجہ ترٛٲوٕ نہٕ تٔمۍ سنٛدِ گوٚڈنکۍ

لفظ زِکرِ ۔ تمیٚ سٟنٛز آواز اُس گوٚب تہٕ سنٛجھر ۔ مگر اَکی ڈانجہ اُس بہٕ روزان ہنو اوس باضنے تیز تیز بولان ۔ تہٕ باضنے لعہ تہٕ ۔ لفظ رٕوٗدی کینٛژس کالس ٹھہری ٹھہری تہٕ وارِ وارِ پکان ۔ زَن تہٕ کانٛہہ مہنتہٕ سان پلوٗس ٹیبر گڈان اوس ۔ اَمہ تہٕ لگو لفظ تمہٕ تیزی سان گژھن نہٕ ۔ زَن تہٕ مشرِ گژھس پیٹھ پچھ بِپ بِپ آسہ کران ۔ مگر ماجہ باسے یہ تہٕ یمَن لفظَن منٛز کانٛہہ تہٕ منحوٗس کتھاہ ہش ۔ شینکہ پاٹھی ژرٕنٛز تہٕ سوٗرکی پاٹھی مینٛزِ رنگہٕ لفظ اُسی ساری سیٚے کمِس منٛز چھکلہ رِتہٕ ۔ مگر چ ہُنَن ہمَن آیہٕ ہوچھ لَرٕ ہے ہندی پاٹھی کمہ تام کھرِ وِنہٕ چیزِ سیتہٕ پرٕوِنہٕ ۔ باسان اوس زنہٕ وینٛٹھن پُژ ہٹھن تہٕ بیے زوٗ لفظَن ہُند یہ تقریر اُسی تہٕ پاوِل تہٕ تمی سندی باگہ بوزانی ۔ یا تہٕ اوس تہٕ تمَن اَمہ سیتی کانٛہہ اَثر سپدان ۔ ہم اُسی ژھتے کنٛہ مزس منٛز بہہتھ لعہ تہٕ لعہ تہٕ کتھ کران ۔ باضنے اُسی تم لب خندہٕ کران ۔ تہٕ باضنے اُسُن روکتہٕ باپتھ ڈیکس ڈرِہ لدان ۔

"اَپُز دوران" سپز وفَن ووٗن لوٗ تہٕ ہٹہٕ ۔

سعہ ہیکہ ہے نہٕ اَتھ پیٹھ دُنٛوٗ قرسان کینٛہہ تہٕ وُنہتھ ۔ سرکٲری وکیل اوس سارِنے قیدین خطاوار گنٛزراوان ۔ پاوِلہ منٛز کتھ کرنہٕ پتہٕ لوٗگ سوٗ فیدورنی کتھ کرنہٕ ۔ تہٕ فیدورس پتہٕ لوٗگ بوٗکنس پتہٕ ۔ باسان اوس زَن تہٕ سوٗ تمَن سارِنے کرینٛجلِ گاڈہ کرنہٕ پژھان اوس ۔ مگر ماجہ سپز نہٕ تہندین لفظَن ہندِ مانے یہ سیتی مطمئن ۔ یمَو لفظو ترٕوو نہٕ تَس پیٹھ کانٛہہ اَثر ۔ تہٕ نہ وقعہٕ تلبیہ تمِس منٛز کانٛہہ ژکھ یا خوف ۔ سعہ اُس وُنیس تام کتھ تام خوفناکھ چیزس پراران ۔ تہٕ اُمہ سندیو لفظو نبرٕ اُس کیاہتام ژھاران ۔ تمی سندِ بتھ پیٹھ

اُچھن منز، آوازِ منز، نفاسَتھ سان گَلہ ناوَن والین سفید اَتھَن منز۔ مگر اَمہِ پَتہٕ نہٕ اُس تِتھ کُنہِ تام کٲنٛہہ صنوٚرڈٲر یَمہِ سۭتۍ کھوژَن اوس یِوان۔ سُہ اُس یہِ زٲنِتھ۔ مگر پننِس دِل خبردار کرٲنِتھ تہِ ہیکہ ہاسے یہِ تتھ خوفناکھ چیزس ہیٚتھ اوٚنٛگج تھوٚوِتھ وۄنِتھ زِ یہِ کیاہ چھُ سُہ چیز یُس خوف چھُ ژانان

تِمہ ژٲرۍ وۄچھِن کُنۍ نظر۔ ٹاکارٕ اوس بوزنہٕ یِوان زِ تِم اُسۍ اَمہِ تقریرِ سۭتۍ زِنٛدٕ تہٕ ہیٚتہٕ آمٕتۍ۔ تِہندیٚن بیٚیہ رونکھ، خوشکھ تہٕ زرد بُتھین پیٚٹھ اُس تہٕ کُنہِ قسمہٕ کہِ جذٕبچ کانہہ ژھاسے تہِ لبنہٕ یِوان۔ سرکٲرۍ وکیلہ سِندۍ لفظ ذن تہٕ اَکھ ناد پیٚو زاندٕ اُس۔ یِمہ سۭتۍ تِمن بیٚیہ غرض تہٕ تھکہ ناوَن والیٚن انتظارٕ کِس پرٛدَس تَل ژٹان اُس۔ بُڈِہ جج اوس سیٹھاہ بہٕتھ۔ تہٕ منٛزۍ منٛزۍ اُسۍ تِمۍ سۭنٛزَن اَچھن ہندۍ سوٚرۍ زنگہ پھیرِ عاٚنکہ پتہٕ کنہٕ وۄچھِتھ گژھان

تہٕ ماجہ بیلہِ یِمَن ہنٛزٕ یہِ شٲنٛٹھے مژ بیٚیہ غرضی تہٕ بیٚیہ رۄح لانولگی وۄچھ۔ تِمہ کوٚر پانٕنی پانس یہِ سوال۔

"کیاہ یِم چھا پنٛزۍ پاٹھۍ یور انصاف کرنہٕ آمتۍ؟"

اَمہِ سوالہ سۭتۍ ہیوٚتھن تس دِل ژٕہتھ گژھُن۔ وارٕ وارٕ دراو دِلہ منٛزٕ سوٚرُے کھوژُن نہٕ خوف تہٕ اَتہٕ رٹ اَمہِ بدلہ اَکھ زبردس دگہ جاے۔

توتہ اُس خلاف شُدٕ سرکٲرۍ وکیلہ سُند تقریر ختم۔ پننۍ پتم جملہ دُنٛز تِمۍ دٲلۍ دٲلۍ۔ سُہ نمیو جیچن کُن۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ لوگ بہٕتھ اَتھہٕ مورنہٕ۔ دربار کی بیٚٹھَن کرِس کلہ گلہ ناوِتھ تقریرس تاریف۔ تہٕ پانہ لوگ اُچھ پھرنہٕ بیٚیَن کوٚر تس سۭتۍ اَتھہٕ واس۔ تہٕ ضلع حاکم لوگ پتہٕ نہٕ ییٚڈ کُن وۄچھتھ وۄتھہ

کمہٕ جار کرٕ نہٕ۔

مگر باسان اوس زِ جج اُسہٕ نہٕ اُمہِ سٕندِ تقریرِ سٟتۍ خوش گٲمِتۍ۔ تِم رٲودۍ تِتھۍ کنۍ ژھوٚپہٕ دَم کرِتھ بِہِتھ۔

"تہٕ وۅنۍ" کاگدا اُچھن نکھہٕ بِہتھ ووٚن بُڈِ ججَن: "وۅنۍ بوزِ عدالت فیدوسیف، مارکوف تہٕ زاگاروف نہٕ طرفہٕ صفٲیی ہِندِس دٔکیلہٕ سُند جِرح۔"

نکولائی سٕندِ گرِ ییٚس وکیل ماجہ نظرِ اوس گومُت۔ سُہ ووٚتھ تھوٚد تِمۍ سُند بُتھ اوس بڈٕ مأصوٗم۔ رٕچہ رٕچہ چٕشمہٕ آسُس ووٚزِ جارِ سان ثٕمن تل تیز تلوارِ ہِندۍ پأٹھۍ زوتان تہٕ یِمہٕ آسہٕ فِقرہ ہأسُ دٔکارِ ہِندۍ پأٹھۍ کیٚہ ٹاوان۔ سُہ اوس قدرِ ہِٹہٕ تہٕ صاف آوازِ منٛز ٹھٔہری ٹھٔہری بولان۔ مگر ماجہ اوس نہٕ اُمہِ سٕندِس تقریرَس کُنۍ کنۍ۔

"بوٗزِتھۍ کیاہ ووٚن نکھ؟" سیرزوفن ووٚن تَس کنَس تل: "توٚریے فِکرِ؟ وُنان چھکھ زِ قیدۍ اُسہ سکھ پریشان۔ قریب قریب جلاونی گٲمِتۍ۔ مگر یِہ کُنتھ چھَنہٕ میأنِس فیدورس نِسبَتھ صحی!"

غمَن تہٕ ناووٚمیدی اُسہ سٕہ تٟوٚلتھ تل رٕٹمٕژ۔ زِ تمہٕ ہیوٚک نہٕ جوابہ دِتھ۔ دگہٕ ہُند احساس گو یوٚرٹھان۔ تہٕ تَس باسیوو یُہنٕزِس دِلَس پیٚٹھ بار ہیوٚ۔ وۅنۍ توٚنگ پلاگیا بوزُن زِ تمہٕ کیا زِ اوس انصافکھہٕ توقواہ کوٚرمُت۔ تَس اُمس ووٚمید زِ تیٚنٛدِس نیٚچوِس تہٕ تَس پیٚٹھ راہ کھارَن والین منٛز یِہ رایہ وراے تہٕ ایمان دأری سان مقابلہ تہٕ موازنہٕ کرٕ نہٕ۔ تَس اُمس ووٚمید زِ جج پرژھن واریاہس کالَس تیٚنٛدِس نیٚچوِس بوزشٕرز کرِتھ سوال۔ تہٕ یِہ زانہٕ نیچ کوشش

کرَن زِ تِہنٛز بنٛدس دِہاغَس منٛز کم خیال چھ۔ تَس اَس راے زِ یِم کرَن تِہنٛز بنٛدین خیالَن تہٕ کارکرٕنٲتَن کُن شٮ۪ٹھ نظر۔ تہٕ یٮ۪لہِ تِم پزٕر زانَن۔ اَتی کرَن تِم تکھ پانٕے اِبلاغ۔

"یہِ شخص چھُ بِلکُل یوٗز وَنان!"

مگر یِہنٛز کانٛہہ چیز اوسُے نہٕ۔ باسان اوس زِ یِمَن شخصن پیٹھ مُقدمہ چلان اوس تِم چھ جَچوٗر نِشہِ تیوٗ لَتھ دوٗر زِ جَچَن ہِنٛز نظر چھَنہٕ تور واتان تہٕ قیدین ہِندین دِلَن منٛز چھَنہٕ یِمَن جَچَن ہِنٛز کانٛہہ وُقعتھ۔ سہ تَنٛچ۔ تہٕ مُقدمس منٛز تِمَن ساری دِلچسپی گَیہِ مۄکلِتھ۔ تہٕ کُنہ کُن کَن تھَوٗ تہٕ وراۓی لُچ سوٗ سوٗ بِنہٕ۔

"اُتھی چھا مُقدمہ وَنان؟"

"صحی وَوٗنُن!" سپز وفَن کٔرِ لہٕ تہٕ ہَٹہٕ تاریف۔

دوٚنی اوس کُس تام دوٚیِم وَکیل بولان۔ تِہنٛز بنٛدہٕ لیڈرہٕ چُبتھکو خولہٕ خط اٚسی شٮ۪تھ۔ تہٕ باسان اوس زَن تہٕ سوٗ ہٮ۪زِل اوس کران۔ جج اٚسی کتھہِ کتھہِ پیٹھ ٹھاکہٕ کران۔

سرکٲری وَکیل دوٚپتھ طیشہٕ سان تھوٚد تہٕ قونوٗن قاعدس پیٹھ دوٚنُن کیا ہتام۔ اَمہِ پتہٕ کٔر بڑہٕ جَجَن لہٕ تہٕ ہَٹہٕ ملامَتھ۔ صفٲیی ہِندی وَکیلن بوٗز بڑہٕ اَدبہٕ سان یِہ سورُے کلہٕ نوٚمراوِتھ۔ تہٕ پتہٕ تھوٚوُن پننُن تقریر چلہٕ وُن۔

"وَنان گژھہ" سپز وفہ دوٚپتھ "توٚتانی گژھہ وَنان یوٚتانی تہٕ تکہٕ تلیج کتھہ وَنکھ۔"

کمرس منٛز دوٚہ تلے یِہ تاریخی جُملہٕ۔ وَکیلَن یٮ۪لہِ جَجَن ہِنٛزہٕ مۄچھہٕ ژٕہ تریِتھ گژھن والین لفظن ہِند ورشُن کوٚر۔ لیکن تُہنٛد جاری حانہ قۄ وَتھ رتہ

دوہ تلیوو۔ باسان اوس زِ جج اُسی اَکھ اَکس نکھہ رۄزِتھ۔ تمہٕ ژٕ ڈٕ ہیوٚ بنٲوِتھ بڈٕ ژٕکھِ سان بِہِتھ۔ یِتھہٕ زَن تم اُمِ سِندِ تقریر پیٹھ کیہہ حملہٕ نِشہ بچنٕ پانٕ بچاوِتھ ہیکہ ہٲکن۔

دوہٕ ژ دوتھ پاوِل تھوٚد۔ تہٕ یکایکھ گیہ کمرس منٛز خاموشی۔ ماجہ دور بُرو نیٹھ کُن پان۔ پاوِل اوس بڈٕ سنجیدگی سان بولان۔

"جمأژ ہٕنٛد کارکُن آسہٕ نہٕ کُنہٕ چھُس بہٕ صرف پارٹی ہُنٛد فٲصلہٕ مانان۔ اوٚرٕ کُنہٕ وَنہٕ نہٕ بہٕ پننِس صفأیی منٛز کینٛہہ تہٕ۔ مگر پننِس ہمسٕ سیتۍ با جَن ہنٛدِس وَنہٕ پیٹھ ہمو پانہٕ تہٕ صفأیی تارنُس نکار کوٚر، کرہ بہٕ تمہِ کتھہٕ فِکرِ تار نیج کوشش یمہِ نہٕ تو ہیہ فِکرِ تٔرِ مٔنٛزٕ چھکوٚ۔ سرکٲری وکیل چھہ وَنان زِ سوشل ڈیموکریسی ہنٛدِس جنڈس تل سوٚن مُظاہرٕ اوس وقتہٕ کِس حأکمس خلاف بغاوت۔ بلکہ چھہ تم ہمیشہٕ یی وَنان آمٕتۍ۔ زِ اُسی چھہ زارٕ شُسند تخت دِبہٕ پھِرن یژھان۔ بہٕ چھُس یہِ کتھہٕ صاف کرِ ژ یژھان زِ ساٗنۍ کُنہٕ چھنہٕ ظٲلم شخصی حکومتہٕ سُوٗ گنیٚ زولانہٕ یمو سوٚن مُلکھ گنٛڈ تھاوِتھ چھہ تھوٚومُتھ۔ مگر یہِ زولانہٕ چھہ سارِنۍ منٛزٕ تُرس تہٕ آسہٕ نکھہٕ۔ اَمہِ نِشہٕ عوام ہنٛد کلاوُن چھِن اَسی پنٕنۍ فرض زانان۔"

اُمِ سِنٛزِ رۄبہٕ دار آوازِ ہنٛدِس گریزس منٛز گیہ خاموشی دٲرِ سنجیدٕ۔ باسان اوس زَن تہٕ عدالتہٕ چھہ لبہٕ دوٗرِ یہِ تہٕ پاوِل اوس تھوٚد وُچھتھ کنہٕ تام دوٗرِ وہ دینہٕ۔

جج اُسی بیقرار گژھِتھ کُرسیَن منٛز تھُرِ ژ دِوان۔ دربارکی میرَن باگو منٛزس ہوِس جگس کُنہٕ شیچھ۔ اُمی لکہ نوو کلہِ تہٕ بڈٕ جچہ ہنٛدِس دِچھنِس

کنٕس تٕل چونٹھ ہنتھ کرٕن پھسیہٕ رائے۔ دٕ ییمس کنٕس تٕل چونٹھ پلہٕ ناوُد لٕتھ دوٗنٕس بیمار جگن کیا ہتام۔ دٕ چھنہٕ تہٕ کھوورٕ کنٕز شیٹھ سیٖتی ہاہنہ ہیٚو پیٚتھ وونٛ تمیٖ پینٹھ کیٚنہٕ بدٕلہٕ ہیٛٹھ کیا ہتام۔ مگر تمیٖ سیٚنٛز آواز بیٚزٕ ولاسوف ہٕ تقریرہ کٕس دٲوسی تہٕ ہموار بہاوٕس منٛز گٲب۔

" اُسی چھ اشتراکی۔ تمیُک مطلب گوٚ اُسی چھ ذاتی جاداد کٕس خلاف۔ یہ چھ سُہ سماجی نظام یُس سماجس چھٕلہٕ تہٕ پھٕلہٕ چھُ کران۔ یُکن اکھ اکثٕر ہوٹے چیزن ہیچھ آمادہ کران۔ بیٚون بیٚون مُفادن منٛز چھُ یہ نظام سُہ دُشمنُتھ پاٛدٕ کران۔ یتھ ہٕ پتہٕ کٕنہٕ رنگی تہٕ مصالحت سپدان چھ۔ یہ دُشمنُتھ کھٹہٕ ہٕ یا جایز ثابت کرٕنہٕ باپتھ چھ فریبکو تہٕ مکرٕ کٲہتو یار استعمال یوان کرٕنہٕ۔ تہٕ اکھ چھ نفرٕژ، اَپزٕ، دونکھ تہٕ غلط کامیو ذٔریعہ یہ ذٔلیل یوان بناونہٕ۔ سون ؤنُن چھُ زِ سُہ سماج یُس اَکِس فردس محض بیٚین ہٕکن دولتمند بناونکھ اکھ ذٔریعہ مانہٕ، چھُ غٲر انسٲنی تہٕ سانین مفادن ہند دُشمن۔ اُسی چھنہٕ اَمہٕ نظامکھ اَپزٕ تہٕ دُروغل اخلاقی نظام تسلیم کران۔ اُسی چھ تتھ غٲر انسٲنی تہٕ بےرحم وٕرتاوس سیٖتی نفرت کران یُس یہ نظام اَکِس فردس سیٖتی کران چھُ۔ اُسی چھ جسمٲنی تہٕ اخلاقی غولٲمی ہندین تمن سارنٕے مُشکلن خلاف جنگُن یژھان۔ یم مُشکل یہ سماج انسانن زبردستی ٹھکان چھُ۔ اُسی جنگو یمن مُشکلن خلاف۔ اُسی روزٕ ؤر تمن سارنٕے چیزن خلاف جنگان۔ یمو سیٖتی اکھ اِنسان محض خۄدغرضی لالچہ رٕکنہٕ لتہٕ موہجہٕ کرنہٕ چھُ یوان۔ اُسی چھ کامگار، تتھی انسان یہندہٕ محنتہ سیٖتی شہرن ہندو تماشہٕ بیٚیٹھ بجن بجن

مشینن تام، پزیچھ اکھ چیز بنان چھُ۔ مگر اَسہ چھِ تم لکھ یِمَن بِہ پننِہ انسانی یتکھ بچاوُ کرنکھ حق تہِ چھُ۔ پزیچھ اکھاہ چھُ اَسہ پننِہ ذاتی مفادہ باپتھ کامہِ لاگان۔ وُنی کیہن چھِ اَسہ، تِتھمہِ حدس تانی آزادی حاصل کرنی پزھان۔ یِمہِ سیتی اَسہ ییتو لاکِن سورُے اقتدار تہِ طاقت پننِس اکھس منز رٹنس لایکھ بنو۔ سائنی نارہ چھِ سیٹھاہ سیدُ سادہ " ذاتی جاداد مردہ باد"۔ پائداواری ذریہ یہ گزھن عوامس اتھِ آسنی!" "مینتھ کرُن چھُ پزیچھ کانسِہ ہُند حق"۔

یمو کھو سیتی ہیکو تِہو اندازہ کرِتھ زِ اَسہ چھِ نہ خالی باغی یاتی۔ پادرلِن کوز اُسن۔ تِہ اونگو سیتی لوگ مس شیر شر۔ اَمی سیٹھن اُچھن ہنز ژینو اَسہ وارے شولے مرث۔

"یہ چھِسے دِیان ہورچ یورچ کتھہ مہ کر"۔

مُدہ جِجن دون ناکارہ پائھو تہ ھَدہ ہنہ۔ تمی کوز پادلیس کُن بُتھ تہِ ماجہ باسیودُ زہ تِسترِہ بیے جان کھوورہ اُچھ اندر پزھ لیوو گاش۔ یِمہِ منزہ لالچ تہِ کمینہ گی پریڈان اُس۔ سارہ وےے جگو ترأو تمی ہندس نیچو وس کُن نظر۔ تہ ھقلہِ ھقلہِ ننگس دُ چھنہ۔ زن تہ نظرو سیتی تمی سُند قھو وَتھ پیرِتھ کڈُن اَسہ پزھان۔ زن تہ تمی ہندس رتَس زاگان اُسی۔ یُتھ زن تِہندین مو ردہ بُتھین منز نوہ سرہ زوُ اَنزہ ہے۔ مگر سوُ اوس ھَدہ ھَوَد تہ سیتود کھر طاہ۔ اوز دوز تہ بیے خوف۔ تہ اَتھ نَرِہ ناوِتھ اوس وَنان۔

" اَسہ چھِ انقلابی تہِ تِیتِس کالس روزو انقلابی ییتِس کالس

محض کینٛہہ نفر حوکومتھ تہٕ باقٕے ساری چھ صرف مہنتھ کران ۔ اَسہِ چھ تِتھ
سماجس خلاف یُمیُک مفاد بچاونہٕ باپتھ تہٕ ہہ پیٚھٹ فرمان چھ کڈنہٕ آمتھ ۔ اَسہِ
چھ اَمہِ سماجکو جانی دُشمن تہٕ سیتی تِہُنٛد کرنہٕ ۔ تہٕ اَسہِ زہ دری رلونہٕ نو نانی
زانِہہ یوٚتانی بٕہٕ سون دوٚر یہٕ جنگ زینہٕ ۔ تہٕ اَسہِ موٚرزدار زینو یہٕ جنگ یقینن!
تِہُنٛدی آغہ چھینہٕ تِیتھو طاقتہٕ وٲلی یُتھ زن تِمن پَنُنہٕ جایہٕ گمانہٕ چھُ ۔ سُئے
ذاتی جاداد یَمیُک ہُرُن تہٕ راچھ کرنہٕ باپتھ تِہُنٛدی آغہ لچھہ بدین تہٕ کرورہ وادانن
ہُنٛز زندگی چھییہ دِوان چھ ، سُئے قھ وتھ یُس تِمن اَسہ پیٚھٹ ہٹھو ولی
کرنہٕ دِوان چھُ ۔ سُئے چھُ تِمن پانس اندر نہٕ پھاس ژاوان ۔ تہٕ تِمن چھ
جسمانی تہٕ اخلاقی ایتبارہ مولہِ معہ نجہٕ گالان ۔ ذاتی جادادِچ رٲچھ راوتھ کرنی
چھہ تِمن سیٹھاہ دروٚج بوان ۔ دراصل چھوہ تُہی ساری لکھ ، سانی
حاکم ساٹہٕ کھوہ تہٕ زیادہ غولام ۔ تِہُنٛد رُح چھُ غولام ۔ اَسہ چھ صرف جسمانی
غولامی نالی کرتہٕ آمُژ ۔ تُہی چھوہ بہٕ اَتھ لایکھ زہ پَنُنہ مَن عادتن تہٕ توصبن
ہِنٛدی زولانہٕ ہیکو چھٹرہ راوتھ ۔ یہٕ چھُ سُو زولانہٕ یُمو تُہی رُوٗحانی ایتبارہ
کرِتھ چھنوہ نمہتھ ۔ مگر اَسہ ہیکہ نہٕ کانہہ تہٕ قھ وتھ رُوٗحانی حسابہٕ آزاد
گرٕ ھہ نفس تھاکھ کرِتھ ۔ تُہی چھوہ اَسہ زہرہ پیالہ چاوان ۔ مگر یہٕ زہر چھُ
تِمہ تریاقہ کھوہ تہٕ سیٹھاہ کم ۔ دریُس تُہی پَنُنہٕ مرضی خلاف سائنس شوعورن
منز ژاوان چھوہ ۔ یُزس مُتعلق چھ سانی زان وہ ہہ کھوہ تہٕ وہ یہ بڈان
تہٕ بڈٕرہ تیزی سان ہُران ۔ یہٕ زانکاری چھ بہترین لکن اَسہ کُن آنان ۔ خوہ وہ
تِہُنٛدہٕ طائیفہ منزٕ تہٕ چھ تِم لکھ اَسہ نش یوان ۔ یِہُنٛد رُوح چھُ بہٕ تہٕ آزاد

کوٚرمُتھ۔ تہٕ یہ چھ ختم گومُتھ۔ اشترٲکی یَت رٕژ نٕہندِ پہٕ بوٚرباد کوٚرمُت دُنیاہ پٕنٕس اَتھ۔ تہٕ نوٚو سرٕ بناوِتھ دِیہٕ اَتھ اَکھ مُکمل تہٕ عظیم دُنیاہچ شکل۔ یہ چھُ سیٚدَن وول۔"

پاوِل ٹھہرِیوو بٕرٕنٕس کھنڈس۔ تہٕ یِتہٕ ووٚنُن زیادَے مضبوٗط مگر نرم اندازہ۔

"یہ چھُ یقیٖنن سیٚدَن وول!"

جَجوَ کٔرٕ پانہٕ واتٕنی شُرٕ گُرٕ۔ تہٕ پاوِل سٕندٕ بُتھ بیٚٹھ اَچھ ژٕلنہٕ ورٲئی کوٚرکھ یِنہٕ نِمن بُتھین عجیٖبے حالِ بد۔ مارِچ باسیوو زِ تہٕنٛز نظرٕ ستیٚو اوس پاوِل سُند اوٚر دوٚر بدَن موٚکوٗر گژھان۔ زن تہٕ تٕمی سُند صحت طاقتھ تہٕ تازگی نِمَن دوٚن اَچھَن کھرَان اَس۔ قیٖدی اَسی یِنہٕ نِس سیٚتی باچ سُند تقریٖر دِلہٕ کیو گوشو بوزان۔ بُتھو اَسکھ زردے ہیتی مگر اَچھَن اندر اَس شادی ژھایہِ گیتہٕ کرَان۔ مارِچ اَس یِنہٕ نِس نیٚچو سُند اَکھ اَکھ لفظ پٕچھیتھ رٕوان۔ تہٕ تٕمی سٕندی ساری لفظ اَسی مارِچ ہِندِس ذٕہنس منٛز تند لِہ رُوزی رُوزی جاے رٹان۔ بڈٕ جَجَن کوٚر پاوِلس وارِیاہ لٹہٕ لٹا کھ نہٕ کہتھ تانی کیٚنژ لوٚگ واش کڈنہٕ۔ تہٕ اَکِہ لٹہٕ دٕتلیوو اَمی سٕندین وُٹھَن بیٚٹھ اَکھ غمگیٖن اَسُن تہٕ۔ پاوِل اوس پٕرٕتھ وِزِ ذَم دِتھ تِمہِ قرارہٕ ہیتہٕ عزمہٕ سان بولان زِ لکھ اَسی بوزنہٕ خاطرٕ مجبوٗر گژھان۔ جَجَن ہِنٛز خاہش اَس تٕمی یِنہٕ نہٕ مرٕنی تانی بناوِ مٕژ۔ مگر آخرس پٕژ بڈٕ جَجن نٕرٕ نٕہوٚد ژلنہٕ کٔرِکھ۔ اَمِہ کِس جوابَس منٛز دٕتلیوو پاوِل بٕنٛزِ آوازِ منٛز ہرٕل۔

"بَسمہٕ بہٕ چھُس وۄنۍ کتھ ژٕٹ دوٗلے۔ میون مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ تہٕنزٕ ذات گژھِ ناراض۔ بلکہِ ییٚلہٕ بہٕ یہِ تماشہ وُچھنہٕ باپتھ مجبوٗر گوس پتھ نا تہٕنٛد مقدمہٕ دنان چھیٚوٕ، میٚنہٕ آد تہٕ ہیٚتھ عار۔ آخر چھیوٕ تہٕنٛدۍ تہٕ اِنسانۍ اَدٕ تِمو کوٚنٛہ آسن سانہِ مقصدُک دُشمن تہٕ، اَسی ییٚلہٕ وُچھان چھِ زِ اِنسان کتھ کنۍ چھُ اَکس وحشی طاقتہ سٕتۍ زٕ غمہ لأگی منٛز یوٗتاہ گران۔ تہٕ پٮ۪ٹھ تہٕ وِچارٕ نِشہٕ اَکھ چھکلان۔ اَدٕ چھُ اَسہ توہین باسان"۔

جِجن کٔنۍ وُچھنے کرنے ہیوٗتھ سوٗ پیچھر۔ تہٕ ماج لٲگ شاہ پتھ رٕٹھتھ تِمن کُن وُچھنہٕ۔

پاوٕلِس سٕتۍ اَکھ داس کرٕ نہٕ وِزِ اوس آندرۍ سِنٛد بُتھ شولان سموٗلوف، مازِن تہٕ باقی رفیق تِمہ یہِ ہنا پاوٕلِس کُن۔ تہٕ سوٗ لوٗگ پنہ نِین سٕتۍ باجن ہندجوش تہٕ جذبہٕ وُچھتھ کینژھا باخبر گژھتھ ہیوٗ اَسہ نہٕ۔ تِمہ تراوُ ماجہ کُن نظر۔ کلہ سٕتۍ کوٚرُن تمتھ کنۍ اِشارٕ زَن تہٕ پرژھان اوسُس

"کیاہ ژٕ یہ گوٚیے اطمینان؟"

شادِ ہند اَکھ زیوٗٹھ شاہ اوس اَمیک جواب۔ ماجہ ہند اَکھ وُشنُ مُلر گوٚو تِمہ سِنٛدِس بُتھس ژٕھٹ کٔڑتھ۔

"وۄنۍ گو اصل مُقدمہٕ شوٗرو!"

سیٚز وَقتن ووٚن لوٚت پأٹھۍ۔

"ژٕ سمجھِ کیاہ بیہہ ناوٕ نکھ سِکنے؟"

ماجہ کوٚر کلہ سٕتۍ آنکار۔ سۄ اَٲس خوش زِ تِمہ سِنٛدۍ نِچوٗ اوس

اَمہِ جورتہٕ سان بوزمُتھ۔ نہٕ شاید اَمیس یتھہٕ کتھ ہشر زیادہ خوشی زہ تمۍ اوس
ینٛن تصور پیر اند وانہٕ نوو مُتھ۔ اَکھ سوال لوگ تمۍ سینس ذہنس منٛز وُزنہٕ کلہ
گژھنہٕ۔

" یم کیاہ سۄناہ کرن دِوان ؟"

# ٢٦

تمہِ سٕندۍ نیچوِ اُس نہٕ ترٛٲوِتھ کانٛہہ کتھاہ وَنٕنۍ مژبوٗریہ تۄہۍ آسہٕ ہے سعہٕ اُس تمہٕ سٕندِ پوٚرٕ خیالو نِشہٕ باخبر۔ مگر یمہٕ نُس یتھ عدالتس منٛز کرٕ تمہٕ گوڈنچہ لٹہٕ پیٚنہٕ نس نیچوِ سٕندِ عقیدِ منٛز عجیب کشش موٗحسوٗس۔ پاوٕل سٕنٛز سنجیدگی تہٕ قرار وُچھتھ اُس سعہٕ حٲرتَس گامٕژ۔ تمہٕ سٕنٛد تقریر اوس ماجہِ ہٕنٛزَن نظرن منٛز اکہٕ تمتھ کانٛہہ دار تار زِکو پاٹھۍ یُس تمہٕ سٕندِ عظیم مقصدچ تہٕ امہِ مقصدکس آخری فتحس پیٹھ پوٗرٕ پوٗرٕ پَژھ ہُند اکھ زٕو دار تہٕ پرٛزلوٚن علامت اوس تَس اُس ووٚمید زِ ووٚنۍ کرن نِچ تَس سیٹھاہ زبردست بخشا بخشی۔ ژکھ کھالِتھ کرٕن اُمی سٕنٛز کتھ رَد۔ تہٕ ہیٚنہٕ خیال باوُن۔ مگر اَتھ ماوجنہ وۄتھ آندری تھوٚد۔ رٔژھا ڈال دِتھ ترٛٲوِن ہُمبوتلو بجن کُن نظر تہٕ لوٚگ وَنٕنہٕ۔

"عوٗذر داری کرن والیو حضراتو۔۔۔"

"وُنی کیٚس چھکھ تُہۍ بجن سیٹھ کتھ کران۔ عوٗذر داری والیس سیٹھی نہٕ" بیمار چیز ووٚتھ غضبناکھ طریقس منٛز۔

ماجہ ووٚچھ۔ آندری سٕندس بُتھس پیٹھ اوس ٹاوس تُلنہٕ وول

اُسُن گِندان۔ تِمَو پِشنزٕ گوٚنٛزرِچہ آسہٕ ٹھان تہٕ ماجہ کوٗر متوحشوس زِ تِمَو پِشنزٕ اُچھ آسہٕ اکِس براری سٕندی پاٹھۍ انتقامہٕ کہٕ شولہٕ سیٖتھ زوتان۔ زیٹھ تہٕ زاوِی لہٕ اَتھ سیٖتھ کلش پھشاہ دِتھ کھول تِمَو زیوٗٹھ شاہ۔

"اَچھا!" تِمَو ووٚن "میہٕ دوٚپ تہٕۍ چھوٚوہ نہٕ جج۔ بلکہ عذرداری کرن دٲلی۔"

"یہٕ پِچھسے وَنان مطلبیج کہتھ دَن۔" بُٹن ووٚن خوشک آیہٕ۔

"مطلبیج کہتھ، اَدہٕ جان گوٚو۔ مٲنی تو پانس بیٚیٹھ زور کرِتھ دِمہٕ بہ پانس یہٕ یقین زِ تہٕۍ چھوٚوہ پزی جج۔ یِمن نہٕ دٲلی تہٕ آزاد خیال۔"

"عدالتس چھٕنہٕ چارہٕ سفارشہٕ ہُند منظور کرتھ۔"

"گوٚو یہٕ دلیل چھہ، اچھا بہٕ ہیٚکہ کلامہ جاری۔ تیلہٕ مانو اَسی زِ تہٕۍ چھوٚوہ نہٕ رایہٕ رایہٕ پکان۔ کانسہ ہُند کانہہ توصب چھوٚوہ نہٕ۔ بیٚن پرٛزٕ چھون نہٕ مانان۔ مٲنی تو۔ زِ زُنی چھہ تمہٕ ہہ بڑو نشٹ کٲن اَتہٕ نہٕ پوان۔ اَکھ چھُ ونان زِ ہے ہُموہا۔ کوٗر میہٕ لوٗٹھ۔ تہٕ چوبن تل کوٗرنس اَڈہٕ موٚر۔ بیاکھ چھہ وَنان زِ میہٕ چھُ گٹن لوٗٹھ کرِنکھ تہٕ چوب دِیی دِیی اَڈہٕ موٚر کرنکھ حق۔ تِکیا زِ میہٕ نش چھُ بونہٕ ذوق۔"

"تِہیٚ چھے نا مطلبیج کتھ تگان کرِنی!" بُٹن پرُژھس تھدِ ہیٚٹ تس اُس اَکھَن تھری تھری وُزھہ مُش۔ تہٕ ماج اُس خوش زِ سُو اوس شرارتس لائینہ آمُت۔ مگر ماجہ اوس تہٕ آندری شنِد وطیرہ خوش کران۔ یہٕ اوس تِمَو سٕندس نیچوی سٕندس تقریرس سیٖتھ واتھ کھیوان۔ سہ اُس پرٛژھان

نہٕ یِمَن مُحشِد دٔلیل دعوا گوٚڑھ سنجیدٕ تہٕ باوقار آسُن ۔

دُبارٕ کھتہٕ گٔلہٕ بُرونٛہہ وُچھ خوخولن رٔسے اَمِس مُدٕعس کُن ـــ

"مطلبیٖ کَھتہٕ؟ ڈیٖکہ وٕرہہ رٲوِتھ وۄن تِمَو سنجیدٕ پاٹھۍ" ژٕ یہٕ سِہتہٕ کپازہ

کرٕ مطلبیٖ کَھتہٕ؟ فِل حال یہٕ کینٛژھا اَسہ کَرُن اوس۔ تہٕ وۄن میانٛین رفیقن

بیکِہ دکھ واتہٕ بیٚیہٕ لُکھ وَنہ نوٚہ باقے کھتہٕ تہٕ۔"

مُدٕ گوٚ کُرسی پیٹھ ہتھۆد دِتھ تہٕ لوٚگ وولنہٕ۔

"خاموش! دۄیِم مُلزِم گرگوری سموٗلوف!"

خوخولن ژٲپۍ دِتھ تہٕ لوٚت پاٹھۍ بیوٚٹھ بینچس پیٹھ۔ سموٗلوف وۄتھ

اَمِس نکھے ہتھۆد۔ تہٕ پنُن وٲنکۍ مَس دِتھ دِنہٕ سیٖتۍ یَتھ کُن دٲرِتھ۔

"سرکٲری وکیلن وۄن میانِس باجہِ چھ وَنہٕ ونِتھ ہیٚتھ۔ تُہنٛد بیکِہ دُشمن!

صرف وۄن تی۔ یَتھ جٲنِس مُقدمَس سیٖتۍ واٹھ اَسہ۔"

"واٹھ ہے چھس۔ سعہ کوٚہ سہ کَھتہٕ کرٕ زِہن یَتھ تہٕ ایمان دار لُکن

سیٖتۍ واٹھ آسہ۔ تہٕ مہربٲنی کرِتھ مہ کرِو مینہ ہٲکھ۔ تُہنٛد تہذیب چھ کیاہ؟

یہٕ تٲرِکو میہ تہٕ فِکرٕ۔"

"اُسہ چھنہٕ یور ژٕ یہٕ سیٖتۍ بحث کرنہٕ آمِتۍ۔ کامہ ہنٛز کَھتہٕ وۄن۔"

بوٗزِمو دِنہ نیبر گُڈِتھ دۄن جِنان۔

آندرۍ سِندٕ وطیرٕ سیٖتۍ اُسہ چھ بدلے مِیتو ہیو۔ باسان اوس

زن تہٕ تِمَو کَھتہٕ تام چیزس پٹھنہٕ پھاکھ کوٚرمُتہٕ اوس۔ جِھن ہندین سوٗرِ گُچھین

پیٹھ اُسہ داغ ہیو وٕرہہ تلے مِیتو۔ تہٕ اُچھن اندر اُسکھ ژٕ نزخ ہشس ژکھ

شولان - پاوِل سِندِہ تقریرِ سٟتؠ اوس تِمَن ہزار لٲچھ کھوتہٕ تمُتھ - مگر تِمو ییٚم لفظ درتاوی ہیتؠ اٲسی - تِمَن ہِندی طاقتَن اٲسی نہٕ تَس پیٚزٕ لٲچھ کرنَس تہٕ ژکھ ژایہٕ نَس ہیٚمِتھ مجبوٗری کٕرِ ہیتؠ - خوخولَن اوس برداشٕت پٔردِہ چاک کوٚر مُتھ تہٕ اَکھ پٔرٕدس ہیٚنہٕ کنہٕ پہٕ کیٚنژھا کھٔٹِتھ اوس سوٗ اوس نوٗن دژامُتھ تہٕ جو کرِہ پانٕہ وٲنی سٕسرِہ گٔرِہ - تہٕ کوہ پٲٹھی لگی پنہٕ نین مُجقین ہٕنٛز شکل بگارنہٕ - تہٕ غٲر موٗمُولی اندازس منٛز ہیٚتِکو اَکھ گلہٕ ناوٕنی -

" تِہٕندی چِھو رِ گُکَن جوسوٗسی ہٕنٛز تربیت دِوان - تِہٕندی چِھو کھ زنانہٕ تہٕ لوکٕچہِ کوٗرِہ خراب کران - تِہٕندی چِھو کھ انسان ژوٗر تہٕ کھٲمٕنٛز بناوان - تِہٕندی چِھو تِہٕندِس رٕقسَن منٛز وٕسہِ دِکا قوٗمَن منٛز پانٕہ وٲنی لڑاین ، اپزٕ نکیٚہ عیاشی تہٕ وحشی بناوٕنکھ زٕہر میلہٕ ناوان - یہٕ چھ تِہٕندی تہذیب ! اٲسی چھ یِتھِہ تہذیبکِ دُشمن "

" یِہ چِھسے وَنان ! " بُڈِہ وولیوو - مگر سموٗلوفَن بُتھ اوس نارِہ زیٚکُھ ہیوٗ گوٚمُتھ - اُچھ آسٕس زونان تہٕ تِمو دِژ جٔچھس یورِہ تہٕ کٔرِ یکھ -

" اٲسی چھ تِمَن دوٚی مِس تہذیبس پیٚزٕ لٲچھ کران - یٔتِھ وکالتھ کرن واٲلی دوٚدِہ راوِنہٕ تہٕ پاگل بناوٕنہٕ موہ کھ تِہٕندی ہٕنٛز جیل بُران چھو کھ "

" زبان وٕنٛدٕ ! دوٚیمُ ملازم فیدور مازِن ! "

فیدورگوٚ دوہ ٹھِہ دِتھ کھڑا - سوٗ اوس اَکِہ نیٚزٕ خنجرٕ کی پٲٹھی سیٚود تہٕ تنوکھ -

" یِہ چِھس قسم کھیوان زِہ بہٕ روزِہ یِنٛہ کاٗم برو بہ کران - میہٕ چھ خبر زِہ سزِہ یکھ فاٗصلہٕ چھُوٗرِہ تہٕ ہہ بُرو نیٚھٕ کوٚرمُتھ "

سُو ٹھہریوو دَم ہیٚنہٕ باپتھ۔ تَس پھیپر لیٚدرِ ژھٹ تہٕ بُتھ مَنٛزٕ روزَس اَچھی یاژہٕ نیٚنہٕ۔

"بہٕ چھُس وعدہ کران" تمہٕ وۆن اَکھ بۄروٗنٛہ کُن ژٕلیتھ۔

"تہٕ سۆزِی تو میٚہ کُن نیٚرٕ۔ بہٕ ژلووٕ تَتہٕ۔ تہٕ ہمیشہ روزٕ کٲم کران سارِی سے وأتٕسہٕ کرٕ پنٕنۍ کٲم۔ بہٕ چھُس قسم کھیوان۔"

سپر روٗمن ہیٚوتھ دمنہٕ گرٕ ہرٕ ژُن تہٕ پیٚنہٕ نہٕ جاپہٕ پیٚٹھ بھہِتھ لوگ اَرہٕ ہٕرٕ ہیوٕ کرٕ نہٕ۔ عام ٹکَن منٛز گیٚیہٕ بدلے آوازَن ہنٛز گینٛگہٕ دارِے شۆرٕ رُو۔ لکَن اوس وارہٕ وارہٕ وِرہٕ تاو یوان۔ اَکس زنانہٕ لگو وَدُن ہکو۔ تہٕ مکَس تام آیہٕ ژاس دۄد ٹلیتھ ٹکس دالیو مُچھ بَڈٕ حارَتہٕ تہٕ شرارتہٕ سان قیدین کُن۔ جج ہیٚنٛتنۍ گرٕ سیٚن پیٚٹھ اورہٕ یورہٕ لاینہٕ ہلوہ یِنہٕ۔ تہٕ اَکھ مَنٛز کوٗر بڈن گرہٕ ہنٛز۔

"دۆیِم ملزم ایوان گوسیف!"

"میٚہ چھُنہٕ کیٚہہ وَنُن!"

"قیدور بوٗزِن!"

چھوٗت بُتھ کرِتھ سوٗ نفریٚس بدہٕ منٛزٕ سورُے رَتھ کَڈِتھ اوسکھ نیوٗ مُتھ، دوٗہ تَہ مُشکلن لٕگوٗد۔

"تہٕ ہہ گژھہ شرم یِنہٕ۔" تمہٕ وۆن کلہ گِلہ ناوِتھ۔ "میٚہ چھہٕ کیٚہہ سیٚٹھا یِژٕ کٲلی فکرٕ تران۔ مگر میٚہ توٗر فکرٕ زِ انصاف کیاہ گو۔"

نرٕ ٹھوٗد ٹِلِتھ کرٕ تمہٕ ژھوپہٕ۔ اَچھ تھوٗن اَڈٕ وَژِھ۔ زَن تہٕ کیٚہہ تام دوٗرٕ کَس چیزَس کُن وُچھان اوس۔

"یہ کوسہ کتھ گیہ؟" حاژان گژھتھ تہ ژٲکھ سان وون مدن تہ کرسی سیتو ترٛ دوُن ڈوٚکھ۔

"بلاسے بینھ تھ یہ!"

بوٚکن بیوٚھ یہاہٕسے ژھینہ گژھتھ ہیوٚ۔ اُمو سنٛدین کرینھٕن لفظن منز اُسی کوہ تام اہم کتھ۔ اکھ ترژھ کتھ یتھ منز دود اوس، غمناکھ لان تان اوس یہ ٹریون پرٛیتھ اکہ بجس تہ گیہ کن کھرٛا۔ زن تہ تم تتھ پوٚت صدا ہس پراران اُسو۔ یُس زن شاید بوٚکن سنٛدیو لفظو کھوتہ زیادہ واضح تہ ٹاکارہ آسہ ہاسے کمرس منز ووہ تلے یہ ترٛیہ گنڈی پھاڑ ناون واجنو ہش ژھوہ یہ۔ صرف اوسس یہاہٕسے وُدُن ہیوٚ گژھان۔ اُخرس کوٚر سرکاری وکیلن پھیکین درساہ دِلہ ژھوٚٹے اَسناہ۔ دربار کی میٚزن کرٛ ژاس۔ تہ عدالتہ کس کمرس منز ہیٚیرن بٔنیہ اکہ لٹہ شسرہ گسرہ گژھنہ۔

"رٕکھو بجن پھُٹا کینہہ تہ وَنُو؟" مادج پرٛیژھ سپز وفس کنس تل۔

"سورُے موکلیو۔ ووہ نی چھُ سزا یا قِیے۔"

"بٔنیہ نارٕکھی؟"

"رٕکھو نہ"

تَس بیٚچھ نہ پرٛژھ۔

سموگلوفنو مادج اُس بیقراری منز بینچس پیچھ ہودرہ یور لاینہ ہش یوان۔ تہ پلاگیا یہ اُس شانو تہ کھوتہ وُٹو سیتو دکہ دِوان۔

"یہ کیاہ گو؟ یہ کیتھ چھُ ممکن؟" تمہ پرٛیژھ رہٕ نِس۔

"پانے وُچھی۔ سورُے چھُ ممکن۔"

"سانِس گرێشاہَس کیاہ سزاہ دِن؟"

"ژٕنگے کرٕ تہٕ ژھعہ ہیٚر!"

سارٕ نے اوس احساس زٕ کیاہ تام خلافِ قاعدٕ کُنھہ سپیٚز کُنھہ تام چیٖز س آیہٕ ٹھونٛٹھ تہٕ کیاہ تانی پھُٹ۔ اکھ اُسو تیٚزی سان ٹارِن ہُنٛد تراوکران زن تہٕ کینٛہہ اوسُکھ نہٕ فِکرِ تران۔ زن تہٕ وُچھان وُچھان کُنھہ تام بٔنہٕ نارٕ الاوٕ اوسُن گوٚنڈمُت۔ تہٕ اَمکو خولہِ خط اُسو نہٕ وارٕ پأٹھۍ بوزنہٕ یوان۔ اَمِچ اہمیت اُس نہٕ پَلہِ پیوان۔ مگر یُتھیٚکھ قد دٔتھ پانَس کُن لمان اوس۔ اَکھ عظیم چیٖزن اوس تمن ہنٛدُ جلوٕ ہیوٚ مُت۔ مگر تِمن اوس نہٕ یہِ چیٖز فِکرِ تران۔ اَوٕ کِنۍ اُسو تِم تمہ نِے چیٖزَن باوَت کران۔ یِم لوکٕٹ تہٕ غارٕ اہم مگر تِمن وِیدی اُسی۔

"تَلا بارٕ ہیون تہٕ بوٗزِو۔ یِمَن کو نا چھُ کینٛہہ وَنہٕ نکھُ موقہٕ یوان دِتُنہٕ۔ بڈٕ بوٗکن دوٚدتھ تھدِ ہُنٛد۔" سرکاری وکیلس یہِ خوش کوٚر۔ تہٕ دِیُت ہَس وَنہٕ تہٕ: "بینچِن نکھ گوٚ اکھ حاکِم کھڑاہ۔ تہٕ اکھ سیٖتۍ ہوٗن لکن کُن۔"

"خاموش! خاموش!" تمۍ کوٚر گرٛزُن۔

سموٗلوف نمیوٚ آشہ نہٕ پَتھ کُن تہٕ رُکی رُکی لوٗگ وَنہٕ تہٕ۔

"اچھا مانوٚ۔ یِم چھِ مجرم۔ مگر یِمَن گوٚژھہ نو تہٕ صفأیی نار نکھُ موقہٕ دِین۔ یِم چھِ کمَن خلاف؟ یی تہٕ چھُس بہٕ زانُن یژھان۔ آخر میہٕ تہٕ چھُ پننُن مفاد ژُٹھٕ۔"

"شی!" حاکمَن ہیوٚ سموٗلوفس کُن اوٚنٛگجہ سیٖتۍ تہٕ سوٗ کوٚرُن خبردار۔ سموٗلوفَن رگہ نوو بڈٕ غمگین ہیو گرٛزھتھ کلہٕ۔

ماگہ رؠوز جنگلن کُن وُچھان۔ تہٕ تِمہٕ کوٗر مےٚ حسوٗس زِ یوٗت یوٗت تِم لعہ تہٕ لعہ تہٕ بولان گٔیہ، تیوٗت تیوٗت گوٚ تِمَن جوش ہُران۔ تہٕ شُرٕ کھتِھن ہُند ترٛوٗن تہٕ رٕسِہ ژٕلُن وول صداہ آو ماجہ بٕتھی لَبَن چھاوٕنہٕ۔ تہٕ تَسٕ ژاپہٕ گٕلین نٕنہٕ اُس گوس ٹیوٚٹھ تہٕ بےٚ مزٕہ۔ خبر کمہٕ سببہٕ بٲسیوو تَسٕ زِ تِم اُسی تِمٕو سٕندِس نٕچِو وِس تہٕ تسٕندِین سٕیتھو باجَن ہٕندِین جسمَن، نوجوان تانن تہٕ مرٕٛتھن ہٕنز کتھہٕ کران۔ تِمَن منٛز وُشُن وُشُن خوٗن تہٕ طاقتھ بَرِتھ اوس۔ یِتھی بَدَن وُچھتھ اوس تہٕندِین لَن منٛز بیٚچھ ورٕین ہُند ہیوٚ کینہٕ تہٕ بعہ غُصٕن، بیمارن تہٕ ازکار گٔمتین لُکَن ہُند ہیوٚ بیکار تماہ پٲدٕہ گومُت، ژُھٹ پھیٚشس پھیٚشس اُسی تِم تِمَن بدنن پیٚٹھ رَشک کران۔ یِم بَدن اُسی کٲم کرنس، بختاور بنٕنس، تخلیق کرنس تہٕ لُطفُک عِلم تھوونس قٲبِل۔ وونی اُسی یِم بَدن دوہہ دِش چھہ عام رَوی شہ زنشہ الگ کَڈِتھ رَد پٲدان کرنہٕ۔ اُمیکہ مطلب اوس زِ وونی ہیکَن نہٕ یِم مُلک ہٕنز بیٚتھ، یِمَن ریٚیہ نہٕ تھٔچھ دینہٕ۔ یا لٔتہٕ منونٛڈ کرٕنہٕ۔ اَمی سببہٕ اوس یِمن نوجوانَن کُن وُچھتھ بڈٕہ جنگلَن منٛز تہٕ تِھین ازکار گٔمتین شکاریو بٕوشن ہُند ہیوٚ اِداہ واتہٕ ناوُن والہٕ آنٛچھ گوسہٕ ووتلان۔ یِمَن برٛونٛہہ کنہٕ تازٕ شِکار آسہ مگر جِسمہ دِتھ آسکھ نہٕ یہٕ شکار کھیٚنٛچ توٗ ژھد باقے۔ تِم شکاریو بٕوش یِمَن نہٕ۔ یِتھین پٕوشن ہٕندہ مازٕ سٕیتھی یڈٕ بٕرٕ نٕچ شکھتھ چھہ آسان۔ مگر کھینک ساماَن برٛونٛہہ کنہ نیران وُچھتھ یِم گریزان تہٕ دوران چھہ۔

جنگلن کُن دارہ پٲٹھی نظر ترٛاوِتھ ہیٚیِش ہمو عجیب تہٕ بٕیہر یو خیالو تِمٕو سٕندِس ذٕہنَس منٛز اکھ ناکارٕ شکل بٕرٲونی۔ یِم جنج اُسی نہٕ یِتھین بعہ چھٕ تھٔتھن درندن ہُند ہیوٚ لالچ تہٕ بیکار ژکھ ژٕورٕ تھوٕہ نچ تہٕ کوٗشش کران۔ یِمَن زَن

گوڈرٕ گوڈرٕ بیٚیَن ہشرٕ ناپٕڑ کھیٚنس ہاول آس۔

سہ آس اکھ زنانہٕ تہٕ پیٹھ اَکھ مأج۔ تمِس اوس پننٕس نیٚچوِس سُند جسم پژ ہتھ رنگہٕ تمہِ چیرٕ کھوٚتہٕ ٹوٹھ یتھ رٗوح چھ وَنان۔ مگر یِلہٕ تمہِ زٕج تَس کنۍ پننہٕ موٗژ صینہٕ کأمرٕ اُچھو مُدرے گنڈِتھ وِچھان ڈیٹھو۔ تَس گو ہأبتہٕ ہتھرٕ نظرِ آیہٕ تمۍ سندِس بُتھِس پیٹھ وارٕ وارٕ پکان، تمۍ سندِس سینس، شانَن تہٕ زنن چھِی دِلتھ نیران تہٕ تمۍ سندِس بَدنَس سیٹھا گگر دِوان یتھ زَن اَمہٕ نکرأوٕ سیٹھا تہشزن مہ رٕدٕ رٕگن تہٕ زندٕ ریمرشن مرشن ہند رتھ وُشن گرٕژھ ہے یمَن نوجوانَن ہند سوٚنچتھ یہ سہ شہوتھ تہٕ حسد یمَن منز یأدٕ اوس گوٚمُت۔ تمہِ سیٹھا آسہِ زٕج یہوے زندٕ ہوہ گأمتۍ۔ یِم آسہِ تِتھے نوجوان یمَن یِم سرٕ دِنَس پیٹھ ہوٗل گنڈِتھ آسہِ۔ تہٕ یتھ کنۍ آسہِ ہر ہمیشہ خأطرٕ ہندوبدنَو زنشہِ اَتھہٕ چھَلن وألۍ۔ مأجہ باسیوو زہٕ پاوِلس تہٕ اوس یمَن اَدرِن تہٕ ویکھر نظرن ہند احساس گومُت۔ تہٕ پانَس دِژن کرتھ وُچھ تمۍ مأجہِ کُن۔

پاوِل اوس تس کُن لوٗت پأٹھۍ تہٕ لولہٕ سان وُچھان۔ نظرن منز اوس تھکن ہیوٗ۔ منز منز اوس سُہ تَس کلہٕ سیٹھا اِشارٕ ہاوان تہٕ وِرٹھ گمہٕ ناوان۔

"سیٹھاہ جلد - آزأدی!" اَمہِ سندِ اَسہٕ نہٕ تلہٕ توٗرنس گیٚتۍ اوت فکرِ تہٕ تَس بیٹھ دأنج ڈنجہٕ۔

یکایکھ گیہٕ سأرِی زٕج کھڑاہ۔ مأج تہٕ وُژھ بیے پرادے تھوٚد۔

"یم ہیے دٔرایہ تہٕ!" سپز دفن ووّن۔

"مسٹر راہ مشخص کرٕتہٕ ہا یچھ ہارٕ ہ؟" ماجہ پرٛژھس۔

"آ"

سعہ اُس توٚتانٕ کنڈین بیٹھ۔ مگر وۄنی سپیز سعہ شانت۔ تہٕ پانس باسے ییٚس کمزوٗری تہٕ تھکٕن۔ تَس لجہ بٕتھہٕ ووٚتھٕ کڈنہٕ۔ نہٕ ڈٲکس بیٹھ گاٚمس گٔرہ پھیرٕ پاٚدٕ ہ۔ دِلس بیٹھ باسیوس دوٚہ گُھک تہٕ نا ووٚمیدی ہُند گوٗب بار۔ یُس وٗلہ وٗلی ججن تہٕ عدالتس خلاف دِلہٕ منٛز بدلیوو۔ کلس باسیوس دود ہیوٚ تہٕ سعہ لٔج ڈٲکس زورٕ پھَش دِنہٕ۔ کاٗر تھوٚد رٔٹِتھ بیٹھ سعہ وُچھنہٕ۔ قیدین ہُندی اَنگ اُشنٕ ناوَ اُسی سپٕنی تانٕ دٲرٕ ہیتو۔ تہٕ عدالتہٕ کِس کمرس منٛز اوس کتھ کرنکہٕ شور ووٚتھان ہیوان۔ سعہ تہٕ گیہٕ یاوِلس نکھہ۔ تسُند اَتھہ اَتھس منٛز زورٕ رٔٹِتھ لٔج اوٚش ہارنہٕ۔ تمیٚ سِندِس دِلس منٛز اوس غم تہٕ تہٕ شادی تہٕ۔ سعہ اُس اَمہٕ وِزِ خبر کٔمن وٗزبِہ تہٕ اَکھ اَکِس <u>سیتھ منٛز تھٲنن والین جذبن</u> منٛز راوٚمژ۔ یاوِل روٗد تس سیتھ مایہٕ بٔرٕژٕ کتھ کران۔ تہٕ خوشحال روٗد اَسان تہٕ مخولہ کران۔

سارے زنانہٕ آسہٕ اوٚش ہاران۔ مگر اتھ اوٚش ہارنس منٛز اوس غمہٕ کھوٚتہٕ تہٕ تِہندٕ ہ عادتُک اَثر۔ کانٛہہ ٹیٚتھ غماہ اوس نہٕ یُس ہنگہ تہٕ منگے تِمن اَگادٕ آسہٕ ہے گومُت۔ صرف اوس یَنہٕ نین جگر گوشن نِشہٕ لامحالہ پانٛژھ ژھیٖنہٕ گژھنُک حسرتناک احساس تہٕ اَز کرٕ ڈیکھو ہاری تاتو سیتو اوس یہٕ احساس تہٕ کُنہٕ خُدَس تام ہیومُت۔ خبر کمہٕ رٔلہ ملہٕ ہوی جذباتہ ہیتھ اُسو مٲلی ماجہ پنٕنین شُرین وُچھان۔ لوکہ چارُکھ بے پٔرٕژھ کارخانہٕ تہٕ یُنہٕ نہٕ زِچھر وکھ تہٕ بجرک احساس اوس ییٚز تہٕ کِس جذبس منٛز رٔلیومُت۔ اَمار تِہندی شُری کتھ کٔنز کران ووٚنی

دِپن گَنڈٕ اُرٕ ۔ یہِ دوہ کھ وانہٕ ناوَن وول خیال اوس سوٚتیو مُتھ ہیوٚ ۔ لیکن اُمس یہِ کتھ سَمجھنہٕ کانٛہہ زہ یِمہٕ نوجوانو یِمہٕ جوٚرتہٕ تہٕ جوان مردی سان اوس یہِ ووٚنمُت زِ اکھ نوٚو تہٕ رژ زندگی رٕکھنہٕ کنہٕ یِیہ تعمیر کرنہٕ ۔ جذباتہٕ اُمی تل تل کامہٕ تکیا زہ تِمَن باوت کرنکھ اوس نہٕ موقعہٕ میلان ۔ کتھ آسہ گژھنہٕ ۔ لفظ اُسی گرنٛزمژٕ ریوٚن مگر سیزَن سادَن کتھَن ہنٛدی لفظ مثالے پلوَن مُتلق لفظ ، دوٚبس یا صحتس مُتلق لفظ ۔

بوٚڈ بوٚکن اوس اکھ ٹکلہِ نا آوی ٹکلہِ ناوی لوکٹس بایس مانہٕ راوُن پرٛژھان ۔

" انصاف ۔ یہوٚے تہٕ چھُ اصل نیاے ۔ اَمہِ ورائے تہٕ کینٛہہ تہٕ !"

"میانہٕ ہارِہ ہا تھوٚوو زہ چھس ۔" لوکٹو بایے دِتُس جواب ۔

" ضرورٕ !"

پینہٕ نِس باجہِ ریس اَتھس تقسیم کرِتھ دوٚدہ پیزِ وف ۔

" فیدور ۔ امیک مطلب گو زہ نیرِ کھ اَسہِ ترا آوِتھ ۔"

فیدور نمیو تس کنس کُن تہٕ ووٚن نس کیا ہتام ۔ تہٕ بڈِ کھلہِ دِلہ لوگ اُسن کرنہٕ ۔ منترِیس تہٕ پھوٚل اَسُن ۔ مگر جلدٕ ے بنوٚن تُتھ یہوٚے زوٚڈ ہیوٚ تہٕ ہوٚٹ لوگ صاف کرنہٕ ۔

بیٚیَن زنانَن ہنٛدی پاٹھو روٗز مانٛج تہٕ پینہٕ نِس نیٚچہِ وِس سیتی کتھ کران پلوَن مُتلق ، تِمہٕ سنٛدِس صحتس مُتلق ، مگر تِہٕنٛدس دِلس منٛز اُسی ساشایہ ، پانس تہٕ پینہٕ نِس نیٚچہِ وِس نسبتہ ساپہِ واد سوالہِ ۔ تہٕ یمَن سارِہ نے سوالَن ہیٚرِ

کَنہٕ اُس نیچِوی سِندہٕ باپتھ اَکھ اُنتہٕ رٕوس مایہِ وُڈوٗ کَران۔ تہٕ تمِی سُندِ یہِ اَمار
زٕ سۆ گژھہ تَس خوش ہیکِہ کٔرِتھ تہٕ تمِی ہِندِس دِلَس نَکھ واتِہ۔ تمِی سُند یہِ خوف
زِ نیچِو وِسں چھُس کیاہ تام دٔرپیش، ہیوٚتن موکلُن۔ تہٕ وۄنی اُس سۆ صرف ژ
ژٔنِس پانٛوِتھ تہٕ دیماغس کِس کُنہ تام کوٗنجس منز چھیپِتھ اَکِس خوفناکھ اثرس
تَل باضنے نشان۔ تَس اوس احساس زِ تمِی سِندِس دِلَس اندر اُس اَکھ ماری منز
تہٕ کاتِہ دار خوٗشی تھَکنہٕ پیوان۔ مگر وارہٕ اُسیس نہٕ فِکرہ ترَان۔ تہٕ یہِ خوٗشی اُس
سۆ بڈہٕ کھوٗژی قوٗبوٗل کَران۔ تمہٕ وُچھ زِ خوخول اوس سارِنی سیتھ
کتھ کَران۔ خوخولس اوس اَکِس بیٚپِس کھۄتہٕ زیادہ مایہ تہٕ شفقتکھ صنوٗرتھ
اَوّے ہیرٕ ماجہِ تَس سیتۍ کتھ کرِنہٕ۔

" میہٕ نابالھوت نہٕ تہنٛد یہِ مُقدمہ ٹارہٕ۔"

" یکِیہ زِ ننکو؟" سۆ اوس شکر گُذٲری سان اَسان۔ "گژھہِ برانِہ مگر توتہٕ چھُہ نٔژان۔"

" اُمی مُقدمن نالھوژہ نوو نہٕ کانٛہہ اَکھ تہٕ۔ مگر کانٛسہ وۄنن نہٕ یہِ تہٕ زِ کُس چھُہ صحی ؤتہٕ تہٕ کُس غلط ؤتہٕ۔" سۆ ؤژھہ ہنارکی رٕکی ہش۔

" اچھا گو یہِ اوس چون مطلب؟" آندری وۄنُتھ "ژٕ یِیہ آسی راے زِ یمن مُکمن کیاہ چھُہ نہٕ زانہٕ تَس سیتۍ کانٛہہ دِلچسپی۔"

" بہٕ اُسیس یِنہٕ نہٕ جایہ سوچان زِ خبر کیٛہ سہ ترٛٹھ پٮِ۪یہ۔"

زیوٚٹھ شاہ کھالِتھ تہٕ اَسُن بھولراُوِتھ وۄن تمہٕ۔

" عدالتس منز احتیاط تہٕ خاموشی!"

پرٛیچھ اَکھاہ ووٚنھ دُلی وُلی پیٚنہٕ پیٚنہٕ جایہ نٔش۔

بوٚڑ جج اوس میجس پیٚتھ اَتھ ٹھوٗریتھ وِہِ دِنہٕ ۔ دۄیِمہِ اَتھٕس منز اوسُن کاگد اَچھن نکھے رٹمُت۔ تمیٚ ہیوٚت لوٚتہٕ آوازِ منز پَرُن۔

" فاعصلہ ہیٚے چھُ پَران۔"

فاعصلہٕ بوزنہٕ باپتھ نمیوو سیرٛوف برٛونٛہہ کُن۔

کمرس منز گیہ خاموشی۔ پرٛیچھ اَکھاہ لوٗگ ٹھۄد وۄتھتھ اَمس بڑس کُن وُچھنہٕ۔ سُہ ژھوٚپہ ٹینگہ، زوہ ٹکیو مُتھ تہٕ ہوکھمُت مۄہ ہینیا اوس تَرٛٹھ اکھ لوٗراہ ہِشس۔ یوہ سیٚہ کُنتھ تام بیٚیہ ووٚجوٗد اَتھس منز آیہ۔ باقیہ جج تہٕ اَسی وِہِ دِنہٕ۔ حاکم مہ جنلہ اوس کانہہ دولہ رٹتھ تالوس کُن وُچھان۔ میٚیرٕن آسہ پیٚنسٕ پیٚیٹھ زِہ گنجہ مَرِتھ۔ دربارُک میٚیر اوس ریٚشس پھشاہ پھشاہ دِوان۔ بِمارہٕ ہیو جج، تمیٚ سُند دُگولہ بوچ تہٕ سرکارُک وکیل، سارِی اَسی قیدین کُن وُچھان تہٕ چھِ ہانزٕہ تھرکنہٕ اوس ناز تصویرہٕ منز کر وُچھان۔ زارٕنیٚ اَسی دوہ زج ورِی لانگِتھ، کُمٕس پیٚٹھ بیٚیہ پرواہی ہُند تاثرُ تہٕ امہ وِزہ اَسی اکھ مُتھ اَمس کُھتھ پیٚٹھو یکان۔

" جلایہ وطنی !" پھرکھاہ ترٛاوِتھ وۄن سیرٛوفن " شکر خودایہ سُند نبائے مۄہ کلیووُ ! بہٕ اوسُس اوڈٕنے زِہ قائد بامشقتھ گزھک نہ دِنی۔ ماجہ یہ گو جان۔"

" بہٕ اَسِس زائِنی تھے زِہ یہ چھ سیدِن وول۔" لوٗسہِ مرِتھ آہوازہ منز وُرٛزھ سُہ درجواب۔

" خاڑ۔ وونی سٕپُد اَسہِ یقین۔ خبر اُسہٕ کُس سزاہ دِیہ ہیٚنکھ۔
تٔمۍ دِژ کلہِ پھِرِتھ قیدیٚن کُن نظر۔ تِمَن اُسہِ وونی نوان۔
" فیدور۔ خوداحافِظ !" تٔمۍ دِژ کٔرِکھ " تُہۍ ساری تہٕ خودایس
حوالہِ۔ خوداہ کرِہۍ نوٚوٕ اَلتھ روٗٹ !"
ماجہ دِیت لوٚت پاٹھۍ یَتہٕ نٕس تِیچھوِس تہٕ باقے ٹُکن ہٕنٛزَن سلامَن
جواب۔ سو اٗس وٕڈُن یِژھان۔ مگر اوٚش تراوِنس اُسُس گال ہیش گژھان۔

# ٢٧

عدالتہٕ منزٕ نیبرٕ ھٕ سپیز سعہ یہٕ ڈیپشھ حاران زٕ شام اوس گومتھ۔ سڑکن دۆ طرفا یتہٕ اسہ ژانگ دزان تہٕ ہیبرٕ اسہ تارکہ زوتان۔ عدالتس نش اسو گکھ جمہ۔ ہوا اوس یخ تہٕ کھوٚرن تل اوس شین چرچر کران۔ نوجوانن ہنزٕ گریچہ آسہ کنن گژھان۔ سوٚری رنگہ چھہ غیرٕ لاگتھ اکہ نفرن ترا اوٚسپیزوفس نظر۔ تہٕ بانبرٕ سان پرژھنس۔

"کیاہ سا سزا آکھ دِنہٕ؟"

"جلایہ وطنی۔"

"سارِینے ہازہ؟"

"آ"

"مہربانی"

سوٚ نفر دژاو۔

"وۄھان چھکھے؟" سپیزوفن وون۔ "تگن چھہ دلچسپی اتھ سِنتی۔ کینھہ کال گژھتھ رٕنٹِ تِم دہو بہو کوریو تہٕ کیٹھو تہٕ سوالہٕ ورٕش کوزنچھہ۔

تم ووچھ ہینگیہ لگہ چھوکھاہ جمہ۔ مأج تہ سیرزوف ٹھہرے یہ تمن آو سزأ ہس نیسبتھ پرزتھنہ۔ یہ اکھ پرژھنہ زہ قیدین ہند رؤسی یہ کیفیتھ روٗد۔ کمؠ کمؠ کوٚر تقریر تہ کیاہ ووٚنُن۔ پرٛیتھ سوالس پتہ اُس کینٛہہ زانہ نیج اُنتہ یوس خأہش ہشس ہیمیکھ خلوٗص تہ لول ووچھتھ ماجہ جواب دِنس کانٛہہ تہ چارہ لوٗگ نہٕ۔

"دوستو! یہ گیہ یاوِل ولاسوفیچ مأج!" کمؠ تام ووٚن بڈِ ہیٹہ تہ فورن گیہ ژھعہ یہ۔

"ہیتہ چھا اکھ واسں کرنس اجازتھ؟"

کمسی تام سندِ مضبوط اتھن روٚٹ ماجہ ہند اتھ۔ تہ کمؠ تام دژ جوشہ ہُرش کرِنکھ۔

"چون لڑکہ چھُ اسہ سارنی ہندہ بابتھ جوان مردن ہنز مثال۔"

"روٗسی موٚزوٗر زندہ باد!" اکھ کَھر آواز ووتلے یہ۔

آوازہ گیہ بڈان تہ کھدان۔ باقی نکہے کنن گژھان تہ باقی دوٚرِد پرٛیتھ اندہ اُسو لکھ دوان دوران پکان۔ تہ سیرزوفس تہ ماجہ نشس واتھ اُسو روکان۔ پُلسہ والین ہنزہ سیٹیو ہیتوت شور کرن۔ مگر یمہ آوازہ ہیچکھ نہ دباوِتھ سیرزوفن تروو اشن۔ ماجہ اوس یہ سورُے اکھ میوٹھ تہ موٚدُر خاب ہیو باسان سہ اُس اشن ہیوٚلہ اُوِ تھ لکن کُن تمان۔ اکھ واس کران۔ تس اوس اچھن منز اوش۔ زنگہ اسیہ تھکہ تہ سیٹھ نٹان۔ مگر تمہ سندس مایہ بریر تس وچھس اندر اوس یتھ کانٛہہ چیز شولہ ماران۔ زن تہ کُنہ سرک صاف تہ شوٗد دِگنیار اوس۔

اُمِس نکھہ ہیُوت کٔرٕ تام بانبرٕ سان تٔمۍ ٹاکارٕ پأٹھۍ وُنُن۔

"سپَتو باجو! یِس دیو رٔوسی ٹکٕن ہینگلاوان چھُ۔ تِہندِ رُدٕ اَز بٔنیہٕ پننہٕ خۄنی نارس کھنجن تَل...."

"ماجی وٕنۍ ہیٚے نیرو۔" سپُرٕ وٕنِس وۄنُن۔

اَمی وِزٕ پٔنیہٕ ساشاد اَتھ۔ تہٕ ماجہ بَرٕ کٕھچھ دِلہٕ زمین سعہ سرٕ کٔرِ دوٚنوے طرفس کُن گَنڈِتھ۔

"پلیہٕ داغ ہیٚے کٔرِن وٕنۍ داگ مار تہٕ رٔزٕ گُز شُورُو۔ ژٕ یہٕ پٔزس اَمہ بُرونٹھے یِتہٕ تَس نیرُن۔" تٔمۍ وۄن "جلایہٕ وطنی؟ سائبیریا؟"

"آ۔ آہنی۔"

"تقریر کیتھٕ کٔرُن؟ مگر مےٚ چھ خبر زٕ سوٗ اوس سارٕ وٕرے مژٕ دوٗر تہٕ سادہٕ ہزارٕ۔ مگر سارٕ وٕرے کھوٚتہٕ سخ تہٕ۔ ژٕ کٔہ چھُم سۄ بٔڈٕ نوزُکھ ہزارہٕ تہٕ حیساس۔ مگر یہٕ باوُنس چھ تَس گال گرٕ ہان۔"

اَمہ جوشہٕ سان بٲگرے متہٕ یم لولہٕ داکھ بوزِتھ گو ماجہ دِلس تسکین تہٕ باسیوو نوٕ سرٕ طاقتھ ہیٚو۔

"ژٕ کٔرِے گُنٛدکھ وٕنۍ تَس سمکھنہٕ؟" ساشاپہٕ ہٕندِس اُتھس لولہٕ سان چیر دِتھ پرژھس تٔمۍ۔

"یِتھے بیاکھ کاتھ مےٚ نٕے کٲم مٔتہٕ ہیٚنس تیار سپدٕ۔" دوٚنوے قسان یانس بُرونٹھ کُن نظر ژٲوِتھ وۄن تٔمۍ۔ "دراصل چھس بہٕ تہٕ سزا اَتھس پراران۔ شاید ما سوزَن مےٚ تہٕ سائبیریا۔ ہرگاہ تہٕ سپُد بہٕ دِیکھ مےٚ تہٕ سوٗزِو تورٕ یور

سۄ سۆزِ دٕن:

"اگر یہ کتھ چھےٚ۔ تیٚلہِ گژھس میانہِ سلام ونیٖو" پیرزادٕن دوٚن"۔ وٕنہٕ

زِ پس پیرزادٕن چھنے سلام سۆزمُت۔ سۄ زانہِ میٚیہ۔ بہٕ گوس فیدور ماژن شند بیٚتر"

ساشایہِ پھیر پتھ کُن۔ تہٕ پلہ نووُن اَتھ واسہٕ خاطرہٕ اَتھ۔

"بہٕ زانہٕ فیدور۔ میٚیہ چھُم ساشا ناوٕ"

"تہٕ مٲلی ناوٕ؟"

تَس کُن وُچھتھ وُنِھ ساشا۔

"میٚیہ چھُنہٕ موٗمُت"

"موٗدمُتھ چھا زِ؟"

"نہ موٗدمُتھ چھُنہٕ" کورہٕ ہشرہٕ آوازِ منز اوس بٕڈہ کٔر سپھر تہٕ تزہ شر۔

تمیٚ سِندس بُتھس پیٹھ تہٕ وٕنہٕ لیوو یپہٕ رنگ" سۄ چھُ جاگردار تہٕ وٕنہٕ گامہٕ

منتظِم تہٕ۔ گریسہٕ تیٚن خواب لوٗٹھا کران"

"ہاں" پیرزادٕن وٕن۔ اَمہِ پتہٕ سپیز خاموشی۔ تہٕ سۄ رۆد اُمس

کورِ سیٚتۍ پکان تہٕ تَس کُن ژٕرہٕ نظرہٕ دِوان۔

"اَچھا مٲجی۔ تیٚلہِ نیرزِ وٕنہٕ خُدایس حوالہ" اَخرس وٕن تمیٚ

"بہٕ نیرہٕ پیاڑۍ کھورِ کیٚتو۔ خُدا حافِظ کٔرِو! مٲلِس مُتعلِق چھکھ بڈہٕ سکھ

کِنہٕ نہ؟ مگر خاطر یہ چھُے ژٕنیٚہ پتھُن مامِلہ"

"ہر گاہ چون نیٚچو نابکار آسہٕ ہے۔ لیکن آسہٕ ہے دَداریہ واتہٕ ناداں۔

تہٕ تٕہ بہٕ آسہٕ ہا تَس سیٚتۍ نفرتھ۔ ژٕ ونہٕ ہا ہکھ نا پٔرِ ہے کتھ؟" پانس شاسو تی

کھاَرِتھ ووُن ساشاین۔

"آ۔ شاید وَنہٕ ہا تی۔" مُدّٕن ووُن ہناہ دَم دِتھ۔

"اَمِیُک مطلب گوٚو زِ ییٚہ چھےٚ ینچوٚے سیٚندٕ کھوتہٕ انصاف ٹوٚٹھ۔"

پیٚتر وَفن کِلہٕ نوو اَسُن کَرِتھ کٕلہٕ۔

"بدٕ تٕروٚش چھکھ! ہرگاہ یہٕ تیزی رچھ نکھٕ جبرٕ وٕتھ چھےٚ۔ تیٚلہٕ ہیٚکو تٕہۍ نوجوان اَکھ دوہ یہٕ بَڈٕ کامیٲبی سان مُدّٕن ہتھو لاگےٚ کرِتھ! بَڈٕ زوٚ ترٕ زہتہٕ چھُ ژ ییٚہ منز! اَچھا خدا حافظ! خداہ کرِ یو نوٚ کامیاب۔ مگر لکن سیٚتی نَرمی ورتاوُنس منز چھنہٕ ہرجہ نہٕ کانہہ۔ کیٚہے؟ نلوُنا خُدا حافظ! ہرگاہ پادریس سمکھکھ تَس وَنی زہ میٚہ بوٗز چون تقریر۔ سورُے توٚژُم نہٕ فکرِ۔ کیٚنژھہ کیٚنژھہ بوٗزتھ کھوٚژُس تہٕ۔ مگر نو نہٕ اوس تقریر جانہِ۔"

تمہٕ کرٕ ٹوٗپۍ داٲلِتھ سلام۔ تہٕ دادٕ وادٕ ژوٚٹُن موڑ۔

"رُت منوٗ ہیٚنو باسان۔"

یتہٕ ہیو ویچھیو چشمو تَس کُن وُچھتھ ووُن ساشاین۔ ماجہ باسیوو اَز اُمِس ساشاین ہندِس مُہس منکہ مقابلہ زیادَے نرمی آمڑ۔

گرٕ داٲلتھ بیچھ تمہ دوہ شوٗے اکھ اَکس نکھےٚ تختس بیٹھٕ۔ تہٕ پادریس سیٚتی ساشاین ہندِ آیندٕ ملاقاتُکھ لگہٕ سونچنہٕ۔ خاموشی سیٚتی باسیوو ماجہ آرام ہیٚتو۔ یتہٕ نہٕ گنہٕ تمہٕ ہیٚوٗر کُن رٕٹتھ تہٕ زندرِ ہرزٕ چشمہ وَژھ ترٲوِتھ لگ ساشا کوٚت تام دوٗر وُچھنہٕ۔ تمو سیٚندِس زرد مُہس بیٹھ اوس اکھ قرارٕ ہیتہٕ سونچک پرٕ نوو۔

" تہٕ اَدہٕ ییٚلہِ نَوٕ ہیٚہ شُرکہٕ زیوہ ثوٚ - بہٕ داتہ نٔم رٔچھہٕ نہ باپتھ تہٕ ہیٚہ نِش۔ تہٕ سانٛی زندگی آسہٕ نہٕ ییٚتہٕ کِہ نِشہِ خراب۔ پاوٕل ہیٚکہٕ زیادہ تٕچھ تٕچھ کٔرِتھ دراٚیی کام کٔرِتھ۔ سۄ ہیٚکہِ یِنہٕ نوٚو اَتھوٚ سیٚتہ کانٛہہ تہٕ کام کٔرِتھ۔"

ساشایہِ تراوٕ پَرٕژہِ جٔلیٚ چشموٚ ماچہ کنۍ نظر۔

" ژٕہ چھکھہٕ نیٚ وٕنی کیٚس تَس سیٚتہ گژھن یِژھان؟" تٔمہ پرٛژھ۔

" اَہنی نہٕ بہٕ کٔتھہٕ لَگہ تٔمِس؟" ووٚشہ تراوِ دِتھ وٕژھہ ماجہ۔ " ہرگاہ سۄ تَتہ ژٕ لٔنۍ یِژھہ۔ میانٛی کِنہ گژھِس پٔلہٕ رٕکاوٕٹ۔ سۄ نے ماہٕ نہٕ زانٛہہ تہٕ میون تور گژھن۔"

ساشایہِ کوٚر کلہ سیٚتہ انکار۔

" پوٚزہ ہے چھکھہٕ وَنان۔ سۄ نے ماہٕ نہٕ زانٛہہ نہٕ۔"

" تٔمہ یَتہٕ تہٕ چھہ میٚہ یِیتہٕ پنٕنو کام کرنی۔" ماجہ وٕژھہ فخرٕ سان نیٚہ ہیوٚ۔

" آ" ساشایہِ ووٚن۔ " یہ کتھ چھہ ٹھیکھ۔"

تٔمہ کٔڈ یکایک ووٚشہ ہش۔ زَن تہٕ کانٛہہ چیز دارِتھ دِتھ۔ تہٕ دارہ دارہ بیٚٹھ بَڈہِ سیٚزرہ سان بولنہِ۔

" سۄ ہیٚکہِ نہ تَتہٕ رٔوزِتھ۔ سۄ ژٕ لہِ ژنوٚر وٕر۔"

" تہٕ ژٕہ کیاہ کرکھ؟ ہرگاہ بچہ زووہٕ ننیٚلہِ؟"

" وٕکھ داتہ تہٕ وٕچھو۔ تَس پٔزہ نہٕ وٕنکہ بیٚچھ میون سوچُن۔ بہٕ گژھہ نہٕ زانٛہہ تَس رٕکاوٹ بنِنہ۔ تَس نِشہِ الگ گژھن چھُ میانہِ باپتھ سیٹھاہ کرٛوٚٹھ مگر بہٕ کرہٕ تہٕ برداشت۔ تٔمہ سٕنٛزِ وَتہِ رووزہٕ نہٕ بٔتھ دولہِ!"

ماجہ کوٗر متوحشوٗس زہ یہ کینٛژھا ساشا ونان چھ۔ سۄ ہیکہ باکل تہٕ چھٕ تہٕ آمِس لڑکی ہِندہِ گوٗتس دِلس کیا ہتام۔

"یہ ہے گژھ بڈٕ مشکل چانہِ خاطرٕ،" سہ ہیٚنس سیتھ ژٹھتھ وۄن ماجہ ساشایہ ترٛۄ لہ تہٕ آسن۔ تہٕ بیٚیہ ماجہ نکھ۔ اَمی وِزہ زاوٕ تھوٚ کٕمتھ ژھینو نمتھ نکولائی راندر۔ تہٕ چیز پتھرٕ تھاوِتھ بیٚلھٕ ڈٕلی ڈٕلی وَنہٕ نہٕ!

"ساشا۔ وِنہٕ چھےٚ موقہٕ۔ ژٕ نیر فورن۔ خفیہ پولیس کو زہ نفر چھٕ ژٕ پیٚھٹے میٚہ پتہ لگومتۍ۔ تِمہٕ وانہٕ۔ خبر میٚہ مارن ژٹھتھ۔ میوٚن شکھ چھُنہٕ ذاتہٕ اَپُز آسان۔ کوٚمہ تام کتھ چھ ضرور لوٚر سیپز مژ۔ او۔ یہ نہٕ بیٚی پاوِل تسند تقریر یہ چھٕ چھاپ کرنکھ فیصلہٕ آمتھ کرنہٕ۔ ژٕ واتہٕ ناوٕ یہ لڈ میلایہ نشس۔ ڈیٚوٕ دِس دٕلی دٕلی چھاپن۔ نلو ونا۔ پاوِلن ہیٚ کوٚر بڈٕ رٕژ تقریر۔ ساشا۔ خفیہ پولیسس ہیٚ کرِ زہ جیس۔"

کتھ کران اوس سۄ لگاتار پتہٕ مِن ماسے ہیتین اَتھن پھشرٕ دوٚا۔ اَمہ پتہٕ گوٚ سۄ میجس نشس تہٕ اَمہ کہِ خانہٕ منٛزٕ ہیتن کاگد کڈٕنی۔ کینٛہہ کاگد دٕژن۔ تہٕ کینٛہہ تھوٚن اوٚکھ پاسے۔ سۄ اوس تھوٚ کمتھ تہٕ کمن تام گومتھ ہیوٚ گومتھ باسان۔

"یِم خانہ کرٕ سے یہ اونزٕ اوٚترٕ سے صاف۔ خبر یِم نوٚکر نوٚکر کم بخت چیز کیتہٕ چھ زیوان۔ نلو ونا۔ بہٕ چھُس دپان ژٕ روزکھ نہٕ اَز راتس گرٕ۔ ہاکھے؟ تلاشی ہنٛد یہ تماشہ چھُ جیرٕ اَنان انسانس۔ پیٚھٹ چھُ بنان ژیہ تہٕ ماریٹرٕ سے ژیہ پیٚھے ناپاوِل سُند تقریر ہیٚتھ واریاہن جاین داتُن۔"

"میٚہ رٕ ژھٕہ کیاہ سنا نیرِ بچھہ؟"

پَتہٕ نِمِن اُچھَن سیدٕہ سیٚود اُتھ کِتھ ناوِتھ وۄنھ نکولایَن بڑٕہ پٔژھ سان۔

"میٚہ چھِ پٔژھِم کہنچہٕ وٕلی وٕلی فِکرِ ترٛان۔ ژٕ ہاکھ لٕڈمیلایہ وارِیاہس حدس تام اُتھ شیٚہلاوِتھ۔ یان خطرس منٛز ترٛاوِتھ سیٚیتی نیرِتھ تہٕ کینٛہہ تہٕ۔"

اُمہِ خیالہ گیہٕ ماجہ سیٹھاہ خوش زِ سہٕ کرِہ پَتہٕ نَس نِنچوِ کُنٛد تقریر چھاپہٕ کرِتھ نِس منٛز مدتھ۔

"اگر تہٕ چھُ تٔیلہِ نیرِ ہے۔" تمہٕ وۄن۔ "پَتہٕ لَج سہٕ پانے پَتہٕ تہٕ کینٛژھ بیچھٕ کریانہٕ کُڑِتھ وَنہٕ نہٕ "تُنا خودایہ سُند۔ وۄنی چھَس تَہ بہٕ کُنہٕ تہٕ چیٖزَس کھوژان!"

"وُچھتہ کیاہ زَبَرگوٗ!" نکولایَن وۄن تَس کُن وُچھِتھ ورائی "مگر بیٚیتر روزِہے ہرگاہ ژٕ نیرِتہ بٕہ وُنیٚکہ میٚہ یہ وُنیٚتھ ٹھُک زِ رٔیون ٹھیٖلہِ، کُرنِنہٕ، ژادرہِ غلافہ بیترِ کیتہٕ چھُ۔ یہ ییٚتھ چیٖزَس بیچھٕ قبضہ کرُن پٔچھیٚہ ژٕ بہٕ ہاوِتھ۔ اَدِ کُنہٕ چھیتھ ساری چیٖزٕ پَتہٕ نِمِن اُتھٕن منٛز رٔٹِ ہیٚتہٕ۔ تہٕ میٚہ چھِ وونی بیٚنیو چیٖزٕ تہٕ اُتھٕو ہیٚوان۔"

ساشا اُمس لوٗتہٕ سہٕ تہٕ دانَس منٛز کاگذ زالی زالی اٚمیٚکھ سوٗر ژٕہ نِمِن سیٚیتی رٔلاوان۔

"ساشا۔ نیرِ ہی وۄنی ہے ووت وَکھ۔" تَس کُن اُتھ کُڑِتھ وۄنھ نکولایَن۔ "خودایس حوالہٕ۔ ہرگاہ کانٛہہ دِل پسند کتاب واٗتہٕ میٚہ سوٗزِتہٕ زٕ ژھُنٛزور

گژھتھ. ٹاٹھ کامریڈہ- خُدا حافظ! ذرا چھِپہ سان۔"

"جائی کنی آسیا سٔزاہ جادہ کالِس زِ ؟" ساشایہ پرژھُس-

"یِیے کِس چھِہ ؟ بُلکہ آسہِ- مِیہ خلاف چھہ داریاہ مَسالہ موجوٗد- نوٗدُنا ژِہ تہٕ نیری یِتھی پہ سیٹھہ! دمِن انسانَن اَکی ساتہٕ یِتہٕ روزُن چھُہ کریوٗ ٹھے گژھان۔"

"اچھا رُت گُو" ماجہ ووٚن "بہٕ بَدَلاوہٕ مہٕ وٕنی پلَو۔"

سہ لُج نِکولائی سُنز دارہ وُچھنہٕ- مگر آس یِتُھ اوت بوزنہٕ زِ تمی پیٚندِس اَکھ شفیق تہٕ دردبنَد بُتھ بیٚہِتھ اُس رُژھ کھَنڈ پریشٲنی ہِش نَنان- مگراَمی پٔنزِہ دوہ کھہ بیٚہِتھ مَنزِ نہ اُس پریشٲنی یِمہ تہٕ نہ کانْہہ جوٗرشیچ ہِش کیفیت بیٚہِتھ یِہ شخص یُس تَس بیٚنیو کھوہ تہٕ ٹوٹھ اوس گومُت ادس پُرژھتہ اکِس سیٹھا ہُوٚے ورتاوان- ہمیشہ مایہ سان پیش یِوان- تہٕ ہمیشہ سوٗکُنہ سان کُنی ذوٚن روزان- تہٕ از اَمہِ ساتہٕ تہٕ اوس سُو یِہ بُتھ اَکی سِندِہ بایِتھ سٔتی پرُون رفیق- اَکھ تژھ ہِش یِمِس بیٚنِز تہٕ اَکھ اَندرِم زِندگی اُس- سہ زِندگی یِتھ بیٚیِن نِشہِ سیٹھاہ دوٗر اُس- مٲج اُس زانان زِ اَکِس بیٚنِہ سِندِہ کھوہ تہٕ اُس تَس ماجہ سیٹھا زیادے رۄحٲنی نزدیکی باسان- تہٕ سہ اُس تَس سیٹھا اَکھ خَدہٕ روٗزمُت لول ورتاوان- زَن تہٕ پانسے پانس بیٚہِتھ پُرژھ آسہِ نہٕ- اَمہِ وِزِہ اوس ماجہ اَمی شُند سُکھ پھیران- تِمیٚوتھ زِہ زالَن اوس مُشکل گژھان- مگر سہ اُس تہٕ یِہ آمہ کینہ باوُن یِژھان- زِہ نِکولائی گوٚ ژھ نہٕ بُلی پریشان گژھُن- تِکیا زِہ سُو یِمہ ساتہٕ باثران اوس سُو اوس یِہوٚے ٹھٹھن لایکھ ہیو گژھان- تہٕ مٲج اُس نہٕ تَس اَکھ

خودا حافظ! وعدٕ ژ سَپد میٚہ اطمینان!"

سڑکہِ پیٹھ دٲرتھ ژٕرھ ساشا لہٕ تہٕ پٲٹھو۔

"ہرگاہ یہِ شخص مَرِتھ گژھہ۔ اَدٕ تہٕ گاٹن گژھہ اَمہ سیزرٕ تہٕ باخبرٕ سان۔ تہٕ موت یِیلہِ اَچھن کُن نظر کریس۔ یہِ ونیس یِیرٕ عاٹکمہ شیران شیران "سیٹھاہ رُت" تہٕ امانت دِیہ۔"

"میٚہ چھُہ اَدٕ ہند سَکھ سربہہ؟" ماجہ دوٚن لہٕ تہٕ ہٹھ۔

"اَمِس کُن وُچھتھ چھس بہٕ حاٲرتَن گژھان۔ مگر اَہندِ باپتھ چھم نہٕ مانے وُزان۔ بہٕ چھس اَمِس حلدٕ رٕوس یَبز تہٕ کران۔ اَمی سُند انداز چھُم سیٹھاہ شفیق۔ تہٕ باضے چھہ زرم دِلی تہٕ ہاوان۔ مگر چھہ یہہ زسے خوشکی ہیوٚ تہٕ۔ یپیژ گرمی اَکِس انسانس آسنہِ گژھہ۔ سوٚ چھس نہٕ اَمِس منز — میٚہ چھُہ باسان اَسہِ چھُہ کُس تانی پَتہٕ پَتہٕ یَکان۔ وعدٕ ژٕ گو سون وَکھرٕ پٲٹھو یکہِ سنئے جان۔ ہرگاہ باسی کانہہ چھُہ پَتہٕ لوٚگمُت۔ تیٚلہِ گژِہ نہٕ لَدٕ میلاپہ ہُند گژٕہ۔"

"نہٕ گوٚ اَسہِ بچھے؟" ماجہ دوٚن۔ مگر ساشا رُوز تو تہٕ اصرار کران۔

"قورسنہ گژہ نہٕ۔ اَمہ بدلہِ یزٕ میون گژٕہ۔ خودا حافظ!"

تمہِ ژٕدٕٹ تیزی سان موڑ تہٕ پھیر واپس۔

●

# ٢٨

ہأج اُس کیشِہ مِنٹھ گرٛھنہٕ پَتہٕ لۄ میلا یہِ ہِندِس لۄکٹِس کمرس منٛز داشِس بۄرٛونٛہہٕ کنہِ بہِتھ پان وُٹھہٕ ناوان۔ کرٛہُن لِباس کرِتھ تہٕ دالو کمر بند گنٛڈِتھ اُس لۄ میلا پانہٕ کمرس اندرہ نۆر گتے دِوان۔ اُمہِ سِنٛدہِ لِبا رٛنج سپہِ رادٕسے تہٕ حُکم دِنہٕ واجِنۍ آواز اُس اتہٕ گژھان۔

دانہٕ منٛزٕ اوس دۄزہ وِنہٕ نارُک شور تہٕ سپہ راسے ییوان۔ تارادس ہواہس جِنٛتے لیران۔ تہٕ لۄ میلا یہِ ہِنٛز آواز اُس اَکی اَتہٕ ماپہٕ دوٗتلان۔

”گۄنہہ جیٛسنہ اَتھہی شراب تہٕ ظلم کار۔ یُٹ زن چارہے چھیہ۔ تِمَن چھِ تِمے چیز نظرِ گژھان یِم اُچھن تَل پیٚنکھ یادُسی یاب ہیکن سِید یِتھ۔ مگر نکھ کنیکھ اکھ چیز تہٕ لوٗہ نہٕ کھنٛڈ ہارتہٕ۔ یتیلہِ یہ فکرِ تران چھُ انسان چھُ سوچان زِ ہرگاہ زندگی یِمہِ ترٛایہِ گژٛایہِ آسہِ ہیے نہٕ۔ پزٕچھ اَکھاہ آسہِ خوش تہٕ خوشحال یانے اگر زندگی آسان تہٕ گۄکھ زیادہ بوزہ شورٕ وٲلی آسہِ ہأتہٕ۔ مگر یہِ سوٗدٕسے حاصل کرٕنہٕ باپتھ لگِہ دُکھتاوٕ اکھ۔“

ماجہ نکھہ وأرتھ گیہ سمہ بیکبار روٗزِتھ۔

ریلہٕ نوونس۔

"یہ رَٹی۔ دوٚپ ہے یِوٚت جلد ممکن سپدِ نیوتھ جلد چھاپِن؟"

پَتہٕ ووٚن تمہٕ زِ خبر نکولائی ما سپدِ گرفتار۔ لدمیلا یِہ ٹھکھ نوٹ پاٹھۍ تقریرک کاگد کمر بندس منز۔ تہٕ بیہِتھ پَتھر۔ تمہِ سندس عانکِس شیشس پیٹھ پیو نارکہ عکس۔ تہٕ اَرِچ وُشنہٕ زُ تہنز رُوز اَمہ سندس بیہنہٕ ہرکتہ بُتھس پیٹھ گنداں

"ہرگاہ میٚیہ رٹہٕ ہَن۔ بہٕ لایکھ گولی۔"

ماجہ ہُشر کتھ بوزِتھ ووٚن تمہٕ لعتہٕ ہٹہِ مگر پرادہ سان۔

"زور زبردستی زنشہ پننہٕ پان رٹچھن تیٚم میون زاحق۔ ہرگاہ بہٕ یہ کتھ دوہ ہین نیشبتھ وَنان تِچھس۔ تیٚلہ پزِ میٚیہ مُشابہِ کرِتھ وُلتہ دِین۔"

اَوِ گنیج چکھ گیہٕ تمہٕ سندِ بُتھِ زنشہ دور۔ تہٕ بُتھس پیٹھ گاس بتیہ اَکہِ خوددپسندی تہٕ کریچھرکی آثار پاڈہ۔

"پیتھ کنو زندہ روزِن چھیہٕ ممکے ٹھیکہ؟" ہمدردی سان ووٚنچھ ماجہ۔

لدمیلانۍ اَڈہٕ دِلے بادِل رسند تقریر پَرِتھ۔ مگر یِمہٕ نیٹھ برو نِہٹھ پراں پَراں تمے یہ سعہ کاگدس پیٹھ۔ اَمہ پتہٕ گیہ سعہ بدِہ اشتیاقہ سان ورق ورق پھِران۔ اَمنوس دُزِھ سعہ تھوود۔ شانن کوڈن واش تہٕ آیہ ماجہ نکھہ۔

"سیٹھاہ جان تقریر چھیہٕ" تمہٕ ووٚن۔

کینشہ کالس روٚز سعہ کاڈ بدان کنہ تھوتھ وہ دنہ۔

"بہٕ اوسس نہٕ چاٹنس لرٚ کہ رسند دن پرِھان۔ بہٕ چھس نہٕ تس

زانہہ نہٕ سیٚٹھہٕ مرٕ ۔ تہٕ سہ کتھہٕ باقہ تہٕ چھیٚم نہٕ خوش کران ۔ یِمہ سیٹھہٕ کانٛہہ تکلیف وانہٕ ۔ میٚہ چھہٕ خبر زِ پنٕنۍ سارِے وہے کھہ تہٕ ٹوٹھ جیل گژھن وزِ کیاہ چھہٕ انسانس بنان ۔ مگر بہ چھس زانٕنۍ یژھان زِ تیٚمہِ نیٚچوٕ آسہٕ نٕس بیٚہِٹھ چھکھے ژٕ خوش؟"

" سیٹھاہ خوش ! " ماجہ ووٚن

" تہٕ کھوژان ما چھکھہ؟ "

" وۄنۍ نہٕ " سوٚکوٗنہٕ سان اُسِن بیوٗل آوٕ لہ وژھ ماجِ در جواب ۔

لٕدمیلاہ دِیُتھ مُستَس بٔتھاہ ۔ تہٕ دژایہ دارِ کُن ۔ تمۍ پنٕدِس بُتھِس پیٚٹھ اُس اکھ ہلکہ ژھاے گژایہ ماران ۔ شاید زودِ پتھہ دٕٹھ مٔتہٕ آسہ رٕنج ژھاے ۔

" بہ ہے کھارہ وۄنۍ ٹاپ ۔ ژٕ کر آرام ۔ دوہہ ہس چھتھ ژٕ یہٕ داریاہ کامہٕ کرِ مژٕ ۔ پیٚتہٕ نٕس ژاوی بسترس پیٚٹھ لٕر ۔ تہٕ ہرگاہ میٚہ ضرورت رٕتھ پیوو ۔ بہ ماژِ ناوٕ کتھ مَدتہٕ سہ کھ ۔ شونگنہ پتہٕ ہے گژھو زِ ژونگ ژھیتہٕ "

دانٕس زٕ ہرِ ترٛاوٕ کتھ دژایہ سہ تنگ برٛہ کنہ نیبرٕ ۔ تہٕ برکوٗزن زورِ بند ۔ ماجِ روٗز تَس وچھان ۔ تہٕ بیٚٹھ پلوٗ بدلاوِتھ وزِ تَس مُتلق سونچان ۔

" خبر کیاہ چھُن ہیوٗ تمتھہ یانسس سیٹھی ۔ "

تھکہ نہٕ سیٹھہ اوس ماجہ کلہٕ گیران ہیوٗ ۔ مگر روٗح اوسُس قرارس منز ۔ تہٕ تَس اوس بٔژھتھ کانٛہہ چیز اکہ تیٚتہٕ نرم تہٕ ہلکہ کاشہِ سیٹھہ جیہلان باسان ۔ یُس رٕسہ رٕسہ تمۍ سنٕدِس روٗحَس نال اوس ولان ۔ سہ اُس اَمہِ قرارٕ نِشہِ باخبر ۔ زبردس جذباتن ہنٛدِ غلبہ گی یتہٕ اوس تَس امہ آگہی قرار یوان گھہ ڈٕہ اُس تَس اَمہِ کیٚفی ہنٛز سیٹھہ پریشانی ہِشَس گژھان ۔ مگر وۄنۍ اوس

تسٕ آمہِ سببہٕ رۄح واشس گٕژھِتھ زیادٕ سے فوزکھ احساسو سیتو مالامال سپدان ژونگ ژھینیوٚ راوِتھ ژایہِ سعہ تٔرِ نس بسترس منٛز۔ تہٕ کمل بیچھٕ ماہ سنہ پیتے بیتیہِ خِعہ فتہٕ۔

سعہ یِمہِ وِزِ ہُشیار گیہِ۔ کمرس اندر اوس وندہٕ کرٕ صبحُک ژٕوٚن نٕہ دوہہ دٕہیوٚ گاش وہراونہٕ آمُت۔ لُڈمیلا اُس کتاب رٕٹِتھ تخت پوشس پیٹھ لٔر تٔرِ اوِتھ۔ اَتہٕ بیچھٕ ماجہ کنُ وُچھتھ کوٚر تمہٕ عجیب آیہ اُسناہ۔

" اوہو !" باثیر کِتھ گیہِ مٲرج بسترٕ منٛزٕ وُتِھتھ۔ "وُچھ بہٕ کرٕتھ چھس۔ زیادٕ ژیر گوٚ یے زہ ؟"

" آداب !" لُڈمیلاہِ دِیُت جواب۔ داہ چھہ تیار بجہ نس۔ ژٕہ وو،تھ نہٕ چاے چِھوٚ۔"

" بہٕ کو نے وُزٕہ نٲوتھس؟"

" آیے یِس وُزہ ناونہٕ۔ مگر ژیہ نِش وأژہس تہٕ ژہ وُچھمکھ نِندرِ منٛزٕ یے تمہ مایہ تہٕ لولہٕ سان اُشن کران۔ زہ ہیہ کوٚر نہٕ دِلن ژہ بیدار کرٕنہٕ۔"

سعہ وُژھ وٚلی وٚلی تخت پوشہ پیٹھ بدن۔ تہٕ پلنگس نکھہ گرٕژھِتھ نعمے یہ ماجہ کنُ۔ اُمِس نوجوان زنانہٕ ہشرٕن بیے نوٗرا چھُکھ منٛز آو ماجہ سوٗ اکھ تاثیر لبنہٕ۔ یُس تس سیٹھاہ ٹوٚٹھ اوس۔ تہٕ یمہِ نِشہ سعہ پوٗرہ پأٹھو باخبر اُس۔

" ژٕہ وِزٕ ناونکھ خیال کرٕتھ گوٚ ہیٚہ کیاہ تانی ہیوٚ۔ شاید اُمیکھ

ژٕہ کُس تام رُت خاب وُچھان۔"

"نائے خاب نےٚ أسہِ تہٕ وُچھان۔"

"خاٗطرِ میہٕ کھوت چون اَسُن پسند۔ یہ اوس رتیو لحظ خاموش، رتیو لحظ جان۔ تہٕ ساٗرے رسے بیہِتھ حاوی۔"

لدٕ میلا یہِ ترُوو اَسُن کھنگالہٕ۔ نرم تہٕ مخمٔلی اَسُن۔

"اَمہِ سیٹھہٕ نجُس بہٕ چون سونچنہٕ۔ چاٗنی زندگی چھا کریٚٹھ؟"

ماجہ لگہ بُنمہٕ ووہٕ کڈنہٕ۔ تہٕ تمہٕ ہیوٚت خاموشی سان سونچُن زہ کریٚٹھ چھا کینہٕ تہٕ!

"ہاوِتھ باوِتھ کریٚٹھ۔" لدٕ میلاہِ ووٚن

"بہٕ ہیکہ تہٕ یقینہٕ سان وٲنِتھ۔" ماج وُژھ لوہ تہٕ ہٕٹہٕ۔" مُنز یہ مُنزٕ چھہ سیٹھاہ کُڈر باسان۔ مگر سیٹھی پوٚرہٕ چوٚر تہٕ۔ تہٕ زندگی مَنز چھُہ پٕنہِتھ اَکھ چیز یوٚت سنجیدہٕ تہٕ حاٗرتناکھ۔ تہٕ اَکھ اَکس پتہٕ چھُہ اَکھ اَکھ چیز یوٚت تیزی سان بُروٚنٹھ کُن یوان۔"

جوٚر تیچ سعہٕ سے پراٗنی لہر ہیچہٕ تمہٕ سندِس وُجُس مَنز ووتلنہٕ۔ تہٕ تمہٕ سندس ذہنس مَنز ہیٚتِن رنگہٕ رنگہٕ خیال تہٕ شکلہٕ ینہٕ۔ بسترس مَنز بِہِتھ ہیوٚت تمہٕ پننہٕ نین خیالن لفظن منز بأراو کرُن۔

"دوہٕ دوہٕ تہٕ چھُ نیراٗنی۔ کُنہِ سے مُنز کرٕلس کُنہ۔ مگر باضے چھُ کریٚتھان نہٕ۔ تکھہ چھُہ دوہ کھ تکان۔ چوب کھیوان۔ تمن چھہ بڈہٕ بیہ دردی سان مار یوان دِنہٕ۔ شادہٕ ہندی بَرچھہ تمن ہندِ خاطرہ بشند

آمتۍ کرِتھ۔ یہِ زندگی کٲژاہ سکھ چھہ آسان !"

لُدمیلایہ دِژ کلس دٕہَن تہٕ لُج تٔس وُچھنہٕ۔ تہٕ دوٚنُن۔

" مگر ژٕہ سنے چھکھ یِنُن وَنٲنی کینٛہہ؟"

ربسترٕ منٛزٕ نیبر یِتھ ہیٚتھ ماجہ یکوَ لاگِتھ۔

" تَم لکھ یِنہٕ یہٕ زندگی رِشتہٕ الگ کرِنی چھُہ ناممکن۔ یمَن ہندہٕ خاطرٕ دِلس اندر جاے آسہٕ۔ یمَن سٟتۍ تول یِیہٕ کرَتھ۔ تہٕ یمو منٛزٕ پرٛیتھ اَکی سندٕ بایتھ وٲرِنج اُڈِپے آسہٕ روزان۔ سارِہٕ نِنے ہِندہٕ خاطرٕ آسہٕ دِلس کیاہ تانی گرٕژھان۔ یِم سٲری ہےَ دِلس منٛز جاے کرِتھ چھم۔ بہٕ کیٛتھٕ ہیکہ یِم پانٛہٕ رِشتہٕ ہیوٚن کٔڈتھ؟"

یکوَ لاگان لاگان روٗز سۆہ کینٛژس کالس سِیہٕ منٛز کرس یِنہٕ نِہن خیالَن سٟتۍ۔ تٔس باسیوو زِہ وۄنی اُس تہٕ گوڈنیج ہِشں زنانہٕ۔ یوٚہ سٟرٕ لَٹہٕ کہٕ سندٕ بایتھ اُوری تہٕ یۆرہے اُس آسان۔ پرٛیتھ وِزِہ اُسس فکر روزان زِہ تٔس کیتھ کٔنٛز یِیم رٲچھہ راوھٹہٕ کرِتھ۔ وۄنی اوس تہٕ اُمس زنانہٕ ہُند دوٚجوٗد تہٕ کُنہٕ سۆہ اُس دٲرِش سٟھٹاہ دوٗر کوٚرت تام۔ نہٕ تہٕ ما اُس یِنہٕ زِہن جذباتَن ہِندِس نارِ الاوس منٛزے دُزِتھ بیمرٕ۔ تہٕ اوسے اوس اُمی سند روٗح لطیف تہٕ شوٗد بنیومُتھ۔ تہٕ تٔس اندر اوس اَکھ نوٚو طاقتھ آمُتھ۔ سۆہ روٗز یِنہٕ نِس دِلس ژھاٛنڈ دِوان۔ اَمِچ دُبہٕ راے لُج بوزنہٕ۔ تہٕ کھوٚژ زِہ یِتھ نہٕ رٔتِمے برٲنی وسواس بیٚیہٕ بیدار سپدَن۔

" کہے چھکھ سوچان؟" لُدمیلایہ پرٛژھ تٔس نِکھ یِتھ۔

"خبر کیٛاہ؟" ماجِ وُژھ درجواب۔

اَکھ اَکس کُن خاموشی سان وُچھتھ پھیوٗر وو دوشوٚے زَنٛیو اَسُن۔ اَمہِ پتہٕ دراے لدمیلایہِ وَنان وَنان۔

"خبر چھا سماوار کوٚت ووتُم؟"

ماجہ دِژ دارِ کنہِ نظر۔ زُمُن تاپہٕ دِشہٕ اوس۔ تمۍ سُند دِل اوس تاپہٕ دار۔ تہٕ پیٚٹھ وُشُن تہٕ۔ سہ اُس پرٛیتھ چیزس پیٚٹھ بولُن یژھان تمہِ ساریوے چیزو کنہِ اُس سہ کاٗنسہِ ہندہِ باپتھ کمہِ تام اَزاٗنی شکر انگھ اظہار کرِتھ وارِیاہس کالس شادہ تہٕ زِندہ دِلی سان کھتھ کرنہٕ یژھان۔ یم چیز تمۍ سندِس روٗحس منز جاے کرِتھ تتہٕ شامِل کہِ خوش کرِ وینہٕ نوٚارکی پاٹھۍ چیلان اُسۍ۔ تس یوٗژھ دِلن از۔ بٔلیہ عبادتھ کرٛنی، حالانکہ تمس اوس وونی وارِیاہ کال عبادتھ کرنس گومُت۔ اُمی سِرٛزن نظرن بروٚنٛہہ کنہِ لوٚگ اَکھ نوجوان روٗے گتہٕ گیٛور کرنہٕ۔ تہٕ صاف لفظن منز باسےیس اَکھ آواز وَنان۔ یہِ گیہِ پاوِل ولاسوٗفنو ماجِ۔ تمہِ ڈیشہِ ساشاہِ ہندِ اَدرہ تہٕ چمک دار اَچھ، ریبن سُند کرہُن بدن، پنہٕ نس نیچوی سُند ووشلیومُت تہٕ مضبوٗط بُتھ، نکولاییُن سِرٛزہ ٹیٹھ دار کرن واجنہٕ چشمہ۔ یم ساریٖ چیز لگہٕ اَکہِ اَکہِ تس اَچھن تل ووتلنہٕ۔ تہٕ پتہٕ گیہِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کن گژھتھ سہ نرلہِ رنگہٕ صاف اوٚبرس منز تبدیل، تہٕ پہٕ اوٚبرٕ آو تمۍ سندِین سارِنۍ خیالن اَلہٕ نہٕ تہٕ دٔلہٕ نہٕ۔ تہٕ تس نیٚو اطمینانکُھ احساس۔

"نکولاییٖ ہے اوس یوٗرُے وَنان۔" لدمیلایہِ ووٚن کمرس منز

اَژِتھ " سُو ہے چھکھ رٹِتھ نیوٗمُت۔ چانہِ دَپنہٕ مۆجوٗب اوس میٚیہ لڑکہِ تور سوٗزمُت۔ تسُند وَنُن چھُ زِ ییٚبرِ حاطس منز چھِ پُلسہٕ وٲلۍ۔ تہٕ اَکھ پُلسہٕ وول چھُ بَرس پَتہٕ کَنہِ ژاگ ہیٚتھ وۄنہِ دِنہٕ۔ تہٕ ژُ طرفانہٕ چھِ خفیہ پُلسکۍ مۆہنیوی۔ یہِ لڑکہِ چھُ تِمَن سارِنٕے پَرزِ ناوان۔"

" واہے بچور!" کلہِ گَلہ ناوِتھ وۄن ماجہ۔

تِمہ ژُدو وۄہِشن۔ مگر اَکھ منز اوس نہٕ وۄنہِ کُھکھ شانٕبہ پتہٕ۔ تہٕ اَکھ بیٚیہ سیٚپز سمہ پانہٕ تہٕ حاران۔

" یِمَن پَتو ییٚن وۄنہِ یِمَن اوس سُہ مۆزوٗر یَرِ ناوِنہٕ لۆگمُت۔ میانۍ کِنز اوس اَمہ حالہِ تسُند گرفتار گژھن سیٚکہِ بنیومُت۔" لِدٕمیلا وۄژھ سنجیدگی سان۔ مگر تس آسہ ڈیکس بیٚیہٕ گیٚتنہٕ وۄنہِ تلے مَژِرہ۔" باجوٗ ونیوس زِ ژٕہ نیرِوٕ کُنُن وۄنہِ نِ۔ مگر تِمہٕ مانۍ نہٕ کیہِ۔ یِتھِس حالس منز گژھن میانۍ کُنُن اَکھ سمجاوِتھ نہٕ بلکہِ زبردستی کَڈِتھ نِنۍ۔"

اَمہ ساتہٕ ژاو اَکھ لڑکہِ اندر۔ سُہ اوس گژھِن مَس، وۄہِ زُل بُتھ مارِہ منزٕ اَنِجہ چشمہ تہٕ تعزِنَس کرِتھ۔

" آنے سماوار؟" تِمہ پرژھ۔

" اہنوٗ سِرگی۔ یوٗدوے ژِیہ کانہہ تکلیف گژھی نہٕ۔" ماجہ کُنُن وۄپھ وۄن تِمہ: "یہِ چھُ میانہٕ نگرانی تَل۔"

ماجہ باسیووٗ زِ لِدٕمیلا اوس اَز بَدلے ہشن بوزنہٕ یوان۔ تس منز اوس زیادَے سیٚزر تہٕ پانہٕ نیار آمُت۔ اَمہ سِندِس بَدنَس مارِہ منزَن تہٕ

لطیف حرکتن منز اُمس زیادے دل پسندی تہٕ طاقتھ آمٕژ۔ تہٕ امہ سببہ
اوس اُمی سُند زرد تہٕ مضبوط بُتھ پناہ زمیو منٛز ہیکہ باسان۔ راتس اُمس
اُمہ پشرن اچھن ہنٛدی حلقہ وارٕے سُنٛز بناوی میتو۔ تہٕ باسان اوس زہ
روحس اندر چھُس زبردس تناو۔

لڑکن اوٗن سماوار۔

" وچھتو سرگی۔ ژٕ کر نو کھٕ نہٕ میٚیہ تورُف۔ یہ گیہٕ یلا گیا نلوونا۔
رات ییمس موزوٗر بأجس پیٹھ مقدمہ چلیوو۔ یہ گیہٕ تمہٕ سنزے ماج۔"
سرگی ین کرٕ خاموشی سان ماجہ سلام۔ اَمہ پتہٕ کوٚرُن تَس سیٚتھ
اَتھہ واس۔ نہٕ کمرہ منزہ دراو۔ کینژھہ کال گژھتھ اُذ تمہٕ ڈبل ژوٚٹ تہٕ بیوٹھ
میزس پیٹھ۔ چاے چھِرنہٕ وزِہ لگ لڑمیلا تَس فکرہ تارنہٕ زِہ تمہٕ سُند ونی
گرہ گژھن اوس نہ جان۔ ہکیا زِ پلسہ دالی اُسی تس تتہٕ پیاران۔
" ممکن چھُ پیاران ما آسہٕ نے۔ نی تتے پرٕژھ کار کرنہ بایہتھ۔"
" نی تن۔ اَمہ سیتھ کُس نوقصان واتہٕ۔ او۔ وونی گو گرہ ڈِرہ
معہ کٹاوِہ ہا پاوِل سُند تقریر بأگرا اُدِلتھ۔"
" میٚیہ چھُ ٹایپ جموو مُنز۔ پگاہ تانی تیرن شہرہ تہٕ موزوٗر بستی
باپتھ واریاہ کاگزٕ پیہ۔ ژٕ زانہٕ ہاونے تماشا؟"
" اَہَن "
" ژٕ ردزہ ہم اشتہار تُمو۔"
ژٕکہ اوس تمہٕ آیہ اخبارہ پران۔ ژٕن نہٕ کینژھہ بوزٕ آنی اوس۔ مگر منز

ٲنٛزِنۍ اوس اخبارٕ پیٹھٕ نظر تُلتھ ماجہ کُن وُچھان۔ تہٕ ماجہ ییٚلہِ تمہٕ ژٔنزٕ اُچھ وُچھ، تَس باسیوٚو بڈٕ جان تہٕ تمِس چھوٚلُس اُسُن۔ لُدمیلا اُچ بیٚنہِ نکولائی سِنٛزٕ کتھ کرٕنہٕ۔ مگر یمَن کتھَن منٛز اوس نہٕ افسوٗسُک اظہار۔ تہٕ یہ اوس قُدرتی۔ آز اوس دُکھ ووٚڈان زن۔ یمہٕ ییٚلہِ ماجہ ہانٛزِ کھیتیہ، پیٚتھٕ اوس گومُت۔

"اُف۔ دُکھ کتھ کُنہٕ گوٚنیرتھ!" لُدمیلایہ دوٚپ۔

اَمی وِزِ کوٚر کمہٕ تام بَرس ٹھکھ ٹھکھ۔ لڑکن تہٕ اوٚ وٕ ٹھوٚدٕ وٕ ٹھِتھ پرٛژھُن چشمو لُدمیلایہ کُن نظر۔

"سرگی۔ بڑھ رٕ۔ اماکہس سنا گژھہ آسُن؟"

تمہِ ژٔھوٚو بڈٕ اطمینانٕ سان فراکہِ کِس چنٛدس اَتھ۔ تہٕ ماجہ دوٚپُن۔ "بلاگیا نلووٗنا۔ اگر پُلیسہٕ وٲلی آسہ۔ تِژٕ روٗز زٕ تُہندِ کُٹھ منٛز دوپیٚنہٕ تہٕ سرگی ژٕ۔"

"میٚہ چھہ خبر۔" لڑکن دوٚپ نیران نیران۔

ماجہ کوٚر اُسُن۔ یمہٕ تیاری یوٚسہِ تمہٕ اُس نہٕ سعہ ووٚدٕ نِ پریشان گژھان۔ اَمی سِندِس دِلَس اندر اوس نہٕ کُنہِ تِتھٕ وٲلی خطرُک وسوسہٕ۔

مگر برس نیٚکھ گو ڈاکٹر نظرِ۔

"گو ڈنیچ کتھ چھہ یہ زِ نکولائی رنیوٚ کھرٕ ٹھتھ۔" تمی دوٚپ وٲلہ وٲلہ۔

"نلووٗنا۔ گو تُہٕ چھکھ ییٚتھی؟ گرفتاری وِزِ اُسکھ نے گرٕ؟"

"تمی اُسہ نہٕ یوٗری سوٗز مُژ۔"

"ہوٚن۔ اَمہ تلہِ کیاہ نیرِ۔ تہٕ دوٚیِم کتھ چھہ یہ زِ راتھ چھہ نوجوانو

تقریرہٕ چہ پانژھ ہتھ کاپی یہ مشینہِ منز چھاپہ کرٕنہٕ۔ ییٚہ چھ چھپہٕ رتھمہٕ۔ زیادہ خواب چھِنہٕ۔ جان، صاف تہٕ نَنہٕ۔ رتم چھِہ ییمہٕ اَز راتھ کمیٚتھ شہرہٕ باگرِنہٕ یژھان۔ مگر بہٕ چھُسکھ نہ مانان۔ مگر میون خیال چھُ زہ پریسہٕ ڈرامرٕنہ کاپی یہ گژھن شہرہٕ باگرنہٕ ییٚنہٕ۔ یتھ روزہٕ ییمہٕ کاپی یہ۔ ییمہٕ گیِہ بتیِہ گُنہ جاپہ سوزنہٕ۔"

"دوہ لادیو، ییمہٕ پوٚرہی۔ بہٕ واتہٕ نادکھ ییمہٕ تماشاہ نِشس۔" ماگج وُژھ شوقہ سان۔ "انوٚ یوٚرہی!"

تسّ اوس بڈہٕ بیقراری زہ سوہ گژھہ پرٕ ۔ یوت وتیوت وٚلی وٚلیِینہٕ نِشس پاول سُند تقریر باگراوِتھ ہیکِنہ۔ تہٕ ساری سے دُنیہس تام پیِنہٕ نِشس نیٚچوِ سُند پاغام واتہٕ ناوِنہ۔ تیمہٕ کرٕ کمو تام چشمو ڈاکٹرس کُن نظر۔ تہٕ تمہٕ سندِس جوابس لُج پرٕارنہٕ۔

"مگر سوال چھُ زہ ژبہٕ پزیا دُنی کین کام منطہ ہیٚکنو؟" چندہ منٹہ گژھ گدِتھ تہٕ ہناہ دم دِتھ دوٚن تمو "دُنی کین چھ کاہ تجِہنہ کنہ تاجی منطہ پانژہ منطہ ہیٚنطو دوہ یہ بجہٕ چھ اکھ گاٹری نیران۔ ییمہ سیٹ تیہ سوادن پانژن کاگزن اندر واتہٕ ناوِہی۔ مطلب شام تہٕ گژھ گمِ زیادہ ژیر گژھ نہٕ۔ مگر دراصل چھنہٕ یہ ژھ اہم کتھاہ۔"

"یہ چھنہٕ اہم کتھ؟" ڈاکٹرس دژہ لدِتھ وُژھ لُدِ مِیلا۔

"اہم کتھ کوہ سہ چھُ ادِہ؟" تمن نکھہ ییتھ پرٕژھ ماجہ "صرف یہ زہ کام گژھ پرٕتی پاٹھو سپدٕنی۔"

لدمپلایہِ تۄ اُوتَس پرژ ہلِہ چشمو نظر، یِہ ڈیکھ وۄہ بھر اُد لھذ لۄگ وُچھنہٕ۔

"چانہِ باپتھ چھُہ یہِ کامہِ خطرناکھ۔"

"کیازِ؟" یِہِ تگہیتھ ہیوٚ پرژھ ماجہ بڑہ سختی سان۔

"وجہ چھُہ صاف!" ڈاکٹر ووٚتھ وُلی وُلی مگر چھپڑ ییرِ اُنی ڈ لفظن منز "نکولائی سنزہ گرفتارٕ سیٚد پتہٕ صرف اکھ گاٹنہٕ پتہٕ دِزا بکھ زِ گرہ۔ تِتہِ پیٹھ گیکھ کارخانس منز۔ یِیتہِ زِ یہ ماشرٹ باپتھ ہش پینچیپتھ وَنان چھی۔ کیتھہ کال گژھتھ پتھ دزایہ کارخانہٕ منزہ غار قونونی اشتہار نشر۔ یِمہ سارِے کتھ بنن چانہ باپتھ والہ وشی۔"

"تَتہٕ وُچھہ نہٕ میہ کانہہ تہٕ،" ماج لۄگ اصرار کرنہٕ "ہر گاہ تورہ پھیر تھ میہ ژٹن تہٕ پتہ یٚرژ ھسّم زہ کوستے اکھ گامتر۔"

کینژس کالس گیٚہِ تَس یہائے گلہٕ زۄ ہش۔ مگر یِیتہٕ دِژن کتہٕ بکھ "یہ کینژہ ھارتھمن وَنُن چھُہ۔ نہٕ چھُم میہ پتاہ۔ تَتہِ پیٹھ گژھ بہٕ سیٚو ڈے متوزوار بستی کُن۔ تتہٕ چھُم میہ اکھ دوس سپروف۔ بہٕ وَنکھ زہ عدالتہٕ پیٹھ واٚرشس بہٕ سیٚوڈ ے تمہ شنزے گرہ۔ یہوٚے ما دلس تسکین دِنہٕ باپتھ۔ تسٕندس باپتھ کرس چھکہ سزاہ دیمتھ۔"

"یہ کینژہ ھاہ وَنہٕ تمتھ کرِو سعہ آنہٕ آنہٕ۔"

تَس اوس یِیتہٕ نہٕ جاپہِ بہتھ زہ ییم کرُن اُخرس تمہ سنز۔ غاہ ش پوٚرہٕ پتہٕ اُدے رٚوز سعہ اصرار کران۔ چھیکرس مائی تہمو تمہ سنز کتھ۔

"اَڈہ بی تہٕ گژھ!" ڈاکٹر دوٚپھ بدلی سان۔

لُدمیلایہ کرُ نہٕ کانٛہہ۔ صرف رۄز سونچن منز۔ لیکن گژھ چھکھ اورہ یور چکر دوان۔ تمہٕ سِندہ کھتہ پیٹھ اوس تھکنُک تہٕ کمزوری نشان۔ گرد نہٕ ہشُرِ دارگہ آسس چارنہٕ آمژ۔ اَمہِ تلہٕ اوس باسان زہ سُہ چھ بڈہ مشکلی سان کانٛہہ تھوٚد وُٹھتھ۔ ماجہ ژیوٚن یہ وارہ پاٹھو۔

"تہٕ یہ چھوہ سارہ نے بیاکھ فکر۔" تمہٕ کوٚر اَمُن: "مگر پننٛ چھوہ نہٕ زانہہ تہٕ وائے بُران۔"

"تہٕ چھُنہٕ پوز۔" ڈاکٹرن ووٚن۔ "اَمہِ چھ پننی نہٕ فکر۔ آخر کیازہ آسہ نہٕ۔ تمن لگن سیٹھا چھ بڈہ ڈولٹہ سو لوکھ پوان کرنہٕ۔ ہم بیٛلی پننی زدرضایہ کران چھہ۔ اَچھا سیٹیشنس پیٹھ پینہٕ ژیہ اشتہار چھ کاچی یہ حوالہ کرنہٕ۔"

ڈاکٹرن تور غور کرِہ: زہ اشتہار کیٛتھ کنہٕ واتن تس تام۔ تس کن نظر کرِتھ دوٚپھ سو یتو لاکن۔

"اَڈہ بی گژھ! کامیاب کرُ ہونے!"

مگر نیر نہٕ وِزہ اوس سو ناراض ہیو۔ لُدمیلا آیہ ماجہ نکھہ۔

"چون ہے ترٛہ سینٹے فکرہ۔" آہستہ پاٹھو اَمُن کرِتھ ووٚن تمہٕ تہٕ ماجہ ژٹن نتر۔ تہٕ بیٛیہ اَکہ لٹہ لُج چکر دِنہٕ۔

"میہ تہٕ چھُ اکھ نچو۔" تمہٕ داد وُہرُ چھُ وہ فی۔ مگر روزان ماٛلس نِشس۔ میون خانہ دار چھُ سرکارُک نائب وکیل۔ تہٕ بچہ چھُ تسُند نِش۔ سو کیاہ بنہٕ ہے یہ چھس اکثر سوخیال آسان۔"

تَس گوٚ گنٛڈ ہیوٚ ۔ اکہ ھنٛز پتہٕ ہیوٚت تمہٕ سوٚنٛچ لوٚہتٕہ لوتہٕ وَنٛن ۔

" تَس چھُ تیٚتھ اَکھ شخصاہ رٕچھان ۔ یُس میانِین تمن دوستَن رفیقَن ہُنٛد زونٛمُتھ مونٛمُتھ دُشمن چھُ ۔ یم مینہٕ ٹاٹھی چھِ ۔ بہٕ چھُس کھ تیم یمہٕ دُنِی ہٕکہٕ بہترین گژھہ گُذرِران ۔ ممکن چھُ میون نیچوٚ تہٕ مابنہٕ میون دُشمن سوٚ ہیٚکہٕ پہٕ مینہٕ سیٚتہٕ رٕوٚزِتھ ۔ بہٕ چھُس اَکہ بیٚیہ ناوِہ رٕوزان ۔ اُٹھ وُری دائم تمی سُند بُتھ وُچھنے ۔ اُٹھ وُری ! کوتاہ وَکھ گوٚ یہٕ !"

داوِہ نکھہٕ وأتتھ روٚز سعہ وِھ دِنہٕ ۔ تہٕ نیبرکُن لٔج گژھس تہٕ وأتاکھ نبس کُن وُچھنہٕ ۔

" اگر مینہٕ سیٚتی روزِہے ۔ مینہٕ میلہ ہے طاقتھ ۔ دِلس وأتہٕ ناوِہ ہیم تہٕ یہٕ نوسوٚر دوٚکھ ۔ ہرگاہ مرِہ ہے تہٕ ۔ تو تہٕ روزِہ ہیم سَتھ ہُش ۔"

" واہ ہکپاگر !" ماجہ کھوٚت ہیٚکھ ۔ لدٔ میلا یہٕ رہندہ داوِہ اُس تَس وأرنیچ چھٕپٕہ تُس آمژ ۔

" ژہٕ چھکھ باگہٕ بُرژ !" لدٔ میلا ورِشہ زٕہرخند کرٕتھ ۔ " کوتاہ رُت چھُ ! مأج تہٕ گوٚبرٕ یکہ وَسٕے ! تُمتہ چھُ خال خال سیٚدان ۔"

" آ ۔ سیٚٹھاہ رُت چھُ باسان ۔" پلاگیا یہٕ ووٚن ۔ تہٕ پانے لٔج تأجب کرٕنہٕ ۔ یٚتہٕ وُرژھ سعہ واوِہ وارِہ زٕن تہٕ کانٛہہ بیر باونٛکس اندازس منٛز ۔" تہٕ تہُنٛد سأری ۔ نکولائیَ ایوانووچ تہٕ تم سأری گژھہ یم پرٛزس یٚتہٕ لاژان چھِ ۔ تہُنٛد سأری چھوٚہ اکھ اکس سیٚتہٕ ۔ وُچھان وُچھان بینے یہٕ اُسہٕ سأری اکھ

اَکھ اَکِس سٟندی پٹھ تہٕ بہٕ زانوٕہ تہٕ سارِی۔ میٚہ چِھنہٕ لفظ فِکرِ تران۔ مگر باقے سوروُے چھُم تکان بوزُن۔"

"آ۔ یہاۓ تہٕ چھہٕ کتھ" لُڈمیلایہِ دوٚن لوہ تہٕ ہٮ۪ٹ "کتھ تہٕ چھہٕ یہاۓ۔"

لُڈمیلا یہِ ہٮ۪ندِس وُچھس سۭتھ اَتھہ تھوٚوِتھ بیٚیہ ماجہ لوہ تہٕ لوہ تہٕ کتھ کرِنہٕ۔ زَن تہٕ یانۍ پَنٕنِین لفظَن ہٮ۪ند مانہٕ مطلب سونچان آس۔

"سانٕز شرٕ چھہٕ یتھہ بُتراتھ پیٹھ قدم ٹھیکہ راوِتھ برونٛہ برونٛہ پکان۔ میٚہ چھُ یی فِکرِ تران۔ تِم چھہٕ برونٛہ برونٛہ پکان۔ سارِسے بُتراتھ پیٹھ پتہٕ یتھہ طرفٕ۔ اَکِسے مُنزِ لس کٔنۍ دوران۔ تِمَن ہندی دل چھہٕ شوٗژ۔ ذہن زورٕ برٛت۔ تہٕ تِم چھہٕ بدی خلاف کھورٕ ٹھیکہ راوِتھ تہٕ اَیرِس لتہٕ مونٛڈ کرِتھ برونٛہ پکان۔ تِم چھہٕ جِگبر صحت مند۔ طاقتہٕ وٲلۍ تہٕ پننٕ سوروُے طاقت چھہٕ اَکھہ مقصد حاصل کرنہٕ موکھ خرچاوان۔ سُہ مقصد گوٚ اِنصاف! تِم چھہٕ برونٛہ پکان۔ یتھہ زَن اِنسان دوہ کَس پیٹھ فتح لبہٕ۔ تِمَو چھہٕ صفہٕ گنڈمٕژ۔ یتھہ زَن سارِسے بدبختی ختم گژھہ۔ تِم تھوَن نہٕ بدصوٗرتی ہٮ۪ند بیٚیہ کُنہٕ یتھہ ذٕنی یِہَس منز۔ تہٕ اَتھہ منز چھا کانٛہہ شک زِ فتح آسہ تہنزی؟ یِمَو منزٕ اوس میٚہ اَکھ دوٚنمتھ زِ اُسو گاشہ راوُن اَکھ نوٚو اَکھتابہٕ۔ میٚہ چھُ یقین تِم پرٛزلاوُن سُہ اَکھتابہٕ صنوٚرُر۔ تِم چھہٕ وَنان زِ سارِی پھٲٹِمتۍ دِل واٹھکھ۔ تہٕ بہٕ چھس وَنان زِ تِم دِن یقینَن یہٕ کٔرِتھ!"

مشوراوِ مرزہ عباد تِچ لفظ ہیٚتِتھ تَس دوبارٕ ژٕ تَس پٮ۪ٹھ۔ تہٕ تِمہٕ ہِنٛزِ تِمَن لفظن منٛز اکھ نوٗ پرٛژھ۔ لفظا اسی تِمو سٟندٕ دِلہٕ منٛزٕ وۄتھٕ وُنین تِہنٛزن ہنٛدی پاٹھی تِیران۔

" ساٖنۍ شُری چھِ ہنٛزٕ رَچھ تہٕ عقلِ منٛزٕ وتہٕ پکان۔ انسانن ہندین وٲچھن لول بخشان۔ زمینہِ پیٹھ اکھ نوو آسمان بناوان۔ بترٲژ اکھ نوو جوش دِوان۔ یِنہٕ منٛز ژھن ہنٛد سوٗ جوش یُس نہٕ زانہہ تہٕ ژھینہ گژھ۔ یِمہ کنارٕ برٛونٛہہ سیٚتہٕ اکھ نوٗ زندگی ہٮ۪کہ بیٚیہ۔ سون محبتھ چھُ ساری انسانی ہیتہ باپتھ امہ زندگی ہِنٛز تخلیق کران تہٕ سوٗ کُس اکھاہ کروزین یُس اَتھ نارٕ الاوس ختم کرِ۔ یُس اَتھ بُجھہٕ ییہ؟ یہ الاو چھُ پانہٕ بترٲژ ہنٛدٕ ڈٲنبہ دراٹھتھ۔ تہٕ پانہٕ زندگی چھُ امہ کِس فتحس پٔراران۔ خودٕ زندگی چھ پٔراران!"

سہ آیہ یِنہٕ نٮ۪ن جذباتن منٛز ہیٚنہٕ۔ تہٕ لَدمیلایہ نشہ دوٗر گژھتھ بیٚٹھ پھِر۔ تِمہٕ ہیٚتہٕ ژٕ پٹھو زیٹھو شاہ کھاپنہ والینہٕ۔ لَدمیلا تہٕ وُژھ رسے تہٕ صبحس یاں ژن کھوژان اُس نہٕ کانہہ چیز گوژھ نہٕ پھٹُن۔ سہ لٔج کمرس چکر دِنہٕ۔ بیٚ نوٗر نظرٕ آسس بروٗنٛہہ کنہ ژن تہٕ ذرٕ لٔجہٕ مرٕ۔ تہٕ باسان اوس ژن تہٕ سہ والے تھٲن، سیٖتزِ تہٕ فوژ کھ چھ بنے ہرش، تِمی سٔندِس زاوہولس مگر سخت بچھس بیٚٹھ اُسی زبردس سوچکلی آثار۔ تِمہٕ اَسی وُلٹھ جذباتی آیہ دباوتھ ژٕ ہیٚتہٕ۔ ژھوپہٕ سیٚتہٕ آد ماجہ دلس قرار ہیوٚ۔ لَدمیلا یہ ہِنٛز حالتھ وُچھتھ پرٛژھ تِمہٕ خطا کارن ہنٛدی پاٹھی۔

" شاید کرٕ میٚیہ تِمہٕ کُنتھ یمہٕ نہ میٚیہ یِنہٕ ہاں کرنہٕ۔"

لُدمیلایہ ڈیٛٹھ تس کُن تمہٕ آیہٕ نظر۔ زَن تہٕ کھوژمٕژ ٲس۔ تمہٕ پلہٕ نیوو ماجہ کُن اَتھہٕ۔ زَن تہٕ کینٛہہ دِنُن ٲس یِژھان۔ پیٚتہٕ وَنُن سہ دِلکۍ۔

"ماے بِلکُل صحیح وَنُتھ۔ بِلکُل صحیح ہے۔ مگر وۄنۍ کرو نہٕ اَسہ اَتھ پیٹھ کتھ۔ یہ کینژھا ژیہ وَنُتھ تہٕ چھُ سیٹھاہ" پیٚتہٕ وَنُن سہ سیٹھاہ سۄکۍ سان۔ "ژےٚ نیرِی وۄنۍ جَل جَل۔ ژیہ ہیٚے پَھتھے سیٹھاہ دوٗر واتُن۔"

"کاش! ژےٚ زانہٕ ہاکھ زِ بہٕ کوتاہ خوش چھُس! پننیٚن نیچویہ سِنٛدۍ لفظ، پننہٕ بہٕ مازِکۍ تہٕ ژےٚ ہندۍ لفظ کُن تاز واتہٕ ناوِنۍ! زَن نا بہٕ کُن پنُن زُرح چھُس دِوان۔"

تمہٕ کوٚر اَسُن۔ مگر لُدمیلایہ ہِندِ بُتھہ پیٹھ مِیوٗلُس نہٕ اَمیُک کانٛہہ ٹاکارٕ جواب۔ ماجہ باسیوو زِ اَمِس زنانہٕ ہندِ ضبط کیٚنۍ ٲس تَسنٛز شادی دِیہ دِنہٕ آمٕژ تہٕ یکایکھ گوٚتس مُتھ زِ اَتھ سخت رۄچھس مَنٛز برچھے پنُن سورُے وُژِمہٕ نیر۔ اَمِس زنانہٕ ہندِس دِلس تہٕ گرٕ ہیٚے پننہٕ شادِ بُرِوتہٕ دِلہٕ چوآشوٗنِش داگ قف۔ لُدمیلایہ ہِندِیِن اَچھن پیٚیہ دِیتھ ووٚن تمہٕ۔

"میانۍ ماٹھم! یہ کتھ زانہِنۍ کأژاہ جان چھہ زِ اَکھ نوٚو چھہ سارِنۍ وَتھ ہاوان۔ تہٕ سہ وِز یتِلہٕ سأرۍ لکھ اَتھ نوٚوِس وُچھتھ ہیٚکن تہٕ دِنہٕ پنُن اَتھ پیٚتہٕ۔"

ماجہ ہِندِس کھُلِس بُتھس گیہٕ دِنُن ہِش۔ تمۍ سنٛزہٕ چشمہٕ اَسہٕ زوتان۔ تہٕ تمہٕ آسس یتھ کنۍ وۄنہٕ ٹھہوان۔ زَن تہٕ اَچھن ہندِس زوتنس وُتھش دِوان آسہٕ۔ پننہٕ نیو تمۍ عظیم خیالو، یمۍ تمۍ سُند وجود مالامال کوٚر مُتھ

اوس، سیٖتۍ اوس تٔس پانٔس ژیوٚر آمُت۔ تمہ پوٚر پٔتہٕ نِیِن ٹیٹھِن ہُنہٕ پٔتہٕ تجربن ہنٛدِس گاشس منٛز یمَن خیالن ہنٛد ترٛ لفظَن ہنٛدِس ڈٔرِس تہٕ پٔژِر لوٚہِس شیشس منٛز۔ تہٕ اَمہِ شیٖشہ چھ کھٔنٛجہ گٔیہِ اُمہِ سِنٛدِس ہٕرِو ڈیشہِ مِیٚتِس وٚچھس اندر بُرونٛہہ ٹھ پٔکان۔ تہٕ سونتہٕ اختابہ کہِ طاقت بخشن وٲلِس گاشس اندر پٔژرےٚ یہٕ۔ یمَن شیٖشہ کھٔنٛجن منٛز چمک تہٕ پٔژرن ہیوتُن وارٕ تیز گژھن۔

"باسان چھُ زِ انسانہٕ سِنٛدِ باپتھ چھُ اکھ نوٚو خوداہ تھٔپنہٕ یِوان۔ پٔژِہتھ کانٛہہ چیٖز سارِنٕے ہنٛدِ باپتھ تہٕ سٲری پٔژِہتھ چیٖزہٕ باپتھ! میٚہ چھُ یہی فکرِ ترٛان زِ اُسہِ چھہ پٔزی پاٹھۍ رفیق، سأنی رۄح چھ گٔنٛز، اُسہِ سٲری چھہ اکۍ سے ماجہِ ہنٛدۍ شُرۍ۔ یمِس ماجہِ ہنٛد ناو پٔژر چھُ۔"

میٚہ اَکہِ لَٹہِ آیہِ سعہ پٔتہٕ یمن جذباتَن تَل لاینہٕ۔ ژھوٚپہٕ کٔرِتھ ژوٚو تمہِ زیوٚ ہٹہٕ وۄش۔ تہٕ کٔس تانی زَن تہٕ دہشوٚےِ ژٕ آلِتھ رٕژ وَنہٕ ہٕ:

"تہٕ ییٚلہِ بہٕ یہٕ لفظ کامریڈ زٕبیٚرہ پیٚٹھ ہیوان چھُس۔ میٚہ چھُ کنن تہنٛدین قدمن ہنٛد صداہ گژھان۔ زَن تہٕ سٲری قدم رٔلاوِتھ میانہِ دِلہ منٛز یِکان چھِ!"

تمِو سُنٛد مقصد اوس بامل آمُت۔ لُدمیلایہ وٚدہ شلیو ووچھتھ تہٕ وُٹھن ژایِس تھٔرہ ہش تہٕ معہ خٕتہٕ ہیوٚ دیوٚٹھ ونیوٚٹھ اوٚش لوٚکُس بٕنٛھی لبو کنہ وٕسہٕ نہٕ۔ ماجہ آلوٕ تٔس ژرٕ۔ تہٕ خاموشی سان اَشِن کٔرِتھ رٕژ یٔنہٕ نہٕ دِلہِ چہ کامیأبی پیٚٹھ شادہ کرنہٕ۔

رۄخصتھ ہیٚنہٕ وِزہِ ووٚچھ لُدمیلایہ ماجہ کُن تہٕ ہلکہ لہجس منٛز وونُن:

"ژٕ یہ چھے نہٕ خبر ژٕیہٕ سیٖتۍ روزِ نٕس کأژاہ فرحتھ چھہ میلان؟"

# ۲۹

مٲج ییٚلہِ سرٛٹ کرٕ بیٚہِتھ وٲتۍ تٔس آیہِ ژھِتہٕ ژھٹ۔ تٔس ہانٛسے یُس تہٕ برٛونٛہہ کھنڈُس ہیتوک بہٕ تمہِ شاہ تہٕ کھٲلِتھ۔ دم دِتھ ترٲو تمہِ ژٕ طرفابہٕ نظر۔ اکِس کونٕس منٛز اوس گاڑہٕ وولاہ کَلس جُرٛ دار ٹوٗپیاہ دِتھ گاڑہٕ منٛز بیہِتھ۔ تہٕ بُتھِ اوس اکھ شٔخصاہ بوٚن کٔرِتھ نِشہِتھ پکان۔ تمہِ اوس کلہٕ تیوٚتھ بوٚن روٚٹمُت زہٕ یہِ اوس دوٚن پھینکن منٛزس بوزنہٕ یِوان۔ اُمِس دوٚرہٕ اوس سِیاہ اکھ کنٛس پھَش پھَش دِوان پکان۔

"سِپاہ آسِکھ کُنہِ کامِہ موکھ واتِس تام سوٗزمُت۔" تمہِ سوٗنٛچھ تہٕ بیٚچ پانَس۔ پکہٕ سیٚتھٕ اوس شیشِنس چٕرٛپ چٕرٛپ گژھان۔ تہٕ آمہِ آوازہٕ سیٚتۍ اُس ماجہ فرحتھ ہِش میلان۔ ریلہِ ہندِ دکھتہٕ برٛونٛٹھے واتِس سوہ سٹیشن۔ مگر تقاضٕ کلاپہٕ کرِس ٹکرِس تہٕ غلیظ ویٹِنگ روٗمَس منٛز اُس برہٕ برہٕ۔ ریلہِ ہنٛزہِ پٹرِہ بیٚہِتھ کٲم کرن وٲلۍ موٗزوٗر، کینٛہہ گاڑہٕ وٲلۍ، واریاہ بیٚہِ گرٛ ٹکھ، تہٕ زٕچہ لگہٕ مِتٲنسان اُسہٕ تیرِہ گٹہٕ کارہٕ زنانہِ بچنہٕ باپتھ ویٹنگ روٗمَس منٛز چھیپنہِ آہتہٕ۔ اَتہٕ اُسہٕ مُسٲفِر تہٕ کینٛہہ گرٛیسہٕ، اکھ دیوتھ پوٚلٹھ تاجر۔ تمہِ کٔرِس تام جانوٗرہٕ سِنٛدِ مُلکُ

کوٹھ لوگمُت اوس، اَکھ یادرِ ہو تہٕ تِمۍ سِتہٕ مُسر کوٗر، پانژھ شٕیہ سپاہ تہٕ کینہہ بانبرے ہتو ہوہ شہر باش. لکھ اُمو سگریٹ جوان تہٕ کنھتھ کران. چائے تہٕ دودٕ گا تہٕ اوس چلان. کھانہٕ کمرٕ کِس کاونٹرس بٕرونٹھ کینہہ ترٕ وکُمۍ تام ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اَسن کھنگالہٕ. ہیٚرٕ اُسو دٕہی لمبکھ نژان. دروازٕ مُژرِتھ سِتہٕ اوس چرچرٕ ہیوٚ گژھان تہٕ دارِ ہٕندۍ شیشہ اُسو آلان. کمرس منز اوس تماکیکھ تہٕ تُنبہٕ دار گاڈٕن ہٕنٛد مُشکھ یوان.

مأج رٕج دروازس نکھہٕ بہِتھ پرارنہٕ. دروازٕ یُتھے یلہٕ گژھان اوس تس اُس کھوٚرٕ شورٕ ہرد واوٕ دٕکہ سیتو ژھٹ نیران. تَس اوس یہ خوش کران. تہٕ سہ اُس اَمہ وِزِہ زِ پھٹو نہٕ شاہ کھادان والان. زیادٕ تر لکھ اُسو سامانہٕ تہٕ مُنلین پلوٚن ہٕند بور ہیتھ برٕ اَژان. تہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چیز اوس دروازس منز بند گژھان. تیکھاتہٕ اُرِتھ اُسو یِم لکھ سامانہٕ پیٹھ رِس یا بنچس پیٹھ داٗرِتھ دِوان تہٕ وُٹھو منزی کیاہ تام وُنۍ وُنۍ اُسو نَرِو، کالرو ریشہ تہٕ گونژھو پیٹھ شین صاف کران.

چمرِو سُوٹھ کیساہ ہیتھ ژاو نوجواناہ اَکھ اندر. تہٕ ہورٕ یور نظرٕ دِتھ دوت سیتو دٔے مأجہ نِش.

"تہٕ ہہ چھا ماسکو گژھن ؟" تمۍ پرٛژھ لوتی.

"آ. تانیا یہ نِش" سہ وُژھ درجواب.

"یہٕ کیاہ ؟"

تمۍ ترٕ دوسُوٹھ کیس ماجہ نکھے بنچس پیٹھ. سگریٹاہ زولُن تہٕ

دارٕ دارٕ دِژِن پٔنٕنہِ ٹوپہ بچھی ۔ تہٕ دوٚی مہ کمرٕ رٔکنہٕ دراو نیبر ۔ ماجہ دِژٕ سوٗٹھ کیسہٕ رٔکس ترٕنس چمرس مَٹہِ مَٹہِ ۔ اَکھ پیٹھہٕ کھوٚنہِ دٔلہٕ ٹھوٗلھ نیے یہ لبہان کٔن ۔ تہٕ رٔج بڈٕ اطمینانہٕ سان لُکن وُچھنہِ ۔ کیٛشہ کال گٔژھتھ وُٗژھ سو بیٛیس جایہ نشہ یوسہ پٔزٕ زَن نیبرِمِس بَرس نٔکھے اٚس ۔ اَمہِ وِزِ اٚس سہٕ کاژٕ ٹھوٗدٕ رٕٹتھ لُکن سیٚٹھہٕ پٔکھتھ تھمن کٔن وُچھان ۔ تمہ اوس سوٗٹھ کیس بڈٕ اطمینانہٕ سان اَتھس کیتھ لٔمتھ سوٗٹھ کیس اوس نہٕ زیادٕ گوٚب ۔

ادٕرٕ آو اَکھ نوجوانہٕ ژھوٚٹ کوٗٹھاہ لٔگتھ تہٕ کوٗٹھس کاژٕ ہیتور کھاٗرتھ تہٕ لوٗکن ماجہ سیٚٹھہٕ دٔکہِ ۔ سوٗ دراو رٔتھے اوٗگُت کٔن تہٕ ٹوپہ کٔن نیوٚن اَتھہٕ ۔ ماجہ باسیو زِ اَتھہ بُتھِس منٛز اوس کُس تام زونٛمُت موٗنمُت ہیٚو پیٚزاہ تمہ دِژ پوٚت نظر ۔ تہٕ وُچھن زِ کالرُو پٔیٹھہٕ کٔنہٕ اٚس اَکھ زرد اُچھ تس ژھدرٕان ۔ اُمہِ سٔنٕز یہِ مُدٕرے گنڈِتھ وُچھن زَن تہٕ شٕرِاکہِ ہُند لکھش اوس ۔ یتھ اَتھس منٛز ماجہ سوٗٹھ کیس روٗٹمُت اوس ۔ تتھ زن سٔپد رانٕہ ۔ تہٕ یکایکھ باسیوٗ بور گوٚہ باٗن زَن ۔

" یہِ چھُ مہٕ برو ٹھٹھ تہٕ کتہِ تانٛ وُچھمُت ؟ " ماجہ سوٗچُھ دِلہِ منٛز ۔ یہِ وُلنہٕ احساس وَچھس منٛزے دَباوٕنٕچ کرٕ تمہ کوٗشش ۔ کُس تانٛ خیال اوس دارٕ دارٕ نکہ یقینہٕ سان تَسنٛدِس دِلس نال وَلان ۔ سہٕ اٚس یہِ خیال مَنساوُن یژھان مگر یہِ احساس گو پہِ ٹھان تہٕ تَس کو تال خمٕ شکھہِ ۔ تس اوس سٔکھ مَتھ گژھان زِ پوٚت ژھیرِتھ وُچھہے سہٕ اُمس شخصس دُبارٕ ۔ تمہ دِژ پوٚت نظر ۔ سہٕ اوس تُٹھو تھے دوٚدنہٕ ۔ باتھے اُکس تہٕ یاٹھے دوٚی مہِ زِنگہِ پیٹھ جسمکھ بارترٕ اُدِ ختہٕ

رۄد سُہ شُتھِس پیٹھ ووٚدنہِ۔ زٕن تہٕ کیاہتام کرٕن اوسُس۔ مگر وُنہِ اوسُن نہٕ پانس سیٚتۍ اَمِیُک فیصلہٕ کوٚرمُت۔ اَمہِ اوس کھوٚژر اَکھ چنٛدس منٛز تھووِتھ مُت۔ یِمہِ کِنۍ اَمہِ سُند دٔچھن پھیٚوٕک کھوٚرٕ پھیٚکِتھ تہٕ تھوٚد اوس باسان۔

سُہ سیٚدٕے یِہ بٕنچس کُن۔ تہٕ وارٕ وارٕ تہٕ حِسہٕ سان بیٹھ پٔکھتر۔ زٕن نہٕ کھوژان اَس زٕ اَندرِہ کِنہٕ گوٚژھُس نہٕ کانٛہہ چیز پھیٚٹتھ گژھُن یِشکُن تہٕ وسوٲسن منٛز شیٚنِتھ لَگِسہ ژتیٚس پاوُنہٕ زٕ تِمہٕ کتہٕ اوس پیٚشِکس وُچھمُت۔ آخرس پیٚٹھ تٔمِس تِم زٕ دیٚلہٕ یاد۔ ییلہٕ تِمہٕ سُہ وُچھمُت اوس۔ اَکہ وِزِہ شہرٕ اَندٕ کِس تِتھ مادانس منٛز۔ ییلہٕ ریٚبِن ژجوو تہٕ دوٚیمہ پھیرٕ مُقدمس منٛز۔ سُہ پُلسہٕ وول یُمِس زٕن ریٚبنس پتہٕ لار نہٕ وِزِہ ماچہ وَتھ اَمس ڈاچ پرٛٹھ۔ اوس دوہ فی اَمس نفرس نِش واتِتھ تٔمِس سیٚتۍ وعدٕ دِنہٕ۔ وعدٕ فی باسیوو ماچ زٕ تٔمِس چھہِ پتہٕ لگِہ میتِہ کتھ آمس [illegible]اف۔

ژٕٹ ہیٚس ما [illegible] تِمہٕ کوٚر پانس سوال۔ برٛنٛزاہ گژھِتھ دِتُن پانے نٹان نٹان جواب :

" ممکن چھُ وُنہِ ژٕٹ نَم نہٕ " مگر یکدمے ووٚن تِمہٕ دِلہٕ منٛزٕ کہ حوصلہٕ سان۔

" ژٕٹ ہیٚس ! "

تِمہٕ ترٲو ژٕ طرفہٕ نظر۔ مگر لَبہٕ آس نہٕ کینٛہہ تہٕ۔ خیالاتھ آسۍ تِمُک پنِنس ذہنس منٛز تِتھے رِنہٕ ہندِ پاٹھۍ زوتان :

" سُہ ٹھ کیس ترٲوِتھ نیرا ؟ "

مگر اُچھ ہاسے رُٹ اکھ زیادٕ پرٛیژ لوٗنہٕ تیٚتھبہ رٕہ۔

"کیاہ پینہٕ نِس نیٚچوِ سٕند تقریر ترٛاوِتھ ژٕ لا؟ پِھٕین اَتھَن منٛز ترٛاوِہ نا یہٕ؟"

تمہِ کٔر سوٗٹھ کیٚس زورٕ ٹھپھ۔

"یہ ہیچھِتھ نیرا؟ ییتہٕ ژٕ لا؟"

یِتھٕی خیال اُسی اَہندِ خاطرٕ نوٗی۔ زَن تہٕ خبر کٔمی زورٕ ذہنَس ٹھُکھ ہیٚتی أسی۔ یِم خیال لٔگی دَزٕ وِنہٕ بیٚنکی یاٗرِ ٹھ تِمی ہٕندِ دِلَس تہٕ دِماغَس بخیہِ کَڈی کَڈی زالٕہ ہٕ۔ اَمہِ دادِ چہ غلبہ گٔی رٔنہِ سعہ پیٚنہٕ نہٕ پانہٕ، پاوِلِس نشہٕ تہٕ پرٛیتھ تمہِ چیزٕ نشہٕ دوٗر کَڈِتھ۔ یُس تَس ٹوٹھ اوس۔ تَس باسیوٚ زَن تہِ کانٛہہ شٔسترٕ وِ قۅتُھ تِہٕندِین شانَن تہٕ وَچھَس پانَس تَل دَباوان اوس تہٕ سہ رُٹ اُکی زبردَس خوفن ییٚنِن تَل۔ تَس لجہٕ ہنگن ہشرٕ گَرِ تھوٚد وُتھٕی وِتھی گرٛ ٹھینہٕ۔ تہٕ رُمہٕ وال تانی لَنگِس دَزہٕ نہٕ۔

یکایک رٔنہِ تمہِ اکھ زبردس کوٗشش یِتہٕ یِم خیال لتھ پانَس نشہٕ دوٗر کَڈِتھ۔ یِمہٕ ساریوٚے اَپہ، لوکچہ لوکچہ کمزور تیٚتھبہ رٕ [illegible] دادین تہٕ یِمَن لَتہ موٗنڈ کرِتھ تہٕ بٔڑٕ حکمٕ کرِہ دِنَس اندازَس منٛز وۄنُن پانَس:-

"ژٕ یِیہ یزی مَندرٕ چھُن!"

یکایک سٔپُد تَس سوٗکان۔ بٔلکہ دریوٚس دِل تہٕ پانے وُژھ:-

"بینہٕ نِس نیٚچوِس ہے کرِہ ناوٕ رُٹ! دَپی ژٕہ کھوژٕکھِنہٕ!"

اُمی ہشرِ اُچھہ ییچہ کمِس تانی ہشرَن بیے رونکھ تہٕ کھوژٕ بڈٕیی

نظرِن سےٚیِتھ۔ تیٚتھٕ دِس ذہنس منٛز وۄتلیوو ریٚیبن شنٛد بُتھ۔ کیٚنٛژن برژن ہٕنٛدۍ ہراسَن اُس سۄہ وارٕے دُر تہٕ عزمہٕ واجیٚنۍ بناوِتھ۔ تہٕ دِلکۍ دُب دُب اوسُس قرارٕ آمُت۔

"دۄیِمی کیاہ بنہِ؟" ژٕہ شوٗنی طرفن کُن وُچھتھ سوٗنچھ تمہِ۔

خفیہ پُلیسکۍ مۄہنوی اوٚن سٹیشنُک گارٕڈ ناد دِتھ۔ تہٕ اُچھوٚس تہٕ ہووُن ماجہ کُن۔ دوٚیِم گارٕد تہٕ آو۔ تہٕ تمہٕ ہٕشر کٔرتھ بوٗزِتھ کھاُر تمۍ ڈبکس ذٕرٕ۔ یِہ گارٕڈ اوس مُزٕ دِیادٕم۔ ٹھوٗد، چھوٚٹ مُس تہٕ زیوٗ ٹھٕ ریشاہ کرُتھ۔ خفیہ پُلیسکس مۄہنوِس کُن وُچھِت کوٗر تمۍ پننِس کلس دِنہٕ ناہ۔ تہٕ سیٚدیوو تمِتھ بنچس کُن یتھ پیٚٹھ ماجہ بیٹھِتھ اُس۔ خفیہ پُلسُک مۄہنیوٗ گو گاٚب۔

گارٕڈ لوگ رَپہٕ رَسے یکہ نہٕ۔ تہٕ ماجہ رٕٹِس ہیندِس بُتھِس کُن لوٗگ بُتھ ژکراوِتھ وُچھنہِ۔ سۄہ ژٕن گیہ بنچس منٛز شٔروٚپھ۔

"ہرگاہ لاین نہٕ۔ تیتہِ اوس غنیمتھ۔" تمہِ سوٗنچھ۔

تَس نِکھ واتِتھ گو سۄ وۄہ دِنہٕ روٗزِتھ۔ منٹس کھنڈس خاموش روٗزِتھ ووٚن تمۍ یکایکھ ژٕکھ سان۔

"کتھ چھکھ پٔران؟"

"کُنی نہٕ"

"اچھا گوٚ یہ ڈُیل پھا۔ ژٕرٕ باے۔ پٔرِھ وُنہِ منٛز چھا پرٕھ حرکتھ کران؟"

اُمۍ سندۍ لفظ ژن تہٕ ماجہ تھا پرٕ آہہ پیوان۔ اکھ! نہٕ! اُمۍ

سِندِ ماہیچ ارچائی کینہ گی اُمس یوٗتہٕ تکلیپھ دِنہٕ واجِنیوٗ زَن نہٕ ماجہِ تُھوٗ لِبہٕ
زلِتھ زیٖن تہٕ اُچھ نٮ۪یہِ نَس کڈِتھ۔

" با ؟ بہٕ چھُس نہٕ ژوٗر ! ژٕہ چھکھ ووران !"

تمہِ دِژ زورٕ کرٛیکھ۔ ژکھ ٹوٗ فانَس مَنز تہٕ ہٮ۪تکہٕ کرٕ کرٕ چھرٕ ہٮ۪تھ
باسیووتَس پرٕ ہتھ طرفہٕ پرٕ ہتھ اَکھ چیز نَژان ہیوٗ۔ گنٕی دِنہٕ نہٕ سپتھ مُژٕ رووو تمہِ
سوٗ ٹھ کیس۔

" رَٹھ دِ نفر ! دِچھ ! سارٮ۪ی وِچھو !" کرٛیکھ لاریتھ ووٗن تمہِ
یَتہٕ گٔیہ سہ تھوٗد وٕتھِتھ۔ تہٕ کینٛہہ اشتہار چھکن ہیور کنٕ۔ تَس اوس
کنَن مَنز گیس گیس گژھان۔ مگر تُکنٕ ہنزٕ آوازٕ اُمس بوزنہٕ ہیکان۔ تِکھ
اُمہِ پرٕ ہتھ طرفہٕ تَس کنٕ دوان دوران لاران۔

" کیاہ دلیل ؟"

" ہوٗ کیاہ ہوٗ خفیکُ نفر۔"

" دلیل کیاہ ہیرٕ ؟"

" یِہنٛد دَنُ چھُ ژٕہ یِہ چھِہ ژوٗر۔"

" پرژھ شریف خوتُ ناہ ؟ اہٕہہ اہٕہہ !"

" بہٕ چھُس نہٕ ژوٗر !" سہ وُڈنٕہ ہتھدِ ہاہِ۔ بانَس اُندی اُندی
تِکھ وُچھِتھ گوٚ تَس حوصلہِ ہیوٗ۔

" راتھ اوس سیاسی قیدین ہنٛد مقدمہٕ۔ تمَن مَنز اوس
میون لڑکہٕ ولاسوف تہٕ۔ تمٕی کوٚر تتہٕ تقریر۔ یہٕ وِچھو ! بہٕ چھُس سُے تقریر کنٕ

ناوٕ وانہٕ ناوِنہٕ آمٕژ۔ یُتھ زَن لگہٕ پَرَن تہٕ پَزِر زانَن۔"

کمہٕ تام نیٚوٗ بڑٕ جیٚبہٕ سان اَکھ اشتہار تہِندہٕ اَتھہ منٛزٕ۔ ماجہ دِتی اشتہارٕ لُکَن ہندیو کلوٚ پیٚٹھی دٲرِتھ۔

"ہیٚیَے ہم ہیٚے مارٕنی!" کھوٚژِتھ ژٲج کُس تانٕ کرٕ یِچھ نیرِتھ۔

ماجہ وُچھو لُکھ وٲلِ دٲلِ اشتہار تُلان تہٕ تِمَن کوٗٹھَن تہٕ چِندَن بَران۔ یہٕ وُچھتھ روٗز مٲج بیٚیہٕ اَکہِ لٹہِ کھوٚر ٹھیکہ رٲوِتھ وۄدِنہٕ۔ تِمہٕ ہیوٚت زیادٕے سوٗکُنس منٛزٕ تہٕ زوٗرٕ دار اندازٕ بولُن۔ تَس اوس احساس زِ تِمو سِندِس دِلس اندر اوس فخرٕ کہٕ تہٕ شادٕ ہُند جذبہٕ وۄتلان۔ تقریر کران کران اَس سۄہ سوٗٹھ کیٚسہٕ منٛزٕ اشتہار گڈٕ گڈٕ بٲگرٲوان۔ سۄہ اَس اَنتہٕ کٲم متین لُکن کُن اشتہار ہیٚلہٕ ناوان۔

"توٗہہٕ چھا خبر زِ میانِس لڑکس تہٕ بیٚیَن نفرَن پیٚٹھ کیازِ آوٕ مُقدمہٕ چلاوُنہٕ۔ بہٕ وَنوٚوٕ۔ تِہنٛز میٚیکو اکِس ماجہ ہندِس دِلس تہٕ تِمو سِندِس چھَتِس موٗیِس پیٚٹھ پرٛژھ کرِتھ۔ تِمَن پیٚٹھ آو اوٚرٕ باپتھ مُقدمہٕ چلاوُنہٕ زِ تِم اَسہِ سارِنی لُکَن پَزِر باوان۔ تہٕ میٚیہٕ توٗرٕ راتھ فِکرٕ زِ پَزرس میٚیکہٕ کانٛہہ تہٕ نکار کرِتھ! کھیٚنہٕ تہٕ نہٕ!"

لُکَن ہیٚتٕز بیٚچ بارٕ ہٕرِسے پیٚہ۔ پَتہٕ پیٚتھ اَکھا اوس خاموش۔ اَمس زنانہِ اَندی اَندی لوٗگ انسانَن ہُند اَکھ گول دیوار ہیوٗ۔

"غورٕ بُتھ، بوٚچھ تہٕ بیمٲری۔ لُکن چھُ موٗزٕ ذٕرٕ ہُند یہٕ ماوصفہ میلانٛ! پَتہٕ پیٚتھ چیٖزٕ ہِیہٕ آسہٕ خلاف! اَسہٕ چھُ سارِی سیٚے وٲتنہٕ خوٚنہٕ جِگر کُن کرِتھ دوہ ہس

وَاتَس جکھان۔ ہمیشہ گنٛدہ گی منٛز دفہ کڈان۔ اَسہِ چھِ دعہٕ ہیٚۓ چار کر بناوان! اُسہ چھِ تِمہٕ کنۍ تھوٚوٕ ہِوان۔ یِتھہٕ کنۍ زٕ ہوٚن زٕہ گنٛڈِتھ تھٕچھ آسان تہٕ اَسہِ چھُنہٕ کٔنِہ کُھ پیٚۓ پتاہ روزان! اُسہ چھِ کھوژان، پَرِتھ چیزَس کھوژان! ساٚنۍ زندگی چھِ اَکھ اَنیکھ تہٕ اَنہِ گٔنٛٹھ راتھ!"

"بل کُل پزر!" کٔر تام وۄن لعہ تہٕ ۂٹہ۔

"تلا اَمس پھِرِو چاۓ تَھٹھ گنٛڈ!"

ماجہ وۄچھ زہ خفیہ پُلیٚس نفراہ اوس زہ سپاہ ہیٚتھ لَگن پیٚتہٕ کنہٕ دفہ دِنہٕ۔ تہٕ تِمہٕ ہیٚنتو باقی ہُرسے ہتھ اشتہار وٗلۍ وٗلۍ باگہ راوِ نۍ۔ مگر یُتھے تِمہٕ سوٚٹھ کیٚسس منٛز اَتھہِ تروو۔ اَتہٕ اوس برونٛٹھے بیاکھ اَکھ اَتھ موجود۔

"رُٹو! رُٹو!" بوٚن کُنۍ ژٕمِتھ ووٚن تِمہٕ

"ہیا ژٕلۍ دُور نیٚتہٕ نَس!" لکن ڈَکہ دِتی وُٹھو پُلیٚسہٕ وٲلۍ۔ لُکھ ہیٚنٛزِن بڈٕہ بِۓ دِلی سان نیرِ نۍ۔ مگر شایدٕ اَلہِ گاٹہ پاٹھۍ ہیٚتِک پُلیٚسہٕ والین ڈکہٕ دِنۍ۔ یِمہٕ کُنہٕ پُلیٚسہٕ وٲلۍ برونٛٹھ کِنۍ تھ اُسہ ہیکان۔ لکن ژٕن اُسہ اَمہٕ زنانہٕ کیاہ تام کوٗشش کرِمژ۔ تہٕ تِم اُسہ تس کُنۍ ہِوان۔ چھوٚٹ مس کرِتھ اَمس زنانہٕ ہندس ماپہ برِ ہمہ تس ژھِتس بیہہ ٹھ آسہِ بَچہ بَچہ سبزرہ دار تہٕ لاتماہ اُچھ پرِ ہزلان۔ زندگی منٛز اُسہ تِم اَکھ اَکس نیشہ الگ الگ تہٕ دوٗر دوٗر روزان۔ مگر وٕنۍ کیٚن ڈُچھ ہِمَو سارِ ورے لکو زہ سارِی اُسہ کُنۍ۔ تہٕ تِم اُسہ بڈٕ ستہٕ جذبانھ ہیٚتھ نارٕ برہہ ژھٹن وٲلۍ یِم لفظ بوزان۔ تہٕ تِم واریاہ دِل یمن ژٕن زندگی ہشِرِ نا انعام

چھِہ کھ اُسہِ دِنۍ وِہتھ۔ اُسہِ شاید واریاہ کالہٕ پَتھٕ پیٚمٕژ لَفظ ژھانڈان۔ یِم لگہٕ ناہ نِکھہ اُسہِ، تِم اُسہِ ژھۄپہٕ کرِتھ۔ تِمَن ہٕنٛزِ شوقہٕ ہٕرِ اٚچھ آسہٕ تِمَو سٕندِ مٕن بُتھِس کُن دَرِتھ لَجہٕ مَرٕنہِ۔ تہٕ مٲج اُس یِہندِس وُشنِ شاہ پَتھٕ نِس بُتھِس پیٚٹھ ژینان۔

"وۄنۍ نیٚرِو ژٕ یٚیتہٕ نَس!"
"اَکِس مٕنٛزٕنَس مَنٛز رٕنے رٲٹھتھ!"
"کانٛژاہ دِلہٕ دَر زنانہٕ چھِہ!"

"ہیا نیٚرِو وۄ یٚیتہٕ نَس! رُہِتھ مسہٕ کلاوِو وۄ!" بیٚیہِ ہٕنٛز بُرونٛٹھ بُرونٛٹھ پیٚتھ دِژ پلیٚسہٕ والیو کٔرِتھ۔ مارِ نکھہٕ کینہہ مُکَن آیہٕ گرٛاسےٚ ہٕش۔ تہٕ تِمَو کٔر اَکھ اَکھ سٕندِ ہٕنٛز اَتھَن ٹھَپہٕ۔

تَس باسیوو زِ یِم لُکھ چھِہ زان حٲصِل کرٕنہٕ باپتھ تہٕ تَس پیٚٹھ پٔرِچھ کرٕنہٕ خٲطرٕ تیار۔ تہٕ سُہ اُس بٔنِتھ زانکٲری تہٕ پَنٕنین خیالَن ہٕنٛدِ طاقتُک تجربہٕ تِمَن تانۍ واتٕناونہٕ نَاوُن یَژھان۔ تِہنٛدِ دِلہٕ کیٚو شَنہٕ زُہ مَنٛزٕ اُسہِ خیال سُہل پٲٹھۍ نیٚرِتھ باُتَن ہُنٛد جامہٕ پرٛاوان۔ مگر یِہ موٗ حسوٗس کٔرِتھ زِ سُہ ہیٚکہٕ نہٕ کینٛہہ وَنِتھ گوٚ تَس کیاہ تانۍ۔ تِمَو ہُنٛز آواز اُس بیٚگرٕ تہٕ بیٚیہِ سُہ:
"میانِس نیٚچِوِس سٕندِ لَفظ چھِہ اَکِس ایمان دار موٗزوٗرٕ سٕندۍ لَفظ۔ یِمَن ہٕنٛز روٗح کُن مُتھ چھُ۔ یِمَن لَفظَن مَنٛز کُوت پَرزرِ چھُ! یِمَن لَفظَن مَنٛز یُس جوٗر چھُ تہٕ بیٚیہِ خوٗفی چھُ، تِمہٕ سٟتۍ ہیٚکہٕ یِمَن ہٕنٛزِ ایمان دارِ تہٕ خوٗلوٗصک اندازٕ سٕید کٔرِتھ!"

زوتہٕ وٕنہٕ چھُشمہٕ لگِ تَس مُنٛے گَنڈِتھ دٕ چھینہٕ یمَن

منز اوس خوف تہٕ تہٕ خوشی تہٕ۔

کٲتام کوٚڈ تَس سِینَس ماس۔ تہٕ سہ بیٚیہ بیٚنچُس بیٚھ۔ پُلسہٕ والین ہٕنٛزٕ نرٕ آسہٕ لکن ہندِ پوکلو بیٚیٹھو نژان۔ کاٹنہٕ آیہٕ نالَس لمٲچھ تہٕ کاٹنہٕ پھیٚکِس، کینژہہ یادٕ کی ہیٚارٕی کینژن نیکھ ٹوپیہ تہٕ وۄژکھ موٚرہ پور بٕرِتھ۔ ماچہٕ ہنٛزن اَچھَن برونٛہہ کنہٕ گوسورُے گوٚنٛڈ گوٚٹ۔ تہٕ گوٚٹ گژھتھ لوٗگ گیرنہٕ۔ مگر بیٚنہ دگ ڈانٛجہ رٲٹھتھ وُٹھ سہ باپٔتھ بچُھ مُچھتھ تہٕ وتھتھ ہیٚتھ:۔

”لکو اتحاد کرِتھ بنٛو اکھ مضبوط طاقتھ!“

سہ ٹھو تہٕ وٕیٹھو اَتھو سیتی تَس نالہٕ رٲٹتھ دِنہٕ راوٕ سہ پُلسہ والی۔

”خاموش!“

سہ آیہٕ دیوارس چھاونہٕ۔ برٛژس کھنڈُس دوٚل خوفکی ٹیٚٹھو دِہی تَس دِلَس نال۔ مگر جوارتھ تہٕ حوصلُک الاو لوٗگ بیٚیہ اکِہ لٹہٕ جمکہٕ جمکہٕ کرِتھ پرٕزلِنہٕ۔ تہٕ خوفُک دُہ کوڈ تمہ نبر۔

”نیرِی یِئتہٕ نَس!“ پُلسہٕ والی دوٚن۔

”تُہہ ما کھوٚژو گنہٕ نہٕ بیچرس! تُہنٛزٕ زندگی کھٔتہٕ تہٕ چھا کانٛہہ کریوٚ ٹھ چیٖز؟“

”بہٕ چھسے وَنان چونٛہٕ وُٹھ!“

اَتھَس ٹھیٚچھ کرِتھ کوٚر پُلسہٕ والی تَس دَرہٕ۔ دوٚیِم پُلسہٕ والی

رۄٹ تہٕمِس بٲگھ اَتھ۔ تہٕ تِمو دوٚشوٕے زِنیو نِیہ سعہ کُڈِتھ۔

"سوٗ کریہ چھیر یُس تِہندِس دِلَس کھٕنٛجہ تہٕ وَچھس پُریٖن چھہٕ کران"

خفیہ پُلیسک مولہٕ ہینیوٗ اوس تَس بُرونٛہہٕ بُرونٛہہٕ پکان۔ تہٕ تِمکہ اَلہ

ہٲرِہ ہٲوِہ کٔرِتھ دِوان۔

"ژھعہ یہ ہیٚے ہوٗنی!"

تَس پیٚٹھ زِلے پہ چَشمہ۔ ناٗرِہ کھٕنٛجہ چارِن۔ پیٚش جَن کنِین پیٚچھ

مُشکِلن کھوہ ژھکہ رٲوِتھ دِژٕ تِمہٕ کٔرِتھ۔

"یِم لُکہ ہیکَن نہٕ میٲنِس رُحَس، زِندہٕ رُحَس کَشِھ کٔرِتھ!"

"ہوٗنی!"

خفیہ پُلیسکہ نَفرَن کُڈ تَس چاپِتھ۔

"بِل کُلُ رُت کوٗرنَس۔ اَمِس مُدہٕ رانٛدہٕ سِہ پَزِہ یِی سزا دِین!"

کَرٕ تام دوٚن کمینہ گی سان۔

ماجہ گو بِرٛنٛزِمس کھنٛڈِس آیہٕ گوٗٹ۔ تہٕ اَسٕنَس مَنٛز باسیوٚس

خوٗنک نَتہٕ مَرٕ ہیوٚ۔

تیز تیز کھتہٕ بوٗزِتھ پھیوٗر تَس جِس۔

"خبردار چھُوہ۔ یُتھ نہٕ اَمِس پیٚٹھ اَتھ تُلو!"

"وٲلی وُو دوستو!"

"خبر کتِکو بہٕ ماش!"

"ہاوِو اَمِس مَرٕ!"

" یِم ہیکَن نہٕ ساٗنی ذٕہن رٔتِتھ داگوٚی کٔرِتھ۔"

مُلسہِ واٗلی اٗسی تَس پَنُن کینٛہہ گرٛدنہٕ تھَپھ دِتھ دٔکہِ دِوان۔ تہٕ تسنٛدِین شانَن تہٕ کلَس ٹاس ٹاس دِوان۔ کرٛیکہ نادَن تہٕ سِپٔرٹِین ہِندِس آوازِ طُفانَس منٛز باسیوو تَس سورُے کینٛہہ نژان۔ کُس تام گوٚب چیز آو تَس کنَس سِتی ٹھاسنہٕ۔ ہٕٹِس لایہ نہٕ۔ تَس ہیوٚت دم گٔژھُن۔ کھوٚر منہٕ میٚز نیٚس کو ٹھٔین ژاپَس ہتَرٕ۔

غلبہ دٔگہِ سیٖتی اٗسی تَس بٔدنَس نِستر ہوٚی وسان۔ بےٚ ہوشی کیٛنہ ہیٚژن سعہ اوٚرہٕ یور لاینہٕ ییٚنہٕ۔ مگر تِمو سٕتشَرَن اٗچھَن مُنٛد نوٚتُن منٛز کلیوُ نہٕ۔ تِمہِ رٔلاوِ یِمہٕ چُشمہ بٔیِن چشمن سٕتی۔ ساریٚنے چشمہ آسہٕ تِمی گاشرٕ تہٕ بےٚ خوف نارٕ سیٖتی شولان۔ یِمہِ گاشہِ نِشہِ سعہ باخبر اٗس۔ تہٕ یُس تَس ٹوٚٹھ اوس۔

سعہ آیہِ دٔکہِ دِتھ اکہِ برٕہ کینٛہ ژانہٕ نہٕ۔ اکھ اکھ منٛز کلاگِتھ روٚٹ تِمہِ دروازٕ پوٚٹ۔

"یِنہٕ رٔس ہیکہٕ نہٕ خوٗنہٕ سوٚدُر تہٕ پھاٹہِ ناگِتھ!"

تِمَس کوٚڈ کٕمی تام اٗلقَس زورٕ ٹاس۔

" چارِ یوٚ امہِ سیٖتی ہا ہٕرِہ وِہ لُکَن ہِنٛز نظر تھ! اکہِ دوٚہ ہا یِنیہ وِہ یہِ سورُے کلَن پیٚیِٹھ!"

اٗکی مُلسہٕ واٗلی رٔٹ تَس گرٛدَن تہٕ ہوٚٹ ہیوٚتنَس چیرُن۔

"کَمہ بختو! " تَس گوشاہ بنٛد تہٕ تِمہِ ہیوٚت پھٕرٕ کٔرُن۔

زورٕ ہیکہہ کھاٗلِتھ دیٚت کٕمی تام تَس جواب۔

# میکسم گورکی

گورکی سٕندٕ اَرٕ پاٹھٕن وٕرہیَن ہُنٛز زندگی چھےٚ اَکھ سینما سکرین ییمہِ پیٹھ اُہُنٛزِ زندگی ہٕنٛزٕ ساریے تصویرٕ ٹاکارٕ پاٹھۍ برونٛہہ لان چھےٚ۔

روٗسک شہر نزنی نووو گورود ۔ ۱۶ مارچ ۱۸۶۸ء ۔ واردٕ راتھ میکسم پیشکوف سٕندِ گرٕ چھےٚ اَکھ لٔڑکہٕ پیدٕ پیوان۔ اُمِس چھےٚ الیوشا ناو پیوان کرنہٕ۔

الیوشا اُمِس چھےٚ ہُبّ شلکھ کران۔ نانی چھس بچاوان۔ الیوشا اُمِس چھےٚ مول آسان کالرا بزِ گومُت تہٕ مأج چھس نانہٕ نِش ترٛاوِتھ گژھان۔

الیوشا چھےٚ اَکِس بُوٹہٕ دُکانِس منٛز نوکری کران۔ دان ڈاکٕ پیٹھ گژھکن ہندین گرٕن تام بوٗٹھ تہٕ کھورِ بانہٕ ترٛاوُنُس تام چھےٚ بارسےٚ اُمِس لوکٕٹس بچِس اردہ اردہ گانٹہٕ گژھان۔

وولگا دریاوُکھ بٔٹھ۔ الیوشا چھےٚ گرٕ ژٕلِتھ اَکِس اَگی جہازس منٛز مشالچی ہٕنٛز کام کران۔ ژھیٹٹ بانہٕ چھلنہ پیٹھ بڈٕ خاگی ساہانس کتابہٕ پرٛیِتھ بوزٕ ناوُنس تام چھےٚ یہٕ تصویر مکمل گژھان۔

گوگول سٕنٛز اَکھ دلیلہ کتاب۔ الیوشا چھےٚ اَمہِ منٛزٕ اَکھ کہانی "عبرتناکھ انتقام" پران۔ تہٕ اَمہِ سٕندِس ژھیتہٕ گامِتِس بُتھِس پیٹھ چھےٚ نارٕ زٕن شولان۔

بیاکھ کتاب "تارس بُلبا"۔ قزاقن ہٕنٛزٕ یہٕ مأری منٛز داستان چھےٚ تَس اندر اَکھ نوٚو جذبہٕ وۄتلاوان۔ حالاتھ چھےٚ ناقابلِ برداشت۔ تکھ چھےٚ ظالم۔ مگر کتاب۔ کتابہٕ ہیکن ییتھین حالاتن تہٕ ییتھین لُکن ہندِس ہوٚ جامِس منٛز تہٕ اَکِس انسانس زندگی تہٕ لُکن سٕیتؠ لول ورتاونکھ حوصلہٕ بخشتھ۔ الیوشا چھےٚ شکرانہٕ تہٕ احسان مندی سان

خانٛزِ سامانہٕ میخائیلس کُن وُچھان۔ بُڈٕ خانٛزٕ سامان چھ پننِس دوہہٕ نٕلی گٔژھٕہ راوِتھ تہٕ پینہٕ پنٕ شفیق اُچھ شولہٕ ناوِتھ بُڈٕ لولہٕ سان اُمن کران۔

ہردٕ کال۔ الیوٗشا چھ دُبارٕ ماتامال گژھان۔ مگر تمہٕ گرٕک شکس تہٕ غریبی چھ تس پننہِ ڈالان۔ الیوٗشا چھُ بنیہِ اکہِ لٹہِ زندگی ہنٛزٕ زیچھر تہٕ کریچھر وُنہٕ بیچھٕ پکان۔ تمس بیچھٕ ڈیُس ٹھیلہ چھُس الوند۔ تتھ منٛز چھ تمُو کینٛہہ کتابہٕ تہٕ ہتھوٕ منٛزٕ الیوٗشا چھ حمال بننہٕ بڈٕ بڈٕ گنڈٕ ساران۔ سُو چھ ژانگو کاشس تل اکھ کتاب ہران۔ ہورٕ چھُ کُس تام یِوان۔ کتاب اَتھ مٔرِتھ نوان۔ تہٕ تس چھپاتھ کڈان۔

اَکِس زیچھ سرٕکہِ چھ رٔڑی یِوان ژاونہٕ۔ الیوٗشا چھ اکہِ اندہٕ رٔڑ کر پھٕڈٕ راوان۔ اُمس چھ ہیرٕ لبن عارقہ منٛزان گومت۔

الیوٗشا چھ اَکِس گکہِ متوٕ جوٗمس سیتۍ پکان۔ یم گکھ چھ دژاگن ژِل راوِتھ میتو۔ فاقہ پھرٕ گکو منٛزٕ چھ کینٛہہ زٕ نہٕ بنتھ یوان ٹھاسنہٕ۔ کانہہ اکھاہ چھنہٕ یمن اَتھٕ روٹ کران۔ الیوٗشا چھ یمن تریش چاوان تہٕ اَچھن منٛز چھس نفرتُک تہٕ انتقامُک نار بریہہ ژھٹان۔

کینٛہہ کتابہٕ تہٕ تہندی سرورق۔

الیکزاندر پشکن سٕنٛز نظمہٕ۔

گوگول سٕنٛز ناول۔

لرمنتوف سٕنٛزٕ دٔلیلہ

تہٕ بنیہِ تہٕ واریاہ کتابہ چھ اکھ اکِس سیتۍ ژٕلتھ میلتھ اکھ وتھ ہاوش بنان۔ یمہٕ پٮ۪ٹھ الیوٗشا پکان چھُ۔ اَتھ وَتہٕ دُ طرفہٕ چھ سایہ وادتہٕ لُچھ واد لکھ پکان۔ پرٕتھ ذاژٕ ہندی، پرٕتھ طائفکی، پرٕتھ مذہبکی تہٕ پرٕتھ نسلکی۔ الیوٗشا چھ

ییمن کُن وُچھتھ بارٕنے خوش گژھان تہٕ بارنے وون دٲسو۔ گیے اُسان تہٕ گیے دِوان۔ نژھنی نوو گورود۔ الیوٗشا چھ اکھ نظم لیکھان۔ ہنٛز گوڈنیچ نظم ییڈٕہ کُلیک باُجتھ"۔ رۄسی ادیب ولادیمیر کورولینکوو چھ نظم پران۔ تہٕ بُجتھ ییٖٹھ چھس شکھہ ہیوٗ پریڈان۔ الیوشا چھ نظمہٕ تلٕ ژہ کران۔

سۄ چھ کتابہٕ پران۔ ییمن ہندِس سحرس تَل یتھ سوزُے گیٛنہ مُشو راوُن چھُہ یژھان۔ مگر زندٕ روزنہٕ باپتھ چھُ بییہِ موٗزوٗری کران۔

رۄسی شہر طِفلس۔

الیوٗشا چھ اکھ کہانی لیکھان "ماکر چُدرا"۔ اکھ رسالہٕ چھُہ یہ کہانی چھاپنہٕ مٔتہِ ہیوان۔ الیوٗشا میکسم پیشکوف چھ اَمی وِزہ پنُن قلمی ناو میکسم گورکی تھوان۔ گورکی شُند بیاکھ افسانہٕ "چیل کاش" چھ اکِس سنجیدٕہ رسالس منٛز نیران۔

سمندر بوٹھ۔ گُکھ چھ گِندان درہ کان۔ سران کران تاپھ دِوان۔ تہٕ گورکی چھ خلوکھ حایہِ اکِس بجہ بُروُنہہٹ کنہٕ بہتھ تمہٕ منٛز کتھہ بوزان۔ کیٛنہہ کال گژھتھ چھُ اَمِس بجہٕ ہند افسانہٕ "آئزرگِل" ناوٕ چھپان۔

گورکی چھ اکِس اخبارٕ دفترس منٛز کام کران۔ تمی چھ پنُن مس اکہ نیتہ سیتو گنڈِتھ تھوومُت۔ نِکیازِ تسُند گوٚن مُس اوس تمِس بُجس تہٕ آچھن کُن لایتہٕ یوان۔

گورکی چھ لالٹین گاشَس تل پننِز مشہوٗر نظم "پاُزٕ شُند گیوٗن" لیکھان۔ امہ نظمہِ منٛز علامتی شاعری چھ انقلابک پیَے دِوان۔ یہِ نظم چھ کامگارن منٛز سیٹھاہ مقبوٗل سپدان۔

گورکی چھ اکِس میٹنگہ منٛز شامل۔ یہِ چھ رۄسہ کیو انقلاب پسندو

زارشاہی خلاف تۆرِ ژھینیپہ بُلاوٕہرٕ ۔ مُلکہ کین سیاسی سماجی تہٕ اقتصادی نِیاین چھُ دَل یِوان دِنہٕ ۔ حالاتھ عام لُکن مُوافِق بناوِنہٕ باپتھ چھ دَلتھ یِوان ژھارنہٕ ۔ گورکی چھ اَتھ بحثس منز سارِنے برونٹھ برونٹھ ۔

گورکی سٕنز ناول "فوما گوردییف" چھ چھاپہ نیران ۔ رُوسک تاجر طبقہ چھُ اَتھ خلاف زبردس شور تُلان ۔ اَمہِ طبقہ کہِ وَننہٕ مؤجُب اوس "گورکی اَکھ خطرناکھ ادیب تہٕ تٔمہ سٕنزِ یہ کتاب چھےٚ سائنس حوکومتس خلاف لیکھنہٕ آمٕژ ۔ یمیہِ لگہ گژھن سائبیریا یا جلاوطن کرنہٕ ۔"

ماسکو ۔ ۱۹۰۰ء

گورکی چھ لیوطانسطائی ہَس سمکھنہٕ گژھان ۔ گورکی چھ چیخوفس اکِس خطس منز لیکھان ۔

"طانسطائی ہَس سمکھن چھُ سیٹھاہ اہم تہٕ وارِیاہ فائیدہ مند ۔ تس کُن وُچھتھ چھُ یہ خوش کرِہ وُن احساس وۄتلان زِ اُسہ تہٕ چھ انسان تہٕ اَکھ انسان ہیکہِ اُمہِ سُندِ سے ہیوٚ تھذر تہٕ شان پراوِتھ ۔"

"طوفانی جاناوارہ سُند وَژُن"

گورکی چھ یہ نظم لیکھان ۔ یہٕ تمہ طوفانچ پےٚ زِوان ۔ یُس وارِہ وارٕ نگہ کھورِ ٹھیکہ راوِتھ برونٹھ برونٹھ پکان اوس ۔

اپریل ۱۹۰۱ء

"طوفانی جاناوارہ سُند وَژُن" چھُ اَکِس رسالس منز چھپان ۔ پولیس چھ گورکی سٕندِس گرس چھاپہ تراوان ۔ گورکی چھُ گرفتار سپدان ۔ بیمار گورکی چھُ جیلہ تراونہٕ یِوان ۔

کریمیا ۔ گورکی چھ اَتھ صحت افزا مقامس پیٹھ یتھ صحت

ٹھیک کرنہٕ سوزنہٕ یوان۔

اَمہِ یورکٕ چھ زارشٲہی ہُند پولیس اَمِس پتہٕ روزان۔

ماسکو آرٹ تھیٹر۔ گورکی سُند ڈراما "فلسٹایینز" چھ سٹیج سپدن

وول۔ تھیٹرس اندر نیبر تہٕ ہورہ یور چھ پولیس وہراٲوِتھ۔ ڈرامہک پیش کار

کونس تنتیش اِستانِلوسکی چھ لیکھان۔

"باسان اوس زن تہٕ اَسہِ رٕہی ہر سٹیج تیاری اَسہِ نہٕ کرٕن۔ بٔلکہ تمام زبردس

لڑایہ ہِشز شکھراَس سپدان۔"

"لوور ڈیپتھس" ڈراما چھ سٹیج سپدان۔ یہ چھ زبردس کامیاب روزان

گورکی چھ سٹیجس پٕرونٹھ کنہِ کھڑاہ تہٕ لکھ چھ دوہ دِنہٕ وٕتھی وٕتھ تس ژرہ پوپ

کران۔ ہالہِ نیبر چھ ساسہ واد لکھ "پننس گورکی" سُند دیدار کرنہٕ باپتھ پڑاران۔

۱۹۰۵ - خوٗنی آتھوار۔

گورکی چھ کامگارن پیٹھ گولی چلاونس خلاف زبردس احتجاج کران

تہٕ زارِ روسس اَمہِ قتل عامُک ذمہ وار گنزران۔ گورکی چھ گرفتار سپدان۔ اناطول

فرانس چھ اَمہِ ہِشزہ گرفتاری خلاف لیکھان:

"گورکی سُند مقصد چھ عام لُکن ہُند مقصد۔ گورکی ہس ہیوٗ ذہین

اِنسان چھ سارہ دُنیہ ہُنک میراث۔ سوری دُنیاہ چھ تمہِ سٕنزِ رہٲیی کانچھان"

گورکی چھ رہا سپدان۔

"ماجی" ناول چھ دارِہ وارہ خولہ خط پڑادان۔ پاول ولاسوف

تہٕ تمہِ سٕنزِ ماجہ ہِشز داستان چھ اَکھ عظیم تہٕ یادگار ناول بنان۔

---

Lower Depths ° Philistines °

لینن چھ اَمِکھ مسودٕ پٔرِتھ وَنان :

"اَکھ جان، سیٹھاہ اہم تہٕ سیٹھاہ ہیے برٛوٚنٛٹھ کتاب"

"ماںٔج" چھ سیٹھاہ کامیاب ناول بنان۔ زار شاہی چھ اَتھ پیٹھ پابندی لگاوان۔ مگر ناول چھ روٗسہٕ نیبر روٗسی زبانہِ منٛز چھاپ سپدِتھ ژوٚرِ ژھیپہٕ روٗس واتناونہٕ یوان۔ تہٕ یہِ چھ ساریٚو ہیٚے مُلکس منٛز واتان۔ سرکاری بیانہٕ کنہِ چھ "ماںٔج" "اَکھ سیٹھاہ ہیے مجرمانہٕ کردارٕچ تہٕ بغاوتس وُتشس دِنہٕ واجینہٕ" کتاب گنٛزرادنہٕ یوان۔ گورکی چھ اٹلی ہندِس اَکِس ژوٗس 'کاپری'، منٛز سَتھ وَری کڈان۔ تکیازِ سُہ اگر روٗس ترٛاوِہے۔ سُہ سپدِہے گرفتار۔

۱۹۱۴ء گژھ دُنیاکھ جنگ عظیم۔ گورکی چھ لیکھان :-

"صُبحہ پیٹھے کالس تام چھُم مےٚ یہِ خیال دِلس ژھٕ کران زِ کیتھ کٕنہِ لکھ تہٕ کتہٕ کتہٕ آسن قربان سپدان میتی" سُہ اوس جنگک زبردس مخالف۔

اکتوبر ۱۹۱۷ء۔ روٗسک انقلاب۔ گورکی چھ اَکِس جلسس منٛز وَنان :

"اَسہِ چھیٚت اَکِس نوِس تواریخس کُن"

اکتوبر انقلابہ پتہٕ۔

دٕراگ۔ وَباہ تہٕ موت۔

گورکی چھ ٹھیک دِنہٕ ورائی کام کران، مزدورن، گریسن تہٕ دانشورن سیتۍ سیتۍ ہیکان۔ پانہٕ تپ دِق کہ مریض آسنہٕ پتہٕ تہٕ ینہٕ دَم ہیوان۔ تس چھ آرام کرنُک مشورہ دِنہٕ یوان۔ سُہ چھ تورٕ وَنان :

"مےٚ چھےٚ نہٕ تمہٕ خاطرٕ مہلت"۔

لینن سندِس وَننس پیٹھ چھ گورکی علاجہ باپتھ گوڈہ جرمنی تہٕ پتہٕ اِٹلی گژھان۔ اَتہٕ چھ واریاہ وُری کڈان۔

جنوری ۱۹۲۴ء - لینن چھُ مران۔ گورکی ہَس چھُ ہیہہ گژھان یُس چھُ لیکھان :

" یُہ چھُس غمن آؤر مُتھ۔ کرٕ نوُ گو نادِہ تہٕ اَوُلتھ۔"

گورکی چھُ لینن سُند قلمی خاکہ لیکھان۔

" میأنی زندگی "

" آرتمنووف "

" کلیم سامگین سٕنز زندگی "

یمہٕ کتابہٕ چھُ اَکھ اَکس پتہٕ چھپان۔

گورکی چھُنہ وونی رُوسی لکن تانی محدوٗد روزان۔ سُو چھُ عالمگیر شہرت لبان۔ دُنیہکین لکن ہُند ادیب بنان۔

گورکی شُرین منز ووتھان بہان اُسان گِندان۔

تَس اوس نوِ رُوسہ کین آیندہ معمارن مُتعلق اَکھ کتاب لیکھنک خیال۔ مگر یہِ خیال رُود اڈٕ لیوکے۔ یکیاز اَرداہ جون کُنہ وہ شتہ تہٕ شیٹیہ ترہ ہَس مُنز سپد سُہ فوت۔

علی محمد لون